# حآج بابہ

اصل

جیمز جسٹنین موریر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# حآجۍ بابہٕ

اصٕل

جیمز جسٹنین موریر

فارسی حاجی بابا اصفہانی کِتابہِ ہُنٛد کوٗشُر ترجمہ

ترجمہٕ کار

ڈاکٹر شمس الدّین احمد

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجیز
سرِی نگر

# عرضِ ناشر

حاجی بابا اصفہانی چھُ فارسی زبانٕ ہِنٛدیو سیاحت ناموٚ منٛز وَکھٕت تہٕ دِلچسپ سیاحت نامہٕ، تِکیازِ اَتھ منٛز چھُ اِنسانٕ نفسیاتکۍ مختلِف وَژن طنز و مزاحکِس پَردس ٹلِتھ زِندگی ہِنٛدین ہُرن ہِنٛز باوتھ کران، پانہٕ حاجی بب چھُ امہِ سفرٕک ساروے کھوتہٕ دِل چسپ کردار یُس زِندگی ہِنٛدِس پرٛتھ ہنگامس تہٕ پرٛتھ محشرس یٔنہ بے پناہ طنز تہٕ مزاحکیو کانٛو سیتۍ زینان چھُ، اَہنٛدین یمن کانَن ہُنٛد زہر چھُ واریاہس کالس پَتَن واتِس تیٚتر تُلان، اکادمی کوٚر ترجمن ہِنٛدِس سِلسِلس منٛز امہِ کتابہِ ہُنٛد انتخاب تہٕ ڈاکٹر شمس الدین احمد صابن آیہ کام منٛز تھاونہٕ۔ ڈاکٹر صاب چھُ فارسی زبانٕ ہِنٛدۍ بٔہلہِ پایہِ ووستاد، تہٕ امہِ برونٛہہ چھُ یمو ڈاکٹر زین العابدین سُنٛد "پیغمبر نامہٕ" سیرتُ النبیؐ کتابہِ ہُنٛد ترجمہ کوٚرمُت، یُس اکادمی شایع کوٚرمُت چھُ۔ یہ کتاب کاشرِس منٛز پھِرنہٕ سیتۍ چھُ سانِہن ترجمن ہِنٛدِس خزانس منٛز بیاکھ موٗلُل لال شامِل سپدان۔

محمد یوسف ٹینگ
سیکریٹری کلچرل اکادمی

سری نگر۔ ۳۰؍ دسمبر ۱۹۷۶ء

# گوڈکتھ

فارسی حاجی بابا اصفہانی چھُہ اصلی انگریزی زبانِ منز لیکھنہٕ آمُت The Adventures
Of Haji Baba of Ispahan ناوچہ کتابہ ہُند فارسی ترجمہ۔ انگریزی زبانِ منز چھپےٚ یہ کتاب
جیمس جسٹینین موریرن لیچھمٕژ تہٕ حاجی شیخ احمد کرمانی ین فارسی زبانِ منز پھیرمٕژ۔

وَننہٕ چھُہ یِوان زِ حاجی بابا ہُند چھپنہٕ برونہہ یہ کتاب استانبولس منز بانہٕ لیچھمٕژ۔ استانبول بیہتھ نیرتھ
پیومُت توقفات ناد جایہ تیح بیمار۔ ییمنے دوہن اوس اکھ انگریز سایہ موت پہ جیرآین پرسیک ییس پیشہ کنہ ڈاکٹر
اوس ایرانکس سأل کرتھ توقفات ووتمُت۔ حاجی بابا ہُن (ییس ہیمہ یورکُن پہ حاجی بابہ وَنہٕ) بوزز زِ ایرانہٕ
پیہتھ چھُہ گُستام آمُت۔ تمی سوز ڈاکٹرس شیچھ۔ برونٹھ چھُہ یم دوہ شوے قسطنطنیہ ہس منز اکھ اکس
سمکھیمتی آسان۔ پرأنی زان آسنہٕ کنہ چھُہ ڈاکٹر حاجی بابس علاج کران تہٕ چھُس بلہٕ راوان۔ حاجی بابہ
چھُہ ڈاکٹرس شکرانہٕ کرنہٕ کہ ماوضہ برونہہ یہ کتاب ڈالی دِوان۔ ڈاکٹر ییس بانہٕ بہلہ پایک اکھ مشرقی ادب شناس
آسان چھُہ یہ ڈالی رٹھتھ سیٹھا خوش گژھان تہٕ سنہٕ ۱۸۲۴ء ہس منز یہ کتاب ہاہت لندن داتان
تہٕ اُکھی وری پتہٕ منز چھُہ جیمس جسٹینین موریر اکھ کتابہ انگریزی زبانِ منز پھیران۔

مےٚ چھُہ باسان زِ یہ چھُنہٕ صحی۔ تکیا زِ بہلہ پایہ کین مشرقی ادب شناسن منز چھُنہٕ کُنہ ڈاکٹر جیرآین پرسیک
ناوُک کانہہ تہٕ ناو تیتھ مشہور یتھ تُہند حوالہ آسہ ہا دِنہٕ یِوان۔ ہرگاہ مانو زِ سُہ چھُہ بڑی پایُک اکھ مشرقی ادب
شناس اوسمُت سُہ کیا زِ دِیہ ہا یہ کتاب بییس کأنسہ اکس تہٕ ژھ زبانِ منز ترجمہ کرنہٕ مو کھہ یوت تس بینہٕ
زبان اُس تہٕ یتھ کُنہ دِیہ ہا برونہہ ناماوأری اکھ منز گژھنہٕ۔ وُنیکتام چھُنہٕ حاجی بابنہٕ اکھ لیچھمٕژ آمہ
کتابہ ہُند کانہہ پےٚ پتاہ تہٕ یوسہ ناماوأری حاجی بابا اصفہانی کتابہ چھپےٚ تمہٕ کتابہ ہُند اصل ذاتک نۄن نیرتھ
مو کھہ چھُہ اکھ ہاہت وری کانی ییتھ یہ اختلاف اکی ساتہٕ ختم سپدِ ہا۔ تحقیق کرن والین چھُہ اکھ منز ژھونہٕ
کرتھ اَدٕ مو کھہ زِ حاجی بابنہٕ اَرِنچ چھُنہٕ موٗلے کانہہ کتاب۔ بلکہ چھپےٚ یہ کنہ مشکلے پہن باسان زِ حاجی با

۵ ایرانکہ بہلہ پایکہ ادیب سید محمد علی جمال زادن وَنہٕ تہٕ ہوٗتوٗ چھپےٚ یہ کتاب مرزا حبیب اصفہانی ین لیچھمٕژ آمُت پوزو وَنہٕ
چھُہ ... اکھ کتہ تہٕ ... تحقیقی ...

دہرگاہ یہ پوٚز آسہٕ) کیاہ دیہہ پرٛتھ ہمش ہیلہٕ پاٚرٕ ہچ کتاب ڈاکٹرس ڈائلی تہٕ پانہٕ روزِہ اکھ زوراوار اۄدیبکہٕ حۄشتیتہ ہرہمیشہ کہِ خاطرٕ لوٚب۔ میانۍ رٕکھ چھُ یہ نۍ قصہ اکھ پانہٕ جیمس موریرن گۄڈنیُک ادٕ تہٕ اتھ چھپنہٕ کانٛہہ صداقت ایرانی زندگی ہیچھ ٹیٹھی زہرہوی ٹیپ ژٹنیچہ ہانژٕ نشہٕ بچنہٕ موکھ چھُ موریرن اصل کتابہ ہۄند لیکھن وول ہاج باآبہٕ ناوُک اکھاہ پانۍ دِلے اِستادٕ کوٚرمُت۔ یتھنٛدِس آسنس منٛز نہٕ کانٛہہ حقیقتھ چھےٚ۔ اصل کتاب چھپے انگریزی پاٹھی گوڈنیچہ لٹہٕ لیکھنہٕ آمژ تہٕ امیُک لیکھن وول چھُ پانہٕ جیمس جسٹینین موریر۔

جیمس موریر سُنٛد قبیلہٕ چھُ اصلی فرانسک۔ امیٚ سنٛدۍ اجداد چھِ فرانس تراوِتھ سویٹزرلینڈ یوان بوٚتھ قبیلچ اکہ کنیچہ ہنٛدۍ کینٛہہ نفر چھِ تجارت کرن وٲلۍ آسان یمو منٛز اکھ ایزاک موریر ۱۷۵۰ ہس منٛز سمرنا (ترکی) ہس منٛز یوان چھُ تہٕ ۱۸۱۷ ہس منٛز چھُ سُہ طووٚنہٕ سیتۍ قسطنطنیہ ہس منٛز مران۔ تس آسہٕ برطانوی رٕیتھ آسنکو حق حاصل سپدیمتۍ تہٕ قسطنطنیہ ہس منٛز بنیوو سُہ برطانیہ ہک سفیرِ سمرنا ہس منٛز روزن وول ہالینڈُک کونسل جنرل یٔتھ کلیرا ان لینب ناوچ کورِ سیتۍ کوٚرُن نیتھر۔

ایزاک موریرس زاے ژور نیچو۔ جان فلپ موریر، جیمس جسٹینین موریر، ڈیوڈ رچرڈ موریر تہٕ ولیم موریر۔ جان فلپ، جیمس تہٕ ڈیوڈ آسۍ ترٛیشوے کاٹِلی تہٕ وأقف کار سفیر۔ ولیم ژاو سمنٛدری فوجس منٛز تہٕ بنیوو وٲئسہ کمانڈر۔

جیمس موریر زاو ۱۷۸۰ ء منٛز سمرنا ہس منٛز۔ انگلستان کس ہارو سکوٗلس منٛز پرٛن تعلیم۔ یمن دوہن سُہ قسطنطنیہ ہس منٛز مٲلس سیتۍ روزان اوس تمن دوہن گیہ تس سرہارفورڈ جونسس سیتۍ زان تہٕ ۱۸۰۷ ء منٛز دراو تس سیتۍ سمنٛدری جہازس منٛز۔ بمبیہِ پیٚتہٕ پیٚچھٕ ہارفورڈس ایران گژھن اوس۔ تس پیٚو کیٚنژس کالس بمبیہِ روزُن۔ ہارفورڈ اوس ایرانس منٛز انگلستانُک سفیر مُقرر سپدمُت تہٕ موریر اوس تمیٚ پنُن ذٲتی سکتر بنوومُت۔ بمبیہِ منٛزے سپُد موریر سفارتُک سکتر مُقرر تہٕ اُمٕرس وٲتی یِم رتہٕ کالہ ایران کس دارالخلافہ تہرانس منٛز۔ سفیر سنٛدِ واتنہٕ پتے سپُد ایران کس بادشاہس سیتۍ اکھ معاہدٕ تہٕ ۱۸۰۹ ء منٛز دراو موریر ایران کس سفیر میرزا ابوالحسنس سیتۍ لنڈن۔ سُہ ووت تبریز، ارضِ روم تہٕ ایشیائے کوچک کِنہٕ سمرنا تہٕ اتہٕ پیٚچھٕ دراو سمنٛدرٕ وَتہٕ قسطنطنیہ کِنہٕ انگلستان کُن۔ یمنہٕ امہٕ سفرٕکۍ حالات رٕچھ موریرن سفرنامہٕ ایران، آرمینیا تہٕ ایشیائے کوچک ناوچ ۱۸۱۲ ء منٛز چھپے مژ کتابہ منٛز لیکھمتۍ۔ اتھ کتابہ چھُ فرانسیسی تہٕ جرمن زبانن منٛز ترجمہ سپدمُت۔

یمن دوہن سُہ انگلینڈس منٛز اوس، تمن دوہن آو سُہ تہران دربارکس خاص سفیر سرگور آوسلے سنٛد سکتر

مُقرر کرنہٕ۔ ۱۸۱۰ہٕ منز ڈرا وسہ تس سیتۍ اُبی جہازس منز۔ ییٚلہِ سر گور اوسلے روٗس تہٕ فرانس مُلکن پانہٕ وأنۍ سوٗلہہ کرنہٕ کِنہِ ما ملن بیہہ کنہہ باتھ کرِتھ تہٕ ۱۸۱۲ہٕ منز ایران کِس بادشاہس سیتۍ ماہدٕ کرِتھ معہ کلیٚو وسہ آو ۱۸۱۴ہٕ منز واپس انگلستان تہٕ موٗریر بنوٚون عارضی افسر تہران کِس سفارت خانس منز۔ ۱۸۱۵ہٕ منز دوٚت موٗریرس انگلستان پیٚہہ نادٕ تہٕ ڈرا وسہ گرٕ ڈنیچہ وتہٕ انگلستان کُن۔ ییٚمہِ پننہِ دوٚیمہِ سفرٕک تجربہٕ تہٕ چھہ تمہِ "سفرنامہ روٗم، ایران، آرمینیا تہٕ ایشیاے کوچک تا قسطنطنیہ" ناوچہ کتابہِ منز بیان کرِمتۍ۔ یہ ۱۸۱۸ہٕ منز چھپیٚمٕژ چھپےٚ مگر ۱۸۲۴ہٕ پیٚہہ ۱۸۲۶ہٕ تام روٗد سہ میکسیکوہس منز خاص کمشنر ییٚتہِ تمہِ تتھ ماہدس پیٚہہ دستخط کوٚرِ یس تتھ ریاستس تہٕ انگلستانس پانہٕ وأنۍ سپُد۔ ۱۸۱۷ہٕ منز اوس سُہ پنشنی گومُت۔

جیمس موٗریر روٗد باقے وأنسہ زندٕ روزنس تامی اکھ ادیب۔ کینژن کالس اوس سُہ اکھ ناماوار ناول لیکھن وول تہٕ تہٕ یوٗدوے تسند رسالہ تہٕ روٗدی بڈٕ کامیاب اما یوٗز حاجی بابا آف اصفہان لیکھنہ کِنی گو سُہ ادبی دُنیہہس منز۔ بہلہ پایک اکھ لیکھن وول آسنہ کِنی ناماوار تہٕ امی کتابہِ کِنی زانہٕ تس پرنچھ کانٛہہ تسند بنیٚنہ بیٚیہ کانٛہہ کتاب تہٕ ڈرایہ نہٕ اکھ کتابہِ پیٚٹھی۔ یہ کتاب چھپےٚ تمہِ وقتہٕ کہ ایرأنۍ معاشرٕکۍ اکھ أنٛہ جُمناسب حالات بدس پینہٕ کِنی لیٚچھ موٗریرن یہ کتاب اکہِ تمہِ طریقہٕ یُس بظاہر اکھ ناول لیکھنکُ طریقہ چھُ مگر یُس سیتۍ سیتۍ اکہِ زمانکۍ تہٕ امہِ زمانہٕ کِنہِ لوکہٕ بیٚہہ بڈٕن واقاتن ہُند تمام رسمن تہٕ رِواجن؛ پوٗرِ ایرأنۍ قوم کِنِ صِفتن تہٕ طبقٕ واد بُرِ عادتن، جأگیرداران ظُلمن تہٕ بیٚون بیٚون پیشن ہنٛدِ ژھرٕک یا بُرٕزٕک اکھ روزنامچہ چھُ۔ ووہ بر مُلکہِ کِس اُکس انسان سُند کنہِ مُلکہٕ کہ معاشرٕک پوٗرٕ پاٹھۍ وشرٕ دنہٕ ناوتھ تہٕ پرتھ علاقہٕ کِن روزن والین ہنٛدین عادتن، لستنس بسنس، ووتھنس بیہنس، کھینس چینس، کأم کار کرنہٕ کِس طریقس مردن، زنانن، لوکٹن، بڈٕن، جوانن تہٕ بڈٕن ہنٛدِس سوچنہِ کِس طریقس، تہنٛدِس کامہِ کارس تتھ پاٹھۍ منزٕ گرٕ ژھن زٕ زن باسہِ لیکھن وول تہٕ پننی گرٕک کانٛہہ باژ۔ چھُنہٕ نہ صرف اکھ مُشکل کأمے پاٹھۍ بلکہ چھُنہٕ سیٚٹھا ناممکن کنہہ باسان۔ مگر اکھ منزٕ نظرٕ تہٕ رُت موقہٕ بدس پینہٕ کِنی دِژ موٗریرن یہ کأم ترٛٹھ کامیأبی سان انجام زٕ تسُند ناو روٗد زندٕ۔ یوٗدوے امہِ کتابہِ ہُند مقصدی پہلو منزٕ وانٹس پشرٕ ڈان کِذوٚٹ کتابہِ سیتۍ زٕلان چھُ۔ یان زٕ اکہِ سماجکو یا معاشرٕکۍ ٹیپ ژٕہٹھنہ اما یوٗز امہِ کہ اسلوبہٕ چھ فائدٕ میشنہ طرف آسنہٕ کہ اہمیژ نیشہ تہٕ ہیکہ نہٕ انکار کرِتھ۔ یہ اسلوب چھُ تمام تمہِ صِفت کھوان یمہِ اُکس کامیاب تأریخ لیکھن وألِس، اُکس زبردس ناول نِگارس، اُسن گرِس، ٹیپ ژٕٹنٕ وألِس، رتیس روٗمان نِگارس، منطق تہٕ نفسیاتُک عِلم زانن وألِس

اَکِس اَدیبس منز آسنہٕ گژھن۔ اَکھ بیاکھ صفت چھےٚ یُس موزیرس منز چھےٚ تہٕ یِمہ کنہِ شہ یہٕ کتاب لیکھنس منز ویشیٚ پوٚٹھ اہمیت تھوٚوان چھےٚ، چھےٚ یہٕ زِ یِمہٕ بہتہ کردارس چھےٚ رتیتھ بٲتھٕ دوٚنرژھ دِوان زِ تِمِنٛد چھہ کانہہ تہٕ پہلو باقے روزان یُسہٕ اَچھن برونٛہہ کُن وٲتتھ ییٚیہ۔ یہٕ صفت چھےٚ کتابہٕ ڈراماٲئی خصوٗصیت تہٕ دِوان تہٕ موزیر چھےٚ پتھین موقن پیٹھ زندگی سیتٕو واٹھ تھوٚون والین کامیاب ڈراما لیکھن والین نکھہ یوان۔

ہمعصرٕ برونٛہہ یُس ایرآن اوس سُہ چھُنہٕ اَز۔ اَزیُک ایران چھےٚ ترقی پسند ایران۔ اَزیُک ایران چھےٚ اَتہٕ کِس روشن فکر جوان شہنشاہ محمد رضاشاہ پہلوی آریامہرس اَتھہ موجودٕ دورکین تمام ضروری پہلوٗن منز برونٛہہ پکان۔ اَزیُک ایران چھےٚ دولتہٕ سیتٕو گژھان۔ اَزیُک ایرآن چھےٚ مسکینس کیو امیرس پھٲنچھلنُک موقہٕ دِوان۔ اَز چھےٚ تَتہ کارخانہٕ، مِلہ، بڈِ بڈِ دپرتہٕ بنشدہ سیٚکہٕ شاٹھن تہٕ پھولے اَنان چھہ۔ اَز چھےٚ تَتہ بچہ بچہ شکیل شُرکہ یمن منزس پوشہ چمن تہٕ اَندی اَندی شہلہ کُل تہٕ آبہٕ جحہ یہٕ وسان چھےٚ۔ اَز چھےٚ ژوہ پاسے تَتہ تالیمہ ہُندٕ گاش وہرادنہٕ یوان۔ اَز چھےٚ تَتہ علمس، اَدبس تہٕ ہیٚنرلول برنہٕ یوان۔ اَز چھےٚ تَتہ ڈاکٹر، انجنیئر، فنکار، گوٚنماتھ تہٕ اَدیب جایہ جایہ۔ اَز چھےٚ کاشکارتَتہ پانہٕ زمینُک مالک۔ اَز چھےٚ سُہ پانہٕ فیصل وونہ پاوان تہٕ شُرہ بٲژ ہمسیٚ یدٕ بٔرتھ کھیوان تہٕ کھیاوان تہٕ چھےٚ شہنشاہِ ایرانن جاگیرداران نظام موٗلے گولمُت تہٕ اَکھتے چھن سورُے شاہی جاگیر کاشکارن منز بٲگرتھ تم تمکی مالک بناوِ میتہٕ۔ اَز چھےٚ ایرانُک کروٚس تالیم یافتہ تہٕ چھےٚ بادشاہن فوجہ کس اَکس حصس یتھ سپاہ دانش ونان چھہ منٛز تھووتمتے زِ گامہ گامہ پھیرتھ کرن تم تالیم عام تہٕ گامن ہنٛز ساری آبادی مرد کیو زنانہٕ سَپدن پرٕزمتہٕ لیکھومتہٕ۔

اَزیُک ایران چھےٚ پوٗرہ پٲٹھ کنہ تہٕ ترقی پسندٕ مُلکس ہیوٗہ بنان۔ ظاہری لیحہ لیحاوٕ کِنہ ترقی پسند طریقہ پاننہٕ وٕنہٕ رکنہ، خرافاتن لُنحہ دِنہٕ کنہ تہٕ آزاد خیالی ہان لُنہٕ بسنہٕ کنہ چھےٚ اَزیُک ایران اَکھ مغربی مُلک باسان۔ یُودوٚے یہٕ ترقی وِنہٕ گامن منز حدِ کمالس وٲتھرٕ چھےٚ نہٕ امپوٚز تہرآن، اصفہان، شیراز، تبریز، اہواز، مشہد تہٕ باقے ریاستن منز چھےٚ مغربُک سیٚٹھا اَثر۔ یہٕ چھس وٕری دارن ایرانس منز رودمُت تہٕ اَز تہٕ چھس بٔ تالیمی استفادٕ موکلہ پروٗری توریوٗن گژھان تہٕ یہٕ چھس بانہٕ اَمہ ترقی ہُندٕ شاہد یمہٕ کُو ایران برونٛٹھ پکان چھےٚ سہ نظر تل اَنتھ تہٕ موجودٕ شہنشاہ محمد رضاشاہ پہلوی ہنٛز ہنس قومس خلوصہ بُرزُو وٕنہٕ ہاوٕ نصیب آسنہٕ کہ برکتہٕ آسنہٕ سُہ دوہ دوٗر پیٚلہ ایران دُنیہ ہکیو بہلہ پایہ کیو ترقی کرن والیو ملکو منز اَکھ مُلک آسہ گژھن ہینہ یوان۔

موزیر لیٛنٛد وقتُک ایران اوس جاگیردارانہٕ نظامُک ایران یَتہِ شینہ نگہ میتن وُزناوانے اَسہ یہٕ

ییٚتہِ جہالتس منٛز ڈلنہٕ آمتین عام لُکن اَنہٕ گٹہٕ منٛز روزنس دِل کران اوس۔ ییٚتہِ عام انسان بارٕ خریٖدٕ پاٹھۍ زِندگی گُذاران اوس، یُس دوٚے دوہ ہیٚس زوٗجان ژٕ بیٚتہ شامس مالکہٕ پیٚشہٕ گاسہٕ گیٚژھ اُرزمان روزٕن پیوان اوس زٕ دِیہٕ ما کینہٕ کہیں ہٕ۔ ییٚتہِ نہٕ کانہہ یِژ تہٕ دوٚل پیشاہ لُکن حاصل کرنُک موقعہٕ اوس۔ ییٚتہِ حاکمَن اَفسرَن تہٕ روٗسوٗخ والین کیٚتھ پٕژھتہٕ کانہہ دوہ عیٚش ہُنٛد دوہ اوس تہٕ پٕژھتہٕ کانہہ راتھ براٚتھ ہنٛز راتھ آس۔ ییٚتہِ گریستین ہُنٛد رَتھ چیٚیہٕ چیٚیہٕ زمیٖندار تہٕ جاگیردار پٕژھتہٕ رٕنگہٕ وہِتھان آسہٕ۔ ییٚتہِ مُفلسی، ژھرٕ تہٕ جہالتُک گرہٕ ہُن اوٚبرٕ عام لُکن کلس پیٚٹھ ژھاے تراٚوِتھ ہیٚتہٕ ہیٚتہٕ یکان اوس۔ ییٚتہِ کیٚنژن اُمیرگرَن منٛز تہٕ بادشاہ سٕنٛدِس دربارس منٛز شاہ دزان اوس تہٕ باقیٚس آس دِہہ ژھیٚتۍ۔ ییٚتہِ پٕژھتہٕ کانہہ زٕنیٚٹھ طبقہٕ بادشاہس خوش کرنہٕ موکھہٕ مکاری کام ہیٚتھ پنُن دوہ کڈان اوس۔ ییٚتہِ لوکٕٹ طبقہٕ جنٛدٕ کرِتھ کرِتھ پانس کھوٚژ تہٕ لوکٕٹ طبقہٕ کین لُکن سیٚتۍ ٹھٕگی وَرتاوِتھ تِمَن تہٕ اَتھہٕ پیٚٹھۍ تارِتھ پنُن ٹاسا کڈان آسۍ۔ ییٚتہِ اقتصادی بدحالی آسنہٕ کنۍ پلنۍ اَخلاق تہٕ بگران آسۍ۔ موٚریر سٕنٛدِ وقتُک یہ ایران یُس تیٚمِس کتابہِ منٛز نوٚن نیران چھُ اوس تِمَن بادشاہَن ہٕنٛدِ وقتُک ایران یِمو پانہٕ تہٕ پنُن مکانہٕ سیٚر سیٚر والنس کانہہ واپہ وُچھ۔ یِمو پنُن عیاش آرام پوٚشنہٕ موکھہٕ پنُن مُلک پرٕ مُلکس رٕہنہٕ تھوو۔ یِمو کھیٚلس رٕ اَچھ کرِ نہٕ مادِ جنہٕ پانٕنۍ مُسلہٕ دوٚل تہٕ دوہ پرٕن کوٚرکھ تِہنٛز ناٹہٕ نکھیٚتسَن سال۔ تواریخ تہٕ چھُ یِمَن کتھَن شاہد تہٕ موٚریرن چھےٚ یِمہ ساریٚے کتھہٕ پنٕنس، خاص پیٚکھنہٕ کِس طریقس منٛز ژٕژھ ژٕژھ کردار نگاری ہٕنٛدِس زٕنگس منٛز دوٗنرِژھ راوِ منٛز۔ تہٕ یہ چھُ پنٛزٕ پاٹھۍ موٚریر سُنٛد اخلاقی جوٚرتھ زِ پٕرٕ مُلکُک اَکھ ذِمہ دار تہٕ نوٗزُک مُلازمَتھ مَنٛزٕ ہیٚنہٕ دوٚل آسِتھ تہٕ چھُ اُمی جبرِ وِتسَن کام ہیٚتھ شخصی نظامہٕ کین تمام قبحَن سام ہیٚتھ کھوٚژ نہٕ وَراٰیی اَکھ کامیابی وٲتناوِ منٛز۔

اَما پوز موٚریر سٕنٛدی تِمہٕ وقتہٕ کِس ایرانی معاشرس ٹیٚپ ژٕ ہنٛکو طریقہٕ چھُ ہَنا تیٚتہہ دار تہٕ زہر بٔرِتھ۔ موٚریر چھُ پٕژھتہٕ تِتھہٕ چیزَس پیٚٹھ یُس ایرانی چھُ، بامے سہٕ انسان آسہ یا خر، دوا پھوٚل آسہ یا جیٚر، اَسَن کھنگاٗرٕ تراوان۔ سہٕ چھُ اَمہٕ معاشرٕ کین سارنۍ لُکن زیچھ نظرِ وُچھان۔ تہٕ تِہنٛدِس طور طریقس گُنٛڈِ ژاران۔ سہٕ چھُ نہٕ اَکہٕ قومہٕ کِس تہذیبس منٛز رٔل گامتین رِوایژَن تہٕ پاس وُچھان یِمہ رِوایژ تِتھہٕ قومس زوٗ کھوٚژ تہٕ ٹاچھ آسان چھےٚ۔ قومَن چھےٚ پنٕنۍ پنٕنۍ رِوایژ۔ اَکِس اَکہٕ طریقہٕ تہٕ بیٚیِس بیٚیہٕ طریقہٕ۔ یِمَن رِوایژَن پیٚٹھ ٹھٕٹھہٕ کرِنہٕ موکھہٕ قلم تُلُن گوو تِتھہٕ قومس سیٚتۍ زیادتی کرٕنۍ تہٕ اَکھ بوٚڈ توہین کرُن۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ خال خالے آسہٕ اَز تام کانٛسہٕ لیکھن والی کُنہٕ قومہٕ کین رِوایژَن پیٚٹھ سہٕ قوم بیٚیَن نِش لوکٕٹ باسنہٕ آسنہٕ کنۍ یا تِمَن ٹھٕٹھہٕ کرِنہٕ

موکھ قلم تُلمُت۔ ہرگاہ تہٕ آسہٕ ہاوُدمُت چلہٕ وُن تیٚلہٕ ییہ ہاہٕ گُنہٕ قومَن ہٮ۪یس قومَس سیتھ نکھہٕ ہنَس برابر ییٚ
ییتھہٕ پأٹھۍ زٕن از اکھ قوم ہٮ۪یس قومس نکھہٕ آمُت چھُ۔

موریر چھُ امہِ حِسابہٕ بدبین۔ تٔمِس نظر چھِنہٕ قٕبحہٕ ییٚہنز ڈٲلیتھ حُسنَس کُن گژھان۔ اکھ تأمیری ٹیپ
زٔٹِن وول گژھِ حضرت عیسیٰ سٕنٛدِ پأٹھۍ موٚردٕ ہیوٚن سٕنٛدِ دَنٛدَن ہٕنٛدِ تہٕ تأریف کرٕنۍ یم سفید موختکۍ پأٹھۍ
تَس پٔرزلان بوزنہٕ آسہٕ۔ ییٚلہٕ تَس ہنٛنو باجوٗ تَس موٚردٕ ہیوٚن سٕنٛدِ قٕبحُ گٔنٛدرأوی زٕ امٕ سٕنٛدِ سیتھ چھُ
سأری سے پھُکہِ وٕتُلمُت، یا امٕ سٕنٛدِ مکریرٕ کینہہ چھُ امٕ سٕنٛدِ نہٕ اَسنہٕ جان یا کوتاہ بدشکل تہٕ موکُر ذاتھ چھُ۔
موریر سٕنٛزِ کتابہٕ چھُ امہِ رٔنٛگہٕ موٗل زمان تکیا زِتمہٕ چھُ فقط اکہِ قومک سُہ طرف بیان کوٚرمُت یُس نہٕ تَس
پانَس ٹارٕ کھوٚتمُت چھُ تہٕ ہٮ۪یس رٔتیس طرفَس کُن نظر دِنۍ چھُنہٕ تمہٕ گوارٕ ہیے کوٚرمُت یُس نہٕ اَکس بے لاگ
صراف سٕنٛدشان چھُ۔

مگر یہِ کٔرِتھ تہٕ پھچھےٚ موریر سٕنٛز "حاجی بابا آف اصفہان" ہنٛزِ تس حُسنٕ یتَس منٛز اکھ بے جوڑ کتاب یاد
تہٕ آب رواںک ہیوٚہ طرزِ تحریر، مُناسب تہٕ جَل فِکرِ تَرٛدِینہٕ زبانہٕ ورٲے ییتھہٕ پأٹھۍ بظاہر اَکی سے اِنسانَس
اَنٛدرٕ اَنٛدری ہٮ۪نٛو ییریتھ ہنٛنو ہنٛنو رنگ ہنٛنہٕ ہنٛنہٕ جایہٕ خصوصیت ہاہیتھ تمہٕ ذرامیتھ چھ سُہ چھُ موریرن تہٕ
موریر سٕنٛزِ کتابہٕ ادبی دُنی یہس منٛز اکھ اہم جاے دِوان۔ کم قلیل وقتَس منٛز اَکس قومکس پوٗرٕ مزاجس زٔکہٕ
زأنی کارسیدُن مُتہٕ اکس تحقس انسانہٕ سُنٛد یُس ہٮ۪یی اکہِ قومک ساسہٕ بٔدی میل دۆر روزان آسہٕ چھُ بُزری پأٹھۍ
اکھ بوٚڈ قلہٕ پاوُن تہٕ موریر چھُ گُنہٕ زوٚن یہٕ قلہٕ پاونَس منٛز سیٚٹھا کامیاب سپُدمُت تہٕ اوے تہٕ پھچھےٚ امٕ سٕنٛز یہِ
اہم کتاب اکھ کارنامہٕ زاننَس لایق۔ یوٗدوَے تمہٕ وقتہٕ کِس ایرانَس ییٚہنز واریاہ کتابہٕ توأریخن ہنٛزِ شکلہِ منٛز لیکھنہٕ
آمژ تہٕ موجوٗد چھےٚ۔ اَما یوٗزِ تمہٕ وقتک ایران، ایرأنی معاشرت، ایرأنی مزاج تہٕ ماحول زاننہٕ موکھ چھےٚ تمن سارِنٕے
کتابن فقط موریر سٕنٛز "حاجی بابا آف اصفہانی" یاژ ہیٚیٹھ نیران۔ تہٕ ہرگاہ یتھےٚ اکھ کتاب باقے آسہٕ ہا، ہٮ۪یہ
گُنہٕ کتابہٕ ہاہٕ ہٕنٛزِ اَسنہٕ ضنوٗرٕ ورتھے۔ امہِ کنہٕ گژھِ یہِ کتاب اکھ سنجیدہٕ توأریخ زاننہٕ ییٚنہٕ۔

لارڈ کرزن چھُ موریر سٕنٛزِ حاجی بابا آف اصفہان کتابہٕ ییٚہنز ہنٛزراے دِتھ لیکھان:

*Even were the Persians to be blotted out of existence as a nation, even though Tehran Meshed and Shiraz were to share the fate of*

Persepolis and Susa, it (Haji Baba) would yet remain as a portrait of unrivalled humour and accuracy, of a people who though now in their decadence, have played an immense and still play a not wholly insignificant part in the complex drama of Asiatic politics....

To explain the history and elucidate the character of this composite people great tomes have been written. I am conscious myself of having added no inconsiderable quota to to their bulk; but if all this solid literature were to be burned by an international hangman tomarrow, and were Haji Baba and the sketches of Sir Jhon Malcolm alone to survive, I believe that the future diplomatist or traveller who visited Persia, or the scholar who explored it from a distance would from their pages, derive more exact information about persian manners, and acquire a surer insight into Persian character than he would gain from years of independent study or months of local residence. Together the two works are an epitome of modern and moribund Iran.

موٗریرٕ شینٕز "حاجی بابا آف اصفہان" کتابہٕ کوٚر فارسی زبانؠ منز ایرانکو اکی عالمن ترجمہ، یُس حاجی شیخ احمد کرمانی ناو اوس۔

حاجی شیخ احمد کرمانی زاو ۱۸۵۵ء منز کرمانس منز۔ مٲلیس اوس ناو احمد بن ملّا جعفر پیش نمازٕ۔ امہ پتہٕ دلیل چھےٚ سادٕ تہٕ عجمہٕ بٔرتہٕ۔ کرمانس منز عربی پرنہٕ پتہٕ گوو اصفہان یتہٕ اُمس میرزا آغا خان کرمانی نیس سیتؠ زان گیہٕ۔ آغا خان اوس بابی مذہبُک تہٕ حاجی شیخ احمدن تہٕ کوٚر یوٚہے مذہب پانس پیٹھ قبوٗل۔ ۱۳۰۵ھ منز گےٚ یم دوٚشوٕے زٕ نٔو پرٕ مُلکن ہنٛز زبان ہیچھنہٕ موکھ قسطنطنیہ۔ حاجی شیخ احمد کرمانی اوس اتہٕ مشرقی زبانہٕ پرنأوِتھ ییٚن اوذٕ تیار کران تہٕ سیتؠ سیتؠ ہیچھن فرانسیسی، انگریزی تہٕ مغربی ترٕکی (ترکی عثمانلی) زبانہٕ تہٕ۔ اصفہانکس میرزا حبیب ناوکس اکس گوٚمانہٕ پشیدٕ تہٕ سیتؠ کوٚر اُمہ وارہٕ ہن انگریزی تہٕ فرانسیسی کتابن منز موٗریر شینٕز حاجی بابا آف اصفہان تہٕ فرانسکس لی ساج ہنٛز جل بلاس تہٕ شأمِل چھےٚ فارسی زبانؠ منز ترجمہ تہٕ یم ترجمہٕ پتہٕ کرٕ بڈٕ ناماوار تہٕ یمن پیٚٹھ عام قبوٗل لیٚتھ۔ یموٚ دوٚنٕوے لیچھ اُمہ حکمتس پیٹھ تہٕ لیٚکھٕ کتابہٕ۔ میرزا آغا خان بنیوو اختر ناوکہ اخبارُک اکھ قأبل اڈیٹر۔ یہ اخبار اوس ایران تہٕ ہندوستان تہٕ واتان۔ ایرانکس بادشاہن کوٚر یہ اخبار دیدٕ دوٗر آسنہٕ کنہٕ ایرانس منز بنٛد۔ یموٚ دوٚنٕوے زٕنو کوٚر میرزا یحییٰ شیرازی بابی ہنٛز بیٚنہٕ تہٕ کور سیتؠ نیتھر۔ میرزا یحییٰ بابی چھ بابی مذہبس منز صبحِ ازل ناوٕ سیتؠ زیادٕ مشہوٗر۔

قسطنطنیہ ہس منز آسے حاجی شیخ احمد کرمانی تہٕ میرزا آغا خان دوٚشوٕے ایرانؠ حکوٗمت کس شاہس پیٹھ سازِش کرنہٕ کس چھٕہس پیٹھ رٕٹِتھ رٔنہٕ۔ ترکہٕ کس بادشاہ سٕنٛد حکمہٕ موجوٗب آو تِمن مقدمہ چلاونہٕ یتہٕ یمہ تلہ تِم ایلہٕ سپدی۔ دیان تکلیف تُلنہٕ کس ماوضنس منز دِتی ترککو بادشاہن یمن پانٛژھ پانٛژھ ہتھ توما نہٕ یتنامہٕ امہ پتہٕ کٔرِکو یموٚ دوٚشوٕے بابی فرقہٕ کس اکس بٔڈس وٕتہٕ ہاوکس یُس سید جمال الدین ناو اوس، یارٕ دی۔ ایران کین مجتہدن ہنٛدٕ ناوٕ لیچھ یموٚ چیٹھ زِ سُنی تہٕ شیعہ دوٚن دٔرن منز اختلاف مُترأوِتھ بٔرز ترٕکس سیتؠ اکھ واس کرٕتھ امہ پانہٕ دأنؠ کُن سپدُن ییٚتھ ایران وو پرٕن ہنٛد ظلمہٕ تہٕ ستمہٕ نشہٕ آزاد سپدِ۔ ایرانؠ افسرو رٔچ یمہٕ چیٹھ تہٕ ترکہٕ کس بادشاہس آو وننہٕ زِ یم دوٚ نوٕے گرٛٹھن رٕٹِتھ ییٚتھ ایران سوزنؠ۔ یمن دوٚشونی اُمسو ایران یوان زِ ترکی بادشاہن سوٗز تار زِ یم گرٛٹھن تہٕ ابرٛند جایہ پیٹھےٚ رُکاونؠ۔ تہران منز ترکی سفیر حنیف پاشا اوس ترکی بادشاہ سٕنٛد طرفہٕ ایران کس بادشاہس ناصرالدین شاہ قاچارس

پادشاہس ہیبتک پترٲہ ہیٚچھ وٕری پوٚر سپدنس پیٹھ مبارکبادی کرنہٕ گژھتہٕ یمن دون زٕہن مٲنٛز ونیٚخ شیچھ تہٕ وٲنسۍ پرٛدھان۔ مگر یہ غرض تٔمۍ سنٛد سپد نہٕ قبوٗل۔ پتہٕ ٲہٕ ورہٕ کیٚ جشن مناونہٕ برونٛٹھے موٗر ناصرالدین شاہ قاچار اکۍ بابی مذہبکۍ جوانن شاہ عبدالعظیم آستانس منٛز گولی لٲیتھ ۱۷ ذی قعد ۱۳۱۳ھ (اول مئی ۱۸۹۶ء) امہ سیتۍ پیٚیہ حاجی شیخ احمد کرمانی تہٕ تٔمۍ سندین باقین آغا خان سنٛدین نخت بدنس وارے معہ پرٛتھ یمن دوت تہران واتناونک حکم۔ اما پوز یم واتی نہٕ تور۔ تہران پیٹھ تار واتنہٕ کنہ آیہ یمن دون نفرن زٕہن تبریز شہرس منٛز تتہٕ کس گورنرس برونٛٹھ کنہٕ اکس ذبح خانس منٛز کھتھ کرنہٕ تہٕ گورنرس تہٕ پھوٹ یہ وُچھتھ اوش تہٕ واقعہٕ سپد یہ صفر ۱۳۱۴ھ (۱۵ جولائی ۱۸۹۶ء) منٛز تہٕ لاشہٕ آیہ کھتھ تام کیٚرس منٛز تراونہٕ۔

حاجی شیخ احمد کرمانی یس رٔوحی تخلص اوس، سُنٛد فارسی ترجمہ چھُ اکھ شاہکار ترجمہٕ۔ بانہٕ ایرانی آسنہٕ کنہٕ تہٕ تمہ وقتہٕ کس مروجہ نظامس مخالف آسنہٕ کنہ یہ زن تٔمۍ سنٛز زندگی ہنٛدۍ مختصر حالات زانہٕ نتان چھُ، لوکھ تٔمۍ سند موریر سنٛز انگریزۍ حاجی بابا آف اصفہان اکہ شہ وسیلاہ اکتھ منٛز پیٚیمہ کنہٕ تمۍ اکھ رکتابہ جابہ جابہ زبانی ہنٛکۍ سنخ پارہ کوٚر۔ پننہ ملکہ کس مزاجس واقف تہٕ زانی یار آسنہٕ کنہ کٔر تمۍ اصلکس اظہار بیانکس اندازس مناسب تبدیل تہٕ زار۔ تہٕ یہ سیٹھا، مُحاورہ، وَیہ و زبان یتھ سیٹھا دُسہ چارچھُ، کٔرن تمہٕ پاٹھۍ استعمال زٕ گوڈ گوڈ اسہ ایرانس منٛز دارالمسہ وقتس پھیرے پرٛتھ زٕ یہ چھے حاجی شیخ احمد کرمانی سنٛز پننے لیچھمژ کتاب۔ پننی وطنہٕ کس اکس باٹھ سپدن ٹیپ تہٕ تٔمۍ سند پیٹھ گوڈ نہٕ تٔمۍ ہرگز تہٕ پیٹھے تہٕ اکھتے کوٗرکھ لیکھن وألس شابش تہٕ گوڈ نیچہ لٹہ اکس ترٛتہ زبانی منٛز پرٛتھ کتاب لیکھنہ پنٛنس پیٹھ یتھ زبانی منٛز تم دوہہ ہیٚکتہٕ کران یا لیکھان چھ، اسہ تہٕ ایرانی وہران گٔنہ۔ پزر چھُ یہ زٕ شیخ احمد کرمانی سُنٛد ترجمہ چھُ اصلہٕ کھوتہٕ زیادٕ رت۔ موریر ہیٚکہ ہانہٕ فارسی زبانی ہنٛد زٲوجار فارسی زبانی ہنٛدۍ مناسب وقتن پیٹھ مناسب محاورہ، مثالہ، زبانی ہنٛدۍ کور، مزدار ٹیپ، ژوک، موٗدُر تہٕ تیٚتھۍ ژھوٚٹۍ تہٕ بٔڈۍ جُملہ، ژھل تہٕ دوٗہ لگتن تہٕ تتھہ پاٹھۍ ورتاونہٕ یتھہ پاٹھۍ شیخ احمد کرمانی ین ورتاوۍ مٕتۍ چھ۔ امہ ترجمک زبان چھے عام فارسی زبان یوسہ ان پڑ ہنٛز تہٕ چھے تہٕ اکس پرہ ہتہ سنٛز تہٕ۔ یوسہ اکس بیقلہ ہنٛز زبان تہٕ چھے تہٕ اکس کاٹلی ہنٛز تہٕ۔ یوسہ اکس عام انسان ہنٛز تہٕ چھے تہٕ اکس پادشاہ ہنٛز تہٕ۔ اوے چھے یہ کتاب موریر سنٛد اصل انگریزۍ رکتابہ کھوتہٕ زیادٕ ناماوار۔ اکھتے چھُ یہ ونُن پوز زٕ شیخ احمد کرمانی یٚیہٕ زانی روو موریر تہٕ دٕنی کین چھُ ادبی دُنیاہس منٛز شیخ احمد کرمانی سنٛدۍ ناوا امہ ترجمہ کنہٕ اکھ کتابہ سیتۍ ہمیشہ یوان۔ امہ کتابہ ہنٛد ادبی

موٗل چھُ تِمَن محاوٕرَن، بَرجَستہٕ تہٕ جَل فِکِر تَرَن والین ضرب المثالَن تہٕ وضعدار عبارتَن تہٕ رَنگہٕ وِتھ لیکھی تِس منٛز یِم ترجمہ کَرَن وٲلی اَتھہٕ پانہٕ ہُرراگوی ہیٚکہٕ چھ۔

•

اَز سَتھ یا اَٹھ وَرِی بَرونٛہہٕ دوٗپ مےٚ زِ یہ فارسی ترجمہ پھیرَن بہٕ کٲشرِ زبٲنی منٛز۔ مےٚ تُل اَمہ
موکھہٕ قلم تہٕ ہیٚوٚتُم ترجمہ کَرُن۔ منٛز روٗد یہ ترجمہ اَتی بیٚہِتھ تہٕ نامکمل تِکیا زِ مختلف کالجَن منٛز تبدیلی سپدَنہٕ
رکنہٕ اَسنہٕ مےٚ فرصتھ پیوان۔ کالجو بیٚہِتھ ژاس بہٕ یونیورسٹی منٛز تہٕ اَتہٕ اوسُس وونی فرصتھ ژھانٛڈان
زِ تہران یونیورسٹی ہِنٛدِ طرفہٕ وظیفہ دِنہٕ یِنہٕ کِنہٕ ییوٚ مےٚ کٔشیرِ منٛزٕ اَکس فارسی گوہ نماہ محمد رضا مشتاقس
پیٚٹھ تحقیق کرنہٕ موکھہٕ تہران گژھن۔ یِیتہٕ بہٕ ژٕین وَرِیَن روٗدُس۔ ایرانس منٛز روٗزِتھ آو مےٚ ایرٲنی
زِندگی، ایرٲنی مزاجس تہٕ ماحولس نِکھہٕ بیٚہِتھ سام ہینٛک رُت موقعہ۔ یہ چھُ پوٗز زِ وقتس سیٚتۍ سیٚتۍ چھُ قوم تہٕ
وارِیاہس حدس تام بدلان۔ اَما پوٗز مزاجہٕ بدلنس تہٕ رِوایژ بدلنس چھُ سیٚٹھاہ وَق لگان۔ ایرانس منٛز چھُ
وارِیاہَن علاقَن منٛز وُنہٕ تہٕ حٲجِ آباہٕ زِنٛدٕ ے۔

کٔشیرِ چھُ ایرٲنی معاشرتُک سیٚٹھا اَثر تِکیا زِ یِمَو بُزرگو یِیتہٕ اسلامُک تبلیغ کوٚر تِم اَسی سٲری
ایرانکی۔ یِم عادَتھ، یِم کینٛہہ رسم، یِم کینٛہہ کار یا پیشہ، یُس وۄہ تھنُک بہانُک، کھینُک چینُک تہٕ وارِیاہَن
موقعَن پیٚٹھ کُنہِ باتھہ کرنُک طریقا سےٚ ایرانس منٛز وُچھ سہٕ وُچھُم زِ زیادہ یِنہٕ کٔشیرِ ہیوٚہ۔ یُس دراصل
اَسہِ اَز شےٚ ہتھ وَرِی پرون رَگَن منٛز چھُ۔ طش ناٗر، دستارخانہٕ، بَتھ ریہِ تھ کھیوان، وَندس گرٕمہِ منٛز اَتھ
کٲم کَرٕنۍ، بادام وارِ گٔژھتھ رِتہٕ کالہٕ منٛز ہِنٛد پھُلیہ وُتھرَن مالہٕ بناونہٕ، بڈین ہیٚنہ ڈفرِ منٛز بیٚہِتھ
گنڈٕنۍ۔ مَردِ بادِ مِین ہیٚنٛزِ اَلگ گیوَن ڈفِر لاگنہٕ، زنانَن ہُنٛد تِما وارِس منٛز چاے یا قہوٕ کَرُن، کیکری مُشند
پارٲوِتھ چَپھرا بیٚہِتھ پھیرُن، عام دوہَن شامن پٲنی ٹلن منٛز دانَن پیٚٹھ گژھ حصتہٕ سکہٕ تِمہٕ کھیٚینہٕ، درویش لاگِتھ کٔش ناٗلی تراوِتھ
کینٛژن ہُنٛد پچھُن، خانٛدرَن خوٚنٛدرَن پیٚٹھ، ... ... ... ... شرِہِز چھکنو تہٕ تشبکھنار
وایِنہٕ، وَنہٕ وُن، گرٕس پیٚٹھ مہرازہٕ کَڈُن، اَستانَن گژھُن تہٕ بابَن ہُنٛد نذر ونیاز رَٹُن۔ یِم نہٕ بلکہ وارِیاہ
بیٚقی ہیوٚہ چیز چھ ایرانس منٛز تِتھے پاٹھۍ بیٚہِتھ پاٹھۍ اَسہِ یِیتہٕ رِچھ۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ یہ سورُے
چھُ پور ایرانہٕ پیٚٹھ آمُت، اَمہ کِنۍ چھُ اَسی اَتھ خول وخطس منٛز ایرانس سیٚتۍ زَلان۔ یہ کٲشر ترجمہ پرِتھ
سپدِ پانے پرَن والین میانین یِمَن کتھَن ہُنٛد تصدیق۔

ترجمہ کرنس منز کتھ حدس تام چھس بہٕ کامیاب گومُت یہ چھُ پرن والین پرکھاوُن۔ بہٕ ووِنہٕ حرف سیتے یوت زِ مےٚ چھےٚ کوشش کرمٕژ زِ کاشرِ زبانٕ ہُنٛد وُسچار دِمہٕ بہٕ ہاوِتھ۔ کاشُر زبان چھےٚ شِہج معہ لِل تہٕ رِژ زبان یتھ پٮ۪ٹھ کانٛہہ کمی چھےٚ۔ وُنی کینہہ چھُ اَسہٕ یہ زبان ادبی مادانس منز بھانٛپھلاونک موقعہ میسر۔ اَسہٕ پیٚز اَتھ زبانٕ لول بَرُن تہٕ کیازِ یہ چھےٚ اَسہٕ ہٕنٛز زبان۔ یَمُن پٮ۪ٹھ کانٛہہ چیز پیٚز اَسہٕ ٹاکٕھ نیاوُن اَدیٚس چیز اَسہٕ نہٕ سُہ۔ تورے ہیکَو اَسۍ اَکھ قومہٕ کِہ حیثیتہٕ زِنٛدٕ روزِتھ۔ خاص کرِتھ پیٚز اَسہٕ ہٕنٛز زبان ووتلاونی یتھ منز ساٹنی بڈٕ بُزرگ یمو اَدبہٕ کِس پٮ۪ٹھ جِنسِکس منز ناو ییتھ کُن تِژ وومُت چھُ تہٕ یِمَن ہیٚکہو اَسۍ اَز وِرثاس چھینہٕ، بولان چالان اَسۍ تہٕ ہٕنٛز کارنامہٕ ییتھ کُن ترٛاوِتھ گیہِ۔ یہی نظرِ تل تھَوِتھ چھیٚر مےٚ فارسی حاجی بابا اصفہانی یِنٛنہٕ کاشرِ زبانٕ منز۔ مےٚ چھُ فارسی کتابہٕ ہُنٛد رُوح یِنٛنہٕ جایہٕ تھَونس ہیٚکِتھ بٕہ ہٕنٛز کنہٕ سیٚٹھا جو کھمت تہٕ یہ ترجمہ کرنس ہیٚکِتھ چھُم سیٚٹھا محنتھ کرِمٕژ۔ ہرگاہ پرن والین یہ ترجمہ پسند آو بہٕ زانہٕ میانٕ یہ محنتھ چھےٚ رٕتھ کھرژ مٕژ۔

بہٕ چھُس رحمان راہی صابُن شُکرگُذار زِ تِمَو دِژ ییتھ کتابہٕ تُنظرٕ تہٕ لیوکھ تعارُف۔ راہی صاب چھُ بہلِہ پایکۍ کاشُر کُو تہٕ ماتھ آسنس سیتۍ سیتۍ فارسی زبانٕ ہٕنٛد تہٕ ووستاد۔ اَمہٕ کِنہٕ چھُس بہٕ زانان زِ تِہُنٛد ییتھ کتابہٕ پیٚٹھ اَکھ موختصر تعارُف لیکھُن سیٚٹھا۔

ترجمہٕ کرن وول

ڈاکٹر شمس الدین احمد

پروفیسر تہٕ صدر شعبۂ فارسی کشمیر یونیورسٹی

سرینگر (کشمیر)

۱۸ دسمبر ۱۹۶۸ء

۲۷ رمضان ۱۳۸۸ھ

# حاجی بابُن زیوٗن تہٕ پرٛتھن (۱)

میائنس مائلس اوس ناو حسن کربلایی یُس اصفہانکُ

اکھ ناماوار ناگُد اوس۔ یِیلہِ سُہ سدّاہٕ وُہرُ ووت، تمۍ

کُرٕ اَکِس شُماہ کِنَن وٲلِس ہمسایہ وانہٕ وٲلی سِشتر

کوٗر نیتھر۔ اَما پوٗز سعہ بیٛیہ نہٕ تس پھِر یِہ سۄ اَکِس

ہانٛٹھ تہٕ بابہٕ صاحبَس تہٕ اَس تس کُن کیہ پہن مے

پننہ ووہستادلی تہٕ ناماوارِی کِنۍ اُسو تَس تیتھ خریدار خاص

کرِتھ بٔڈۍ بٔڈۍ تاجر یِوان، یِہ ترٛشے وَری کام کِیب

کرِتھ گوس بیاکھ نیتھر کرنُک دَس باد۔ اَکِس دیاپ

وٲلِس صرافس مُنجِن کوٗر تہٕ ووت پننِس مطلبس تکیانہٕ

بابہٕ صاحبن اوس تس صرافس تیشِندِ گومُس کو سمُت تہٕ

توٗرے تہٕ ہیٚو کِنہٕ تمۍ صرافن نکار کرِتھ۔ اَدٕ معہ کھر زِ

بابہٕ صاحب معہ کلہِ ہِسے گوِ ڈنیچ زنانہٕ ہیٚندِ ووہندمزِ پرنشہٕ

تہٕ نوٚس ہیہر یابس [ یُس اَصلس کھوٹ کرنس تہٕ

کھوچر ورتاونس منز ووہستاد اوس ] ٹھیکہ ہے پننٕہ

پرہیزگاری، دِراو میون بابہٕ صاحب کربلاکُن تہٕ نوٚ زنانہٕ

تیچُن سیتی۔ اُتھی سفرس منز آس بہٕ تہٕ یِتھ دُنیہس منز

سفرس نیرنہٕ بڑ وُنٛہہ اُسی میائنس مائلس صرف حسن

ناگُد وَنان مگر اَمیہ پتہٕ ہرُیو تس کربلایی ناو وُکُھ ہیٚدٕ۔

پننس دِلس تسلیا کرنہٕ معہ کھ ٹھوو میانہٕ ماجہ [ یِیشِندِ

دُسونہٕ مِسے زانِتھ رِژ تربیت وٲنۍ کوٗتاہ ناوُکھ ]

ناوِیُس بیت اللہٕ وُچھت پننہِ والین چھُ آسان

روٗد مِتے سارِ وُمرِ تہٕ اَمہ ناوِ سیٚتہ بڈیوو مِلے بدٕ یِزتھ

یِتھ لایق نہٕ بہٕ او سُے۔

سفرس نیرنہٕ بڑ وُنٛہہ اوس بابہٕ صاحبن پنُن

وان زِ یِمس ژٲٹس حوالہ کوٗرمُت مگر تور پتھ یِیلہ تمۍ

کامہٕ ہُنٛد بازرجان وُچھ تمۍ ہیوٚت تس وان وٲپس

کربلا ناوِ کہ برکتہٕ تہٕ بیٚیہ پننہٕ پرہیزگاری ٹھیٚکہ ٹھیٚکہ

ژھینن ووہنۍ ٹھٔدٕین خریدارن وراے مولوین تہٕ

عالمن تہٕ ٹھکیچ۔ میانہٕ ژھینہٕ پتُک مانہٕ مطلب اوس

وُنیہ زِ بہٕ گوٚ ژٕھس کھوٗر چلاونس منز ووہستاد یُدُن

تہٕ میانۍ لیکھ پرٕ گُژٕھ پرٛے آسنۍ زِ دوہ پہٕ خاکرٲہ تہٕ

نِمازِ اگر ژھُم تکنۍ پرنۍ۔ اَما پوٗز قسمت اوسُم جان تہٕ

اَکِس اوخُن صاحبس کوٗرہس حوالہٕ۔ یُس سائنس

وانس نکھ اَکِس مُشِدِ منز سبق پرناوان اوس۔ بابہٕ

صاحب اوس پننہٕ دِین وٲری پُرزاونہٕ معہ کھ اُمس

اوخنس [ بابہٕ صاحبنہٕ وَنِنہٕ کِنۍ ] فی سبیل اللہ مس

کاسان۔ اوخن صاحبن یِیلہِ بہٕ وانس منز وُچھس

تمۍ ہیوٚت بابہٕ صاحبنہِ جانۍ ماوِضہ بہٕ مُصحف پرناوُن

پانس پیٛٹھ منٛز۔ محنتہٕ مشقتہٕ کرِتھ لاریوو مِسے

ہیوٚنت کھُنٛڈ اَکِس دوہن ؤرہین منز۔ مِسے ہیوٚت

قوٗرانِ مجید رواٗنی پرُن تہٕ زبر پاٹھی چِھٹھی بیتر تہٕ

لیکھنۍ۔ پھیرنہٕ کِن دوہن اوشُس نہٕ بہٕ بہتہِ کینہہ

ضِہ رواںی اسیٚدِس وانس منز ہیوٚت مِسے ناگُدکار

چوب کھینٹے گیٹے ہشو چھُٹس تہٕ ییٚمہ دوہ ییہ خرید پاگتھ
اُسی آسان تمہ دوہ ہیہ اوس سٟتے خرٛ والین تہٕ وونہٕ
والین ہیوان مَس کاشن۔ پوز گو یہ زِ بہٕ گیاہ کاسہٕ
تمن مَس، تمن بِچارین اوسُس بہٕ دراگی نابٕ کران گکر
موزور کر اوسُسکھ پوٚر پوٚز ہیوان۔
ییٚلہ بہٕ شراہ وُہُر ووتُس، مُشکلہ سانہِ ہیٚکہ
کانہہ وُنہٕ زِ بہٕ اوسس کھوٚ چِلاونس منز ووسُتاد
رکنہ زِ چِلاونس منز۔ ناکِہ کامہ منز اوسُس بہٕ بڈٕ
نرمی سان مَس کاسنس منز رتہٕ اصلاح ہینس
منز وُٹھنہ دار ریش، تمن تلہ کنہ وال تہٕ کنن ہُندکر
وال کاسنس منز جان ناوُد۔ حمامس منز آتہٕ پرونہٕ
تہٕ حمامس منز اُتھ سارنے کامن واتنہ ورأے اوسنہ
مالش کرنس، صابن مَتھنس تہٕ ہُس کڈنس منز
[ ییمیک رِواج زیادہ مشرق کین مُلکن منز چھُ ] مٟتے
ہیوہ کانہہ تہٕ ووستاد۔ ییٚلہ بہٕ خریدار شہز پرزنگہ
زبان اوسُسی بچھر پاگوتھ اوسُس مالشہ سیتی تاسرِ
تلان۔ ہُس نیر نیچ آواز اُس بوزنس لایق آسان
تہٕ میانین اتھن تہٕ اونگجن ہُند یکُن اوس اتھ وُچھنس
لایق تماشاہ۔
اوتھن صابنہ برکتہ کوٚر مٟٹے پننس کلامس منز
ردین گوہ نماتن خاص کرتھ شیخ سعدی تہٕ خواجہ حافظ
سُندکو باعثہ تہٕ تس ٹھوٗیتھ ہیچھر پادٕ۔ کُنہ کُنہ ساتہٕ
اوسُس لوٗت لوٗت گیونہ ہنانہ کران۔ امہ سیتی گو مٟتے

صفتن ہُریر تہٕ خریدارن ہُند بنیوس پُور دوہ
راتھ پیشہ اُسی مٟتے پنُن یار کن زانان، اَکھ ییٚتیتھ
تم آسہ ہن، چاہے حمامس منز یا کُنہ باغس منز مٟتے
سیتی اُسی نالی نال آسان۔
بابہ صابُن وان اوس شاہی سرایہ نکھہ تہٕ
اَکھ سرایہ منز اوس اَکہ عمر صاحبا حمام آسان۔
امہ کنہ اوس سون وان اَکھ اَکس سمکھنہ موکھ
اکھ میٹھا کھا بنیومت تہٕ سارے اُسی پانہٕ وأنی اُتی
سمکھان۔ خواہ تم شہرکہ آسہن یا بیٚیہ کُنہ جایہ ہُندی
کُنہ وزِ اُسی خریدار میأنی مخولہ بوزتھ تہٕ حاضر جوأبی
وُچھتھ موزور کھوتہٕ مٟتے ژریٚنے ہارٕ دوان۔
خریدارہ منز اوس اَکھ تاجراہ اَکھ یُس
بغدادُک اوس تہٕ ناو اوسُس عُثمان آغا۔ اُمس
اوس مٟتے سیتی ووتھن ہُن بڈٕ خوش کران تکیاز
تُرکی لکن سیتی لین دین آسنہ کنہ اوسُس بہٕ تہٕ
بُلی تُرکی زبان چِلاوان۔ اَدے اوس اُمس میأنس
مالشہ اَکھ مَس کاسناونہ کھوتہٕ میانی اَتھ مُس
کاسناوُن خوش کران۔ یمن یمن جاین پیٚٹھ ہیوٚر
اوس تمن سارنے ہُندی تاریف چھُ تمہ ٹھرتہٕ
تہٕ بچر سان کران زِ مٟتے گیتہ پانس سفرس نیرنس
پیٚٹھ رنج باسِتھ کل۔ اُمس اوس یمنے دوہن منز
پانس تہٕ سفرس نیرُن۔ اَکھتے اُسس حسابہ بیتر
لیکھنہ خاطرٕ اَکس مُنشی سٕنز ضرورت۔ بہٕ اوسُس

قلم تہٕ کھور چلاونس منز ووستاد اُسی بنے۔ اُمی کوٚر تیغ زور تہٕ بڑٕ رنج کوٚرنس۔ بیٚیہ ہاوِی نَم رتم شائلی تارٕ کھ زمے کوٚرس یقرار۔ بابہٕ صاٗبس بیٚیلہٕ مے یہ کنِھ باوٕ، اَینن فائدٕ نظرِ تل اَنِتھ کوٚر تمی نکار تہٕ دوٚ زٕ موٚلوی نفہا خاطرٕ پننہ کاٗم کار راوٕرِتھ تہٕ وارٕ کارٕ خطرٕ مُلی ہیٚوٚن گوٚنہ گاٹہٕ جار۔ مگر دُنیا دوٚر زاٗنِتھ تہٕ بیٚیہ میون تنخاہ زبر وُچھِتھ گوٚ اَخرٕ راضی۔ یُڈ بُرٕتھ دوہ یہ خاٗراہ کرِتھ تہٕ نوٚین کھورِن ہنز گیٚڈراہ اَکھ دِتھ دٕیتنم رُخصتھ۔

اما پوٚز میانہ ماجہ اوسنہٕ اَتھ سودس منز کانہہ نفہا بوزنہٕ یوان۔ سو اُسنہٕ ہرگز تہٕ میٚنی دوٚرٕ کانِچھان تہٕ بیٚیہ اُسنہٕ سو یژھ ہیٚرس شیعہ سُنٕد تہٕ اَکس سُنی یَس سیٚتی سفرس نیرُن رُت زانان۔ مگر بیٚیلہٕ تمہٕ وُچھ زمے چھُ دِل دِرامت تہٕ فِکرِ توٚرُس بُتھ ما گژھ ہیم نیٚچوٚ آبادٕ، گَیہٕ سو تہٕ راضی۔ ڈٕنبہٕ دود چھُہ ماجہ اَسوٚنے ژوچہ دِجاہ دِژنم، بیٚیہ دٕیتنم دواہ ڈبہ اَکھ زیہ دوا چھُ اَڈرج پھٹنس تہٕ وادِ دِگہٕ وز تہٕ بیٚیہ سارِنے اَندرِمین نیٚبرِمین بیمارِن لگان۔ سیٚتی کوٚرنَم بانہ بانٕد زنیرنہٕ وِزِ اَژی زٕ بیٚیہ پوٚت کھورِ واپس یِتھ وارٕ تہٕ کارٕ سفر بیٚیہ واپس یِکھ۔

## (۲) حاجی بابن گوڈنیک سفر

تہ تسند ترکمانن ہنزِ دسہ قاد نیدن

عثمان آغہ دِراو خراسان کُن یہ سوداکرنہٕ موکھ زمشہدس منز۔ بُخارا چہ کیٚہ بستہ مُلی ہیٚیتھ کیٚنہٕ اَتسنوُلس منز۔ یہ زاٗنی تون شخصا اَکھ وٕنیوٚٹھ پوٚٹھ، ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ، کلہٕ سیٚہَٹھ بوٚڈ تہٕ گرٕدن پھیٚکین منز زٕن سنیمژ۔ ریش گوٚن تہٕ گہٕ ہٕس، بُتھِ شُتلِ مُسر، وَیتھ نتاہ کرِتھ یوسہٕ پرٕتھ وِزِ پریڈان اُسس آسان۔ یہ اُسس نیٚبرِم ہیٚیتھ اما پوٚز اَندرِ یہ کینہ اوس رُت مُسلمان۔ نِمازن تہٕ روزٕ دُرِی گیٚنڈٕ اوس سنٕخ ڈاڈ۔ یَبادتس تہٕ اوسُس نہٕ وَنُن کینہہ۔ دوہ کھن بہن تہٕ اوسُس جان۔ وَنِدٕ گنڈٕ کارِس منز تہٕ اوس لگاسُش پھولنے جو رابہٕ گِدِتھ ترنہٕ آبہٕ اَتھ بُتھ چھلان۔ ایرانس منز روٗزِتھ ہرگاہ تسند تلہٕ ژراو تلہٕ نِنان اوسنہٕ اما پوٚز اَندرِ یہ کینہ اوس شیعن ہُند دُشمن۔ دُنیہ ہِس منز اوسنہٕ پوٚنسس یوت ٹوٚٹھ بیٚیہ کانہہ تہٕ چیز اَہ یوٚت تام نہٕ راتھ گیٚنڈٕ پوٚنسہ کُنہٕ جاہ وارٕ یاٗ کھیٚنُن رژھرِتھ تھاوِہے توٚت تام اوسنہٕ شوٗنہٕ لگان۔ یانہٕ زٕن اوس ژوٚرِ ژھیٚیہ شراب چوان مگر نہٕ واپہٕ شراب چینہٕ والین اوس سخ لعنت کران۔ اَمہٕ پتہٕ تہٕ اوس تسند کھیٚن چیٚن تہٕ تسندی پلو لیچ ہِشا کھ بیترٕ بڈٕ چھان۔ بیٚیہ دیکہٕ آسہٕ دوہ ہے گرٕ یکہ وِنیسے تہٕ چلم اُسس یِتھ ساتہٕ چلہٕ وِنی روزان۔

یوہنس بہارس منز اوس قافلہ نیرن وول تہٕ اُسی تہٕ تگ سفرچ تیاری کرنہ۔ عثمان آغن ہیوت

پننہٕ خاطرٕ اَکھ اوٗرتہٕ دوٗر قاطراہ مُلہٕ تہٕ میانہٕ خاطر
ہیٚنہٕ تہٕ ٹوٗنٹھ اَکھ یَس پیٹھ بارٕ ہیچگارٕ پیاں زٕ ٹھیلہٕ،
بھہرٕ، اَنگیٹھ، آبٕ مَشک تہٕ بییہ تہٕ اورٕ کۍ یورٕ کۍ چیز
گَنٛڈِتھ اَسہٕ تہٕ اَس پیمٕنۍ گیٚجنہٕ منٛز گنڈٕنہٕ۔ اَکھ لونٛڈٕ ہنا
تہٕ اُہس سیٚتۍ یُس نوکر تہٕ اوسُس تہٕ واز تہٕ تہٕ ساماںٕ
کھالنَس والنَس تہٕ اوسُس لگان۔ اُمہِ پننہِ موکھ
اوٗنٕ چھرٕ اَکھ کرایہٕ پیٹھ۔ اُمس چھرس لوٗد اَسہٕ وُرُن
وَتھرُن، لیفہٕ، گدیلہٕ، شانہٕ گنڈٕ، قالین تہٕ رَنٛن
بانہٕ پیٹھ تہٕ بییس چھرس لدۍ بڈۍ صونٛدوٗق جوراہ مَن
منٛز خوٗچہ شنہ سورُے داش نداش اوس۔ بَس یہ
اوس سون سَفرُک ساماںٕ۔

سَفرس نیرنہٕ برٛونٛہہ واُتج عُثمان آغن تِلہ
پیٹھ دَستارٕ تِلہ کَنٛج عارٕ کھ چینہٕ تہٕ تھوٗن اَتھہ منٛز
سونہٕ سِندۍ نیٚٹھراہ پونٛڈ زٕ خبر چھا سختی وِزٕ مایین
بکار۔ اَمہِ سیٚرۍ اَسہِ تَس تہٕ مسٕے ورائے بییہ کانٛہہ
تہٕ خبر۔ باقی روپیہ تھَوِن سفید والوین گمہ ژرین
منٛز پیٹھن پلوَن تل صونٛدقس اندر ژوٗرِ۔

یپٕلہ قافلہ تیار سپُد۔ اَتھ منٛز اَسہِ زٕ ہتھ
وونٛہٹھ، پانٛژھ ہتھ گُرِ تہٕ قاطر یمن پیٹھ عراق
گژھن وول مال تہٕ اَسبابٕ لدِتھ اوس۔ قافلس
سیٚتۍ اَسہِ تاجر، مال ہیٚنہٕ والۍ سوداگار، گُرِ والۍ تہٕ
مرکیان۔ یِم اَسہِ ہتھ ڈوڈ ہتھ نفر آسان۔ یِمو
ورائے رٕلے یہ نفر نیٚٹھراہ مَربییہ اَسہِ سیٚتۍ، یِمَن

اوس حضرت امام رضا (رضہ) سِندِ روضَس پانٛژ زیارت کرنہٕ
گژھن تہٕ یہند سیٚتۍ لوٗکٕ سانِس قافلَس اَکھ
مذہبی رنگاہ تہٕ تِکہٕ زون سون قافلہ یوٗہے اَکھ گوبُرٕ کھا
میوٗہ۔ یتھین موقن چھُ سلح ساماںٕ گنڈُن بڈٕ لازم۔
عثمان آغن ییمِس بونٛدقہ تاس بوٗزٕ تھہ واُتج
راوان اُمس تہٕ تلوارٕ ہیٚنہٕ زٕ تتہٕ سیٚتۍ نیٚنہٕ کلان اُمس
تِمہ تہٕ گونٛڈ سلے ساماںٕ، زیٚٹھ زیوکھٹ بونٛدکھا اَکھ
ترووُن زٕ چھنہ کھوورٕ پھیکین الوند۔ گژھو بونٛ
رکنہٕ گنٛڈُن اَکھ پیٹھ یتھ منٛز گولہٕ تہٕ شورٕ تھوٗنٛچہ
گیہ آسہ۔ کارتوس حالاہ اَکھ تہٕ تراوِن نالۍ۔ بونٛدق
صاف کرنک سیٚخ اَکھ ٹھکُن پیٹھ منٛز تہٕ پستولہ
جوراہ تہٕ ترائون پانَس آویزان۔ کمبرس گنٛڈُن ہیٚچ
تلوار۔ زِن تہٕ اَتھ سلے سامانَس منٛز گژھ دژایس
مٕسے تہٕ کوٗر یہی۔ صرف اوس مٕسے اَکھ پوٗد نیٚنراہ اَتھَس
منٛز ہیمانہٕ، یتھ آغس تہٕ نوکرس منٛز فرق روزیسون
سُہ نوکر لونٛڈہٕ تہٕ ژاو پھٹمرٕ تلوار کھنٛڈاہ تہٕ نقلی بونٛدق
ٹونٛکا اَکھ اَتھس کیتھ ہیتھ قافلَس منٛز تہٕ دژاو
برونٛہہ برونٛہہ۔

دوہ اوس رُت تہٕ ساتھ تہٕ اوس جان، یپٕلہ
زیارتس گژھن والیو ہیٚنہٕ نقیبو پرٛیتھ طرف "ایٚرو وو!
نیرو وو!" چہ کرٕکہ دِژ تہٕ کاش پھولہ وُسنۍ دراہ
اَسہ شہرٕ تہٕ ڈیڈ رٕکنہ۔ گمہ ڈرکس برٛاوس پیٹھ زیٚنیہ
اَسہ سارۍ سلے ساماںٕ والۍ پکہ دِتہ۔ یوٗدوے اَسہ۔

بِلے ساماںٕ گَنڈِتھ تہٕ اوس اَماپوٚز اَسہِ اَسہِ وِنہٕ ہرگز تہٕ
جنگ کرٕنۍ وٲلۍ بوزِہٕ یوان۔ سیٹھاہ کرساد تہٕ سیٹھا
بٕمے کھیٚپہِ اَسہِ لَبنہٕ یوان۔ بہٕ اوسُس سفرس
نوٚوُے ڈرامت، پانَس اَندرِ بٔستہِ تہٕ تماشہٕ وُچھتھ کوٚس
سیٹھا خوش تہٕ اَتھہِ خوٚشی منٛز چھُس گرُس کھوٚر کران
تہٕ چھُسن سہٕ ووٚنہٕ پوٚنٛشہ تُلہٕ ناوان۔ عُثمان آغن ییٚلہ
مِیانِہ یہِ توٚہ تیٚمبرہِ وُچھ، تَس گوٚ پیٚتھے ہیوٚہ تہٕ گرُس
ہیٚچھ اولاران مٕنٛے نچھہِ تہٕ چھُم دِیان: "حاجیا!! گر
نہٕ پیٚتھے پانٛچ گرُو ووٚنہٕ رُود کھ تُلان، یاد تھاوِی نہٕ
منٛز بہٕ لُس کیا واتکھ نہٕ منٛز سو بُوتھ۔" یارِن دوستن
ہٕ گرووم تیٚتھ لولاہ نہٕ گوٚ ڈٕنکی سے پرٛاوس ہیٚچھ کوٚشم
وارِ نیٚن مَس۔ خوٚ جِس گرٛم ہنا زیادٕ سے بَہُن خدٕمتھ
سہٕ اوس گرُس ہیٚچھ تھوٚمُت تہٕ ژھیٚنوٗمُت، تمِس گرٛم
ژتھ بانٛلش تہٕ موٚہتھا دِژ مَس زِن موٚہ رِژ آسِتھ زِنٛدٕ
گوٚ۔ چشم زخم لگنہٕ ورٲے واتِ اَسہِ طہران۔ پانَس تہٕ
گرٛین تھکہ دِنہٕ موٚکھ بیٚیہٕ نظری منٛز ہُرِ سرِ پیدٕ نہٕ
موٚکھ رُودی اَسہِ اَتہٕ ژُہُن دوہن۔ اَتہٕ ہیٚچھ اَسہِ
نہٕ ووٚنی خطرناک پرٛاو دوٗر کینٛہہ تہٕ۔ یانی تُرکمانن
ہِنٛدِ اَکی قبیلن اَمِس مشہدٕچ وَتھ نٲگٕژ۔ تہٕ اَمی
دوہہٕ اوسکھ اَکِس قافلس ہیٚچھ حملہ کٔرمُت تِہُنٛد
مال تہٕ اَسباب ہٕ سورُے لوٗٹِتھ نیوٗمُت۔ اَکھتے اسکھ
قافلہٕ وٲلۍ نہٕ قاد کٔرِمٕتۍ۔ یہِ ہمنا کھ خبر بوٗزِتھ کھوٚ
اَسہِ سارِوُے ژراس تہٕ ساری گےٚ پریشان، خاص کٔرِتھ

عُثمان آغہٕ۔ تَس گوٚ ڈٕولرِزٕ، اَمِس خوٚشک بٔستن
ہُنٛد کارِ بار تراوِنس ہیٚچھ تہٕ گیٚیو تیار۔ اما پوٚز ہ
چون عشق حرم باشد سہل است بیابانہا
سیٚتھہِ بوزِن استنبولہٕ ہیٚچھ یہِ شیٚچھو تہٕ زِ کٔہ ژِیتہٕ
چھیٚتے وارِ یاہ دِرُوگے منٛزٕ۔ اَمہِ سیٚتھہِ گیٚیس سٔتھ ہش
تہٕ ترٛووِن پھیرٕ نکھ ہیوٚہ۔
طہرانَس تہٕ اَنٛدرِ ہیٚتھ علاقن منٛز رُودی ییٚمن
دوہن نقیب زبار تَس گرٛنھن والین سوٚ شُرِ اوان
بٔڈ بٔڈِ بٔے جاتھاہ اَکھ رِلے یہِ اَسہِ سیٚتھہِ نقیب
ووٚتھ۔ "پیٚرکو تو حمدِ اہ خوٚدایس کُن۔ یہِ جاتھ ییٚہٕ
مٕنٛے اَنِ موٚہ یہِ چھو نوٗر علیٰ نوٗر۔" ترٛاہ دِو ووٚنی خوف
تہٕ رُوزِو بےوسواس۔" یہِ نقیب اوس دِیان (ییٚم
گھناہ اَمو شُنٛری گمرٛدِنہٕ) زِ اَکہِ دوہہٕ اوس اَمی
مشہدٕچ وَتہٕ ہیٚچھ اَکِس موٚہتس ترکمانس کلہ
نیوٗمُت ژٲنٛکتھ۔ تِنہٕ ہیٚچھ اوس یہِ بوٚنہٕ دٔری تہٕ ہیچھ
ہیم آسنس منٛزٕ نامادار گوٚمُت۔ شکلہِ کینٛہو اوس یہِ نقیب
سَخ ہمنا کھ۔ بدٕلے یوٚہ شاکھا اوسُس نٲلی۔ قدٕ کینٛہو اوس
تھوٚدِ تہٕ شانہٕ اَسِس کُشادٕ۔ بُتھ اوسُس تابہٕ ہیٚتھ
کرٕہُن کال ہیوٚہ تہٕ بُتھی لبہٕ آسُس بٔنٛٹھ ڈرامٕژ۔
اَچھ آسُس زِن اَڈری ژامٕژ۔ ریشہٕ کینٛہ اَسِس
ہٕنگنہٕ ہیٚچھ ژھاوٕلو آیہٕ وال تار۔ بییٚن ہادِ نہٕ موٚکھ
نہٕ بہٕ کیاہ چھُس نہٕ کانٛسہٕ کھوژان، اَمِسن زرِہٕ نٲلی
تہٕ اَمو شُنٛہ کلس ہیٚچھ فولادٕچ ٹوٗپیاہ تہٕ شانن تام

شمشیرٕ و سینہ بنٛداہ لوگمُت۔ مٲنٛز شمشیراہ اویزان تہٕ شانہٕ
پیٹھ چھمرٕ و اکھ سپر۔ الانٛزٕ ترٲوِتھ اوس زن بلایَن تہٕ
موتَس سیتیٖ بوٗزِتھ کھیٚنہٕ دِرامُت۔ میٚہچہِ اوس رجزٕ بران
تہٕ دپان :

ہیل کوٗ تا کنعٔ بازوی گردان بلیند
شیر کوٗ تا کف و سر پنجۂ مردان بیند
از قضا ہای قدر گرچہ گریزی نہ بوٗد
ہر قضائے کہ قدر بر سر کرد آن بیند

گرٕ تہٕ اوسُس تہٕ ناکارٕ۔ تَس اوس بَرٕ جرٲکھ سٕ تھر پٮ۪ٹھ گٕنہٕ
پیٚٹھ تہٕ کنہٕ وراسے اوسُس تہٕ بَلیہٕ کانٛہہ ہیٚز نوٗن۔
سینہٕ بنٛدس تہٕ تنگس اُسس گنٛدکھ تہٕ رَوِ تہٕ الانٛزٕ۔ لوٗٹ
تہٕ گرٕ دِن اُسس مانٛزٕ رٔنگِتھ۔ زن تہٕ وارکارٕ ماتمی
ذوالجناح (ماتمی گُرٕ) اوس۔

یہ نقیب اوس یہ ٹوٗٹھ ہیوٚ تہٕ ہیچھی لاف تہٕ
تمرُدٕ ذٕ دم دِوان تہٕ ترکمانن تہٕ حقارتھ کران تہٕ یچھ
نظرٕ چھان زِ عثمان آغن زِدن یہ نیر کَشنُک لایق
تام ییٚ۔ زن تہٕ یہ نقیب تیٚشہِ خاطرٕ یولیہ دُعاہ یہ خاص
کتاب ہیش اوس۔ تہٕ اوس عثمان آغہ تَس سیتیٖ زٕلیِتھ مُقابلہ
دپان اوس ؎

چہ باک از موج بحر آن را کہ باشد نوح کشتی بان

خوروٗنس اُسی ہمتھ جوراہ گاہمتی۔ مُشک ژھٹہٕ وُنی
ہیوٚہن اُنی بہارٕ چ خوش خبر۔ کانٛہہ تلہٕ بیچھی ہُرٕدتہٕ وٕنٛدٕ
ژٕلی فاقے تہٕ فُقرُ سے۔ چھینٛکی توٗر اُنی دِراے ژٕپینہٕ پھٹ وُنی

پوشہٕ فوجا ہیچھ وونُل قزلباش گوہ لاب اَکھس منٛز
اَنیہ معہ کِھ۔ چمنَن ہیٚنٛدی لوٗکٕ ٹرٕ تہٕ پوشہٕ باغن پیٚٹھ حملہ
کرُن دالی ہُرٕ د تہٕ وٕنٛدٕ رُودِ نٕ لیف ہیچھ ژوٚر۔ ترُکن
ہنٛدی پاٹھی رٕ پچہ اُچھ کرِتھ پھلے دِرایہ فوجہ فوجوٗ تہٕ جنگلن
ژھایہ رٕ زٕ ونی پٔنبرزل دِرایہ جما ژوجما ژو بہارٕ کِس
بادشاہس تابیا داری کرنہٕ معہ کِھ نیبر۔ ترکمانن
ہنٛدی پاٹھی کرہ ہیوٚ کال ہیوٚ کاوژٕلی قبچاق مادانن
کُن رتھتھے پاٹھی ہیٚتھ پاٹھی بنٛدرکون ژٕلان چھُ۔
وٕنٛدٕ بڈٕ دار ژٕ بلیہ توتے یتہٕ دِرامُت اُسس۔ وون
اوس ژون پارہ ہزار داستانَن تہٕ بُلبُلن ہنٛد بول بوش
کنن گرژھان، زنتہٕ اُسی وَنان ؎

ہمگانیم ز ایران صفا
ہرکہ ز اہل صفاست خوش باشد

شاہ عبد العظیم محلہٕ پچہ مشہد منٛز پنیہ اُسی
سارِی جمعہ نماز پرِتھ تہٕ بیکہ دوہ کہ درٲسے اُسی نقیبن
ہنٛدی یم نعرہ تہٕ کرنہٕ بوٗزِتھ ژِونچھ کُن زٕ ؎

زائر مشہد رضا ہستیم
ہرکہ ز اہل رضاست خوش باشد

گوڈٕ نیچھے آو اَسہ شور لَد مادانا ہیچھتہٕ بیٚتھ وُچھتھ
نہ اوس اُچھن گاش تہٕ نہ دِلس قرارے روزان۔
اَتھ آبہٕ تہٕ گاسہٕ ژٕستس مادانس بُکو اُسی وارٕ وارٕ پیٚلیہ
اُسی بُستی نزدیکھ واتان اُسی یا کانٛہہ قافلاہ دوٗر
ییکان اُسن وُچھان۔ سانی نقیب اُسی کرِکھ دی دی

گرِن ہِنٛدِن زِنٛن تٕلہٕ کیٚنہہ اَلاٰئنٛدی تہٕ اَوی پَتہٕ ڈولن ژھٕنڈاہ ژھٕنڈاہ دِوان۔

راتس دوہ ہیٚس اُس سأرِس قافلس منٛز ترکمانَن ہٕنٛز کٔتھہ چلان۔ بس اُس یِہے کامہٕ کاراہ تہٕ بیہنہٕ ہٕنٛدی غمن اُسی سأری کھیٚمتی۔ یوٚدوے ترکمانَن ہٕنٛز بہادوری تہٕ ژیٚمن کھوژنس بیٚہہ اوس اَمہ سارِنے اَتھہ واس۔ اَمایوٚز ژٕ نفری آسنہٕ کُہ شنیر تہٕ زیارتس گژھن والین ہٕنٛز یِہ کتھہ سیٚٹھاہ آسنہٕ کِنہٕ اُسی اُسی سَخ بروٚنہہ ژھکان زِ اُسی گیہِ دیو۔ دم اُسی دِوان زِ

کہ کو ترکمان تا یلی بن گرد
جوان مردی و پُر دلی بن گرد
گر او مرد، ما جملہ مردافگنیم
در او شیر، ما جملہ شیراوژنیم
بکامش چنان آب سازیم تلخ
کہ تیسر دود تا بخارا و بلخ

سأری اُسی دِوان "ہتہٕ سہ تراوکتھا۔ قسم خداییہ چھُنہ تٕلہٕ سہ پیہٕ تن، ہرگاہ سایہٕ بدی کرِ تہٕ یِن، امام رضا ہٕنٛد مدد تہٕ سیٚٹھی تراوون نہٕ اکھہ تہٕ زندہٕ"۔

یہ سون عثمان آغہ اوس اَندرِ کی اَندرِ ژھیوٚمت بچارِس اوٚڑُن اُڈن اُمیس ننہٕ نتھہ ژاہرِ۔ امایوٚز بیٚیَن سیٚتی دم دِنس تہٕ آدٕ آدٕ کرنس منز روٗدنہٕ ہرگز تہٕ پتھہ نیٚبر کُنہ اوس یِہ تہٕ سارِنے ہٕنٛدی پاٹھی تہٕ نمرودٕ نٕ دم دِوان زن اوس سار۔ دُمہ ترکمانن کھش کران اوسمت۔

یِیلہٕ نقیبن وُچھ زِ یِتہٕ ہا چھُ بڑٕ بروٚنہہ دنان۔ تیمس گو برتباہ تہٕ ظاہر سوبچُن زِ اما مئے ورائے تہٕ ہیٚکیا بیٚیہٕ کانہہ لاف دِتھہ۔ گونٛژھن وُٹھنیاہ دِتھہ چھُس دِپان۔ "ہتہٕ سہ کر خداییہ خداییہ! ترکمانن ہُنٛد ناو نیو بیٚہہ ہِشیاں گو سہ ہٕنٛد لچہٕ سیٚتی گٔنڈُن

نیاز موده دلیریِ خویش به خود مبال
ندیده دشمنِ خود را کمر به کینه مبند

ترکمانن گژھ مئے ہیوٚہ دلاوہ مُقابلس آسُن یہ چھُ خداییہ سُنٛد فرماوُن زِ اَلْخَبِیْثٰتُ لِلْخَبِیْثِیْن خبیثن گژھن خبیثے بُتھہ لگن۔

شغالِ بیشۂ مازندران را
نہ گیرد جز سگِ مازندرانی

مگر عثمان آغہ اوس سُنی آسنہٕ رٔز ژھیچھ کرِتھہ تہٕ اٚتھو ووہ میٚز بیٚہہ دِلس تسلیاہ کران زِ حضرت ابو بکر صدیقؓ تہٕ حضرت عمر فاروقؓ صاحبنہٕ شفاعتہٕ سیٚتی بچہٕ بہٕ ترکمانن ہٕنٛدِ بنٛجہٕ تٕلہٕ۔ اوٚرے اوس تیمو سُنی لبتہٕ پیٚنہٕ کُنہ کلس سبز دستاراہ گونٛڈمُت تہٕ پان سُنین ہٕنٛدی پاٹھی بارٕ اوٚمت۔ مگر یِمن دٕ اِس چھے خبرے زِ تس اوس نہٕ سیٚد آسنس سیٚتی پانس پننس قاطرس سیٚتی ہیٚش آسنہٕ کھوتہٕ ژوٗر ہیٚشر کیٚنہہ۔

کیٚنژن دوہن روٗدی اُسی ییٚتھے پاٹھی پکان اکہ دوہ یِہ اَکھ چھُ سُہ وُژھوار نقیب دنان۔ "ہیہے

دوستو! ظاہر چھُہ یوٗہے شہ پڑاو ییٚتہ ترکھان وٲتِتھ
چھِہ یوان۔ تیار رُوزِو تہٕ دِل تھٲوِو ڈرہہ۔ تُہندہٕ بانُبرِ
ہرگاہ خۄدا میہ کرِن کانہہ بلاے تُہندہ بپیہ، زُوک
پرواے گژھہ تُہندہٕ کرُن، دِرہر گژھہ ہاوُن۔ تُہندہٕ دِل
کمزور تھٲوِو یا کھوژِو، اد، تُہندہٕ زانہٕ زدہ پزہٕ موہکلے پیہ کیاہ
بہ بۄزِتھ گو ربھن پتھر یاوُن دول عثمان آغہ دوم
پھسٹو۔ گھوڑِتھ کرِن کٲم زیُس سیلہ ساماہنہ گنڈِتھ
اوسُس شہ کیاہ مٹر داوُن رسے۔ گرُس تھوٗن تنکھ۔
چاٲرِتھ تہٕ آمہ پتہٕ ہشیوٗتُن اٲہر تہٕ واٲہر کرُن زیٚہے ظاہر
کیاہ سہ چھُہ میٚنہ تہٕ نیچ۔ ییٚلہ لُکن دُشمنس سیتی
اٲمی ہشنہ تُہندہ لکنک تسلی گو اٲمی کیاہ ہیٚشِر بُڈ کیہِر ڑادرا
اکھ کلہ ہیٚتھ تہٕ تُہند چاٲرِتھ بیوٗٹھ استغفراللہ پرنہٕ
تہٕ تسبیح پھیرنہٕ تہٕ بُنشرِ دوُن یان ہنُن لاٲرنس بپیہ
اُس تس زیاد پہن پرِتھ نقیب سے بیہیٹھ زیتھ بلایہ
اگر کانہہ تار دینہٕ دول چھُہ شہ چھُہ یوٗہے۔ نقیبن اٲمی
خطرو نشنہ پھنہٕ موکھ ہنہٕ مُرِتھ کینہہ تاوِیز گنڈِتھ موہ۔
تہٕ دیان اوس "یوٗہے کیاہ گو ہیٚر ہشہ سپنڈ تُنک تہٕ
تلوارٕ تُہندڑ کرِتھ گژھنک ساماہنہ۔ یُس یہ ساماہنہ سیتی آمہ
شہ بۄزِو تون فولادُک۔ سعہ کتہٕ دِسہ تُہنس تلوار یا شہ
کتہٕ لگہ تُہنس تیٚر۔ تِم لکن چلاوُن واٲلس پانسے
تیٚر تہٕ تلوار کرُن تسلی کٲم ییٚلہ چلاوُن واٲلس تِم
تاوِیز گنڈِتھ آسُن۔"
فولادُک بنیومُت یہ نقیب اوسُن تہٕ تہٕ نیے

جُسوار نفر ہیچھ بروٗنٹھ بروٗنٹھ دور ہتا تُلان۔
تہٕ گُنہ کُنہ ساتہٕ اوس پنہٕ بوٗہدوٗری تہٕ جنگہٕ ہاو ہنو کھ
گرُس تہٕ ٹاکہ ناوان بپیہ بُلی پنُن نیٚرِ ہتو ہشس منشز
تھوٗد کھالان۔
اٲخر ییٚتھ اٲسو کھوژان اٲسو تی آوِہنتھ گوڈِنِتھ
گو کینشن بوٗندِ تاسن ہُنشہ صداہ۔ آمہ پتہٕ وُڑتھ
سنگ گژھ تہٕ گو ژوہ ہاڑی زن انہ گوٹ۔ تیتھ شور گو زِ
اٲسہ دوٗپ ظاہر ما پھٹِو اٲسہ کُن۔ ہیہہ تہٕ خوفہٕ سیتی
ہوٗکھو۔ تُہندین ڈول زنگ تہٕ واٲنج ہیٚشِرن راوِنی۔ تیتھ
حالاہ گو زنتہٕ چار واین تہٕ تور فِکرہ کو یہ تام بُلاے
چھُہ دوہ تلہہ آمرِ۔ یانہٕ ڈیٚہِتِھ تین زرین ہندِ کو
پاٲٹھ آے ساتہٕ قافلکو لوکھ اکھ اکس نکھہ۔ اٲد ییٚلہ
حملہ کرُن والین ہندِ کو کلہ گرد منز نشی ہیتن نیرِنہٕ
اٲد تتہٕ بۄزو تو اٲسہ کُس حال سپُد۔ ہمن اٲسہ منشز
سیلہ ساماہنہ گنڈِتھ اوس، بوٗندوق چلاونچ پھنہٕ کھٹے
خلافہ منز تلوار کڈِنہٕ ورٲے آے تِم کو بچُن ہندِ کو
پاٲٹھ اور پور چھکراونہٕ۔ اڈی ژٲلی تہٕ اڈی پییٚہ
گرِو بیہٕتھ وٲسو۔ اڈو ہیٚوٗت بڑ بڑ دوُن تہٕ اڈی
اٲسو بڑ ہتہٕ کرِتھ دوان "ساتہٕ آمہ! انتہٕ مسکین
کر حض اکتہٕ روٹ۔ دوٗنی کیٚن کرو حض یاری! اسانیس
داوس واٲرتو حض ساتہٕ آمہ!" سہ نقیب یُس دم
اوس دوان زِ اٲسو گے اٲسی شہ بچور گو ہتھ پاٲٹھو
غاٲرہ نہٕ پہتہٕ پتہٕ تیٚنشز خبراہ اتراہ۔ گرِو والیو تھ

گرُہن تنکہ، بورِ دِتھ داہ رتھ تہٕ گرِی میتھ گنڈِتھ تھٕکھ
ترکمانن ہنٛد اکہ تیس باراہ سیتی گیہ اَسہِ چھلہِ چھانگرِ
اَمہٕ پتہٕ کوٗر تِمو اَسہِ پیٚٹھ حملہ۔ تکھ گنڈِتھ تہٕ ساماہ
مژرووٗکھ تہٕ نیوٗکھ سورُے لوٗٹ۔ پتھے کینژن ژٕ ہن
منز بنیہ یہ تمہ سٲنی تہٕ سانہ ساماہنکی ماہ ٲکھ۔

عثمان آغہِ اوس اَکھ موٗل ہالیہ منز گنہ اَکس
تلہٕ ژامت تہٕ رٕسے ہاہتھ زٕ تقدیرن کیا آسہِ میانہ
حقہٕ لیوٗکھمت۔ ہنگتہٕ منگہِ پیو بدبختہ یوٗہے ترم ترم
چوکاہ ہیوٗہ اَکھ ترکمانا تس نِش واتتھ ظاہر کوٚن
شکہِ زِ یہ چھےٚ وُنی پولہٕ بُہریاہ کیاہ متام۔ لکہٕ سیتی
پھر اَمو یہ بُہرکھ ہتوٗرکُن۔ ییٚلہِ اَمس کیترٕ ژاد رلوٗتھ
نظر گیہ، کُنیہ کھوٗنت ورکاوُتھ چھس وَنان "دوٗدھو
کھوٗد ہیا رافضا! دوٗلاپکو میٚنے سیتی!" بچاو رس
عثمان آغس ژاو ژوٗ لرزہ سارِ یہ ہے پانس الٰہی تہٕ
ہمیشہٕ شیعن لعنت تہٕ سُنین رحمت سوزُنی، دلہ
ترکمانس دِل پھیر۔ مگر تِمو ملعونن نہٕ سوٗز حضرت علی
صاحبس رحمت تہٕ نہ سوٗزن حضرت عمر فاروق صاحبس
فاتحہ، عثمان آغن سہ رحمت تہٕ لعنت سوزنی گیہ پتھ تِمو
یرتہٕ موکلہ تھوٗونس سبز دستار کلس پیٚٹھ، گرٕتھ
پلوٗ تہٕ بیزار رِدٕوس سترِ عور تھاوِنس پیٚٹھ۔ باقے یہ
اوسُس تہٕ نیوٗہس سورُے۔ تِمو ہے بَرٕ ونیٹھ کنہ وَرج
اَمو ترکمانن یُس برابر دلہ ہیوٗہ اوس، عثمان آغن فرد
تہٕ شلوار لوگن ژنگن۔ اَمہٕ پتہٕ واتہ نس ...

میٚنے وُچھکہ پوشاکھ نالی یُس نہٕ میانہ تنہٕ پیٚٹھ
والنس لایقے اوس تہٕ ترٛاوٕ ہس بہ۔ پہنہٕ امہ لاپرٕوایی
کنو روٗز کھورن ہانز گیدٕر تہٕ میٚنے پانسے نِشن
مگر دوٗپہم زٕ چھکہ میہ رتندِ رافضن تہٕ ژٕ شوٗنکھ
سوٗن غمہ لام۔

اَمہ لوٗٹہٕ پتہٕ ہیتھو اَسہِ ترکمانو بانہ واٲنی اَکھ
اَکس باگرٕنی۔ اَچھن پٹ گنڈِتھ بہناوکھ اَسہِ گرٕہن
پیٚٹھ تہٕ دوٗہ دوہ ہس رٕدٕ اَسہِ پکان۔ راتہ کیٚتھ کھ
اَکِس خلہ کھ ژُوس منز آرام کرُنہ موکلہ۔ بیاکھ دوہ
ڈُنکھ پٹ مُژراونس اجازت۔ ییٚلہِ میٚنے اَچھ مُژراو
میٚنے وُچھ بُنن پان تریشہ جایہ یہس تہٕ ترکمانن ہنٛدہ
چھیہ اَچھو وُراسے۔ بیٚیہ کانہہ اَچھ دِ چھتھ ہیکہ
واریاہ کھسیہ وَس کرتھ واتی اَسہِ چھیکہرس
اَکس بدلس ماہ دانس منز یتھ اَکھ اندہ رتس سیتی
رلان اوس۔ دوٗر تام اَسہِ اَکھ خیمہ خیمہ دِتھ، تہٕ
فقط اَسہِ اَکھ گیٛن تہٕ چَب پھیران تھوران۔ یہ
ڈیشتھ گو میٚنے خیال زٕ ظاہر ما آسہِ یہ میٚنے ماہ دان یتی
واتتھ سلم تہٕ توٗر سٕند فوج رووٗمت آسہِ ہیٚیے۔

---

ما شُلم تہٕ توٗر اَسہِ ایرانہٕ کس بہلہِ پایہِ بادشاہ
ترٛیدوٗن سٕندی نیچوو۔

(۱)

# حاجی بابُن اکِس ترکمانس شیٖن

نہ کھودین پیشہٕ ترکنہٕ تس فائدٕ واتُن

اکہ حسابہٕ گو قیدین ہُنٛد باگرادہٕ تہٕ تسانہٕ خاطر
جانِس تِکیاز بہٕ تہٕ عثمان آغہٕ آسے تمہ سے جنسِ ہیوٚن
ترکمانن حصہٕ پیٚشنہٕ بہٕ دوٚنی اوسُس وَنان۔ اَیس
اوس ارسلان سُلطان ناو تہٕ یہ اوس اکہ پرانہٕ قبیلک
زیٹھ۔ بالہٕ پیٚٹھ وسہ تھے واتی اسہِ اتھ قبیلس منٛز
امہ قبیلکو تہ حصہٕ اسہِ آیہٕ نچس ارکس دِتھ تہٕ اَتھ آرس
اوس اندی پٔکھی کیہ بالن ہُنٛد آب وسان۔ یتن منٛز اسہِ
گیسُن، تیر تہٕ جانشہٕ دَہہِ دوہ بَنٛس تہٕ سیٚہ کھیوان۔ اسہِ
روٗدی اُتی تہٕ باقے ساری یار دوہس نیکوہ بیٖٹھن۔ دوٗر
علاقن منٛز تہٕ چھکرِ کھٕتہ سوٗزکھ بیوٚن بیوٚن قبیلن منٛز
یتھے حصہٕ والیو اسہِ دوٚبہ نظرٕ گٔرِ تھ تہٕ تھے وٚر اِلے
رتھ دوہ پتہ نِکلان، اسان تہٕ گٔرکہِ دی دی اسہ دُچھنہٕ خموٗ
منٛزٕ نیبر۔ اسہ دوہ پیرن دٔچھت ہیوٚت اتہ کیہ جٔزل
تہٕ بیمنا کھ ہونیو ؤرن تھتہ پاٹھی زٕ ظاہر تہ تراوِہن
رتھ اسہ پیٚنتھ بیٖنتی کرِ تھ۔ یمن اٚمس اتہ زٕ کھٕتہ نانو
اکھ یُس سارٕ سی جالی کیٚنو اسہ دٔنان۔ امہ پیٚٹھہ عثمان
آغس سیٚر دستار دوہ دِتھ دُچھ تہ پیٚمہ سٕتی تس یُنہ تہ
پیوٚنتاہ ہیوٚ باقے اوس روُدمُت، سہ تنٛبلے یہ سنٛ
پاٹھی تہٕ بٔڈ شوق سان نیوٚ تس کتہ پیٚٹھہ ترٛلیٚتہ اماپوز

سہ جار کھ چیٖنہ یتھ منٛز تم سہ تہٕ سینٛدٕ کوبترو پوٗنٛد
اسہِ ٹھوٗنٛس کلیے پیٚٹھ شہتنہٕ کارٕ پیٚنہٕ بیٚیس
ارکس زنانہٕ اکھ جارکہ چھینہٕ پیٚٹھ نظرٕ تہٕ تس تنٛبلے یہ
اُچھ تِکیازِ گرٕس کھسنہٕ ونِہ اٚمس تس گٔنہ بنان تہٕ
تمہ دوٚپ میٚے لگیہ پیٚمے ٹوٚپی نرم آسنہٕ کِنہ تیلہ کنہ تھاو نس
عثمان آغن کر یہ پتہ کٔن۔ بچاؤ کھٕتہ ٹھوٚر منٛزس اکھ
پٔنٛسس اچھ تیلہ نہ نیرنہٕ سہ کیٚہ بٕہ زِ ژھر تہٕ ژھر تہٕ
پٔھنہ کنہ دِچھ یِنہ چیر اُکھن منٛز۔ اما پوز کیفیتہٕ اندیوس
نہٕ۔ ٹھاپہ دِتھ نیہ تس امہ زنانہ یہ لوٚپی نٕچھ سیٚے
اٚمس خبرٕ زٕ کیاہ چھُ اکھ منٛز ژور، تہٕ ٹھوٚن پٔنٛنس
خیمس منٛز ژھٚن تل کٔن۔ اتھ اَولہ بدل ورٛانس کیٚہ
مو بٕہ ہیٚنہ اکھ پیرا ژٕ ٹوٚپہ زٕ تاہ یوہ سہ خبر کٔمس موہ پوٗنٛد
حال اوس تہٕ یُس نہ پجورِ جا اسہ بزوٗنہٕ قادٕ آسہ ہے تہٕ چھیکہ
آسہے ہیٚنہ سٕتی بیمار پیوٚمت تہٕ موٚدمُت۔

تمس سہ ردٕ پیشر ٹوٚپی پیٚشراو یتھ ٹھوٚکھ عثمان
آغس کام تہٕ آشرس منٛز زٕ دوٚنٛہہ پیٚٹھہ نیٚن منٛز
کرٕ ژھن۔ شہ آو بانٛد بانٛد کرٕ نہ زیتھنہٕ زٕ پموٚ خیمو۔
رنیشہ ادر یور دٔکھ تہٕ سٕتی لوگہس آب سارنس
تہٕ دیانس ٹھٕنو آمنس۔

جنگ زینِنس پیٚٹھ کوٗر ارسلان سُلطانن
تمن سارنے شُرن باز پیٚٹھہ سال یم اکھ جنگس منٛز
تس سٕتی اسہِ۔ بٔڈ پولاوٕ دیگ آکھ رنٛنہ تہٕ پٔکن
سُکھٕ اکھ ہیٚنہ تھ برٛونٛہن۔ مرد بیٚٹھی ارکس خیمس منٛز

تہٕ زنانہٕ بیچھ بیٛٹھس منٛز۔ گوڈٕ کھیو مرد وٕ پتہٕ زنانوٕ
پتہٕ تمہٕ پتہٕ ہرٕ لوکہ تہٕ دٕتکھ پھلین۔ پھلیو یس ژھیٚوٹ
تٕرووس دٕتکھ اَسہ تہٕ ہونین۔ اوٚت تام اوس
بہٕ دوٚر دوٚری اکھ ضیافت منٛز شامل سپدان۔ تکیاز پتہٕ
بیہچ بہٕ رٹھتہ اوہس اوٚنمت تیٚنہٕ بیچھٕ اوسمیٚنہٕ
اکہ لٹہٕ تہٕ یڈ بٔرتھ غذا کھیوٚمٕت۔ اکھی منٛز ہاوُم تنگہٕ
تہٕ منگہٕ زنانہٕ اکہ اشارٕ تہٕ بیہنو دنس خصمس اکس پتہٕ
کنہٕ۔ پوہ لاوٕ رکاب تہٕ نیرتھ تارٕ ترونٛیتھ کنہٕ تھوٚوتھ چھم
دِیان۔ "یہ سوزنٕے آلی کیٛنہٕ دِیان چھیے ژنٛدے وچھتھ
چھیٚ مےٚ دِلس کیاہ تام گژھان۔ یتھنہٕ غمٕ برکھ
خودا چھُ بوڈ۔" دپیوم بہٕ کرٕ امی منٛز شکرگزاری مگر
یہ وُنی تھےٚ ذرا یہ پوٚت کھوری واپس۔

ترکھانی روٗدی اکھ ساری ہے دوہس
کھنگس منٛز پننہ بوٚہدوٚری تہٕ سفرچ دلیلہ بوزناوان
زنانہٕ اَسہ ٹمبکھ نارٕ وایان تہٕ گیوان۔ بہٕ تہٕ عثمان آغہٕ
اَسی کونٛجس اکس منٛز کھ ہٹین منٛز کلہٕ ترٛاوِتھ بیہتھ
مےٚ اکس روٗزی روٗزی اَسہ آلی کیٛنہٕ منٛز میہرٕ بانی
ژھنٛس پیوان۔ تہٕ اَندری کنہٕ اوس کمَن باغن پھیران
عثمان آغہٕ اوس برانٛٹھ تراوِتھ ہارتھ بیہتھ تہٕ فقط
اوس زیچھر پٔرنی وٕ دش تراوان۔ بہٕ اوس اَسہ بلی
دِل دٕگ تھوٚونٛکٕ تسلیا دوان تہٕ دپان اوس "وچھو
خص خودایس پُشراوُن چھےٚ ایمانداری منٛز کام۔
اَسہ پننہ تسنہ پان پُشراوُن تہٕ تسُند بیچھٕ آکار کرُن

مہ حَصن ہیٚے غم۔ سہ حصن چھُ یارہی کرُن دول۔" سہ
کہتھ بوزِ ہے۔ اوش تہٕ وٕوش تراوِتھ تراوِتھ اوس
وَنان: "تلہ ساےٚ خودایہ سندِ خاطرٕ کرٕ تہٕ ژھھ تہٕ پٕچھ
پوٗز زِ خودا چھُ یارہی کرُن دول۔ آغا پوٗز ہےٚ کیا
یارہی کُرکھم، تمہٕ کرِ ہے یارہی ژےٚ نہٕ چھےٚ پوٗنسا
ٹونگاہ تہٕ نہٕ گرہ بار ہے۔ مےٚ کرُن نہٕ کانٛہہ یارہی۔
مےٚ گیہ کرس وُجارہی۔ بہٕ کیہتھ سندار دوفی۔"
اصلی اوس اَمس تہٕ غم زِ کیٛہہ بستن ہندس سودس
یُس نقاپیہ پیٚیم سہ گوم اکھ۔ تکیاز یہ اوس
اکہ اکہ پونٛسہ حساب بوزان زِ تیتھ بلاہ منٛز گیر گژھتھ تہٕ
سیٚتی کوتاہ نقصان گوم۔ اَمی اوس زیچھ دوش
تراوان۔

آخر ووت اَسہ دوہ اکھ اکس نیش ژھینہٕ
گژھنک وق۔ دوٚیمہ دوہ سوٗنہ کیہ عثمان آغہٕ
پشراہ دوٚنٹھ ہیٚچھ اکس نیہ منٛز تہٕ سیٚتی کوٚر ہمس
باند باند زِ ہیٚیہ روٗزی زٕ، خبردار چھےٚ یتھینہٕ اکس
تہٕ دوٚنٹس نس سپر بیہہ۔ تمہٕ سیٚتی گژھکیہ نیش تہٕ
نیش تہٕ تہٕ کنہٕ نیشہ تہٕ۔ بیہچھ کھسی دوٚنٹ سند
معمول تہٕ۔ پننہ یارنہٕ سند آخری لیکھت وتمس
بیہتھ پانٛٹھی زِ اکس خصمس ترونٛیتھ کنہٕ بیہنو وُم گرس بیچھ
تہٕ بڈ نرمی تہٕ وومستادٕلہ سان کو سمس منس پیوٗن
یہ کیٛنہہ آتھین ہاوُن آو مےٚ بُتھتہ بڈ بیکار۔ اَمی ساتہٕ
بُن کیٛنس کھیر اشانَن بیچھ اَمس سہ سہ آولاران

پیچھ بڑوٚنٛہ ہیٚن نیرو تہٕ یِم وُچھو کھ کمہٕ چھ ۔ "میٚ ترٛاوٕ مُس پٕرٛزِ ھنے گرٛ وُڈٕر کٕنۍ تہٕ میٚ پیچھ رٕٹنہٕ معہ کھ دور بوٚ میٚ یہ پتے ۔ بیٚیلہٕ اُسہٕ وُڈٕر بیچھٹ وٲتۍ ۔ اُسہٕ وُچھ یِمٕ اَتہٕ بیچھٹ رٕتے دٕور یوٚت، اَکہٕ تیٖروک کش دٕور گژھ ہیٚے گرٛی سوارٕن میٚھٕے اُسہٕ بیچھٹ نظر پیٚیہٕ تِتھے دوریہ تِمو منٛز شیٚے سٔتھ نفراسہٕ کٕنۍ ۔ اُمیہٕ ژٲلی ۔ ارسلان سُلطان یوٚت تیٖز ژٲل تیٚوت ہیٚوت میٚ وارہٕ وارہٕ گرٛ دوٕرٕ ناوُن ۔ یُتھ بہٕ ہیٚکن یان دِمہٕ ۔ آخرٕ رٕٹھس گرٛ بیچھٹ وولہٕس بوٚن ۔ اَکِس رٕژھ منٛز نیوٚ یِم سیلے ساماں ، پٕنٛژاہ اشرفی وول کمر بند تہٕ مٲلی شیٚز کھوکر گیٚڈرٕ تیٖر ۔ بہٕ چھُس یِہٕنۍ وَنان " تُوہیٚ چھِیہٕ باثبرو ۔ بہٕ ژٲلہٕ نہٕ کٕنۍ ۔ میٚ رٕٹ نوو رٕ زورٕ یان تُہٕ چھِیہٕ اَکھ " یِم کیٚنٛہہ بوزِتھ چھیٚکسو یِتھ کٕنہ گنٛج ہیٚم نرہ چیرٕ تہٕ مُشتہٕ تہٕ لَتہٕ دِیٖ دِیٖ نیوٚ تِہِس پٕنٕنِس زٕہِس نیٖش ۔

یُتھٕنہٕ یہ ژیٚچھٹ ادس بٕٹہٕ گوٚ ہر بان ووڑنی رٕتھ تماشہٕ وُچھان ۔ یُس یِژھ تہٕ احترام بٕنِتھ ماتحت اُمِس کران اُسی تِمہٕ تِلہٕ دوٚپ میٚ زٕ " ظاہر گژھ یہ شہزادٕ آسن " گرٛدنہٕ لایہٕ ہیٚم ژٕنہٕ پوٚنشہٕ زٕ " جل جل تمٕ بون کٕنۍ " ۔ میٚ دوٚپ " اوٚ تہٕ یہ ہیٚے چھُ شہزادٕ " ۔ اُمِس رٕوٚدی نوکر تہٕ غلام سارۍ اَندۍ اَندۍ ۔ شہزادٕن دِیُت حُکم تہٕ یِمو مُشارو میٚ گنٛڈ ۔ دِمی ساتہٕ ووٚتھس تہٕ بیوٚس کھورن تہٕ دامن رٕٹِتھ چھُسس وَنان " پادشاہ زادا ! میٚ رٕٹھ بہٕنِس سایس تَل ۔ میٚ دِ پناہ ۔ بہٕ چھُسے پناہ

منگان ۔ میانِس داوِس وات ۔ " فراشن کوٚر تمہٕ ٹھاکھ تہٕ ہیٚر شونس ہوکُن کڑُن ۔ مگر شہزادٕن ہیوٚ وُس اشار زٕ " اَمِس موٚ نِمک پناہ ، مہٕ کرٛوس کینٛہہ " ۔

اَمہٕ دِیُت میٚ اجازتھ تہٕ زٕ ہیٚنِس بوسہٕ دِتھ یود میٚ شہزادِس پٕنٕن سورُے حال تہٕ دوٚپمس : ہرگاہ نہٕ تُہٕ ہیٚ پیٚژھ بییہٕ ۔ تُہٕ ہیٚ کرٛو تِمن بیچھٹ حملہٕ تہٕ اَنۍ وو ٔکھ ژیٚچھٹ گوٚ نماتھ تمہٕ تہٕ نفرٕ ہیٚتھ رٕٹِتھ یِم تِمو فائدٕ پیٚچھ کرٕ ہیتو ، نیمے دِنو شہادت " تاکی پیٚیہٕ تِم سوار تہٕ دٲرِتھ یِم ارسلان سلطانس پَتہٕ

اُسہٕ دُورٕ ییمتۍ یِم اُسہٕ سنٛخ تِہند یِمتۍ تہٕ باثبر یِمتۍ ۔ حضرت امام رضا[1] شُنٛد قسماہ کھیٚتھ چھِہ یِم شہزادِس وَنان " حضرت بیٚیلہٕ نہٕ کہیں تُوہ تہٕ آسن اَکھ ساس ترکمان اُسہٕ بیچھٹ حملہ کرنہٕ معہ کھ تیار " بہٕ چھُس ہیٚمن سنٛخ قسم ہاوان زٕ : " ہتہٕ شخص تمہٕ شخص چھ رٕسا مساوہٕ نفر " میون کُس بوز ہیٚے ۔ پھیر تہٕ پھیرن ژھُنہم نالہٕ زٕ " ژٕ چھکھ جوٚسوس تہٕ اَبہٕ یور " قسم ناز کھیٚتھ چھُم وَنان " یاد تھٲوی زٕ ہرگاہ ترکمانو اُسہٕ بیچھٹ حملہٕ کوٚرُے گوٚ ڈٕ ہموے بسم اللہ سیٚے

---

[1] حضرت امام موسیٰ کاظم رضہ سُند بجہٕ فرزند ۔ یِمن اوس امام علی اسم شریف لقب اوسُکھ امام رضا ۔ مدینہ شریفس منٛز زاے تہٕ خلیفہ مامون سُندِس وقتس منٛز سپدی سنہ ۲۰۳ ہجری منٛز شہر طوسس منٛز شہید ۔ عمر شریف اُسکھ ۵۱ وری ۔ روضہ پاک یِہٕنٛد چھُ مشہد شریفس منٛز ۔

ژٔ ییے کلہ ژٔ رٕٹتھ۔ "سو خصر ڈٔول ییمن ساریے ایرانین
ہِندر یا اُٹھو ترکمانن ہُند ناد بوزِتھ۔ تِہندِس رنگس ہیٚپارِی
یَپارِی نظراہ ترأوِتھ کھٔتو گُرِن تہٕ ژٔلی۔
مے ییس پانس کھٔسنک کرٕ ادس سہٕ نیوکھ تہٕ کٔھکو لیس
بأر گرِس اُکِس۔ یانی مے دم سنبول ہیوٚ۔ تاب و توٗ حملہ
سان لوگُس پانس سام ہیٚنہٕ۔ نہٕ اوسُم چھُندس کانٛہہ
یونیہ ٹۄنکاہ تہٕ نہٕ پَتہٕ کنہٕ ڈۄکھاہ یا کانٛہہ دأدی کوٹھاہ
عثمان آغہٕ نہٕ پنٛژاہ اشرفی ییوٚ سیٚتی کبرس ذریر ہیوٚ
اوسُم، نیہ ہم اُتھ مۄرِتھ۔ ییٚمہ یوٚکُن اُسی مے ووٗنی
غافر دِی۔ ییٚپارِی اُسِم نہٕ اِسلامَس ییٚچھ تہٕ استقامت
زِ پان پُشراوِ ہا تقدیرَس۔ یِی سوچان سوچان چھُکھ اوٚش
وارِ وَسان تہٕ ہیٚکو پھِم گژھان۔ یأنی پانس چھُس دِیان
" ہتہ اُنہٕ، گژھونے وُدی وُدی اُچھہ کانہٕ، جان گوٚ سے۔
ژٔ مے اوسُے یِی سزاہ۔" ییٚلہ یہٕ بہٕ رِتھ وٚدُناہ کرِتھ موکلیوس
تہٕ ہیٚہنٛدِ وَطنہٕ بورج تہٕ اَکی مذہبکہ آسنکہ کأم تسلی، مے
ہیٚسرٕ ییمَن لیکھ ژار تہٕ زِ: "ہتہ توٚہی لعنت، توٚہی ہا مسلمان
تہٕہنٛدِ کھۄتہٕ چھِ نصارانَن تہٕ یہودین ہیٚندی ہوٗنی جان
ترکمان ہیے تِم ہہرش ولی چھِ نہٕ۔ نہٕ چھِوٚ دِین تہٕ نہٕ ایمان
نہٕ چھِوٚ خودایسے ییچھ پرٛژھہ تہٕ نہٕ رسوٗلسے ییچھ۔ توٚہی
چھِوٚ اِنسان؟ توٚہی ہیے چھِوٚ ہیوٚنین ہیٚندِ کھۄتہٕ تہٕ بَترٕ۔"
پم چھُم فقط اوِرِ اسنہٕ ہتا کرأن تہٕ بَنیہ یہٕ کہیں
وَنان۔ مے زون زِ پانہٕ ہیٚنگ ہا وہٕ سیٚتی اَندی نہٕ کہیں تہٕ
جان گوٚ ہرگاہ نرمی کأم ہیٚکہہ۔ مے لوگ بڈٕ نرم تہٕ

سیٚٹھا عأجزی کرِتھ کرِتھ چھُسکھ وَنان: "ہتا یارٕ مے
وَنی توٗ بہٕ چھُسنا مُسلمان؟ توٗ ہیہ چھُسنا اکھ رژھ تہٕ
اِسلامک غأرتھ گژھان؟ مے وَنی توٗ مے کیاہ راہ
چھِ زِ توٚہی چھِوٚ مے سختی کران؟ بہٕ اوسُس دِیان زِ
توٚہی چھِوٚ مے پنٛنی بأے۔ اَکی وطنکی اَکی مذہبکی تہٕ توٚہی
کرِو مے اَتھ رَٹ! مگر تِہٕندِ بدل وُچھتو کیاہ چھِوٚم
کران۔ آخر توٚہی کیازِ مے سیٚتی بیٚیہٕ بیرحمی کران؟
واہی خوداہ سہ "خود غلط بود آنچہ پنداشتیم"
یُتھ تہٕ پم میانہٕ روبہٕ سیٚتی پھٔٹ تہٕ تِتھے پھٔٹی تہٕ
پم میانہٕ زار پار تہٕ نرمی کرنہٕ سیٚتی تہٕ۔ اَکا بوزٕ اَکی وَنیٚھو
پوٗ ٹھو مرکبانن ییس علی ٹٔنٹھ دول وَنان اُسی، بہٕ تمام کو
چلی ماہ تہٕ جنجیر پلنا وِتھ چھُکھ وَپان۔" ہیا دوستا! اَنٛدچیو
تموک، ما ہیے غم، دل تھوٗو خوش۔ یہٕ انسانس بنان
چھُ تہٕ چھُ خوداہ سُند کرُن آسان۔ یلاج تہٕ چھِوٚ تسو
اَتھ۔ تلہ سہٕ مے وَنتہٕ ییٚمس کرٕ ہنس گرِس بہٕ کھٔسِتھ
چھُس اگر یہٕ خوداین سفید آسہٕ ہیے کوٗرمُت، بہٕ ہیٚکہ
نہٕ یہٕ کرٕ ہُن بنأوِتھ؟ راتھ کھیٚنیہ اُمی وُشکہ، اَز کھیوٗن
گاسہٕ، کیا پَتا چھِ پگاہ کھیٚیا یہٕ ژھوٚپہٕ کنہٕ گنٛدٕ
مۄرِ۔ یہٕ ہتسہ چھُے سوٗرسے خوداین اَتھ۔ چھُ کیاہ
بنی آدمس پانس تام۔ تقدیرس سیٚتی چھا ہیٚکان کانٛہہ
ژُوِتھ۔ چےٚ تموک۔ مہ کھال پانس شأستی دم زان
غنیمت تھ۔ حافظ سُند یہٕ بأتھ چھِ چھُنا بوزمُت سہ
ہر وقت خوش کہ دست دہد مغتنم شمار

یہ وَنِتھ نہٕ روزِ نہٕ، اَزٕ تیٖک دوہ چھُ ہوان نیرُن تہٕ
یِگاہ تہٕ چھُ خُدا بوٗد. ترا د غم تہٕ روزِ خوش"
علی شیر والی سِنٛز ہِمَو کتھو سیتی گیٚیہ سَتھ ہش
تہٕ اُسی ہیٚتِن نالی نال گرٛٹہ چھنہِ. یِیلہٕ اَمہٕ وُچھ زِ حافظ
سِنٛدِ باگتہٕ چھہٕ مےٚ تہٕ زٕ ہتس، بڑٕ خوش گو تہٕ اَمی
دوہ یہٕ پیٹھ بنوونس پنُن یار. دوٚپنس "یُس یہِ سون
زیٖٹھ چھُہ وُچھان یہِ پٔھٹے پادشاہس پنٕنزِ ٹیکھو
اَمِس تے کرِتا سمیتے دوہ خُراسانک حاکم بنے پتس
تہٕ وُنی کین چھے یہِ حوکومتہٕ کرِنہٕ منہٕ کھے مشہد کُن
پکان. وَتہٕ وَتہٕ خطر آسنہٕ کِنہٕ چھہٕ عاذتہٕ موجوٗب
نفری تہٕ ژٕرٕ سیتی تِجُرٕ. پادشاہ سُنٛد فرمان چھُس
چینٛدس زِ تُرکمانن پیٹھ گرٛٹہ حملہ کرُن تہٕ تم فنا
کرِنس منٛز تہٕ رٕٹِتھ اَنِنس منٛز. گرٛٹہ نہٕ کانہہ تہٕ دایہ
وُچھن تہٕ ترکمانن منٛز گرٛٹہ ہن تیزِ. ژٕ رٕٹِتھ کلہٕ سیر طہران
سوزِ نہٕ یُتھ تہِمن تُنتہٕ اَکھ بوٗڈ مینار ہیکہِ بنتھ.
گرٛٹہ پرٕ خُدا ایس کُن حمداہ نہٕ ترکمانن منٛز خیمہ
چھے نہٕ، ہرگاہ اُچھ آسہن رٔچھہٕ، کلہٕ آسہی بوٗڈ تہٕ
نس آسہی کھیچ ہُن، وُنی کین آسہے جائی کلہٕ ہیر
نُنہٕ وارِنس منٛز ونی تہٕ پگاہ سوزِہنس کاسہ بَرِتھ طہران.
شامس وارٕ تی اَکِس ماداِنس منٛز تہٕ اَتہٕ ژاے
اَکِس وُچار سرِ یہِ منٛز. اَتہٕ بہِتھ پیوم خیال زٕ گرٛٹہ نا
بہ شہزادس نش تہٕ زار پارہ کرِس دِیو پوٗنسہٕ ٹوٚنک
گرٛٹہ تہٕ بیلے ساماہ واپس ترٕم. یوٗد وَنے دِل اوسُم

ڈیشِتھ کیہوٚت وَنان زٕ "ژٕ سے کیا چھٕکھ ہمو چیزو منٛز
پننہٕ. ووْنی ہرگاہ ہمو یِم چیز نیمی. ژٕ سے چھکھ یہٕ ہند
کھوتہٕ زیادٕ حق." مگر طماہ چھُہ انسانس اوٚن کران.
اَتھ پیٹھ پَس لوٗسے اُچھہ تہٕ زٔن تُر یہ دِرِچ کتھ بوٗزِ مے
شام نماز پرِتھ اوس شہزادہ ہیٚر کنہٕ ڈوکھا دِتھ جایہ
نماز پیٹھ بہِتھ. موقہٕ وُچھو تھے واتنو دم پان اَمِس
نِش تہٕ دوٗر پیٹھے لاگیمس کریکھ." پارِ ہن سگے
عرض حصن چھُم "اَمہ دیتنم بڑو نیٹھ پکنس اجازتھ
نکھ وارِتھ کرٕ مے اَمہِ سنٛدین کیشرٕ ان نفرن ہنٛز
شکایتھ تہٕ دوٚپمس مے حصن گرٛٹہ ہینز چیز واپس
نِیْنی. شہزادن انتادِ تم ظالم ناد دِتھ تہٕ دون زینہ
کوٚرُن تمو منٛز ہنٛح زٕگہ شُیرتہٕ دوٚپنکھ "بہ لَد و جہنمس
ییمہ سٔنٛز پیٖزاہ اشرفی کتھ ہتاو دِ؟" یِم چھس قسم
ہوان تہٕ وَنان "تہند تکلک قسم حصن، اَسہِ نہٕ حصن چھنہ
خبرے" شہزادن دوٚن ہیٚپس کُن: "وُنی ترٕو فکر
نہٕ کھٕہٕ چھُ گز! اَنٛزِ دو ہیو تلہ پتہ شلقک ساماہ"
اَمی ساہ پتہ پہ باگتہٕ تہٕ تلہ پتہ شلقک ساماہ وارِتھ تہٕ
ہیتو تکھ یمن تلہ پتہ شلکہ کرُن. ٹاس ٹاس کران
چھہٕ یمن حوب پھوان، آخر گوٚو ہمو لقرار تہٕ چھہٕ کریکہٕ
دوان "بلا یہ حصن لگو سے. اَسہِ ترادٕو حصن. اَسو حصن
دِمو اشرفی واپس." ییٚلہٕ ہمو اشرفی اَنہٕ، شہزادن
رٔچھہٕ تہٕ گنٛز رادِتھ تھوٚوِن شاند گنٛدِ تِس تل تہٕ دوٚپنکھ
گرٛٹہ ہو. مےٚ کُن بُتھ کرِتھ چھُ مےٚ تہٕ وَنان: "نیرو

ہیو ژٕ تہٕ۔ گژھو کرُو پننی کام"۔ یہ بوزِتھ گوس بہٕ یُوہے
روزِتھ ہیو۔ دوٚیُم دۄہ میٚے آسنہٕ وَنان۔ بہٕ چھُس
پیاران پننی کنہٕ اشرفین ژٕ تانی آواُم سُند فراشس تہٕ
چھینکِس ٹھیچہ کرِتھ ڈیٚنتُم دوٚر دکہٕ زٕ "ژٕ چھُکھا وُنہٕ
ییٚتی ؟" بہٕ چھُسس دپان"۔ ہیے میانہٕ رحم ہیٚتہٕ ہٕسہ ؟
شہزادن ہیٚلہ یہ بوز، فراشس کُن چھُ کرِتھ دِتھ
وَنان:" یہ چھا وُنہٕ بکواس کران ؟ میٚنس پوزاہٕ سیٚٹھا
جونیحہ، لدُن جہنمس۔" فراشن کوڈ پننی کھور بانہٕ کھوٚر
مُنزٕ تہٕ کھور کنہ یِپارِ تتھہ نال لاگِتھ اوس ترٛاوِنہٕ
گنٛڈ دب چانٛٹس تہٕ چھُم دپان۔" ژٕ چھُکھنا منٛدچھان
تہٕ ، شہزادس برٛونٛہ کنہٕ چھُکھ یِژھ بے ادبی کران، دفاہ
گژھ ، نتہٕ ژٕٹے بہٕ نسٕ تہٕ تہٕ کن تہٕ۔" یہ وُنِتھ کوڈنس
کھکھرِ میٚر۔

شیخ نادوہمید گژھِتھ ووتس علی سُنٛد وائِلس
رِنش تہٕ تسن ووٚنُم زٕ بابا یتیمہ کُنہٕ ہا گیہٕ یہ کتھہ اُمس
گوٚنہٕ یہ بوزِتھ کانٛہہ پروایا ، دپان چھُم "ژٕ سٕے اُسیہ
رائے چانٛنی کنہ گوٚ ژھ آتھ اَدلہٕ بدل گژھن ، کر خودایہ
خودایہ۔ ییٚتہٕ اُسی تَن شہزادٕ یا بٲیِہ کانٛہہ ، یُس یہ
اُتھس مُنزٕ وانان چھُ۔ سہٕ چھُ تتھہ گرِ چھ والان باٹھیا
شہزادٕ چھُ شہزادٕ ، ٹھٔہِ کتھہ چھیٚنہٕ۔ شہزادٕ سُنٛد
اَتھہ مُنزٕ رحم ہیٚتہٕ واپس اَنِنہٕ گوٚ خاطر سُنٛد چانٛنہٕ مُنزٕ
سِرٕ کر شیمہ لو گُڈتھ اَنُن۔ کیاہ چھُکھ کران۔ بیہہ
پانس۔ چھِٹے ہیٚے طاقتھ ، مُرشاد تہٕ اُمس نتہ گوٚ اُچھ
دِٹھنہ تہٕ صبرٕس کام ہیٚنی۔"

(۹)

# لاچٲرِی موکہ چانٛج بابُن سقہ بٔنُن

شہزادس سیٚتی ژاپہ اُسی کمہ حِسہ تہٕ زٕ یہ سان
مشہدس منٛز۔ مشہد اوس میانہٕ خاطرٕ تہٕ مُلکچھے نہٕ اوسُم
اَتہٕ کانٛہہ زانٛنی کار ، نہٕ یار دوستاہ نہٕ کانٛہہ ہمدرداہ
کُل ٹھیلہ اوس میٚے پانٛژھ توٚمان یِم تتھہ سترٕ مُنزٕ لوٚٹ
چہ راٛژ عثمان آغنی پاٹھہ میٚے تہٕ ٹوپہ اَسترس مشز
ژوٚر اُسی تھاوِ مِتی۔ پلوو رنگہ اوس میٚے چھہٕ غم اَکھ
لو کُٹھ شال اَکھ ، اَستر ورائے دالو کوٹھ ، کرتنی تہٕ
شلوار اَکھ۔ اوٚت تام اوس ٹُنٛجہ وائِلس شہزادٕ
سٕنٛزٕ سعوہارٕ مُنزٕ ژھوٚٹ دیٚوٚٹ ترٛان تہٕ بہٕ تہٕ اوسُس
تہٕمِس شریکھ ہیوان۔ وون ہیٚلہ شہزادٕ مُنزٕ لٔس
ووت تمی ژوٚٹ ، اُمِس راتب تہٕ پانے ژھیوٚن میٚے تہٕ
پانس سیٚتی چھُس سوچاہ کران زٕ کرِہا پننی کارِ مگر
جو سوٚسی ہٕنٛزٕ ہا نِژھ لاگتہٕ نہٕ کنہ کُس کاسنا وِ ہیٚے میٚے
اَتھہ تس۔ بٲیِہ اُسم ہیوان اَتھہ سارِی ہیٚے رٲتِس
وانکہ چین بیتِر ہیٚنی نتہٕ پکہ ہے ہنڈانے۔ وون زن
ترٛاوِ ہا وان۔ تتھہ اُسم کرایہ تہٕ دِنی۔ اگر کرایہ تہٕ بُوٚٹھس
دِنہٕ تیٚلہ اوسُم پانہٕ فاقے روزُن۔ کرِہا موٚزوٗرِی ، تتھہ
اوشمنہ دِلے کران تہٕ نہٕ ہیکہ ہا کرِتھ۔

نصیحتھ کران چھُم علی ٹھٹھ وول دِیان۔" گوٚبرا
ژٕ چھُکھ لوکُٹ۔ اوٚرٕ تہٕ دوٗر۔ زلہٕ تہٕ چھےٚ میٚنہٕ تہٕ لٔجنہٕ تہٕ
چھےٚ رُت۔ بُجتہٕ چھےٚ اَسہٕ دُن تہٕ مخولی تہٕ چھُکھ یِنہٕ
آمہٕ ہٮ۪تہٕ سیتی ہیکہٕ نہٕ کھٕ ژٕ تکہ تریش چینکو شوقین کٔریتھ
تہٕ مخولہٕ تہٕ جٔنہٕ کٔر کٔرِ تٔے پُھٹکہٕ وٕنی وٕنی کرٕتھ چُھکھ تمُن یدٕ
ژٔھوٗرُ۔ ژٕ ابس ووہ میدوار گژھنہٕ مۄکلہ چھُکھ لکھہ مشہدس
منٛز زیارتھ کرٕ نہٕ پتہٕ اَنے۔ دوز ژھینہٕ نار نشہ مۄکلنہٕ موکھہٕ
تہٕ چھُنتس گژھنہٕ خاطر چھینہٕ ژٕم یدٕر ییتھ کنہٕ تہٕ جان
کامہٕ نِش پٔتھ روزان۔ یِش کانٛہہ تمُن خاطرٕ اتھ منٛگہ
یا راہِ خوٗداہ کانٛہہ چیز اہ منٛگہ تس چھُ صدقے یا خاطرٕ اتھ
کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ دِوانی۔ لہٰذا اکرٕ ژٕ کأم ژٕ کٔن تریشہ
ہتین امام زادن ہنٛد ناوٕ لکن آب۔ مگر یتھنہٕ یہٕ
کنہٕ مشراوکھ نہٕ ییٚنبرکنو گژھ چاۓ عمل فی سبیل اللہ
ییٚنہٕ لوزنہٕ مگر یوٚت، تام نہٕ تریش چینہٕ وأل گوٚ پتہٕ ہٮ۪سہٕ
دٕتنے توٚت تام درٕ ییکھٕ نہٕ اکھ قطرٕ تہٕ ییلہٕ کانٛہہ چأنی
تریش آسہٕ چینو ہیوان، بدٕ طرّاری سان تہٕ موّدر زبانی
اُسی زیس دیان۔ "چینیو چینیو، برکتھ کرِ نے مالک
الملک امُبارک تہٕ رُت بنہٕ نے یہٕ آب! اگر ژھ کربلہٕ ہکو
تریشہ ہتو امام زادٕ بٔرکرِ نے یدٕ تہٕ کرِ نے شفاعتھ۔
گژھ ژٕ حضرت عباسؓ[1] ہنٛد ژھینو ہتہٕ اکھ شفاعتک

پیالہٕ چینون۔" پٔرٕ ھے یژٕ ھے کیتھ وٕنی وٕنی اُسو زیکھ ناوٕ
والان۔ تکیازِ یِنہٕ ھن جاین ییتھ چھ یمن داٗدی لدن
یہتی ٹھٕنٹھ مخولہٕ سیدو گژھان۔ مگر آواز ھتھ راوٕز
ژٕتھ یتھ پٔریتھ اکھاہ چون آلو بوز۔ تیمہ چُھٹکہٕ تہٕ
اَسہٕ وُنہٕ کہتھ اُسو زٕ دوان دأری دأری ییتھ سارٕ نہٕ
کانین آسہٕ گژس گژھان۔ ییٚتہٕ اُسو زٕ منٛزِ ہو منٛزی
رٔتھ باُھتھ تہٕ پران یم سار نے خوش آسن کران چُھکھنا
ژُھچھان یہنٛز سادگی تہٕ سہزرٕ تہٕ ترکانن ہٕندو تہٕ
خطرٕ اُسیتھ تہٕ چھ یم سہٹھا دوٗر ییتھ یور ییتھ پونٛسہ
خرچ کران تہٕ زیارتھ کرٕتھ گژھان۔ یہتین سیدن
سادن اٚتھ ییتھو تارٕ نی چھا بدٕ کنہتھ سہل پأتھو
چھُکھ تران۔ یمن چھا عقل آسان۔ آسان تیتھے چھُکھ
سعو چھُکھ یمن دوہ ہتن اچھن منٛز آسان، دِماغس
منٛز تہٕ، ییٚلہٕ زن چھُکھ یمن دوہ ہتن اچھن پٔردٕ دوٕ
بیہان۔ ووہ نی تنگی پانے بوزن یمن بچارن کتہٕ چھُ
فکرٕ (ترٕان) زٕ اسہٕ ہا چھ اکھ ییٹھی تاران۔ او، ییٚلہٕ ھٹاوی زٕ
بیا کھ کتھ ژٕ تس: یہ کینٛژھا ونن آسی تہٕ ون اماپوز
پرییتھ کتھ منٛز اُسی زٕ خوداِیس تہٕ رسولؐ سند ناو
ضروٗر کرتھ ہیوان، بس پی چھےٚ ژٕ ییٚ کرون۔ مے
چھےٚ ییتھ کالہٕ پانہٕ ییٹھو جایہٕ ییٚہے کأم کرٕ ژٕ تمنے

---

[1] حضرتِ عباسؓ اُسو حضرت علی کرمؓ سٕندی فرزند۔ یم اُسو حضرتِ امام حسن تہٕ امام حسین سٕندی دوہ پاے۔ یمن اُسو علمدار تہٕ ونان۔ ژٕ یمتی اُسو حضرت حسینؑ۔ عاشورہ کہ دوہ ییلہٕ یم علقمہ کوٚلہٕ پیٹھ آب انہٕ وٚتھی۔ یہنٛدی دوشوے اٚتھ سیدو شہید۔

سَقہٕ پوٚشن چھی مےٚ یِم ٹُھٹ کینٛہہ مُلی ہیٚتھ متِھ یِم ژٕ وِنی کین وُچھان چھُکھ۔ اَدٕ کیا اَمی سیٖتھ وٮ۪تھ سے بہٕ اوٚتھتھ۔"

مےٚ کَر علی ٹُھٹ وٲلی سٕندِس وَننس پیٹھ عمل نوٕ مُشکاہ اَکھ ہیٚژم مُلی یتھ پھیتہٕ کنہٕ زٕنجیر لاگِتھ اُمس بیٚیہ اَسِس ژٕ امو ٹوٚ ٹھٹ۔ دالوٚ کمر بنٛداہ اَکھ یتھ خطہکی کانٛٹہٕ لاگِتھ اَسی گوٚ نٛدُم کمرس۔ کٹوٚر کینٛہہ تہٕ اَنِم مُلی یمن سورَیہٕ اخلاص لیٚکھِتھ اوس۔ یمن کٹوٚرن ژٕاوٕ ناوِم رٮ۪چھ رٮ۪چھ روٚہ اَلانٛژٕ تہٕ بیٚیہ لاگنا وِمکھ دَشہ بہٕ۔ دوٚن ترٛیٚن دوہَن ترائوم تہٕ مُشک دَرِچھ وٲنِس منٛز وَزٕ وِنی۔ اَمہ پتہ کیاہ بُرم آبہٕ مُشکاہ تہٕ ژٕ اسی حضرت اِمام رضا رضہ سٕندِس صحن پاکس منٛز۔ وہ وِنی دوت مےٚ پنُن کمال ہاونُک وَرخ۔

گوڈٕنکُی کلام میون اوس یہ زٕ "سلام پٔنٕن حضرت اِمام حُسینَس پیٹھ تہٕ لعنت اَسِن حضرت حسینَن سٕندِس قٲتلَس۔ سَلَامُ اللّٰہِ عَلَی الحُسَین وَ لَعنَۃُ اللّٰہِ عَلیٰ قَاتِلِ الحُسَین ؎

چوان گژھہ ترٛیش لعنت ژٕھن یزیدس
فِدا کَر زُو پنُن شاہِ شہیدس

وُچھو کیاہ موٚدُر آباہ چھُہ۔ یِمہ سیٖتھ چھےٚ جگرس شہلتھ پیوان تہٕ اَمہ کرٕ تہٕ نیرِ چھےٚ دٕندٕ تلےٚ لگان ترٛیشہ ہٕتس پیہٕ اَکہ پیالہٕ سیٖتھ یڈ تہٕ یَس یڈ بَرِتھ آسہٕ تس لگہٕ بیٚیہ ترٛیش۔ جَنتس چھہٕ یتھی آبہٕ سیٖتھ سٕگہٕ وان تہٕ دوزخُن نار چھُہ یتھی سیٖتھ ژٕ ھیتہٕ گژھان۔" علی ٹُھٹ وٲلیس نسخہ پیٹھ کرُم صرف دوٚن دوہَن عمل تہٕ بنیوس وۄستاد۔ یہ چھےٚ خبرے زٕ یژھن کامن ہُند عِلم چھُہ عمل کرنہٕ پتےٚ سپدان۔ مَشہدکین سَقَن یام مےٚ پیٹھ نظر پیٚیہ تِمن بِچارِن گیہ اَس خوشی۔ میون یہ آب گٔنُن گوٚ کھ تسٕنخ کِداوٕ۔ ہتَن اَسِم زاگان۔ اَکھ ہیتہ روٹِھم نہٕ ژٕ تےٚ چھُہ نہٕ بیٚیہ آب کینہٕ نُک کانٛہہ حقّےٚ تہٕ سرشوکھ سٕہ آبہٕ خزانےٚ بَنٛد کرِن۔ یِمہ پیٹھ بہٕ آب اوسُس اَنان۔ مگر میٚلہ تِمن فکر تۄرٕ زٕ کوٚٹ ہا چھُہ ترانہٕ پوٚژٕ ہُنٛد یہ نا ہیکون تہٕ سَہل سَہل ژٕ اَپہ ہتھ تہٕ یہ ہا کَڈ اسی ژٕ ژھ، تِمو کھیٚیہ کہہتہ۔ سَقہٕ کٲما چھُس تِمہٕ اَیہ کران زٕنہٕ خودایَن لوٚ ہےٚ کارکرنہٕ معہ کِھ یاَدٕ اوسُس کوٚرمُت۔ رٔبہٕ دوٚنی ہکھوٚ ڈونٛژٕ کوٚ ڈمُت تہٕ لگاَنژٕ لد آب اوسُس حوضن کوٚژٕ تہٕ جنتکہ آبہٕ بَدلہٕ کِنان۔ کیاہ ونوٕ یمن ترٛیشہ ہٕتَین نِش کوتاہ دوٚ ڈُم۔ اَکی کٹوٚرک آب اوسُس دَہن زٕنٛن دوان تہٕ دَہ وِنی اوسُس ہا پہ میوان۔ پوٚشہ وَراَے اوسُس نہٕ اَکس تہٕ ترٛیش دوان۔ نوٚیَن نوٚیَن پیٚنہٕ والین کُنےٚ اَسِم اَچھ آسان۔ وُنہٕ اَسو نہٕ تِم کھُنہ

---

لہ خطا چھےٚ چینس تہٕ تُرکستانس منٛز اَکھ جاے۔

یوان تہٕ ہُمِتھس اُسِتھ ۆنہٕ گرد لأرِے آسان زٕ بٕ
اوسُس کھ تہٕ ونِتھ کُن دا اَسِتھ بوان تہٕ آبہٕ کٹورٕ
اَتھس منز پیشراوِتھ اوسکھ وَنان "بسم اللہ!
فی سبیل اللہ! یشکراللہ! اللہ تعالا رٔچھنٕو بلاؤ
نش۔ چِیِیو یہ گولاب اَرکھ کربلاکین تریشہٕ ہتین
امام زادن ہِندِ ناوِ تہٕ تراوِو مُشکہٕ زٕ ھیہٕ۔ یہ ہاٸی
چھُونا کانہہ شوقہٕ وولا یُس آبہٕ مشکاہ مُلی ہیتھ یِتھ
صحنِ پاکس چھرکاداہ کرِ۔" منز منز اوسُس
پننہٕ ہیٹہٕ لہر بأتھ گیوان تہٕ ونان ـــ

بکش ای تشنۂ رحمت گلو تر
بیادِ آبروئی حوضِ کوثر
بآب آئینۂ دل صیقلی کن
پس از دل یادِ عباسِ علی کن
نہ آب است این کہ از کوثر عم است
نہ مشک است این کہ چاہ زمزم است این
بود عیناً چو عیناً سلسبیلا
مزاجِ او مزاجاً زنجبیلا

یُتھ بُتھُر کھاہ لبتھ اوسُس ییتھے کلامہ تہٕ ہتھی
بأتھ گیوی گیوی زیارتس پیٹھ والین بہناوان زٕ
گوڈنیچ تُو زیچ کام چھے مشہدِچ تریش چینٕو
سوءٕ تہٕ فقط سیالٔی۔ یم اَسی مئے کانٕہ ینا یہ دروان
تہٕ مئے اوسنہٕ آبہٕ قطراہ اکھ تہٕ ہنا یہ گرھان
تہٕ نہٕ اَسہم بأتھ وننی راوان۔

ییتھِ عاشوٗرک دٕہم دوت ییمہٕ دوہ سیہاہ اَنکھ
پان زٕٹنس تہٕ ماتم داری تہٕ ہیّپن ہیّپن پدتن مشنہ
مُبتلا گژھتھ زَن منٕو چھ گژھان آمہٕ دوہ یہ
دوٗپ مئے ہاوِنا بٕہ تہٕ ہیّپن شقن ہنٕدی پأمتھٕ مُشکھ
پھیروٗنس منز بنن کمالاہ۔ عوشوٗرک ماتمی تماشہ
یُس قلہٕ کس مأدانس منز چھ لگان، لوکھ یُہس
خراسان کس حاکم شہزادس برونٹھ کنہ۔ ییتھ مردو
اوس اَکھ شقن یس مأشہ کوٹ ریرہ اُس پتھ
پھیروٗنس منز بنن کمال ہاوِتھ سارِی شقہٕ پتھ
دِتی ہیتو۔ اتہٕ اَسہم سأری وَنان۔ "اَتھی ہنہٕ ہیے
اَمس مأشہ کتس نش رٕوزی زٕ ھیسہٕ! یہ پھٔے کیا ہتام
زٕھل کرِتھ ہیّپس تلفس تل اَنان، مگر پانہٕ چھنہٕ
تلفس تل یوان۔" سے مٕتہٕ ھتوہ لتھ وننس کنے
تماشہ لگنک وَرخ دوت۔ شاہزادٕ بیوٗٹھ قلہٕ چہ دار
پیٹھ، اَمِر تہٕ وزیر روٗدِس اَندی پیٹھ ودی۔ بٕ
دٕاس منزس۔ بٕدنس کھوٗری ٹاس لأرے لٔے اوسم
سارِی سے پانس رلتھ وُسان۔ نٕنو سے کمبرس پیٹھ
بٕڈ آبہٕ مُشکھاہ ہیتھ ووتس پھرکہ ہوت اکھ وارِ تل
تہٕ شہزادس دُعایہ خاراہ کرِتھ ہیٹرم بڈٕ بڈٕ مرتی پرونی
شہزادٕ گوٚو خوش تہٕ تراوِن اکھ اشرفی ہیٹرِ پیٹھ
مئے کرٕ ینا یہ۔ شہزادٕ منز یہ سخاوتھ وچھتھ کوٚر
کُو تاجب تہٕ مئے کُن وچھتھ تہٕ اَسہ زَن راوان
ہوی۔ اَتھ ہتوہ منز زیادے پہن دوستاہ دل

ہاوِنہٕ موکھ اَنم کینٛہہ شرٛیُح تہٕ کھالَم اَکھ مُشکہ پیٛچھ ٹُکو دِژ پَدٕ کرِتھ "آفرین آفرین" ۔ یہ آفرین" بوزِتھ روٚٹ مےٚ سٕنٛح چاو تہٕ دوٚپمکھ "بَیا کھ اَکھ اَرٛٹ کا سوٗزِیوٚ وَن، سُہ تہٕ کھالَن خُدایہ سِنٛد مَدَ تہٕ سیتھٕ یِتھ مُشکہ پیٛچھ ۔" یہ بوزِتھ آو میانِس تَس غٲرتھ پیتٕرس مٲیشہ کٔٹِس موقہٕ تہٕ سہ آو یانے لاران لاران تہٕ کُنی وٕہ ٹھ تِلِتھ کھوٚت تہٕ بیوٚٹھ شرٛین سیتھ مُشکہ پیٛچھ ۔ یوٚدوَے مےٚ پنُن بجرٕ ہاونہٕ موکھ اَمہ ساتہٕ سیٛٹھا جگرٕ کوٚر ۔ اَما یوٚز کمبرٕ ہیٚن اَڈی جَن ژُھٹھم ٹاہرارٕ سے ۔ کمبرٕ گوم دوٚگُن تہٕ پھیٚکی گٲم ہانٛکلہ سَنٛنہ سیتھ وُدٕ ہی ۔ ہیٚتٕر پیٛچھ بُہن تام دوٚٹھم مُسلہٕ مُشک وامجم دارٕ وایہ بوہ تہٕ تھووم پتھر ۔ گھ ژٕ ژیوٚنے تہٕ مےٚ زِ مےٚ چھُ چھوکھ لوٚگُت مگر کمے کال گرٕ تھِتھ بیٚیلہ مےٚ تَترٕ ہیوٚتُن وٕہ تھَن مےٚ ذون نہٕ مٲیشہ کُنٹھ چھےٚ بیٚنیہ کامہ ہنٛز کرٕ مِژ تہٕ شوٹھس چھَن نہٕ مُشک تھوٚد ہنہٕ تہٕ تُلِتھ نیکھتھ تھاوِمژ ۔ یوٚہے گوم وجہ تہٕ مےٚ ژُھن سقہٕ کامہ ہُنٛد سورُے اسبابہٕ کینٛہہ ۔ اَما یوٚز برۄنٛہہ پیٚش اوسُم رژھا سَنٛد ورمُت ۔ تِکیا نہٕ سقہٕ کامہ تلہٕ اَہسِم جان وُٹھتھ آمژ ۔ علی ٹٹھ وول اوس کرا یہ گرٕ ہی ہیٚتھ طہران گومُت ۔ ڈیوم مٲیشہ کٔنٛٹس کرٕ مُقدمہٕ تہٕ ہیمس یہ ضرب شدید لاینہٕ موکھ ہادِچنہٕ ۔ دوٚپہم "یہ گرٕ ژھی فوٚ صنوٚلے ، بیٚیہ چھُ یہ شک آورِ ہے نہٕ یم زخم لٔگیا مےٚ تسِنٛدی ڈسی کینہٕ پینٛنہٕ ڈسی شرٛح تہٕ چھُنہٕ شک، آورِ ہ مامِلس پیٛچھ کانٛہہ صاف حُکم دِوان ۔" دپیوم وکیل کرن ۔ دوٚپہم "خبردار چھُے ، پھُکنہٕ ترٛٲتھ غلطی کرِتھ ۔ اَکھ گرٕ ژھی مُقدمہٕ خارِج ، بیٚیہ موکلِتھ ہوٚنسہ ٹوٚنکر نیشہٕ تہٕ "مُقدمہٕ مُلی ہینہٕ والیو" دپیوم ۔ وولہٕ اَسہٕ کن ژٕ یہ مُقدمہٕ پیٚتھے ۔ مےٚ موٚنمکھ نہٕ کینٛہہ تہٕ ۔" موخصر پھٹٹ شوٹھس کمبرٕ تہٕ شاہ تہٕ کھولُم نہٕ ۔

## (۱۰)

## پانٛژ پانٛسہٕ مشوٗرٕ کرِتھ حاجی بابن کِرِ بَن

پننہٕ عقلہٕ سیتھی ہیوٚت مےٚ مشوٗرٕ کرُن نہٕ کمبرٕ پھیٚٹِنہٕ پتہٕ کیاہ کرٕ ہٕ وہ ژٕ ۔ واریاہ کامہٕ آسم بروٚنٛہہ کُنہٕ ۔ بیچھنُک رِواج اوس مشہدس منٛز اَسی تھے ۔ سقہٕ کٲم تہٕ اَسن بیچھنُک اَکھ طریقہٕ تہٕ سعہ اَسِم وار پانٛژھی ہیٚچھیمژ ۔ توٚتےٚ دوٚپُم زِ ہرگاہ نہٕ یِتھے کٲم کرنس پیٛچھ گرٕ نہٕ آسن تیٚلہ گرٕ ژھ شوٹھس عباسس[1] دوٚس سِنٛدِس ز امترٕ سِنٛز باشٕ ۔ بیٚیہ آیم بیچھنس منٛز مَنٛد چھ تہٕ بوزنہٕ ۔ دپیوم یوٚنٛز یا ہانٛپتھ، ہیمَن مُلی تہٕ بَنہٕ پٔنٛژی وول یا ہانٛپتھ وول مگر پَنٛنِس یا ہانٛپتس تاکیم ڈیٚنٛز یا سیوم گرٕ وُٹھ تہٕ بیٚیہ گرٕ ژھ اَکھ اِنسان بےٚ خیا تہٕ تیسلنٛگہ آسُن ۔ تروٚوُم یہ خیالے دوٚپُم بنہٕ تعزیہ تہٕ پھیٚر ناون وول یا نعت خان، مگر

---

[1] عباس دوس ۔ یہ چھےٚ ایرانس منٛز اَکھ دلیلہ کِتاب ۔ ڈیان اَتھ منٛز چھ بیچھنس پیٛچھ سٕنٛح خَنٛد کرنہٕ آمژ ۔ عباس ناوکی اَکی زٔنی کوٚر پننہٕ کور اَکس تاجرس سیتھ تولت تام نیٚتھر یوٚت تام نہٕ تمی تاجرن عباس سُنٛد شرط پورٕ کوٚر ۔ عباسن اوس سُہ شرط تھوٚومُت زِ پنُن کار بار ترٲوِتھ بیٚیلہ ژٕ بیچھنہٕ ہیٚکی اَدٕ ہیکھ ژٕ میانہٕ کور سیتھ نیٚتھر کرٕ تھ ۔

اَتھ منز تہٕ آیہٕ بےٚ حیاٗیی بوزنہٕ ۔ دپیوم بنہٕ وعظ خان
تکہٕ ہیم نہٕ رٹنہٕ ۔ تکیازِ تمہٕ اُسہم دسے حدیث تہٕ ریوا یژٕ
وَننہٕ تہٕ عربی اوسُم نہٕ پوٚرمُتے ۔ دپیوم نصیب ووُچھُن
وول بنہٕ مگر نصیبہ وُچھُن واٚلی تہٕ اَتھہٕ وُچھَن واٚلی دِچھم
مشہدس منز ہونیو کھعہ تہٕ ژٕرٕ تہٕ ہم وُچھم تی کھوان
یہ ژٕ ھعہ تہٕ بیچھ کوٚ کر کھوان چھٕ ۔ دوٚیم بنہٕ بیٚیہ
ناٗود مگر تمہٕ منز اوسُم اُکے سے حبابہٕ بیوان روزُن تہٕ
بہٕ اوسُس نہٕ مشہدس منز روزنے یژھان ۔ آخر
وُچھم نہٕ مشہدس منز چھ شودٕ ، چرسی تہٕ مدکو واریاہ
تہٕ یہ چھنہٕ ناکارٕ کار کینہہ ۔ لہاذا اکر ہو کوٚرُم کیکرٕ
بنتک فاٗصلہٕ ۔ کمر بستہٕ کین کاٹنَن منز ژٕ اوہم زٕ یانژٕ
جحبیر الانژٕ ۔ بژٕونھہ کنہ ژٕ ووُم چِلمہٕ دٗباہ اکھ اویزان
آبہٕ لوٹا تہٕ ھوٚوُم سیتی ۔ تماٗ کی ھٹیلہٕ ہنا اکھ ژٕ اٗوُم
پھیکو کنہ تہٕ نرٕ منز ھوُم مَنن تہٕ پَنہٕ بژٕونہہ ژٕ اٗوُم
چھُمہٕ تہٕ سال اَویزان ۔ ہیوٚتُم گیاہ یہ نوٚو اسبابہٕ ہیتھ
کیکرٕ کار کرُن تہٕ یہ سامانہٕ لاگِتھ اوسُس بہٕ
جنگلی جانورن کنڈ گُشتن ہیوٚن باساں ۔ ژور قسمہٕ ہیوٚتُم تموک مٕلی
طبسک ، شیرازک ، شوسترک تہٕ کاشانک ۔ مانڈرونہٕ
ورٕ تہٕ تموک رلاونہٕ ورٕ اوسُس بہٕ اَتھ گُلن ہُندیٚن
تہٕ ہیوٚکھ گاسہ رلاوان تہٕ اوسُس نہٕ خود ائس تہٕ

کھوژان ۔ خریدار تہٕ ہُم سِہم ژوٚن ذاٗژن ہندی ۔ تھدی
وٗسِتھ ، ادنا تہٕ کمین ۔ تھدین خریدارن اوسُس
چھرا تموکے یوت دِوان ، وٗنسو تھَن اوسُس
دِوان سُہ یتھ اوٚڈوٚے تموک اوس رٕلہٕ آسان ۔
اَدناہن اوسُس دِوان رٕ لے رٕلہٕ تہٕ کمینَن اوسُس
دِوان فقط ژھوکھ ۔ یُہ سِتھ کاٗنسہ اوسُس خیستھ
وُچھی پھتے ہاژٕ ہیوان ۔ ہرگاہ کانہہ تماکس کیھاوسُم
کڈان تس اوسُس دستی نیب دِوان زٕ یہ چھُے
فلاٗنی زمینک تموک یتھ فلاٗنی آرُم چھہٕ لاگان
تہٕ فلاٗنی سوداگرس چھُس مُلی ہیوان ۔
کمیٚسے کالس منز بنیوس بہٕ مشہدک بوٚڈ
کیکرٕ ۔ مُشکدار تموک کیَنَس منز ، طریقہٕ سان تموک
چاونَس منز ، تہٕ دوستا دلہٕ سان چِلمہٕ منز تموک تھَہ
بہناونَس منز گوس بہٕ ناداوار ۔ خریدارو منز اوس
مٕٹے قلندر راہ اَکھ تہٕ خریدار بنیومُت ییس حتی فقر درویش
اُسوٚنان ۔ اُمیس اُس تماکچ بڈٕ ژان تہٕ سے توٚ گنہٕ
زانہہ تہٕ اُمیس خراب تموک والُن ۔ دعہ ہے اوسُم
دوہ زٕ بیھ تموک چوان تہٕ میون یُس
قرضاہ کھوٚتمُت اوسُس سُہ نکھہ والُن اوس نہٕ
فرٕ ضے زانان ۔ مگر یَیسا رٕ اوسُم خریدار تہٕ سیٹھا
اَنان توٚ ئے اوسُس بہٕ تہٕ اُمیس دِل رچھان تہٕ
اُمی شنرٕ یانژٕ اوسُس غنیمتھ زانان ۔
اُمیس قلندرس اُس عجیبے ہیتھا تہٕ بدلے

---

٭ فارسی لفظ چھُ خار پُشت ۔ کشیر منز چھُنہٕ یہ
جانور کُنہٕ تہٕ جنگلس منز موجود ۔

طریقاہ۔ یہ اوس باگہ بوٗرُت موٗ ہینٛنٛوا۔ قد اوٗسُس
ٹھوٗد تہٕ یاز سِٹھ ہیش نَس (آسِس)۔ اَچھ آسِس کرٛہنہِ تہٕ
نظر اَسِس تیز۔ ریش اوسُس گوٗن تہٕ زُلف اَسِس
پھیٚکِس تام الانٛدی۔ اَتھن کھٕ نٕل مُکھ اَسِس
کھٕلس دِتھ تہٕ اَتھ اَسِس اَتھ تہٕ قُرآن کو آیہ پرٛہ
کامہِ سیٚتھٕ لیکھِتھ۔ سُہ رٕخ ہرِ تہٕ مُسلا اوسُس
پتھٕ کنہِ اَلوٗنٛد۔ پھیٚکِس پیٹھ اوسُس دانہ دار ڈنٛڈا
اَکھ تہٕ ترامہِ زنجیر لاگِتھ کٕش اَسِس نَرن اَویزان
خرقس تہٕ چھولنس آسَس بٕڈ ووٚٹا دٕل ساں
نخیہٕ ترٛاوِتھ تہٕ ملس اَسِس پیرٕ زنگنَنٛڈ ٹھٕ تہٕ
اَتھ اَسہ سنٛگِ سلیمانکیٚ پھلیٚ جایہ جایہ الانٛدی۔ اَتھس
اَسِس اَکھ ساس پھلیٚ واجینٛہ تسبیح دِلِتھ کوچھ
تہٕ بازوٗ منٛزٕ اوس تمہ ہیتہ سان یِکان تہٕ راہ
خوداشناسن زٕ لکھتی اوس اَمِس کنٛ وچھتھ اَہر
بیہان۔ اَمِس سیٚتھا سے موجہ ورتاوِنہٕ پتہٕ
نینیو مٕتِ زٕ اُمی مُرشد یہ نیٚبر کنہ یان یارادن تہٕ یہ
رو بٕرٕ داب چھُ ذرا میل کمزور اعتقادٕ والین
ناوٕ والین موکھ۔ دِلہ کنہ اوس جان، اَخلاق تہٕ
اَمِس رتی، کلامہ تہٕ اوس میوٹھ کران۔ حیاتی
تہٕ اوس بیٚنیہ زن اوس برٕ بھتہ کامہ منٛز ووسُتہ۔ کٕکیہ
کالس منٛز آسے اَسو اَکھ اَکِس نِکھہ تہٕ سپدی
ناگی نال۔ تہٕ اوس مٕتِ ووٚہ ڈی پانس سیٚتھ تکیس منٛز
تہٕ نوان۔ یوٚدوے تکیس منٛز اوسینٛہ لگ کوٚتاہ

پوشنہ تہٕ لاران تہٕ نہ اوسُس تِمن رٕلہ تموسٕکے
والان تہٕ نہ اَسہ سٕہل سٕہل آسہ منٛز چھیٚپر ترٛاوان
اما پوز زٕ ھوٚرُے تِمن منٛز بیہنہِ سیٚتھٕ تہٕ تہٕ ہندی
خموش گف بوزتھ زن بہٕ ہنٛٹ اوسُس لیدان۔
اَکہ راتھ اوس سنفر درویشن عادتہ بدون
چِلہ سیٚتھ دِیہ ظلمت۔ اَتھی منٛز چھُ مٕتِ کنٛ بُتھہ
کرٕ تھ وَنان۔" ہا بَبا! کانٛہ افسوس چھُ کہتہ
چھےٚ پرٕٛدہ عقل تہٕ ہیتھ شور اَسِتھ چھےٚ زٕ سے
وُنہ دِلہ رچہ اَچھ کورُس۔ بٕتہ حیا تہٕ بٕتہ شرم لاگِتھ
کیاہ کیاہ نہ کورمتِ۔ دُلی تہٕ بنیوس۔ مسجد تہٕ ہاودم
مندرٕ تہٕ کرِم زِند۔ اَکھ عاشا تہٕ آراماہ کورُم۔
کم کھین کھیم۔ اَمہ بٕتہ شرمی تہٕ بٕتہ حیائی ہُند
فائدٕ دِژاو یہ زِ یم تہٕ مٕتِ ملہ مُحتجہ ذامنیٚ، تِمن
چھُنہ بے خبر کیاہ بوزنہٕ پیدان بنیہ چھم کھوژان
تہٕ، رم چھی مٕتِ قلندر آسنہ کھوتہٕ ٹھوٚد زانان
یوٚہےیہ قوطب[1] تہٕ ابدال[2] آسہِ۔ زٕ چھےٚ کیاہ بنیوسے تہٕ

---

[1] قوطب چھُ تَس وَنان یَس خُداین سُنٛد طرفہ کنہ مُلکُک انتظام نٕظہٕ آسہ [2] ابدال چھِ تِمن سَنتن وُلین ناوٚن یموٚ منٛز زٕ تِہی شہرشامس منٛز تہٕ ترٛےٚیہ باقی دُنی ییمس منٛز چھُکرِتھ چھِ آسان۔ بیٚیلہ یموٚ منٛز کانٛہہ مران چھُ تَس بدلہ چھُ یموے منٛز اَکھ تَس جایہ رٕٹان۔ [3] فلاٹ سِنٛز کتابہ منٛز چھُ پنہ یَہ بارٕ تھ آمُت بلکہ سِتھے بیٚیتن بیٚیتہ دِتھ۔

چھکھ تکن نموک چاؤوی چاؤوی پینہ مستشقہ اینۂ یوت میکین رؤدمت ۔ چھنا صلاح تہ اسہ درویش ہنٛدِ جمانٛز منز اَتھ بسنکھ خاصیت تہ ہیوی انسان شکلہ ہیش ۔ یہ چھ پوز زِ ینیہ یوہ کُنہ چھ درویشن ہنٛد پیہ شاکھ موموٗلی تہ موٗکرُ باسان تہ اَتھچھی اچھو تہ ژھیونٹ کھیٚنہٕ کھیٚنہٕ چھ اسہ گذار کران مگر کیاہ وَنہٕ یہ زِس میٚوٚنڈ کیاہ چھُ ۔ یہ زِس میٚوٚنڈ بروٚنٛٹھ کنُ واتنہٕ ممکن چھُ نہٕ ینہٕ نہ [illegible] ہلاونی پیوان۔ تہ نہ چھُ ڈیکس عارکھی پھٹان ۔ اسہ درویشن ہنٛز زندگی کیٚہ بیہ موٚند اٲزن۔ اکھ برابر ونتم کمہ یہ زندگی چھے ۔ جنتچے اُمین حافظا شیرازی کو نمانس کیاہ رُت کلاماہ چھُن سانٛس بحرس پیٹھ وونمت ۔

روضۂ خلد برین خلوت درویشان است
مایۂ محتشمی خدمت درویشان است
آنچہ زرمی شود از پرتو آن قلب سیاہ
کیمیائی است کہ در صحبت درویشان است
دولتی را کہ نہ باشد غم از آسیب زوال
بی تکلف بشنو دولت درویشان است
قصر فردوس کہ رضوانش بدربانی رفت
منظری از چمن نزہت درویشان است

موختصر بوز تکھ چھ درویشن ہنٛدین اتھن منز ییٚمہٕ تماشہ ہیوی ۔ اسی چھ تکن ہنٛد کمزور اعتقاد تہ عارسی آسنہ کُنہ ہمُن دوہ ہا دوہ ہا گدٲن تہ اُسنا چھکھ کران ۔ یہ چھنے پنز یا گھٹ وَنان یِمہ سیہ چالاکیاہ زانہٕ چھے تمہ کہ ہرگنہ اَنکھ ژِ درویشن ہنٛدین قیلس شوب ۔ میٚتہٕ چھ بیہتہ ژ شبلی[1] تہ جنید[2] سٕند ہیو مرتبہ لبکھ ہرگاہ ژ یہ کام ہیکھ!

درویش غضنفر شیرزن ییمَن کھتھن کوٗر سار ویے

آیہ آیہ تہ آٹھہ واٹھہ اونہس۔ اَندریہ کنہ اوس میٚتہٕ تہ عرضیٚہ اَما پوز نداُمتس تہ ہیز می کام ہیہتہ چھُسکھ بلہ وَنان " ہتہ خفن کیاہ چھُو وَنان ۔ کجا یہ تہ کجا درویش، کتہ کوت ، درویشی ہنٛد خرقہ نالی ترٲوُن چھا خفن پیچھے ۔ امہ سیتی کیاہ دوٚبتہ تکھ ز میٚتہٕ خفن چھنے پیونت کھنڈ ہیکھ یَر ۔ قرآن شریف چھم تکان پرُن ۔ سعدی تہ حافظ سنٛدی یاتھ چھم ژ پاتشاہ نامہ تس چھُس تہ ییٚ خبر۔ مگر طریقت[3] زانہٕ موکھ کتہ لگہ یہ میون علم ، یِمہ زانھو تہ بینتھو سیتہ بنیا کانہہ وَلی ؟

---

[1] شبلی اُسی مصر کرو زن وٲلی۔ بابہ ہندِ ابس اوسکھ ناو جعفر۔ تقدی پائکی ولی اُسی۔ حضرت جنید بغدادی سنٛد اُسی مُرید۔ ۸۷ وُہری گئے ییٚمہ عالمہ سنہ اوس ۳۳۴ ہجری۔
[2] جنید۔ یم اُسی بغدادکی ولی کامل تہ عارف بسنہ ۲۵۷ ہجری نیزگیہ ییٚمہ عالمہٕ خواب نِش
[3] وارتیج اَکھ وَتھ ۔ اَتھ منز گژھہ فقط [illegible] یا کی اَسہ.

درویش صفر چھم ؤنان ۔ ہتا یار، ژےٚ
چھےٚ درویشن ہُند اعتقاد اَنِتھ روٗس ۔ یوٚت چھا
اعتقاد لگوان ؟ بێیہ چھا درویشس یمن چیزن
ہنٛز ضرورت ہتہ آسان ۔ درویشس گژھہ آسنہٕ بےٚ
حیائی تہٕ بےٚ شرمی ۔ بێیہ گژھہ آسُن بکری دوٗر ۔ یہ
چھےٚ دپان اُتھ پننہ لبا قرش ہرگاہ ژٕ بےٚ شرمی تہٕ بےٚ
حیائی ہُند صرف پننٕس اہیتُم حصہ زٕلاو کھ، اگر ینہٕ ژٕ
ممکن ہُند موروثی تُہنٛد مال وجاداد ک مالکہ بنیو کھ
تہٕ اگر ینہٕ ژٕ تم ژےٚ جنتک تہٕ جہنمک مالکہ ماننہٕ تیٚلہ
گژھی زمےٚ پھرٕ نیومُت ۔ ہرگاہ تمن ہنٛدی یا محو،
یوٗ اپزٕ یا عمرٕ ہُند دعواکور، مےٚ تہٕ بلاین
آسہ ہا سینہٕ دورمُت ۔ ووٗ کین آسہ ہا بہٕ تہٕ اَکھ بوڈ
پاُعمبر تہٕ زوٚنہٕ ژٕ اُدٕ کرنس مقابلہ آسہن مےٚ تہٕ
سایہ بٔدی معجز کری ہیو ۔ میٚیہ ژورےٚ ژٕ سیتو آسہن
یکو ہیو بےٚ حیائی تہٕ بےٚ شرمی ورتاوی ورتاوی
آسہ ہا بہٕ تیمہ وقتک عالم تہٕ ڈلی بنیومُت ۔"

درویش صفر شیرازن یمن کتھن کوٗر سار یہےٚ
آمتا تہٕ چھم سخ زور کرِتھ ؤنان زٕ "یہ کیکری کام
ژاوسہٕ ژٕ تہٕ ژٕ یکھ سانہ یتھ ینز تہٕ بچھ تہٕ بحر چھ دتہ
بیہتھ؟" سیتو دوٚ یہم زٕ اُسو بوزنہٕ ناوو ہتہٕ ژٕ وار وار
ساری پنُن قصہ یتھ ژےٚ ننی زٕ یہ سانی کام کاژاہ
پژ تہٕ بزتہٕ واجینو چھےٚ ۔ بہٕ تہٕ گوس پہنٛدس اُتھ
صوجنتس سیتھا لور ۔

(۱۱)

# صفر درویش تہٕ تسنٛدین دوٚن یارن

## ہنٛز دلیل

بێکہ دوہ یہ ہسےٚ یہ اُسو ساری عاذ تہٕ موج خوب
پننس حجرس منٛز ۔ اُتھ حجرس برونٛہہ کنہ باغہ یمنہ منٛز
بیہتھ اُسی لہہ سیتو ڈوٗکھا دِتھ تہٕ ساری چھ پننی پننی
جنگیراہ اُتھس منٛز زٔرتھ تموکاہ ہیوان ۔ ژیٹھ آسنہ
رِکنہ ہنیوٚت گوڈٕ صفر درویشن پنُن قصہ بوزناوُن تہٕ
چھ دپان:

" میون مول اوس شیراز کس حاکمہ سنٛدس
دربارس منٛز بازی گارن ہُند ژیٹھ تہٕ موج اُسہم گاٗنی
تہٕ تس اوس طاوٗس ناو ۔ یانےٚ بوزی تویس یتھ مول
موج آسہ سہ شُرکیاہ آسہ یانہٕ ۔ مےٚ تہٕ مانی توامی خمیر
ہنٛز ژوٚٹ۔

لوکچارس منٛز اوس میون دوہ لگن یہن تہٕ گنٛدن
ماٗلی سنٛدین پننٛزین ہابتن تہٕ بێیہ تسنٛدین کارٕ بابتین سیتو
یمن حیوانن سیتو لےٚ آسنہ رِکنہ تہٕ ماٗلی سنٛدین کارٕ
بابتین سیتو سیتو روزنہ تہٕ رِکنہ یپٹھی مےٚ داریاہ فند فریب
یہم سار دُمر بکارآم ۔ پنٛداہ واری شُننٛہ اوسُس بہٕ بڈ
تےٚلنگہ بازی گر ۔ تیوٚنگل ژاپن، اُسہ منٛز آب کڈن، شراکھ
ننٛگلاونہٕ آلہ کرنڈلہ عمرٕ نیرن تہٕ زٕ پیہٹ نژن یمن
لہ بازیگر تماشن یێمن فندن منز گوس بٕ بێین

دوہ ستادن ہُند کھوتہ پوٚوا نیرِتھ۔ اَمہ پَتہٕ میٚوٚ تھٕم
دوہس کھوتہٕ دوہس ڈیکھ پھولُن تہٕ چھُس پننہ اَتھہ
کامہ منٛز پوٚوا پوٚوا اَتھدان۔ نوروز کہ دوہ یہِ بیٚلہ بہٕ
رٕز بیٚٹھو تراوان اوسُس، لوٚگ توپ خانہٕ کِس افسرِ شیٚنز
کورِ مےٚ پتھہ دِل۔ اُمِ سٕنٛدِ عشقکہ شرر چھیٚپھو ونٛم
اُکی دوٚنیٚو واٚلی یٕنٛزِ بیٚنہ تُشٕنٛد گَرٕ ییوان گژھان
اُس۔ بہٕ دورِ یوس مُنتظس اُکِس نِش یُس وانہِ بیٚٹھ
اُکِس پیٚٹھ بِہان اوس۔ یہٕ لیکھنو مےٚ زرو کاکدس
پیٚٹھ دوہ زٕچہ مِیلہ سیٚتی تمہٕ سٕطرَن منٛز مُحبتٕچ چھیٚٹھ
تہٕ پوٚتس لیکھنوٚوم زٕ یوٚدوے ژٕنہ مےٚ چایٕنی شکل
وُچھِتھ چھیٚپہ اَدا پوٚزٕ نادیدِ سے چھُس ژٕ سے پتھ
موٚت گوٚمُت ۔

وَالاُذُنُ تَعشَقُ قَبلَ العَینِ اَحیَاناً

گوش پیش از چشم عاشق می شود

زرد کاکدُک مطلب اوس یہِ زِ چانِس عشقس منٛز چھُم
ہُتھہ زرد یومُت، سُرخ مِیلہ ہُنٛد مطلب اوس یہِ زِ
چانہِ موہ کِتھ چھُس اُچھو کِنہ خوٗن ہاران تہٕ تمہٕ سٕطرَن
منٛز لیکھناونٕک مطلب اوسُم یہِ زِ عشقٕچ وَتہٕ چھےٚ تمہِ
تہٕ خطرناک۔ اَمہ پَتہٕ تراوٕم اَتھہ منٛزٕ اَکھ زٕ مَس وال
تہٕ نرکانی قلمٕک کھٕرتہٕ دِنہ موہ کِتھ زٕ وَدی وَدی چھُس
موہسے والس یِت، ژھیومُت تہٕ نیٚہ ہیٚنٛدی پاٚٹھی چھُس
وَزان آسان۔ بیٚنیہ تراوِہم زٕچہ اُلہ جوراہ تہٕ کتابہٕ
بیٚنتھ ہَناتہٕ، یان زٕ ہیٚو کھٕسُن تہٕ دوہ نٕی چھُم کیاہ گوٚژھان۔

بٕنیہ جوراہ تہٕ تراوِمَس، یان زٕ ـ

عناب لب لعل ترا قند توان گفت
چیزی کہ بجائی نرسد چند توان گفت

ژٕ نہٕ اَکھ زٕ تہٕ، وَنُن اوسُم یہِ زِ چانی دُشمن گژھن
روسیاہ، بادٕم کُرٕ تام تہٕ تراوِمَس، یان زٕ ـ

بادام سفید سر برآوردہ ز پوست
عالم خبر ندمن ترا دارم دوست

اَخرس لیکھنوٚمَس زٕ "سیٚٹھا دوہ میٚہ چھُم زٕ پننہ
دیدارٕ نِش تھوہم نہٕ خالی" ـ

ای وای ز محرومی دیدار و دگر ہیچ

والسّلام "

یہ چیٚٹھ لیکھناونِکس شوقس منٛز گوس بہٕ یُتھہ بےٚ خود
زِ پتھ بڑونہہ وُچھنے ژھُن مےٚ مُنتظرس ہِنس ماشوقہٕ
نشہ ناو تہٕ نیب نِشانہٕ وَنٕتھ۔ مُحبتنامہٕ وٕٹنہ موہ کِتھ
دوٚتھ مُنتظرس۔ اُمی وِزِ، زٕنتہٕ کُنٛڈٕ پیٚٹھ اوس تہٕ
پھیٚنکس پیٚٹھ کیپر ژادراہ تھوٚوِتھ دوریوو توپخانہٕ
کِس افسرِ سٕنٛد گَرٕ تہٕ بوونکھ یہِ سورُے قِصہٕ۔ اُمِس
توپ خانہٕ کِس افسرس باسیوو پننہ کورِ سِتو میون
عشق آسُن وتوٚٹھ پِہُن تہٕ اَمی دوہہ کوٚرُن مےٚ
شیرازہٕ منٛز نیبر نیرنٕک حکم۔ میون موٚل اوس
شہزادس شیخ کھوژان تہٕ بیٚنیہ اوس مےٚ تہٕ سہ
عاشرٕ پیٚترو سے ناوان اَمہ کِنہ کرٕ تمی کانہہ تبیلا
ژھانٛڈنہٕ ۔ عاشقہ میانِس نیرنس منٛز جلدی تہٕ لوٚگ

مےٚ شہر ترٛاوٕ تہٕ معہ کہٕ شیخ پتہٕ۔ بییہ دوہ پیٚلہٕ بٕ پننین یارن یان زٕ مٲلۍ سندین تمن جاناوارن رٕژھنہٕ ہیٚینہٕ گوس، مول چھُم وَنان۔" گوبرا! کیاہ وَنے کوتاہ چھُم پھیران چون ہنگہ منگہ دوُرن، مگر کرٕ کیاہ؟ اتھ چھُنہٕ چارٕ تہٕ کینہہ۔ دَیان حُکم حاکم گو مرگِ مفاجات۔ خاطر پیٚیہ ہن چھُس خدایس کُن شُکر کران زٕ وانتاکوتہ کرناوتھ ہیٚچھنو منکہ ترٛاوتھ کانہہ ییٚمہ سیتھ تہٕ زانہہ تہٕ کُنہٕ جایہ فاقہٕ لگی۔ وولہ وون دٕمے بٕ بیٚیہ اکھ چیز یُس تہٕ مٲلِس ورٛاے کانہہ تہٕ ہینیچوس دیہ۔ رٕتھ، وُچھُن یہ پوٚنز یہ چھےٚ مےٚ ساروے پننہ بوٚکھ تہٕ ٹوٚٹھ تہٕ بیٚیہ چھےٚ رٕتہٕ بیٚلہ تہٕ وو ستاد۔ ازی کرٕ ہیچھ گوٚ وون چون سرٛا یہ پوٚہنے اَمِس کرٕ زباس سیتھ لے۔ مگر ژٕ چھےٚ میانۍ ذٕرے برابر رٕچھو زین تتھے باٲتھ ہیتہ پاٲتھ بٕ اوسن رٕچھان، ادٕ کیاہ وُچھکھ ژٕ۔ ژٕ تہٕ دانکھ تتھی کمالس رٕکنہٕ یتھ وُنی کین بٕ وو تمُت چھُس۔ گرٕ تہ ووٚنے ژٕ نیے، وُچھ یہ تمس پننہ بہ سند برکتہٕ کوٚت واتہٕ چون بیار ووٚتھ تلن ووتھ بیہنوون اَمہ پتہٕ یہ پوٚنز میانس پھیٚکس ہیچھ تہٕ دٕراس بٕ پننہ وَطنہٕ منز کلٕ ہیٚتھ یوٚہنے سرمایہ ہیتھ۔

خبراہ اَسیم تہٕ کینہہ زٕ سفرس منز یا گرس منز اَسنس کم کم فائدٕ چھہ، سیٚٹھا دِل موٚلوٚل تہٕ غمہٕ مٕوت دٕراس اصفہان کُن۔ یہ اوس پنزی پاٲٹھو مےٚ منز نصیب رٕت زٕ اکھ گوس بٕ آزاد تہٕ بیٚیہ اوسُم یتھ پوٚنز سیتۍ مگر تمن جاناوارن نِش ترٛھینہ گژھن، تمن سیتی مےٚ ہاوٕل اَسی، تہٕ پنُن ٹوٚٹھ وطن شیراز ترٛاوُن، بیٚیہ خاص کرٕ تتھ تس ماشوقس تمکھے، نیرُن یوسہ پنزی پاٲٹھی دوٚیم لال تہٕ شیرین آسہ ہے، تمی چیزٕ سیتۍ گوم دِل سخ تنگ تیتھ تنگ زٕ ییٚلہ بٕ ابدال تکیس نکھ اللّٰہ اکبر ووٚس منز ووتُس، مےٚ زن ہیٚتن جگرس گنڈ۔ سینہ تہٕ بگی تھےٚ چھُسنہٕ ہیکان۔ اکہ بوٚہ مٕٹھُس یہ پوٚنز ہیتہ پلِس اَکِس ہیچھ تہٕ چھُس کتھ کہ دی دی وَدُناہ کران تہٕ وَنان ؎

گرم باز آیدی محبوب سیم اندام و سنگین دل

گل از خارم بر آوردی و خار از پا و دل از گل

ملامت گوی عاشق را چہ گوید مردم دانا

کہ حال غرقہ در دریا نداند خفتہ بر ساحل

میانہٕ پیٚٹھ وَدن باکہٕ بوٚزتھ دٕراو درویشاہ اکھ تکیہ منز نیبرٕ تہٕ چھُم پرٛژھان زٕ ژٕ کیازِ چھُکھ بَبا وَدان؟ اَمِس بوٚوُم پننہ دُکھ دود۔ اَمی ژٕ ونس بٕ تکیس منز تہٕ نیوٚنس پننہ کھیتہٕ دِلداری اَلی سے اَکِس درویشس برٛونٹھ کُن۔ اَمِس وُچھم نیٚبرِم خیٚمہٕ زٕ زٕ پننی ہاش۔ یوہسہ یہ کھوٚ مےٚ کلس دیتھ چھےٚ یہ چھُم تمی دِٕشہِ۔ مگر اَمِس آسہ اَچھ ترٛاوِتھ بیمناکھ زٕ انسانس اَمی تمن کُن وُچھتھ واہ ووٚیتھ گژھان

یُتھے اُوِ یہٕ وُچھُس ہیٚر بہٕنہٕ، کرٕ نمٕ نظراہ تہٕ چھُم ہُمِس درویشَس کنٔس تَل کیا ہتام وَنان۔ اَمہ پتہٕ پھیرِن یہٕ ہیمنا کٕہ یُتھ مےٚ کُن نَنہٕ چھُم دَپان" اَسہ تہٕ چھےٚ اَصفہان گرٕ چھن۔ ہرگاہ ہیٚاُنی مرضی آسہِ، تیٚلہٕ گرٕ چھو یکوَ بٕہ، بلۍہ اگر قسمتس منظور اوس ہیٚتھر بیٚچھ تَلتھ گچھو" اَچھ وُچھتھ کوٚرمس یقرار نہٕ دِ زاسے اَسی تموکاہ چھپیچھ۔ یہٕ بےٚ دین درویش وٲسس اوس نادِ بے دین) تہٕ بہٕ بنیہ دِتہ دوس تہٕ آسے اَسی مُشراونہٕ یٮ۪لہٕ اَسِس مےٚ ووٚن زِ بہٕ کیاہ کٲم کار چھُس کران یہٕ گوٚر ہوش تہٕ چھُ اسہِ یہنا کران۔ باقی گر کار تراوِتھ درویش بننس تہٕ گدٲیی ہُنٛد بجر پانس منٛز پٲدٕ کرنس ہیچھ چھُم شیخ زور کران تہٕ چھُم دَپان" ہرگاہ ژٕ مےٚ ینٛن بیر بناوَکھ تہٕ میون چیلہ بنکھہ، بہٕ بناوتھ ژٕ [1] اوتادن کیا زِ پانہٕ چھُسے بہٕ قطب۔" اَمہ پتہٕ پُوو نمٕ تارکن ہُنٛد علم، ہجوو تہٕ تامھر ہیٚتھر تہٕ اُنی دِ تنمٕ نُسخہ پوٚنشہ تہٕ زٕہم پوٚشہ نےٚ وُمر تہٕ یمو سیٚتۍ سپدِکھ سیٹھا پوٚنیسہ دول۔ دٔپتھم" اگر خرگوش ہیٚنٛدوٚ لٹ کُٹھ شُرِس شاندس تَل تھوٚوکھ، تس یٮ۪لہٕ نیٚنٛدرٕ۔ ہرگاہ گرِس خرگوش سُند رٔتھ چٲوٕن دِکھ تمہ سیٚتۍ گژھن تمِس تان بکھ، کمر تہٕ گژھس زاٹھِلی تہٕ پکنس نیٚتھ تہٕ

گرٕ چھ لوٚت۔ اگر راجہ ہوٚنی ہیٚنٛز اَچھ یا گوڈ ہیچ اَدٕ ژ کاٗنسہ شُرِس نیرٕ گنٛڈکھ، سہ شُر بنہ بچتہ بڈٕ ہیٚکہٕ دول۔ اگر راجہ ہوٚنی شُند ہیب کاٗنسہ زنانہ پلوٚن ہیٚتھکھ تس گرٕ چھ رینٛو ہیٚنٛز رٕش۔ راجہ ہوٚنی شُند کرینہ باز کھینہ سیٚتۍ چھےٚ زنانہٕ ہانٛتھ رودان۔ کٕہ گرٕ تھ چینہ سیٚتۍ چھےٚ شہوت بڑان۔ ستھۍ سیٚنٛدی نمٕ چھِ لگان زبان ہیٚنٛدی کرنس تہٕ راتہ کرٕ لہ ہیٚنٛز اَچھ چھےٚ لگان نیٚنٛدر گالنس۔ ماسے موٗ جبتہ ہُرٕ اونہٕ موٗ کہٕ چھےٚ کُس گفتار بوٚنی سیٹھاہ پزٕ تہٕ محل خانن منٛز خاص کرٕتھ بادشاہ باین چھےٚ یہ بوٚنی بڈٕ بکار ریوان۔ نہٕ توٚسے چھہ اکھ بڈٕ خریدار ریوان۔ یہ برج الصنم بوٚنی لوٚتہ اکھ نِش کہیں۔ نہٕ چھےٚ اکھ نِش ہرگیاہ بوٚنی کانٛہہ چیٚت" یژٕ ہے یژٕ ہے چھُم واریاہ کہتھ وَنان۔ یٮ۪لہٕ اَمو مےٚ زَگ زٕٹ، اَمو ویٚنی مےٚ ترٕ چھ کھتا، یمہ سیٚتۍ مےٚ کھوٚر زٕ دٕلہ ہیٚنٛز ژٕ ج نیرتھ دَپان چھُم" استغفرا! یُس یہٕ یوٚتر ژٕ سےٚ چھُے یہ چھےٚ ژٕ سےٚ فارون سُند خزانہٕ۔ ژٕ سےٚ کیا چھےٚ خبر یہ یوٚتر کیا چیز چھُم۔ مگر یوٚت تام یہ زِنٛدٕ چھُ توٚت تام لوٚبہٕ یہ کہیں۔ اَمِس چھُ معمول تیٚلہٕ یٮ۪لہٕ یہ مارنہٕ ییہ۔ مارِتھ یٮ۪لہٕ اَسی اَمی سُنٛد ین تانن نیٚتھہ کیٚتھہ دوا بناووٕ اَدٕ وُچھکھ تہٕ اَسی کینٛوارتم دوا بادشاہ باین سعونٛ معولی کیٚنہٕ نہٕ۔ ژٕ سےٚ چھےٚ نہٕ خبر سے زِ ہیٚنٛزی سُند کرینہ باز خاص کرٕتھ یمہ نسلہٕ کِس چہاپس ہیٚنٛزی شُند کرینہٕ باز

---

[1] اوتاد: وُلین ہیٚنٛز اکھ جماعت۔ یم چھُ کُل ژور زٕنی سٲری یسے دُنی یہس منٛز آسان۔

گوٗ موہبتُک کیمیاه۔ اَمی ہِندِ نسبتہٕ ہُندہ مُسلہٕ چھُ سارِنی
زُہرَن بکار یوان۔ اَمی سُندہ مُسلہٕ زالِتھ اگر کانٛہہ تمہٕ
منٛز اکھ سۄر پیوٚنت نیٚنگلاوِ، سہ بنہِ نقل تلمنس
منٛز، فشہ فریب وَرتاونس منٛز، چالاکی منٛز تہٕ وۄمہٕ دلی
منٛز اَمو سے ہیوٚ۔ بہٕ چھُسے دٔیان ہرگاه یہ ماردن، اَسہِ
گژھ زنٛدہ۔ وَن کیاه چھکھ وَنان۔"

ییتھِس پٔترِ سُند شہید گژھُن، یُس پچھور قبرِتس
تہٕ پا پرجاہی دوہ شونی وَقتن منٛز مےٚ سیٚتہٕ سیٚتہٕ روزِتھ
میٲنی غمخأری کران اوس، گوٚ مےٚ سخ ناگوار تہٕ مےٚ
کوٚرمس نکار۔ درویشس کھٔرِ ژٕکھ، اَچھ دژٕ اَیس
ٹھٕٹھِتھ، مگر وارِن کھوٚتُس چھوکھ تہٕ گردنہٕ ہنٛز رگہٕ اَیس
چارنہٕ تہٕ چھمھ پھرِ پھرِ وُچھان۔ مےٚ دوپ زِ " پانو!
ہرگاه نہٕ موٚنتھ، یہ ہیٚیی جبرس کام تہٕ پٔترس سیٚتہٕ نیی
ژٕنےٚ تہٕ کلہٕ ہیر ژٕٹِتھ۔" آخر لوگم نہٕ کانٛہہ چار تہٕ گوٚ
راضی۔ وَنہٕ زنہٕ دوٚر اَکِس خلوَکھ ژوٗس منٛز زولُن
نار تہٕ باتیبرِ وراے نیوٚنس کلہٕ ژٕٹِتھ۔ کٔرہینہٕ ماز تہٕ
نستہٕ ہُندہ مُسلہٕ تھووٗن ہیوٚن۔ باقے تان زالِن نارس
منٛز۔ زالِتھ کرِتھ سعہ نیٚروٗن اَمی سُند سۄر تہٕ تھووٗن
لوچِہٕ اَکِس منٛز گنٛڈِتھ تہٕ گوٚژٕ اَکِس منٛز ترٛاوٗن یہ سورے
اَمہٕ پتہٕ دژاے اَسو برو ٹھنٛڈ کُن۔

اصفہانٕ دٲرتھ گٕڈٕ مےٚ بأزی گرِ بلوٗ تہٕ لأرکھم
درویشی ہِندی بُلوٗ نالی۔ اَتہٕ بیہِتھ دژاے اَسو ٹھران
کُن۔ وٕنہٕ چھینہٕ اَسو کُنہٕ اور واتان زِ ژٕو یارٕ بیٚییہ

دوہ یہ خار تہٕ دوا منگنہٕ معہ کھۄ نکھ وأرتِتھ۔ اَکھ موج
اَمِس پیٚنس نیٚچوِس چشمہٕ زخمہٕ نِش نچینہٕ معہ کھۄ دوہ تہٕ
خأر منگنہٕ آمژٕ، بیٚییس زنانہٕ اوس ریٚنی پٔترِ زیو گنٛڈ
روزنہٕ معہ کھۄ تاوِیز نکار۔ پہلوان آسے دُشمن پٔترِ
تلوار ٹاسہ تلہٕ بچنہٕ معہ کھۄ تاوِیز منگنہٕ۔ اَن ہرشہٕ آسہ
زخ بیدار گژھنہٕ خأطرنہٕ وراثت ژھانٛڈُن وألی
اَسو وأرِث دٔرن ہِندِ مرنہٕ خأطر یوان۔ مگر درویش
سٕندی مستقل خریدار تہٕ گیہ جان وُسن وألی میٚنٛدی
آسہ پادشاه سٕندِ محل خانٕچہ زنانہٕ ییمہ چادرِ زٕ دورِ
بادشاه سٕندِس محبتس بلہٕ لم کران آسہ۔ درویش
سٕندِس شفاخانس منٛز اوس کُنی گفتار، رامہٕ ہٕوٗنی سٕند
وال، ہا پھتہٕ چرب، رانہٕ مسہ گگہٕ پٔترِ اَدٕر چہ، سیٚتہٕ
پٔترِ تیرِ تہٕ بیچھ، بیٚییہ تہٕ کیا ہتام الایہٕ بلایہ۔ بڈ اَکھ
اَمِس دٔیان زِ مےٚ سیٚتہٕ گوٚژھ پادشاه بیٚیین زنانن
ہِندِ کھۄ تہٕ زیادے محبت کرُن۔ تس دِتن پٔترِ سُندہ
کٔرِہینہٕ ماز۔ بیا کھ زنانہٕ اَمِس پینیخ رکنہٕ سیٚٹھا جکھان
مگر پادشاه اوسے نہٕ تو تہٕ تس کُن اَچھ تُلان۔ تس
دِژن پٔترِ سٕندِ سۄرِ منٛز ژھا اَکھ تہٕ دوٚپنس
شب جُمعس تانٛی چیٚنِ قہوس سیٚتہٕ۔ بیٚییہ زنانہٕ اَکہ موٚنگنس
بچھس ژلنہٕ معہ کھۄ دوا تس دِتن ہا پھتہٕ چربہٕ نہٕ دوٚ
نہٕ اَسہِ زِ خوش گژھنہٕ وِز آسان تہٕ نہٕ غمہٕ وِز بچھس
ذرہٕ کھالان۔ فشہ فریب چہ ییمہٕ بچہٕ اوس زنانن نِہ
نہٕ توٚنس تام گنٛڈ ناوان تہٕ مردن اوس غلیظ دوا بھگی

کھیاوِ ناوان۔

یِمَن سادٕ نے جَہتَن تہٕ تارَن گرٕی ہِنٛدِین ماملَن منٛز رٕوٗدُس بہٕ اَمِس زِنگہٕ منٛز نٕنگ ژھینتھ تہٕ ہیٚلہٕ ہیٚلہٕ کٕنہٕ وَرِہ اوس ہیٚنہٕ یِوان تھٕلہٕ تھٕلہٕ اوشنٛش بہٕ بکار یِوان۔ مگر یمے ییوٚنہٕ کھوٚٹ پونٛسہٕ تہٕ اَکھس ییچھ تہٕ سہٕ یوٗتُر بچہٕ رگوم تلہٕ اَنٛد دُس۔

یے دِین درویشس سیتہٕ چھیوٚرُس طرفاتَن

تہٕ سیٚٹھاہ جایہٕ وُچھم۔ وَتہٕ وَتہٕ رٕوٗدی اَسی بٔنٛن وان دَہراوان اَڈِین جایَن وُچھکھ اَسہٕ قطبہٕ اَوْ اَدِیتر نظرہٕ اَدِیت جایَن فَرایہٕ تہٕ مکارٕ نظر۔ ووہٕ دِکھاو یِہنہٕ کٕنہٕ گمہٕ اَسہٕ جایہٕ جایہٕ ہشتر زان تہٕ سیٚٹھاہ کینٛہہ ہیوٚچھ۔ طہران ییچھ گیٚیہٕ اَسہٕ اَستنبول تہٕ تتہٕ ییچھ گیٚیہٕ مصر، حلب تہٕ شام۔ جدّہ شریف کھٔتی جہازس تہٕ واتی ہِنٛدستان چہٕ سورت جایہٕ۔ اَتہٕ ییچھ گیٚیہٕ لوفر تہٕ کشیرِ توفر تہٕ کشیرٕ یِکُس کِہِتھ ییکھا زٕ نتیکہ لکھ اَسہٕ اَمہٕ سٕنٛد کھوتہٕ ٹھک تہٕ تارَن گرٕی۔ اَخر واتی ہرات۔ پٹھانَن ہنٛز بے وُقوفی کٕنہٕ دَرایہٕ اَسہٕ اَتہٕ لوفر کِین ٹھگَن تہٕ بدذاتھ کاشرِین ہنٛز شبان ژکھر۔ ہراتس منٛز درتی درویشَن پاگمبری ہِنٛدکوٚم

اَماپوز اَکھ زٕ موجزٕ تہٕ واریاہن بٔڈَن نوٗہرِ جوان بٔنا وینکو وعد برابر تہٕ گژھنہٕ کٕنہٕ دِژِن ژھیچ تہٕ کوٗڈٕن بٔیِس شہرَس منٛز کلہٕ۔ اَتھ شہرَس منٛز ییچھ اَسی اَکِس بالَس تلہٕ کٕنہٕ ڈوکہٕ ہِنہٕ اَکِس منٛز۔ اَتہٕ کرناوِن شووُے زٕ بہٕ گیاہ چھُس دُنیہس لاہ کرِتھ خلقَن ژوٗرِ بیہتھ تہٕ اَسمانہٕ بٕچھُم کھین وَسان۔ اَکہٕ راتھ کھیوا اَمہٕ سوبوٗت کَھٹ یُبرِ لتھ، ییچھ کھیونس مٹھایہٕ منٛاہ تہٕ، بٔیِہ وولُن ژامنہٕ ٹوٗراہ تہٕ بوٗن کُن۔ اَمِس ژوٗٹن زٕ ہیرِ تہٕ چھوچھ کینٛہہ کران موٗد۔ درویشَس بوش کھالنہٕ معہ کھ ییوٚ متے وَنُن زٕ۔ "یِہرِیَن گوٚیُتھ کمالہٕ وول اِنسان وُچھتھ شیخ خارہٕ تہٕ تیمَن گیہٕ راے پچھ تملکھ۔ تَوے ژٕیوٗ لکھ اَمِس اَسمانی غذاہ یوٚت میادَس منٛز بٕ شاہ کھالنس تہٕ رٕوٗزِس بہٕ وَتھ۔ اَمہٕ سٕنٛد روٗح اوس نیبر نیرنس وَتھ ژھانٛڈان۔ اَخر تیٚمَن کُنی ووہ لٹھ تہٕ شمال کِس داوِ طوفانَس سیتہٕ کھوٚت یوٗنٛسی مس اَسمانس ییچھ تہٕ بوٗٹھ حضرت عیسیٰ سٕنٛدس ییچھ کٕنہٕ تِکیا زٕ تَس لِہنہٕ کٕنہٕ اوس نہٕ بہٕ ہُن یِژھان۔ (ہراتس منٛز بچھ ساریٚے رِتہٕ کالس واو چلہٕ وُن روزان، اَمہٕ وَرائے ہیکَن نہٕ تتہٕ کی لکھ زٕنٛدہٕ رٕوٗزی تھے) اَکھتے ٹھوٗوُن یٔیتہٕ کین تکَن ہُنٛد رِژٕر وُچھتھ ستہٕ پیٚرِین

ٮ۱ فلاٹ پنٛنہٕ کتابہٕ منٛز چھُنہٕ "بدذات" لفظ لیکھمُت تھے شاداں بکراہ میٚ پنٛنہٕ کتابہٕ منٛز چھُ یہٕ لفظ۔

تانی تیمن یہ ہواہ چلہٕ ڈن ؛ اَتہٕ یم پراُنی پراُنی اُسی
تہٕ یمو ڈمریہ واو چلہٕ ڈن روزان اوس ڈیچھمت
تیمن بیوٚٹھے تہٕ یہ۔ فاٗر تیہنٛد کیاہ پکہ ہے، اُمخر
چھُ درویش سُنٛدُ ے پکان۔ موختصر کوڈ رکھ
درویش کمہٕ حسیہ تہٕ زیہ سان دفن تہٕ اَتھکو حاکم
آیشنک ہیرزن دِتُس پانہٕ قبرِ تانی نکھہ۔ بیرزن فقیرن
ہنٛز یمن یمن پرٛتھ اَستانَن تمو سٕنٛز نیرا وٕ ہارہٕ تہٕ
بنووکھ اُمو ہنٛز قبر اَستان یوٚت وہ ذٕ ساٗری
فاٗطر قیامژ تام یوان گرٛٹھان آسن۔

درویش سٕنٛد مرنہٕ پتہٕ ہیتر ہے تَسٛند مرید
آسنکہٕ ناوٕ سیتہٕ، جاےٚ کنٛڈ تہٕ تاوپر وسیتہٕ
باقے تکھ لُٹاوٕ۔ ژھدہٕ پیسٹکی کی وال تہٕ اُڈچہ
کھنچ سٕنٛز نیراوِتھ اوسُس درویش سٕنٛد مالہِ کرٕ
ناوٕ کنان تہٕ اوسُس تیمن پادرن ہنٛد کھوتہٕ تہٕ
تُرٛ ہارہٕ وٹان، یم حضرت عیسیٰ سٕنٛدس نخرٕ ہنٛز
اَڈلوجن ہنٛد ناوٕ دوہ دیہتو اُڈچہ کھنگر تکن لالان
اُسی۔ آخر بیسیلہٕ بٕ درویش سٕنٛد ریش کرٕ
والن ہنٛز ہارٕ کٔرتھ اَکھ تہٕ تیسٛندین نِمن ہنٛد برتھ
توبرہٕ کنجتھ موکلیوس " ہے ژاپہ نتھ ز " پانا !
ہرگاہ ژٕ یوٚہے کارٕ بار ہیو ٹھکھ کرٕنہٕ، اَتھ کیا
نہ گرٛٹھی کنہٕ دوہ مہ تیژتھ قصاوٕ ناوس منٛز پکھ
ہینہٕ تہٕ پتہٕ نہ پلہٕ نے آسمان تہٕ تہٕ زمینس

زنگہٕ۔ اگر پننہٕ کھوتہٕ کانہہ وو ستا پیوے، تہٕ
کرٛنی وُرٛتھ، پتہٕ تہٕ زانہہ موکلکھ تہٕ، ہیٚنیہ پکھ
منٛد چھاوِنہٕ تہٕ کڈنے اُڈ اُڈ "۔ رسے کیشاہ
ڈراس اَتہٕ تہٕ ساٗرو ہے ایرانس پھیرِتھ ووتُس
آخرس ہزارہ کین قبایلین منٛز۔ اَتہٕ ہیچھم کام طٔیس
منٛز تہٕ پیرِ ہنٛز اَڈ لیچ کاٗم اَندواتناوہٕ موکھ کیاہ
دِتھم اَتہٕ پانٛعمبری ہنٛد موٚدم "۔

اَمہٕ پتہٕ چھُ پانُس نکھہٕ بہتھ درویشس اَکِس
پھینکس تا ساہ تراوٕ نتھ وَنان " یہ موالی فقیر
گیا سہ اوسہٕ ہے اَتھ فقٕنٛد ٹھیلس سیتہٕ سیتہٕ۔
اُمس چھو خبر زٕ کمہٕ فقنہٕ ژٔرمت پوٚلاوٕ دیکاہ اَکھ
یوٚہ یہ تہٕ کھیتھ زانہہ نہٕ موکلان اَمس۔ ہزارہٕ کو
ساٗری قبایلی خاص کرِتھ تم یموٚ سہ پوٚلاو کھیو
بنے یہ میانی مریدہٕ تہٕ اَمس پتہٕ پتہٕ پکان۔ حضرت
آیشان سُنٛد سہ قصہٕ تیس ساٗروہ ہے خراسانس
منٛز مشہور چھُ، سہ گیا گوس بہٕ۔ یوٚدوے پادشاہن
ہے رٹنہٕ موکھ پننہٕ کنہٕ فوج تہٕ سوز تہٕ تمہٕ فوجس
سیتہٕ ہیوٚ کنہٕ ہے مقابلہ کرِتھ۔ اُما پوز تیتہٕ فاٗطر
چھم ناوٕ واٗلی ہتہٕ زٕ سارہٕ ڈٔرہ پکہٕ تیہنٛد پونسہ سیتہٕ
اُرامہٕ سان روٗزِتھ۔ یور مشہد واتی پیتس گوٚہکے
کال تہٕ پیٚٹھہٕ ہیرٛ وم اَکِس اَنین اَچھن کاشس
اَزٕ مگر کینہہ اندیوم تہٕ تہٕ تمہٕ سیتہٕ روٗدُم سوٗتے

ایتیبار۔ زانہٕ خۄداہ کیاہ آسِس وۄنی کَرُن۔ اَد کیاہ، یہ چھُہ میون قصہٕ "

درویش ضفرس پیٚتہٕ ہیوٚت دۄیمہِ درویشن پنُن حال بوزناوُن یُس ہزارہٕ ہس مِنٕز تس سیٚتۍ سیٚتۍ اوس :

## دۄیمس درویش سٕنٛز دٔلیل

"میون مول اوس شہرِ قُم کہِ کیٚنہ نادار پیٖرَو مَنٛز۔ زِ ہٕس تہٕ عملہِ ہنٛز، بیماریَن تہٕ پرہیز کارۍ منٛز اوس یٖتہٕ مشہوٗر زِ لُکھ آسۍ تسٕنٛد دعاوِ آب آبِ شِفا زانِتھ نوان تہٕ تسٕنٛد سرانہٕ ووٚنی اَسۍ دوا زانِتھ چیوان۔ اَسۍ آسۍ نہٕ ژُوو بائے تہٕ مول اوس کانٛچھان زِ اَسۍ گژھو سارۍ تسٕنٛدۍ ہیوۍ بننۍ۔ اَمہِ موکھہٕ بیوٚکھ سہ اَسہِ سیٚتۍ بڈٕ سختی کرنہٕ مگر اَسۍ تِنگو فند فریب مٕنٛز چھنس کُن، لیہٕ ہے اَد یٖتہٕ اَسہِ خمیٖرۍ بنیہٕ۔ اَخر گییہِ اَسۍ اَکھ بُڈ دُنٛشر تہٕ بد لحاظ آسنس منٛز یٖتھ نادار زِ کٕنۍ جایہِ چھیٚتہٕ کٔھلۍ ہیکان۔ ٹھوُد جٔلیٚتھ۔ خاص کرِتھ دُرٛاس بہٕ یٖتھ رۄنگہٕ منٛز کونٛگہِ پھوٚل زِ مٕنٛزۍ لوگنہٕ پیٚتہٕ درویش بننہٕ وراے کانٛہہ چار۔ یٖمہِ کیٚنٛہ مٕنٛزۍ اَد بڈٕ شوہرتھ لٔب۔

میون گۄڈنِکۍ سفر اوس طہران کُن، طہرانس منٛز واتِتھ دُیت مٕنٛزۍ اَکِس عطارس سٕنٛدِس مکانس بروٚنٛہہ کنہِ ڈیٚر۔ ڈُنہِ اوسُس بہٕ ڈیٚر ڈیٚرِ ستبالانے زِ بڈاہ اَکھ آیہِ تہٕ چھیٚتہٕ برس زوٚرِ زوٚرِ ڈھُک ٹُھک کران

تہٕ وَنان "ہَتہٕ حَضَرت درویش صاحبا! یٖمس ہمسایہٕ عطارس حضرت گییہِ قونٛجۍ تہٕ مرنہٕ ہیٚر حضرت چھُہ۔ کم کم دَواہ دِتیس مگر کنہِ سیٚتۍ چھُس نہٕ فرق گژھان۔ وۄنۍ حضرت دُعاہ اَتہٕ تہٕ ہیٚتہٕ ناگوین ہیوٚن۔ دِلوٚ تٔہنٛد چھوکہٕ سیٚتۍ مُرشِدنہٕ ہیٚوٚ پیٖیہِ۔" مٕے اوس نہٕ اَتہٕ قٔلیٚچ تہٕ نہٕ حیلہٕ وارِیے۔ بہٕ ووٚتھس اُمس نِش۔" مٕے پیٖیہِ ناگوین بیمار سٕنٛدِس شانہٕ سیٚتۍ بیٚہِتھ لیکھُن۔" بِیچہ نیوٚس بہٕ اَکہِ بڈِ آنگنہٕ مٕنٛزۍ تہٕ ژُونس کُٹھِس اَکِس مَنٛز۔ اَتہٕ وُچھُم بیمار اَکھ مَنٛز باگ وٕتھرِنِس بیٚٹھ شونٛگِتھ تہٕ زنانہ کیو مرد اَسۍ اُمس اَندۍ اَندۍ بیٚٹھۍ تہٕ ہُبِتھ زِ ہیٚرُن ترٛاوِتھ تہٕ اَسنہٕ وَدِتھ۔ یہ بیمار اوس کٔرِتھ دُوان "واہے! خۄدایو، ہتا مودُس ہا خۄدایو۔ ہتا مٕے کہو گوا! ہَیا مٕے سو کلاوی تو، موٗدُس!" وٕتھرِنِس اَندۍ اَندۍ آسہِ اُمس وارِیاہ دواہ بوتلہِ تہٕ چیٖنۍ پیالہٕ تہٕ اوس وَنان "خۄدایاہ، یا دِم یمو دَوٚہ سیٚتۍ شِفا نتہٕ دِم موت" حکیم صاحبا اَکھ اوس دۄو سنٛزِ رٔنگ ساماہنہٕ تہٕ دٔرِکہِ مُہنٛد بانا بٕرِتھ کنہِ رٔٹِتھ کوٗتُھس اَکِس منٛز تموک چیوان مٕے وُچھِتھ پھٕٹے دوٗپُن" میانۍ سارۍ دَواہ موٗ کلیائے حضرت! وۄنۍ چھُم بس تُہنٛد دُعا تکیا زِ تانٛز درویش سٕنٛدِس دعایہِ خاطرس چھُہ تاثیر تہٕ تانٛزِ سے آسان۔" بیمارس یم خبر آیہِ تہٕ اَسۍ رٕتہٕ بیٚٹھۍ بہٕ وُچھس، چیسے رَبہٕ لٔگۍ مٕے کُن مُدٕرے گنٛدِتھ وُچھنہٕ۔ مٕے روٗٹ بڈٕ چیاد زِنہٕ خۄدا صاحب میون پرٛیتھ کانٛہہ دُعا مستجاب اوس ھتوان سیٹھاہ گوہ برِ تہٕ کاکلہِ سان موٗنٛگمکھ قلمدان

تہٕ کاگد (دٕمبر اوسمِتہٕ قلمہٕ اُتھس منٛز بوٚ ٹمٹ) قلمدانہٕ اٚکھ اوٚنہِتھ بیٚیہِ بوٚڈ کاکداہ اکھ یُس وارٕ کارٕ دواہ چھُکھ ہٕنٛد کاگد اوس۔ اُتھ کاکدس دِژہٕم ہیٚر بیٚیہِ ژٕ بوٚن تام رٕ کھِتھ رکھ تہٕ بیٚیہِ بناوِی مس خانہٕ۔ یِمَن خانَن منٛز بناوِم پیٚمہٕ اورٕکی یورٕکی تماشہٕ ہیوٚ۔ اَمہِ پَتہٕ ژٕ دوٚم یہِ گٕڈِس آیہٕ پیالس منٛز تہٕ دِتم بیمارس چیٚن۔ دوہ ژٕ لگہِ اَتہٕ سارِی اَچھ کَڈِی کَڈِتھ تہٕ گرٕ دِتہٕ زیٚٹھرٕ اوٚرِتھ میانِس دعایہٕ خاطرٕ کیس تاثیرس پیارہٕ زٕ یِمَن میانِن اورادَن کیاہ تُرٕ نیرِ۔

حکیم ووٚتھ ”ہرگاہ رزق آسِس نیٚلہِ چھس یِم نامِ پاک تہٕ شکلہٕ شفاالبنہٕ معہ کھ کافی۔ نتہٕ میانِ ژ چینہٕ کیتھ۔ ہرگاہ بوعلی سینا تہٕ قبرٕ منٛز نیرِتھ علاج کرِہس، کہیں بَنِس نہٕ۔“

یہِ بیمار رُوٗد معہ دِ ہِشِی یاٹھو گیٚنٹس کالس بےٚ حِس۔ سارِی گیہ حاران بیٚیِلہِ اُمہِ ڈاکرٕ ژوٗہِ بہٕ ژاوِتھ اَچھ مُژراوِ، حکیم تہٕ گو حاران تہٕ اَندرٕی کینٛہ گوس بےٚ تہٕ۔ اَمہِ پَتہٕ ٹُلن ٹانٛدٕ پیٚٹھ کلہٕ تھوٚد تہٕ مُنٛجن طَش۔ تھہنٛدِس دٕہنس گولاب، اُمِس آیہٕ ترٛاٹھ دِژرٕ وکھ ہرگاہ بوعلی سینا پنٕنۍ سارے کتاب قانوٗن چاوِہِس، تمہٕ پَتہٕ تہٕ ییہ ہِس نہٕ پَژھ درِ وکھ معہ جھر رُوٗد نہٕ اُمِس غلیظ مادٕ کہیں اَندر تہٕ یہِ گو فارِغ۔

بہٕ چھُس اَندرٕی کینٛہ سوچان زٕ دراصل آسہٕ ہا یہِ کاکد دِژرٕ وکہ ہِنٛدِ نوٚچک، اَوے آیہٕ اُمِس درِ وکھ نتہٕ ما آسہٕ اُمِس کاکدٕ کرٕ میلہٕ سیٚتہٕ مَن ژٕ وٚلمٹ۔ مگر نیشبرِکینٛہ تھیٚوک مےٚ پَنٕنہ تاوِیژک بجرٕ تہٕ چھُکھ دِیان۔“ اگر نہٕ بہٕ ژٕ بہِ ہا یہِ آسہٕ ہے وُنیوٗ کھتام مُردٕ ہیوٗمِی ہشیوٗت حکیم صابن وَنُن۔“ حضرت! یہِ چھُ دراصل میانہٕ دوٚہیک تاثیر، نتہٕ نوٚن پییہٕ نہٕ چیان اَمہِ نوٚچ دوائے بیٚیہِ کُنہِ سیٚتہٕ پَژھ دِژرٕ وکھ میون دواہ نےٚ آسہٕ ہے، یہِ بچہٕ رٕ تہٕ آسہٕ ہیٚنہٕ؟“

بہٕ ووٚتھس اُمِس دٕرجواب۔“ ہرگاہ ژٕ چھان حکیم آسہٕ ہیکھ تیٚلہٕ کیاہ نہٕ دِواوِ نہٕ چانِس دوٚہِس میانہٕ تاوِیزٕ بروٚنٛہہ ٹھ تاثیر؟ دوہ تہٕ تھوٚد نہٕ تُلِس یِمہ زُکہٕ پرِ سر بچیٚز، یِمہٕ زٕ چہ تہٕ الایہٕ بلایہٕ۔ بہٕ تھونیرِ دوہ نتہٕ کُنہِ تو آسہٕ تھو ہےٚ۔“

یہِ بُہِتھ اورٕ وَنان ”درویش صاحب! بیٚشک چھُکھ ژٕ چھان تاویز لیکھان تہٕ تاویز لیکھنٕچ دِمو ےژٕ مےٚ ہا رٕ تہٕ۔ مگر سارِنے چھےٚ خبر زٕ درویش کیتھ چھہ آسان۔ ہرگاہ کُنہِ دُعایہٕ خاطرٕ س رُت تاثیر چھُ نیران سُہ چھُنہٕ درویش سٕنٛدٕ چھہ کہ سیٚتہٕ یا تَسٕنٛدٕ بجرٕ کینٛہ نیران، یہِ چھُ آسان نحوہ ایمن کُرُن۔“ مےٚ دوٚپُس ”ہتا ژٕ کُسوٗ چھُکھ یہِ وَنَن دول ژٕ مےٚ چھےٚ نا خبر سے ژٕ کُس سیٚتہٕ چھُکھ کَتھ کران؟ بہٕ گوس شاہِ مردانٚ[1] سٕنٛد غلام، بہٕ چھُس تہٕنٛدٕ

---

[1] شاہِ مردان چھہ حضرت علی کرم اللہ وجہہ صابَس وَنان۔

خاندانٕک نصیحت خان تہٕ اولیاءاللہٕ ہٕندِ بٕرکتہٕ چھُم اوٚنِج تہٕ آخرچ خبر۔ حکیمن ہُند چھا لٔگتھ پٔتھے مشہور چھے تقدیرس پیٹھ تدبیر کرُن کُرِ پیٹھ چھا لٔتہٕ ہاوان۔ بلیوٕد، کانٛہہ بیمار تمہٕ وِزِ گوٚو ونُن "مے ورٲے کتہٕ بٔلِد ہا یہٕ ؟ ہرگاہ ہوٚو تیٚلہٕ چھُو ونان" تقدیر اوسُس پیٚوُمُت، اجلن اجلس کیاہ کرِ ہیٚکِو" ۔ یہ چھنے دپان۔ وونتہٕ ییٚر یانس، ہرگاہ بیٚیہِ کانٛہہ چوٚن بیمار گژھہٕ سا تہٕ مرِ نہٕ مرِ آسہٕ تہٕ تیٚشہٕ بلیِنج آسی نہٕ کانٛہہ وعید مۄکھے فرش پیٚتہ کرِ زِ تٔمِلہٕ پیتِھن میوٕٹھ پیتھ یہٕ تاویز دِوے تہٕ ژٕ سے تہٕ تری فکر زٕ تٕہ، مازانکھ کہیں۔ تُہٕ چھکھ حالِ حیٲران گوٚمُت، وونتہٕ لم؟"

حکیم وۄتھ در جواب" پننہ تہٕ چیٚنہٕ مرُن چھُنہٕ ہاوان۔ یہ چھنہٕ اکھ بیاکھ کینٛہہ۔ جانٛہہ چھنہٕ کینٛہہ، چوٚن پیر تہٕ ہیٚکہٕ آسہٕ تٔس تہٕ دِیے نہٕ یہٕ بیکہٕ اس کرنہٕ۔ تہٕ چھکھا یہ مےٚ ونان۔ بدماشا، فقیرا، بیچھکٕٹا وۄتہٕ ہابیچھو بیچھو تہٕ لکِن اکھ دارِ دارِ چھکھ آسان وۄمِس راتس دربدرٕ تہٕ کرکھ مےٚ ونس طاقتھ، ڈٲلی کھاوٕ بیٚے نماز! ژٕ سے کتیوٚ اوٚنتھ چوٚنہٕ مے یہ ونس ؟"

امہ پتہٕ وۄتھ ہوٚو تہٕ وولیوٕ ہمنا ژوٚرِ ہٕنٛدِ ہٲنن منٛز تہٕ ہنٛتہٕ وچھتس لحاظ۔ مےٚ دِتس تم جواب یمو سیٚتہٕ ترٕ تمس۔ اکھ اِکس بیکو سیٚتہٕ تہٕ بٕڑھو کٔڈتھ وٲتی اسہٕ ہشتن تہٕ ہمکھا لیٚن پیٹھ۔ اموٕ گئی مےٚ ژلُف مےٚ تہٕ چھنس بیشس تھچھ۔ اوٚرٕ تہٕ ژٕ تم تال تہٕ مےٚ وولُس ترپس ترٕتھ۔ اوٚ ہیو تمس ہیٚتس تپ تہٕ مےٚ وولُس نٔل دِتھ تچھس ہشلے تہٕ چھم کلس ٹاس لایان تہٕ یہ چھُس ہینگہ دوان۔ گرا چھُم یہ ریش ہاوان کڈُن تہٕ گرا چھُس یہ اَمس ہُس کڈان بہٕ کیہ بہٕ کیہ۔

بیمار چھُہ پننہٕ کھنہٕ یہٕ گٔژھتھ دِوان تہٕ تیٚشہ گرٕکہ پان ماران ہگو اَسہ رٔدٕ دمہٕ ژٕدان، ظاہر ما گژھہ ہے خوٚن ہرگاہ نہٕ زنانہٕ اکھ ژھیٚن کرِ ہے۔ بسوٚ وٚژھ "لعنت چانس لیکھنس تہٕ ہمہ سینہِ ہس پیوٕ پنس۔ تیٚلہٕ سہٕ ژھوٚ مراد تہٕ وۄنی۔ بوٚ ٲنی کھنہ چھُہ بلسہٕ وول برس ٹھک ٹھک کران۔ زٕ یہ کیاہ ہوٚل ہا لیے پتھے۔" اَسہٕ گوٚو ژھیٚن قسمتن کرُم یاوری زٕ سار وۄپے لوٚد راہ حکیمسے تہٕ میون اَسہٕ ونان زٕ اَمس چھنہٕ خطیے۔ حکیمس چھُہ وُچھان وونی یتمہٕ نظر زٕ کاکا کاراہ کرن نہٕ کہیں۔ مُفتس مُنز گژھس پوشیہ دِنی۔ مےٚ اَسو وُچھان تمہٕ نظرٕ زٕ نیٚتہٕ مےٚ ابوقبیس[1] پال اکھ تاوِیز سیٚتہٕ پھیوٕ ژٕٹ اوس۔

ییٚلہٕ حکیمن ساری اکی ہے کُن وُچھ گژھان۔ سہٕ گوٚو دم پھیٹھ، چھوٚٹہٕ تہٕ دستار تٔلن اکھس کڈتھ تہٕ ہیٚتو نیرُن۔ نیرنہٕ بروٚنٛہہ سوٚ نیرٲون ریشہٕ وال تہٕ میانٛی کینٛہہ ہس وال تہٕ۔ یمن کرِن ڈینج ہش تہٕ چھُم ہاوان تہٕ دپان۔ "ہیا پٕرٕ، کھرا، ہیا فند بازا! ژٕسے چھیا خبر

[1] ابوقبیس چھُہ مکہٕ شریفس نِشہٕ اکھ بال۔

اَکہ مس وال کڈنس چھُ سعو پنہ مُشند رکھ پونڈ ہیوان
جُرمانہٕ دِیُن یتھ طہرانس منز۔ بہٕ ترٛاوُ چھ ژکھ پاگٹھو
بچکھ پگاہ یتمہ گوٚہ کھسنہٕ کرہ بالہ نیشہٕ بچہ مُشند ہندس
امام صابس نشہٕ ہے"

یوٚدوے بہٕ اوسس زاٚنِتھ ز منگن ہٕند پیٚ
پھرٕ پھرٕ وسنہٕ پتہٕ گژھہ نہٕ حکیم بچھہ تہٕ اما پوز اندرٕ
کنو اوسس خودایس منگان زِ یہ گوٚژھہ بچہ
مُشند ہندِس امام صابس نیش گژھن تہٕ مےٚ گژھو
تور نادِ دِتھ نہٕ یتھ اَتھ زنگاہ لگہ ہے پتہٕ بہٕ گژھہ ہا
ساٚری سے ناما وار۔

بوٚڈ معہ ہیٚنتوٚ آسنہٕ کنو گیہ عطار ہشنٕہ اکس
نوٚس درویش ہنٛد اتھہ بلنج کرٕکھ ساری سے پتہٕ
جایہ جایہ چھےٚ فقط میانی کتھ چلان۔ صُبح بیہٕ
شام تانی چھُس بہٕ تاوِیز تہٕ دُعایہ خانہ لیکھو لیکھو ترٛاوتھ
اکس بتھ وُچھو تےٚ ہنٛد ژھان تہٕ ہار ہیوان۔ کینٛہہ
کالس منز بنیوس بہٕ سیٹھا پوٚنسہ وول مگر بدنصیبی
کیاہ گٔیہ زِ، ہر کانٛہہ بِمار پیوم نہٕ قوٚت بچہ وایس عطارس
ہیو پتہٕ گوم پرٛیتھ کانٛہہ کاکُد درو کہ لد دواہ پھٹچہ
ہنٛدِ کاکدکو پاٹھو سیٹھو۔ آخر دٔراس طہرانہٕ منزٕ تہٕ گٔیس
ایران کین سارنے شہرن پھیران۔ اَدٕ پتہٕ شہرن منز
اسو میانی ناماواری بروٚنٹھے اَسان وأژ مٕتسٕ تکیاہ
عطار ہنٛد بلراہ نیچ ستند اسم اسو تےٚ یتھے اوسس
اکی سے اکرسے ہاوان۔ اَدٕ کیاہ از تام چھُس امہ کے

بتہٕ کھیوان۔ یوٚدوے میانین تاویزن تاثیراہ کینٛہہ
نیران چھُنہٕ مگر تو تہٕ یی وہنی لیکھنس مِحنتانہٕ ترٛان
چھُم سُہ چھُم پانس سوٚنٛب سیٹھا۔ یام فکرٕ چھُم ترٛان
زِ یتھ جایہ ناپکہ مےٚ کھیپ تہٕ اتہ گژھم وٚنٛدھ تام
چھُس جل اتہٕ جنٛدٕ گنٛڈ تُلان تہٕ نیران بییس
کُنہ جایہ کُن"۔

ییٚلہ ترٛییمس درویش لیشنہ دأری وأژ، سُہ
دوٚپھ "یوٚدوے کتھہٕ کُتابن چھےٚ کتھ زیٹھر اوسن
عادتھے آسان مگر بہٕ ونوہ ژھوٚٹراوتھ پنُن قصہ۔

## ترٛییمس درویش سُنٛد قصہ

بہٕ چھُس اکس اوہن صابن نیچو۔ ییٚلہ تمہ
مےٚ منز حفظ کرٕ نیچ قابلیت وُچھ تہٕ بییہ تولگُس
بوزن زِ زبان تہٕ چھُس اژ تمہ پتہٕ نوٚوس بہٕ فارسی
زبانی ہنٛز واریاہ دلیلہ تہٕ قصہ تہٕ کرنوٚس
ژہٕ یتس۔ یانی مےٚ پننٛ خزانہٕ امہ دولتہٕ سیتو بوٚر
تہٕ یہ دولتھ خرچاونک ورتاو ہیٚوتُم ینُن۔ تانی
لاگم درویشی ہنٛدِ جامہ نالی تہٕ لوکس لگن پتہٕ
تہٕ ہش مکھ تیمر ژانہٕ۔ مےٚ ہیٚوت تکھہ سعہ نبراوتھ
دلیل بوزناونک تہٕ اکس بییس لاگنک کارمنٛڈ۔
گوڈٕ گوڈٕ چھُس بہٕ لکھو یوٚ ہےٚ ہیچھرے ہیو
تہٕ دلیلاہ بوٚزِتھ اسی ہارہ دِنہٕ وِز لٹ ہیوان۔
مگر یوت جاد جانِ مےٚ تجربہ گوٚ تیوتے ہیٚوتُم نوقصان یوٚن

کرٕن ۔ دٔلیل بوز ناداں بوز ناداں اوسٕس تیتھ
ژھعہ یہٕ کرٕان ییتیتھ باقی اُڈٕ ہمن بوزنس اوس
سارے ییتیس پیچھ ووتمت آسان ، اُتی اوسکھ
دٔپان" تٔلہ حَضرت یمس حضرت علی کرم اللہ وجہٗ دِلس منز
محبتھ چھٕ ، سُہ تراٰوِن چھٕندس اَتھہ" لکھ اُسو
چھٕندس اَتھہ تراوان ۔ اَمہ پتہٕ اوسکھ وَنان :
"یمس حضرت عباس رضؓ شُند ژھینو نمت اَتھہ ٹوٹھ
چھٕ ، سُہ کٕڈِن چھٕندٕ منز کینژھا ۔" اُتی اُسی کینٛہہ
نتہٕ کینٛہہ کڈان ۔ اَمہ پتہٕ اوسکھ دپان " یُس یہ
حرامک چھُ سُہ تراٰوِن منز دارکس ۔" کم قلیلاہ اُسی
تتھ یتہٕ تراوان اُسی ۔ یتھے پاٹھو اوسُس پرٕ یتھ دوہ
ووتسہ ڈیر وٕٹان ۔ یہ اُسہم وار خبر آسان زٕ قصس
کتین گرٛ ٹکھ دِین یتھ تکھ تشنہ روزن ۔ اُتی
کیاہ اوسکھ وُدرہ والان ۔ مثال کرٛتھ ییلہ
خطائس شہزاد تہٕ ختن چھ شہزاد ینٛز دلیل
بوزناوتھ یوٗتھ ووتُس زٕ "رسالہ گرٛ یو تیج رسُخ
گرٛدٕ ۔ یُہ لٕژن دالیوٗل شور ، گرٛ یو تیج پٔدرو سیتو
ٹھسرارے ، پہلوانو دٕز کرٛ یکہٕ ، جنگی گرٛ یو کرٕ زور
زور ہینہٕ ۔ فوجن دِژ ہیکہٕ ہیلے سامانس وُژھ
ٹاسرارے ، تہٕ تنپرا اُسی ٹاس پٹاس کرٕان اکھ اَکس
لایہ لیدان ۔ مگر یژھ ہوٗل ہالے اُسیتھ تہٕ روٗٹ
ہزار فن دیوٗن ، یمس ساس ہینگ اُسی تہٕ اُسس
اوسُس اکھ ساس گز کھوٗل ، شہزادٕ اٰسس منزٕ

شہزادی اُس زٔمینس کوٹھ دِتھ تتہٕ اَتھ نیبر کڈتھ
اُچھو کنہ اوٚش ہاران تہٕ کلس دَب دِوان ۔ ساری بے
فوجس ژایہ وپریٚہنٛکی پاٹھو تہ تہٕ ۔ تم بیچاری
کھوژی تہٕ سورُے ہیلے سامانہٕ تراٰوِتھ کڈکھ ہیٚہ
اَمہ وز گیہ وُزملہ تہٕ گگرایہ ، بنیہ پھیرن ہیں ہیں
کرٕان وادی طوفان ۔ یہ دیو چھُ " کھوٗن ! کھوٗن !"
کرٕان ۔" اَمہ پتہٕ کیاہ دِتُم اَتھہ دٔلیلہ اُتی تھے
ٹکھ تہٕ چھُسکھ وَنان ۔ " تٔلہ سہ چھٕندس تراٰوِی توٚ اَتھہ
تہٕ تھو دایہ سیٚنٛدِ خاطرِ دی توٚ درویشس کینژھاہ
اُتی کیاہ وَنوو زٕ شہزادٕ کیٚتھ پاٹھو مہ کلیوہ دیوہ
سینہٕ اُسہ منز تہٕ آکی گوہ زٕ ٹاسہ سیتو کیتھ پاٹھو
گے تمس کلس خشخاش دانہٕ ۔" دٔلیلہ بوزنکی عاشق
تہٕ مشتاق اُسی نہٕ دِنہٕ وُرائے دوزان ۔ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ اُسی
دِوانے ۔ بہٕ تہٕ اوسُس پرانہٕ آتھوار ہُند بہٕ تہٕ کتہٕ وَنِہ یکھ
نہ دِنے باقی اُڈٕ ہمن ۔ بہٕ اوسکھ ییگاہ ییچھ تھوان ۔
اَے کیاہ ! یتھے پاٹھو چھُس لکن چھٕندن وامی وامی
پینٛچ دوہ کڈان ۔ ییلہ اَکس جایہ چھٕندٕ چھُسکھ ختم
گرٛتھ مہ کلان تتہٕ نیبر یتھ چھُس بیٚیس جایہ کرٕن
لمان سے

"بود تا ابلہ اندر دہر مفلس در غمی ماند"

(۱۲)

# حاجِ بایِن بدل کامہ ہُند شُرُن

دَرویش ہیٚندِ یم قِصہٕ تہٕ مو در کتھہٕ بوزِتھ گوس بہٕ بڈِ شاد تہٕ سیٹھا کینٛہہ لوٗبُم تہٕ۔ میٚے کوٚر پننہِ جایہِ مشغوٗل پننہِ ہیٚنز تِژنگہٕ تہٕ ہینز مُتفقہ ری ہیٚچھتھ بنہِ بہٕ تہٕ درویش۔ صفر درویش بووُم پنُن سوٗرُے ییر ٹیلہِ نِ جایہِ گنڈ، تاوِیز تہٕ دُعایہ خاطر لیکھتھ تہٕ ژھوٗرُے بجر ہاون کیتھہٕ پانٛژ گژھہ درتاوون۔ کتھہٕ کرِ تہٕ ہیٚچھنووُس زِ دٲلیلن ہُند تلہٕ تراو کیتھہٕ تہٕ کیاہ گژھہ آسُن، کتھہ سعو نبرادِ نِکو وٲژُن تہٕ تمسن پیٚٹھ مِن پھیرنُک طریقہ تہٕ بووُم، سیٚتی دِژِم پننہِ کینٛہہ کتابہٕ تہٕ دوٗزم یُتھ تمو تلہٕ تہٕ کینٛہہ نِنیم مکرہٕ کرِتھ تہٕ تراوُم نہٕ کیٚہ کٲم۔ درویشس سیٚتو یارِ نِ لاگہٕ سیٚتواوس میٚے کیٚہہ کامہ ہُنر ناوِ نیے پیوان۔ تکیاز دوٚیے دوہہ پس کرِ تکہٕ دی دی یہ کینٛژھا بہٕ وُٹان اوسُس تہٕ سوٗرُے اوسُم گژھان اُمی سیٚے پیٚٹھ خرچ۔ درویش اٲسِم مُفتیسے پیٚٹھ چھر اتھا نکس دِہہ تلان۔ بہٕ تہٕ اوسُس یہٕ تاون پوٚری راو نہٕ موکھ خریدارن گٔرہ، ژھوٚکھ، گاسہٕ تہٕ شلین ہُند ہو کھمت ین خریدارن چون دِوان۔

اکہِ دوہہ گیہ شامن ہاگی بامہ اکھ چھیٚو وان

برادان زِ جشنہِ لاگہِ تھ، کوٗب گرِتھ تہٕ ہیٚر پیٚٹھ بیوٗن تام کھیشاہ وٗلِتھ تہٕ بُتھ زوٗر تھوٚوِتھ آیہ بڈا اکہ میٚے بڑونِتھ کُن۔ پیٚھے چھم تماگی داہہ موہ کھیٚسِخ اگادِ گژھان تہٕ بڈِ زارہٕ پارِ کران۔ میٚے تہٕ واتِ یس سوٗرُے تماگی چِلم یُتھ سوٗرُے زلے زلہٕ اوس۔ یُتھے امہِ جِچپیر دام دیُت تیتھے گیس ژاس ناژُل تہٕ چیٚھے کران " آرِ تھوٚو۔ آرِ تھوٚو" ہُنگہٕ تہٕ ہُنگہٕ پیٚیے بانگو آیہ تفر یونیٚہ اتھن ہُنر گرِتھ تہٕ ژرِتھ لورِ ہیٚیے ہیٚیے اُتھ تہٕ ہیٚمے چھہٕ پرِ ژھنے گرِنے میٚے ذب والان نِچہٕ تِلن کتھہ پیٚٹھ کھیش تھوٚد تہٕ امہِ تلہٕ دژاد شرونِتھ کوٚتے پُلسہ وولاہ تہٕ چھم دیان: " ہیا آصفہ کِہ جعلسازا دجّالا! اِنہہ رووٚنکھ! تاون زدا! ژہٕ کیٚتیس کالس چاوکھ مشہد کرِ تکہ زہر، وُنیکتام ییتھ پونسہ لکن کھیتھ، رٹھتہٕ ووہنی تیتھ تاس یُتھ لرکابہٕ زِ م پہن گژھنے، ہیا وُچھان کیٚہو چھوٚ، کرو دوٚہ سو تاون زِ دِس ریز خانہ چوب دی دی۔ تلو دوٚہ من نمن پُھند ماز تانی خبیشس" اُتی روٗٹھس تہٕ کُرکِ ہم تلہٕ پیٚچھ ہیشوٗر کُن تہٕ چھم رود کرِ پانٛژھی لورِ وسان۔ میٚے آو بوزنہٕ زن یمن پُلسہ والین تہٕ بچہٕ ہُنز شکلہٕ جہنمکو داہ ساس موکل میانین اُچھن تہٕ ونِتھ کنہٕ ڈول واٚیے ولے نرژان اٲسی۔ پُلسہ واٚلیس چھس قسم تھوان زِ:

" ہتہ خصن! ژمے چھیے پننہِ امہ ریشیج دژہِ سے ژمے چھیے پُلسہ واچھ ہتیتو سے۔ ہتہ خصن لمے تراوتہٕ

ژٕ نُے چھےَ شُرِین بٲژَن ہِنٛز دٕرے۔ ژٕ نُے چھےٚ خودایہ
سٕنٛد قسم۔ ژٕ نُے چھےَ رسولِ خدایہ سٕنٛز دٕرے۔ ہیتہ حیض
مےٚ ژٲو تہٕ۔ ہیتہ حیض سارِ نبین ہُنٛزِ وسیلہٕ۔ سارِ
اولیا ہُنٛزِ وسیلہٕ۔ امام زادن ہُنٛد شفاعتہٕ
آسی۔ ہیتہ حیض وونی بخشن کرِ نہٕ۔ مےٚ ژٲو تہٕ "سہٕ نہٕ
زن بوزانے اوس۔ ہُکس رٕژھ تہٕ ترٛدونس نہٕ۔ بِہنٛز
رِکنز کریوس لُکوَ تہٕ زارِ پارٕ مگر تہٕ چھُمنہٕ ژٲوان۔
درویش یارَن تہٕ ونیوم زِ توٚہۍ وٕنۍ توس مےٚ ژٲوہے
رِتمو ثلنہٕ ووٚٹھس بیچھاتھ دیوتہٕ۔ آخر گوس چوب کھیٚنے
کھیٚنے بے حِسے تہٕ کیٛنژھہ تہٕ رٕوٚزم نہٕ خبر۔ بیٚیہ ساتہٕ
بٕ چھیسہٕ چھیوٚرس مےٚ ووچھ کُلہٕ پٔٹھ دیوارس اُکھ
سیٹھاہ تھٲسنہٕ آمُت تہٕ اُندِ اُندِ نکہٕ عرصا اکھ
تماشہ ووچھان۔ رٕتم تہٕ جاہ آتھن مےٚ سیٹھا کانٛہہ مُروت
کرِ نہٕ موکلہٕ، رٕتم آمتو مےٚ تماشا ووچھنہٕ تہٕ بیٚیہ بیٚمہ
موکلہٕ زِ تقیہ تھوسہ حالا کیٛنژھہ۔ خاص یہ مےٚ ٹھیٛر
ٹھوٚن اوس یارِ زِ جنجیر، تمٲ گو ٹھیلہٕ تہٕ بیٚیہ باقے
ماہانہٕ تہٕ اوسُم پیسہ والیو سورُے لوٚٹھ کرِتھ نیوٚمُت
تہٕ ژلنس اوسہٕم اجازتھ تھوٚومُت۔ بیٚیہ ہُن ہُمس
خدایہ سٕنٛز مہربٲنی زِ ڈیٖر اوسُم نکھے۔ یان کھٔکھر
پکنا ووتھ تہٕ کھوکھشو کرَان کرَان ووتُس ڈیٖرس بیچھ
کرِتھ دِوان تہٕ وَدان۔

تِلہٕ بتین اُسم زخم گمتی تہٕ دِلس بیچھ اوسُم سَخ
بار۔ آخر رٕوٚدس اُکس دوہس ڈیٖرس بیچھ۔ دوٚیمہ

دوہ یہ کوٗر اُکی درویشن جگہٕ رے ہیوٚ تہٕ آم خبر تہٕ چھُم
دِپان۔ "موالی بابا! ہرگاہ بہٕ شُلہ آیوسے، مےٚ تہٕ کیا
سہٕ بیچھن ڈانٛگ۔ دِیہا نُم تہٕ تہٕ چُھکھ اُمی ہیے سیٹھا"
اُمیس درویشس تہٕ اُسو کرتام اُکھوچ بیچھ سَخ چوب
بیمیتو تہٕ بیتہٕ اوس پایس بیچھ حکیم بنیوٚمُت تہٕ کرِکری
کٲم اُسِن ژٲوہِش۔ خاص اُمی کوٗر مےٚ یلاجا رِپلا جاہ
کیا ہتام تہٕ مےٚ بیچھو زخمن ژٲلی تہٕ گوس بہٕ بیٚیہ
اورِ یور نیرنس لایق۔

بہار ہِنٛدین دوہن چھُس بہٕ بِہتا بہٕ تہٕ تہٕ حملہ حالان
سوچان زِ اصلی چھُس بہٕ کمہ تانی منحوس کہ مشہدس منز
ژامُت۔ زانہٕ خودا تمہ ساتہٕ کتھہ بہٕ جُھس هنٛز چھےٚ نٕوٚ
اُسمُن۔ گوڈٕ چھُٹ شوٹھس کمبرِ۔ تمہ پتہٕ ثلمُو تمن ہُنٛد
مار۔ ہرگاہ بہٕ بیٚیہ کینٛژس کالس پٔتہ رٕوٚدمس مےٚ
چھُم ژان فکرِ مےٚ ماما رِنے۔ چھُنا اصلاح زِ بیٚمہ شنایہ لد
مُلکہٕ منٛز ژٕلے بہٕ؟ آخر کوٚرُم پانس سیٹھا فاصلہ
زِ بہٕ گژھ طہران۔ درویشن تہٕ وونُم۔ تم گیہ یہ بوزِتھ
خوش۔ صفدر درویش چھُم وَنان: "بہٕ تہٕ ییمے سیٹھا
تکیا زِ میانۍ ناماوارِی چھےٚ بٔتہ کین عالمن اُچھ
منٛز ٹُھرٕ تہٕ تم چھِ راتس دوہس آسان مےٚ کانٛہہ
نہٕ تہٕ کانٛہہ وکانہٕ کرِ نہٕ خاطر تتبیر کرَان۔ سہٕ کُس سہٕ
روز بٔتہ ہمن مُلکن منٛز، مُلکس سیٹھا کٲم گژھ ہنو گیہ
ما بیٚتس سیٹھا کٲم گژھو۔ شُلہ گری چھُ جان بیٚمہ
بُلایہ تِلہٕ یان موکلاوُن۔"

مےٚ اوس درویش بنتھ فاحلہٕ کوٗرمُتؕ ،

لہاذا اکہٕ ژھہ ہیوٗتم پوشاک تہٕ تہتھی مُلیٚ۔ خرقہٕ ، کش

کُکھ تہٕ ہرٕنہٕ مُسلہٕ ہیوٗتم مُلہٕ تہٕ ہیوٗتم صفرِ درویشن

سیٚتھ سفرس نیرنک شنز کرٕن۔ اسہِ اوس دوہ شونی

نیبر نیچ پرٕتھ باتھبر نہ بتّیہ کانہہ پانس سیٚتھ تُلنہٕ وراَم

ہیرٕ ژوو نیرٕن مگر اَسہِ زون دُنی یاہ دور تہٕ دوٚپ شیخ

سعدی ینٚزِ کتابہ منٛز دُچھو فال۔ صفر درویشن

چھوٚل اَتھ بُتھ تہٕ حضرتِ امام جعفر صادق سُنٛد

دُعایہ فالاہ پٔرتھ مٔڑ اوٚن سعدی ینٚز کتاب۔ اَتہٕ

دراہ یہ زٕ " دواہ بنیہٕ کرٕ نیتہٕ زہر کھیوٚن تہٕ غارزان

وَتھ قافلس ورأے مانٛدٕن چھنےٚ نادانٔز۔" یہ فال

نیرٕتھ ہیوٚ اسہِ قرار سے کرٕن۔

بہٕ دراس دوہ نی کانہہ قافلاہ ژھانٛڈنہٕ یمہِ

سیٚتھ اَسہِ تہٕ سفرس نیرٕ ہیو۔ اَتھی منٛز سمکھ مےٚ ہنگہ

تہٕ منگہ علی شٹہ وول یُس تازٕ ے اوس مشہدٕ وُتمت

اَتہٕ اَسہِ اَمِس مُخاد آچھ کنہٕ بستہٕ گرٕتن لدتھ طہران

نیٚہ۔ مےٚ وُچھتھ گو یہ سیٹھا خوش۔ تمأکی چلماہ

ہرٕن تہٕ چُھم جمیر پلہر وان۔ اَمہِ بتہٕ چُھم خارپالحھ پٔر ژھان

اَکی فہ ہیچھ ینیس تام بوزنووم یہ سورُے تہٕ اَمی تہٕ

بوزنووُس پنُن گدٕرن تہٕ دوٚپنم زِ تےٚ نِش ژھینہٕ

گژھینہٕ پتہٕ ووتس بہٕ ترٕ کمانن ہیٚنٛد خطرٕ ورأے کنہٕ

بستہٕ ہیچھ اصفہانس منٛز۔ اَتہٕ آس ونہٕ تہٕ ترٕ کمانن

ہنٛد ہراتہٕ ہیچھ روت ہمکیم کنتھ چلان تہٕ دپان اَسی

تم ترٕ کمان لوٗٹٕ ٹراَسی اَکھ ساس نفر مگر اصفہانکی

ہُدٕ بڈٕ ہیمتھ تہٕ زوٚ جان ژٔرٔتھ کورکھ تمن سیتی مُقابلہ

خاص کرتھ کوٗر کربلأیی حسن نأیدون تہٕ تہنٛد اَکھ ژٔیٹھ

شیخ پامٕ ٹھوٗ زخمی تہٕ سیٹھا مُشکلی سان ژوٗل تمن اَتھو

منٛز۔"

مےٚ اوس پنُن حال بادنہٕ ورز پرٕ تھ کانسہ نش

مُلی سُنٛد نادٕ تہٕ تسٕنٛد کام کار بیٚتر ژور تھووٗمت۔ علی

شُٹہ وألس نش تہٕ تھوٚوم کھٹتھی مگر مُلی سُنٛد ناو

بوزِتھ وُڑٕ چھُم جگرس دگ ہیٚش تہٕ چلمہٕ گو تنڈٕ م گُنٛدوم

تہٕ دہرٕ گوٚل بُرتھ چاوٕ وُم یہ دوہ علی شٹہ وألِس

بُتھس۔ تس گو سورُے ریش تہٕ بُتھ وُچھتھ اَمہِ سیٚتی

پٔیم یتھی شیہلتھ ہش۔

آخرس ووٚنُم علی شٹہ وألی زِ اصفہان وأتِتھ

نیوٚ مےٚ کینژٕ نموک، تراہہ ژادرٕ تہٕ توٚمُل یزد شہرس منٛز

تہٕ یزدٕ ہیچھ آسے یورٕ وال ہیچھ۔ یتہٕ ہیچھ چھےٚ مےٚ

طہران گژھن، تہٕ مہ یہ غم۔ زٕ طہران واتناوُن گیہ

میأنی کام، وَتہٕ میٚلہٕ ژٕ تھکان آنکھ بہٕ اَسہِتھ راہ

خودا گرٕ ہن تہٕ کھالان۔

## (۱۳)

# حاج بابن لیلہ بوزناونک کار کرن

نیبر شہٕ ورٕ میٚلہ مشہدکس دروازٕ س ہیچھ ووتس

تہٕ حیس ونان: "گژھ مشہد! کوفہٕ! گژھ خودا کرِ سے

ٰ شیخ سعدی اوس شیرازُک اَکھ بہلہ پایک عالم، پرہیزگار تہٕ گوٗنماتھ۔ یہنٛد اسم شریف اوس شیخ مصلح الدین تہٕ بوستان کیت بہ گلستان چھ ... پنُن ناو ... ہمیشہ ... زِنٛدٕ ... نقل۔

لوٗطۍ سُند قومۍ کو پاٹھۍ تُلکٕ پیٛٹھ "۔ مگر کھوٗژِ کھوٗژِ اوسُس اوٚرۍ یوٗر نظر دِوان ز کانٛہہ پیٖر صاحب آسہِ موزان یُتھ یِتھ شہرِ پٲٹھۍ سیٹھا بےادبی کرٕنیچ توٚہمتھ لٲگِتھ سنگسار کرن۔ صتفر درویشس تہٕ اوس سیٹھا اَتھ شہرس وٕچھ یِتھ وٕچھ ہیوٚ کران۔ میٛے اُس تَلہٕ ییٚتھ شَلنچ دگ یاد پیوان تہٕ تٔس اوس نٕہ ژٕنتس پیوان زٕ لُکو کیٛتھ پاٹھۍ ژانٛہہ شِتہٕ۔ مختصر اُسۍ اُسۍ دوٚہ شوٚے مشہدس تہٕ مشہدکین روزن والین دُعا یہٕ خاطرٕ کران۔

صتفر درویش چھُم دَپان "دوستا! وُنہٕ چھکھ ژٕ لوکٕٹ تہٕ ہیٛچھر۔ وُنہٕ چھُنہٕ کیٛھہ۔ ژٕ چھی وارِیاہ دَب دُرہٕ ہیٛنۍ کھیٛنۍ اَدٕ سَیدَ کِہ پوٚختہٕ۔ یُس ژٕ یُتہٕ تکلیفا دوٚتے تیٚمۍ پٔزی نہٕ ژٕ گرٲو کرٕنۍ۔ یوٗژھ ہے خوٗدایَن، وُنہٕ چھی ژٕ ہیٛتھ ہیٛتھ کانٛہہ تکلیف ژالِنۍ۔ مگر سیٛتی اُسۍ زٕ اُچھ ہزاران یُتھ ژٕ تجربہٕ سَیدی زٕ کیاہ کیاہ چھُ دُنیہس منٛز پیوان ہیٛچھُن۔ مِثال کٔرِتھ زنتہٕ یوٚہے پلسہٕ وٲلۍ سُند قصہٕ اَمہٕ تَلہٕ آسی ژٕ وٕنۍ نمیوٗمُت زٕ پلسہٕ وول چھُنہٕ پرٕچھتھ دِز پلسہٕ وَردی منٛز ہے آسان، شہ چھُ کٔر کٔر

---

[1] لوٗط اُسۍ اَکھ مشہوٗر پٲغمبر۔ یِہُند قوم اوس سیٹھا بدکار۔ اللّٰہ تعالیٰ ژھنۍ اَتھ قومس نار تٔرِتھ تہٕ بیٛیہ کوٗرنکھ تُلکٕ پیٛٹھ۔ یِتھہٕ کٕنۍ یہٕ قومے ختم گوٚ۔

نال بدلاوان۔" اَمہٕ پَتہٕ چھُ ریشس پیٛٹھ اَتھہٕ پھیرِتھ دَپان۔" وُچھتہٕ میٛتہٕ ہوس چھے یِتھ وُمرِ تہٕ وٲنسہٕ منٛز سختی پیوان وُچھنۍ، حیاتُنۍ چھِنہٕ کیٛتھے۔"

میٛتہٕ دوٚپُس۔" دوستا! ہرگاہ ژٕ مشہدس منٛز یُژھکھ روزُن ژٕ چھے پانس تاقی۔ اگر ژٕ نیماز پٔرِکھ روزٕ دَر روز کِھہ تہٕ حالایُنۍ نِش زیوٗگنڈٕرٕ رٔکھہ تیٛلہٕ کُس دِیی ژٕ ایذاہ، کُنہٕ چھا ہیوٚکِنۍ ؟"

یہ چھُم درجواب وَنان۔" یہ ہیٛسہٕ چھُ پوٚز۔ مگر کٔر کیاہ، پانس چھے خبر زِ ماہِ رمضان ہیوٗتُن واتُن۔ تَمہٕ چھُ اَتھ رہمتس زَن باوٕ لہٕ گَژھان۔ یوٚہے منٛزٕ ہیوٚ چھکھ پیوان۔ بٔ زانہٕ روزٕدَر روزٕنۍ۔ خودا کرِن زانٛہہ تہٕ مہ پٔژھن میٛتہٕ۔ میٛتہٕ چھے تموٗک چِنِس بدٕ ساد یوان تہٕ اَمہٕ سیٛتی چھے میٛتہٕ وٲنس ہران۔ شراب چِنہٕ سیٛتی چھُنہٕ یہ اوٚرٕ تہٕ دوٚہ رُژان۔ حرام اگر یموٚ دوٚہ یوٚ پھیرِ و وَراٹے بٔ شاتہٕ چھُنہٕ کھالان۔ بڑوٗنٛہہ پاٹھۍ ہیٛکہٕ بٔ وُنۍ کیٛن تہٕ خلوٗ کھٔس منٛز دُہلی کھاو رُوزِتھ مگر کرامت تہٕ ولایت چھَمنا اُتس کھٔرِ ہرٕ۔ لہٰذا کٔرِتھ ہیٛکہٕ نہٕ ییٚتہٕ روٗزِتھ دُہلی کھاو بِہِتھ۔ بیٛیہ ہا میٛتہٕ ہیوٚ اِنسان یَس کُن سارِنے ہیٛنزٕ اَچھ مُدٕ سے گٔنڈِتھ چھے آسان ہ؟ سہ چھُنہٕ کیٛتھے۔ وٕنۍ گوٚ شہرس منٛز روزنہٕ سیٛتی ہے دُہلی کھاو آسان تہٕ چھُس نتہٕ چھُنہٕ کینٛہہ۔ تہٕ چھُ وَنِنے آمُت فَعِدَّۃٌ مِنۡ اَیَّامٍ اُخَر[1]

---

[1] قرآن مجیدس منٛز چھُ یہٕ آیۂ کریم (باقی برونہِمس صفحس پیٛٹھ)

اُمی ہیتہٕ چھُس دُہلی کھاو روزان تہٕ کانٛہہ چھُہنہٕ اِمیتراحن
تہٕ کران"

مےٚ خصر دأتی اُسو شمتان۔ وَتہٕ شیپدِ تہٕ کانٛہہ
خاص تیثھِہ قِصا یُس وَننس لایق آسہ۔ یمنا نس مَنٛز
اَکھ زٕ دوہ واتنہٕ پتہٕ وُنتھ اوٚسُس بہٕ عَلی ٹُنٛگ دارِس
اَکس جایہِ گرٕن پیہوٹ پِہ لَدنس مَنٛز اَکھ دِوان زٕ
تَتھ جایہِ یِوسہ تمی سَقَن پھیٛرا وِمژ آسیم، ڈرام اَڈٕچ
ٹاس ہیوٚ تہٕ کرٕنم تیٚخ ژگ۔ ییتی چورنس تہٕ۔ یوٚت تام
یہ دود بَلیہِ ہیم توٚت تام اوسُمنہٕ اَتی روزنس کانٛہہ چارٕ
وہنی اوسنہٕ تہٕ کمانٕ ہُنٛد تہٕ خطراہ وَطراہ کینٛہہ اِہازا
کرٕتھ اوسنہٕ کانٛہہ کھُتکھ۔ مسٕفر درویش دوٚپیم
"بَبا، مےٚ کیا سہ گرٕ ژھٹےٚ ماہِ رمضان چہ نیا مُرٕ اَتھ۔
مےٚ چھےٚ صلاح پیوان بہٕ دِمے قدم۔" سُہ وۄٚتھ تہٕ ڈرا۔
شہرس نی زٕ پچھے ہیوٚ ٹھس بہٕ اَکس مَل گُذارس
مَنٛز تہٕ وہراُوم پنٛنز سوٚ یستہ۔ اُتی کیاہ چھُس درویشن
ہُنٛدی پاٹھ ٹھنکھ دایان تہٕ بَڑٕ بَڑٕ وَنان، "یاہوٗ! یا
من ہوٗ! یا مَن لَیس اِلّا ہوٗ! نادِ علیاً مظہر العجائب"

میٚتھ لکن میسا ینہٕ پنٕنچ خبر گرٕ چھ۔ مےٚ اُس پنٕنز حَیثِیتہٕ پیٛمبری کنہ
قلندرن ہُنٛدی پاٹھی بناوِمژ تہٕ اَنٛدری کنہ اوٚسُس
دَپان فنٛد فریب تہٕ ٹھگ وَرتاوتس کیاہ آم رُت موقع۔
ناگوِپز تہٕ دُعایہ غاگرِ ینہٕ خاطر آوٕ دوہ یوٚ ترٕ ییوٚ
زنانہٕ وَراُسے اَتہٕ بیٚنیہ کھینٛو۔ یموٚ اوٚن زامُت دوہ دوہ
ماچہ تہٕ میوٗ مےٚ ہدی یہ۔ کمبرس کوٗرُم تیتھ دوداہ زٕ
کوٹھ لاریو پیتھرس۔ آخر ڈراس حکیم ژھانٛڈنہٕ۔ بوٗزم
زٕ اَتہٕ چھ زہے زٕنی طبابت کران۔ اَکھ ناگوِد تہٕ بیٚنیہ کھار
ناگوِد اوس تعٕ نٛبہ ہیٚنس، دَنٛد کدٕنس تہٕ اَڈٕ چہ گنٛدٕنس
مَنٛز بڈٕ نا مادار تہٕ کھار اوس چارواین یلاج کرٕنہٕ کنہ
اِنسانن تہٕ یلاج وِلاج کران۔ یموٚ وَراُسے اُس کرٕ نہٕ
داد دوہ دریمرٕ اَکھ کھٹہ گتاچ تہٕ نذر بڈٕ اَکھ تہٕ یلاج
کران۔ لکن ییٚلہ نہٕ ناگوِ سُنٛد دٕسی یا کھارٕ سُنٛد
کھرنہٕ پتہٕ بلنٛچ دوہ میدٕ اُس روزان، تم اُسی
اُمیسے بنٛجہ نش دوران تہٕ اُمی سُنٛد یلاج اُسو بنی اِسرایلن

---

(ڈیتو مہ صفکہ فٹ نوٹک باقے) ہیدایت دِوان زٕ ییٚلہ
کانٛہہ سفرس مَنٛز آسہ سُہ میہ فقون روزٕ اما پوٗز ماہِ رمضانچ
روزٕ چھس یتین دوہ ہٕن مَنٛز جنوٗر ژر پوٗر کرٕنہٕ۔ ۱؎ جنگ
خیبرس مَنٛز ییٚلہ نہٕ عبدودو پہلوانس دیشِ کافرن ہُنٛد
طرفہٕ لڑنہٕ اوس ڈرامُت) مقابلہ رسول اللہؐ سُنٛد طرفہٕ
کانٛہہ مُسلمان ڈراو، رسول اللہؐ فرموو: نادِ علیاً مظہر
العجائب یان زٕ گرِ آو حضرت علیؓ ییس یمی سُنٛد اِہتہٕ عجایبات
چھ سپدان۔ حضرت علی صابس اوس اَچھن دود۔ پتہٕ
چھ رسول اللہ پنٕن لعاب مبارک تمن اَچھن مَتھان
تہٕ تمن چھےٚ اَچھ بلان تہٕ تمہ پتہٕ چھ تم عبدودس مقابلہ
کرٕنہٕ نیران۔ ناد انس مَنٛز واتی پیتھے چھ تم عبدودسن
کلہٕ نوان ژٹتھ۔ کافرن چھےٚ عنا جر ڈلان تہٕ مسلمان چھ خیبر زینان۔

ہِندِ ین پاتھمیرِ نہِ چُھنہٕ مُعجِزٕ ہیؤ زانان ، یِم تٕریشوٕ سے
آسے مٕنّے شوٹھس یِلاج کرٕنہٕ تہٕ ترٕیشوٕسے چھم دِیان زٕ
دٕراہمیل چھُسے زٕ نٕسے یہٕ دوٕ و سردی سیٖتھو تو یومت ۔ گرمی
چھیسےٚ سردی برخلاف ، لہٰذا اگر مٕتھ چھُنہٕ چاٹُنس کمرس
سیٖخ لاگِنہٕ دِرائے بیٚیہ یِلاجی کانٛہہ ۔ شنشترِ ٹمک دِرتاو
آسِنہٕ کینٛہہ تھوٚوٚکھ کھارِنس زٕٹ واٹہ ہیٚنز کام مِنٛٹہ ۔ تمی
اوّن زٕنہٕ ھٹیلاہ ، دٔمِن بٔستاہ تہٕ سیٖخ زٕدہٕ میٖرہ ہلِگُذارس
مٔنزٕ تٔرٕزاوی اُمی اَندٕ کٕن یِم سیٖخ تہٕ کرٕن دوہ زٕلی نار
ہیوٚ ۔ اُتی سوونس بٔستھ کینٛہہ تہٕ بٔڈ نا ظیمہ سان لاگٕ نٕم
ژھوہ دہن امام زادن سیٖتھ محبت تھوٚوٚنکس ناوسی
سیٖچھ ، ژھوہ دہن جاین سیٖخ ۔ یِتھےٚ یِم سیٖخ مٕنٛز کمرس
لاریۓ ، بہٕ چھس چاہ ہمیہ آسانہٕ کرٕ یکھ دِوان ۔ یوٚد تُم
اُسنس تھووٚپ تہٕ چھم دِیان ۔" خبر دار چھےٚ ۔ یُتھنہٕ
شاہ کھا لکھہ ۔ نتہٕ راوِ اُتھ سورُسے تاثیر ۔" چھیکرس
تٕرٕ دوہ ہس سگنے زوّن ۔ یِوت تانی یِم زخم بلیم تو تمام
چھُس اُتھو مل گُذارس سیٖتھ سیٖٹھاہ کانٛی بلیوس
تہٕ سارِ نے اوس بہھتھ زٕ ژھوہ دہن امامن ہیٚنٛدِ ناو
ژھوہ دہن جاین سیٖخ لاگِنہٕ کر برکتہ کینی گوس بہٕ ٹھیک
کانٛسہ تہٕ رٕوونہٕ یِتھ کینٛہ مٔنز شک زٕ تِمو سیٖخ تہٕ
چھہِ مُعجِزٕ کِس اثر ۔ اماپوز میٚیے اوس خبر زٕ اگر بے
جایہ بہھتھ آرام واتنہٕ سیٖتی بلیوس بہٕ ۔ مگر کس
وَنہٕ ہا تہٕ کُس بوزِ ہیم ۔ بیمہ سیٖتھو کھولمٕ نہٕ شاہ تہٕ
یُتھنہٕ اُتھ تاثیرے راو ۔

اَمہ پتہٕ ہٕتیوٚ تِم نیرنک سنز کرُن ۔ مگر نیر نہٕ بروٚنٛٹھ
دوٚپُم زٕ بہ ینٛہ سعوہ ہموٗ شُر ورتاوٕہا ۔ ڈیپل بوزناوِتھ
کوٚرُم سنز تہٕ ، اُکس لوکٹس ناؤدانس مٔنز بیٚیتہٕ ہیٚنٛشنس
باگ کھرو ہیشہ ہیٹھا کہ اُسہ لاکان ، وہراوُم کیٚر ژادر
تہٕ شینکھہ وائے وائے ہیتیم تکہ سوہ نیراوِ نی زجاجھا
اکھ گیہ مٕنے اَندی اَندی جاہ تہٕ چھہ سارِی گرد تہٕ
زہیٹھر اوٚبتھ ، اکھ پھرو پھرو تہٕ اُس پھزر اوٚبتھ مٕنے
کٔن وُچھان ۔ بہٕ دِژاس مٔنز باگ ، لو رہنا اکھ چھم
اتھس کیہتھ تہٕ چھُسکھ ڈیپلاہ ۔ اکھ بوزناوان یوّ
مٕنے ناؤدکار کرٕنہٕ کین دوہ ہن مٔنز زٕ ہتس اُس
تھوٚومٔنز ۔ دوٚپمکھ :

" پرانی قصہ بوزناوَن وٲلی تہٕ خبر وَنن وٲلی
چھہ رِوایت کران زِ یمن دوہن ہارون الرشید چھ
خلیفہ اوسمت ، تِمن دوہن اوس بغدادس مٔنز
ناؤد اکھ روزان ۔ اُمس اوس علی صقال ناو ۔ بٕینہ
کامہ شوٗ اوس یہ یِتھ دوہ ستاد تہٕ تجربہ تھوان زٕ
اُچھن پٹ گنڈتھ اوس ژکن مٔس کاسان تہٕ اِصلاح
ہیوان ۔ کانٛہہ اکھاہ اوسنہٕ اُمی ہیٚنٛدِ دُسوٚ مٔس کاسنہٕ
دِرائے روزان ۔ اُمس اوس خریدارن ہُنٛد بٔڈ
بر بار تہٕ لکن اُسنہٕ مٔس کاسنس ہہل ہہل اُمی
یوان ۔ اَمہ کینٛہہ ہیٚشہٕ اُمی آسانس سیٖتھو گاڈ بٔزٕتھ
کھیٚنہٕ ۔ دوہ زٕ چھِنہٕ اُمس بٔڈ ین موہ منوین دِرائے
کانٛہہ اکھاہ فکر کھسان تہٕ یوٚنسہ والین تہٕ اطراف

وَرائے چھُنہٕ کانٛسہ تہٕ مَس کاسان۔ تمہٕ ہیہ تہٕ چھنے
خبرٕے زٕ بغداوَس منٛز چھُ زیٚوٗن دوہے دِزٕ دِگ۔
آسان۔ زٕنی واٲلی اٰسہ اُمِس علی صَقالَس پنٛدی بے
وانَس نِش گَرِی بار آسنہٕ کیٚنہہ شمان تہٕ خرید ارن
جان پوٚنسن زیٚنن کنان۔

اَکہِ دوہہ آو سیٚٹھاہ سادٕ زٕنی وول اکھ خرس
پیٚٹھ زٕنی بوراہ ہیتھ۔ علی صَقالنہٕ وو ستادٕ آیہنچ
اُمِس پٕرخبراہ کیٚنہہ تہٕ شیٚدی پاٹھو کوس وانَس
نِش تہٕ چھُس دِیان: "دوہہ ہٕشن زیٚنن ماہ ہیٚیو ہا"
علی صَقالَس گوو ہتکھے ہیو مگر دوٚپنَس: "اَدٕ کیاہ
ہیمو۔ مگر بٔ دِمے یوت، ہیٚیہ یُس زیٚنن ژٕ یئے خرَس
بار آسی تہٕ ہیکے سورُے۔" زٕنی واٲلی کوٚرُس یقرار
تہٕ سپُد اور یور ہیٚنہ دیٚن پوٚر کرٕنہٕ موہ کھ لفظ۔ زٕنی
بور پٮ۪ٹھ کرِ واٲلیتھ چھُ زٕنی وول علی صَقالَس پونٛسہ
مَنٛگان۔ علی صَقال ووٚتھ "ژٕ ئے تروٚوتھ وُنہٕ
سورُے زیٚنن پٮ۪ٹھ کرٕ تہٕ ہیوٚ ٹھکھ ہار مشکنہٕ یُس
تہٕ پلنہٕ چھئے، یہ تہٕ چھُ زنٕے۔ اَکھ تہٕ چھُ میٚ لفظ۔"
زٕنی وول گوو یہ بوزتھ ہاران ہیو تہٕ چھُس دِیان
"ہتا یار! ژٕ وَنان کیاہ چھُکھ؟ کتھ زیٚنن تہٕ کتھ
خرٕ سٕنٛد پلنہٕ۔ یہ کرٕتھ کتھ چھُکھ ژٕ کران؟" کتھ
نیٚچھے یہٕ تہٕ اَتہٕ ہیوٚتن بوڈٕ ٹنٛڈ ووتھن۔ آخر نیوٚ
علی صَقالن زیٚنن تہٕ تہٕ پلنہٕ تہٕ تہٕ بچور زٕنی وول کوڈ ون
ہارٕ دیار رووِ ستے وانہٕ منٛزٕ نیبر تہٕ دوٚپنس: "گژھ نیبر

یوٚت دوہ زٕنی خرِ یش کرِ یی توٚت گژھ۔"

زٕنی وول گوو قاضِنس نِش لاران۔ قاضِنہ اوس
علی صَقالس سیٚٹھ کھوژان تہٕ تمی ہیوٚ نہٕ زٕنی واٲلِس
بُتھے۔ اَمہِ پتہٕ گوو مُفتیس نِش۔ مُفتی اوس علی صَقالن
خرید ار، تمی سوز شیخ الاسلامس نِش۔ یہ چھُ اُمِس
شیخ نار بار کران۔ شیخ الاسلام چھُس دِیان زِ "اَکھ مسلہ
پٮ۪ٹھ چھُنہٕ مذہب چہ کُنہہ تہٕ کتابہٕ منٛز صاف حکماہ
لیکھتھ۔ میٚ چھُنہٕ یوان بوزنہٕ اَکھ کیا اَندٕ کیٚنہہ"
زٕنی وول گوو توٚت تٔلہ ہے اکھ مامَلس ہٕنچ تمی
لیوٚکھ دٔرخاس تہٕ دِتُن بانہٕ چھا دوہہ ہنہٕ بچہ مُشدٕ منٛز خلیفس
اَتھہ۔ دوہ زٕنی چھُیہ خلیفہ سُند عدالت بوزُنس لایق۔

خلیفن اَنہٕ نوو زٕنی وول دربارس منٛز ناد دیتھ۔
زٕنی وول آو لاران تہٕ خلیفس برونٛٹھ کنہٕ کلہٕ پیٚتھر
ترٲوِتھ ووٚتھ تھوٚد تہٕ تاظیمہ سان اَتھ زٕ ہیٚنس
پیٚٹھ تھوٚوتھ رُوٚد دوہہ دٕنی حکمس پیارہٕ۔ خلیفہ ہارون
الرشید ووٚتھ زٕنی واٲلس کُن: "وُچھ سہ ہے! یوٚت
تام لفظ چھُ گومت۔ توٚ تتام چھُ علی صَقال پوٚز ونان۔
اَما پوز ژٕ تہٕ کیٚنہہ غلط وَنان چھُکھنہٕ۔ مگر شرعک حکم
چھُ لفظسے پیٚٹھ پکان تہٕ شرعہٕ موجوٗب یہ کیٚنہہ شہا
لین دین سپدِ، تہٕ چھُ لفظ موجوٗبے سپدان۔ لفظسے
پیٚٹھ چھئے پرٕتھ یوان کرنہٕ نتہٕ اگر نہٕ تہٕ سپد تیلہ کتہٕ
پکن شرعکو حکم۔ دُنیہ ہیکہٕ سورُے کاہ بار گژھتھ ہیتھ
تہٕ پکن روزنہٕ اَکھ اُکس پیٚٹھ پژھے۔ یُس توہہ

پانہٕ وأنِز سوداہ کوٗرمُت چھُو۔ تتھ منٛز چھُ لفظ سیٚدمُت
سورُے زیٖٹھ ہیٚبہِ ناگود مُلی۔ ژینس منٛز اَدیٚس چیز اُتھ
ہٕ شہ، تہٕ سورُے چھُ علی صقالُن۔ خرٛشند یلہٕ تہٕ
چھُ زِنُے۔ لہاذا اکِتھ چھُ یلہٕ تہٕ تمی سٕے داتان۔" اَمہٕ
پتہٕ اوّن خلیفن زِنی دول پانس نکھہ تہٕ وۄننس کیٚا ہتانی
کنس تل یُس نہٕ کأنسِہ تہٕ بوٗزن۔ زِنی دول دٔراو پلنہٕ
روٗس خرٛ ہیٚتھ دربارٕ منٛز اَسان تہٕ گِندان۔

ییٚلہِ شیٚ دلیل اوٚستھ دانہٕ باوٕ۔ میٚ کرُن تھوہ
کش گنٛڈم نبر تہٕ اکی سے اکی سے چھُس برونٛہٹھ کُن
گژھتھ وَنان: "تلہ سہ دیتہٕ خدایہ سند طرفہ کینٛہہ
فائدٕ اتھا۔ اللہ تعالیٰ کرِ ہ یاری۔ دٕیوٚمیٚ موأنس
کینٛہہ راہ خدا۔ بٕ کیٛا ونہ۔ باقیہ اَڈ دلیل۔" بوزن
والین اوس پیٚنس پیٚٹھ آسان دوتمُت۔ بٕ اوٚسکھنہٕ
چھرٛان کینٛہہ۔ قسم تھوٚو تھوٚو تہٕ لیکھ ژارہی ژارہی
اوٚسکھ ہیوٚ اَنِنہٕ۔ آخر ییٚلہِ مار ووٚسے کینٛہہ
نتہٕ کینٛہہ دِتمُت، اُتی کٲیاہ وُنی متکھہ باقے اَڈ ہیٚن تہٕ
چھُنساہ وَنان:

خلیفن وۄن زِنی وأرِس کنس تل کیٛا ہتانی
زِنی دول نمیوہ بوزن تہٕ زمینس بوسہ دِتھ ووٚتھ تھوٚ
تہٕ یلہٕ رُستس خرس تھپہٕ ہن کرِتھ دٔراو دربارٕ منٛز
واتان واتان دوت ییہ علی صقالنس وانس پیٚٹھ۔
زن نہٕ اُمو شند کانہہ مثالہِ اوسُس نہٕ کانہہ گرٲے
یہ ووتھ علی صقالس کُن:" دولہ سہ دوستا۔ دونی
یہ گوٚوتہٕ تہٕ گو۔ ژھنس بلاے۔ دونی کاستہٕ میٚ تہٕ
ہیأنس دوستس مَس پنہٕ اَتھ۔ میٚ چھُ بوزمُت
ژٕ چھکھ مَس کاسنس منٛز سیٚٹھا دوستاد۔ اُسہ تہٕ
چھِ پرٛژھان چانہٕ شیٚہلہِ اَتھک مزٕ چھُن۔ تلہ خفہ
وُنتہٕ کُژ پوتسہ ہیکھ اَسہ؟" علی صقالن بوز شیٚو دُے
تہٕ چکاونس موٗزور ی۔ صاف پاک پأٹھی متاہ کاسنتھ
ووٚتُن زِنی وأرِس" وولہ سہ اَنُن کتہٕ چھے دوس؟" زِنی
دول ووٚتھس:" ییٚکیاہ، ییٚتی چھُم، ییٚکیاہ یٔ اَنہٕ نے"
وانہٕ منٛز دٔراو نبر تہٕ، رزتھ پھکرِتھ آداور خرٛ ہیٚتھ
یُس ژھایہ اوسُن گنڈتھ تھوٚومُت تہٕ چھُ ناگودس
دِیان۔" ہتہٕ خفن! ییٚکیاہ چھُے میون دوس۔ کاسُن
مَس۔" علی صقالس گو بُتھ باہ تہٕ کھُتہٕ خشمہ ہوٚت
چھُس دِیان۔" ژٕ یہ ہوس سوٚ کرس گرٕ پیستس مَس
کاسُن اوسمہ کُنے کینٛہہ زٕ دونی چھُم ہیأنس خرس کاسُن
پُشنہ ہٕ ژٕ ما چھُکھہ فأطرٕ؟ کتہٕ تھولہٕ چھُک بہان کرِنہٕ؟
دَفاہ گژھ نتہٕ لدتھ بٕ خرٛ ہیٚتھ جہنمس۔" ووٚتھ تہٕ
کوٗدُن یہ زِنی دول دِکہٕ دِتھ وانہٕ منٛز نبر۔

زِنی دول گو شیٚو دُے خلیفس نِش۔ خلیفن سوز
پلسہ دول تہٕ اوٚنکھ علی صقال رٹھِتھ ہیٚتھ دربارس
منٛز۔ خلیفہ چھُ علی صقالس پرٛژھان۔ "وَن سہ! ژٕ یہ
کیٛا زٕ کوٗشتھ نہٕ یہمی سند س دوستس مَس؟ ژٕ یہ اوسُنا
دونن کلن مَس کاسنک لفظ کوٗرمُت؟" علی صقالن
دیُت زمینس بوسہ تہٕ کوٗرُن عرض: "یا امیرالمومنین!

مٮ۪ے خَصَن چھُہ پٮ۪ٹھ پٲٹھۍ لفظ کوٚرمُت۔ مگر اَز تانۍ چھا کٔھن
خَر اِنسان سُنٛد دوس اوسمُت؟ بٮ۪یہ تہٕ اَکِس باایمان
مُسلمان سُنٛد دوس؟ اِنسانَس تہٕ خَرَس یارٕ ز آسُن نٲکھٕتی
ہیٚکہٕ نہٕ ٹھٮ۪ہرِتھ"

خلیفَس آو اَمِس تہٕ دوٚپُنَس۔ "تہٕ چھُہ پوٚز۔ مگر بٮ۪یلہ
خَر سُنٛد پلینہٕ زیٚن مانوٚ تیٚلہ مانوٚ خَر سُنٛد کلہٕ تہٕ اِنسانہٕ
سُنٛدٕ کلہٕ۔ اَز تام وُنتھ کمہِ فرد بشرن چھُہ پلینَس زیٚن
دوٚنمُت؟ لفظ چھُہ سَنٛدمُت کلَس۔ یہ آسہِ تَن خَر
سُنٛدٕ کلہٕ، تمہِ سیٚتۍ کیٛا گو؟ کلہٕ تہٕ چھا کینہٕ نہٕ؟ بٮ۪یمہٕ سُنٛد
مطلب اوس خَر سُنٛد کلہٕ۔ ژٮ۪ے تہٕ چھےٚ کلَس لفظ کوٚرمُت
لہاز اکِرِتھ چھےٚ ژٮ۪ے قطعی خَرَس مَس کاسُن تہٕ دِمے
بہٕ سزا۔"

علی صقالُن تُل صابنہٕ تکرار تہٕ چھُہ خلیفس تہٕ
تسنٛدٮ۪ن اَمیرن وزیرن ژُو تھٕ کنہٕ خرس
مُھقان تہٕ مَس کاسان۔ دربارس چھُہ سارٮ۪ی ییٚڑ بُرِتھ اَسُن
کران۔ خلیفن دِیُت زٕنی وٲلِس ئینامہٕ تہٕ دراو پانَس،
خلیفہٕ سُنٛد اَمہِ اِنصافٕچ کریکھ گیہ سارِس سے بغداد اَس"

## (۱۴)

# حاجی بابُن اَکِس ڈاکہٕ وٲلِس سمکھُن

تہٕ تمیٚک ستھ!

ستمنہٕ منٛز دراس بہٕ خویش پأٹھۍ۔ کمبر اوسُم دوہٕ ژ
سیدیومُت۔ رنگ ہیوٚ اوسُم بچھیو رمُت تہٕ پننہٕ بُتھہ اوسُم
لبنہٕ ریوان۔ مَشہدس منٛز یم دٕہ تۄ ماہن رُژھ رِتھ اَسم
ٹھوٚوی میتہٕ رتھم ژٕ رسم چھٕنٛدس۔ فقط فریب ورتاونک ساماَنہٕ
اوسُم اَسی سیٚتۍ تہٕ دراس طہران کُن۔ پننہٕ جایہ اوسُم
خیال کوٚرمُت زِ طہرانہٕ واتِتھ کیٛاہ ژھینہٕ درویشی
ہنٛدس پلوٚ گنٛڈِتھ تہٕ لاگہٕ زٕہر پیٚشاکھا تہٕ تمہ اَمہ کھمہ تہٕ
جان بہن کامہ منیٛہ۔

طہران کُن پکان پکان چھُس اَکِس پڈاوس
پیٚٹھ بڑٕبڑٕ لال مجنون کتابہ ہنٛدی بأتھ گیوان تہٕ
پکان۔ اَتھو منٛز سمکھُم ڈاکہٕ وولاہ اَکھ تہٕ وَرِتھ پکان۔ اَسہ
ہیٚتِن پانہٕ وأنۍ سَنَح میٹھنہٕ۔ یہ دوٚپتھ مٮ۪ے "ہیے بُڈھا
بہہو گنہ جایہ تہٕ کھیمو ژوٚٹا دوٚٹا" یُتہٕ اوس گرم
تہٕ سیٹھا۔ اَمہ کنہٕ آیہ مٮ۪ے کوٚبس لیچھے دواہ۔ سبزارس
اَکِس منٛز بیٹھو اَسی اَکِس کوہلہٕ بُنِس پیٚٹھ تہٕ گرٕ
تروون لکن ہشرن وارٕن منٛز گاسہ کھینہٕ۔ اَمہ پتہٕ
ہیوٚرٕ اوٚن چکہٕ دوہ ڈیچ گوہ ژٕر بشولاوہٕ کہٕ اَکہ چپہٕ منٛز
گُڈُن دجہ بہنا اَکھ۔ اَتھ منٛز اوس سادٕ پلاو تہٕ بٮ۪یہ
زٕ ترٕ ٹِکے ژٕھ چھ۔ بٮ۪یہ چھُنٛد منٛز کوٚ ڈُن پوزار، آب خوٚرٕ
تمہ کی چھٕٹِچ تہٕ بٮ۪یہ تہٕ پانژٕھ سے چیٚزٕ سیٚتۍ گُڈٕن سے ستھ
گنٛڈاہ تہٕ۔ مالہ سان کھینہٕ اَسہ ژوٚٹ دوٚٹ تہٕ اَمہ پتہٕ
ہیوٚت اَسہ پانہٕ وأنۍ اور یور اَتاہ پکتاہ۔ میون اوس
بُتھہ تلےٚ نشان زٕ بہٕ کُس چھُس، اَمہ کنہٕ لوٚگنہٕ مٮ۪ے ورَخ
پتہٕ حال باوٕنس۔ اَمہ سُنٛد ننیوم زٕ یہ اوس استرآبادکِس

حاکمہ شُند ڈاکہ وول تہٕ یہ اوس گوہ نماتن ہٕندِس زٕٹھو سپدِتھ ترکمانن ہٕندِ جیلہٕ نیشہٕ یلہٕ گژھنچ شیٚچھ ہیتھ طہران گژھان۔ یہ خبر بوزِتھ گوس بہٕ حیٲران تہٕ کینژھا تہٕ کینژھا گوس خوش تہٕ اما پوز [illegible] پننہِ یہ خوش گژھن دِتم نہٕ اُمِس ژینِنہٕ یکیا زِ مےٚ اوس دوہ نی پیٚتہٕ تجربہٕ گومُت زِ پننہِ سرگژھ نہٕ زانِتھ تہٕ بیٚیِس وَنُن۔ مےٚ لوگ گٔلِس ڈوٗل زن نہٕ مےٚ خبرے اُمِس زِ یُتھ انسان چھُ دُنی یتھس منز۔

ڈاکہ وٲلی دوٚپنم "گوہ نماتن ہٕندِ زٕٹھ ووتھ اَر پٲٹھی تہٕ سرِ ثوبوٗت استرآبادس منز۔ مگر پلوٚ دلو ٹھیپک نہٕ آسنہٕ کنہِ چھُس بہٕ دوہ نی تشُند گرِ شیٚچھ ہیتھ گژھان۔ یُتھ تم جان رَخ سوزُنس۔" اَمہ پتہٕ گُڈٕن حیشند منز دَرج اَکھ منز اَسہ چیٹھ گٔنڈِتھ۔ پانہٕ اَن پرِتھ آسنہٕ کنہِ پلہٕ ناوِن ییمہ مےٚ کُن یُتھ پانس تہٕ نٮ۪س زِ گرُی کیتہ چھِ روزان تہٕ قصہٕ بیتر کیاہ چھُ۔ گوہ ڈٕنچ چیٹھی اُمِس بادشاہ سٕندِ ناوِ منشی آیہ لیٚکھنہٕ تہٕ اَکھ منز اوسن پننہٕ زٕٹھ نینک حال ییتھ پٲٹھی لیٚوکھمُت:

"سوہ تریش تہٕ بوہ چھ ییٚمیہ ترکمانن ہٕندِ تنگ پیٚوا تہٕ تکلیفہٕ کنہِ ژالِنہٕ اُمِس پیوان، اوسنہٕ مےٚ نابکارس فقیرس تہٕ لوتواتس تیوٗت تنگ گژھان یوٗت حضورِ شُند نورِ پوٗرٕت پان مےٚ نش دوٗر آسُن تنگ اوسم گژھان۔ ژِھمن موہ تدن تہٕ وانٛدرَن ہٕندِ ظُلم برداش کرُن اوسم نہٕ تیوٗت مُشکل گژھان یوٗت مےٚ تہٕندِ دربارِ نش دوٗر روزُن مُشکل اوسم گژھان۔ یتھہ دربارس مَلکہ چھِ راتھ چھ کرِتھ، یتھہ عرشک ہیو تھوٚن چھُ تہٕ ییٚتہِ تھوہ ییہ ہیو بادشاہ چھُ حوٗ کوٚمُت کران۔ یُس سارِنے بادشاہن منز دُر چھوٗل ہیو چھُ یُس تاجدارن تہٕ بحرِ چھ کانہٕ ہٕنٛدِ موہ گُل لال چھُ۔ یُس تھر زرک، بحرک، شان وشوکی ہٕندِ، حوٗ کوٚمُت دُنی یِتھک تہٕ یقبالک اَفتابہٕ چھُ۔ یُس شانہٕ لوٗڈ بادشاہ دُنی ییٚتھک تہٕ دُنی ییٚتھس منز روزن والین ہٕندِ قبلہٕ چھُ یُس انصافک تاپھ اَکہ اَنٛد بیٚیِس تانی سارِنے تالہٕ پیٚوان چھُ ییمہ کنہِ تہٕنزِ بادشاہی ہُنز ناماوٲری سارِ ہے عالمس کُن منز چھےٚ تہٕندِ شاہانہٕ تلہٕ پیٚتہٕ چھِ گرُدِنش ییہ نظر واٲلی اُچھن سوہ میٚہ بدل لاگان چھُ، چھُم دوہ میٚد تہٕ تو قواہ زِ السَّابِقُونَ السَّابِقُونَ أُولَٰئِكَ الْمُقَرَّبُونَ۔ بُزُرگِم پٲٹھی ییمہ بہٕ تہٕندِ ین دربارِن تہٕ تہٕنزِ بچہ درگاہہ ہٕندِ ین نوکرن منز گرشہٕ ہیٚنہٕ یُتھ یہ اَسہ وُن بُلبُل حضورِ سٕنزِ مُبارک تہٕ بخشہٕ بدِ ذاتہٕ ہٕندِس باعثس منز اُتھ، تاریخن تہٕ تشنہٕ ہیچن لُنجن ییٚچھ بہتھ بول بوش کرِ۔" آخرس ییٚچھ اوسُس لیٚکھِتھ:

"بادشاہ سٕنزن نعمژن ہٕندِ چھُس بہٕ تیٚژ شُکر گذاری کران ییٚژ مےٚ تہٕنز نعمژ کھیٚمژ چھےٚ نہٕ پننیٚن غلطیٚن ہٕنز چھُس بہٕ تیٚژ مُعافی ہیوان ییٚژ مےٚ غلطی کرِ منز چھےٚ۔"

بیاکھ چیٹھ اُسس وزیرِ اعظمس سیٖنٛدِ ناو۔ اَتھ چیٹھ
منٛز اوس اُمی وزیرِ اعظم بڈ بُچھتہ تہ کار ہول اُسیتھ تہ تارکن
منٛز اَکھ پۆز لوٗن تارکھ، بجروک تہ تھر ژوک اسمان اَنٛتھ
دُستس ہمندرس منٛز بکوِ جہاز ژک اَکھ بوٚڈ تھم تہ تَتھ کوٚتہِ چین
کاہین منٛز بار بجروبہ تھوٚوان وول وزیر گنٛدر روودُمت۔
تہ چھیکرس اُسنس سیٖٹھ عاجزی کرمژ تہ بڈ نیٚزمی ہاو مرژ

بیٚاکھ چیٹھ اُسن خزانکس افسرِ سیٖنٛد ناو۔ تتھ
منٛز تہ اوس یہی لیٚکھتھ۔

بیاکھ چیٹھ اُسن بینہِ اَشنہِ لیچھمژ۔ اَتھ منٛز آسن
تس کینٛہہ بیر کتھ لیچھمژ۔ بیٚیہ اوسنس لیٚوکھمت ز
"میٚہ چھےٚ دوہ میٚد کھینس چینس تہ پوٚشاکھ لاگنس
منٛز آسکھینہ ژ اسراف کران۔ بیٚیہ آسہکھ دایہ تہ موہنوی
رچھان۔ میانہ خاطرٕ سوز پلوٚ تکیاز بہ چھس ہیر بیٹھ
بوٚن نام نیتھ نوٚنے۔"

اوکھن صابس اُسن بیاکھ چیٹھ لیچھمژ۔ لیٚوکھمت
اوسنس ز "انشاءاللہ آسیتھ ژےٚ میانس فرزندس
اَچھ گاشس جان پاٹھۍ سبق ووٚنمت تہ سہ آسیتھ
جان پاٹھۍ رژھمت کوٚرمت تہ بیٚیہ آسیتھ لکھ سیتھ
دوہ تھنک بیہنک تمیز ہیچھنوومت۔ دوہنی آسہ سہ
نماز تہ پران تہ روزہ تہ روزان۔ گرِس کھسن آسن
وُتیگھتام ہیوٚ چھمت تہ تیر چلاونی تہ آسنس تکان۔"
گرِیس موتبر اوسُن بچھتہ تھوومت تس تہ
اُسن چیٹھ لیچھمژ۔ لیوکھمت اوسنس۔ "دوہ ہہ کھوتہ

دوہہ اُسہ ژ گرِس تہ گر کاہین واتان۔ پتھ دوہہ
اُسہ ز وزیرِ اعظمس نِشس گژھتھ بیانہِ طرفہ تیشنس
داتس میٹھ کران تہ تھنی ونی تہ کران۔ گر تھاوکر ز
زنانن تہ داین کن ہیس۔ یتھینہ تہ حمام کرِ تہ آسن
نیران۔ ہرگاہ چکرس یاگنہِ ناز یس آسن گژھان، تہ
اُسہ زِ تکہ سیتھ گژھان۔ بجین تہ خاص کرِتھ بہوٚد
باین اُسہ زنہِ دوان اَنٛدر محل خانس منٛز اَژنہِ۔ محل خانس
بیٚیتہ گنہ دروازس کھڑتھ بالیہ وُل آسہ سہ کرِ ہوز بند،
اوٚ، بیٚیہ تھاوہ زیپہ کنہ خیال یتھ ہمسایہ آسن
تیاری کنتھ کرنہ سہ کھ یوان گژھان۔ گوتر تھو رژےٚ
یُس سہ جوہر کالہ منہ منیو چھےٚ یتھینہ تمس زیادہ آسکھ
محل خانس منٛز اژنہ دوان۔ ہرگاہ سہ کنہ وزکاتسہ دایہ
سیتھ ژوٚرِ ژوٚر کھتن منٛز میٹھیومت آسہ، تمن والنہ
دوہ شوٚنی شلق دیہی دیہی دالہ بیٚیمس ڈاکہ وایسی دیز
جان مہنتانہ۔"

بیٚیہ لیکھتھ کرِتھ وہتھم بیمہ چیٹھ تہ درژم ڈاکہ اَمِلسی
واپس۔ تمہ تھوو بیٚیہ وچھ ہمیر منٛز گنڈ کرِتھ۔ ز تھس
گوہمات پیٚنز وار پاٹھۍ آسنہِ شیٚچھ نسنس تہ تتہ جان
پوٚنسیہ ترنس بیٹھ اوسنہ ویرژان گنہ۔ دوٚہم "بیٚیہ
کاٹسہ ہینٛد دُسہ تہ سٚیچھ میٚہ بروٚنٹھ واتنہ کہ ہمیہ
کیا سہ رۆدسے بہ گرِس بیٹھ دوہہ مَس راتس ٹہکان۔
اُکس جایہ وائتہ گوٚ تس گرِس لنجر۔ سہ ہیوم فوقی تہ اوٚن
تہ درتھم زمیٖنس دارس اُکس تہ تمن ہیتھو تم جبر کرِتھ بینہ

کھَنَک کَرٕ۔ اَکھتے چھُم شُستہ پَتہٕ پَتہٕ پکان یہ چھے
مٔنے تھَمو شُنڈُرے کرو کھَش۔"

اور یِچ پورٕچ کھَا باھتھ کرِتھ ووٚتھ یہ ڈاکہ وول
تہٕ تھۄاُون ہورکُن دٕرمِنس بیچھ آرام کرنہٕ خاطرٕ۔ وارٕ پھٔٹ
دوہَن پۆتُس پَتھ سَفر کرنہٕ سیتو اوسُس بچایُس ڈاکہ
گومُت۔ اَکھو مِنز بیہہ مٔنے ظوٗن زٕ ہرگاہ بہٕ یِمِس برو ٹھہ
پیشِچھ، میچھ زٕ بٕھس گوہمات شُند گرِ گژھ،
اَتھ مِنز چھُنہٕ مُشکلے کانہہ۔ بہٕ زانَن سہ یانہٕ تہٕ جان پاٹھی
تہٕ تَس سیتو چھُم سلام علیکم اَسی بٔتھے۔ لہٰذا اَگرِ تھ
ہرگاہ بِیٔے یہ ریٚڑ پیشِچھ میچھ گژھ، اَتھ مِنز چھُنہٕ گومُن نیے
کینہہ۔ پَتھ رٔد گرٕ۔ ڈاکہ وألس پَتھ تھو یِمِس گرِمی
کھَنس چھُ تیشِتھے چھُ مٔنے تہٕ، بٔنیہ آیہ اَمِس تہٕ
پنُن گرٕ تیار واتنَس۔" یِی سۄچِتھ کرِتھ تمہِ تہٕ اَمو شنٕ
چیٖٹھ وَزِج تہٕ اَمہِ مِنز کُدام سعہ چیٖٹھ، یِمہ سہ موتبر سُند
ناوٕ اوس۔ یہ ٹھوم چَندَس۔ زمیندار سُندِس گرِس لٔنٕہِ م
جنجہ تہٕ کرِ مَس ترِتھ کھوٚد زٕ بٔنیہ صاتہٕ ڈاکہ وول
ہُشار آسہِ ہا گومُت بہٕ آسہِ ہا خبر کوٚت ووتمُت۔

وُنہِ چھُس بہٕ پانس سیتی صلاح کران زٕ بہٕ چھُس
وون ڈاکہ وألس نِش اَکھ دَفہٕ برونٹھ نیبر پَتھ گومُت پیٚلہ
یہ ہُشار آسہِ گومُت تَس آسہِ گرٕ بِنِنہٕ موہ کُھ وہ کھلو
بیومُت پکُن۔ زانہٕ خود اَگر آسہِ بنیومُت تہٕ کینہہ نہٕ۔
ہرگاہ بنیومُت تہٕ آسیس تہٕ چھا خبر ڈیٖتمُت تہٕ آسہِ
ہسا کینہہ نہٕ۔ وہ کھلو آسہِ کیہو کیاہ پتاہ چھُ تکھ کرِنہٕ

تیشِند یمی ونِنس پرٕتھ کینہہ نہٕ۔ لہٰذا اَگرِ تھ چھُم میانو
کینہہ یمی جان زٕ طہران واتی تھٔے زٕ چھُنُن بہٕ یہ گمند کینہ تھ
اَدٕ بیٚٹھو موہ لُس تہٕ تھٔکھو۔ تمہِ پَتہٕ بَدلاو پٔلو تہٕ گژھ
زٕ بٕھس گوہمات شُند گرِ تہٕ دٕپکھ زٕ تورِ رِے چھُس
یوان۔ وُچھو کیٚتہ ووہ تھ کَتھ تہٕ کَتہ بٔنیہ۔" گوہماتن
ہِندِس زٕ بٕھس سیتی زانہٕ آسہِ کینہہ تہٕ تیشِند کرِنہٕ کِراوِیچ
سأرِے خبر آسہِ کینہہ آمہِ نیہ وُنہِ مِنز کانہہ مُشکل بوزنہٕ۔

## (۱۵)

# حاجی بابُن طہران واتُن

تہٕ تیشِند گوہماتن ہِندِس گرِ مٔنی شُند گرِ گژھن
صُبحٔے ژاس بہٕ شاہ عبدالعظیم دروازٕ کینہو
طہرانس مِنز تہٕ لاریوس تھَکھ وأدانس کُن یِیتہ گرِ وأسو
کینہہ یوان۔ اَتہٕ ڈیٖٹھم یہ گرِ گُزٕ الس۔ اَمِس گرِ سُند
پکنہٕ ڈکنہٕ تلہِ اوس مٔنے تہٕ وُنہِ نیومُت زٕ ناکارٕ گرِ چھُنہٕ
مگر دٕشالہِ سُند وَنِنہٕ کینہو اَمی اَمِس گرِس تیتو عائب
زٕ ہرگاہ بہٕ تمِس یہ پیچھے تہٕ دٕہن اٹیٖلہِ تہٕ اوسُس
بیٚہ زٕ ینیتھ۔ اَمی سُندرِ عائب گنٕزرا اوٚتھ چھُم وٕڈال
وُنان زٕ "وُچھ سہ ہسے! آب وُچھتھ کیا سہ آسہِ
یہ ڈٔاتب لاگان تہٕ شعہ نِگان۔ وُنہِ تہٕ چھُ ٹلان۔ پکنہٕ
ونِ آسَن اَمِس دَب لگان۔ بٔنیہ آسہِ موٚل ہاوِنے
پھٹِکہ آیہ پکان۔ کاہِل تہٕ چھُ پاسان تہٕ پکان پکان
آسیس وٕتھ تہٕ داوان۔ دٕلہ کوٚن تہٕ چھُ تہٕ اَبوٚتھ تہٕ

بێنِیہ چھِہس ظاہر دٕنٛدٕن سٕتۍ تہٕ لاگمتہٕ ۔ موخصر ٹیس
صِفحتھا گرٕس نہٕ آسٕن گوٚرنھ سہٕ اوس آمس ۔ پم
عائب اُسیتھ تہٕ دوٚہم نٕ زٕین تہٕ ساز ہیتھ توی تہٕ
یا نٕرٕتھ توٚمان ۔ یہ بوٗزٕتھ گوس بہٕ ہارٕ اپنے تہٕ بیٚیلہ
مےٚ یکدم موٚن، دٕزال تہٕ گوٚ پننہ جاۓ پہ ہارٕان ۔ خاںٕر
اُمو دِژمےٚ اَجے ہارٕ تہٕ باقے اُڈٕرس زٕھٕس پُستٕر وُمُم
اَڈٕ زمٕت خرٕ ۔ مےٚ موٚنمُس نہٕ کینٛہہ ۔ یہ ووٚتھم :" اَڈٕ
کیٚا ۔ تیٚیلہ روٚزنےٚ اَچھ ہارٕ یوٚرۍ ؟ " مےٚ تہٕ اُسنٕہ دَرٕہ
دَرٕہ کرنس سوٚنب فرٕصتھا کینٛہہ تہٕ ژٕنٛہِم کُنھ تہٕ
دٕراس ۔ وٕنہ ہیٚرٕم نھُرٕ نوٚکدار گُو ۔ درویشی ہِشٕر
سوٚ ٹوٚپی کیاہ دِیا وٕم چِنٛدس منٛزٕ تہٕ سفر پیٚٹھ ہِہنہٕ
وٲپس ہِشٕر ہِش شکلاہ بنا وُتھ دٕراس گو نماتن
ہِنٛدِس زٕھُٹھ شُنٛد گرٕ ژھانٛڈنہٕ ۔

گو نماتن ہِنٛدِس زٕھُٹھ شُنٛد گرٕ اوس اَکِس شریف
مجلس منٛزٕ ۔ اَتھ اُسی اَنٛدی اَنٛدی باغٕ باغ ۔ اُمی ہِنٛدِس
باغس اُسی پھیرٕیس تہٕ دٲمن نھُرٕ مکانس برونٛہہ کنہٕ
اوسُس اَکھ حان چھینہٕ ہِنا تہٕ اَمہ منٛزٕ اُسی اَسن آبہٕ
جوٚشہٕ ہِنا اَکھ تہٕ پکان ۔ بچہٕ بچہٕ بونہٕ کینٛہہ تہٕ آسٕس
منٛزٕ ۔ مکانس کُن وُچھو یتھے اوس نِشان زٕ ما ئک
مکان چھینہٕ اَتہٕ کینٛہہ ۔ دَرواز اوس اَڈٕ وٕوٚتھ ۔ گاوٕتھ
گرٕتھ تہٕ اوسنہٕ اَتہٕ کینٛہہ تہٕ کُٹھا چکھا تہٕ اُسنہٕ
کُنہٕ کُنہٕ گرٕ ژھان ۔ باسان اوس زٕ نِہٕ اَتہٕ بسانے
چھُ کانٛہہ ۔ بہٕ سنیوس یتھ زٕ پانا ! ظاہر کیاسہ چھِے

ہارٕ تہٕ نچ ووٚمید کیٚ ۔ خاںٕر ییتھ تیتھ کھوٚتُس بہٕ
ہیٚتُور ۔ اَتہٕ وُچھم شہنشاہ اَکھ وٕری پنٛژاہِس نمدٕس
اَکِس پیٹھ بیہِتھ جھپِھِر لمان ۔ یُس بہٕ ژھانٛڈان
اوسُس یہ اوس ہمے موتبرٕ ۔ بہٕ چھُس اَمس بُدٕ ونان:
" رٕژ خبرٕ خٕفن چھُو ! خان صاحب خٕفن چھُو پکان "
یہ ووٚتھم :" کیاہ ؟ کیا سہ چھکھ وَنان ؟ کُس خان ؟
کر ؟ کیٚتھ ؟ کوٚہ ہِنٛد ؟ " مےٚ بیٚیلہ اَمس سورُے
قصہ ووٚن تہٕ ہاوُمس چیٹھ ۔ اَمس گیہ اَنٛدرٕ ہی کُنہٕ عقلہٕ
بُقل ۔ بیٚبرٕ کُنہٕ ہاوُن اَپزٕ ے خوشی تہٕ چھُم دپان
" ہیے نسہ ژٕ ئے پھٕکے خداہ پنٕز دژٕ ے ۔ یہ چھا پوٚز ؟
خان صاحب چھا زٕندٕ ے ؟ " مےٚ دوپُس ۔" آہن ! خٕفن
اَکھتےٚ خٕفن آسہ وٕ بیٚہا کھ ڈاکہٕ وودٕل تہٕ شیٚیشہٕ ہیتھ
پکان ۔ خبرٕ خٕفن سہ ہا داہٕ بگیہِ خان صاحبن چِٹھ
ہیتھ ۔ یمہ خان صاحبن بادشاہ تہٕ بیٚین وزیرن
ہِنٛدٕ ناوٕ سوز مرٕ چھےٚ "!

یہ بوٗزتھ گو سخ پریشان تہٕ چھُ لیکہ چھکان
تہٕ وَنان ۔" ہیے نٕجیبے کتھا چھےٚ یہ ! عفو خداینٕ
وومہ زٕ کیاسہ کرٕ بہٕ ؟ موٚ دُس ! بہٕ کوٚت گژھہ ؟
گوناہ پننہٕ ! "

اَمہ سٕتۍ یہ پریشانی بیٚیلہ ہِنا کم پہن گیہ ، مےٚ
پرٕژھ اَمس زٕ " خوش گژھن بدلہ کیا زٕ خٕفن گوٚئے
ژٕ ئے شیٚیشہٕ بوٚزٕتھ پتھٕ ہیٚو ؟ " یہ ووٚتھم اوٚر
" اَسہ ہتہ اوس پیتہ سارٕنے پننہ جاۓ بیہِتھ زٕ خان

صاب چھُ موٗمُت۔ اَکھ اوس تِمِس گرٕ واجنِہ تہٕ خاب
وُچھمُت زِ یمِس دُنیاہس مَنٛز تس دوہ اوس گرٛان تمہ زَن
ساری تس نیبرٕ کھٕ ژٕلان۔ اَمہ کینژ گوڈٕ شہ سہ موٗدمُت
آسُن۔ پادشاہَن تہٕ دوٗن سارِنٕے ییوٚ۔ تِ چھُکھ دَپان
سہ چھنہٕ موٗدمُت۔ ژانہٕ خدایا سُہ کیاہ موٗدمُت ہیٛ؟
مےٚ دوٚپُس: "اَہَن حَضٕ، تہٕ چھُ پوٚزٕ زِ اَمہ موٗجوٗب
گوڈٕ ژھ سہ موٗدمُت آسُن تہٕ پادشاہَن تہٕ چھُ دوٚپمُت
زِ سُہ کیاہ آسہ موٗمُت مگر تہٕ حَضٕ چھِکھ دَپان سہ دوت
اَز پانٕژھ شےٚ دوہ بوٗمِچ سیٛر لوٗتُ اسٕترآبادس شَہر
اَمہ موٗجوٗب چھُ سہ زِنٛدٕ۔ ژانہٕ خدایا سُہ کیاہ چھُ زِنٛدٕ؟
یِہ ژھہٕ خدایَن ہُنٛد بَخشِتہٕ داتہٕ سہ پانٕہ یِنہٕ نیو کھٕژِھتھ
نِکھ یور تہٕ ہاونہٕ موکھ زِ بہٕ چھُس زِنٛدٕ کینہ نہٕ؟
یہ بوٗزِتھ گو فکرَن تہٕ سخ پریشان گژھتھ
ژوٚدوٚن وۄشاتہٕ چھُ دَپان۔ "ہَتا یار کیاہ وَنے؟
تِہنٛدِس مَرنَس بیٛچھ پٕژھ کرِتہٕ تیتہٕ گنٛزٕژھا یِتھ
کُرِم مِنٛز شیٚنٛد ہرگاہ تِہ بوٗزِ کہ تِہٕنٛدٕ گژھن
میانِہ پریشانی وُچھِتھ تہٕ غم ژٕلنے۔ بوزِس بہٕ کُنے
گرٕ ڈیٛچھ دیٚت پادشاہَن تِہنٛد سوٗرے حال، چیادر
چادوا گمےٚ، عجب تہٕ داپہ بیتر قِسمہ مشٛنٛد تہٕ ہیُن خرچ
یُس شہزادٕ چھس تمی سے۔ تمہ پتہٕ کوٚرُن تِہنٛدِس
کامِس یُس تس جاگیر اوس تورمُت، لِہٰذا تہٕ سُہ گام
نیوٗ اعتمادالدولہَن۔ اَمہ پتہٕ دِژٕن تِمس جاے میرزا
فقنٕوٗلس۔ وۄنی چھےٚ جَبِتہٕ یہ زِ سہ خاب وُچھنہٕ پَتہٕ

کُنہ تِمِس گرٕ واجنِہ نیٛچوِ سِنٛدِس پرٛناوُن وٕ اُلِس اوخُن
صاب تس سیٖتہٕ نیٛچھر۔ اَز سہ وَنتم ییہ نا مےٚ خوش کیٚتھ
گژھان تہٕ پریشان ہیٛ؟
مےٚ دوٚپُس: "اَہَن حَضٕ! اوٚت تام چھُ پوٚزٕ
مگر دوٚپُم حَضٕ! میون مَنتہ نہٕ حَضٕ!"
دوٚپُہم۔ "مےٚ کتھ نہٕ گو بہٕ دمہ یِمِتہٕ چھےٚ بر؟
تِہنٛدِ زِنٛدٕ آسنٕچ یِہ سنیٛچھِ ژھِ میہ آکھ تہٕ چھےٚ
دَر اصل میانہٕ موٗتُچ شیٚچھ۔ ییٚلہ وۄنی تس پانہٕ
ییٚنہٕ چھُ، چون گژھ تِمہ مَنتہٕ نہٕ ہیوٚن؟"
بہٕ تہٕ دراس اَتہٕ اَکھ دوہ ییٚر بیٚچھ زِ اَدکیاہ
ییٚن سُہ، مےٚ تِگ تس پانہٕ مَنتہٕ نہٕ ہیوٚن۔ موتبرٕ بچہ
وُچھِم بیٚیہ غوطٕ کوٚمُت تہٕ بہٕ دراس پانَس رَسے

مشکی از اشک بدوش مژہ دارم شب و روز
دادہ عشق تو بہ من منصب سقائی را

## ۱۶

# جانٕچ پانٕچ چالِتہٕ لاونہٕ موکھٕلِیہ

کیاہ تہٕ تسُنٛد اکس دوہ لابس مَنٛز ہیٛنہٕ ییِن
مےٚ کوٚر یِنہٕ جاپہ وۄنی مُشخص زِ بہٕ بیار گوٚنات
سِنٛدی سے ییٚنس تہٕ تِہنٛدی دَسٕ واتہٕ بہٕ کُنہ مَنٛز تس یِتھ
مےٚ سیٛچھا پرٕ ییٚر گاری سان تہٕ پاک پاکیزٕ پَتھ ژوٚرھ
ہیٚنز صورتھ گژھ؛ فتنہ فریب، ٹھٹھک تہٕ مکاری
وَرتاونہٕ وَنہٕ اُسے ہیٚمہ کانہہ جان کامہ مَنٛز تیاز

بہٕ تہٕ منز منز شہہتنہٕ کاہ چھُسن وُچھان سُے ڈاکہ
وول پتھس بہٕ فنٹ کرِتھ اوسُس ژولمُت۔ یہ اوس
زمیندارس تہٕ دۄرالِس سیٹھاہ گرٕ پنڈ بین بیچھ تہٕ زنس
تہٕ سازِس بیچھ ژھُوان۔

زمیندار اوس وَنان: "گرٕ چھُ میون" ڈاکہ وول
اوس وَنان "زین تہٕ ساز چھُ میون"۔ دۄرال اوسُکھ
وَنان "ہتا یارٕ تۄہۍ وَنان کیاہ چھِو؟ گرٕ تہٕ چھُ میونے
ساز تہٕ زین تہٕ چھُ میونے! تۄہۍ نے چھُنہٕ اَتھ سیٹھ
دَخلے تہٕ!"

مےٚ زون زٕ یانا! وُلِتھ بلایہ منز کیا با پھسیوکھ"
مےٚ ہیوٚت بےٚ شوٚنٹ پاٹھی داری دارٕ پان ژوٗرِ اَوِتھ
اَتہٕ نیرُن۔ مگر دا ہی تقدیر! دۄرالِس بیٚیہ ہنگہ تہٕ منگہ
مےٚ پیٹھ نظر کیہہ ژادر لوٚچہٕ لمتھ اوٚننس کھسرٕ تہٕ
چھکھ دِیان: "ہتہٕ سہٕ، یہ کیاہ پیٹھ چھِو؟ مےٚ گرٕ
گمُت۔" یتھے ڈاکہ وٲلۍ بہٕ وُچھُس، اَدٕ ہتہٕ پوٚزٕ
کینٛہہ سہٕ کیچھ پاٹھی کو شوٹھس اگاد، لیکہ ژامۍ
ژامی کٔڈ کوٚرمٕ توٚسی۔ ژھہ پاری چھُم کنن گژھان: "کوٚلہٕ
ژوٗر، بدماش، ڈاکو، حسبنا اللہ!"

اَکھ چھُم دِیان: "ووہ لاہیا! اسے دِیو گرٕ۔"
بیاکھ چھُم وَنان" ووہ لا میون ساز تہٕ زین ہا! بیاکھ
چھُم دِیان: "مےٚ دِکھا ہا رسید، سید کینہٕ ہاہ ہیچھے؟"
تماشہٕ وُچھن وٲلۍ چھِ وَنان: "ہا یارٕ نیِو وُن سہٕ یَتہٕ ووٚن
عدالتس پیٹھ۔ وٲلۍ ووٚس سہٕ مسئلہ کولُس۔" بہٕ چھُس

یَمَن زارٕ پارٕ کران تہٕ پننہٕ کنہ سنگ عاجزی کتہٕ کران بگر
کینٛہہ تہٕ موٚنہم نہٕ۔ قسم تہٕ ہاوِ دیکھ نہٕ مےٚ چھُنہٕ کنج
غریبے مگر تم کوٚت ٹکھنم تقصیر۔ کموٚ یہٕ بوٚ ٹھس
تہٕ چھمہٕ ایکہہ رژھ تہٕ ڈلنہٕ دِوان۔ گوڈنکین دہن
ہنٛٹن چھُنہٕ میون وَنُن کانہہ تہٕ بوزان تہٕ سٲری چھ
اوٚرکے وَنان۔ ڈاکہ وول اوس دِیان: "جگرٕ چھُنم زولمُت"
سہٕ اوس پوٚزٕ ژے وَنان۔ زمیندار اوس دِیان: "یُس
ظلم مےٚ ووت، سہٕ ووت نہٕ کانٛسہٕ۔" سہٕ زبجوری تہٕ اوس
پوٚزٕ ژے وَنان۔ دۄرال اوس لبکہ چھکان تہٕ گرٕ کۍ دِوان:
"مےٚ کوٚرُن فند" سہٕ اوس یہ تیوٚت پوٚزٕ وَنان۔ گوڈنکی
کوٚرُم زارٕ پارٕ تہٕ سنگ نیری، ہاوسس۔ دوٚیمس دِتُم دِلاسہ
تہٕ تریٚیمس لوگم کُڈری یاہٕ۔ ڈاکہ وٲلِس دوٚپُم: "لالہ
صاحبا! ژٕ کنتھ پیٹھ چھکھ شور دیمت؟ ژےٚ گژھ یہ
زین تہٕ ساز آسُن کیہہ بیٚیہ کینٛہہ؟ دِتھتہٕ، یہ گوٚرے
زین تیر یہ گوٚرے ساز سر ژوٗٹ! نہٕ چھےٚ کانٛسہٕ کھیوٚمتے
تہٕ نہ نیوٚمتے!" ژٕ تو حضرت تہٕ بڑی تو۔" زمیندارس
دوٚپُم: "دوٚپہے ہتسہٕ بَبا! ژٕ اوسُکھ خود ایس منگان
زٕ گرٕ گوٚ ژھم زندے آسُن۔ یرتہٕ حمداہ! گرٕ ھیتہٕ کرتہٕ
عاشِس زٕ گرٕ اوسے سُرِ وُنٹہٕ کوٚنٹے اَتھ۔ رٔٹھ یہ گوٚرے
ژےٚ کرِ پنُن تہٕ نیرٕ تم پانس ژھوٚ یہٕ ذم کرِتھ۔" اَمہ
پتہٕ کیا چھیوٚ دُس دۄرالِس کُن تہٕ ہیٚرژم تس سیٹھاہ بر
کرِ زٕ۔ دوٚپُمس" ژٕ وَنتم ژٕ کیا زٕ چھکھ مےٚ اَتھ پیٹھ
"نادان! ژٕ اوسکھ نا مےٚ دِیان زٕ بہٕ دِمے اَدٕ ژھٕ مت

خرٕ ؟ ژٕمٕے دِژاٹھ مےٚ ساری پوٚنسہٕ زٕ ژٕمٕے سیرٕ وہتہ
پان مارٕن ؟ ہرگاہ ژٕمٕے مےٚ سارِیے ہاٰرٕ آسہٕ ہاٰ ٹھ تہٕ دِژٕ مُژٕ
تیٚلہٕ اُمس جادار دِکھتھ ! مےٚ وَنتہٕ ژٕ کتھ پیٹھ ژھکھ
اٰخرٕ یِٚمت نار گوٚمُت ؟

مےٚ تُکیٚہ تم پوٚنسہٕ یِم اُمہِ مےٚ دِتیمتہٕ اُسہٕ تہٕ دِیتٕمس
واپس۔ یہ چھُنہٕ رٹانے تہٕ دوٚہنم۔ اوتہٕ پیٹھ ٹیس خرٕچاہ
مےٚ گرِس لوٚگ ، شہٕ ووٚتہٕ اَسمانئے ؟ گوٚڈٕ دِسہٕ مےٚ
تم پوٚنسہٕ تہٕ اَدٕ رٕنٹے بہٕ یِمہٕ ہاٰرٕ ۔ مامِلہٕ ہیوٚتن زیٹھن۔
نہ چھُ یوٚہے میون مانان ، نہ چھُس بےٚ اُمی شند بوزان۔
اٰخرٕ گو فاصلہٕ زٕ تھانہ دارس نِش گژھو تہٕ سےٚ کرٕ اَتھ
فاصلہٕ۔

تھانہٕ دار اوس ژوٚتس مَنزٕ اَکس بینٛچہ پیٹھ
تھزٕ نس بِہِتھ تہٕ مُجرِمن مُسلہٕ والنہٕ موکھ اُسوٕ اُمس
پُلسہ والیٚ اَتھن کیٚتھ قَمچہٕ ہیٚتھ ہیٚتے اَندٕ اَندٕ وودنی۔
بُڈٕ نرمی تہٕ نِرمی سان بوزنووُم یہ سورُے قِصہٕ تہٕ ژھُس
دِیان زٕ " یہ دِژال حَقہٕ چھُ مےٚ تاران تہٕ کوٹھس چھُ
اَچھن سیکھ ژھنہتہ گرٕ بَدلہٕ خرٕ دِوان۔ اَکھ زٕ حَقہٕ
چھُم دِوان نِصیف ہاٰرٕ یِمہٕ دارِم ، بییہ حَقہٕ چھُم
پھیرِتھ پھیرِن نالہٕ ژھنان زٕ ژٕ چھکھ ژوٚر۔ پیٹھ چھُم
گرٕ شند خرچ تہٕ منگان۔" دِژال چھُس دِیان۔ " ہاٰتہٕ
حقہٕ شہٕ حقہٕ چھُ ژوٚرٕ ہنٛد گرٕ۔ اُمس کیٚتھ حَقہٕ پاٹھو
ومہِ ہاٰ بہٕ باقے ہاٰرٕ ییٚلہٕ شہٕ ٹنڈٕ دارٕ مامِلہٕ بنیوو ؟ بییہ
کتیٚتُے گو شو ٹھٕس زٕ ژوٚرٕ ہنٛدِس گرِس پیٹھ لاگہٕ بہٕ

پننہٕ چھُنہٕ ڈُک کھینہٕ ؟"

تھانہٕ دارن ییٚلہٕ وُچھ زٕ یِتھ چھےٚ پننہٕ تُکیٚ دِہٕ ہینٛچ
تہٕ دِینٛچہ تُکیٚ پَن ، شہٕ زیچور آونیرٕ تہٕ کھینہٕ۔ دِپان چھُ یِتھ
تنگہٕ شرٕ خسے کھُر کاشن۔ مےٚ تُکیٚہ تہٕ ٹنڈٕ اَنٛدٕ راوُن ؟"
اَتھو مَنزٕ چھُ بُڈاہ اَکھ اَکھ کوٚنچہٕ مَنزٕ کلہٕ کڈِتھ دِیان
" تھانہٕ دار صاحب ! یُس گنڈٕ اَتھو ستہٕ مُژرٕ تہٕ ییہٕ
شہٕ کیاہ زٕ ہزرا دَو دندو ستہ ؟ یہ چھےٚ سیٚرٕ کیٚتھ
ییٚلہٕ دِژالن نِصیف ہاٰرٕ دِژٕ مُژٕ چھےٚ ، حرج تہٕ دِیہ تن
گرٕ شند خرچ ؟" جِنٛٹھس مَنزٕ گوٚر ساروے آیہٕ آیہٕ
تہٕ چھُ بُڈس وَنان۔ " بَرکتہ کرٕ ہنےٚ خُداہ ! کتھ
کیاہ کرٕ ہتھ ؟" تھانہٕ دار گوٚ خمش زٕ بلاسے دُرٕ ہ کلہٕ پیٹھ
تہٕ چھُ اَسہٕ کن دِیان۔ " گژھو شہٕ تیرٕ وونی گرٕ ہو
کرِو صُلاح۔"

مےٚ دِژٕ دِژالس ہاٰرٕ تہٕ بُڈٕ جالاکی سان ہیوٚتمس
رسید۔ اَمہٕ پتہٕ ووٚرٕ اُمس فِکرٕ زٕ یار کیٚتہٕ چھُ چھوداپھوداہ
کران تیٚمن مےٚ تھپہ تہٕ چھُ تھانہٕ دارس لیکھٕ چھکان
تہٕ وَنان۔ " مےٚ چھنہٕ یہ حِساب فِکری تران ! اَمہٕ مےٚ
کیٚتھ سَنا پاٹھو واتن گرٕ سِنٛز نِصیف ہاٰرٕ دِرنہٕ تہٕ
ہہٕ دِیہ گرٕ شند خرچے یوت ؟ ہیہٕ ژٕمےٚ اُمس تھانہٕ
سِنٛزٕ قبرٕ تھو کہٕ ! دُچھ کیاہ چھُ وَنان ؟ گرٕ کے حِساب
ووٚن اَمی ! دُچھ اُمس کیاہ ووٚن مےٚ تہٕ اَمی کیاہ بوٚزٕ
فاطرٕ گوٚمُت یوٚر ! یتھنہٕ بہٕ سرٕ تہٕ یُنٛد زانہٕ ، تیتھے
زانہٕ تہٕ یہ خبیث اِنصاف کرٕن۔"

## ۱۷

# حاجَہ پایُن تۆی بلولا گژھما مَس اَنٕن

## تہٕ نوٚو بلٕلے حیثیتہٕ نیبر نیرُن

اَمہ بلایہ تلہ یعہٕ سہ یٲنی یانے اَسہِ پانَس اُنی ہش
موکلیتھ چھُس پانَس شابش کران تہٕ ڈراس نوٚو سر جشنہِ
گرٚنہِ بازرس کُن۔ گرٕ ڈنگی سے وانس پیٹھ گوم ووزُل
چوغا اَکھ نظرِ۔ اَندرہٕ کنہٕ چھُس سوچان زِ یہِ چوغہٕ ناٲلی
لاگِتھ پمہٕ بہٕ تہٕ تَیَندہِ پاٹھی موتبر بوزِنہٕ پیٚنہٕ یہ اَسہِ ہے
چھُنا صلاح زِ چِکاوَن۔ گوس بہٕ جشنہِ گرٕ شس تہٕ پژھمس
مول۔ ہیٚر لبہِ نظراہ کرِتھ چھُم دپان "تہٕ چھکھسہ
یِمہ چوغک مول پژھان ؟ مےٚ دوٚپُس "اوٕ۔ اوٕ
اَمہ کے چھُکھسے پژھان۔" دپان چھُم " یہ کس کیٚتہِ چھے
ژٕ سے بکار؟" مے دوٚپُس " پانَس کیٚتہِ ہیٚنہٕ۔ بیہ کس
کیٚتہِ گوٚو ژٕ ہم آسُن؟ یہ ووٚ تھم: کوٚت دِکھ اَتھ گرٕ ڈ
چھکھہ یوٚہے جشنہِ موٚتاہیوٚ۔ ژٕ سے تہٕ اَتھ چوغس کاٲمے
کیاہ؟ یہ چھم لاگان بڈٕمہِ بڈٕمہِ زینس تہٕ اَمیرِ ناٲلی! مےٚ
دوٚپ کھوہ روشن کدٕ یوزار چھیتر تہٕ ددنہٕ اَمس جشنہِ گرس
میٚنگہِ زِ تانی پوٚک ڈرالا اَکھ بلو بوچھہِ اُشرِ لِدھِتھ اپاری۔
اَمہِ سِنْدِ شرارتہ کوٚرُم اَمس آلَو تہٕ یہ آو نِکھ۔ جشنہِ
گرِس چھیوٚر بڈٕ شیخ تہٕ بنہٕ کنہٕ کریتھ سیٹھا آلَو مگر
مےٚ منہٕ وَنتَس کہیں۔ اَمہِ ڈرالن نیوٚس بہٕ اَکِس مُشنہِ
ہندِس ڈالانس پیٹھ تہٕ گرِش اَدُن اَتھ بوچھِس گنڈ۔

اَمہِ ہیوٚو نمہٕ یَرمہٕ کامہِ ہُنْد حاشی دار گوٚنٹ اَکھ
یَتھ کشیرِ ہُک سَنجاف تہٕ زری بوٚٹہِ لاگِتھ اَسی۔ یہ
کھوٚت مےٚ بڈٕ پسند۔ تہٕ پژھمس مول۔ ڈرال چھُ
گوٚنٹ میان نظرِ ہُندی تاریف کران تہٕ اَمہ پتہٕ چھُم
اَمہ گوٚنٹُک زاٲدی جارکو وصف گنزران۔ قسمہ ہٲوِتھ
چھُم وَنان زِ "یہ چھے پادشاہ سِنْدِس خاص فراشہ سُنْد
مال۔ تمی چھُنہ یہ گوٚنٹ اَکہ دوہ یہ کنہٕ ووٲسے زانہہ تہٕ
لوٚگمُت" پیٚتھ یہ گوٚنٹ مےٚ ناٲلی لوگ، ڈرال چھُم
اَندی اَندی پھیران تہٕ پوٚنیرنی گژھتھ کران وَنان:
"ماشاءاللہ! کیاہ ژٕٹ تہٕ نزاکتہٕ وول گوٚنٹا چھُ
وَنے کیاہ سبحان کیاہ چھُے ژٕ سے یہ۔ یوٚہے گوٚکھ پوٚشہ
تھُر میوٚ۔ نہ وُچھہٕ ژنگ کیاہ تروٚو وُتھ۔ شوٚبی تسے تہٕ
ژٕ سے۔" مےٚ تہٕ یوٚہ ژ نہٕ اَمہِ سُنْد دِل پھیراوُن تہٕ
وونُمس نہٕ کہیں۔ اَمہ پتہٕ موٚنگمس کاشرِ شال۔ اَمہِ
کوٚڈ کاشرِ شالاہ اَکھ یَتھ ساسس جایس روٚف
کرِتھ اوس۔ خوداصاینہٕ اَکھ ساس تہٕ اَکھ نام پاک
ہیوٚتھ چھُم قسم ہٲوان زِ "یہ چھُ بادشاہ سِنْدِ محل خانہٕ
اَکِس حرمہ ہُنْد مال یعہٕ سہ بچاوٲر ناونہٕ کنہٕ کنٕنس پیٹھ
واتہٕ۔" بادشاہ سِنْدِ حرمہ ہُنْد شال مُلی ہاوُن چیمن
ہیٚمی ہنہٕ میوٚ تمہٕ یہ شال مُلی تھٲوتھ مولس یتھ بہٕ عاش
کرِتھ کرہاتُک نوٚو شال مُلی ہیکہ ہاہ ہیوٚتھ۔ ووٚنی روزِم
تلوارے پاٲذ پیرہ۔ سعہ تہٕ دِژُم ڈرالنے اَنِتھ۔ ییٚلہ
مےٚ پان پاٲرِ ووہ بہٕ گوس ڈرالس سیٹھا خوش۔

ڈرال تہٕ چھِم قسم ہٲوِتھ وَنان زِ طھرانس منز چھِنہٕ اَکھ تہٕ یُمتھ پوشاکہ دول یُتھ زِ تِتھٕ نالی چھے۔

ییٚلہِ اَسہِ ہیٚیوٚت حساب بوزُن، مالکہ بدلیوو ڈرال چھِم قسم ہٲوِتھ وَنان۔" بہٕ چھُسے ایمان دار موہنیو بہٕ چھُسے نہٕ شہ پیس گوڈٕ ہیتھ وَنی تہٕ پتہٕ ہیٚیمی پیشٕرہٕ ہیٚے خوداے چھُ اَکھ تہٕ لفظ تہٕ چھُم اَکوے۔ پوشاکس گیہ پانژھ توٗمان، شالس پانژھ توٗمان تہٕ تلوار ہٕنٛدی گیہ ژورے تومان۔ کُل چھِہ یِم ژٕدَوٕہ توٗمان واتان" یُتھے مےٚ ژٕدَوٕہن توٗمانن ہُنٛد ناو بوز، مےٚ ووتھ سورُے تیٚچھ۔ بہٕ چھُس یاٗنی پانس پانے بوٗزی کران تہٕ دَپان نوی پلوٗ ناٗلی لاگُن چھُمہٕ پتس لیکھتھ۔ کٔڈٕم پانا واپس۔ یاژ مےٚ پلوٗ ہیٚتھ کڈٕنی۔ ڈرالن روٗٹنم اَتھہٕ تہٕ چھُم دَپان:" یہ کیا حرکت چھکھ کران؟ ظاہر گو، تہٕ تہٕ چھ دٕرٕوگ، وچھ حضٕ یہ مےٚ معمول دِوٗنے، تِتھ چھُم پانس مٕلی، ہرگاہ تمہ ہٕریمانہٕ آسہ مےٚ دِوٗمت، تیٚلہِ مہ کٔرِتھٕم خوداے کتھ۔ اَمِن حضٕ، ژٕ تہٕ وَن ژٕ کوٗت دِتھ پتہٕ مےٚ دِوٗپمس "ہے، بہٕ کیاہ وَنہٕ ووٚنی! ژٕ چھکھ تمہٕ قسم ہٲوان، یِم خوداَیس تہٕ ناٗھی چھِہ، ژٕ یِتہٕ نہٕ تھوٗو وٕچھنہٕ مےٚ وارے کینہہ وَنہٕ نس۔۔۔۔۔ خٲر، بہٕ دِمے پانژھ توٗمان۔" دِلہٕ بوٗڈٕ آسہٕ کینہہ گوس نہٕ یِتھے سیٚو کینہہ تہٕ تہٕ مےٚ تہٕ لوٗگ دِلہ بوٗڈ تہٕ دِتمس نالہ پلوٗ کٔڈتھ واپس۔

ییٚلہِ اَمہِ پتہٕ چھِہ گوٗنڈ تہٕ نوٚوٕن سوداہ سیٚد ہٕنٛز اَکی چھُم دَپان:" مےٚ کیا حرکت چھکھ ژٕ رٕٹ موٗہنیو بوزنہٕ یوان، دپیوم خدمتھا کرِنے ژٕ ژھ پیٹھ نہٕ بوسے بابیس کرِ۔ اَدٕ حضٕ دِوٕلہ کٔڈ داہ توٗمان۔" مےٚ موٗمس نہٕ قطعنی۔ آخر سپُد ملُہطم تہٕ ذرہ ذرہ کرِتھ دِتمس شہ توٗمان تہٕ دوٗپمس اَکھ توٗمان چھُسے ہٕریمانہٕ دِوان۔ تتھ ہیٚنٛز پانس کیٚتھ کوٹھ مٕلی۔ پوٚنسہ دِتِمس تہٕ ڈراس دٔرِ چھ گنٛڈٕتھ یِم چیز یہ سیٚتھ حمام کُن۔ وَنہٕ ہیٚیوٗتم تھٕرن کھوٗر دار کھوٗر بانہٕ، ریشمک ییزارٕ تہٕ ہلکہٕ نیلہِ رنٛگٕچ کرٕتہٕ مٕلی۔

یُتھے بہٕ حامس منز ژاس اَتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ مےٚ کُن وُچھان۔ اَنٛدرِ کیٚنہٕ دوٗپمکھ۔" اَتی روزِو تاوَن زدو! دِیو مےٚ یِم لاگِتھ اوٚرِنیرِنہٕ اَدٕ وُچھو کیچھ باٗھی ییو مےٚ بتہٕ سا زنٛدری کرِ نہٕ لاران لاران۔" ناٗلی ہٕنٛدی پلوٗ گٔنڈِم تہٕ تھوٗدم اَکس کوٗنس منز تہٕ ژاس اَنٛدر حمام کرِ نہٕ۔

اَنٛدرٕ اَسی ساٗری پانس پانس تہٕ پیٚیتھ اَکھاہ اوس بول بوشاہ کران۔ مےٚ ژٕ اَوٕ پننس پننس تہٕ زاوٕلس کمرس نظراہ تہٕ چھُسے اَنٛدنہٕ اَنٛدرِمی چھوٗ لان تہٕ دَپان:" مرحبا چھُسے پانا! پیٚیتھ کانٛہہ تان چھُسے اَدٕ نہٕ سر تہٕ لوٗت پننہ پننہ جایہ۔" ناٗوِدس کوٗرُم اَلو۔ شمادٕ اَنٛدرِ تہٕ ماٗنٛز سیٚتھ۔ اَکھن تہٕ کھوٗرن مٕژھنم ماٗنٛزِ، مستکس، ریشمس تہٕ گونٛژھن کوٗرُم بسمہ۔ اَمہِ پتہٕ کرِنم بیٚڑ ہُرٕتھ ماٗلشاہ تہٕ پیٚیمہ ورٕ نم

سِنٛدِ وَختہٕ بیٚہِتھ یُس سانہِ مُلکُک گوڈنیُک شہنشاہ
اوس، سأرِنٕس وَختَس تأنی کأتیاہ نامدار پادشاہ وُچھتھ
ایرانہٕ منٛز! ہِنٛدُستانَس منٛز چھہ راجہ، چیٖنَس منٛز فغفور[1]
تورانَس[2] منٛز خانَن، عربَس منٛز خلیفہ تہٕ ترُکَس منٛز خوندگار[3]
وُچھِتھ، مگر اَسہِ چھُنہٕ فکرِ تِژان زِ یِم انگریز کیٛاہ رٕٕگے منٛز تہِ
پأدٕ؟ حمد خُداس کُن اَسہِ کرِ گژھِ یِہ جان بساطی
جماعت تیار یِم سانہِ خأطرٕ ژٕتی چیٖز چھہ بناوان
یِمن تاوَن ژٕوَن اَندر تہٕ چھہ واریاہ پادشاہ وُچھِتھ، تہٕ
اَسہِ چھُنہٕ تہٕنٛدِ نادٕرٕچ تہٕ خبراہ کیٛنٛہہ۔"

ایلچان۔ آہَن حضور آہَن حضور، پأرِ حضور لگے! انگریزن
تہٕ فرانسہٕ کیٛن دٕرائے، یِم وُرِش ہیٚے مہاہ چھہ
باقے چھُنہٕ پاہ تہٕ۔ نی تون رُوسَس، سُہ چھُ انگریزَن
ہُکی سِنٛدِ کھٕوتہٕ بہتر۔

پادشاہ۔ (بٕڈِ اَسان اَسان) اَو، دٕپان تہٕنٛز بادشاہ
بایہ چھُ کیٛتھ آیِنٛا ور رُوسیٖن چھُ بہِتھ زِ یہ زنانہٕ
چھےٚ بٕڈٕ تیٚلنگہ تہٕ چالاک۔ مگر اَسہِ چھےٚ خبرے
ییٚتھ کامہِ منٛز زنانہٕ دخل دِیہِ تیتھ چھُ خودٕ ہیٚے
پانہٕ قأصِر۔ بٕنیہِ چھُ یِمَن رُوسیٖن کُس تانی فأطراہ
تَس چھہ پطرَس وَنان۔ دٕپان سُہ چھُ عأرِن موٗت۔

ترُکی چھُنہٕ تَس بیٚہتھ پطرَس موٗت کیٛنٛہہ وَنان پیٚنٛنہٕ
سُہ موٗت چھُ، سُہ زبچور اوس ہندوستان فوج
پژھان سوزُن، ژٕن نہٕ سون قزلباش فوج مجرٕ ہیٚے
چھُ؟ رُوسیٖن چھےٚ خبر زِ وِہٕ ڈٕ انگریزَن ٹوٗپی
دِنہٕ سیٚتھ، تنگ پلو نالی لاگِنہٕ سیٚتی تہٕ بٕنیہِ ریش
تہٕ گونٛژٕ کاسِنہٕ سیٚتی گو انسان انگریز بنِتھ۔
؏ ہزار نکتہ باریک تر ز مو این جاست
ژٕ تہٕ ژٕن ھٔو مکھ یکِھ جوراہ ژٕنِ گنٛڈِتھ، تِمہٕ
سیٚتی بنِہ کھ ژٕ مَنکھ؟

ایلچان۔ سبحان اللہ! آفرین تہٕنٛدِس ذہنِ مبارکَس
کیٛاہ رُت کلام چھُ! پادشاہ سُنٛد کلام گو کلامک
پادشاہ! تہٕنٛد یہ کلام چھُنہٕ کلامہٕ، یہ حضرت گو
معجزٕ۔ یہ گیہِ کرامت! سُبحان اللہ!
اَتہٕ کوٗر سارِ وہے آیہٕ آیہٕ تہٕ کوٗرکھ پادشاہَس دُعا یہ
خأطرٕ زِ تہٕنٛز وُمر تہٕ تہٕنٛز پادشاہی روٗزِن قیامتہٕ تام
موجود۔

پادشاہ۔ تہٕنٛزن زنانَن ہٕنٛز چھہ بٕڈے کیٛتھ بوزان دٕپان
رُوسیٖن منٛز چھُنہٕ اَژِ منٛد چھا وَند چھا کہیٚنٛہ نہٕ
کانٛہہ دوہ پرٕ ژٕھ پرا سوتَن، سُہ چھُ تِمن منٛز اَندرٕ نیٚبرٕ
آژٕتھ ہیکان۔ سانِن زنانَن ہِنٛدی بأٹھی چھُنہٕ
تہٕنٛزَن زنانَن بٕتھِس پردٕ آسان۔ مرد تہٕ
زنانہٕ چھےٚ یکہٕ وَٹہٕ کأم کران تہٕ یکہٕ وَٹے پھیران
ھٔوران۔ بٕنیہ چھہ اَکھ اَکِس کامہِ کھ چہ منٛز بلزان؏

[1] فغفور چھہ چیٖنہٕ کیٛن پادشاہَن اَسِتھ وَنان [2] توران
چھہ اَزِ کیٛس ترکستانَس برون ناو۔ اَتہٕ کیٛن پادشاہَن اوس
خانَن لقب آسان۔ [3] رُومہٕ کیٛن پادشاہَن ہُنٛد لقب۔

چہ خیزی بیاید ازان خاندان

کہ بانگِ خروس آید از ماکیان"

امہ پتہ چھ پادشاہ احمق صأبس کُن وَنان: "حکیم
صأب! ژٕ چھکھ حِکمتہٕ وول نوٗہمنیوٗ! تمہ سۭتۍ وَنتہٕ
یہ کیاہ دلیل چھےٚ زِ دُنیہِ ہس منز چھ صرف اَسی مُسلمانے
یُس تِم ہِمو ہِنہٕ زنانہٕ گنڈتھ رٕچھرتھ چھےٚ؟ خاص کٔرتھ چھُم
بوزنُت چون؛ زِ ژےٚ پچھےٚ خاندارنیاہ سیٹھا تأبیادار
سیٹھا وَفادار، شریف، اَسہ وُنی، کارٕچھ، تمیز دار تہٕ بیہ
چھےٚ ژےٚ بڑٕ جان پاٹھو داتان"

احمق: تو یہ ہوس عالمس یاری کرِن وأیلس پادشاہ
منزٕ! نیچھ رُوس جہربأگی تہٕ یُنایتہٕ کینہ چھُ تہُند
یہ خاکسار غولام دوشونی دُنیہٕکن ہنزٕ خوش
قسمتی تہٕ عأفیتس ووہمیدوار سپُدمُت۔ یہ چھُس
تہُندین غولامن ہُند غولام۔ میأنی گروا جینٛو
چھےٚ تہُنزن داین ہنزٕ دلے۔ اَلعَبدُ و ما فی
یدہ کان لِمولاہ۔ یہ کینژھا اَکس غولامس نِش
چھُ اَسان تہٕ چھُ سورُے تَہُندین آغ شُندمال؛
سانہٕ گرکو بأژٕ باژٕ چھ تہُندِ تلہٕ پیتھ گرٕد۔ اَسی کم چھِ
ہرگاہ مےٚ غولامس منز کانٛہہ وَصف اَسہ تہٕ، سُہ
تہٕ چھُم تہُندی برکتہٕ کُل کلبِ ببابہٕ نباحُ
پزیچھ کانٛہہ ہوٗن چھُ پننی آگنہٕ ووران۔ یہ کتہٕ
لگہٕ تو یہ وُرأے جُگنہٕ؟ ہرگاہ مےٚ منز کانٛہہ
عأب چھُ سُہ چھُنہٕ تہُندِ ینایتہٕ کینہ عأبے ووزان

ٹکیا زٕ سے

ہر عیب کہ سلطان بپسندد ہُنر است

یہ کینژھا پادشاہ قبلۂ عالمن ہنٛز نہہ خِیتہٕ ہروٗتہٕ
دہانہٕ سۭتی فرموو رُوسی زنانن ہیچھ، مےٚ غولامس
تہٕ خاکسارس چھُ ترانہٕ فِکرِ زٕ انگریزن تہٕ حیوانن
چھُ پانہٕ وأنی ہشرے ہشر۔ مُسلمانن نِشہٕ تہُند
وُرسِھ تہٕ دلیل آسُن نَنہٕ پتیمہ تِلہٕ زِ حیوانن منز
چھ نر تہٕ مادہ یکجا روزان۔ انگریزن تہٕ چھ مرٕد
تہٕ زنانہٕ ریکہٕ وَٹے پھیران ٹھوران۔ حیوان تہٕ چھ
موٗ گرشوٗ کرُ روزان تہٕ انگریز تہٕ۔ حیوان تہٕ چھِنہٕ
نِماز پران۔ انگریز تہٕ زانن نہٕ نِماز پرٕنی۔ حیوان
چھ سورس تہٕ خنزیرس سۭتی ووہ ٹھان ہیہان
انگریز تہٕ چھ تِمن رٕچھان کران۔ سورن ہُند
بیول گالنہٕ ماوِنہٕ چھ یمن منز سور رٕچھن وألی
تہٕ سورن ہنٛدِ موکھہ خاص گان آسان۔ یتھہ روزٕ
یہنزٕ زنانہٕ! سہ کُس ہوٗن گرٕہ زین۔ یُس نہٕ ہونہٕ
وُچھو تھےٚ تس پتہٕ لار تہٕ یمن ارٕہن کڈنہٕ؟ اَدہٕ
انگریز تہٕ چھ زٕرٕ زٕرٕتی کران۔ یہنٛدِس مُلکس
منز چھُ مرٕد شُند ناو بٔلی تہٕ فقط ناوٕ موکھہ ٹکیا زٕ
یہنزٕ کوسے چھےٚ سارنے ہنزٕ کولے آسان۔
ییتھہ پأٹھی سائنس مذہبس منز اَکھ مرٕد واریاہ زنانہٕ
ہیکہ کٔرتھ ییتھے پأٹھی چھُ انگریزن ہنٛدِس مذہبس
منزٕ اَکہ زنانہٕ واریاہ رٕہنہٕ کران"

پادشاہ۔ تمی چھکھ دٕنان حکیما یہ وٕنتھ پوز! اَسہ وَرأے

رچھہ سارَی حیوان۔ اَتھ پیٹھ چھُ حدیث شریف تہٕ:

اَنا اَفضَلُ الانبیاءِ و اُمتی افضل الاُمم

ما و دارُ النّعیم و حور و قصور

کافران و جحیم و نیرانا

حکیم صاب! یہ کینژھا اَسہ پوز مُت چھُ، تمہ

کنہٕ چھکھ ژٕ وٕنی کہ پیٹھے جنتس منز۔ پوزُم ژے

چھُنے تنیکُ دٕنی یاہ پیٹھ دِیتمُت۔ یہ چھا اَسہ

وونی دوہے بوزنے یوت کینہ اَچھو تہٕ دٕچھو؟

احمق: یہ چھُنے تُہندِس مَے غولامہ سٕنزِ خوش قسمتی زِ

اَسہ بانہ پیٹھ یکہ وٕنی تُہندی بابے مُبارک اَژن

میانہٕ پہرٕ منز۔ ہرگاہ اَتھ پیٹھ پنُن کلہٕ بہٕ عرشس

تانی تھزراو، مےٚ شوبہ تیتہ۔

پادشاہ: زبرگو! اَسہ دٕچھو کھ پانہٕ پننیو اَچھو۔ پادشٲہن

ہنز نظر چھےٚ برکتہٕ وابیتو نظرِ آسمان۔ ژٕ گرٕدھ

نہٕ اَندرٕ دٕخبر زِ ہرگاہ زنانن منز کانٛہہ بیمار زنانہٕ

شفا آسہ کانٛچھان، یا کانٛہہ وازُہ نزخاندرٕ آسہ

ژھانٛڈان، یا کانٛہہ رٕنی شِند ووٚند مزرٕ نِشہ

موکلُن آسہ یژھان، سہ پٲدِن پنُن حال پیش

پادشہس بکیاز پادشاہ سٕنز اَکھ نظر چھےٚ پیمَن

سارنے دادن دَوا۔

اوٚت تام اوس گونمات فکرن منز روومُت۔ سہ دوٚتھ

تھوٚد تہٕ دوٚپُن" پادشاہ قبلئہ عالمہٕ سُند یہ فرمان چھُ حرف

اَمہ معہ کھہٕ زِ پادشاہ چھِ حکیمس پیٹھ بڈٕ مہربان تہٕ تُشند

رُت کانٛچھان۔ ہُلس گُنڈِتھ کمر بستہ منز کوٚڈُن کاغذا

اَکھ تہٕ ہیتیو ژُن یہ قصیدٕ بڈٕ بڈٕ پرُن سہ

یکی است مہرِ منوّر سپہر گردون را

بدین دلیل کہ یک شاہ ہست ایران را

حیات و پرورش کائنات و پرتو عیش

بُوَد مطیع و متابع ہم این و ہم آن را

طبیب! چند ہمی بر علاج خود نازی؟

نظر نمای شفای نگاہِ سلطان را

بہ یاد زہرہ بہ مشرود و مومیائی خویش

مناز، ببین نگہ پادشاہ دوران را

حکیم باشی کا! میرزائی آحمقکا!

کہ نیست چون تو مباہات ہیچ انسان را

بخانہ داری، ایدر، دوائی ہر دردی

بدار منّت دار الشفای یزدان را

بہل بہ کُنجی بقراط خویش و جالینوس

ترا خدای فرستادہ ہمچو لقمان را

نگاہِ شاہ، چو، کی آخرُ الدّوا باشد

بگو بہ درد کہ آمادہ باش بحران را

خجستہ بخت حکیمی کہ شد بہ خانۂ او

نہاد مقدم میمون خویش احسان را

برای آنکہ رسد دست میرزا آحمق

بہ نبض، حق حرکت برنہاد، شریان را

ہمیشہ تاکہ طبیب است میرزا احمق
ہمارہ تاکہ حماقت بود طبیبان را
غذای دُشمن او باد بقلتہ الحمقأ
خورد چو پیکان خصمش بجان پیسان را

یہ تہ پیپد پرنہ وز اُسی سارنے ہنْدی کن اڈری کُن تہ ساری اُسی بوزان بوزان زن بے خود گامتی۔ بادشاہ چھُ بڈ وَنان: "مرحبا! آفرین! کمہ رژ کتھ، معنی دار تہ اُوچ تہ زاوی جہ کتھ چھَتھ یمن بأتن منز۔ وَنہ مرژ! ژ چھکھ نہ تہ شوُبکھ تہ ژے، گوُنماتن ہُنْد ژیُٹھ؛ فردوسی کیاہ لو ژےّ نِش؛ محمود غزنوی چھا ہُراہ!

ایلچیان صاحب تلہ سہ تھوُد ووتھ، سأنِس تیمِس گوُنماتس کرتہ اُنسس میوٗلٹ تہ شرکہ نہ بوُگاہ آیراوتس یمہ چانِژ یُتھ مودُر کلامہ نیر تتھ شوٗبہ شبیرہینی آپرِ ژ ایلچیانن کوٗر پنُن ریشہ لوٗہیتھ گوُنماتس چانِس تیتھ زور میوٗلٹ ز شرنہ بدَل آپر وونس پنُن ریش تہ شرنہ بوٗک ژیوٗلنس تتھ پاٹھی اُنسس اندر ز بجارس گوُنماتس آوسوُرے کلہ تہ ریش شرنہ ژنہ سپتی برنہ۔

نیٚبر کنو اوس صاف ننان ز امہ شرنہ سپتی ٹیٚٹھیو ووُے شہ بجار۔ شرہنز ژیلنہ کنی پھوٗٹس اُچھو کنز اوٗش تہ ژانوٗ کنو ووٗتھس ژاہہ دی دی شرنہ ماچھر سپنس تانی۔ بڈ جوٗکھُن ہنہنز کنز تہ ہنہنز یہ حالتھ تھوٗن حاضرن نِش ژوٗر۔

اُمہ پتہ کوٗر پادشہن کوچ کھینک فرماش۔

# ۲۹
# پادشاہ سِنْدِ کوچ کھیٚنک تفصیل

تہ سہ قصہ یمہ کنہ حاجی بابس منزس ہموٗنی گیہ پادشاہ سِنْدِس کھینہ کس کُٹھس منز اُسی خانیٚ سانوٗ وَرائے حرف ترٗٹے شہزادی تہ بس، شہزادہ اُسی پادشہس نِش دوٗر، ہتھ لبہ کُن کرتھ، شمشیر کوٗہٹن پیٹھ ژیٹھ تہ ژاہ کوٗتھ کریتھ بیہتھ۔ احمق صاحب اوس کھیہ بانن منز جایہ ووہ دنی روزتھ حکمس پیاران۔ پادشاہ سُنْد ذاتی خدمتگار ژاو تہ ترووُن ژری دار کاشر شالک دسترخان۔ پادشہن تھوٗو اتھ تہ منز ژاوکھ کھینہ بانن ٹھانٹھ یم سو لہر منز بے مہر کرتھ سوزنہ آمتی اُسی۔ یتھینہ یمن کاتہہ، زہر رلاو۔ رنینہ وز اُس وازو سارے وہ شاُدِل ورنوٗ مرژ۔ یُتھ کنہ قسمک پلاو اوسکھ روٗنمت۔ زعفران پلاو، رزماہ پلاو، مُسرِ دالہ ہُنْد پلاو، موُنگہ دالہ ہُنْد پلاو، روہ منہ پلاو، تہ ساینے پلاوَن ہُنْد ہنرتاج سنگترِ پلاو اوس رنینہ آمت۔ یمن پلاوَن ہنْدِ مُشکہ سیتی اوس روٗح تازہ گژھان۔ چینوین بانن منز آسہ وہ زچہ تلیتھ تہ رنیتھ کاڈ، تلیتھ کوکر۔ دانِ شیرس پیٹھ رنیتھ ڈالنی گوجہ، زوٗنبر ھوٗل، آب گوش بادم گوجہ، پستہ مغز، فندق، الو، تمبر، میٹھ ھوٗل ووہ زلی روانگن، تلیتھ کرہہنہ ماز، تلیتھ وانگن تہ بیٚیہ تہ بیشمار ژاژ یمہ گژنہ منز پینے۔ یموٗ ورائے اوس

مرٛژو بوٚٲت زٕنٛجہ کَہڈ، کُکہٕ، پٕچھن، باڑٕ تہٕ قِسمہٕ قِسمہٕ شکار
ہَرنٕہ، مازٕ تہٕ جنٛگلی گور خرٕ سُنٛد ماز، یِمَن سٮ۪نٛین ہِنٛز کثرت
تہٕ رَنٛنَک مُرٕ دُچھمہٕ اوس وُچھن والین لُطفاہ پیوان۔
پادشہَس اَنٛدرِ اَنٛدرِ آسہِ تیٛتہٕ بُشقابہٕ ٹوٗرِ تہٕ رِکابہٕ زٕ
سٕہ اوس پانہٕ نِنہٕ آمُت زٕ کٮ۪تھ کٮ۪تھ کُن رَنٛمہٕ اَتھ۔ دسترخانَس
پٮ۪ٹھ چھٮ۪نہٕ کھٮ۪تھے ژٕٹنہٕ کٲژاہ آسہٕ، آچار، مُربہٕ، ژامن
ہٕتٕنہٕ، سبزی، گنٛڈٕ، گازر، مرٛژٕ، نوٗن، تہٕ مرٛژٕ وانٛگن
ہیٛچھ شربتَن ہُنٛد اوسنہٕ شُمارے۔ بَڈٕ بَڈٕ چیٖنوٕ بانٛ
منٛز اوس سیوٕن تہٕ رۄہ پھ جرہتھ خوانسارکی تہٕ شیرازکی ہچوٗر
قاشُو منٛز ترٲوِتھ لیٖمو شربتھ، سنٛگترٕ رس تہٕ شکنجبین۔
یِمَن سارِنے اوس گُلاب عارکھ چھکِتھ۔ بیاکھ شربتھ
اوس ببرِ بیول ترٲوِتھ۔ دانٛ رٕ ہیچ تہٕ اوس اکھ شربتھ تہٕ
یم دانٛ آسہٕ اردستانکی دانٛ۔ یِمن سارِنے شربتَن منٛز
اوس تخ ترٲوِتھ۔

پادشاہ اوس گراہ ہُمہٕ ڈۄنٛگہ منٛز تہٕ گراہ یِمہٕ ڈۄنٛگہ
منٛز بیوٗن ناہ کھیوان۔ خانٛی ساماہ تہٕ شہزادٕ آسہٕ سیٹس
پیٹھ اَتھ ٹھۄکِتھ بٕرونٛہہ کنہٕ ووہ دِنی۔ ژھوہ پہ کرِتھ کھیو
پادشہن غذا تہٕ پھٕٹرِ وونٕ اَتھ تہٕ تِمہٕ پتہٕ ژاو بٮ۪یِس
کُٹھِس منٛز۔ تموک چیٚنہٕ۔

غذا کھیوان کھیوان دیٖت پادشہن حکم زِ اکھ پیٛالٕہ
رکٲبی نِیو حکیمس۔ یہ اوس حکیم صاحبس بڑٕ عزتھ پادشاہ
سُنٛد طرفٕ۔ تس پیو پیٛالہٕ نِنہٕ وٲلس یِناہ دیُن۔ گۄڈنِچ تس
تہٕ آو نیٚچھے عزتھ کرنہٕ تس تہٕ پیو چِنٛدس گنٛڈٕ مرٛژ اوٗنِہ

بیاکھ اَکھ رکٲبی یِتھ پادشہن پنٕنٕ اَتھ اوس لوگمُت
نیٚکھ حکیم بابہ۔ تِمہ تہٕ دیُت کھۄلہٕ دِلہٕ یِناماہ اَتھ وٲلِس
پیٚٹھ پاٹھو آسہِ تہٕ ڈرِ ژھ صنم گڈہان۔ ڈالیٛزٹن وول
تہٕ یِنامہٕ نِنہٕ وول تہٕ۔ مختصر کھیو پادشاہ سُنٛد ژھیُوٹ
شہزادو، تہنٛد ژھیُوٹ کھیوا لیکھانن۔ گوڈنیتن، طبیلن
ہُنٛدِ افسرن، پادشاہ سُنٛدِ ذاتی خدمتگارن، تریش
چاوَن والیو، سارِوے افسرو تہٕ وزیرو۔ پتہٕ تُس ہیٛکہ کینہہ
ہُریوو تہٕ کھیو نوکرو تہٕ وازو۔

اَمہ پتہٕ نیوٚ حکیمن پادشاہ گُنٛدے زنانہ اندر محل
خانس منٛز۔ اَمہ ساتہٕ ہرگاہ کانٛہہ کُن دیٛہہ ماز اندرِ کمہٕ کمہٕ
کیٛتھ سپدِن، تس نیٚہن کِنے ژٕ رٹھ۔ بٕ بیوٗٹھس پینٛنی
جایہ تہٕ ڈٲلُس نہٕ کُن تہٕ۔ مگر سنٛخو تاوٕلی اوسُس کران
زٕ کُنہہ پاٹھو گوژھُم منٛنٕ اندر کیاہ سپد۔ یِیلہ مے بوٗز زٕ
حکیمن دِژ پادشاہ سُنٛدِس محل خانہٕ اَژنس پیٹھ تَسٕ
گردی دامے ڈٲلی، میٛ گوو اچھن اَنہٕ گوٚٹ تہٕ مُنٛجس
ڈولمُت رنٛگ۔ یوٚدوَے مے پزِ ہے خوشی گژھن زِ سعہ
بچاؤ سوکلے یہ حکیم بابہ ہنٛد قاعدٕ تلہٕ امہ پوز تسنٛد اَتھ منٛز
نیٚرنُک خیال آچھن۔ برونٛہٹھ کُن پینہٕ سیستوزن سار
پانُک رَتھ شُہٹوم۔ ہِنہٕ اوس آسہٕ دوون پانہٕ وانٛی تیٛتھ
عشقاہ زٕ عقلہٕ ہنٛز اَسہٕ اَثرس منٛزس زٕ بیچ ضرور ورتھے
پیوان تہٕ نہٕ آسہٕ آسہٕ دُنیاہ دور زاننہٕ پینہٕ والہٕ وختُک
کیٛنہہ سوچان۔ یِہے جِیر نظرٕ تل اَنتھ آیہ مے تِمہٕ تِمہٕ
ہمنار خ شکلہٕ بوزنہٕ پیوان یِمہٕ نہٕ کٲنٛسہٕ تہٕ نقاشَس تکن

بُناوِنہٕ۔ وونی چھُس بہٕ سوچان زِ اَکھ چیز گژھِ شُس تَس
ہے زینب سمکھہ ہیٚم، بہٕ پزٕ ژٕھ ہَس یہ کیاہ قیصہ چھُ۔ یی
سوچان سوچان ووتُس بہٕ پٔتٕس پیٚٹھ یٚیتہٕ اُسو
سمکھان کران اُسی۔ اَتہٕ گوم وارِیہَن زنانن ہُنٛد
شور کنَن تہٕ پیٚو اوس ہے تُلمُت۔ حکیم ہٕنٛدِس محل خانَس
منٛز ییمہٕ زنانہٕ آسہٕ تِمو وراٹے اُس بیاکھ زنانہٕ کھیٚجاہ تہٕ
نیٚبر پیٚٹھ تماشہٕ وُچھنہٕ آمژ۔ مگر یِمَن منٛز ڈیوٹھم نہٕ یِمَن
ماشوق کُنہٕ تہٕ۔ ہُنٛد اوس شام تہٕ تیار۔ لہٰذا کرِٕتھ اُس
اِشارہٕ چھ ووہ میٚد ٹھوٗنی فوٗصئول۔ اَماپوٚز ووہ شوبے طرفو
عُشقُچ وُشہہ ہیٚشی آسنہٕ کِنہٕ ادمَم پنٕنہٕ جایہ پیٚٹھ زِسعہٕ بہٕ
آسہٕ ییٚمہٕ وُنی دِوان۔ امہٕ پٔتٕس پتہٕ کِنہٕ اُمس بوٚن کوٚچس
اَکِس منٛز نظر پیوان، یٚیتہٕ پیٚٹھ موقن زنانہٕ تماشہٕ
بیتہٕ وُچھنہٕ مۄکھ سَمان آسہٕ۔ امہٕ کوچہٕ منٛز کرِچھُس بہٕ گژھن
ہُنیٚرہ پہنہٕ تہٕ کُنَن ہُنٛد شور بوزان تہٕ سیتہٕ وُچھم فانوٗسن
ہُنٛد گاش تہٕ ییمہٕ کنہٕ مِٹے زون زِ پادشاہ ہینوٗتن نیرُن
اُکھو منٛز گوم کنَن کھور بانن ہُنٛد کھٕر کھٕر تہٕ ریشمی پیرژن
ہُنٛد سِر سِر۔ ییمہٕ آسہٕ سارٕے زنانہٕ پٔتٕس پیٚٹھ تماشہٕ
وُچھنہٕ کھسان۔ بہٕ رۄدُس برنہٕ پتہٕ کُن ژیتھ پاٹھو ژھاٗ
زِ ژۄنی کارِس وراٹے پیٚیہ ہے نہٕ پیٚیہ کانسہٕ تہٕ مٕتے
پیٚٹھ نظر تہٕ اَندرٕ کرِ کِنہٕ اُسیم پیٚشِڑھا پیتہٕ ووہ مید نہٕ
اَگر دیہی زینب اوریور نظر تہٕ کڈُم نظر۔ اَدٕ تی نپید
تہٕ۔ زینبہ کوڈُس بہٕ نظر تہٕ مٕتے تہٕ پیٚیہ گوڈٕ اُمو ہے کُن
نظر۔ باقے ترووٕ مٕتے اُمو ہے پیٚٹھ زِ وُچھو اُمو ہُنٛد سوم رکانہٕ

کیاہ آسہٕ۔

بُنہٕ کِنہٕ چھُس کرِکہ بوزان: "خبردار! دوٗر رۄزِو
دوٗر رۄزِو" یہ ہیتن سارے پادشاہس سیتہٕ نیرٕنی۔ اَتہٕ رۄدی
فقط گرٕ تانی زنی۔ باقے دراے ساری تمی وُتہٕ یہ تیتھے پاٹھو
ییٚمہٕ وُتہٕ تہٕ پیتھ پاٹھو تِم پادشاہس سیتہٕ آیہٕ اُسی۔ ییٚمہٕ
رونکھا حکیم ہٕنٛدِس گرِس اُس سہ موکلیہ یہ پادشاہ ہٕنٛدِس
گرِ ہنَس سیتہٕ۔

زنانہٕ تہٕ وُژھ پٔتٕس پیٚٹھ بوٚن۔ وَسان وسان
لوگ یِمَن پانہٕ وانی مجادلہ زِ پادشاہن کَس کُن وُچھ چھان
پاٹھو تہٕ کیتِس کالس وُچھُن۔ سارِنے اوسُن زینبہ ہُنٛد
موکھ خسدٕنٕ نار گونٛڈمُت۔

اَکھ اُس وَنان: "خبر ہے پادشاہن کیاہ وُچھ
اُمٕرا اُمس کو رِہنہ منٛز۔ گوڈٕ ہے دِپو چھے کیاہ شکل اُمس
وُچھی کانٛہ اوہ بیشوبہ تہٕ بدٕ شکل چھے۔ اُس وُچھو توس
یوت بوڈ چھا اُس کانسہٕ آسان۔ چھے کہہ شوب
اُمس بِچارہِ؟"

بیاکھ اُس وَنان: "ہتے کو بسن تراوی توس نظرہ!"

بیاکھ وُژھ: "ہتے ہیٚنٛز بوٚن وُچھو تون، وارِ
کارِ چھے ہستیناہ ہش۔ کھورن کُن کرِ وُسی نظر
زرِ زرِ چھس وۄنٹہ پھکو"

کمہ تانی دوپ: "ہتہٕ بی مانو شکیل چھے۔ مگر یزدی
چھنا! اَوسے چھُ شیطان آسہ ڈالان تہٕ یہ شوبہ چھے
مورہش بوزنہٕ پیلان۔"

موٗجِھ ژرواژ ساریٚے بُتھان پھراٰمان ییمہٕ کنہِ

پیٚٹھ زِ اُمِس ژاو شیطان مَنز تہٕ تمیٚ سِنٛدی کنہِ آیہٕ

پادشاہس پٔرشکیل بوزنہٕ تہٕ لوٗگ پادشاہس تہٕ دوکھ ییٚگر

مٔنٛزٕ اُسنہٕ ہیٚنز اکھ کنہٕ تہٕ پیہان تہٕ اَنٛدرِ کنہِ اوٚسُس

دٔیان اوٚرکر پِھٹے وٚوران۔ یِہُنٛد دور پٔیہ سیٚٹھا گیاہ۔ وُبرِ تن سہ

گویند مردان ومرا استواز نیست

زنانن ہُنٛد چُرکُش پھٹ تہٕ اَتہٕ لوٚر پٔتِمس پیٚٹھ پادشاہ

سِنٛد گُژھنُک تماشہ وُچھنکہ ہیتہٕ صرف اکھ نٔی۔ سہ

اُس زینب!

۳۰

# پادشاہ سُنٛد تاج بالِس سیٚتھ

## دُشمنن کٔر تس ماشوق تقیہ نیشہٕ

بیٚیلہ بیٚچہ ہرنہٕ ہُنٛد ٹھوٗر دوٚہتہ تہٕ چھُس دٔیان

زِیم شکھ مٔنٛزٕ دِلَس مَنز پٔیدٕ گامتہ چھ، تم زٕھینہٕ تہٕ کاٹیٚچھ

تہٕ وٚنہٕ اُمِس سوٚرسے کینٛہہ۔ یہ چھم اوٚرسے وَنان"۔ اَز چھے

یہ میون پیٚتہٕ ہُم سمکھن۔ یہ چھٔنے ووٚنی اَزی کہِ پیٚٹھ پادشاہ

سنز۔ ہرگاہ وُنی کین اَسہ دوٚن یکجا وُچھن، دوٚہ شوٗئی

کرن پرزھنے کٔھش۔" مٔنٛزٕ دوٚپ بہٕ پٔرزِھ اُمِس آخر پٔتے

پیٚٹھ کنہِ پاٹھی یٔمیہ پادشاہس نظر پٔیہ کنہٕ تہٕ تس

ٹار کھٔسِکھ۔ یہ وُچھم اوٚرِ دوران۔ زانہٕ خدا! یہ اوسہٕ اُمِس

پادشاہس ٹارِ کھٔسنِچ خوشی ہُنٛد اوٚش یا حَکیم بایہ ہُنٛد

اِذا تلہٕ موٚہ کلٔنچ خوشی ہُنٛد کینہٕ مٔنٛزٕ نیش ژھینہٕ گژھنکے

اوٗش وَسان۔ یانی یہ مٔنٛزٕ وَدان دُچھہ تانی ہیوٚت مٔنٛزٕ

تہٕ وٚدن تہٕ دوہ شوٗسے کوٚر ییٚڈ برٔتھ وٚدناہ۔ حَکیم سُنٛد پیش

بنیوو پیٚتیس کھنٛڈس ماتم سرِیاہ ہیوٚ۔

زینب چھم بوزناوان زِ"پادشاہ بیٚیلہ اندر محل

خانس مَنز ژاو، گیوٚن واجنیو تہٕ نژن واجنیو نیٚوٚسہ

ماٰلکینہٕ ہنٛدِس کٔھٹس مَنز۔ ماٰلکینہٕ کٔرہ پادشاہس یاد

پیٚٹھی تہٕ وٚنس یکنہٕ خاطرِ زرباف وَچھرن۔ پادشاہ

بیٚٹھے اَمہ پیٚٹھی لوٚک تَتھے نیٚو یہ حبشی غولام تھوٚ

تُلہٕ تہٕ کٔر ہمس تو برکھ آسنہٕ کنہٕ ترٕیچھ۔ ماٰلکینہٕ ہنز

ڈالی اُس پادشاہس ترٔنٛسے جوٚر عارق چھینہٕ مٔنٛزٕ صدر

زِ شلوار، شال اکھ۔ ترٔنٛسے ریشمی کُرتہٕ تہٕ اکھ جوٚر

جورابن ہُنٛد۔ پادشاہن کٔر یہ ڈالی قبول تہٕ کوٚرُس

مرحبا۔ اَمہ پتہٕ روز زنانہٕ دوٚن طرفن ووٚدنی۔ بہٕ روزہٕ ہس

سارِنے پتہٕ اَکھے اُمِس نوٗرِ جہانہٕ تہٕ یتہٕ کینی۔ ژٕ ہیٚنے

آسہٕ تھکہ تہٕ وُچھ تھکہ زلال بڑ تانی اُس دٔیان زِ

بچے نتہٕ بیے گژھس پادشاہس ٹار کھٔسِن۔ اَجہ آسہ

وٚزن کران، اَجہ نخرِ ہاوان۔ اَجہ ہیٚن خٔسن چھسہ ٹھیٚچ

کڈان زِ وُچھو کوسہ زینہٕ تہٕ پادشاہ کَس نیہ۔

سارِنٕے کٔر نظارہ کٔرِتھ لوٚگ پادشاہ مٔنٛزٕ کٔن

مُدرسے گنٛڈِتھ وُچھنہٕ۔ اَتی دوٚہتہ حَکیمس کُن۔ "یہ گژھہ ہُن

چھینہٕ ناکارٕ کینٛہہ۔ قسم چھم اَسہ ہینہٕ گنٛڈِتھ۔ جانہٕ زِ رٔنا

چھٔنے! حَکیم صاٰبا، ژٕ تہٕ چھکھ نہ یلہ موٚہ ہیٚنیو اکینہٕ شوق

بنٛدسے چھکھ۔" اَمہ پتہٕ چھ پادشاہ مٔنٛزٕ کُن وَنان:

ہئتے "کوری پھیٹ ہش چھکھ!

چشم گیرا! رخ زیبا قد رعنا داری

آنچہ خوبان ہمہ دارند تو تنہا داری"

حکیم نیمو وبوہ ن کُن تہ چھُ پادشاہس دپان: " میون پان تہ ہیہ ژُنڈتھ! بہٕ چھس تہند غولام تہ یمہ سارئے چھےٚ تہنز کنیزٕ. یؠ دوے یہ داے چھےٚ نہ تہ ہیہ ہاہس شاہ بدٕس پادشاہ سِنز تلہ یِچھ گرد تہ وندنس لایق. ہاوٕ ہر گاہ پادشاہ قبلہ عالم سِندِس دِلہ مُبارکس ہِٹا ر کھٕر تیٚلہ چھےٚ یہ تہ ہاہ ہوس انصاف کرٕن. واٲلس پادشاہس پیشکش."

پادشاہ ووٚتھس درجواب: " اَسہ کرٕ یہ قوٚبول"

پادشاہن اتھ نوو زیٚتھ لاٚنڈھ نادِ تھ تہ ووٚننس زِ " یہ کچھ ہُن ہیچھ ناوُن نرٚن تہ اُمس گرٚڈھ رٚت یوہ شاکھاگُن ییٚتھے یہ اَسہ نِس پنس لایق گرٚڈھ، تیتھے گرٚڈھ یہ اَسہ برٚونٹھ کُن واتناوٕنی."

ہےٚ وُچھن گوٚڈٕ حکیم بابہ کوٚہ سہ عقلہ بقل گیہ کیٚاہ بنیوم اکیٚاہ بنیوم. ہمنا کھ اُچھوٕ اَسم تیتھ کیٚنہہ وُچھان زٕ نظر سیتو ہےٚ پلہ ہیس ماٚرتھ ماٚزِ ھنہ ہیم. سیٚر تیٚنہ گو ہیہ. فقط گیہ نوٗرِ جہان خوش، سو چھمنا وِسن موٚخصر وٚنے زٕ ہیے یاٚز کھٕرٕس پادشاہس ٹاٚرِ. پادشاہ دراو ہور کُن تہ یور کُن گوٚڈٕ وُچھن حکیم بابہ کہنتھ پاٚٹھو بدلو وہنُن وطیرٕ مےٚ سیٚتو. وونی کیٚنہ روزِس بہٕ "شیطان ہنز کوٚر تہ لعنتی ہیول" ووٚنی

اُہنم "بیٚنہ جگری! اُچھ گاش تہ کوٚری" کوٚری کرٕ وٚنان. کُجا ہبہ بٕ پچھر ہٕندا ناوتس بروٚنٹھ کنہ زِیو پیچھ ہیٚنوٚن تہ کُجا ووٚنی سو اورٕ ےمےٚ نوک چینہ موہ کچھ جچھپیرِ پلہ ناوٕنی. زور چھم شرِ ہنز آپراوان تہ ژھایِن گرایِن وِچھان. ہیٚریِن امس کو ٹھس اکس منز تھدٕ ریہتھ پانس وٚدوسانا کران. اَتہ چھم سارِی ووٚنی مبارک کران تہ دپان:" کرٕ تہ عاٚش! ووٚنی چھےٚ لال جواہر تہ ہرِتی پلو نالی لاگنہٕ. چیتہ ووٚنی شراب نیٚٹھو تہ ناریو کرٕتہ زٕژناہ تہ گیونا. مگر ووٚنی ہےٚ کوٚری زٕ ترٚژھ کاٚما یٚمہ کنہٕ پادشاہس ٹاٚٹھ گرٚژھ کھ تہ پادشاہ باسے بناوی. یٚتھنے ووٚنی اسہ پتٚلے مشراوکھ." پادشاہس سیٚتو کتھ باتھ کرنگ تہ تہٚنزن کتھن جواب دِنگ طریقہ تہ چھم ہیچھ ناوان. موٚخصر، بہٕ یوہ سہ تہ گنہ مجرِ ہسے اُمس، گیٚس بینتس منز کوٚہ سہ تاپنی بدٕ ڈیداہ تینبہ زِینبُ وُچھم ترٚژھ خوش زٕ یہ کیٚنژھاہ مےٚ تس وُنہ اومس تہ دوٚدُم دِلسے منز. تس اومس پننہ جایہ قطعی ہیٚتھ زٕ بہٕ پنہٕ ضوٚ رٚور کرِ تھ پادشاہس برٚونٹھ کُن گرٚڑھنس لایق. تو تہ اوٚمن پانہ بوٚزمُت تہ وُچھمُت تہ زٕ یوہ سہ تہ پادشاہس برٚونٹھ کُن نِنس لایق سپدٕ. تس چھ ماٚرتھ ژھنان، خاطرٕ مےٚ پیٚلہ یہ خوش وُچھی، مےٚ تہ ہوٚس زٕ بہٕ تہ چھس، چاٚنس تور گرٚڈھنس منز خوش پئے. اَندرٕ ہی کِنی اوسُم ونہ وائے بیچ سرٕ یہ ہیٚنو زٕ ظاہر ہیٚمکھو تو تہ بیٚیہ وُنہ اَکہ لٹہ اَمہ دِیٚتم

" کألی کیتھ پیٚیہ یور لانٛژدٕ منٛز نِنہٕ موکھ تہٕ چھُ سٔے پیٚتہٕ نژن اجنیبن نِش گرٛاصتہٕ نژُن کرُن ہیٚوچھُن۔"

بوٚنی کٔنہ ہیٚوتُکھ اَکہٕ دوہہٕ لُکہٕ اُمی سُنٛد ناو تہٕ دراے زینب سٔے نِش تیتھ پاٚٹھی زنہٕ یہ اوسُم اُمی سُنٛد تیٚتھیم دیدار۔

## ٣١

# حاتج بابس زینبہ ہنٛد ژھیٚنہ گرٛاھنک

### غم پیٚیوُن تہٕ تسُنٛد حکیم بنُن

بیٚیلہٕ میون مدنوار تہٕ دِلقرار ژوٚل، بہٕ گوس سیٹھا

بے قرار تہٕ چھُس سوچان: " خدایہ! یی اوسیہٕ اُسہٕ اَکی سٕے کنٛہہٕ منٛز دوہن گوژھن ہنٛدی پاٚٹھ بارن دوہن پتوٚ لاکھن وُچھُن، ہر گاہ دُنیا یی چھِ زہ دوہن رٕژن تھوٚوُن تس آورُ تہٕ بادیان اوس یہ سورُے اَکھ خیال تہٕ خاب، ژھیٚنتہٕ نعمتہٕ تیٚلہ بیٚتھ دُنیہس۔ لیلہٕ ہنٛد موکھ بنیوس مجنون تہٕ تہٕ دوہنی یوٚت تام زنٛد چھُس توٚت تام روزِ ہم جگرس آمہٕ تاو تہٕ عشقُن دود لگہٕ وُن۔ دوہنی چھِم کوہ تہٕ بال ژھنٛڈنی، حیوانن تہٕ حیا ناوارن سیٚتۍ وۄٹھن بہٕ، جنٛگن تہٕ دیوَن سیٚتۍ یارانہٕ کرُن ؎

کہ عشق این کارہا بسیار کردہ است

دَراَصل کوٚر لاٗنی منٛز سیٚتۍ ہٕٹھے۔ بادشاہا اَکھ آد نوٚناہ اَکھ وُچھن۔ کیٚتھ جوراہ کرِن تہٕ قصہٕ گو ختم حاتج بابہٕ گومنٛزے سُنٛد تہٕ زینبہ آیہٕ پکھ تہٕ تمہ ہیٚوٚت وُڈُن۔ خانمنٛز کیٚشت پھُنہ زنانہٕ قحط کینٛہہ تہٕ دُڈِ ی تن۔

منٛز گیاہ توتہٕ۔ مگر منٛز چھُ بیٚتھ کیٚتھ زِ خضر کھیوٚ سٔے تہٕ اُنیٚٹھے یاژ روزِ پیٚتھ کُن بادشہس۔ اَمایٚیلہٕ یہ ننس شہ کیٚا سُنا گرٛ تیٚیلہٕ ؎

در دجلہ کہ مرغابی از اندیشہ نرفتی
کشتی رود آنجا کہ سر جسر بریدہ است

●

از کوزہ کہ بیگانہ مکیدہ است فقاع
بکشاید تا چشم مبارکش کور شود

راٗتی راتس زَن اوسُس دَزان تیٚیہ سیٚتۍ ژھیٚپی بے وۄتھس تہٕ غم دفائی کرٛنہٕ موکھ ڈراس شہرکُن۔ نیرنہٕ وِزِ چھُس وُچھان زِ رٕتی پاٚٹھی بیٚیرِ تھ اَکس کرُس بیٚیھ اُمس زینب کھٕسیتھ۔ رِکابس سیٚتۍ سیٚتۍ اوسُس اَکھ حبشی غولام تہٕ پیٚتہٕ پیٚتہٕ اُس جماتھا اَکھ کرٛیکہ دی دی پکانہٕ زِ:
"خبردار! نظر تھوٚوِ بوٚن، دوٗر روٗزِو! خبردار!"
یہ اُس اَمہٕ سابہٕ حکیم سُنٛد گرٛ نیرِتھ بادشاہ سُنٛد کُن گرٛاھان ؎

من خود بہ چشم خویشتن دیدم کہ جانم می رود[1]

دوپُم خبر منٛز کُن آژراوِ نظراہ مگر پھُٹے چاہ اَچھ گرٛاھنہٕ تہٕ بیٚمزِ کی کٔنہ کرٛنہٕ آمہٕ حرکتھ تہٕ۔ بہٕ گوس سخ ناوومید تہٕ اُمی سُنٛد خیالے دِلہٕ منٛز کڈنہٕ کرٛ نیٚیتہٕ ڈراس پانیس

---

[1] یہ مِصرٕ چھُ فقط طہران چھِ کتابہٕ منٛز یوت جب حال آسنہٕ کٔنہ زون منٛز تہٕ مناسب اَتہ لیکھُن۔

تہٕ زانہٕ خوٚدا قرٕ وتین دَروازٕ کینہہ نیرِ نہٕ بدلہٕ کیاہ گژھہِ دوتسُ
بٔ کلس نکھ۔

رکاب ماٗدان اوس گرٕ سوارو سیتۍ بَرِتھ تہٕ پادشاہ
اوس دیوان خانچہ دارِ پیٹھہٕ بہتھ فوجک قوٚیدٕ وُچھان۔
جنگین ہُنٛز دَکہ دَکہ سیتۍ ڈُچم زینت اُچھو نِشہٕ تہٕ
لوکَن بٔ بدلے تماشہ وُچھنس کُن۔ یم گُرہ سوار اُسۍ
رِسالہ دار نامردٕ خانٕنۍ یُس پانہٕ عالی شان گُرِس
کھسِتھ فوجس حکم دِوان اوس۔ نامردٕ خانس
اوس زَرٕ دار کوٹ نالی تہٕ ٹوپہ اوشس بہہ تہٕ آفتابک
نشانہٕ رِہ تیٚز تہٕ سۄہ بِہ سیتۍ جَرِتھ تہٕ اتھ کُن وُچھتھ
اُسۍ اَچھن ٹُکر لگان۔ یہ قوٚیدٕ وُچھن اوس رِیا بہٕ
خاطرٕ لوٚکے کھوتہٕ۔ تکیاز سے اوسیہٕ زانہہ تہٕ یہ تماشہ
وُچھمُت۔ گُرِن تہٕ گُرٕ سوارن ہِنٛدِ نیزن تہٕ بوٚندقن
کُن نظراہ تراوِتھ پیٚیہ مےٚ تم دوہ یاد یمن دوہن
بہٕ تُرکیا نُو ژٕ ٹھتھ اوسُس نیُمُت۔ اَندرٕ کینہہ آم یوٚہسے
جیسِ ہیوٚ زُ بُڈ تہٕ اَژٕ فوجس منٛز تہٕ بنہٕ ہا سپاہ۔ قوٚیدٕ
وٲلۍ اُسۍ اَندَن اَکِس پیٹھ دوہ دِنۍ۔ یِہُنٛد ژٕ ٹھ اوس
پانژن شین فوجی مُنشن سیتۍ منٛز باگ ماٗدانس یمن
سوارن ہِنٛدی ناو بیتر ہیوان۔ اَکھ مُنشی اوس
سوارٕ سُنٛد ناو بڈ ہیوان تہٕ سوار اوس جواب دِوان
"حاضر"۔ یُس نہٕ حاضر آسہ ہے تَسُنٛد اُسۍ ونان "حاضر
چھُ نہٕ"۔ ناو ہینہ پتے اوس سوار فوجہ منٛز نیرِتھ ساریسے
ماٗدانس گشتہ کران تہٕ پادشاہس برٛونٛہہ کنہ وٲتتھ گُرِس

دوہ بٔتھ نمنا گوِتھ فوجی سلام کران تہٕ برٛونٛہہ کُن پکان۔
پتہ یمس سوارس تانی گوٚر ساریوے یِی۔ پتہ پتھ کانٛہہ سوار
اوس نوٚی نوٚی تماشہ ہاوان۔ اَڈین ہِنٛدی وَژن اُسۍ
بُڈٕ پرِتھ تہٕ باسان اوس زن چھُ پرٛتھ کانٛہہ یمن منٛز
رُستم۔ اَڈۍ اُسۍ دوہ زِمے گُرِن کھسِتھ تیتھ پانٛژھ پکان
زٕ باسان اوس زن چھِ جنگہ پیٹھ ہاوِتھ آمتۍ۔ یِمو منٛز
زانہہ ہیکہ بٔ کینژھہ زٕنی۔ جوانا اَکھ وُچھم یمن منٛز بُڈ
تہ لنگہ تہٕ چالاک۔ اُمس کُن وُچھتھ اوس اِنسان
راوان، تہٕ اوس اُمس جِسم تہٕ حیثیت۔ اُمی دوہ نوو گُر
تہٕ چھُ ہیوٚہ ہیکہ پانٛژھ پکان۔ دوران دوران لوکھ اُمس
گُرِس ماٗدانس منٛز کوٹس اَکِس سیتۍ کھسِتھ۔ گُرِس
گیہ ژِ ینِتھ تہٕ یہ جوان آو امہ کھتہ پیٹھہٕ منٛزوٚر لایِتھ تہٕ
پیو پتھر۔ اُمی وِزِ تملٔتھ یہ جوان تہٕ کوڈ کھ لکہہ عرصانہٕ
منٛزہ نیبر۔ کمو تانی یَرِ نوٚدس بٔ زِ ہیہ یہ تُچھو پادشاہ
سِنٛدِس حکمس سیتۍ آسان تہٕ تِمیٚہِ ہُنٛس بٔ یلاج معہ کھ ناد
دِتھ۔ کاش مےٚ ماجہ ہِنٛدِس گوبرس گژھہ ہے یہ ولے
زِ بٔ زانہٕ کہین، تہٕ کینژھ، بٔ دَراس بُڈ کونکہ تھوٚوِتھ
یلاج کرِتہٕ۔ یہ جوان وُچھم دَرحقیقت ہیٚنٛدٕ پتھر پیومُت
تہٕ نیبر۔ کینہہ اوس نہٕ پیوان صاف موٚدمُت لوزنہٕ دوہ دِنۍ
وٲلۍ اُسۍ ساری پنٛنہٕ پنٛنہٕ عقلہ موجوب اُمس طبابت
کران۔ اَکھ اوس کربلائیس گُرٕ سوار سِنٛد ناو اُمس
تریش تراوان دیوہ اُمس ہرِ داو۔ بیاکھ اوسُس نستہ
کینہہ تمٲکو دِتھ بَران پتھ رٕژھا بچیس ہیٚوٚ۔ اَکھا اوسُس

ساڑہ ہے پانس موٚکھ تہٕ دۄگ دوان۔ یُتھ شُہُلیُت خوٗن اُمِس رگن منٛز اوٚر یوٚر پھیریٚ۔ یانی بہٕ وأرتھ سوس یم ساڑٕہی یلاج کٔھتھ بوٚلٹھ۔ بڈٕ نِتھ گُن پیٚتھ روٗم سیتھاہ ہے گو برسان اُمہ شُنٛد بیچھنہِ اکھٕس منٛز۔ سارنٕے ہنٛزا اُچھ لگہٕ مٕۓ کُن ڈرس' أہِز چھُنکھ بڈٕ یڑٛدھ تہٕ پڑٛدہٕ سان دیان"۔ یٕمس جوانس پیٚٹھ نظر گأٹو موت تہٕ زندگی چھےٚ ونٛزکین یٕمس منٛز۔ یانہٕ وأتی شیخ زوٗان نکٕس نیٚبر"۔ اُمہ پیتہٕ چھُس یٕنس وۄستاد سیندھ پأٹھی لگن وَنان "یٕتھنہٕ یٕمس بیچارس حالتھ زیادے اَبتر گژھہ۔ اُمس کٕرِ تٔوٕ دینہٕ ہنا یُتھ نہٕ زٕ اُمس چھا زۄ وُنہٕ کینہہٕ باقی کینہٕ تہٕ" یُتھ یلاج چھنہٕ ازتام کأنٛسہِ تہٕ اکی کوٚڈمُت۔ یہ دِنی رووکھ رتھ پأٹھی زٕ اُمس وزٕ ساڑہ ہے پانس ٹاہرار ے اُکھ ہنز گیہ کریکھ۔" ہے جاے ترأو سہ۔ جاے ترأو سہ" اَتہٕ چھُسن انگریز حکیم وُچھان۔ یہ اوس انگریز شفیرن سوزمُت یُس پانہٕ تماشہ وُچھنہٕ اور آمُت اوس۔ اُمِس بیچارِس نظر گژھہ دینہٕ ورأئی چھُ گوٚڑ یہ وَنان" اُمس ہیٚیو تھونہِ، خبردار چھُو اَتھ میہ دیتِو تاگرٕ"۔

مےٚ روسیٚن، یس ایرانین ہُنٛد یتھ ٹھۄنہٕ موکھ اوتھ سال کرٕتھ اوسنہس نوکُمت' دوپ اُمس "ہے سہ کمہٕ جایہ ہیکہ تہٕ اُمس تھونہِ؟ نوسے طبابھا چھُکھ تہٕ وَنان اسہٕ۔ تٔمۍ پچھے نا خبر زٕ موت چھُ ترُن تہٕ خوٗن چھُ گرم آسان۔ طبابتُک قأیدہٕ چھُ زٕ ہترِنِس چھُ گرم چیزٕ سیتی یلاج کرُن پیوان۔ حکیمن ہُنٛد سرتاج بقراط تہٕ چھُ یہی وَنان۔ یُہ کیتھہ پأٹھی پھیراوکھ تُہندِ وَنُن؟ یو کُن ہیٚیہ توس تھونہِ یو کُن یٕری توس فاتحہ۔ گژھو تٔوٕ یس خوش کرِو تس پڑٛھو تٔوٕ بہٕ چھُسا پوزٕ وَنان کِنہٕ اپُز"؟

انگریز حکیمس میٚتھے اُمس جوانس پیٹھ نظر پیٚیہ سہ ووٚت"۔ یٔتہِ سہ ٹٔھنٛڈُے تھیون۔ نہ یکہٕ ووٚنی چھُ یلاج تہٕ نہ میون تمہٕ نہ چھُ وونی بقراطس پتہٕ پتہٕ پھیرُن یہ نِچار چھُ موٚدمُت۔ ووٚنی چھُ توٚت تہٕ ترُن ہشی کتھا"۔ یہ وٕنِتھ تھوٚن ٹوٗپی کلس پیٚٹھ تہٕ بہٕ تھوونس بقراط ہے سیتی تہٕ دراو پانس۔

بہٕ چھُس لگن ووٚنی وَنان: "چون قضا آید طبیب ابلہ شود۔ ییٚلہ ملک الموت چھُ یوان، تیٚلہ چھُ حکیمس تہٕ اَنیو پیوان۔ حکیم کیاہ کرِ اجلس۔ اجل گو وقت گأمُت اَبیلے۔ خودایہ پنٛدیس یتہٕ ہنس چھُنہٕ کینہہ انٛدان خودا کھٕیا کانٛہہ لوٚر ہیتھ۔ کول کیاہ کرِ یُس بیکہ"۔

اُمِن اوس پہر حسابا اکھ تہٕ۔ اُمو پوٗر" اِنا لِلّٰہِ وَ اِنا اِلَیہِ راجِعون۔ موٚردِ پھیرن قبلس کُن تہٕ کھوٚر نیٚٹھ زٕ کرِ نس برابر تہٕ ہتھس پیٚٹھ ترأونس دٕج اَتھ منز آے اُمس موٚردِ سیندی بأے باپرٕ تہٕ نیوکھ پان مارن گرٕ۔

اُکس ہیٚیس یہ پڑٛھمتھ تُھنیوم زٕ یہ جوان اوس

تمہ دۄہ دِہِ ہمتھ نفر ہٕنٛز اَکھ نفر یِم نامرد خانس ماتحت رُوزِتھ
پادشاہس برونٛہہ برونٛہہ گژھن بیٚہِتھ چھہ آسان ٹکن اور
یور چھِنگ دِوان تہٕ امن ہِہِن پیٚہناوان۔ جیلن تہٕ قیدین
ہُنٛد حساب کتاب تہٕ چھُ یِمنے مَنٛزٕ۔ مےٚ پیوٚ حِس زِ اَمِس
جانہٕ مرگہٕ ہُنٛد مرتہٕ سیٚتہٕ دراپہ مےٚ ظاہر کامِہ سوچان
چھُس زِ "کُنہِ واسطہٕ اِنسان مارُن چھُ بلا واسطہٕ مارنہٕ
کھوتہٕ جان۔ ییٚلہِ پانس نِش تیز تَلوار آسہِ تیٚلہِ کیاہ
ضرورت چھےٚ بیٚین تہٕ پیٚپسانن ہِنٛزٕ؟" یی سوچان
پیوم ژیٚتس زِ رسالہٕ اَفسر چھُ احمق صابُن یار جانی تہٕ سُہ تہٕ
چھُ دِپان زِ احمق صابس کرہا بہٕ تہٕ کانٛہہ خدمتھ۔ تیٚکیازِ
کینٛہہ دۄہ برونٛہہ اوس احمق صابن پادشاہس برونٛہہ
کُنہِ قسم کھیمتھ وۄنمُت زِ" ہر گاہ رسالہٕ اَفسر شراب چیٚیہ
نہٕ تیٚلہِ گژھہ سوٗرے مُلک برہم۔ تیٚکیازِ شراب چینہٕ ورائے
ہیٚکہِ نہٕ سُہ کانٛہہ کامے کرِتھ۔ بیٚیہ چھُنہٕ سُہ عائشہ مۄکھ چیوان
سُہ چھُ فقط پننِس صحت رٔژ بناونہٕ مۄکھ چیوان۔" اَوے
اوس نامرد خانن شراب چینس پیٹھ عالمن ہُنٛد فتویٰ
اوٚنمُت تہٕ اوس راتس دۄہس مستگاہ پاٹھو شرابا
چیوان۔

آخر کوٗرُم پانس سیٚتہٕ مشخص زِ یِوہ ٹیٚبہِ ٹھ نِش نِتھ
چیٚپتھ سُہ سپاہ بچارِ جانہٕ مرگ گو۔ سُہ چھہ دۄہ نی بہٕ
دِیو مےٚ اَمِس موٗدرِ۔

## ۳۲

# حاجی بابن سرکاری ملازمتھ ژھانٛڈِتھ

### سپاہ بنُن

بہٕ اوسُس خوداٗیس منگان زِ کرِہ پیہ سُہ دۄہ
ییٚلہِ حکیم تمِس جنت گارِ سپاہ ہِنٛز جاے مےٚ سفارش
کرِتھ دِیاو ناوِ۔ اَمہِ مۄکھہ اوسُس بہٕ اَکِس زنگہِ پیٹھ
تیٚکیازِ یِمنے دۄہن اوس پادشاہس ریتہٕ کوال گُماونہٕ
مۄکھہ سرِد جایہ گن نیرُن تہٕ حکیم تہٕ اوسُس سیٚتہٕ نیرُن
حکیم تہٕ اوس میون پرٛاہنے زِ یہ بلاے گژھہِ کُنہِ پاٹھو
کلہِ پیٹھ وسنہٕ۔

حکیمن کوٗر رسالہٕ اَفسرس سمکھنُک وعدہ تہٕ
دۄپُن تہٕ سمکھہ مےٚ تِتھ تیٚشنِس دیوان خانس پیٹھ۔
بہٕ دراس، پیٚشِن بانٛگہِ وِزِ تُس بہٕ دیوان خانس نِکھہ
اَکِس بدِس کُٹھس منٛز۔ ییٚتہِ رسالہٕ اَفسر اوسنا تہٕ بہان
رسالہٕ اَفسر اوس اَمہِ وِزِ کونٛچِس اَکِس منٛز نماز پران
ہوکُن اَس بیاکھ جمادتھا اکھ زِ ٹھس گۄڈ نمانس تہٕ
پادشاہ ہِنٛدِس پرٛتھو لازِمے حکمہٕ کِس زِ ٹھس سیٚتہٕ
کتھا باتھا کران۔

رِ تہٕ زیٚپہِ ٹھ اوس گۄڈ نمانس راتکس سپاہ ہِنٛد
مرُنُک قصہٕ بوزناوان تہٕ اوسُس ہورُک یور تہٕ یورُک
ہور وَنان۔ رسالہٕ اَفسرن دژ نماز منٛزے کرِتھ: "یہ
چھُنہٕ ہُنٛد [illegible] اصلی کیاہ سپدُ؟" وُنہ

اوسنہٕ تمہٕ پوٚرٕ اَلتحیات تہٕ موہ کلووُشت زِ ہیٚتھ وُتُن اَکھ
قِصہٕ بوزناوُن۔ واریاہ عقلہ بدوُن کتھہ گوٚو وَنان تہٕ
اَمۍ زٕ نس ژھوٚٹہٕ رووُن قِصہٕ یہٕ وَنِتھ زِ " انگریزن ہُنٛد ڈاکٹر تس
بچارِس توٚتھ تہٕ موٚد۔ تیتہٕ ہرگاہ ایرانی حکیم تس وارِ دِیِن
دیاوِ ہیٚیہ سُہ مرِہے نہٕ "۔

اَتھ منٛز ژاو اَحمق صاب۔ اَژان اژان ہیٚتِن تمہٕ
انگریز حکیمن غابتہٕ کرٕنۍ۔ تہٕ اَمِس کرٕنۍ۔ اَمہٕ پتہٕ چھکھ
سےٚ کُن اوٚنٛگجہ سیٹھاہ گُرِتھ وَنان " یہٕ گوٚو سُہ شخص ہرگاہ
یِمِس عِلاج کرِنہٕ دِمَن یہٕ دِیہ تس سیٚہہس مرنٕے
اَتہٕ لجہ سارِنے اَچھ سےٚ کُن دٔرِس تہٕ چھِم پرٛژھان
اصلی دلیل کیاہ پیٚیر۔ سےٚ منٛز وَنتکھ اصل حالہ
رکِھ پنٛز نِنےٚ وونکھ تی یہٕ بٔہ برونٛہہ ٹھے حکیم صابن اوسُس
پیٚچھنا وِتھ تھووُمُت تہٕ دوٚپنکھ " یہٕ کینٛژھاہ عِلاج
سےٚ تمِس کوٚر سُہ چھُ سےٚ سورُے حکیم صابنہٕ برکتہٕ
ہیٚوو پہ چھُمُت۔ سےٚ چھُ سورُے پُہنٛد سُہ اَمہٕ سیٹھہٕ گوٚو حکیم
خوش تہٕ اوٚنُن غارتس تہٕ چھُ رِسالہ اَفسرس وَنان
" یہٕ جوان کیاہ خَصن چھُ تس موٚدکرٕ متس سپاہ پشٕر حباہ پزِ کہ
پاٚٹھو کام کرنس لایق۔ یہٕ حَضن چھُ بڈٕ قابل تہٕ سیٹھا
تہٕ سلٔنگہٕ یہٕ رٕٹی وُون تو ہسہ تنشز جابہٕ "۔ یہٕ بوزِتھ گوٚو رِسالہ
اَفسر حاران تہٕ چھُ دَپان۔ " کیاہ حکیم چھا پرٛژھان
حاروٲتل بنُن؟ یہٕ چھُس بہٕ بدلے کتھا بوزان "۔ گوبانَن
ژاوٚ اَحمق صابَس دولہ نظراہ تہٕ چھُ دَپان۔ " یہ کیاہ نوٚو
کتھہ چھےٚ حضرت! حکیم تہٕ حاروٲتل گَیہ کُنۍ کتھا۔ زردٕ
ہیٚون گوٚو کرٕ منِس ہوٚنِس بوے۔ موت پیٚہ تن وار وار
دوا چھلہ سیٹھاہ پاٹھوار ٹانہ سیٹھوٚ ہشمن گمتھ پچھے "۔

اَحمق صابٕ [1] ووٚتھس: توٚہیہ گوٚو نمات تہٕ چھِو
پزِیتھ کاٗنسہ پیٚسنۍ تُرکِ تولان۔ توٚہیہ حضرات چھِو تیتھہ
پاٚٹھو اِنسانس وٕکرہ والان تہٕ بیٚہ یِیرٕ نتھ کران زِ سُہ

---

[1] شادان بلگرامی ہشِر کتابہٕ منٛز چھےٚ بدلے یِبارتھ
آمُن۔ اَتھ یِبارژ آدہٕ منٛز رِسالہ افسر سِنٛدِس فتاِس
سیٹھ تیٚوت صحی واٹھ بوزنہٕ یوٚت تیتھ یِبارژ آم (پیٚٹیکُہ
ترجمہ منٛز ہیٚرِ کِنہٕ لیوٗکھمُت چھُم) یعنہ فلاطَ صابنہٕ
تہٕ طہرانس منٛز چھپے مِرٕ شاہ حاج بابہٕ کتابہٕ منٛز درج چھےٚ
شادان بلگرامی ہشِرٕ کتابہٕ منٛز چھُہ یہ دَرٕج: " حکیم گفت
جناب ملک الشعرا! شاعر را ہم نمی توان از برادری بیاٗ
وزر د طبیب و جلّاد خارج دانست۔ چہ فتح و شکست
و کشودن و بستن در دست و قلم آنہا ہمارہ ساری و
جاری است۔ کذا این نیز کم از آنہا نیست۔ چنانچہ
ملک الشعرای تواند ہمین جا نشستہ بہ چار فردوس
را از گرجستان بیرون کردہ تصور کنند و ہمہ لشکریانش
را از دم تیغ ایرانیان بگذارند و مورد تحسین ہم واقع گردند۔"
ذانہٕ خودا یہٕ یِبارتھ کمہٕ نوسخہٕ پیٚٹھ چھےٚ شادان
صابن دَرج کٔرمٕژ مگر فلاطَ صابنہٕ تہٕ طہرانس منٛز
حال حالے چھپیمژ کتابہٕ منٛز چھےٚ بدلے یِبارتھ۔ یمہ
دوشوٚے کتابہٕ موتبر آسنہٕ کِنہٕ (باقے برونٛہِمس صفحس پیٹھ)

چھُہ تَسُند رۄحٲنی موت گژھان۔ یہ موت چھُہ ہُمہِ بَدتر
کہٕ موتہٕ کھۄتہٕ، یُس حکیم سٕندِ کُدَسہِ اَسہِ تَن یا سپاہ سٕندِ کُدَسہِ، سٕج وُلِنہٕ موتھ۔"
رسالہٕ اَفسَر دوپھ: "تۄہیہ حکیم تہٕ کوہ نماتھ اَہہ تۄکھ

ٹکھ بیچھہ یاٗلھو خوش کَرِو، تہٕ تِیتھہٕ یاٗلھو مگر فقط مِنتہٕ
دِی تۄ رٕپھہن سیٹھو دٔخیل۔ یَتھہ بدنس خنکسِ ماٗدانس
منز اَکہِ شمشیرٕٹاسہٕ سیٹھو اَلگ آسہِ کرُن، سُہ گو میون
کار، تُہنٛز زانہٕ ہیے بلاے۔ تۄہیہ کرُہو تۄ اُمہِ وراٗے
کتھ۔ حکیم صاٗبا! مےٚ نِش گوٚ داٗنہِ کلہِ کرتھ بڑ بوڈ گوٚرزٕ
ژٕ تےٚ نِش چھُہ کیاہ کھز بانہٕ وراٗے؟ بٕ چھُس جنگکہِ
ماٗدانہٕ منز دُشمنس بیول گالان۔ تہٕ ژٕ چُھکھہٕ اَلہ بیاٗ لٕشکہٕ
تہٕ بوٚمبہٕ پوشن ہنٛد نیال تہٕ بھرکہٕ وانہِ پیٹھہٕ ٹھوان
یتھہٕ رٕوَد گوہ نمات صاٗب جعفرت! اَسہِ نِشہٕ بیہ شورک
مُشکھ، اَسہِ نِش بوزکھ توپھن ہنٛد ٹاس ٹاس،
ژٕ تےٚ نِش گوٚ گولابن ہنٛد مُشکھ تہٕ بُلبُلن ہنٛد بول بوش
اَسہِ نِش گیہِ گولہٕ تہٕ نیزٕ، ژٕ تےٚ نِش گیہِ ماشوق سٕنٛز اَچھ
ناٹہٕ تہٕ تِیشنز نظرٕ ہنٛدی تیر۔ یا نےٚ بوزی تۄ بٕ کیا چھُس

---

(یِتھہٕ فِقرکہٕ باقہٕ فٹ نوٹ:) کوٚرمےٚ یِمنے دوٚن
رکتابن منز درج یِبارژٕ ہنٛد ترجمہ۔ یہ یِبارتھ چھےٚ یِمن
منز یِتھہٕ یاٗلھو:
"میرزا احمق جواب داد کہ شما شعراء قیاس بہ نفس
می کنید۔ این طایفہ سرننگ و ناموس مردم را می برند
کہ مرگ روحانی است، و بگردن من کہ این مرگ باعتقاد
ہمہ بدتر از مرگ جسمانی باشد کہ از حکیم آید یا از نسقچی۔
نسقچی باشی: "شما اطباء و شعراء ہر طور می خواہید
مردم را بکشید، ہمین قدر بکار سرباز مداخلہ مکنید۔
تنی را کہ باید در معرکہ بایک ضرب شمشیر دو نیم ساخت
و سری را کہ باید در جنگ بایک زخم خنجر جدا کرد بمن
بگذارید: باقی را خود دانید۔ جناب حکیم! گرز گاو سر از
من، گِل گاو زبان از تو۔ من تخم دشمن را از میان
میدان بردارم و تو تخم ریحان و کدو را از دکان عطاری
جناب شاعر! بوی باروت و نعرۂ توپ از من، بوی
گل و نغمۂ بلبل از تو۔ گلولۂ تفنگ و سر نیزہ از من
تیر غمزہ و پیکان نگاہ از تو۔ از فنون جنون، فن
من این است: شما خود دانید۔"

---

ایشیک آقاسی باشی روی بدیشان نمود: "بلی
ہمہ ہنرہای گوناگون شما را می دانند خصوص پادشاہ کہ
از جلادت شما ہمگی بسیار اظہار امتنان می نماید کہ در
ایران ہیچ شہریاری مانند من سرداران و غلامان جان
نثار نداشتہ است۔ با این جان نثاران تا بہ ناف گرجستان
لشکر خواہم راند۔" پس روی بہ نسقچی باشی آورد کہ "اگر
دولت روس آہنگ جنگ داشتن شما را بشنود
البتہ ازین دنیا فرار کردہ می رود در آن دنیا بدعای
شما مشغول می شود۔"

کران تہٕ توٗہی کٔنھہ بیچھ چھوٕ نزران۔"

یہ بوزتھ چھ بادشاہ سٔند پُرژھی لازے جھمکُٹ زیٖتھ وَنان: "ہتہ شخص، سُہ کُس گرزن یُس تہٕ تٔہنٛدِ وٕصیف زانہٕ۔ خاص کرتھ چھُ بادشاہ پانہٕ تٔہنٛزِ بوٗدوٗرِ ہٕند تاریف کران آسان زِ ایرانس منٛز چھنہٕ کانٛہہ تہٕ تٔمس پادشاہس بیچھ اُفسر تہٕ پان وہراون وأٔلی خدمتگار اُسمی بیچھ مٔے چھ، بادشاہ چھُ وَنان آسان زِ یمن ژوٗ فٕدا کرن والین بیچھن اُفسرن منٛزِ کنہ ہیکہ تہٕ گرجستانس یٔڈ تانی اُژتھ حملہ کرتھ۔" اَمہ پتہٕ پھیرن چوٗنتھ رسالہ اُفسرس کُن تہٕ چھُس دپان: "ہرگاہ رٔوسٕس پتاہ گلہ زِ توٗہہ چھِو تیمن بیچھ حملہ کرنک خیال، ہتہ شخص! تُم کتہٕ دٔرن، تُم ژٔلن یہ دُنیہ پہے تراوتھ تہٕ بیٚیس دُنیہس منٛز ہیٚن تُم توٗہہ دُعا یہ خأر کرن۔"

رسالہ اُفسرس گیہ یہ کٔنھہ بوزتھ واہ ہش وٕسھہ اما پوز شاہ تھوٗد کھالتھ چھُ وَنان: "رٔوسین ہٕنٛد گرجستانس منٛز اژن گو یوٗہے کأنٛہ توٗ زَن اژ مٔے بیرانس منٛز منٛچھہ۔ پیٚنٛسٕ کھنڈس چھُ عذابے گژھان مگر بیٚیلہ زٕٹن تیٚلہ گاس ہیول تانی۔ منحوٗس رٔوسین ہٕنٛد ناوچھا ضابطہ مٔے تروٗنتھ کنہ ہیوٗن۔" اَمہ پتہٕ تراوِن یہ کٔنھہ اُتی نے تہٕ چھُ مٔے کُن وَنان: "اَدٕ سہ خأر، مٔے روٗٹھکھ زٕ مگر یاد تھوٕی زِ شورٕ مُشکھ گژھی تیٚتھے توٗدھ آسن یُتھ مٔے چھ۔ بٔنیہ تھوٕی زِ بیاکھ کٔنھہ زِ تٔمس زٕ پٔہس گژھ رُستمُن ہٕنٛد ہیوٗ طاقت، پشنگ[1] سُنٛد ہیوٗ جُس بہہ سُنٛد ہیوٗ دل تہٕ بادر سُہ سُنٛز ہش واٗنج آبسنو اَمہ پتہٕ چھُکھ وار ہیٚبر یوٚن نظراہ کران۔ میون ڈول پھچھہ گو خوشے تہٕ دوٚہم: گژھ ہیٚر تہٕ سمکھ تانٛبیس، سُہ دیٖی وردی تہٕ بنیہ تھوٕی کأم واٗم منٛزٕ۔"

نائب اوس بادشاہ سٔندس سفرس ہیٚر نکس سترس لوٗگمت تہٕ اوس پننین ماتحتن بیانہٕ ہیوان بیٚیلہ مٔے اُمس بٔٹن مطلب بوو، اُمو دِتم توٗ تمس موٗمتس سپاہ سُنٛد گرُت بدلے قسمکہ پٔلو۔ دوٚہم اُمس گرٕس واٗتی زِ۔ ہرگاہ یہ مری یُت تام تہٕ اُمو سُنٛد لوٗٹ تہٕ بادشاہ سُنٛز موہر کرتھ یہ مسلہ ہٕن اُنکھ توٚت تام مری تہٕ بیاکھ گرٕ کینہہ تہٕ۔ تنخاہ چھی تہٕ یہ توٗمان تتھہ پیچھ چھے گرہ سُنٛد خرچہ زِ نے پانس بیچھ۔" مٔے لأگ یم پلو تأنٛلی تہٕ گوٗ ندُم سلے ساماہ۔ جرف روز اکھ ہکتہٕ یہٕ، سوٚدوٚہم سوہ دِنے دفتر منٛز پانے۔"

مطلبہ پتہ ژھلنہ وراے بوٗزی تو گوڑ زژھا سأنس رسالہ افسر نامرد خان صاین کینٛژھا۔ یہ اوس باگہ بوٗرت موٗہنیوٗا۔ پھیٖکاٗ اٗسس بڈلی۔ اُڈلی چہ آسٕس ویچھ۔ ورٕی زٕ تنجی[2] مرٕ آسہ ہسے مگر لوگُٹ اوس یوان بوزنہٕ، ڈیکہ اوسٕس روبدار۔ بمبہ آسٕس کریہینہ تہٕ تُبرٕ ریش اوسٕس سپاہ تہٕ مُشکدار تھٕ اوسٕس

---

[1] پشنگ، اوس افراسیاب سٔندس مأکس ناو۔ یہ اوس ایرانک سیٹھاہ طاقتوٗر بادشاہ [2] شادان بنگرامی سُنٛز کتابہ منٛز چھ "پٔہل و پنج" (۴۵)

تٔرمُن کال ہیوٚ۔ اَتھ اَسِس بٔڑ بٕہ کُشادٕ تہٕ یِمَن ہٲشِرٕ رٕگہٕ
آسَس نَتہٕ تیران۔ پینَس اَسِس وال وُٹھِتھ تہٕ یِمٕ اَسِس
کُرتہٕ نالہٕ مَنٛزٕ چھٕٹِتھ تیران تہٕ پانے اوس اَمی شُنٛد روم
قوم تہٕ نَنان امہٕ سِتؠ۔ یُتھ اوس زَنہٕ پٔمناکھ نگر ڈول
تہٕ حیٚتھ اَسِس زَبرٕ تہٕ جان۔ اَمی شُنٛد ناد اوس
شہرَس پٲٹھٕ بیہناوٕنہٕ موکھ کأنی تہٕ اَمی شُنٛد یُتھ اوس
فسادین ہُنٛد فساد گالنہٕ موکھ سیٹھاہ زٕسان روزنس
تہٕ عأش وُڈاونس مَنٛز اوس ناما وار۔ نَنٛگہٕ پأٹھی تہٕ کھٔتکھ
ورأے اوس شراب چیوان۔ گٔرٕ یا پَرٕ یِتھ جاپان اوس
مُلکَن وٕ کروالان۔ اِسلامُک تلوار تہٕ مسلمانن ہُنٛد نوٗ موہ
کُنٛزٕ راونہٕ ماوِنہٕ اَسِس لکھ زٕ تیٛھٕ تفتیشی تہٕ ماروان
آسنہٕ کنٛو سیٹھاہ کمینہٕ زانان۔ گٔرٕ اَمی شُنٛد اوس
عأش و آرامُک گراد اَکھ لُطفاہ اکھ اوس تُلان کالہٕ
پیٹھے اوس صُبحُس تام تَتہٕ سیتارٕ تہٕ ڈولکہٕ وزان آسان
نغمہٕ نغمہٕ تہٕ حافظ نغمہ اوس راتس چلان۔ بأزی گرتہٕ
مَسخرٕ اَسٕی اَمِس نال وٕلِتھ روزان۔ مگر یُتھ نابکار تہٕ خبیث
اَسِتھ تہٕ اوسنہٕ روبرٕ داب تہٕ سختہٕ ... تاونکُ فرض
اَتھ مَنٛز تراوان۔ گیوٗن لبر سیتھ ... تہٕ شراب چلان چلان
آسہٕ اَتہٕ تِلہٕ یُتھ شلقیچہ کٔرٕ یکہٕ ... تہٕ ڈٕ نِیاٹھ اَس
تہٕ کٔمَن گرٕ ھان۔ گٔرٕ سوا ... ستاد
پولو گنٛد نَس مَنٛز اوس زٕنٛہ جِگر دِتہٕ۔ ... نیبرٕ کنٛو
اوس بڈٕ جسوار تہٕ ووٗٹھ پوٗٹھ جنٛگی جذبہٕ لوان مگر اوس
تِلہٕ زٕنٛہ کھوژہٕ بڈٕ تہٕ لیدٕ۔ پنٕ عائب اوس بُڈی بایہٕ

کھٔراو ہأرِ ونُنس مَنٛز تہٕ مکأرِی وٕرتاونس تل غأیب کران۔
یِم زٕ زانہٕ ہنٛنس تِمَن اوس باسان زٕ یا تہٕ چھُ یہ رُستم، یا
چھُ افراسیاب نَتہٕ چھُ ضوٗر ور کرِتھ ایرانُک کانٛہہ نَتہٕ
کانٛہہ پرٔین پہلوان۔

پادشاہ یِنٛدِس نیرنَس تانی اوسُس بٔڑ رانٛس حکیم
سِنٛدی گرٕ روزان تہٕ دوہس اوسُس یِنہٕ خاطرٕ چیز ویز
ہیوان کران۔ نقدرٕ زٕنٛگو اوسُس کا یِتھے تہٕ پرٕ یِتھ کانٛہہ چیز
اوسُم وو زمے بنان۔ یِمَن دوہَن تہٕ حکیمس سیتؠ اوسُس
آسان یہ کینٛژھا تِمَن دوہن زور زار تہٕ تھیٚپہٕ تھوٚپہٕ
بیمارَن نِش لار یومُت اوسُم وٕ تھرن پلوٕ زٕنٛگی یا وٕرنہٕ زٕنٛگو
یا گرد بیٹھکُ کانٛہہ کانٛہہ چیز، تہٕ اوسُم پانَس نِشی موجود
اَسٕی تھے۔ یُس سُہ بیپاہ بچارٕ سانٛن اَتھَن مَنٛز مود نِنٛدرِ ین
اَشناوَن رٔوٗنناوَن ووٚنُم: "سُہ جنتی ہَسہ اوس
رُت مسلمان۔ تِسنٛدِس مرنَس کُس کٔدو راہ۔ یہ زانہٕ یِتھ
کانٛہہ زٕ ڈیٚٹھ کیٚثُت گرٕ تَن انسان تدبیرٕ، تقدیرَس
نِش چُھسنہٕ کینٛہہ تہٕ پکان۔ اہ بوزُم تَس چھُ ریشمُک
دُرن وُتھرن یِتِھ کُنہٕ روٗدمُت۔ شرعن چھُ ریشم
حرام، یٔتیہ تہٕ یہ، یِتھ مَنٛز مرنہٕ وِز سُہ روسے قبلہ اوسُکھ
پھیورمُت۔" یِمَن گیہٕ اَمِچ زٕنٛہ نکھہٕ تہٕ دٕ تِکھ مٔنے ——
اَلخبیثاتُ للخبیثین۔

اَمِچ اَسِم زٕنٛہ ضوٗر وٗرتھ۔ اَکس جان ذی یِز بَتھ
معہ ہنوس اَمِس کالہ میٹے تہٕ سُہ اوس اَنٛس مَنٛز پنُن یُتھ وُچھان
تَس دوپُم "یہ زردی چھےٚ دٕر اصل اَنس۔ زٕ نے ہنے

گوہ لاَبِچہِ پاٹھؠ چھےٚ بُتھہٕ چھوٚلمُت تیٚلہِ سہٕ ژٕھٔن بلاے
اَتھہٕ اَنِس۔ "اَمِس کھُرِتھ ژٕکھ نہٕ دوٚپُن۔" یہِ ژٕ تٕلے نارِگن
یِتھہٕ اَنِس"۔ مےٚ تُلنہٕ نہٕ دباوتن ییہ اَتہٕ۔

مذہب چھین کامین منٛز اوس احمق صاب بڈٕ
ڈاڈٕ نہٕ حرام کین چیزَن کُن وُچھتھ اوس سَخ ناہبران۔
مےٚ اوس دوٚن صوٚنٛدقَن ہُنٛد وونٛی حاجتھ۔ احمق
صابَس اَمی ژور صوٚنٛدوٗق کھٕٹِتھ اَکِس منٛز۔ دوٚیمِس
راتس اوسُس ژاگہِ نہٕ کیٚنہہ پاٹھؠ یِمہِ زٕ صوٚنٛدوق اَکھس
منٛز۔ ہرگاہ مےٚ نہٕ درویش قلنٛدر سِنٛز اَڈؠ ژھوٚنبہ
وزناوِہہ آسہ ہے، مےٚ آسہ ہے وُنیکھتانٛی سَفرُک
سوٚرُے ساماں یِمَن صوٚنٛدقن منٛز بَرِتھ تھوٚوُمُت۔ خار!
مےٚ ووٚڈتھ کوٚڈ اَکھ۔ سائنس کرِس نکھےٚ اَمی ٹکیٚچ
دفہ سہ اَکِس تِلہِ کیٚنہہ ہوٗنٛی اَکھ پیایِتھ (اطرانس منٛز چھینہ
زِمہ وان، شہزادن، ووٚنٹن نہٕ ہوٗن ہینٛز کمی کینٛہہ)
کُنِن ژوٚر اَنٛم اَمی سِنٛدی بچہ نہٕ تٕ اوٚم اَکِس صوٚنٛدقس
منٛز۔ بیٚیِس صوٚنٛدقس منٛز بہم اَڈی ژھ۔ سفرس نیرنہٕ
وِز بیٚیہ حکیمَس اَتھہٕ صوٚنٛدقس منٛز ہوٚنہٕ۔ یِمَن پیٚٹھ نظر
پیٚنہِ مونٛج وَرَنہٕ پکوٚنہِ سَخ ستنٛبِہ اَس اَمان۔ یِم ہونہٕ
بچہ وُچھتھ ژٕج اَمِس کھوٚر، تیٚلہِ میٚرِ نیرِتھ نہٕ کینٛس
سَخ ٹھینگ۔ اَتہٕ ہیوٚن تکھ اَتھہٕ حاملَس بدلے دانے کڈنٕ
اَکھ چھُ ژُنان زٕ اَمیُک مطلب گو زٕ ما گیٚنہ زیوٚن تکرار
شرُوع۔ بیاکھ اوس دَپان۔ "یِمَن ہوٗنہٕ بِچِن چھینہ قُوَت اَچھ
نہٕ آمُت، ظاہر چھُ یِم دَپان زٕ اَسہِ نہٕ گرٛہ گژھو نہٕ حکیم سِنٛدِس
کرِس منٛز واتِتھ حکیمس ہوٚی بَنیو۔ حکیمَس بچارِس
اوس صوٚنٛدوق وُچھتھ جگر وژان۔ آخر چھُ وَنان زِ یِم
صوٚنٛدوق گیہ وونٛی تمکہِ، یِم ژٕھینو وُکھ۔ بچہ ہیچھتھ ژٕ اَتھہٕ
نہٕ کام کرُکھ مےٚ منٛز۔ اَدٕ گیاہ، اَم صوٚنٛدوق جوراہ
اَکھس منٛز۔ اَمہِ پتہٕ کرُم زِکہِ حرمن چیز تیتھ جاہ زِ مےٚ
پیوٚ پانس نشہِ تیمَن ہُنٛد حساب تھوٚوُن۔ سفرس نیرنہٕ
وِز اوس مےٚ تیوٚت بار بیگارِ نہٕ ہرگاہ بہٕ سرکاری قاطر
وارِس سیٚتی الگ بار قاطرِ ہینِس پیٚٹھ ہُرتھ کرہا،
شوٗبہ ہیہم اَتہٕ۔

## ۲۳

## حاجی بابن پادشاہ سِنٛدِس فوجس سیٚتی روزن

### نہٕ تَس پَنٛنہِ کامہ ہنٛز زان گژھنہٕ

سِتارہ بانگے وُچھن والیو کوڈ پادشاہ سِنٛد
نیرنُک دوہ مُقرر۔ اَکہ ہمہ ربیع الاول ڈراو پادشاہ
تمہ وِزِ ییٚمہ وِزِ اَکھتابہ کھسنس پیٚٹھ تاجی ننٛط اَسو۔
سُلیمانیہ حبابہ پیٚٹھ یُس مکانہٕ شہر نیبر نو میل کرج
وِیہتھ ہیٚنٛدِس تمبُس پیٚٹھ پادشاہن بنوومُت اوس۔
پادشاہ ووت اوٚتے روزنہٕ سعہ کیٚہ۔ پادشاہس سیٚتی یوہ
نفری مقرر اَس، تِم ساری وائی وَقتَس پیٚٹھ اَڈری۔
یِم اَسو جنٛگی، ووٚنہ سوار، رسالہ دالی، وزیر، بڈی
بڈی افسر تہٕ زنٛھو منشی۔ یِمن سارِنے ہنٛد نیبر نہٕ سیٚتی
گو شہر تہٕ ژٕتے حصہ خالی۔ یِہ نہٕ مےٚ وُچھمُت اوس

تی وُچھُم۔ طرٛاینٛکۍ کِتاہ سارٕ ایرانکۍ لکھ دٕرٛاے تیٚتھٕ پأٹھۍ
زَن تہٕ ماچھ تلراول تراوِتھ تیٚمیس اُرلس کُن دوران آسہٕ۔
گرِیِن تہٕ وۄٚنٹن ہٕنٛز اُس رٕج تہٕ یِمَن پیٚٹھ اوس
وُرُن وَتھرُن، فرش و فروش، کھیٚنکہ بانہٕ، کٔمبلہٕ، جولنہٕ،
گُنہٕ تہٕ راشَن بأرِتھ۔ ژوہ پأرۍ اوس گردِ طُفاناہ۔
روہ ہین تہٕ گاڈیٚن ہٕنٛد شور سیٚتۍ تہٕ گرۍ والین تہٕ
وۄٚنٹہٕ والین ہٕنٛز و کرٕنکۍ سیٚتۍ اوس کنَن زَر پیوان۔
پادشاہ ییٚنٛدِ نیرنہٕ کہِ دوہ یتہٕ صُبحس سۄزہٕنس
بٔ دروازس پیٚٹھ وُردی دِنہٕ معہ کھہ زٕ ییٚتھ بٔ پادشاہس
وَتہٕ لَگَن ہٕنٛد گرِکہ بار پیٚتھ رٕٹۍ۔ گامہ پیٚٹھ پیم رٕگرِ پیسی
پھَل تہٕ میوٕ ہیٚتھ شہرٕ وٲتھمتۍ آسی، تمہ آسی دروازس
پیٚتہٕ کِنہ جمٲہ سیٚپدِتھ دروازٕ ہرشارٕ نس پِیاران۔ سَقو
اوس وَتہٕ وَتہٕ تیشۍتھ چھِرکاو تہٕ صفٲئی کرٕ ہرٕژ تمہٕ کھوتہٕ
اَر کأم ہیٚنٛکہ ہے نہٕ بٔیہ زانہہ تہٕ سپدِتھ۔ ییٚمن اوسہٕ
وَتہٕ پکنس اجازِتھ سُتھینہٕ پادشاہس نیرنہٕ ہٕ وِزِ شُنگ
گرِتھ۔

لُکن اوس پور پَتھ گِ دِنہٕ کہ امہٕ دوہ ہیہ آو مٹے پانسٔ
منز ییٚتھ جوش بوزنہٕ زٕ مٹےاوسہٕ پیہان پانس زٕ مٹے
توٗنگاہ یہٕ۔ مٹے بیوٗ یاد زٕ یمن دوہن بٔ پانہٕ کھورٕ تہٕ فراہ
اوسُس کٔمن کٔمن موتبرن اوسُس بٔ ہرگ فہٕ کرِتھ ذٕکر
والان۔ بٔ چھُس لُکن امہٕ دوہ ہیہ اُنۍ کھلہٕ تمہٕ ٹاس
لایان تہٕ دگہ مار کرٲن زٕ بلہ قےسپاہ لگوونہٕ" بدٕلے
حرامکاہ آو اسہ حیٖصیہ" یہ کرٕ نہٕ تلہ اوسم مطلب زانکھ

نیرم ناو بوہدِ وَرۍ منز تہٕ بٔییہ ہٕتھٕ دم امہٕ سیٚتۍ ہدہٕ تہٕ جلِ جل۔
معہ چھہ دٕرٛاو فوج بروٗنٛہہ بروٗنٛہہ۔ امہٕ دوہ ہیہ اُس
اکھ دوہ بُروٗنٛہہ وۄٚنٹہٕ سوارن ہٕنٛز اکھ جماتھ فوجس
پیٚیارنہٕ معوکھ سُلیمانیہ وٲژہرٕ۔ پادشاہ کھوٚت گرِس تہٕ
تراوِکھ توپہٕ۔ امہٕ وِزِ گٔیہ ژوہ پأرۍ ژھعہ پہٕ سارۍ
رٕوِدۍ ژھعہ پہٕ، دم کرِتھ پادشاہس پیٚیارنہٕ۔ گوڈٕ اوس
بوٗنٛدوٗقی فوج۔ امہٕ پتہٕ آسہ گرِ پکناوَن وٲلۍ۔ یمن گرٕن
اوس ساز و ساما نہٕ گنٛڈِتھ، کاشرٕ تمٕکہ جیابہٕ ہتھ تہٕ پیٚٹھ
اوسکھ زرٕی اطلاس تراوِتھ۔ یِمن پتہٕ آسہ بییہ یِکن
وٲلۍ تہٕ خبر دِنہٕ وٲلۍ۔ یمن پتہٕ اوس پانہٕ پادشاہ قبلۂ عالم۔
شہزادٕ تہٕ وزیر۔ یمن پتہٕ اُس فوجی سوارن ہٕنٛز بیاکھ
جماتھ۔

یمن پتہٕ آسی زٕ ہتھ زٕ ہتھ معہ ہنوکۍ تہٕ تہنٛدۍ نوکر
تہٕ یار دوس، جَجیر ژٕٹن وٲلۍ، دانہٕ، دانہٕ معہ ہنوکۍ، فراش
پٔنتھرۍ کٲم کرن وٲلۍ، مرکبان، ٹٔٹو وٲلۍ، دوٚنٹہٕ وٲلۍ
بازر لاگن وٲلۍ تہٕ بٔییہ تہٕ ساسہ بدی نفر۔ فوجس پتہٕ پتہٕ
یمن پکن والین ہٕنٛد تفصیل بیوم امہٕ معہ کھہ وَنٕ زٕ
ییٚتھ تعہ ہیہ تہٕ نٔیہ وزمیانہ تہٕ فروین دروازس پیٚٹھ وردی
دِنہٕ والین ہٕنٛز اچھ کُس محشرن ماداناہ آسہ پانس بروٗنٛہہ
کنہ پکان۔ وُچھان۔ پادشاہ آم دوٗر بوزنہٕ شش من
میشاہ کرِتھ تہٕ اَمِس وُچھُم بُتھس قہر تہٕ روب پیشان۔
امس وُچھِتھ زَن میانہٕ اَچھ، میأنۍ کَن تہٕ میأنۍ نس
لگہ کِس رو خصوصیت لگہ ہینہٕ۔ یمہ سیٚتۍ کھوٚتم نہٕ شاہ نہٕ۔

یہ سوزُے جوٗلوٗسہ دٗراو دروازٕ کٔنہِ نبرٕ تہٕ
پھٔرکھاہ تراٚوِتھ ہیوٗٹھُس بٕ ڈیڈیو وانٕ سیتی تموٗکہ
چیٚنہٕ۔ اُمی وِزِ آیہ اَیاٚرٕی وزیر بابے ییٚن پَنٕنِس
ریٚشنس سیتی گڑھنُک اِجازتھ اوس۔ میٚ پیٚنٚیہ
زینٕتھ تہٕ تَس بِچارِس ہینٔز بدنصیبی ژٕھتَس۔ نوٗرجہانہٕ
ہِنٛدِ وَننہٕ کِنہِ اُسکھ سمٛہ گیوٗن تہٕ نرٛتن ہیٚتِرِ پیٚچھناوٕنہٕ
موکھ ماریٚنے سازندرن تہٕ گیوٗن والین سیتی شمرانہٕ
کُس شاہی مکانس مَنٛز سوٗز۔ ییٚکیاز پادشاہن
اوس ووٗنمُت زِ میانہٕ واپس ییٚنہٕ کُس وقتس تانٛی
گژھہ یہ میٚ نِش اَنِس لایق کرِتھ اَسُن۔ اَچھ تھٕم
شاہی مکانس کُن دَرٕ تہٕ پانہٕ چھُس پکان۔ ہرکاہ نہٕ
پادشاہ ہِنٛدِس فوجس سیتی گڑھن آسہ ہیم بہ ما
گژھہ ہا اۆری ؎

بامید کہ بدہم بوسہ خاک آستانش را
زنم ہر شب ہزاران بوسہ بائی پاسبانش را

کوٗھٹس دوت ووہٕنی وردی دِنک وَنخ۔ بہٕ ووتُس
اَفسر ہِنٛدِس خیمس منٛز تہٕ اَتہٕ وُچھم ہینہٕ خاطر ہیٚنٛین
پانٛژن سپاہیِن سیتی بنۆنے خیمہ دِتھ۔ شہرس منٛز اُمس
میٚ یمن سپاہن سیتی زان گَمژٕ نے۔ مگر ییٚتہ آے اُسو
اکھ اَکس زیادے نکھہ تہٕ سپد تاٚلی نال۔ ییٚکیاز
اَکھ اوس پیتہ اکھ سبب زِ خیمہ اوس ژٕھوچر تہٕ زِ چھیر
کِنہِ کُل بِٹھِل شِتے گژ۔ یم سپاہ اُسو میٚ زانان
یوٗہنے چھیٚتہ اُسو تن۔ دَیان آیہن یہ چھم وُمنہ گنڈِ ونے
تہٕ اووے اَسہِ منہٕ محرہیے زِوان۔ بہٕ تہٕ اوسُس زٕنٛدٕ گِتھ
رِنیاوان۔

رِسالہٕ اَفسرس اوس ناٸبہ ہِنٛدِ وَرٛاے بیاکھ
اَکھ موتبر تہٕ پانس سیتی۔ اُمس موتبر سِنٛدِ کِنہِ نوٗب
میٚ بڑِ ہد تہٕ بہٕ ووتُس کھالس۔ اُمس اوس ناو شیرعلی
تہٕ اوس شیراز کُت۔ شیراز کین تہٕ اصفہان کین چھیٚ
پانہٕ دانٛی سَنٛگ رٕش، اَماپوز اَسہ لاگ پانہٕ وانٛی تیرِتھ
یارزاہ زِ اُسو بنے یہ جگری یار۔ اکھ دوہ ییہ اوس
سَنٛگ گرم تہٕ اُمی سوٗز میٚ خربز خاش اکھ کھیٚنہ موکھ
میٚ بُرس پینہٕ اَچھ تماٚکی چِلماہ تہٕ چوٗوم۔ میٚ گیہ
اکھ دوہ ییہ دستہٕ تہٕ دِرٕ وکھ، اُمی ہیٚتِرٕ شیراکِ کم سیتی
پانے تھوٗنہ۔ اُمی ہِنٛدِس گرِس گیہ اکھ دوہ ییہ قوانیچ
تہٕ تَس کوٗر میٚ پانہٕ تماٚکی وانٛیک دوٗستو رے۔ دوہ شوٗبے
بنے یہ اُسہِ سنگ دوس تہٕ پرانیو چھناووٗنمُت۔ دوہن
کٔلین رٕلِتھ میلِتھ چھِ گنٛٹی میو نیران، برابر اُمس
سانہٕ حقتہٕ سوے بائش کرِتھ۔ شیرعلی اوس میٚ ترٛین
وُرِہ ین زٕنٛدِ۔ چھینِتھ اُمس موتبر آیہ، شکل اُمس
زٕنٛدِ شاناہِ اُمس بڑی، کُمراوسُس نیک تہٕ ریش
اوسُس گوٗن۔ گو نِتھ آسُس برٕتھ تہٕ اوہٕ پلور
دُر کھیٚتہٕ آسُس یمہٕ کِنہٕ چھیپرٕ ووٕ کِنہِ ہیٚتوٗ ہیٚتوٗر کھِرٕ
باسان اوس زن چھیٚ دوہ سہ بیٚٹھی دِ چھِ راہ نہٕ اوین ان
شیرعلی اوس بیرون ماکناہ اکھ تہٕ کھرانٛہ ملازم
گوڈرِکی یہ سمکھنس منز تور میٚ اُمی شند چالاک

تہ نیتھ آسن فکرِ۔ مگر بٔ تہ کوٗرنس خبردار۔
دوٚیمہ: "بابا! بادشاہ زانہٕ نہٕ تنخاہ وٕنخاہ
کینہہ دِیُن، ہرگاہ زانِہ گٲلۍ دِوان تہ چھُ، تِمہٕ سیٚتۍ
چھِنہٕ تٕڑے ژلان۔ اَسہِ ہے کینٛہہ بنان چھُ، سہ
چھُ کامہ منزٕ بنان، یوٚہے ہیتھ دوٚنیاہ، یا رشوٗ یا
بخشائیش بیتر۔ اَسہِ چھُ یہ ہنِس افسرس نِش ہیتھ
آسنۍ تکیاز ہٕنٛز چھٕنا عٲ بلکہ وٕچھو تِھے پرٕزِ ناو نیوٗن۔
رسالہ افسرس چھُ ساس توٗمان وٕرِ یس تنخا، سُتہ ناو
پانٛژ، نقد ژنگ نہٕ ظاہر کہیں۔ تِمہ یتہٕ زانہٕ خود دوان
چھسا کینہہ نہٕ۔ مگر کہیں نے تہ ہیچی پانژھ شتے تنخاہ
چھس پانس خرچ۔ سُنٛدے یہ رقم ہیتھ وأنی آنان چھُ
ہیتھ کتہٕ اَنہٕ؟ کأنسہ جان یِزتہٕ وأیلس ہرگاہ بادشاہ
پھیرتھ گژھہ تس چھُ تِلہ ہیتو شلکھ تہٕ جرمانہ نِوان کرنہٕ۔
اما یوٚز اَمہٕ شلکھ تہ جرمانک دار مدار چھُ تیتھ رقمس
پیٹھ یُس یہ رسالہٕ افسرس ہنٛیہ منزٕ کٕرِ ناوہ ہرگاہ
تِمہ وٕنیوٗتھ رقماہ رشو دِیُت، تیٚلہ چھِہ اَسہِ تِلہ ہیتھ
بدلہٕ بچھ کھنٛجن ٹاس والان۔ حال حالے پھوٚرمُت منش
اَکہ بلاہ اَکس خرٕ۔ یِزتہٕ موکھ نٕرٕدوٗمس ساوٕنہٕ
وٕرٕ نمد اَکھ تہ کنہٕ۔ دوٚہن سیپہن اَکھ اُمس بکتکی۔
منٛے تہ بیٚئی سیپہن ہیتو چوب دِنی۔ گوڈنی تُل اَسہِ
اُمہٕ سُنٛد کأشر شالک دستار، ہٕلس گنڈنک شال
تہ نالہٕ ہنٛد چوغہٕ۔ یہ اوس اوٚت تام اَسہِ حکھے۔ اَمہٕ پتہٕ
چھُ یہ لوہ تہ صوتہ بادشہس بوزنہٕ وٕرائے تہ کأنسہ کنس گنہ
خبر ہٕتوٗ نہٕ وٕرائے اَسہِ وٕنان۔" ہرگاہ بہٕ متے لأیو دٔ
توٗمان دِموہ، یانی اَسہ اَمس کھعہ رشوٗر کُن پھیری،
اَسہِ ہیتھ ہینٛز کأم کرٕنی تہ اُمی سُنٛد اَمہ وعدک دِرہ
وٕچھنہٕ موکھ وأیلس پٕزہ پانٛژھ ٹاس جوراہ تہ اُمی
ہیتھ کرٕنکہ دِنہٕ۔ بادشہس فکرِ ترٕنہٕ وٕرائے کھالنوٕ تہ
اَسہِ ہیتھ رقمس تہ ہیوٚت وعنی اَسہِ ہیچن ٹاس پٹاس
ملہٕ وٕن۔ یہ سوداہ سُنٛد ہیتمہ جالہ زرسہ اوس کرٕنکہ دوٚان
"واہی مٔوٗدُس! وعنی کرٕنہٕ، ہأنی، خعہ دا یہ سُنٛد
پاسہ، نبی سُنٛد پاسہ، باہ توٗمان، ہتہ خعص توہ ہیہ چھُو
ہأیلس ماجہ منٛز دِرٕہے، بینداہ توٗمان۔ ہتہ خعص بادشاہ
سُنٛد ریشہ کہ پاسہ، دٔہ توٗمان، بہن امام زادن ہٕنٛز
دِرٕہے چھُو، ترٕہہ توٗمان، ژتجی توٗمان، بینشاہ ہیتھ
منٛتہ، ساس توٗمان، حضرت عباس ہٕنٛز دِرٕہے۔ یہ
توٚہی منگو تہ؟ ہیتھے اُمی حضرت عباس سُنٛد قسم کھیو
اَسہِ نہٕ ژھوٚرٕ دوٚ قصہ۔ مگر تِمی بے ایمانن تہ تاون ژٕوُن
وول اَکھ رقمس پِلہ گژھتھ تِھے پانٛژھ ہیتھ پانٛژھ
اَسہِ تُل لگیتھ سہ اکھ کھالان اوس۔ یہ گوڈٕ دِنس
وعدہ کوٚرمُت اوسُن تیتھ دِژن نہٕ وٕرٕنی تہ ہرِیمانہٕ سہ
تہ ہیٚمہ کأنسہ نہٕ خبر چھا ہیٚیہ کُنہٕ وٕزٕ ما پھیہ تہ ہیتہ
تہ موکلہٕ نہٕ زانہٕ تہہل تہٕل۔"

شیر علی ہٕنٛز زیوٗ یہ کتھ بوٗزتھ لوٗگ متے ہیچن
ژکن سہ دِرٕسہ ژُمکن چوب دِنہٕ وٕرائے تہ حرام
ہرٕ یسہ ژٹنہٕ وٕرائے ژوٚدُم نہٕ ہیٚیہ کأنسہ تہ طمبادِلس

مٔنز. کُنبہِ بیٹھ شام تانٛی ڈٲنڈٕ اَتھس کیتھ ہیتھ
چھُس بٔ ساٚری سے پھیران تہٕ یِیتہٕ یِیتہٕ انسان شکلاہ
بوزنہٕ آیم تیتہٕ تیتہٕ واچھم تِہُنٛد چوب دِی دِی اَرٕ چھ
مٔے گیہ وۄنی چوب دِنٕس تہٕ اَتھ تُلنس پرٛتھ حال
زٕ ہرگاہ مٔے دیہ ہن سارِ دُنیہکین تلہٕ ہیتین کرُ شُلوق
نی کرٛہا. خۄدا زانہٕ بٔ کیا ہو گوس نُیتھ بے گنڈ ہا
تیار، کُجانہٕ مٔے یانُس شرٛپان زٕ بٔ گیاہ چھُس لوٗبٕ دوٗر
تہٕ ظُلمگار. کُجا وۄنی بٔ اوتن واتن. مگر در اصل
لاریو مٔے یہ سورٕے پننین پیہن ہٕنٛد طور طریقہ وُچھتھ
یہ ہیوٗ چھُ مٔے فقط تِمنے نِش سہ

اسپ تازی را دو روزی گر ببندی پیشِ خر
رنگشان ہمگوں نہ گردد، طبعشان ہمگون شود

ییمن دۄہن اوسُس بٔ اَکِس تھَس عالمس
مٔنز روزان یِیتہٕ نہٕ بٔ نُس ژٕٹنہٕ وَراٛے، کَن ژٕٹنہٕ وَراٛے
زٕ اَڈ کرُنہٕ وَراٛے، نتو سیخ لاگنہٕ وَراٛے، اَچھ
مۄلہٕ کڈنہٕ وَراٛے، تو پھ گنڈنہٕ وَراٛے. پُرتھ ہیتھ
دارِتھ دِنہٕ وَراٛے. یِیتہٕ کانٛہہ کمھاہ بوزان اوسُس
بٔ اوسُس پانہٕ وۄنی نُیتھ بگرِو دوٗر بنیومُت زٕ ہرگاہ
میانِس مالِس مٔے اَتھ دِتھ دِنہٕ ہن زٕ ییمِس وال
زٕندے مُسلہٕ تہٕ بُرس کاسہٕ مٔنز. بٔ کرٛہا نہٕ تِمتھ تہٕ وایہ سہ

گر بہ منصب برسی مست نہ گردی، مردی [1]

[1] طہرانس مٔنز چھپے مرُث کتابہ مٔنز چھپے بیرِ ہن. اَمہ یَتہٕ

# ۳۴

## کانٛہہ کانٛم مَہٕ تھَونہٕ وزانٛہکین

### سرکارٕ ملازمن ہُنٛد ظُلم

پادشاہ چھُ وَتہٕ وایہ واریکان. چھیکِس وۄت
رٲژ گرِ نو کوچہ مٔنز ژھوہ دایہ دوٚہی. یہ کوٚچھ اوسُس
پرانہٕ شہر کین دُجہار رین نکھہ اَکِس لوکچہ دوٗرِ ہیتھ
بناونہٕ آمرٕ تہٕ اَتھ ہیتھ اوس ژھوہ یَرہ رُت نظارہ
لبنہٕ یوان. اَتھ وِڈ بوبنہٕ کینہٕ اَسہ دوٗر تانٛی سفید خیمہ
دِیتھ. پننہٕ اَزی چھ اَتھ خیمس ہیتھ نظراہ کرُتھ اوسُس بٔ
سہ وَرخ نظر تل آنان ییلہ بٔ تُرکا نو ژٕٹنہٕ نِیوس
تہٕ تِمتھ مُقابلہ اوسُس اَزی کِس تھرزس تہٕ بجرس گن
وُچھتھ اَندری اَندری پھولان تہٕ زٕ چھُس بٔ تہٕ
انسان مٔنز. کُنتہٕ اوس وختاہ ییلہ تکھ چوب اَسہ
مٔے دِوان. از چھُ سُہ وَرخ ییلہ تکھ وۄنی میانی
اَتھ چوب چھ کھیوان. اسمِ فاعل تہٕ اسمِ مفعول چھ
اوسُس بٔ اَکھ صحی مِثال بنیومُت. ییمہِ وِزِ اوخسِ صاحب
عربی ہیٚچھناوان ہیٚچھناوان مٔے لایان اوس تِمہٕ وِزِ
اوسُس بٔ اسمِ مفعول تہٕ فعلِ لازم. وۄنی ییلہ میانٛی

ہُریمانہٕ "مختصر شمر جلو دارم نمی شد نسان ہمعنانم نہ بود
خوُملہ نزدمن از رحیم دلان محسوب می شد" خلاٹ تہٕ
شادان یٔشرن کتابن مٔنز چھُپی نہٕ یہ یبارتھ.

سوہ کأم بنیہ پننٕد دُسی اُمس سپدان۔ اَمہ سأتہٕ اوس
بٕ اسم فاعل تہٕ فعل متعدی۔

بٕ چھس پننے فِکرن منز بُنتھ زِ تأتی ژاو شیر علی
میانِس خیمس منز تہٕ چھُم دپان : " دوستا ! ژٕ کیا
چھُھم کران بہتھ ؟ وُنہ چھ تھوٗد، کأم بنیہ پہ بکھ
نیر مے سیتی۔ اَسہ چھُ گژھُن بیتہ کہ خاطرٕ راشن بیتر
اَنہٕ نیچ کأم منڈٕ اَندی پتی کیہو علاقو منز۔ فلچ سوار گاہ
پیچھٕ پوسہ راشن پور واتن واجینیز اُمس سوہ چھنہ
شہزادسُنٕد تور شکارس گژھتھ تتہ سوہ راشن میو کلاوتھ
تھتنہٕ کنو پور وأژمژے۔ یہ راشن پور اَنہ نیچ تہٕ اَتھ
تفتیش کرٕ نیچ، تہٕ تمہ کامیکو سأری زِ کھوٗ تہٕ موہ قدم
رِسالہ اُفسرس نِش رٹتھ اَنہ نیچ کأم تھوٗکھ مے
منڈٕ۔ پننیز کنو کرپو و بیٚنو سپہو سیٹھا تہٕ کم چھتن
کرییہم تہٕ رشو تہٕ پلہ ناوثو یہم مگر مے مایہ ووہ نٕد
ژنے ورأے بیٚنیہ کانٛہہ پانس سیتی زمنس تکیا ز
اُنِز چھُھم دوس۔ خأر، دِگر نماز پتہ رٚوزی زٕ تیار پُھتھ
پگاہ صُبحس اَسی تور واتو۔"

بٕ گوس اَندریو کنو سٕنے زِ اَتھ بیٚنی ہیرٕ ژن
پیٹھو وانیچ سبیل پأدٕ گژھو۔ شیر علی سُنٕد حرام ہرکتہ
وصول کرٕنہٕ کہ طریقہ نِش بےخبر اُسیتھ تہٕ زون مے
پانس ہوین ہدہ ژھانڈن والین ہنٕد خاطرٕ یہ موقہ
بڈٕ غنیمتھ۔ اَندریو کنو چھُس سوچان " ہرگاہ تہٕ شہزادن
راشنہٕ بیتر منز تتہ کانٛہہ چیز پتھ کن کھوٗدمٕت

آسہ، تمۍ لہ ماراوہ مہمنتھے۔" مگر سیتی آم پننہ خیال
زِ " ووہ لہ سہ اُخر آسی تتہ کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ روٗدمٕت
آدیمی وِتی، تتے چھُ اَسہ سیٹھا۔ کمو تأنی گوہمانن
چھُ ووٗنمٕت سہ

خورند ازمغز را برجای ماند
اقلاً پوستی، ازہندوانہ
کنند ازچانہ از ریش کسی را
ازو ماند بجا البتہ خیانہ

خیمس نِشی اوسُم گرٕ گاسہ کھیوان۔ دوٚ ھتُس تہٕ ووٚنُس
گرٕس نِش سہ

کشودم پای بند از پای رہوار
نہادم زین و بر گشس بریکاہل
بدو گفتم کہ ای پابستہ تا حال
ھلا پابند خویش از پای بگسل
بحرکت عنبرین بادا چراگاہ
بجم کت آہنین بادا مفاصل
اگر ایرانئی را بگسلانند
چو تو پابند از پا (گرچہ مشکل)
لکد اندازی و گردن فرازی
نباشا کرد باید رب سہل

موہ خصر دژاے شیر علی تہٕ بٕ ! اَکس بأرگرس
پیٹھ سامانہ لدتھ دوہ لوسنس بأگی۔ ییمن دوہن بٕ
گرٕ موہ ہمشیو اوسُس تِمن دوہن اوسُم بیگ لقب

مٔتہ ہنوہ گرٛمی کرِتھ کرِتھ زیوٚنمٕت۔ دوستن اَکس اوسمہ وۄہہ بہٕ پَشِر زٕ گرٛین نالۍ تراوٕنہٕ خاطرٕ ہیٚر ہرٕ تہٕ پانس ہٮ۪لِس گنٛڈمٕت کیٚت کمربٔند۔ اکھ اوٚمُر کرایہ پیٚمِٹھ زٕ ہرگاہ بہ راوِ تیٚلہ دمس یاڈنڈٕ نِتہٕ اَنس کاتُہہ اَلیا بیٚتر۔

سِلاح سامانہٕ تہٕ ہوٚل گنٛڈِتھ دراے اَسہٕ تہٕ رچھ ؤرِ تہٕ فقط نیٚنٛدرِ ٹیس زٕ گانٹہٕ کٔرِتھ راتٕ راتس پکان۔ قانچ سوار گامس منٛز دأتی اَسہ تمہ ؤزِ یٔمہ ؤزِ صُبحِچ گرٛیسہ تموکاہ چوان چوان کھٕہس کُن گرٛھان اَسہ۔ یہ چھِنٛہ ووٚنی خبر زٕ اَسہ وُچھِتھ وسریہ اتہٕ ساری۔ زنانہ کھوکھ بچھِ ژٕدرِ تہٕ مردِ آے برٕ نرمی تہٕ حلیمی سان اَسہ کُن دوران۔ وُچھن گوٚ زِ شیر علی تفتیشی شُند دیہاتہٕ تہٕ جاورٕٹھ زٕ کمہ تحوٚ تہٕ سان اَنہٕ نوٚن موقدم نادِ دِتھ۔ ریش سفید تہٕ مۄتبر شخصاہ اکھ آو پتھ جھیٚر کھوتہٕ تہٕ ساد پلوٚ لاگِتھ اَسہ بروٚنٹھ کُن تہٕ کرُن سلام۔ وۄہ دُنی رۄزِتھ بھٔژ چھُ وَنان: "حضرت، بہٕ حضن چھُس تُہنٛد نوکر موقدم۔ مُبارک تُہنٛدِس یور تشریف اَنُن! سانین چشمن پیٚٹھٕ تُہنٛد اَسہ نِش یُن! بسم اللہ! واٮ۪لِو حضن تشریف گٔرِو پیٚٹھٕ! واٮ۪لِو حضن یکواٮ۪ژِ اَسہ نِش! اکُرٹ لانگر، بییٚہ گرٕ یِ کابس چھیٚپھ، بیا کھاو آو تہٕ ژٕأرِن کرتھن سانین منٛز نرٕ تہٕ واٮ۪لِن اَسہ بوٚن وُچھن گوٚ زِ کدام سون۔ موقدم سُنٛد گرٕ ترٛووکھ ڈالا اَکس پیٚٹھ قاٮ۪لیناہ وچھرُن یپتس کالس تتہٕ کھٕٹھ

شیر مَن۔ گامکی ساری لُکھ روٚدِ اَسہ پتہٕ کینہٕ ووٚنی تہٕ پانہٕ بیٚٹھو اَسہ قاٮ۪لینس پیٚٹھ۔ موقدمن کوٚڈ پانہٕ کھوروٚ منٛز اَسہ کھوٚ ربانہٕ۔ یُس یِزِتھ زٕ ہٕٹین شوٗہے کرُن تتھٕ ٹھوٗن نہٕ کاتُہہ پرِگی۔ شیر علی بیٚ نیا اوس تتھ پاٮ۪ٹھو بہٕچھِتھ زٕ نتہٕ یہ پرٛژھو لانٛزے واتنک تَس چھِنٛہ اوس، ڈُمٹس اَسِس نہٕ ریشنز کِہٕ تہٕ گرٛھان۔ تمأ کُ داماہ چیٚتھ کٔرِتھ پھیٚرِن بٔہِتھ موقدمس کُن تہٕ چھُس دپان: "ہَیا بڈا! یٔمہ قانچ سوار کہ موقدما بہٕ چھُسے پادشاہ سُنٛد طرفہٕ آمُت! بوزِتھ، پادشاہ سُنٛد طرفہٕ چھُسے یور آمُت۔ بہٕ چھُسے یٔمہ موکھہٕ آمُت زٕ پادشاہ سُنٛدِ حُکمہ مۄجوب کوتہٕ سوزِتھ ژٕے مجوزٕ پادشہس فوجہ خاطرٕ؟"

موقدم۔ حضرت، پتہِ اَچھ بییٚہ نم پتھر ہرگاہ بہٕ اَپزٕ ونہٕ (اَتھہٕ ستہٕ تُکن کُن ہاوِتھ) یمن چھو ساری خبر زٕ مۄے چھُنہٕ اَز تانی زانہہ تہٕ اَپزٕ ووٚنمُت۔ یہ مۄے وُنیکھتام ونان وُت نی کرٕ تعہ یہ تہٕ عرض۔ جناب، افسر صاحب عرض حضن چھُ یہ زٕ الحمدُ للّٰہ تعہ یہ چھِنٛہ پانس خُدا تعالیٰہن اَچھ درٕ مرٕ تہٕ پانس کنوٚ پوٚز بوزنس عادتھ۔ خُدایِن چھِو گاٹُلی تہٕ داناہ، ایماندار تہٕ پرہیزگار کٔرِتھ مہتو۔ بہٕ وَنو پوٚز پوٚز تہٕ صاف صاف۔ پتہٕ چھِو تعہ یہ پانس اختیار یہ تعہ یہ خوش کٔرِ تہٕ کٔرِو تو۔

شیر علی۔ بہٕ چھُس پادشاہ سُنٛد نوکر۔ یہ سہٕ پادشاہَن
زِ مووُمت چھُ کرُن، تی کرٕ بہٕ۔

موٚقدم۔ حضرت، تُہہِ چھُ اختیار! دوہ زٕ بوزی تُہی موٚن
عرض۔ وُنیکھتاں آسن ییٚمہٕ ریتھ تار موٚکھ
کٲم پتھ زٕ نیکھ اوس گرٕ کھنڈ کھوٚتمت۔ تِہِ
تہٕ اسہِ سٕہ وُنہٕ بالیغ کینٛہہ، تم اسہِ وُنہٕ میاٚ ہیٚچھے
کران۔ پرٛیتھ کانٛہہ اوس کھٔھس کُن تہیرن تہٕ چارن
کُن لگِتھ۔ اُتھی منٛز آو خرابہٕ قلی شہزادٕ سُنٛد
نفر شیٚچھ ہیٚتھ زٕ "پگاہ واتہِ شہزادٕ صاحب
جنٛگلی خرن، ہرنن تہٕ کُکرن ہُنٛد شکار کرنہٕ ییٚنہ
سارِے جماعتھ ہیٚتھ یور۔ مکانہٕ پننہٕ کرِٕو خالی
تہٕ بیٚیہ دِیو سارِہے گامس یارِے زٕ ییٚتِس
کالس شہزادٕ صاحب ییٚتہٕ روزن، تیٚتِس کالس
یہ تس کھیٚن چیٚن لگِہ، خرچ لگہ، گامس پادشاہ
بیستر گرٕ ہن لگہ تہٕ یم ہُریمانہٕ گرِی لگن، تمن
سارِنٕے ہُنٛد گرِی زیو بوٚنٛدبس۔" یہ شیٚچھ بوزِتھ
گے اسہِ سٕتھ پریشان۔ تکیازِ یوٚت خرچاہ ویترا
چھینہٕ سہل کنھا۔ اسہ دوپ زٕ زارِ پارِ کرِتھ
گِژھ گنٛڈِتھ تہٕ بِشو دِتھ موکلاووہان، مگر کہیں
اندیو نہٕ۔ آخر کوٚر اسہ مشخص زٕ گامہ ترٛاوو
تہٕ ژٕلو بالن ہٕنٛڈِس کُن۔ دِیو اسہ منحوس
ستارِ کرِتہٕ شیر نِش نکھٕ۔ جناب! افسر صاحب،
ہرگاہ تُہہِ پننہٕ اُچھہ، چھُوٕ چھیوٕ زٕ کیتھ پانٕٹھی
اسہِ یم بچارٕ پنُن سورُے داش نداش ییٚتی
ترٛاوِتھ بالن منٛز چھِ پنہٕ موکھ دو دو کران، تہٕ
گژھہ من جگرس کبابہٕ تہٕ داغن یہٕ یہٕ ہیوٚ کارنہٕ۔

شیر علی: (بڑٕ) استغفراللہ! اکھ ژٕلی ہو پادشاہ سُنٛد
گام ترٛاوِتھ تہٕ کرِو وُہِس نیٚنائے، بیٚیہ چھُکھ
وَنان زٕ جگرس گژھہ منٛم کبابہٕ تہٕ داغن یہٕ یہ ہیم
کارنہٕ! سہٕ چھُے بڑو نیٚتھ! ہرگاہ پادشاہَس تہٕ
کنھ کنن گژھہ، اکہ اکہ کرِد کھش۔

موٚقدم۔ سُبحان اللہ! حضرت، تُہہِ بوزِو سورُے
بہٕ کیاہ وَنہٕ تُہہِ وَنہٕ سورُے غوٚر صاحب۔ ییٚتی
پیٚشُل، ہیٚتی نیرہ تیر تہٕ چار دوے پانس سٕتی تہٕ
دراسہ زوٚہن تہٕ نارن کُن۔ گامس منٛز روٚدنہٕ بیاکھ
تہٕ ترٛیٚیو بیمار۔ بچو وُراسے شہزادٕ سُنٛد خاطر بیٚیہ
کینٛہہ۔

شیر علی۔ (حاجِ بابس کُن) چھکھسہٕ بوزان حاجِ
بیگا! یہ کینژھا مال وچاداداہ تہٕ رُت رُت
چیز اہ یمن اوسمُت چھُ، تہٕ چھُے یموٚ سورُے
بالن پیٚھٹھ داننا اوِتھ تھوٚومُت۔ شہزادٕ س
رگِژھ چھکھہ بیار نہٕ بیمار بچہ ییٚتھ کُن ترٛاوِ مرٕ۔
زُبرگو! ادِسہ، وَنان گژھہ موٚقدم سہٕ۔

موٚقدم۔ حضرت تُہہِ چھُوبہٕ موزج، ییٚتہٕ نیرِتھ دِتی
اسہ چھیٚمہ آو ہٕنٛڈِہن تہٕ نارن منٛز۔ تمہٕ پتہٕ سوزی
اسہ خبر اتہٕ اُنہٕ موکھ پننہٕ کینٛہہ نفر یور۔

بێنکہ دوہہ ہے پێشنس آے تم تێنچھ ہێچھ زِ شہزادٕ
چھُہ پننین ملازمن ہنزٕ اکہ بٔڈ جماعتھ ہێتھ گامس
منز ژامُت ۔ بیٚیلہ ہٕ تِمو تتہٕ کہین ڈیوٗٹھ سُہ
گونار تہٕ ڈیتُن پننین مو ہینوین حُکم ۔ تم ژالے
درواز پھُٹرٲوِتھ سانِہ مکانن منز بہہ ۔
پتہٕ لوز زِ شہزادس زار پار کرِتھ ملالہ کڈٕنہ
ماوجنہ اوس بُجہ اکہ اُچھ دِیِتھ اُمس وہر وُمت
تہٕ اوسُن ہٕ شہزادس لیکہٕ ژٲری ژٲری کینہہ تہٕ
باقی تھوٗومُت ۔ شہزادن انہٕ نو کاپہ تہٕ راتھن
بیترٕ ہێیس جاپہ ہێچھ تہٕ روٗدو سانِہ مکانن
منز روزنہٕ ۔ شہزادٕ ہندین نفرن یہ کینزٕ ژھا
سانِہ لرن منز اکھ او تہٕ نیوکھ سورُے ۔ گوڈٕ
نیکھ زمینداری ہندو ساری ساماں ۔ اَمہ
پتہٕ ژھینکھ بر تہٕ پنجر پُراٹھتھ ۔ نرِی کڈٕ تہٕ ژٹکھ
تہٕ زاٹکھ زہٕ بدلہ ۔ پانہٕ گرٕ تہٕ اوکھ سانِہ
کینکہ ڈورِہن منز کنکھ کھسنہ خاطر ریلہ ۔ یہ
کینزٕ ژھا گرُ یو پتھ کُن ترٕدو ، تہٕ نیوکھ سورُے
موٗلہ کڈتھ تہٕ ژٲلی ۔ موضر پیہناوکھ اُسہ
خاکس پیٚتھ ۔ وونی چھے اَسہ وُنی کیٚس خاطرٕ
وُجارٕ گمرٕ ۔ نہ چھُ پونسا ٹانکا ، نہ چھے نالی
زٹ ، نہ چھِ تیر نہ چاروٲے نہ چھُ کانہہ مرٲیے
نہ پٔینڈ تہٕ نہ پرن ۔ بس چھُ پتھ تہٕ خودٲیے
تہٕ بروٗنہہ تہٕ خودٲیے ، بیٚیہ چھُ تہند سایہ ۔

یہ بوزِتھ دوٚپ شیر علی تھوٚو دتہٕ اَمِس مرِ د یاد ہست
کرِن ریشس تقیحہ تہٕ چھُس دپان : ہیا بڈا اپیمہ
چھکتیمتہ ریشہ چھکھنا زٕ مند چھان تہٕ اپزٕ ونس
زیے وُنی پانے وونُتھ زِ یُس یُس اڈٕر اڈٕر چیز اوسہ
گرٕس منز اوسو، سُہ سُہ چھو توہیہ بالن تہٕ زوٗین منز
ژاٲوِتھ آمُت ۔ بیٚیہ چھکھ زٕ ہیچھ وَنان زِ تہ ہشو بٹھن
چھیے خانہٕ وُجارٕ گمرٕ ؟ یہ چھُسے دپان : چھُسنہ
یور چھون یہ وورُن تہٕ پریشانی بوزنہٕ آمُت ۔ ہرگاہ ژٕ ئے
خیال چھُے زِ ژٕ کیاہ ہیچکھ اَسہ سیتہ مذاق تہٕ خندٕ کرِنہٕ
سُہ چھُے ژٕ ئے بروٗنہہ ۔ ژٕ زانہن نا شیر علی کُس گوٚ ہا اُمہ
گئے تم ہرگاہ سانی اکھ اچھ شوٚ تگیتھ آسہ ، تو تہٕ آسہ
بیاکھ ہُشار ۔ ہرگاہ ژٕ ہنہٕ کنہ ڈاٹبلے آسکھ یوٗتہ لاٲو کو
ہندٕ کرٕ پاٲکھ ، یاد تھوٚو زٕ اَسہ گئے ڈاٹبلن ہندٕ کو ووستہ ۔
ہرگاہ ژٕ ہنہٕ جاپہ ہیچھ آسکھ ، یہ زانی زٕ اَسہ چھُہ بٹھن
ژونگ دران ۔ ژٕ ئے اَسہ تینہٕ ریش اَمہ کھوتہٕ زیوٹھ
تہٕ چھتیومُت ، ژٕ ئے اَسہ تینہٕ اَمہ کھوتہٕ دُنیاہ وُچھمُت
مگر اَسہ ہیکھ نہٕ تاریتھ ؟

موقدم ۔ ہتہٕ حقن خودا مہ کرِن ، یہٕ وَنا توہیہ فندٕ ؟
سو ہٕ حقن چھُہ نہٕ کیتھ ۔ تہٕ ناحقن پیہ نہٕ منّے زانِتھ
خیالیس منزٕ اَسہ حقن چھُ پادشاہ ہندی ریتہ ۔
اَدٕ یہ کینزٕ ژھا اَسہ چھُ ، تہٕ چھُ سورُے ہتہٕ ہندٕے
مگر اَہن حقن اَسہ وُنی تو اَسہ کرُو کیاہ اَسہ ہے
نیچھہ ننی تھوٚوکھ اَسہ ہے مسلہ ووٚلکھ ہتہٕ حقن

وُچھویم سأنی لوہَن تہٕ ہمہ سانہٕ زچہ اِنہ حَصن رۄد کیاہ اَسہ؟ نہ چھُ گرَن منٛز کیٚنہہ چھوٚلاہ نہ ڈورِن منٛز دان ہشوٚلاہ۔

شیرعلی۔ بہٕ زانے نہٕ یہ کینٛہہ۔ چاہے ژٕے مسلہ دولیے یا نہ وولیے، ژٕے دان چھوٚل اَسہ تنے یامتہٕ اَسہ تنے، اَسہ یہ کرُن چھُ تہٕ کرَو۔ اَسہ چھُ پادشاہ سُنٛد حُکم مانُن۔ یا دِ راشَن نتہٕ دِ تمہٕ بدلہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ۔ یا یکھ ژٕ تہٕ جأنی سأری زٕ ہٹو اَسہ سیٚتۍ جأگی مَس نِش۔

مۄقدمن نی یہ بوٗزِتھ زٕ ہٹو زٕ ہٹو کینٛہہ زٕ ولوٚب کُن تہٕ چھِ یِم پانہٕ وأنی کیاہ ہتانی پھس پھس کران۔ شیرعلی تہٕ بہٕ رۄدی یانِس چادر زُٹھتھ تِتھہٕ پأٹھٕ تموکاہ تموکاہ پھوان زِ حرام دَیہ ہیے فلک اَسی فکرہٕ کھسان۔

اَمہ پھسرا رِیہ تُہنٛد ترٛ دراو چھیکرِس پیٚٹھ زٕ ہمن اوسُس اَسہ کیاہ ہتام پلہ پاوُن۔ اَکی زٕنی نیوٗ شیرعلی الگ کُن تہٕ مۄقدم آو مےٚ نِش۔ اَتی چھُم کمہٕ مۄدرِ زیٚو طرارٕ سیٚنٛدی پأٹھٕ ونان: "ہتہٕ حَصن، وَنو کیاہ مےٚ تہٕ گأمی گامَس کو ماہ ٹوٹھ گوٚ، توٚہیہ۔ توٚہیہ چھِو پٔزی پأٹھٕ وَقتکی خاجے خضر تہٕ خُدایَن چھِو توٚہیہ یور اَسہ مسکینن بچاونہٕ مۄکھ سوٗزی متۍ۔ بَس ہیٚکو توٚہی یاتی اَسہ یتھہٕ بلایہ تلہٕ مۄکلأوِتھ۔" مۄقدم اوس مےٚ رتگان تہٕ بہٕ اوسُس ژھعہ پیٚیہ کرِتھ بڈٕ ہ گو پریشان تہٕ دِماغ زٕ ہٹھ جِگر سیٚتۍ گنٛدان۔ اَما پوٗز پرزرٕ گویی زٕ یتھے رشوک ناو بوٗزِتھ بٕہ نرمیوس۔ مۄقدم چھُم دپان "اَسہ حَصن کوٚر پانہٕ وأنی مشورٕ۔ سأری حَصن چھِ یی دپان زِ یہ نہٕ اَسہ نِش چھُیی، تہٕ کُنہٕ نیرا اَسہ نِش۔ اوٚتانی چھُ پوٗزٕ نُے۔ یتھہٕ گوٚ ہیرٛ ہمن زِ ہرگاہ توٚہیہ اَسہ اَمہ بلایہ منٛز آزاد کرِو، تیٚلہٕ چھِ اَسہ توٚہیہ کینٛہہ ہدیاہ بیتر دِنِس ہیٚچھتھ تَن بہ رضا۔

بہٕ۔ خأر۔ زبر گوٚ! مگر توٚہیہ چھِو خبرے زِ بہٕ کأچھس کُن زوٚن۔ مےٚ چھُ آخر زِ ٹھہٕ تہٕ سیٚتۍ۔ یِتھنہٕ اَمی پنٛدو پرمانو نِش بے خبر رۄزِو، تیٚلہٕ اَنٛدوہٕ رکھِنہٕ۔ اَمِس چھُو مۄچھ مُنہٕ وادتھل واتان۔ اَتہٕ گیہ نہٕ تولہٕ وادَن ہشر کھتھ۔

مۄقدم۔ اَہَن حَصن تہٕ اوس پوٗز، مگر کرَو کیاہ اَسی؟ وُچھ حَصن اَسہ ماتھوٚ تہٕ توٚہیہ نِش کینٛہہ ژورِ یعہ تہٕ چھُو حأضر تہٕ مۄے خانہٕ تہٕ۔ نہ حَصن، اَسہ ہیونا یہُس مالہٕ سیٚتھ ڈِیُن۔ اَسہ نہ حَصن وُدنہٕ شرُپو بأزِ وَرأے کانٛہہ چیز سے گرَس ہنٛز۔

بہٕ۔ وُچھ سہ ہیے دوستا! بہٕ ونے صاف، اگر نہٕ نقد روپیہ چھُو تیٚلہٕ مہٕ لگو نو اَدے تیٚلہ گوٚ سورُے نوٚ صنوٚل۔ نقد روپیہ سیٚتۍ ہیٚکہ اِنسان پادشاہس تہٕ گر کرِتھ۔ بوٗزِتھ؟ روپیہ ورأے اَندی نہٕ رکھِنو۔ نتہٕ چھُو چوب کھیٚنو۔

مۄقدم۔ ہتہٕ حَصن تمہٕ کتہٕ اَنو اَسی روپیہ؟ ہتیہٕ حَصن

چھےٚ ترٚژھ پوٚنسہٕ کامُن زِ ہر گاہ ساینہٕ زنانہٕ رٚپےٚ
لبن ژٕم کرن تٔھۍ تاوِیز تہٕ ترٲوِن ناُلۍ۔ ہرگاہ اَسہِ
تاوِن زٕد مرٚدن پیٚنہٕ ہیٚکۍ توٚمان کُنہِ بنُن، زَن
آسہِ اَسہِ نیش کورِ نوٗر لال تہٕ تھوٚوٕ میٚنزِ تَل دٔبراوِتھ
زٕ اَسہِ چھِ قورٕنس یاگی آمِر۔"

اَمہِ پتہٕ نمیوو بوِن کُن تہٕ چھُم کنِس تَل دٔپان
"دٕچھ ھٔصن ژٕ چھکھ نصو داین رٔت کوٗرمٕت۔ ژٕ چھکھ
بیعقل۔ اگر اَسہِ مہہ کلاوٕنی چھِہ ہمتہٕ ترٲوِتہٕ اَسہِ سیٚہہ
پیٚندِس اَسَس ہنٛز۔" شیر علی یَس کُن ہاوِتھ چھُم وَنان۔
"دوٚپہِ ھٔصن! یہ کمہِ سیٚتھ گرٛژھ، اَصٕ ؟ نقد
پانٛژٕ توٚمانو تہٕ اَکھ سرخ ریشمی شلوار یَتھ لَگہ سہ
ھٔصن اَس تھوٚوپ ؟"

سٕے دوٚپُس۔" تہٕ چھےٚ نہٕ مےٚ خبر کینٛہہ ایٚنٛزِ مِن
چھُم خبر زٕ اَمِس چھُنہٕ دِلَس منٛز اَکھ ترٛژھ تہٕ رَحم۔
اَدِ سہ دوٚہنی کرِ تہٕ کام، تہٕ دِ دوٚہنی پانٛژٕ وٕبدلہٕ داہ توٚمان
تہٕ ہُھتھ ریشمی شلوارن کرِ دوٚہنی ہیٚرِ بہٕ تہٕ پہ شاکھ
بٔہ کٲنی راوِن پانٕے۔"

یہ بُڈِ باچھُم دٔپان۔" نٔحصن پیٚے گوٚسیٚٹھا زور۔
اَسہِ نٔحصن لُوِنہٕ سورُے گامہٕ کام کٔرِت، یہ مےٚ دوٚپ نو
توٚہی کرِ رووٕن یہ تَتھ پیٹھ راضی، اَسہِ کرِ وِ توٚہی تہٕ
چشمن پیٹھ راضی، تٔمہِ دِ مۄو اَسہِ بنٛن ہدیہ الگ۔"

اَسہِ ژُٹ کتھ اَکی نےٚ تہٕ ہیٚتن مےٚ پھیچھرنی
لگنہٕ زٕ اَماہُہ بیا اَکھ زوٗن کیاسنا چھُہ شیر علیس
کنَس تَل یران۔ سہٕ وٕ چھُم پیٚنہٕ کھوتہٕ بانبر لوٚیت
زِ مہ قدمن ماوِول یہ اَلگےٚ ناوِ۔ خٲر اَسہِ سمکھو پانہٕ وٲنی
تہٕ پلہٕ ناو اَکھو اَکس شیٚنچھِ زِ کمہِ کیاہ کتھ کرٕ۔ شیر
علیس دوٚپُم۔" دوستا! مےٚ کیاہ چھکھ ہیٚوٕے
کیاہ ہتانی ملا یاہ ہیش بوزنہٕ یوان۔ یِمنہٕ یِڈےٚ چھےٚ
یوان۔ یُوت اَگر چھِنہٕ شٲیِر کھیتس گرٛژھ آسن
تیوٗت گرٛژھی ژٕہےٚ سون تہٕ رٔہ پھ آسن۔ ژٕ ہیٚہ نیش
گیہ اَرٕگج یا دٔمن ہنٛز کتھ کرٕنی گُفتہ۔ ژٕ ہےٚ چھےٚ نہٕ
ہمتہٕ واوِ تہٕ ساسہٕ واوِ ورٲےٚ ہٹ وسانی کینٛہہ۔"
شیر علی دوٚپھُم درجواب۔" اَوٕ چھکھ ونان۔
یہ گوٚر پوٗرٕ زےٚ تہٕ اَکھ کیاہ وَنِ بہٕ۔ مگر ہرگاہ نہٕ ژٕ ہےٚ
۱۸ اَضی کرنہٕ ہمتہٕ سہ دالہٕ وٲلکھ، ژٕ ہےٚ کیاہ بوٗزِتھ
مےٚ روزِ یا تمہ وِزِ یہ بٔھتھ؟"

وادِ یاہ کنہٕ کیٚنس گٔڈِتھ آرٕ تہٕ چھیکرس کاہ کٲسی
تِھ مہ قدمس سیٚتھ بوٗد جماہ بیٹھ۔ اَکھ منٛز اَسہِ
زٕ ونٛتھ، امروٗد، ماچھ تہٕ ساد رِوار ژٲمن۔ بُڈ نیٚرمی
سان کرکھ یہ ڈٲلی اَسہِ کُن پیش۔ مہ قدمن تھوٚو
پانٛژھ توٚمان تہٕ اَکھ شلوار رٔسےٚ اَسہِ برٛونٛہہ کنہٕ تہٕ چھُ
کاچھ اَبتری تیٚتھ پاٹھی باوان زِ شیر علیس ورٲے
کمیوو پرٛیتھ کانٛسہِ ہنٛد دِل۔

اَسہِ کُر اَٹ تہٕ روٗڈکھنہٕ یہ کہیں۔ دٕ تِھ بتھ
دادرِ تھ۔ یہ تِہرِ سیٚہ سنگ پاٹھی تہٕ تلکھ یہ میو جمہ کلس
پیٹھ تہٕ دٕراے کِتھ تام گرٛژھتھ۔ اَوٕ کاتٕنا گرٛژھتھ

آو موقدم داہ توماں تہٕ ہیٚر بون پوشاکھ ہیتھ میواہ شواہ کھیتھ ییٚلہٕ شیر علین داہ توماں چنٛدس ترأوی، مےٚ کٔر موقدمس کٔن نظراہ زِ ووٚلہٕ سہٕ، بیاکھ ہار کیتہٕ چھےٚ، سہٕ چھُم اوٚر فقط اکھ چھوٚ تہٕ کھور پوشتہٕ ماوان مےٚ رٔدنہٕ تابےٚ تہٕ دوٚپمس۔ "نا یارٕ، یہ کیتہٕ زانےٚ بہٕ؟ مےٚ دیو ہارٕ! مےٚ وَن کیاہ چھےٚ دِیُن، بہٕ کیتہٕ لگےٚ اَتھ۔"

تہٕ ووٚتھُم اوٚر۔ "رٔوزِو توٚہی، ییٚکیاہ پکان چھُم تہٕ ہُنٛد ہٕ یہ، ییتھےٚ لگہٕ زٔژھ کھنٛڈ۔"

وارِ یُہُس کالس مشوٗرٕ کٔرِتھ آےٚ ہم کٔرِتھ بدِلس اَکِس مجمس کیتھ شلوار زُ تاہ اکھ ہیتھ۔ شیتہٕ موروٗلٕ لگ شلوار یُس شیر علین ہیچھس اوٚنکھ داأریتھ ڈیتمُت۔ تہٕ چھُم اَمہٕ جمہٕ کھوتہٕ تہٕ زیٛیٹھ زیوٚ زار پارٕ کران۔

مےٚ ژٕ ج بٔڈ کٔرِتھ نیرِتھ۔ "ہیو یہ کھو چھوٚ اوٚنمُت؟ بڈٕ بےٚ شرم چھوٚ، توٚہہ چھَنا خبرٕ زِ بہٕ چھُس بیاہ بہٕ ہاوالوِ دالہٕ۔ بہٕ لدوِ جہنمس۔ بہٕ ہیوٚ ژرا وِ تیتھ پأٹھو عذاب کٔری گٔری زِ پتہٕ کھینوِنہٕ ہیوٚ ژ تہٕ بیا موقدما ژٕتےٚ چھیہٕ خبر زِ ساری چھِ چأنی پأٹھو نٔرےٚ، ستَن اٹھَن نفرن ہٕنٛز لأجمٕ صمدہٕ ہاجہٕ ہٕنٛز یہ نیمرٕ ژُٹ أنتھ زو نیتھ ژےٚ زِ بہٕ گژھ نخیش۔ چأنی زٕنو پیاہ یوٗسفٕ ہٕنٛز یہ کٔرتۍ وُچھتھ تےٚ اچھَن کاش؟ تھوٚد تٕل یہ جشنہٕ ییٚتین تہٕ دفاہ گژھ، بہٕ تارےٚ ژےٚ پانےٚ فکر کٔر کیتھ چھُ، وُچھکھ مےٚ سپہُس تگیا ژےٚ ستےٚ کٔر اسمان کٔرن کینہٕ نہٕ؟"

تہٕ لوٗزِتھ ہیٚوٚت موقدمن مےٚ کھوٗرن ہیوٚن۔ اَتھ ژٕتٕل شیر علین یہ شلوار اَکِس کیتھ وُچھنہٕ موکھ زِ یہ کیتُھ چھُ تہٕ کیاہ چھُ۔ اَتھ نظراہ گُذراہ دِتھ چھُ پانسےٚ ستہٕ حساب بوزان تہٕ آخر کٔرونس تاہ تہٕ تھووٗن لوٗب کٔن تہٕ چھُ وَنان: "ہا یتھ چھُنہٕ کہینہٕ گوٗمُت، زبر چھُ، ووٗت اَسہٕ یہ نےٚ رٔٹ، بہٕ رٔٹ، موقدما! گٔرِ چوٗن أسن آباد، لیٚشو۔"

تہٕ لوٗزِتھ گےٚ اَتہٕ کاہکو نکھ ہےٚ بٔنگہٕ نہٕ کانہہ تہٕ چھُنہٕ کینہہ وَنان۔ بہٕ رٔوٗدُس ژھوٚرُےٚ نہٕ چھوٚنے۔ مگر اَمہٕ تلہٕ ہیٚوٚچھُم زِ وِنی کٔر یتھ کٔن پٔزِ مےٚ پانس ستہٕ روزٕنٕ والین تہٕ کارٕ باجین ستہٕ حیسہٕ حیسہٕ پکُن تہٕ ہم مےٚ ہٕنٛز دوس آسَن گُذراوان تِمن پٔژھ کرٕنہٕ بروٚنٛٹھ پانس ستہٕ گوڈٕ وارٕ پأٹھو بوزٕ شوژ کرٕنی۔

# ۳۵

# حاجہ بابس تہٕ بیدار گژھُن

### تہٕ تسُنٛد ہیڈ کنسٹیبل بنُن

اَتھ گامس ژٕلار ییہٕ اَسہٕ حرف زِ کیتھ پٔنٛنس افسرس کٔتہٕ۔ ہم لدی بأر گٔرس ییتھ تہٕ دژٕاسےٚ۔ چھاو نہٕ ژٕواتِتھ گےٚ اَسہٕ ستیوٗ دُےٚ نأیبس نِش۔ نأیبن نیہ

اُسہ رسالہ اَفسرس نِش تہٕ سُہ اوس اَمہ وِزِ پننیٚن یار برادرن
منٛز بیہتھ کتھا باتھا کران۔ یُتھَے شیر علی وٕچھُن،
تیُتھَے وُٹھُس پیٚٹھ ژھنیٚن۔ "اوہو! اوٚن سہ ہے ارشن
ہاہ بیہتھ آکھ کیٚنہہ معہ قدمے اوٚنھتھن۔"

شیر علی۔ سرکار! عرض چھُ یہ زِ نہ آس راتھیٚنے بیہتھ تہٕ
نہ اوٚنم معہ قدمے رٕٹتھ۔ فاتح سوار گامہ کیو چھ
زِ کنہٕ ٹھ تھہ ہیہ ڈالی سوز بڑتہٕ اَسہ وُچھ پننیو
اچھو تہٕ زِ تِمن بیچارین اوسنہٕ یمو دوہ یوکنہٕ
وَراے ہنیہ کینہہ رٕودمُت، فقط چھکھ بیچارہ
شاہ گھسان وُسان، زوٚ جاناہ چھکھنہٕ
رٕود مُتیٚ۔ یہ کینٛژھا داش نداش اوسکھ، تہٕ
چھُنکھ سوٗ اَتھ منٛز بتھ ہیو اکھتے نے تمن لیدے
کینہہ سوز نہٕ ییہٕ، خبر ہیہ چھ دادِہا کھین رتم
پانہٕ واٹنی اکھ اُکس۔

نامردخان۔ زبرکو، اَدِ سہ یہ وَنتم اگر نہٕ تِمن تیٚن میٚتر
اُسی، یم کنہٕ ٹھ گنہٕ آسے؟

شیر علی۔ اَہن حضن، توٚہہ چھو پوز یہ وَنان۔ مگر یہ حضن
چھُسو کینہہ کُ وَنان۔ تیہرن ہُندکنہٕ دوٚ نو مُتے۔

نامردخان۔ بہٕ چھُسے دیٚان میاٚنس حکمس بیپھہ اُکیتھ
کیا زِ اُٹھ کھینہ ژٕٔ نے گاہ نہ ٹھو معہ قدم
ہاہ بیہتھ رُٹتھ؟ بہٕ ہے پانہٕ تور آسہ ہا گومُت،
بہٕ تہٕ اُ ہاکھ تم زِندہ؟ بہٕ ہے تم زِندئے نارس
منٛز ژالہ ہاکھ۔ بہٕ ہے تمن رِزگنٛڈ پھرہا

یُہتھ تم پانئے آنکار کیٚ ہن۔ میٚ وَن، ژٕ نے
کیا زِ اُٹھ کھینہ تم رٕٹتھ؟

شیر علی۔ (میٚ کُن گواہ آسنہٕ کہ بڑا اُتر وُچھتھ) اَسہ
حضن کریو ونیہ کینہہ سیپھٹھا۔ رِزگنٛڈ تہٕ کوٚرکھ
چوب تہٕ دِتکھ۔ بدرِد تہٕ دوٚنکھ۔ بیٚکیا حضن اوسو
حاجی یا بہ پانہ وُچھان تہٕ اُمس چھو خبر۔ اکھتے
حضن وُنکھ اُمی زِ "اگر نہ رؤہ ہیہ دِیو، اُکس
تہٕ گرژھنہٕ تھہ ہیہ پیٹھ رحم۔ اَسہ حضن آونہٕ
پانس تہٕ تِمن پیٹھ عار۔ بیٚیہ دوٚن اَسہ تِمن
یہ تہٕ زِ خان صاحب زانی یہ رحم کتھ چھ وَنان۔
ہرگاہ تس تل لگو، اَدِ تہٕ معہ کلونہٕ۔

نامردخان۔ یہ دوٚ نو کھ سورُسے؟

شیر علی۔ اَہن حضن! یہ لُوٚزِ بتھ حضن ژایہ تِمن تھ
نٹھ نٹھ زِ ہرگاہ زِ من چھیٚٹہ ہے تم ماوسہ ہن
توٗری تُھند ہیہ!

نامردخان۔ حاجیا! یہ کہو وَنان؟ میٚ کونا فکر
تران۔ یہ کیا زِ اَدِ تمو رٕوٚسٹے پور؟

بہٕ۔ (بڈ نیرمی سان) میٚ حضن چھنہٕ پانس فکر
تران۔ اَفسر تہٕ اوس تیتہ یوٚہے تہٕ ما یکھ تہٕ۔ اَدِ
حضن بہٕ کُس اوسُس؟

نامردخان۔ (غصہ ہوٚت اَندی بیٚتھ لکن کُن) چھو سہ
وُچھان ہے، یمو دوہ یو تاوٚن زدو چھےٚ جان
اُٹ کرہ ہیٚانہٕ وانی۔ ہتو شیر علیا! اوٚن ژٕ نے

پچھے میانہ رکلیج دژے۔ بٹیہ چھے پادشاہس
نِش حق نمک گژھنچ دژے، وَن کوت ژیتھے
ماجیا! وُنہ گژے ژےمے نِش اَکے رہچھ کام
کران، ژِ تہ وَن، کوتاہ دوٗ تلچھ؟

اُسی چھ قسم ماوان تہ اَکھ بیہ تہ بیاکھ بیہ
رٹمان مگر لڑشِیہ تہ کُر نہ پُژھ۔ اَمِ خوتہ کُدِ کھ اُسی خیمہ منز
نیبر تہ کرِکھ نابِسن خوالہ۔ یتھ موقدم رٹھ اُنہ پتہ
اُسی بٹیہ رسالہ افسرس پیش پیدہ۔

بیٚیلہ اُسی بہ تہ شیرعلی گُنی ژُنی روزی، شیرعلین
ہشُوت جل جل تمہ حرام مُری سہ منز مے اوڈ دیتن۔ داہ
ژماں گُدرِن چُند منز تہ چُھم نحیف پلوان۔ مے ژُ دِیے
نہ تہ دوچُمس۔ "ٹھوؤ بب سہ! رتمہ گور گَیہ دوہ ڈینچھ
ژُر ٹھ دوہ دِنِی کھا۔ شراب چوچھ ژیٹے کلس تہ کھسو نے
ژیٹے! مے کتنیک گوٗ۔ بہ لگے یہ اَتھ۔ یہ اَ پیچھ منزو گھس
ناژیٹے چھ۔"

پننِو کنہو پوٗرُم سیٹھا ژ یتھے موقدم بیہ
ژ کُنی ژمُلے نکار۔ بہ قسم نا ژُھ دی ژم ژ ژ بہ ژ دزم شہادتھ
مگر مے متہ وَنتس نہ پوٗز نہ اُپُز۔ دپان اوسم۔ "ہرگاہ
مے تلہ ہیتو شُلکھ کوٗرکھ بہ کیاسہ مرہ صاف سودِ ے
چھ مے منظور۔ اَما پوٗز فقط یہ تلہ ہیتو شلکھ۔ مے
کیا سہ چھی ہیمن تلہ ہیتو شلکھ کرن والین تم اِذاہ
دِ تی ہیتو تہ تم تکلیف واتناوِ ہیتو، ژ اگر بہ یمن تِکی
لوٗگُس یلم کیاسہ تراوَن نہ مے زِندہ۔" اَمہ پتہ چھ قسم

ہاوِتھ وَنان زِ بہ کیاسہ دَرِ یہ تہ تلہ ہیتو شلکھس
بیٚیلہ سہ بیاکھ لَبہ نادِ دیتھ نیوٗکھ، اَدِ پتہ تہ توٗرِ
فکرِ تس کیاہ گوٗ۔ نیاے وِژاوہ تس۔ مے یوٗدوے
کاتہہ تُشند پرژھان اوس، بہ اوسکھ یی وَنان
زِ مے چھے صرف پرژِ ے خبر زِ سہ اوس چوبن سنج
کھوژان۔ موقدم تہ کاہہ زِ بھوٗ وِ ہتہ ژُ نِی موٗرِمس بہ
تیمن بارو نیٹھ کُن پرژھ غار کرِ نہ موکلِ۔ تیموٗ دوٗن
ساروے گُنی ژُنی زِ: "ہاج بچارِ موٗ نگنہ کمیتھ
چرتہ نہ روٗنے کینہہ۔ اَکھتے ووٗنُن تہ ووٗنُن ژ
ساتن افسرس سوٗزِد کاتہہ جان پہن ڈالیہا۔"
سارِوے کھول شیرعلیسے بیتھ ژ "تیمی لاگِ اُسی
تاونس تہ تیمی دول اَمہ مُسلہ۔"

یتھ وِ ے قصوٗ سیتہ ہیوٗتُن میون رُت ظوٗلہ
واہ واہ پاٹھہ گرُ ھن تہ ہیوٗر ہیوٗر کھسنچ وِ تہ میرُن
میانہ خاطرِ بلہ گرُ ھنہ۔ ژوہ پاٹھ ری پچھے میانہ
پرزِ زیور تہ ایمان دار آسنچ کھا چلان تہ ساری
چھ وَنان زِ یمس نہ سہ چھینہ حورے کاتہہ۔
اَکھ اوس دپان۔ "یہ کیاسہ چھ درا اصل اُمس طبابت
کرِ نہ تلہ لا ریومت زِ یو نسہ خوہ تہ چھ اُمس یَز تھے
ژوٗھٹھ۔"

بیاکھ اوس وَنان۔ اہانسہ! یہ چھ دُنیا دوٗر
زانان۔"

بیاکھ اوس وَنان۔ "ہتہ سہ، یہ گوٗ اصفہانک

پروٚن ماکُن۔ یہ ژھنیا کھشیرِ پاٹھی جامَن زٔنگہٕ۔"

موہ خصر گوس ہُشیار تہٕ چالاک آسنَس مَنٛز

ناماوار۔ تِکیازِ نخ اوسُم وِہ فی وَتہٕ سارٕی اُسِم ووٚنی

بختہٕ بوڈ زانان۔ چھیکرس دژاو اَکھ سارِی سیٚے

تہٕ یہٕ زٕ شیر علیہٕ جاپہ بنیوس بٔے ایرانکس رِسالہ

اَفسر سُنٛد ہیڈ کنسٹیبل۔ یَرٛن ووٚل آسہٕ دِیان پانس

سیٚتۍ زیٚہ گوٚ تہٕ کانٛہہ تھوٚد نہٕ۔ مگر عنقریب ترٛس

فِکرِ زیٚہ چھاپنٛزِ پاٹھۍ بوڈ ہوٚد کیتہٕ تہٕ۔

## ۳۶

# مارِ واتلن ہٕندِس زٕٹھس سیٚتۍ

ہاجی بابُن مسلیٚ محبتٕ ورتاوُن

روس کِس پادشاہ سُنٛد فوج یَس آیہ اَنس سیٚتۍ

جنگ اوس، اوس یَمَن دوہَن گرجستانس مَنٛز۔ سارِی

اُسِم کھوٚژان زِ روٗسی گٔژھِن آرس تہٕ کوٚر جاےٚ پیوٚر

تہٕ نی۔ ایرانُک حاکم یُس سردار لقب اوس تہٕ یُس

پادشاہ سُنٛد خاص نفر اوس، اوس واریاہ کالہٕ پیٹھ

روٗسی گارتس سیٚتۍ زوٚر ژھیٚپہ جنگ کرنس مَنٛز تہٕ

تہِندِ ین کامَن تہٕ وَتہٕ پیٹھ کین قصبَن تباہ کرنس

مَنٛز آور۔ تبریزُک شہزادہ حاکم اوس نی زِ پکھیٚ پِٹھ

فوج ہیتھ ناگہٕ زِ فرصتھ پیٚتھے کرِ سہ دُشمنس تفلسس

تانی، اَکھتیٚ وزیرن ہٕنٛدِ فتنہ کِنۍ ماسکو کِس دیوارس

تانی لار۔

شاہی چھاونہٕ مَنٛز اُسۍ سارِی پَتہٕ شیٚچہٕ ووٚتھۍ

پیاران زِ اُسۍ گٔژھو جنگ زینِتھ تہٕ دُشمنَن ہٕنٛز کلہٕ

ہیٚتھ گٔژھِتھ واتنہٕ پَتھ تِمہٕ جنگ زینِتھ نشانہٕ ہاٗرِتھ

قَمشلو سوٚز موہ۔ آخر آو فاصد اَکھ گرِس پیٹھ دوران

کلہٕ میر پوٚشِنہٕ ہیٚتھ تہٕ بڑ ٹھیکیتھ تراوِن نعرَن تِرٛوٚنِتھ

کِنہٕ اَفسرن ہاوِنہٕ۔ فوجِ زنگۍ بٔلیہ امداد سوزنُک باند باند

کرنہٕ رٕکھ نیٚنیو زِ ترٛلہٕ دوٚنٛے چھ کیا ہیتانی ووگیتہٕ آمُت۔

اَوَسے سُنٛد سارٕنس اَفسر نامرد خانس حُکم زِ پگاہ نیرِ سہ

داہ ساس نفر ہیٚتھ تہٕ واتہٕ آرس ڈری یاوِ کِس نِکھٹس

پیٹھ۔

فوجکۍ بڈۍ بڈۍ اَفسر یِمَن مَنٛز اَڈِن اَکھ ساس

اَڈِن اَکھ ہَتھ تہٕ اَڈِن داہ نفر ماتحت اُسۍ، اُسۍ

ہوٚر یور ڈوان تہٕ دوران تہٕ نامرد خان ہٕنٛدِ خاطرٕ

فوجک سَنٛز ٹٔنٛز گران تہٕ لڑایہ ہٕنٛدِ موکھ حُکم بیترٕ

رٹان۔ نامرد خان صاحبن خیمہ اوس اَفسرو سیٚتۍ پیٹھ

تہٕ سہ اوس تِمَن حُکم بیترِ بوزناوان تہٕ سیٚتۍ اوٚکھ

پیٚتہٕ وَنان زِ کَتھ اُسۍ تہٕ کمہٕ کمہٕ وَتہٕ گٔژھِتھ ارِس

ڈرۍ یاوِ کِس نِکھٹس پیٹھ واتُن۔ مےٚ تھوٚو کھیٚہ کام

مَنٛزٕ زِ بہٕ نیرِ ترٛوٚ نیٚٹھیٚ اَکھ چھوہ کھہ ہیٚتھ پَتھ بہٕ نور

وارٕنیٚتھ راشن تہٕ باقے کھیٚن چین کین چیزَن ہٕنٛد

بندوبس کرِتھ تھَو۔ اَکھ کامہ ژھیٚنہٕ ہیٚم زوٚ، تہٕ

مِحنَتھ تہٕ اُسِم سَخ کرِنی۔ آقا پوٚز پَنُن جیٚنٛدِ برٕ

خاطر اوس یہ زٕت موقہٕ۔ اَکھو مَنٛز ہیوٚم شیر علی سُنٛد

قِصہٕ ژٕ بتس تہٕ کرٛم کُنس تھچھ زِنا پانہٕ ، یِمہ نا رٕشو
زٕٹنس خام طماہ لاگکھ ۔ موٗحصَر کوٗرُم پانسے سیتھ
وعدٕ زِ قناعتہٕ کہ آبہٕ سیتی ژھیشرأوِ طمہک نار ۔

فوج نیرنہٕ ژُونہٹھ اَکھ دوہ ووتُس بہٕ پننِس
جماعتہٕ ہیتھ ایرآون ۔ اتھیکُ حاکم ، سردار تہٕ اوس
قمشلوٗ ہس پیٹھ حملہٕ کرنہٕ پتہٕ اور وأتتھ نامرد خان
ہٕنٛدِس فوجس پیاران ۔ تبریزُک حاکم شہزادٕ
اوس گنجہ قصبس کُن ، یُس حال حالے دُشمن
ہٕنٛدِس اَتھس منٛز آمُت اوس ، فوج ہیتھ ژرامُت
اَمہ فوجہ منٛز تُمشد اَکھ نفر تہٕ نہ ژراونہٕ کنہٕ اوس
ایراونکو حاکمن چھاونہ منٛز بیٛیہ فوج منٛگنوومُت۔

پانہٕ وأنی سمکھتھ تہٕ مشورٕ بیترِ کرِتھ کوٚر
سردارن تہٕ نامرد خانن مشخص زِ روسی فوجکہ ہلنہٕ ہٕنٛدِ دلیل
خبر اَتر اَتنہٕ معہ کھ پَتہٕ اَسہ ژٕ پارِ جوسوٗس سوزنی ۔
نامرد خان صاٚبنہٕ طرفہٕ تھوٗکھ ژٕ نفر ہیتھ مےٚ یہ
کام منتہٕ ۔ سردارن تہٕ دِتی پننِو ژٕ نفر مےٚ سیتی یِمہ سےٚ
رٕم وَتھہٕ بیتر ہاون کرِن ۔

دوٚہہِ لوسنس باگہ درأے اَسہ شام بانگہٕ نہٕ اَکھ تأ
کھسنہٕ وزِ وأتی اَسہ بیکہ دوہہٕ اشترک گامس منٛز ۔
یِمہ اتہ بہٕ پیٹھ فرق رگہ جس منٛز پادرِس نِش گرٕ صحتھ
روزو ۔ اشترک گامہ کس گرِ جس نکھہ کدلس اور یور اَسہ
واریاہ ژٕ پرأنی وُچار کرِ جہ ۔ اَسہ چھہ پکان زِ اُتھ منٛز ژٕج
ہنگہٕ تہٕ منگہ ساہو منٛز اَکس کرٕ یکھ نیرِتھ " نادِ علیاً

مَظہرالعَجَایِب[1] ! اَما یہ کیٛا سنا بلا یا چھُ ہُتین؟
ہیے ، مےٚ چھا یوان یہ ۔ بوزنہٕ کنہٕ توٗہی تہٕ چھو وُچھان؟
اُکہ زُنی دوٚپس ۔ " مےٚ تہٕ چھُ بوزنہٕ یوان ۔ ہیے
یہ ہمسہ چھُ برٛم ژرٛم چوک ۔ وُنی کینسے چھنا ژرٛم ژرٛم
چوک نیران تہٕ معہ ردن کھیوان ۔ ظاہر چھُ یہ وُنی کین
تہٕ اَتہن معہ ردٕ سے کھیوان " !

مےٚ تہٕ اوس کیٛا ہتأنی نظرِ گرِ ژھام اما یوٗز صاف
اوسُم نہٕ نَنان زِ چھُ کیٛاہ یہ ۔

اَسہ روٗدِی کدٕ لسے پیٹھ تہٕ چھہ اَکھ ژھایہ کُن
مُدسے گنڈِتھ وُچھان ۔ سارنے اوس ہیتھ زِ یہ چھےٚ
بدِلے ذاتھ کیٛا ہتأنی ، تہٕ ظاہر ما آسہ کانٛہہ وُلہٕ بلا یا ۔
اَسہ چھہ ووہ نی پأغمبرٕ صاٚبن تہٕ امام زادن ہُنٛد نام پاک
ہیتھ خدایس غفو منٛگان ۔ کانٛہہ نہٕ ماجہ ہُنٛد گوبُر چھےٚ نہٕ

---

[1] نادِ علیاً مظہر العجائب : جنگِ خیبرکہ دوہہ پییلہ نہٕ اسلام کہ فوجہ منٛز کأفرن ہنٛدِس پہلوان عتبہٕ دس سیتی مُقابلہ کرنہٕ کانٛہہ تہٕ دراو ، رسوٗل اللہ صلی اللہ تعالیٰ ہٕنٛدِ طرفہٕ حکم زِ " نادِ لأیو حضرت علی صاٚبس کرم پہنٛد دُسی عجأیب اَتھ چھہ ہٕندان " ۔ رسوٗل اللہ ص فرموو بٕ " نادِ علیاً مظہر العجائب " پان اَمہ ساتہٕ اَسہ حضرت علی کرم مدینہ شریفس منٛز مسجدِ کنہ بوز تموٚ یہ ناد تہٕ کرامتہٕ کنہٕ وأتی خیبرس منٛز ۔ صحی روایتہٕ چھےٚ یہ زِ تِم تہٕ اَسہ فوجس منٛز موجوٗد ، اما یوٗز چشمان مُبارکن اوسکھ دود ۔ رسوٗل اللہ ص موٗ تھکھ پتہٕ دہانِ مُبارکک لعاب تہٕ گیہ ٹھیکھ ، اَمہ پتہٕ

بروٚنٛہہ پکنس جگہِ کرٛان تہٕ پٔتہٕ کانٛہہ چھُ نہٕ بلاے دفا
گژھنہٕ معہ کھٕ آپہٕ کرٛمہ پرٛان۔

عراقکٕ اکھ جان مرٛی دیادم لوٚگ ونن:" ہیٚیے
شلوارن مژ، اوٚد ہیٖیٹ، ہرگاہ نہٕ بٕرم بٕرم چوک آسہٕ، وٕنۍ
ژٕلہٕ، آسہٕ چھُ اصفہانس منز ازمودمُت یہٕ۔ گژھو تہٕ وُچھتو۔"
ترٛکی جوانن اکی دوٚپُس:" ہتا یارہٕ! یہٕ چھوٚن ازماوُن
لگہِ اصفہان کیٚسہ بٕرم بٕرم چوکس۔ آذربائیجانُک بٕرم بٕرم
چوک چھُنہٕ ہیٚکھو چیٚرہٕ سیٚتہٕ ژٕلان۔ سُہ چھُ ژٕلان منٛز
ہیوٚرکھٕ لہتہ تس لار کرٕنہٕ سیٚتہٕ۔" یہٕ وٕنۍ چھٕ ترٛوٚن
گرٕ تہٕ دزاو بروٚنٛہہ۔ امہِ پتہٕ آو شیٖشچھ ہیٚتھ تہٕ " یہٕ
بٕرم بٕرم چوک چھُے بچار زنانہِ اکھ دوہ دٕ سفید پوٚژ
دِتھ۔ سیٚتہٕ چھُس مرد اکھ تہٕ۔ یم چھ دوہ شوٗرے دوہ سہ
تل ژٕوٚر روٗزتھ۔"

بٕ دراس پانٛژ شیٚے نفر ہیٚتھ یہٕ وُچھنہٕ زِ
یہٕ کیاہ معاملہ چھُ۔ ٹکیا زِ مےٚ اُمس کاٗمے یٖتہٕ۔
پھُٹرتس طاخس اکس تلہٕ کٕنہٕ وُچھم اڈٕ وار
زنانہٕ اکھ پتھر زمینس بیٚٹھ دراز تہٕ اُمس نکھہ
وُچھُم بیٚیہ منز کلہٕ تراوِتھ جوانا اکھ بیٚتھ۔ دوہ شوٗرے،
اُسی جوان تہٕ دوہ شوٗنۍ اوسُکھ گرجستانُک پوشاک
نالہِ۔ یوٚدوے زنانہٕ بٕہتھ لیٚنہٕ رنگکاہ ہیٚش اُسُس،
اما پوز بٕہتھ وُچھنہٕ اوس تشند لوٚگ نُنان۔ باسان
اوس یزٕ تہٕ واجنی گژھتھ کانٛہہ آسہٕ۔ جوانس وُچھُم خنجر
ہٕلس گنٛڈِتھ تہٕ بنٛدوق اوسُن دیوارس ٹنٛگتھ تھوٚوموٚت۔

یہٕ اوس یار باش تہٕ شکیل۔ مےٚ اوسنہٕ زانٛہہ تہٕ یُتھ
جوانا نظرِ گوٚمُت۔ زنانہٕ ییٚس پردٕ ہُتھُس گنٛڈِتھ اوس
سُہ اوس سفید تہٕ اکھ اُمی جایہٕ جایہٕ رتہٕ داغ تہٕ بٕیہ
اوس وار ہیٚن جاین ژھٕوٚنمُت۔

مےٚ پرٛژھ یمن۔ " ہیٚے توٚہیہ زِ کیاہ چھِو پیٚتین
کرٛان؟ ہرگاہ توٚہیہ وتہٕ بکہٕ ونۍ چھِو، توٚہیہ کو نہٕ تیٚلہ
پنٛنہِ وتھ ہیٚوان؟"

جوانن تُل کلہٕ تھوٚدتہٕ وُچھُم ونان:" ہتہٕ خصٕ آسہٕ
کرٕتہٕ کیٚنٛہہ یار یاہ۔ اکھ روٗٹاہ کرٕتہٕ! ہرگاہ مےٚ رٹنہٕ
معہ کھٕ تہٕ آمُت چھُکھ، تسے چھُے بوہدر آسنُک قسم
زِ یہٕ زنانہٕ معہ کلاوتن سردار سٕنٛد اکھ تلہٕ۔"
مےٚ دوٚپُس:" نہ سہ بٕ چھُس نہٕ تہٕ رٹتھ رنٛنہٕ
معہ کھٕ آمُت۔ کیٚنٛشہ تہٕ۔ اما پوز تہٕ وَن توتہٕ تسے گژھن کوٚت چھے
تہٕ چھُکھ کنیٚک؟"

جوان چھُم وَپان:
ہرگاہ تہٕ پرٛژھکھ یہٕ تہٕ وَتے نہٕ، جان گیوٚو تی
قصہٕ میوٗن سیٚٹھاہ ٹیوٚٹھ تہٕ سیٚٹھاہ زیوٚٹھ، سیٚٹھاہ کرٛوٗٹھ
گوہ ڈٕ دی توٚییمس اڈٕ عمرٕ زنانہٕ اکھ تہٕ واتناوی تو
یہٕ کنہٕ جان جایہٕ بٕہتھنہٕ یہٕ مرٕ، ٹکیا زِ اُمس چھ بڈٕ زخم لگمُت
تہٕ اُمس چھُے یمن زخمن دٕہ تنٛچ سخ ضنوٗر روٗر بتھ، اَد
بوزناوو بہٕ توٚہیہ پننٕ قصہٕ۔ ہرگاہ نہٕ توٚہیہ سردار سٕنٛدی
ملازم آسو، میوٗن قصہٕ بوزِتھ دز توہہ تہٕ جگر۔"
مےٚ اُس اُمی منز حالتھ وُچھتھ پانس ترٕژھ

حالتھ گاٲمژ زِ مےٚ تھوٚوُوے نہٕ اُمِس بِچارِس پتہٕ دسِس زار پارس تانی۔ اَسہِ تیٚج یہ زنانہٕ تہٕ واتناوٕ اُکِس بُجہ ہنٛدِس گرس منٛز تہٕ کرٕ اُکِس جان دایہ سُپرد، یُتھ سۄہ اُمِس وایہ کرِ۔

جواں دوٚپ زِ "بہٕ چھُس ارمینیاہُک روزن وول تہٕ اشترٕک کامہِ سٲری روزن والی تہٕ چھہ ارمینیاہکی بوزِتھ گَکہٕ اُسی بڈٕ خوش۔

## ۳۷
# یوسف ارمنی تہٕ تسٕنز زنانہٕ ہُند قصہ

مےٚ اوس خیال زِ پانہٕ آرام کرُنہٕ مۄکلہٕ تہٕ گرُین گاسہ بیتر کھیاوٕنہٕ مۄکلہٕ گژھ بہٕ ابرام بالس پیٹھ اما پوز یتہٕ قبیلس نِش مےٚ راشن بیترٕ وصول کرُن اوس، سۄ اوس قبیلک قبیلے جنگہٕ کہ بیجہٕ کام تراوِتھ بالن کُن ژوٚلمت۔ لہٰذا اگرٕتھ لوٚگنہٕ مےٚ روٚسین ہنٛز خبر آتر نشنہٕ مۄکلہٕ اشترٕکہ کامَس منٛز روزنہٕ وراٸے چارٕ سے کانہہ۔

ژوٚٹ ووٚٹ کھیتہٕ تہٕ نیٚندرِ کٲنہٕ جوراہ کرِتھ اننووُم سۄ ارمنی جوان یُنٛ قصہٕ خاص کرِتھ ژلتہٕ پیٚنج دلیلہٕ بوز ناونہٕ مۄکلہٕ ناد دِتھ۔ یہ اوس اَمہ وِزہٕ دُہَل تہٕ اُمی پتہٕ بیٚہتھ تہٕ طور طریقہٕ وچھتھ ژیٚنم پانے زِ یہ کیٚنژھا اُمِس وَنُن آسہ تہٕ آسہ نہٕ اَچھ۔ مۄخصر مشوٚرت اُمی یُنٛ قصہٕ پتہٕ پانٛژھی بوز ناوُن زِ :

"بذاتی چھُس بہٕ آرمنی تہٕ ناو چھُم یوسف میول چھُم پیٚیتہٕ پیٹھ نہٕ فرشنگ دوٚر قمشلو گامُک مۄ قدم۔ اَسہِ پیٹھ اوس حاکمن ہنٛد ظُلم کیٚہ بہَن شیدان۔ ظاہر پٲٹھہ کیٚنٛہہ زِ سرد جاے تہٕ پہاڑی علاقہٕ آسنہٕ کِنہِ اوس حاکمن ہنٛدین گژھن تور کیٚہ۔ میون بیترٕ تہٕ ماسوٲ اُسی دۄ شعوٚرے اوٚچ گرجس منٛز مُلازم۔ یمو نِیوٚس بہٕ تہٕ پانس سیٚتۍ تہٕ ترووُہَس اُکِس ژاٹہٕ ہالس منٛز سبق پرنہٕ۔ اَتھ ژاٹہٕ ہالہٕ کِس کِتابہٕ گُنٛژھس منٛز وُچھ مےٚ زِ یا ستر مذہبی کِتابے تہٕ اَتھو منٛز ہیٚنٛز مےٚ ارمینیاہچ کِتاب پٔرٕنۍ۔ یہ کِتاب پٔرِتھ نِنیوو مےٚ زِ سون قوم تہٕ چھہ پَتھ کالہٕ اَکھ بارٕ قوم تہٕ سون مذہب تہٕ چھہ ژرانہٕ وَقتہٕ اَکھ بوٚڈ مذہب اوسمُت تہٕ اَسہ تہٕ چھےٚ وَقتہٕ اَکہ دُنِیاہَس پیٹھ حکوٗمت کرٕمژ۔ یہ پٔرِتھ آو مےٚ سخ غارتھ۔ مےٚ ژھن رٲیشت تراوِتھ تہٕ ژامس فوجس منٛز۔ روٗسس تہٕ آیرانس ووٚتھ یمنے دوہہَن پانہٕ وٲنی جنٛگ تہٕ سون کام تہٕ بنیوو وَ تہٕ پیٹھ آسنہٕ کِنہِ فوجہٕ خاطرٕ اَکھ پڑاو اَکھ۔ ینِس گر بارس اَتھ روٚٹ کرنہٕ مۄکلہٕ لاریوس بہٕ جل جل ینُن کام۔ اوٚت واتِتھ وُچھُم ہیٚپشتُک سورُے سامانہٕ یاں زِ نِرا اَتھ بیترٕ سورُے فوجہٕ کیٚہو گرِ ینڈرہٕ سیٚتۍ واران گومت، تہٕ ینِنۍ کیٚہو دۄہ پرٕ وُچھم سٲری ترسیمتی تہٕ پریشان۔ یہ چھُ قصہٕ اَسہ سارٕنے ہُنٛد یکہ وَٹہٕ۔ میون ینُن حالہٕ چھُ وُکھر سۄ چھُ یہ زِ :

اَکہ دۄہہ اوسُس بہٕ رسلے سامانہٕ گنٛڈِتھ کھٔنہٕ اَکہ منٛزِ نِکان۔ اَتھی منٛز وُچھ مےٚ ایرانیاہ اَکھ زنانہٕ اُکِس گرِس

پیٹھ لَدِتھ ژُو! اکہ کٹھہ نیرنہٕ، موکھ پانس برٛونٛہہ کنہ دوران۔ اَمس زنانہٕ پیٹھ دُور پیٹھ منٛز کُن نظر تہٕ امداد کرنہٕ موکھ ہووتھ اِشارٕ۔ منٛز آوٕ بڈٕ غارٕ رٕتھ تہٕ تلوارٕ اَلقس کیتھ رٕٹھتھ رٕٹ منٛز اَمس ایراَنس وٕتھ۔ گرٛس پیٹھ ہریمانہٕ بور آسنہٕ کنہٕ پیٹھ نٕ اَمس تلوارٕ یا لوٗنٕرقس کُن اَسیٹھ۔ منٛز ہیوٗت اَمس پیٹھ حملہ کرُن تہٕ یانٕ پیہ ژوٗل بٕ لارِیوٗسس پتے تہٕ دٕژم یہ زنانہٕ اُمی ہِشندٕ گرٕ پیٹھ داَرِتھ۔ اَمی ماہ رُود منٛز سیتھ جنگن، مگر بیٚیلہ بٕ پننہ کھوتہٕ لرٛان وول وُچھنس، اَمس لوٗکنہٕ ژُو بچاوُ، موکھ چارٕ تہٕ ژوٗل۔

اُمی ہِشندٕ ژٕلنہٕ پتہٕ لوٗگُس بٕ اَمس زنانہٕ کُن تسُند تسلی بیتر دینہٕ۔ اَمس وُچھم اَرمنی پلوٗ نالٕ تہٕ بیٚینہٕ وُچھم سیٹھاَ شکیل ؎

سیم خد، سرو قد، فرشتہ ہمال
مشک مو، ماہ رو، ستارہ جبین
بدل سرمہ در دو چشمش ناز
عوض شانہ در دو زلفش چین
باد در زلفکانش حلقہ شمار
ناز در چشمہاش گوشہ نشین

وَرِیہ ژوٗداہ آسہ ہے مگر اَمس ژوٗداَ سمہ چہ ژوٗنہ کھوتہٕ تہٕ پرٛینہٕ۔ یُتھے اُمی ہِشندس بُچھس پیٹھ نظر پیٚیم، بٕ ہیوٗتنس وٕسی ہیوٗن۔ کوٗ ھٹین ژایم نیٛہہ نیٛہہ تہٕ دلس اوسُم دُب دُب گژھان۔ اُمی ہِشندِ عشقن

وۄلنمٕ پتھ نالِ ژ ؎

گُفتی ازین جہان بہ جہانِ دگر شُدم

ہرگاہ نہٕ یہ بُتھ ہور کُن پھیرِہا بٕ مارو زہا اَمس قیامتُک نام وُچھانی۔ بیٚیلہ اَمس اُکس وُہ ہِیُر مرٛدس نش آسنکُ حیس ہیوٗ یہ زَن گیہ باورٕ۔ اَمہ ہیوٗت بُتھ چھتھ وٕنُن زٕ یا اِلاٰہی! یہ چھا خاب کِنہٕ پہ چھُ منٛز بلی ظوٗن بٕ ہا اُکس وُہ ہِیُر مرٛدس نکھہ آسِتھ؟ یہ ہیٚیکنہٕ بُنِتھ۔ اَما پوٗز بیٚیلہ بٕ پننی وَطنکُ آسنس بوزنہٕ آیہ میٛرن منٛز کُن پھیرِتھ۔ اَمس گوٗنہٕ اَمہ موکھ یِتھے ہیوٗ زٕ یہ کیاہ زٕ موکلاوُ منٛز دُشمن سِنٛدٕ اَتھٕ تلہ، منٛز کھوٗت فقط یُتے داد زٕ منٛز کیاہ زٕ تُل اَمس بُتھ پیٹھ نِقاب تھوٗد تہٕ کیاہ زٕ اَرمنی زنانہٕ ہیٚیکنہٕ رٕنِس وَرائے بیٚینہٕ کانٛہہ تہٕ بُتھ پیٹھ پردٕ تُلِتھ۔ منٛز ہیوٗ اَمس قسم زٕ منٛز تُلُے نہٕ ژٕ سے خوٗدا رٕ چھن کُنہٕ ہوٗسہ بُتھ پیٹھ نِقاب، منٛز تُل فقط ژٕ سے حیسہ پھیرِنہٕ تہٕ آرام وانٛنہٕ موکھ یہ۔ آخرس دِتُم اَمس تسلی زٕ یہ سر روز آسہ یانہٕ واَنی پانس نش تہٕ کانٛسہ تہٕ گژھہ نہٕ کُنس کُن خبر۔

بیٚیلہ اَمہ رٕژھا سنبول، اَتی چھُم دِیان" یہ ایراَنی ژانتہ نہٕ بٕ رٕہیس۔ اَز کینٛہہ دوٗہ برٛونٛہہ کوٗر ایران کیو تہٕ گرجستان کیو یانہٕ واَنی جنگ۔ ایران کیو زیہ گرجستان کین ہیٚنرٕ اَکھ بڈٕ جماعت رٕٹمتہٕ۔ یہ ایراَنی تہٕ اوس دِیانے زٕ منٛز گژھ کانٛہہ ناگہ کاڈاہ اَتھ

یکبِژ تہٕ اوس ظاہر گرجستان کین قیدین ہیتی مۓ تہٕ
پکناوُن پیٖھان۔ شخصن بٲگی دژایس بہٕ نوٹ ہیتھ
ناگس پیٚٹھ۔ یہ شخص دژاو دوہ سبہٕ ہیتی کینہہ شراکھ ہیتھ
اُتھس کیتھ تہٕ سنگ گرِ ہنز کرتھ چھُم دِیان۔ " ہرگاہ کُرتھ
یاچکھ دِژتھ، شکم پھُٹیے۔" اَمہ پتہٕ بہناوُنس
کاٹھ پیٚٹھ تہٕ دژاو گرِہن پیٚٹھ تیز تیز۔ دوٗر پیٚیہ
کینٹرن کورن مۓ پیٚٹھ نظر۔ تموٗ تُل ہے تہٕ اَکھ ٹھا
اَمہ ریتموٗ گرٕ تہٕ شیٚیچھ نیہُن۔ بیٚٹھو تہٕ ہیرو کینہہ دوران
تہٕ دُوان واتناوُنس یوٗتن۔ سنگ روب داب کرنہٕ پتہٕ
تہٕ اَم نونتہٕ وار تٕمۓ اُتھ ہیتی ہاونس یتھ تہٕ اُتھ روٹ
کرہَم۔ پتہٕ چھُپے پانس اَدٕ خبرے کیاہ سَپُد۔"

اُتھو منز پیٚیہ جاتھا اَکھ گرِہن پیٚٹھ تہٕ دوران
دُوان اَمہ نِش واتھ۔ اَمہ دِژ کرتھ زٕ "ہکیاہ اَسے
میانٕ اُشناو رشتناو۔"

یِمو یُتھے یہ پرُز ناو، تیٚتھے ژٕ ٹھکہ ناپہِ تہٕ چھِس
موٗریتہٕ تہٕ ہیٚٹھو کران۔ بہٕ اوسُس اَکتھ کن ننہٕ منز
زٕ اُمس گوٚ ژھینہ یمن منز کانہہ سُہ آسُن یُس ہیتی اُمس
گوٚ نٕدمت آسہِ ہیکھ۔ مگر شکر خدائے تعالیٰ ہس کن زٕ
تیٚیتھ اوسُس نہٕ کانہہ۔ اَمہ زنانہِ گٔنز روٗدُس بہٕ
پیٚمن نِشن واتھ کوٹھ تہٕ یِم سارِی لگہ میانٕ شکر
گذاری کرنہٕ۔ ییٚلہِ اَمو ہنٛدی مٲلی مۓ ناو تہٕ روم قوم
پرژھ، بوزتھ دژاو زانٛہ کارہ منز۔ بہٕ خوش
گوٚ تہٕ میانٕ سوہ دِلہٕ شکر گذاری کرنہٕ موکہ نیونس

سنگ باند باند کرتھ پانس سیتی۔

گاٹس منز واتِ تھے دژاے اَمہ اَکہ زن ومرد
دُچھینہ۔ سارِی اَمو دِیان زٕ "ییشتیرِ وکلہٕ کرتھ، فولاد کو
اُکھ تہٕ ژامہ بدن کرتھ تہٕ زرہ نالی لاگتھ اَو اَکھ دیو
گرس کھیسہٕ۔ یکینہ وِزِ اوس یہ گرِہ یڑہ ہیتی زہ ہینس
چاکہ کران تہٕ گگرایہن ہنٛدی پاٹھو اوس گژان، یوٚتھے
اَو ناگس پیٚٹھ تہٕ زینن مریم تلہتھ (مریم اوس اُمس
زنانہِ ہنٛد ناو) تہٕ نقوٗن بٔنیہ زٕہ۔ یہ وُچھتھ دژاو
ملکہ اَکہ زمیندار کنہ ہنزِ شکلہ اُبرتلہ تہٕ ووٚتھ اُکس
بالس پیٚٹھ تہٕ بالہ پیٚٹھ ووٚتھ تہٕ ژاو زوٗس منز۔ اُدٕ
شکلہ نارہ ژھیٹہ تراوان والہ اَکہ ہستیا ہیتی کرن اُمس
خشخاش داہہ تہٕ موہ کلاوُن مریم تہٕ پانہٕ گوٚ غاب۔ یمہ کو
پاٹھو اوس یہ ملکہ حضرت عیسیٰ لاگتھ آمت مر
موہ کلاونہٕ۔" ناد پیہ مۓ اَتھ کلہ ملکہ گنز زان
تہٕ بہٕ تہٕ اوسُس اَندرِ کینہہ پھولان پانسے ہیتی تہٕ دِیان
اوسُس خوداہ گوٚ زٕدہ بوزُن یمن گوٚ زٕدہ دِلس یوٚہے۔
اَلغناس رژھ کھوہ تہٕ رژھ گنن۔ اَکھ پوز لوکہ کیٚٹو اَکہ
ییٚم بہٕ داریاہ لنہٕ جب تہٕ چارواے ہیتھ زمین منٛند
دُچھمت اوسُس، یرزٕ نوٗدُس تہٕ چھکھ دِیان" یہ ملکہ چھے
فلانٕ قمتلو شند تیچھو۔" فار، اَمہ پتہٕ تہٕ زونس بہٕ یمو
موجز ووٚلے۔ مریم ہنٛدی گرہ اَسی میانٕ شکر گذاری
کرِی کرِی پیسہ آتھ تہٕ میون دل اوس مریم سِنٛدِ
عشقہ سیتی تٕچھتھ۔ تاپہ پیٚٹھ کھوہ نیٚبٹھن تانٕ اُمن

تَسِنٛدِ عشقچ رٖیہٕ گٔنٛڈہِ مژ تہٕ پانسے پیتھ اوسس
وٚمیر اوُبہٕ تکیاز پیتہٕ وُچھم یِم سۄ اکہٕ لٔبۍ تہٕ پرٛدٕ رٔوس
ہٕ تِسنٛدِ گوہ ڈٔیکہٕ دیدار کُس میچھر اوسن پٔنٛنس کھنٛدٕ لیے
مٔنے تہٕ کوٗر پنٛنہٕ جایہٕ مُتشخفس زِسہ

دست از طلب ندارم تا کام من بر آید
یا جان رسد بہ جانان یا جان زتن بر آید

ہرگاہ مٔے دِچٕ الس سیتھ تہٕ جنگٕن پیٚٹھ، یہ پرٛی تہٕ اَنن بہٕ پانس نِش. مُژر کُمژ بوٚ اَسسٕن مریم وُچھان تہٕ اَماپوز یودوَے پایہ وٲنۍ زبانٕ ستر کٔتھ باتھ اَسو نہٕ کران مگر اَکھ اَکس ہُنٛز ماے دُچھم پایہ وٲنۍ دوشوَے طرفٕہ ہیٚشی۔

اَمہ دوہہ پتہٕ کاہ گوس بہٕ پنٛن گرٕ۔ مٲلِس ماجہ پیوس کھوٗرن سٟتۍ پَکھٕٹھ تہٕ زار پار کٔرتھ چھُس ماجہ دِپان: پیٚچھم زانٔتھ تیچھ اَنٛن مٔے مریم نیبھرِ کی مول چھُم پنٛنہٕ طرفٕہ سٟتۍ ٲجزی کران زِ یہ چھِ پنٕہ نیبھر کرنٕک موقعٕ کانہہ۔ بہٕ چھُس پانہٕ چینٛد چھُوٗن۔ بیپاری چھِہ جنگٕ چلان، بیچھس حالس منٛز کیاہ کرِ اَسہ خاندر بٕ خٲر زور زار ٲنی راوم یلہ تہٕ گَئے خاندر پچھ کٔتھ باتھ کرٕنہٕ موکھ مریمہ سُنٛد گرٕ۔ تتہٕ کوٗر مریمن تہٕ تِسنٛدِ مٲلۍ ماجہ تہٕ خاندرُس بیقرار۔ اَمہ پتہٕ کرٕ نِشانٕ۔ شیرین ورین باگرٕتھ لگو خاندرکِس شُرس پہنیے دوہ ہن۔ اوسون کام رٕوسین اتھس منٛز۔ موقدم سُنٛد گرٕ اَسنہٕ کیٚنہ جوٗلٹھ روٗسی افسر سٲنۍ گرٕ۔ بہٕ اوسس ایرانیو کھوتہٕ زبانٕ ستر رٕو پینٛنٕ کھوڑان۔ اُمِس افسرُسنٛد رٕوو اَسہ پیٚتھ جان سلوٗک۔ اَمہ کنہ ڈٔوٗن مریم نِس منٛز بےٚ وسواس۔ یہ روٗسی افسر اوسن ناس تراس بلا یا ہش مٲنٛدِ کی لٔدن ہُنٛد ہیو اوسُس بُتھ سفید، خار پُشت جانورس ہنٛد پٲٹھۍ پیش منٛز ہنٛدی پٲٹھۍ اُمِس وال کاسہ زنگہ، اُچھ آسس نیچہ تہٕ اَدری ژامژ. بیے اَسس نیچ زنگہ۔ بتھی لبن ہنٛز وُٹھ پیتہ کنہ تہٕ ڈٔیکہ کہ بالہ داہنی داہنی اُسس لوکُٹ گدی جوراہ کٔرتھ نستہ پیٹھ ہناہ اَکھ کھوڈس اَکس منٛز زَن لٲگتھ تھوو مژ ہیو ہنگنہ اوسس نۆر کوٗرمت تہٕ ہو ہنگنہ پیٹس بیچھ زِ ترٔمے وال جوز نہٕ پیوان۔ باسان اوس زنتہٕ چھِ اَکھ ڈھولہ پیٹس پیٹھ چھوٗرمُت اوس۔

موژھرُس سُند خاندر تہٕ بہٕ ڈاس مہرنہٕ ہنٛدِس گُژھس منٛز۔ اَمی وِز دوٗتھ سٟتۍ داو طوٗفان۔ اَکہ طرفہٕ اَسہ وِزِ مِلہ گگرایہ تہٕ رُدِ ترٛٹہٕ سان، بیٚیہ طرفہٕ آسہ توفہٕ چلان، بوٗندقہٕ ٹاس تہٕ گرٛو ہینہ گرٛہان۔ اَتھی منٛز پیو کیاہ ہتانہٕ سایِس گُژھس منٛز باگ۔ مٔے گیہ راے ظاہر پیٚیہ ترٛٹھ۔ مریمس کٔرم کریکھ زِ ڈال۔ سۄ بُچھ بُرقہ ڈھانٛڈ نس کُن تہٕ مٔے گو پانس غش۔

پیسلہ بہٕ حیس آس، مٔے پیٚیہ مہرنہٕ ژاہس۔ وۄزنہٕ منٛز وُچھم روٗسی افسر رٕتھ چکان ایرانین ہنٛدِس اَتھس منٛز لوٗگمُت۔ ایرانی اَسہ رٕوسین لارِ لار کران۔ مۆکہ وُچھم پٔتو بیٚیمو ژلان۔ اَتھی منٛز پیٚیم گرٛو سوارن جور ہن

پیٹھ نظر تہٕ یِم اُسی زنانہٕ اکس گرِس لدِتھ ژلان۔ مےٚ

پتیہِ مریم ژٕہ ہتَس۔ بہٕ لارۍوس یِمن پتہٕ۔ اَما پوز کوہ ٹھین

اوشمنہٕ ہوشے، تھکِتھ پیوس پتھر تہٕ گوس نیٚندرٕ سعہ تھ

صُبحس تام چھُس بے حِس۔ بہٕ ورا اس کام کُن۔ اَتہٕ

وُچھُم کامی کام وُچھارٕ تہٕ مریم اَسکھ ژھٹہٕ نمٕش۔

ایراز چھ یہٕ فتح لبنس پیٹھ شادی کران زنا نی

بوٚزکھ رٗوسی فوجکہٕ پنچ شیٚچھو۔ یکدم نیچھ خیمہٕ گٔڈتھ

تہٕ ایروانس منز واتِتھ پیٹھو تتی خیمن منز۔

بہ زیمن اوشمنہٕ کانہہ پے۔ اَخر لوٗزم زِ سعہ چھے

ایروانس منز سردار پیٚٹھ گرٕ۔ بہٕ دراس ایروان۔ اَتہٕ زووس

بہٕ سردار پیٚٹھس دیوان خانس نیچھ زنگوی کدلس پیٹھ

پوٚتس پیٚٹھ پنٹہٕ یمن دوہ من وہ دنی۔ مگر مریمن لوٗشمنہٕ کانہہ

نشانہٕ۔

اَخر کھوٚر مریم اکہ دوہ پتس پیٹھ تہٕ پیٚتِس

مےٚ پیٹھ نظر۔ پرزنا وتھ کرِتھ چھُم اَتھہ سیتی اشارٕ

کران۔ مےٚ لاے ویٚتھ منز دوہ لٹہٕ تہٕ دوتُس بہٕ سردارٕ

پیٚٹھس مکانس لبہٕ تن۔ اَمہ تہٕ اَو ہیٚنِس پیٹھ دوہ لٹہ مگر

زخ آس بہٕتھ تہٕ یہٕ گیہ اَڈ وٕتہٕ کُلی لنجہ اکس الاثر۔ زخم

تہٕ لگس۔ اَما پوز حمد خداین کُن زوٕ بچیس۔ تمیچ اَتس

تہٕ ژھانٹھ وارٕ یتہ تام ویٚتھ اپور تمٹس پیٹھ تہٕ

داتنا وُم یوٚتن۔ اَدِ کیاہ، یہٕ گیہ مریم تہٕ یہٕ چھُسے بہٕ۔

بس یی چھُ قصہٕ۔"

# ۳۸

# یوسف امنی شٔر باقے اڈ ولیل

## تہٕ حاجی بابُن تس سیٚتی سلوک

یوسف بیٚیلہٕ پنہِنز دلیل بوزناوِتھ موکلیوو

بہٕ گوس غوطن۔ اَتہٕ منز ہیوٗت اَمو مےٚ پننہٕ زنانہٕ نش

گرٕ ھیتھ تپٚنس۔ خبرا تہٕ اَنہٕ موکھ اجازت تہٕ دراو۔

بہٕ چھُس دوہ نی کُن زوٗنے پانی پانس سیٚتی فکرہ

کران زِ " مےٚ چھیٚنہٕ باسان زِ یمہ جوان کیاہ ہیکہٕ دلے

یہٕ دلیل وٕنِتھ۔ یہٕ کینِہ شھا اَمو ووٗن یہٕ گرٕ ھ پانٕنے

آسن۔ اَمی سیٚتی اَتھہ کتھہٕ چھےٚ ژٕ نہٕ بَرتھ سعہ زنانہٕ تہٕ

گواہ۔ مگر ہرگاہ بہٕ یہٕ کیٚلہٕ تراوُن، سردارس کیاہ جواب

دِمہٕ؟ پننہٕ یمہ ہنزٕ نش اَتھہ چھلُن اوس سہلے، مگر

شوہرس ژٹن ناکن تہٕ نس، سہٕ چھُ مشکل۔ نہٕ، بہٕ ہیکن

یہٕ کُنہٕ صورتس منز یلہٕ تراوِتھ، سعہ چھےٚ سپاہ پیٚٹھٕ

خاطر منز چھ۔ لقمان حکیمن کیاہ رژ کتھ چھےٚ وٗنمژ

زِ " ہرگاہ ژٕ پادرسہہ اَسکھ، تمیلہٕ بن پرزکہ پاٹھو

پادرسہہ یتھ باقے جانا وارن تہٕ فکر ترٕ تیمن کس

سیٚتی چھےٚ کام گمژ، تنتہٕ ہرگاہ سہہ مسلہٕ نالی تراوِتھ خر

لوگتھ تمیلہٕ دالنے خرٕ سیٚد کھوتہٕ ہرکانہٕ مسلہٕ جواب

دی دی۔"

بہٕ چھُس وُنہٕ اَتھی گرس منز زِ بہٕ بنا پادرسہہ

کنہٕ سہہ مسلہٕ لاگتھ خر زناتی آو یوسف پھیرتھ

تہٕ چھُم دَپان: "مریَم چھےٚ حبسہٕ پھیٖرِ مژٕ ۔ وۄنی چھُس
آرامےٚ ہیوٚ ۔ اَما پوٚز زخموٚ کیٚنۍ دار باہ رٕژھ نیرِ نہٕ کینۂ چھےٚ
بڑٕ شِشُس گٲمِژ ۔ گوڈٕ ڈٲن چھِس سَخ دَگ ۔ اگر سردار شِنٛد
پَتہٕ روزنہٕ کینۂ آسہِ پیٚیتہٕ ژٕلُن ہیوٚ نہٕ، "تیٚلہِ چھُم مےٚ
خیال زِ وُنہٕ ہیٚکہِ نہٕ سعہ اوٚرٕ یور نیرِتھ تہٕ کیٚشِرٕ مَن ہٕنٛدہٕ
ما پیٚیہِ آسہِ پیٚیتھ روزُن ۔ ایٚرٕدان منٛز نیرِ نہٕ پتہٕ وُنیٚگھٕٹام
یہٕ تَس بنیوٚمُت اوس تہٕ بوزنوٚ مُس سورُے مریَمَن دِوپُن
زِ "یِتھےٚ بہٕ برقعہٕ دِتھ کُٹھہٕ منٛز نیبر دٕرایس، نیٚبرِ تہٕ ژھٕنٛم
اکہِ ایرانی اَفسَرن تَھٕچِھ ۔ تم ہٕنٛز سیٚٹھا دوٗر واتناوِتھ
رٔلیوو اَمِس بیاکھ زَنانہٕ تہٕ یمہٕ ہٕنٛز چھا وُنہ منٛز ۔ اَتہٕ کینۂ
ہَس سردارس ۔ سردارن سوٗزِس بہٕ پننِس محلہٕ خانس
منٛز ۔ اَتھ حالس منٛز آسِتھ ہیوٚ نہٕ مےٚ سردارس
بہتھےٚ تہٕ نہٕ اَمِس بہٕ تَس بُتھ ہاوُنےٚ پٮ۪ٹھان ۔ تکیازِ
مےٚ اوس محل خانس منٛز زنانن سیتھ تَپیتھ بدسلوکی
تہٕ بدکٲری ہُنٛد اکھ حالاہ بوزمُت ۔ مےٚ ووٚتھوٚ زِ بہٕ
چھُس نیٚترٕ واجیٚبنۍ تہٕ خانٛدارس چھُم پتہٕ پتہٕ پٲٹھۍ
ناو ۔ اَدٕ یتھہٕ پٲٹھۍ مسلمان گَرٕن منٛز نیٚترٕ واجبہٕ زنانہٕ نیرِتھ
چھِہ کران، تِتھےٚ پٲٹھۍ ٹھاوِہَس تیٚز تہٕ سان تہٕ اکھ تہٕ
پوٚکنہٕ مےٚ یژٕ ونٛتھ ۔ شُہمتنہٕ کار تٕرُوٚل مےٚ اَکِس زنانہٕ
ہمِش تُرنیرِتھ زِ بہٕ ژٕلہٕ ہا گُنہٕ پٲٹھۍ ۔ پَنُن پان ہیوٚر
کرِ نہٕ موہ کِہ گَیہِ سعہ سردارس شِیٛچھی ہیتھ ۔ سردارن
سوٗزِ شِیٛچھی زِ تہٕ گرسید شیٛو دیقرار تہٕ کیا پھِکہٕ
انہرٕ شن یُتھ بہٕ ژٕلہٕ سیٚتھ نیٚتھر کرِ ۔ مےٚ ہیوٚت ژٕلُنُک

شُر کرُن ۔ ژٕلنَس اَہمیَتھ کانٛہہ تہٕ وُچھا یِلہ ۔ اوٚت تام آسہٕ
مےٚ پننہٕ کُٹھہٕ چھہ دارِ نیبرٕ لوٚچ ڈٕیکُن : اَتھ نظرٕ پیٚمژٕ
یانی یہٕ ڈَب ڈٕیٲٹھ مےٚ کوٗرٕ اَتہٕ ہیٚٹھ وۄنھ تراوِتھ پان
مارٕنکُ فٲصلہ ۔ تکیازِ پننُن اوٚبرو بےٚ خراب گژھنہٕ کھوٚتہٕ
اوس وۄنی یمہٕ کرُن جان ۔ ژٕلےٚ وُچھنہٕ بروٚنٛہہ زِ تتےٚ
گَنٛڈٕ سوزِم سردارن شِیٛچھی زِ ہتران کرِتھ وۄلہ یوٗرِ
اَتہٕ یِمہٕ زنانہٕ اَمہ وِزِ میانِس کُٹھِس منٛز آسہٕ تمَن
دوٚپُنم زِ مےٚ چھےٚ ژٕرِ کھٔنٛچِہ وۄنی یِنہِ کامہٕ پیٚیتھ ہتا
تہٕ یَچھِم تِمہٕ اَمی ہتہٕ نیبرٕ ۔ دروازٕ اوٚرُم بنٛد تہٕ مژٕ اوٚم
دارٕ ۔ اَتہٕ وُچھمکھ تِہٕ پتہٕ چھےٚ اَدٕ خبرٕ کیتھہٕ پٲٹھۍ
ہاوِہس ژٕلےٚ نِشِ :

یہٕ کتھ موہ کلاوِتھ اوس یوٗسف بیچارٕ سَخ فِکرَن
تہٕ چھُم اَتھ روٚٹ کرِتھ موکھہٕ سخ زار پار کران ۔ وۄنہ اوس یور
اَمُت ۔ سپاہ اَسی گرٕنٛ کھٔسِتھ مےٚ پیاران ۔ اَمکھ یتھ
مےٚ ظلمن زِ اَکی سانہٕ ژھٕنہٕ تہٕ وۄنی یہٕ سانہٕ پریشٲنی
دوٗر کرِتھ ۔

یوٗسف اَنہٕ نوٗدُم نادرِتھ تہٕ دوٚپمَس: "چانی یہٕ
دلیل بوزِتھ کیا سہٕ کوٗرٕ مےٚ پننہٕ جایہ فٲصلہ زِ بہٕ ہیٚکہِ تھ
نہٕ ژٕلہٕ تراوِتھ ۔ پننی وَننہٕ کینۂ چھِہ تھٕ ژٕلےٚ سردارٕ
سٕنٛد محل خانٕچ زنانہٕ گَنٛڈِتھ اَنی مژٕ تہٕ اسلامس منٛز
چھُنہٕ اَمہ کھوٚتہٕ بَتیہ کانٛہہ بوڈ گوناہے ۔ یرٕ ہے تہٕ مےٚ
تہٕ ایٚرٕدان سوزُن مگر تور سوزِتھ نہٕ بہٕ کینہہ ۔ ژٕ یچھہ اَمہ
سیٚتہٕ تہٕ روز سون وَتہٕ ہاوُک ۔ ہرگاہ ژٕلےٚ جان

یُٲھٹی ینہٕ کٲم وٲم کرٕ تہٕ چالاکھ دِزا کھ ژٕنے دِمٕے رُت ماوٕچنہٕ۔ خبرٕ چھا تیٚلہٕ ماکرٕ سردارس نِش چونے پاس تہٕ زنانہٕ ہیٚچھ تراوناوٕ تھٕ یلہٕ۔ فلحال چھےٚ چانٕی زنانہٕ وٕنی کینہ آرامس منٛز تہٕ یوٚت تام اُسو اوٚرٕ پھیرِتھ یِمو توٚت تام آسہ سعٕ دارٕ بلیمرٕ۔"

یہ بوٗزِتھ گوٚ یوسف سیٹھا خوش تہٕ چھم گُلین میٹھو کرٕن۔ میانہٕ وٕننہٕ کنہٕ ہیٚوتٕن زنانہٕ رُخصت تہٕ دِزاو سٕلے ساماںہٕ گنٛڈِتھ آسہ تروٚسِتھ تہٕ اُچھ ٹینٛشنہٕ منٛز ووت بالہٕ ہرنہٕ سٕندی یُٲھٹھو بالہٕ تمشتاُلس بیٚیہ۔

## ۳۹

# حاجی بابُن یوسف اَمنیس دلاسہٕ دِیُن

زُ دوہ منٛز، خلو کھ بالو بیٚیٹھو تہٕ تمناس وُنہٕ مٲنٛدٕ ماٲنٛدٕ چھ اُسو یوسف وَتہٕ ہاوکِس نیٚتہٕ نیٚتہٕ پیٚکان تہٕ چھیکرس دٕرالے اُسو گرجستان کُن۔ یوسفن موٗن یِنہٕ پننٕ کٲم گرٕ ھن کینٛہہ تہٕ دوٚپُن۔" زنانہٕ ورأسے ہیکنہٕ بہٕ تور گژھو تھے۔"

روسی فوجن ہٕنٛدِ رِینیچ کریکھ اُس غلط تکیاز۔

روٗسیو اُسو تمباکی کوہہ بیٚیٹھ خیمہٕ دِتی مِتو۔ حمامٕلو شہر اوٚسکھ زِ یوٚنمٕت تہٕ قراکلیساجایہٕ ہنٛزٕ اُچھ کرٕنک اُسو شنز کرٕان۔ قراکلیساجایہٕ نِشہٕ دوٗر نہٕ آسنہٕ کنہٕ اوٚسُس یہٕ دِیان زِ روٗسی فوجک گوٚ ژھم منٛن زِ تم کیاہ چھ کرٕان کراوان۔ پانسہٕ سیٚتھ چھُس سوچان زِ یا تہٕ چھ اَنٛزٕ یہ ارمنی جوان مارناوُن نیٚتہٕ یلہٕ ژاوُن۔ چھُنا صلاح زِ یوٚہے سوزٕن بہٕ حمامٕلو روٗسین ہنٛز خبر اَتہٕ اَننہٕ۔ ہرگاہ جان شیٚچھ ہیٚچھ آو، تیٚلہٕ چھُنہٕ اُمِس تہٕ اُمی سٕنٛزٕ زنانہٕ ہنٛز کلنٛس منٛز کانٛہہ شَکھ۔ ہرگاہ کینٛہہ خیانت بیٚتھرِ کوٚرُن تیٚلہٕ گرٕ ھ بلایی دفاہ تہٕ ہرداِس ہیٚمہٕ دوٗر یِناتہٕ دِیس۔" بہٕ آسے چانٕی سعٕ داسے ہیٚچھ یوہ یہ ژٕنے ژٕ چھیرٕ اُسے۔"

موخصر دوٚپُن سٕے یہ یوسفس زِ ژٕ پٲٹھی حمامٕلو گرٕ ھن تہٕ توٗر روٗسین ہنٛز شیٚچھ بیٚتھرِ انہٕ زِ تم کیاہ چھ کرٕان کراوان۔ اُمی کرٕ رٕژھ کھنٛچھ اَتھ بیٚیٹھ فکراہ تہٕ موٗنُن ژھوہ یہ دم کرِتھ۔ اُتی گوٚنٛڈُن ہُلس کمربنٛد، اَجی میٚشکہٕ تھوٚوُن کلس بیٚیٹھ توٗپی تہٕ ھیٚکیو کنہٕ بوٚندقاہ الونٛد ژاوِتھ دِزاو بالہٕ وَتہٕ تہٕ گوٚ اُچھ ٹینٛشنہٕ منٛز جنٛگلن منٛز غائب۔

دلی خان دوٚپھُم: "تراوِہ توٚ کتھا گوٚ زِ گوٚ! دوہ نِو سمکھہ یہ قیامُتہ دوٚہے۔"

مےٚ دوٚپُس۔" یہ کتھا یُٲھٹی بنہٕ؟ اُمِس ہےٚ وُنہٕ لُٹ بنٛد چھےٚ۔ کنہٕ ارمنی چھُ تہٕ توٚسے مارِیہ یہٕ زنانہٕ

ہلے طہرانچ حاجی باباکتابہ منٛز چھُ اَمہ نیٚتہٕ یبارٕژ ہیٚرٕ منٛز ہرٕ "جوانی باین جلدی وچالاکی، من در تمام سوارہای رشید دمواجب بگیر خودمان سراغ نداشتم" مگر شامان تہٕ فلاٹ پتنٕ دوٚن کتابن منٛز چھیسی نہٕ یہ یبارٕت۔

ہێنٛدٕ معہ کھٕ ؟"

دلی خان دوٚپتھ "یوٗسف چھُ پانٕ نصاران تہٕ روٗسی تہٕ چھس نصارا اُنی۔ ہرگاہ یہ مرِ تہٕ تۄتہٕ ییہِ نہٕ تہٕ ہرگز تہٕ ووہ نی مُسلمانن منٛز واپس۔ بہٕ چھُس یوٗہے پننہٕ کھسنکُ گرٕ بایہ بہتھ وَنان زِ ہرگاہ یہ پانٕ یوسف کنعان تہٕ زنانہٕ زُلیخا آسی مصرٕ تہٕ آسِہس تمہٕ پتہٕ تہٕ ین نہٕ ییم ووہ نی یور۔"

اَسہِ منٛز اوس بڈاہ اَکھ۔ اَمس آیہ بُتھس گیتہٕ تہٕ سورُے بُتھہ اوسُس آپہٕ سیتھٕ کرٕ پہنیوُمت ریش اوسُس گوٚن تہٕ بُمبہٕ آسَس ریشہِ کھوتہٕ گیتہٕ۔ یوٚہے چھُ دلی خانس کنُ وَنان: "ہے وو ران کیاہ چھکھ ژٕ ؟ ژٕ ئے چھُے پادشاہ مُشدگرٕ کھسُن، ژٕ کیتھہ پأٹھی بہکھ یہ گرٕ بایہ ؟"

دلی خانن دوٚپُس۔ "تلہ سہٕ تھوو تہٕ ؟ یہ چھُ مے ینُن گرٕ! یہ چھُنہٕ پادشاہ شُندکینہہ۔"

ییم زٕ یہِٹھے یہ تہٕ اڈٕ نہس بہٕ فأصلہ کرٕ نہٕ۔ آخر وُٹھو اَسی اَکس مُبرارس منٛز گرٕ پوپہٕ ہٕ تہٕ سأری بیہِٹھو اوٚر یور چھکِتھ۔ تاپہٕ کرٕ ترٕ نِشہٕ بچھنہٕ معہ کھہ ہیُتھو اُڈو چولنہٕ تہٕ اڈو ژادرٕ کلس بیہِٹھ۔ گرٕ ہی ژاوِہ گاسہٕ واسہٕ کھینہٕ خاطرٕ تہٕ ہپأری ییأرٕ پھیرتہٕ تھوٚوُ معہ کھ یلہٕ۔ مے اوس خیال زِ ہرگاہ بہٕ یوسف شام تانی آو تیلہ رودزہٕ اَسی راتس اَتی۔ زٕ ترٕ ئے نفر سوٗزِم کوہ کرٕ اَکھ زٕ تہٕ کنہِ ہنا اَنیہٕ معہ کھ نی زٕ کھ علاقس منٛز تہٕ تمہ آسے کَانٛسہ ٹھنٛد گرٕ ھہ پہلِین ہێنٛدیو تیرٕ وُ منٛز کنہِ اَکھ جبرن نیتھ واپس۔ اَمی وِزِ کوٚر اَمس کھش تہٕ کھیو سیخن پیہِٹھ بزتھ۔ سأری مۄتے یہ اَتھ ینکہِ وِ تہٕ اَکا پوٚزِ میا نہٕ بحرامہ معہ کھ تھوٚوکھ میدن چھپہٕ بیٚوٚن۔

دوہ لوسنس تانی اوسہٕ یوسف کُنی تہٕ اَسہ ہێیَوت شونٛگنکُ بوٗنٛدٕ بس کرُن۔ رونٛد دِنہٕ معہ کھ تھاوی زٕ سپاہ مُقرر کرِتھ تہٕ شونٛگو۔ نصف راتھ ہش آسہٕ ہے گمرٕ تہٕ زوٗن اَس تیار لوسنس۔ اَتھو منٛز گیہٕ اَسہ آلوِ ژورکنن۔ اَسہ تہٕ دِتُس جواب۔ مے زون زٕ ظأہر آو یوسف پھیرتھ۔ آخر پیو یوسف وأتتھ۔ تھکھاہ وَکھاہ کِڈتھ لوٚگ وَننہٕ:

"ییلہ بہٕ حملو ہس منٛز ژاس اَتہٕ پرزٕ نووُس بہٕ اَکی روٗسی سپہن ییُس سانہٕ کامہ منٛز ایرانین نِش ژوٚلمُت اوس۔ یہ آو مے سیتھٕ جان پأٹھی پیش تہٕ نیوُنس بہٕ پننس زٕ بڈِس اَفسرس نِش۔ تمو اَفسرن کوٚر مے کتھہ کڈنہٕ معہ کھ سخ پأٹھی تہٕ ژٕھ غار۔ مے اوس زنانہٕ ژھانڈنُک ہیہتھ اُسی بچھے اَمس بیوٚکھٕ تہٕ ژووُس یلہٕ۔ بیٚیہ آیم اَمہ وِزِ ایرانین ہێنٛد دُسی کا مچہ خرأبی تہٕ رتہہ ہێنٛدٕ حملیہ شُنہاوِتھ تہٕ بکارٕ تہٕ ہیوٚکھس زٕ یہ چھُ برٛزِ کی یورٕ۔

یمہ سٕ شنچھ تہٕ اورچہ یورچہ کتھہٕ بہٕ روٗسی فوجن ہێنٛد پانس نِش واتنہٕ یرٕ ھان اوسُس، تمہ سار ییے اوس یوسف ہیہتھ آمُت۔ مے کوٚر پانے یمو کتھو تیلہ

انداز زُ دُشمن کوتاہ چھُ، تِمَن کیٛاہ چھُ کرُن کرٛاوُن، تہٕ طاقت بیٚتر کیٛاہ چھکھ۔

یوٗسفَس دِیُتُم آرام کرنَس اِجازَتھ۔ ووٚنی بیہٕ

مےٚ یوٗسفنٕس پُرزی زیور تہٕ ایمان دار آسنَس پیٹھ یقین تہٕ پٲٹھی تِژھ تہٕ دِتُم پننہِ جماژ ایرٕوان واپس گژھنُک حُکُم تھکنہٕ کِنہِ کھوٚتُم یوٗسُف پننِس سیٖتہٕ گرٕس پیٹھ تہٕ ژھو وٚتو کِنہِ دراے اُسہِ ایرٕوان کُن۔ وٕتہٕ کوٚڈ اَکِس گامس منز تھکہ تہٕ کوٚر آرام تہٕ کینٛہہ دُن کالس پیٹھ آیہٕ سردار تہٕ رسالہٕ افسر صاٛبن کانٛہہ شیچھ دِیِتھ ووزو۔ یوٗسفَن تہٕ دِتُم پننہٕ زنانہٕ نِش خبر آیہٕ مینہٕ موکھ گژھنس اِجازَتھ۔ سہٕ گوٚ خوش تہٕ دراو۔ تورٕ آو شیچھ میٲنہِ ز سوٚ چھےٚ ووٚنی بلیمہٕ۔

سردار تہٕ رسالہٕ افسر آسہِ ایرٕوان منز نیرتھ ارمنی پادریو پنٛدِس مکانس نیٚکھ ڈیرہِ دِتھ بیٹھتھ۔ اُسہِ دراے یوٗسُف ہیتھ تورِ کُن۔

٤٠

## حاجی بابُن سوٗلوٗکھ پنٕنین افسرن سٕتؠ

تہٕ تِمنٛد پان پنُن بدقسمتن سیتہٕ رلاوُن

اوٚچ کلیسا چھُ اَکِس بڈِس مادانس منز آغری داغ بالہٕ دامنس تلہ کنہِ آباد۔ انگریزَن خاص کرٕتھ ارمینیا کین روزَن والین چھُ یعتقاد زِ یوٚہےٚ گوٚ جوٗدی بال یتھ پیٹھ حضرت نوٗح علیہ السلام سُنٛز ناو بِہِتھ لجمرٕ آس۔ امہٕ گامُک

اگرچہ یُس سارِی ہےٚ مشرقس منز آباد گرِجہ آسنَس منز ناماوار چھِ، چھکھہ تھدین دیوارن منز باگ بنوو۔ مُنتے تہٕ یمَن دیوارن منز چھکھہ شیٖشترُو درواز گرِجس اندر اژنہٕ موکھ تٔرٲمتہٕ۔ ارمینیاکین لکن ہُنٛد بوڈ پادری چھُ پننہِ سارِے جماژ لہٕ کیٛتھ پادری، نوکر کیو مُلاِزم بیٚتر ہیتھ اُتی روزان۔ ایران کیو چھِہ اَمِس خلیفہٕ لقب تھوٚومُت تہٕ ارمینیاکیو سارِی روزَن والی چھِہ جمٲژ جمٲژ ژھوہ پٲرِتھ اَمی سِنٛز زیارتھ کرنہٕ موکھ سیٹھا یِترانہٕ سان اَتھ گرجس منز واتان۔

آخر واتی اُسہِ اَتھ گامس منز۔ اَتہٕ وُچھ مےٚ سردارن تہٕ رسالہٕ افسرن گرِجس اَندہٕ پکھو بےٚ ربط پٲٹھی خیمہٕ دِتی مِتہٕ۔ سیٖتی بوٗزُم یہِ زِ گرجکی بڈی پادری چھِہ یِم دوٚشوَے افسر سال کرٕتھ پانس نِش ژٲمتہٕ۔ دلی خان گوٚ یہِ بوٗزِتھ بڈٕ خوش۔ گرٕس پیٹھ آو مےٚ نِش جَل جَل دوران تہٕ چھُم دِیان۔ "یِکہٕ حضن یِمَن تاوَن زَد ارمنین ہُنٛد شراباہ کیٛاہ چھُم گتُل تہٕ تھکناہ کڈتھ مےٚ دوٚپُس۔ "اَدٕ زَبَر! ژٕہے مُسلمان چھکھہ، ژٕےٚ تہٕ شرابس کانٛہہ کیٛاہ؟ تاوَن زدٕ چھکھہ ژٕ!"

دِیان چھُم: "بخش زِ یہِ! ہےٚ کیا حضن چھےٚ پننین بُزرگن پتہٕ پتہٕ یِکنس عادَتھ۔ وُچھ حضن سون سردار کیا حضن چھُ پانہٕ اَکِس پٲٹھی شراب چیوان تہٕ خبر سنٛدِ پٲٹھی طمأی لاگان، اَدٕ حضن مےٚ کِتھکُ گو

ز پچھ نہ ؟ یس خرس نہ کھٹرل تگہ تس ہیتے گژھ کلہ ژٹن۔
اگر جس نکھ وأتتھ اؤمُ یوسُف نادۍ دتھ تہ ٹھوو م
ہیچھنأوتھ ز "ہرکاہ فلأنی فلأنی کتھہ مہ کہ قسم تہ پیٹھ
کھیون، کھیئِز، تکیا ز تتھ منز چھ چونے فائدہ۔ خبر دار چھے
یہ سہ کأم کرِتھ تہ آکھ، تتھ کھأنہ بڈٕ زنگ تہ بوشس۔
پننہ پتہ تتھ کنہ کامہ ہنز کتھ کرنہ۔ وزہ اُسہ ز تتھ ہُرِ یماہ
مصالہ تہ آوان اَو ورش ہے ز نانہ ترِ واپس۔"

اَمہ پتہ تراے اُسہ گرجہ کس گوڈنکس آنگنس
منز۔ اَتہ اوس چھ سردار تہ رسالہ افسر سنزن نفرن ہُند
بارو بیگار رسأری ہسے وہرأوتھ۔ تمہ پأری اُسہ پہندی
گژھو گنڈتھ۔ منز بأگ آنگنس اُسہ مرکبان بیہت۔ گرن
ہندی زین تہ باقے چیز اُسہ اوپہ پور چھکرِتھ تہ اکس
اندس کُن اُسہ دمہ نہ تہ گاشتی الانیر تراوتھ گژھو گاسہ
کھیوان تہ بیٹھ انہ اُسہ گژھو دألی پانہ وأنی مشغول کران۔
بییس آنگنس منز اوس چھ بڈین مُلأ زمن ہیتندی
گژھو گنڈتھ تہ پانہ اُسہ تم حجرن منز بیہت۔ امہ ژوأتی
اُسہ بڈ نمس آنگنس منز تہ تراے رسالہ افسر صأب بیٹھ
خیمس منز۔ اَمہ سان اوس کوج کھینک وزن تہ سہ اوس
ترےپانہ سردار سندس خیمس منز گومُت۔ یمتھے ساینہ
پینچ شیشہ گیٹس تتھے نیکھ اُسہ ٹورِ نادی دتھ۔

زن اُسہ یمہ آتہ پادری سند گرم جگو مأنیکھ۔ پانہ اُسہ
حجرس منز بیہت تہ پادری اوس باتھر ہوت ہیو پور دولٕ
باسان اوس زنتہ پہندی اور پنہ سیتو بڈ منتھ اکس
رؤزِ مرژ۔ سردار تہ رسالہ افسر سندی گژھو اسو گرجہ چھ
دوہہ سیتی گنڈتھ تہ آرامین ہندی کھوہ تہ اوس پیچھے
دوہن ہندی آرامک تہ اسأ یس ہُند خیال تھوونہ یوان۔

یہ کتاب پرن والین چھ ہیتے بڑونٹھے دوو مُت
ز رسالہ افسر صأب کُس تہ کیاہ اوس۔ دمہ ز یوزی تو
سردار سنز تہ اکھ ز کتھ۔ اُمس سردارس ہش منحوس
تہ بد شکل اُس نہ ہیے ژانہہ تہ نظر گمژ۔ اچھ اکس
سعہ رہہ تنگہ گژھیہنہ تہ پیہے اکس بیأرس سندی پأٹھو
اُنہ گنڈ منز نژتان۔ زنتہ یمو منز نار اوسس نیران۔ ڈوڈر
اوس باسان زن یمہ اچھ پھٹتھ اکس ژرامژ۔ یہ پانہ
اوس کانسہ کُن وچھنہ پتہ اسنہ ہمنا تہ کران۔ زیٹھو گوبہ مانتن
اوس اُمس شاد گوڈمُت ز: "سردار حسن خان ہُند
بُتھ چھ آغری داغ باسس ہیوہ۔ ییمہ وز امہ بالکس
ٹھنگس بیچھٹھ اؤبر تہ وول امہ تہ دامنس تلہ کنہ اکس
تاپھ، تمہ وز گژھہ زانُن ز واو طوفان چھ پنہ دول۔"
حجرن ز ایچھ تراونہ کنہ اکس دمہ شونی بُتھو لبن گیٹنہ
جوراہ تہ تہ کھپٹر آیہ ریش اسنہ کنہ اکس یمہ گیٹنہ
کہے پاہن بوز نہ یوان۔ اُمس بے ہیپر بڈس اوسنہ
ارمن منز اکہ دنہ وراے بیٹھہ کانہہ دنداہ روژمُت۔
سُہ تہ اوسس سونہ سندی پأٹھو اسنہ نیبر ژامُت۔ وُٹھ ز
اُمس دوہن ژوپنہ [illegible] ہندی پأٹھو اوتے تراہمتی تہ والہ
ژھوہ سیتو زن یمہ پوٹھ۔ اُمس آہتی بدشکلی سان
ہیبکہ ہے کانہہ وأنتھ ز اُمو منز شکل چھا پادرہس سیتی

زلان کینہ ترٛونہٕ مس ستی۔ پزر چھُ یہ زِ یوہ سہ شکلاہ اُمس
اُمس سعہ اُسنہٕ ہرگز تہٕ انسان شکل تہٕ نہ چھےٚ انسانس
پزٕہ شکلے آسان۔ فطرتھ تہٕ اُسس ترٛٹھے پزٕہ شکل اُسس
انسانٕنی بیتکُ کانہہ تہٕ رسماہ یا قونوٗناہ اوسنہٕ تیٚنسٕنز شہوٗتٕ
گنڈٕ ہٕٹتھ ہیکان۔ یٚیلہ اُمس طماہ تہٕ ہوٗس کلہ کڈان
اوس، اَدٕ تہٕ اوسنہٕ یہ بےٚ رحمی وَرتاوٕنس منٛز اَتھ رٹان۔
مگر کینہہ رٕتی صِفَتھ تہٕ اُسس۔ پننین ماتحتن ستی اوس
پزٕر وَرتاوان۔ تِمن اوس اَتھ ہیٛتھ تھوان تہٕ اُسان اُسان
تِمن ہُتھ پوان تہٕ دِلبَری کران۔ وزیرن امیرن ستی اوس
تیٚتھ پٲٹھۍ پٕزٕہ حرکتھ یِکان زِ سارٕنے ہنٛدِ کھوہ تہٕ اوس
اُمی سے پادشاہس نِش یَژھ تہٕ اِعتماد۔ یانہ اوس
پادشاہ ہندی پٲٹھۍ عاشاہ کران تہٕ دسترخان یٚیلہ ترٲوتھ
اوس گٕکن زالِنس وَلانٕ زٕ بیٛین جان تہٕ رتین مسلمانن ہندی
پٲٹھۍ اوسنہٕ یہ تُہ پچھہ تہٕ بدکار کرنہٕ نِش نہ پتھ روزان تہٕ
نہ کھوژان۔ تہٕ زانہٕ ہینہٕ زِ نُنگۍ پٲٹھۍ یا ژٕ وَر پٲٹھۍ کام
کرٕنی کیاہ گیہ، نہ زانہٕ ہے مَنٛد چھُنہ۔ یہ اَندرٕ اوس تی اوس
نیتبر تہٕ۔ پننین ماتحتن ہنٛدِ خاطرٕ اوس رُت یار تہٕ پننین
دہرٕ باجین ہُنٛد اوس دِلبراہ۔ پادشاہ سٕنز ژکھ کھوژنہٕ
وَرائے اوسنہٕ رسالہٕ اَفسرس وَرائے کانہہ تہٕ تَس میاکھ
یاراہ یُس ہمیشہ تَس نِش بِہِتھ شراب چیٚیہ ہے تہٕ
گیوٗن بوزِہے۔

پینٛچن ترٛیشن ماتحتھ ہیٛتھ ژاس یہ یمن دوٕن
اَفسرن نِش تہٕ رٕکوٗس برٛونٛہہ ہیٛتھ ووٚدنی۔ رسالہ اَفسر
وۄلتھ مےٚ کُن: "آکھا ژٕ دارٕ کارٕ حاجیا؟ بےٚ مرے کرٕ تہٕ
روٗسی مارٕ تھکھ؟ تٕہنٛزٕ کلہ ہیرا نہ بقا ستی کینہ نہٕ؟"
سردار: "تلہ سہ بوزناد کیاہ کوٗرو؟ روٗسی اُسے ہُنٛس
تانٕ آہستی کینہ نہٕ۔ کانٛتیاہ رٕٹوٗکھ؟

یہ: سرکار! یہ مےٚ کرٕن اوس تہٕ چھُم مےٚ کوٗرمُت
حضرت۔ تُہنٛد طالع کُہ برکتہ دراے اُسی دراہٕ صحیح
پزٕ گرٕ سفرس۔ یوٗرٕ شیٚچھی ہیٛتھ چھُس آمُت
[illegible] تہٕ کرٕ یہ خدمتس منٛز عرض۔ یہ حضرت
چھےٚ تعہ یہ سردار صاحب تہٕ سرکار رسالہ اَفسر
صاحبنہ بخت پوٗد آ سنج مہربانی زِ مےٚ میوٗ مولی
انسان چھُ تُہنٛد نوکر۔

سردار: (اَسان اَسان تہٕ اَچھو پھیرٕ پھیرٕ رسالہ
اَفسرس کُن) تہٕ چھُم پوٗرٕ نے۔ نَو چھُسی رُت چیز
مگر اُسی ماچھ بَختس ہیٛتھ نیراں، اُسی چھِ نِشان
شمشیر تہٕ تلوارٕ ہیٛتھ۔ سون تکیہ چھُ فقط اُتھو
تلوارِ ہیٛتھے یوت۔

رسالہ اَفسر: گولیہ تہٕ بونٛدوٗق، شمشیر تہٕ تلوار۔ یہمے
گےٚ سانٕنی رٕتی ستار۔ سانہٕ خاطرٕ گوٗسے سا تھ
رُت ییمہ سات تہٕ اُسی کانٛسہ کافرس کلہ ژٹو۔
میانٕی صِفَتھ گٕنٛزٕراونہٕ خاطرٕ چھُ مےٚ صرف
قزلباش وَننے یوت کافی۔ عزبی گرٕ کھسُن ہِنٛدی
تلوارا لھٕکس منٛز، نیزٕ معہ چھ منٛز رٕٹتھ چھُس
منگان خدایس زِ منحوس روٗسیو ستی گژِھم

یہد مَن لایَبصُرو من یسعَد یُعن
مَن لا یَسعَد" گا شدار کرِن اُنس
اُکھ رۄٹ تہٕ بخیتہٕ بۄڈ پیٖن بد بختس اکار بکار
یِمہٕ کتھہِ بوٗزِتھ گوٚسُے جوٗر تھتہٕ زِیہٕ مے
سعدی صاٲبنہٕ کینہہ کتھہٕ چھکِتھ تہٕ سیٖتی بوٗزنووُم
پنُن حال تیتھہٕ پأٹھو ژٕنہٕ واٹھ کرِتھ تہٕ ٹھینٛکو ٹھینٛکو
زٕ پیم اَتہٕ بہتھ اُسو رتموٗ ہیٚوت مےٚ شہید شِنز نظر
وُچھُن۔

مجتہد۔ یہٕ بوزِتھ چھُ اَسہ ژٕران فکر زٕ خدایہٕ پیشہ
یاٗری سیٖتو ہیٚوٚتنے ژٕنٛےٚ سہٕ دوہ نی زیکھ
واتُن، یِمہٕ دوہہٕ ژٕنے حل مُشکل سپدی۔
بادشاہ چھُ حضن موصوفہٕ ہُند زیارت کرنہٕ ییٖنہٕ
وول۔ تس چھےٚ میأنی سیٖٹھا بٔڑتھ بہتھ
ژٕ تھو یقین زٕ ژٕنے مہ کلاونس منٛز تھوٚونہٕ
بہٕ کینہہ تہٕ پیر۔

حاجی۔ حضرت بہٕ ناکار تہٕ عاٲدار انسان کیاہ ہیکہ
تُہندِس اَتھ ییٚنایتس وٕنتھ۔ مےٚ ہیوس
مُلہ ناکار انسانس پیٹھ تُہنٛد یہٕ احسان کرُن
چھُ تُہنٛدِ بجر تہٕ بڑر تہٕ زن کجاپہٕ تہٕ کِمی
تُہنٛز یہٕ مہربأنی۔

مجتہد۔ (میانہٕ اَمہ ٹھَنہٕ چھیٚشہ سیٖتو ژالِس منٛز بیہتھ)
یہٕ چھُ صافے نتان زٕ ژٕ چھکھ سانہٕ وسے منٛز۔
اَلمُومِنُونَ اِخوَۃٌ پاک مومن چھِ اکھ

اُکِس سمکھنہٕ سیٖتی پرزٕناونہٕ یوان۔ اَکھتے چھ
دیان زٕ انگریزن منٛز تہٕ چھےٚ پادری ناوچ کہہ
تانی جماعتھ یم سائنسی لکس منٛز پننہٕ جماتہٕ ہندِس
نفرس پرزٕناوتھ چھہ ہیکان۔

بوزن وألی چھ لا اِلٰہَ اِلّا اللہ تہٕ لَا حَولَ وَلَا پرِتھ
پٔرِ کرسانین یِمن کتھن تأوِز کران۔

مجتہد۔ حاجی صاٲب! قلندراہ اَکھ تہٕ چھےٚ ژٕنے
سیٖتی یس درویش کرِتھ چھہ وَنان۔ بوٗزِم
توہہ چھیو پانہٕ وأنی زانی کار تہٕ سہٕ چھ سفرس
منٛز تہٕ ژٕنے سیٖتی سیٖتی اوسمُت۔ یہٕ چھا پوٚزٕ؟

حاجی۔ حضرت! بہٕ کیاہ کرٕ عرض تُہندِس خدمتس
منٛز (دِل میلچھ وونمس) اَہن حضن، سہٕ بچارٕ چھُ
بڈٕ مسکین تہٕ پھانگر۔ مےٚ وِزِس یانس سیٖتو
روزنس حاجت۔ پتھےٚ چھُنم خدمتھ مژھہتا
تہٕ کرمرش تہٕ توٚرے چھس تتھ کُن نظر کرِتھ تِمنٛد
خیال تھوان۔

مجتہد صاٲبن رٔٹ ولینچہ شارلچ لوتہ ژھٹھ اَکھ
منٛز تہٕ مریدن توٗر فکر زٕ آغا صاٲبس چھُ کیاہ تام
فرماوُن۔ ساری رُوداکن داٲرِتھ۔ آغا صاٲب لوٚگ
وننہٕ زِ: "ساری چھہ یم یانس درویش ناو کران
اَدٕ یا نور علی شاہی یا نعمت اللّٰہی، ذہبی، نقشبندی
یا اُویسی سِلسِلکو اُستن۔ یم چھہ ساری کافر تہٕ موتد
یِمن ساروے گژھہ گردن ین دِنہٕ۔ یس اُکس پیٹھ

پتھ آیہٕ سہٕ گرٕتھ قتل کرُن، زندٕ مے زالُن تہٕ تس
گرٕتھ گردن ژٹنی۔ یمو منٛز چھِ اُڈی دپان: روزٕ
دری چھےٚ غذا بجت کرٕنہٕ معوکھ، نماز پرٕتی چھےٚ
موہنٛد زنانن ہٕنٛز کأم ترجح کرُن چھُ دُنی یہنٛک جنٛتٕ
وچھنٕ خأطرٕ۔ صرف چھُ دِل بجاہ اَننُک یوت زٕتن
ہٕنٛز کأم۔" اُڈی چھِ دپان زٕ سہ

طاعت آن نیست کہ بر خاک نہی پیشانی
صدق پیش آر کہ اخلاص بہ پیشانی نیست

اَکھ چھُ ونان زٕ سہ

"گر کسی از سجدہ ہا رہبر شدی
دنگِ ہر رزّار پیغمبر شُدی

بیاکھ چھُ دپان سہ

فسق من و زہد تو فلک را چہ تفاوت
آنجا کہ بصر نیست چہ خوبی و چہ زشتی

لہازا اگرٕتھ یم حُسن تہٕ قبح سانین عملن منٛز چھِ تم چھِ
اورٕ مے ہیٚنتھ۔ اَصلی چھُپی نہٕ اَسہٕ تام زٕ حُسن تہٕ
قبح کیاہ گو۔

موحصر چھےٚ یمن درویشن ہٕنٛز کتھ بتٕون۔ بتٕون
مگر معنیٚ مطلب چھُکھ گُنے۔ اَصلی چھٕنہٕ یمن قورانس
پیٹھ، نہٕ حدیثس تہٕ نہٕ سنت محمدیس پیٹھ پٕرتھ دپان
چھِ" قورانِ مجید گو نیکیاہ بدیاہ، حدیث بیتر
چھِ لاگتھ ھُونہٕ آمتو تہٕ دلے کتس تانی فُرزے متو۔
پرانین اجدادن ہٕنٛز وتہٕ پیٹھ کمہٕ تلہٕ کیاہ نیر؟"

بیاکھ جماتھ چھےٚ یمن منٛز فقط "یا ھُو یا مَن ھُو
یا مَن لَیسَ اِلّا ھُو" پرٕنہٕ پرٕنہٕ رٕتھ یا ھُو کلہٕ
نرٕنادان تموتہٕ وتہٕ پھیران آسان زٕ ووٚنتھ سُندی
یاھُو چھُکھ آسان اُسنس یوٚس کھوٚتمت۔ یم شوٚتھ
چھِ اَکھ "ذکر" ونان۔ بیٚیہ تہٕ چھےٚ بیاکھ جماتھ۔ تم
چھِ دپان۔" اَسہٕ گیٚہ حقیقت زانن وال یمو منٛز تہٕ
سارٕ وے کھوتہٕ چھِ اَسی تھٔزٕ رس۔ اَسہٕ پتہٕ پتہٕ یکن
وألی گیٚہ طریقت زانن وألی تہٕ باقے گیٚہ شریعت
پالن وألی۔ حقیقت چھِ دپان نبی کریمس پیٹھ
کرٕنی۔ طریقت گیہٕ آنحضرتن ہٕنٛز عمل تہٕ شریعت
گو تہنٛدہٕ کلام۔ سأنی کأم گیہٕ محمدٕ زانُن، اَسہٕ چھُنہٕ
تہنٛدس کلامس تہٕ تہنٛزٕ عملہٕ سیٚتی کانٛہہ لین دین
اَسہٕ گیٚہ باطن زانن وألی۔ عملہٕ یا کلامس پتہٕ پتہٕ
پکُن گیہٕ ظاہرس تھپھ کرن والین تہٕ کنٛجہٕ پتہٕ دورن
والین ہٕنٛز کأم۔" اَمہٕ جماتہٕ ہُنٛد دوٚکھن بہٕ چھُ
ژورن، بدماشن، جاہلن، تہٕ لفنگن سیٚتی زلان۔
موقول معہ ہنٛدین سیٚتی چھٕنہٕ یم قطعی زلان" یعنی
ناوچ چھُکھ بیاکھ جماتھ۔ تم چھِ دپان۔" اَسی چھِ
واجب الوجودس سیٚتی میلتھ یان زٕ سون وجود گو
وحدت الوجود"۔ یہنٛز کینٛژہ تبراہ تہٕ چھُکھ بناوتھ
ھُوی متو۔ مثال کرٕتھ "لیس فی جُبتی سوی اللہ"
تہٕ "اَنا الحق" بیتر۔ خرقہٕ تہٕ جُبہٕ چھِ نألی لاگان
تہٕ خودایہ سٕندین نعمژن چھِ دٕکہٕ دِتھ دپان زٕ:

" اَسہِ چھُ دُنی یُہَس لاہ کوٗرمُت " مستی، عشق، گیوٗن
زتُن، کُنیر، واصل باللہ تہٕ فنا فی اللہ، یِمہ پٔٹھ
پریشانی ہیٚنز کنہہ تہٕ بکواس چھ کران آسان۔ نہ چھکھ
یِمَن کَنہ کُن ہُنز پانس خبر آسان تہٕ نہ چھُ بیٚییس کانْہہ
فِکر تران زِ یِمَن کیاہ معنہ مطلب چھُ۔ تہٕ زانِہ تہٕ حرام
حلال، پاک، ناپاک، نجس تہٕ مکروہ کیاہ گوٚو۔ لعنت
خودا پٔنْنِس نَکھہ۔ یہ کینژھا اُسُن تُل وانکھ تہٕ چھ
نِیشنگا وان۔ یہ زیٚو پیٚٹھ پیٚکھ تہٕ چھُ دوران۔
یہود، نصاران، آتش پرست تہٕ انگریز چھ یِمَن
نِشِ ہیٚشی کنہا۔ نہ زانن مذہب نہ دین۔ اللہ
تعالا کرِ یِمَن ذلیل بے دینن۔ یِہنْدی کُمٕہ تانی نِزھو
چھُ وَوٗرمُت سہ

نہ در آئینِ مسلمان ونہ در کیشِ کشیشم
حیرتی می بردم از خود کہ من آخر بہ چہ کیشم

نے چھُس بہٕ کافر نے چھُس مسلمان
اٰخر بہٕ چھُس کیشاہ عقلے چھیے راوان

وُچھان چھُہن ناسہ رٔوی[۱] مسلہ کیاہ چھ کھلہِ ہنْدِ کر
یا لِھوٗ کوٚ کرُک کرِ پنٕنہِ مثنوی کتابہ منز بکواس
کران تہٕ کم کم افراط چھُ دوران۔ تتھُ کتابہ منز
چھُن وَوٗنمُت سہ

ہر کرا خلقش نکو نیکش شمر
خواہ از نسلِ علیؓ خواہ از عمرؓ

۱؎ مولانا جلال الدین رومی۔

یِہنْدِ سُہ عطارؒ[۱] یُس تہٕ شریعت خبرے چھیے، سُہ
چھُ فقط وحدت، کثرت، ریاضت، محنت،
دیدار الٰہی، سلوک تہٕ طے مکان چہ کنہہ کران
خاطر تو تہٕ اُس یہ کانہہ کنہا مگر پتہ چھُ پانے اُد
خُداہ تہٕ بنان، گداہ تہٕ، آب تہٕ، نار تہٕ، زمین
تہٕ زمان تہٕ، رُچ تہٕ کم گچھ، بیٚیہ تہٕ پانس کرِ کٔنی تمام
الائے بلائے بنان۔ یِمے بجایہِ چھ ساری پانی
پانس پانے حقیقت زانن والی، صوفی، کامل،
عاقل، وتہٕ ہاوک تہٕ رہبر وَنان۔ دُنیہ کیاہ چھُ
یِمَن رہبرن! یِمَن وتہٕ ہاوکن! یِمَن پتہٕ پتہٕ کمن
والین تہٕ یِمَن وتھ ژھانڈن والین! اذا کان
الغراب دلیل قوم سیہدیہم لوادی
الھالکینا۔ یِیلہِ کنہ جاگہٕ کاوٕ وتہٕ ہاوک بنہ سُہ
ہاوِ تِتھ موتہٕ چھی وتھ۔ ذوالنون مصری، حسن
بصری، حبیب عجمی، معروف کرخی، شبلی بغدادی
منصور حلاج تہٕ اویس قرنی ہیٚوتھ یُس حریس
تہٕ بھنگ چینہِ وولاہ کنہ چھُ تس پیٹھ ...... "
اتہٕ یم رہیہ اُسے تمو سار وِے ...... تہٕ
بہٕ ملعون تہٕ ربلیوس تمن سیتی تہٕ گوس لعنتس
رگرفتار۔

یِیلہِ مجتہد صاب یِمہ کنہہ وِنتھ موکلیوو
ساری چھ پنٕنہ پنٕنہ دبایہ کر یمانہ کڈان زِ آغا صاب

۱؎ مولانا جلال الدین رومی

کوتاه زانن وول چھُ نہٕ خبر کأژاه چھُس۔ اُمی شُند
طور طریقہٕ تہٕ پٔژھ تہٕ پٔژھ وُچھتھ چھہ راوان سیٖتی
چھہ مےٚ کُن تہٕ تٔلی ٹاریو وُچھان زِ یِموٚ کنھو سیٖتھ
کوتاه اَثر گو مےٚ۔ بہٕ تہٕ رٔودُس نہٕ اکھہٕ راونش
تہٕ تأجُب کرنس ہتھ۔ یِمن ییتھ کینژھ تہٕ ژنگن گرٕی
تہٕ آنہٕ آنہٕ کرنس ہتھ رٔودُس تیتھہٕ پأٹھی بروٚنٹھہ
بروٚنٹھہ زِ سأری چھہم آفرین تہٕ شابش کران۔

مجتہد صأب چھُنہٕ مُریدن ہُندس کریمانہٕ
کڈنس پیٹھ وِشأنی گٔژھ تہٕ تِمی مینتھ رٔم رٔم بدرد
صوٗفین ہُند ناد ونیوکھ زِ ہرگاه یہ پانہٕ صوٗفی آسہٕ ہا
پننہٕ اَچھ کرِہَس کھتش مگر یہ چھُس پنُن زوهہٕ ید
ورتاو دِتھہٕ رُت ترٛ نیرنس پیٹھ اندرۍ اندرۍ وُچھان۔
تہٕ تیوٚت خوش گوس زِ مےٚ گو پانس مغالطہٕ زِ ظٲلمہ
ما چھُس یہ زاہد۔

پانس سیتی چھُس سوچان: "ہرگاه یی چھُ
زوهہٕ ید ہقیکت، تیٚلہٕ کیاه کٔتھی چھےٚ یہ؟ تیٚلہٕ
چھُس یہ زاہد آسِتھے، یِمہٕ یوکُن کوٚ خاطرہٕ ہیمہٕ
تکلیف تہٕ کیٛا زِ ژالہٕ ظالمن ہُند ظُلم تہٕ ہیمہٕ ذہنہٕ ہچ
نس تہٕ ٹھعرہ ٹھوک؟ گژم کتیک زِ بلائن دار
خاه مخہ ہس پیٹھ سینہٕ؟"

پننہٕ جایہٕ کوٚرُم پیرل ورناو نکُ فأصلہ
تہٕ دراس ڈیرس پیٹھ۔ بیٚیلہٕ ڈیرس پیٹھ سہ درویش رفیق
ترٛبےٚ یأتی آسو، یہ کینژھا مجتہدن درویشن تہٕ

خاص کرِتھ تسُند دوٚ نمُتے اوس تہٕ بوزنووُم سوٗئے
نہٕ دوٚپمس: "مےٚ چھُ یوان بوزنہٕ زِ بدٕ جان گرٕتھ
ہرگاه ژٕ یِمن شکمہ کاسنہٕ معہ کھہٕ ییتہٕ ڈنگے بڑاو کھ
تکیا زِ یمن چھےٚ سأرنی ژییے کُن اَچھ۔ موقہٕ یِتھے
چھُم مےٚ فکرِ ترٛان زِ یِم ما کڈنےٚ ژےٚ کأڈلی۔"

درویش تیز یِوو تہٕ چھُ دپان" ہہ یِمن تأونن
نبہٕ ترٛٹھ پیٚنیکھ! یِم حرامزادٕ کرہن مِیانہٕ خوٚنہٕ سیتھ
ٹیوٗک۔ مےٚ ہوس نوتوان ہُرکس مارنہٕ سیتھ کیٛا
تسنا یِیہٕ یِمن حأصل؟ اَدہٕ سہ نہ چھُہم طریقتچ خبر
نہٕ شریعتچی۔ نہٕ چھُس صوٗفی نہٕ دین دار۔ یِہُندے
دِل رچھنہٕ معہ کھہ اوسُس پانژن وقتن پنُن سہ
کلہٕ سجدس ہتھ والان ییُس تہٕ زانہٕ تہٕ ہیٚرہٕ پیٹھ ہمُن
زانہٕ ہا۔ یوت گرٕتھ تہٕ چھُنا یِمن میون ییتہٕ ژھزُن خوش
یوان؟ خأطرٕ، بہٕ دراس، روزن یمے ییتھ جہنمس
ہتھ۔ وهہ زِ ہرگاه مےٚ تہٕ زانہٕ بُتھ چھوٚل تیٚلہٕ یِیہٕ
لعنت یِمن وسان چھےٚ، سوہے وأسن شوٹھس"

توہہٕ نیشن کیٛاه کھٔٹہٕ، درویش سُند ژلنچ
نیت وُچھتھ گوم نہٕ ییتھے کینژھہ تہٕ۔ درویش
دوٚپتھ تہٕ ریشمی نڈاه گنڈن ہلس، کمرس ژأڈن
بدگو ژراه اکھ الاثر، تسبیح وجن اَتھس، کیٹہ
پوستین تہٕ کٔش ٹھوٚن بیاکس پیٹھ تہٕ دانہٕ دار
ڈنڈاه اکھ اتھس کیتھ رٔٹتھ دراو نبرٕ۔ اکھ اکس
روهٕ خصتہٕ میتھ ترٛاوٕنس بہٕ گنےٚ زوٗن۔ یوٚدوے

اَمِس بِچارِس اوسنہٕ سوروٗے دُنیاہ ژھٕنڈِتھ ژھاونہٕ
خاطرٕ وۄنہٕ یوٗژنگو وراۓ بیٚییہ کینٛہہ تہٕ پٔنُن' اَما پوٗز
نیرنہٕ وِزِ دژاو تیتھ کنٛو آسان آسان تہٕ خوش
پانٕٹھی زنتہٕ سارِ دُنیہک حال اَموٗشُنٛدٕ ے اوس تہٕ
بیٚتھے یِہ بلاے دفاہ گٔیہ آشنا چھُس کرٛان تہٕ
اَندرٕ یو کینٛہہ چھُسَس دَیان۔" گرٛژھ حضرت علی کرٛتی نے
رفاقتھ۔ گرٛژھ چانٕی کھوٚرٕ مہ روٗزِن زانٔہہ تہٕ نۆو
کھوٚر بانہٕ نیش فالی۔ سیٚتہ چون مہ گرٛژھن نوٚو
نوٚو دلیلو نیش زانہہ ژھوٚر پیٚتھ ژٕ طرفاتَن وٲتِتھ
تیشتھ عاشاہ تہٕ اراماہ کرِتھ یتھنہٕ عاشک سامانہٕ
اَسِتھ تہٕ پوٗنسہ والین نصیبہ چھُ آسان۔"

## ۴۸

## حاجۍ بابُن پَتھ کِتھ سرگرٛژھن

ژ دروییش کوٚرُس پھانگرٕ تہٕ تسنٛد آستانہٕ منٛزٕ نیرٕن
آستانہٕ منٛزٕ موکلن پلے سپدنُک اوس
وونی میٚے صرف مجتہد صابُن وعدٕ بَس اَکھ بچاو تہٕ
تسنٛد اَمہ وعدٕ سیتی گوم ہنا دریر میوٗ تہٕ دوٚیم یہ وعدٕ
پوٗرٕ کرنہٕ موکھ پتہٕ میٚے تس کینٛہہ ڈالیاہ والیاہ
رنٛو تکیاز پیٚیٹھو دانہٕ وراۓ ایرانس منٛز کانٛہہ کام
اَندٕ نی چھُ مشکلے۔ لہٰذا کرِتھ ہیٚتھ میٚے برٛونٛہہ کنی ڈالہ
منٛزٕ تبدیل کرٕنی۔ پتھے گرٛژھ تام پوٗنسہ اَسہِ گُذران
کرنہٕ موکھ پَتھ کٔن رٔذی ہیتھ تہٕ ژھکری کٔرہی
اَسہِ ہیٚم پوٗنسہ کوٚنچھس اَکِس منٛز ایٚرٕنٛتَل دوٚبراوِتھ تھوٚوتھ
پینٛسنٕ جایہ کوٚرُم فیصلہ زٕ جان پَہَن نماز راد
ہیٚمہٕ مُلی تہٕ اَکھٕ ہوٚنٛزُم تہٕ کستام نماز راد اَکھ میٚے
ہاونہٕ موکھ اَنُن تکیاز میٚے دوٚپ زٕ نماز رادٕ سیتی آسہ
بہٕ وِزِ وِزِ مجتہد صابس ژیتس پیوان۔
بہٕ گوس اَکھ دوہ تَس کُن ییٚتین ہیٚم پوٗنسہ
دوٚبراوِتھ تھاوِتھ اَسہِم۔ اوٚتَن واتِتھ گوس رٔژ ژٕ
توٗہر تہٕ سوٚچ پانے زٕ میٚے کیاہ آسہ گوٚمُت۔ بیٚیلہ میٚے
دِچھ جاے پینٛسنی جایہ تہٕ پوٗنسہ نہٕ کُنی۔ حارٕ تھا، نادِ دِیہ ماہ
ژکھ تہٕ نار زٕن آم پکہ وٕٹھ وۄنہٕ تلِتھ۔
شوٗش کھوٚتُم یوٗرِ۔ اَمہ پتہٕ چھُس کلہٕ تھاوِتھ
بٕڑ بٕڑ کرٕنی دِوان تہٕ وَنان۔" ہیا، قلندرٕ خر! ہستا
صوٚنی ہوٚنٛز! بتھ اَنِتھ کرٕ تھم پیرٕ وٕنی ناو۔ گرٛژھ ژٕ میٚے
دوہے ناونے تاوَن! گرٛژھ ژٕ ہر ہمیشہ وٕتہ وٕتہ پھیرٕن
بٕ بہہ نوٚو تھَس خاکس پیٹھ، گرٛژھ ژٕ میٚے نٕہ کٔنہ تہٕ
اَکھ کھوٚر بگُن!"
اَمہ پتہٕ ہیٚیوتُم بٕڑ بٕڑ وٕدُن، تکیاز بہٕ اوٚس
کھوژان زِ قم شہرکی کاتھ کرٛن نہٕ میٚے کانٛہہ مرزٕ خت
تہٕ شوٗبھ مرٕ فاقہ دِی دِی۔ نادِ میاِنی چھیٚنی اکھ
بَڈ بیمٲری۔ یوٗت اِنسان اَکھ پَتہ روز تیٚیہ تہٕ چھُس
یہ اَتھ نقصان۔ بہٕ ہیٚیوٗ تنس فکرن ژراوٗن۔ گوٚو
پیوم زینیہ ہُنٛد تتھس حالس منٛز [illegible]
چھُس وُچھان کیٚتھ پانٕٹھی گوس [illegible]

یتھ استانس منز چھ ینہ۔ یوت وارتھ اوسم یہ
تاون ژور ہند پتہ۔ تیوت دم چھ تہ نادوہ میہ
گوس زہر گاہ زہر آسہ ہیم برابر چھیم ہا۔

اکھ منز ژاو بڈ مولویاہ اکھ یس مجتہد صاحب
نش بہتھ مے درویش نش تہ سبق روزن بیٹھ نصیحتھ
کران اوس۔ بیٹھتھ یہ دوچھم ہ آمس مرزا اوبز تہ تمہ
حالہ بوز نووم یُس حال ز امس تہ گو کیاہ مہتا نی۔

بہ چھس امس دپان " حضرت! توہی حض
امس و پونے ونان تس درویشس نش چھیہ
روزن۔ سہ حضرت ژول سے ساری پونسہ بیٹھ تہ تتھ
پودنس۔ دوس لاگتھ دوسم پوس۔ دوہ ژ وتم حض
کتھ تاونس لگہ ہ کیاہ کرِ تہ کوت گژھہ ہ"

یہ وو تھم اوہ " کینہہ چھنہ فکر۔ ژہ مہ ہیے
تم۔ خوداہ چھ بوڈ سبب ساز۔ ہرگاہ خوداہ یس
یہی منظور آسہ ز تہ گژھ حکمہ وُمرِ شکس لاہے روزن
تیلہ کیاہ اند تتھ جایہ سپتی۔ بلاے ژھن پوتس۔
راوی زراوی۔ اگر زو تہ بچھکھ۔ جان چھے جہان۔
زو کھوتہ تہ چھا کانہہ ژٹھ پیژ دنیہس منز۔"

مے دوپس: "ہتہ حضن، ونان کیاہ چھکھ ژ
یہ ؟ ژھوٹ زو تہ نوہ تیک پان کتھ لگہ ہ اوِ ربان
آسنہ سپتی بینہ مے تم پونسہ وایس ہ"

اگر چھس بہ امس زار پار کران ز مجتہد
صاحبس کرِ زِ یہ کتھ منظور کرِتھ کنہ یتھ تمن
فکر تہ زمیا نی دالہ نہ وا تنس کیاہ وکانہ گو۔

مولوی صاحب ڈراو تہ یہ کام کرنس بیٹھ کورن
دعا۔ امی دوہ سپد وار شاہی فراش پننہ دسی
قم شہرس منز بادشاہ سپند تہ ینچ تیشِتھ۔ یہ فراش
دوس توے شہر منز کرنہ معہ کھ بروٹھے آمت۔

انگنچ پوشہ وار کھوتکھ شہر بہتہ ہپریتہ،
انگن کورکھ ڈوپتہ کرتہ صاف، فمواد ژاو کہ
تیلہ۔ تہ بادشاہ سپند س خاص کھٹس تروو کھ فرش۔
مولوین ہنز اکھ جماعت کرکھ بادشاہس مجتہد پیرتھ
استقبال کرنہ معہ کھ تیار۔ معہ خصر ھتو وکھ تہ
بادشاہس ینیہ تہ زیہ سان استقبال کرنس
کینہہ تہ پہر۔

مے ہیتہ پانس سپتی فکاہ کرِ ژ ز آمہ تہ یتہ کیاہ
مے، واریاہ کالہ بیٹھ امسہ تہ طرا ینچ خبرے
کینہہ تہ ینتہ اسم تہ خبر ز مے کوتاہ جرم اوسکھ
کھولمت ثبتہ۔ بیلہ مے ام رِ پنین خطن تلہ ژاو
کور مے بیوٹھ ینہ جایہ ز بادشاہس سے تسلی گژھ
تہ سہ گژھ چھس صرف شوکس کلہ ژ ڈ تھے بیار کر
چھس ینتہ سوچان زِ سے

من کیم تا کہ بیایم بہ شماری باری۔

بہ تہ چھسہ کنہ گرِ منز بادشاہس بروٹھ کنہ ز
تس ییہ میون خیال۔ تیہندس عظمتس، بجرس تہ
تیہنزِ ہیمتہ نکھ چھا میون خوژن کنہ مجرس؟

۵ آنچه در هیچ حسابی نه بُود، خونِ من است"
سیتی اوسُس مجتہد صابنہِ شفاعتہِ تہٕ ڈکھ رٹنس
پیٹھ تہٕ پرٛاد کرٛتھ۔

پادشاہ سُند فراش اوس میٚنہِ پرٛژھن یار تہٕ پکم
تس نفر سیتی آسو تمو ہُنز دِلاسہ میٚنہٕ کیٚنہہ نہٕ زانٛہ
کار۔ یوٚدوے پرٛانہو دوٚ نِمُت چھُ زِ ۵
ہر کرا پادشاہ ببیند ازد
کشش از خیل خانہ نہ نوازد[1]

اما پوز تہٕ کرٛتھ تہٕ رۄزِ ہم پنُن سیتی یارنہ یہٕ کینٛژھا
ٹھہراونہٕ ہُنز نیرِتھ میٚنہٕ یتہٕ نتہٕ سپدمت اوس تہٕ
بوز نوٚدس پمو سورُس۔ یوٚدوے میٚنہٕ پانس سیتی
دُنیہس لاہ کرنک فاصلہ کوٚرمت اوس، اما پوز پنُنہٕ
زیٚو آیم دُنیہچ کتھ باتھ بوزنٕی پسند سے۔ دوٚپنم:
"رسالہ افسر آو دوٚستس سیتی جنگ کرِتھ واپس
تہٕ پادشاہس کرُن اَمن سیٚتھا ڈالِہ۔ پنٛژھ بوٚہ دۄری
تہٕ طاقتھ ہادِنہ معہ کھ آسن گرجستانچہ کنیزہ تہٕ رنگہ
غلام رٹِتھ اَنہٕ ہتو تہٕ تحفہ کرٛن پادشاہس ڈالِہ
بدلہ پیش۔ پادشاہن کرٛ تشکر یہٕ ڈالی قبول تہٕ پادشاہن
تہٕ دوٚلس خلعت مگر یتھ شرطس پیٹھ زِ دُنی کہ یتہٕ
ژادِس شراب چوٚن۔ یتہ بوزِ ہم زِ پادشاہس سیٚتھا
کنن گوٚو زِ نتہٕ ہُندِس املس ہُنز چھُ میٚنہٕ تقصیر

تہٕ حکیم صابن اُس، زِ بچاونہ معہ کھ پادشاہس
بدبرپڑے ڈالیاہ تہٕ نیمرٕ۔ مگر پادشاہن اوس زِ یتہٕ
ہُند ہمتہٕ گیوٚن بوزنہٕ تہٕ تکسند نژُن و ژھینہ نشہٕ ہمیش
کرِ خاطرا اکھ ژھانہٕ کینہ حکیمس نچارس والہ والہ ریش
کوٚڈمت۔ تمہ پتہٕ تہٕ اوسنہٕ پادشاہس خشم ہمیوٚت
یوٚت تانٛی نہٕ ادٕ رسالہ افسر گرجستانچ کنیزا اکھ ڈالی
ہیتھ آس یعہ سہ مال پرٛزِ ناوَن والین ہُندِ کر
کینہ طاوس کنیزہ یتہٕ لعلکی پاٹھو معہ بلبلا تہٕ نیہ نیہ
کردنی اُس۔ اکھتے دیان انسان سُند نشتہ ہُنز ژھینہٕ
زانٛہ تہٕ ہتھ زٕ گوٚجا پادِ گاہ تہٕ نہ ژھیٚنہٕ نیہ ہُنز
زانٛہ تمہ شکل زوٚناہ نیبر دراہ۔ پادشاہ
شہرِس فراش سُند کوٚہنہ کیتھ آسہ تس اچھ ہُنز اَتھس
سوٚنب، تہٕ تھرٛ اوسُس زرٕ زرٕ تحتہ سرٕ کُلس
ہیوٚ یُس قم استانہٕ کیس باغس ہُنز اوس (اما پوز تیلو
ییٚلہٕ سہ سر و گل پکہ ہا) آخرس وۄتھ زِ "پادشاہس
ہرگاہ شراب کھ چھٹہٕ تہٕ سہ پھٹس فقط رو ہیو سیتی۔"
پوٚتُسن ہُند ناو بوزِتھ یوم درویش بیٚیہ
ژہٹس تہٕ ژھُٹس لپکہ ژاران زِ "گُناہ قلندرِ
زِ تہٕ زانٛہ تہٕ بال بچہ لگُن۔ پوٚنسہ نے آسہ ہُنتھ
ژوٚر نہیتی، ییٚکِہ وُنی کین معہ کلہ ہیم پان۔" خاطر
میٚنہٕ گوٚو دِل خمشی ییٚلہٕ یہٕ دوٚپھم زِ "یوٚت ژیٚ
بوزنہٕ لوان ژھۄتے، تیوٚت ژھینہٕ چون ماطہ مشکل کیٚنہہ
یہ بوزِتھ بوٚ ہٹس صبر کیس و گوس بیٚہتھ، و بوٚتھ

[1] یُس پادشاہ ناراض گژھِ تس کُس دِیہٕ جاے۔

تَمِ رُٹھِم انتظار پَچ جَچھر" الصّبرُ مِفتاحُ الفرج"[1] تہٕ "مَن صبرَ ظَفر"[2]۔ یِمے اوراد پَران پَران پُشر ووُم یان تقدیرس زٕ وُچھو کیاہ بنہٕ۔

بیٚیکِہ دۄہہٕ ووت پادشاہ تہٕ شہرٕ نیبر کوٗرُن اَمِس نیمَس منز قرار۔ ہرگاہ بہٕ تہندِ استیقبالہٕ پَچ دلیل بوز ناوِنہٕ بِہِہ تمہٕ سیتٖو تُو کٕلہٕ دوٗدُے۔ زیارتس پیٖٹھ کیس ثوابس وۄمیدوار گژھِنہٕ موکلِھ ژھوٚٹرُدو پادشہَن تہٕ استیقبالُک قصد۔

قُمٕ شہرٕ کین پیٖرَن سیتٖو آو پادشاہ بڑٕ ہرتی پاٹھو پیش تکیاز اَندرِ رِکنو اوس تمَن سَنز کھوژان۔ اُوے رکنو ہاوُن میرزا ابوالقاسم مجتہد صاہٕنز سَنز یَژھ تہٕ یَژھ پانہٕ گوٗ تَس سمکھنہٕ یکان یکان تہٕ بہنہٕ وُن پانس نکھہٕ۔ اَمہٕ قسمُک یَژھ چھُ سٹھاہ کم پیٖرَن کرِنہٕ آمُت۔

زیارت کین دۄہن اوس پادشاہ شہرس پَتہٕ رِ پھیران فقیرَن خاص کَرِتھ سادات تہٕ اوس کھُلہٕ دِلہٕ خیرات دِوان۔ پادشہَس یِم نفر سیتٖو اَسو تمَن تہٕ اَسو "الناسُ علیٰ دینِ ملوکہم"[3] نظرِ تَل اَنِتھ زۄ ہد تہٕ پرہیزگاری ورتاوان تہٕ تہنزٕ تہٕ ریاکاری وُچھِتھ اوسُس بہٕ اَندرِ رِکنو پانسے سیتٖو خوش گژھان۔ سرکاری ملازِم آسنہٕ کین دۄہن اوسُم۔ نۄزمُت زٕ پادشاہ چھُ اَندرِ رِکنو صوٗفی تہٕ اہلِ حال تہٕ نیبرِ رِکنو چھُ شریعتس پیٹھ پکان تہٕ بٕییہ چھُ اہلِ قالو منز۔ بیدِین بندگو منز اوسُم اَکھاہ وَنِہ یُس نہٕ یِزِدَس کھۄتہٕ تہٕ کیشنہٕ تہٕ کم اوس مگر اَمہٕ دۄہہٕ وُچھم تَس تہٕ نیبرِ رِکنو ایماندارِی ہندِ کِ جامہٕ ناٖلی۔

زیارت کَرِنہٕ کہٕ دۄہہٕ کوٗڈِ ہے تہٕ یان نوٗن یِچھنہٕ مجتہد صابس مےٚ سیتٖو کرامت وعدہٕ مُشچِھ گژھ۔ پُشینَس ہاگی آو پادشاہ یکان یکان تہٕ موکلِ لباس تہٕ لعل و جواہر لاگنہٕ وَرایے ژاد نقشدار لوٗر اَتھَس کیتھ ہیتھ بزرگن تہٕ پیٖرَن سیتٖو سیتٖو آستانس منز۔ سارِی سے عالمس منز دَرِہ گیہ موہٕ پَچ بنیم ہٕ تسبیح اَکھ اَسِس اَتھَس منز تہٕ بسرٕ یہٕ تسبیح اَسہٕ نیہٕ نیہٕ کرٕ دُنہٕ بے سُلاخ موہٕ ختیج یِیہٕ کمی تام بجرین پیٹھ اَسِس ڈالی اَنہٕ مرژہٕ ہرگز تہٕ اوسہٕ اَتہٕ منز ژراوان اَتھ۔

مجتہد صاب اوس ترٕ سے قدم پتھ رُوزِتھ پادشاہ ہندِس پَرژھہٕ غارس بڈٕ اَدبہٕ سان جواب دِوان۔ تہٕ پادشاہ تہٕ اوس اَمہٕ سیتٖو اَندرِ رِکنو پھولان تہٕ مجتہد صاہٕبنس جوابس دارِکَن تھوان۔ اَتھ جمائژ اوس میانہٕ کُھٹہٕ کرِ بَرِ رِکنو پکُن۔ یِیتھے پادشاہ میانِس کُھٹس نکھہٕ ووت، اَمہٕ ساتہٕ تہٕ اوسُنا اَمِس اَندِکہٕ رِکہٕ کیہنو۔ مےٚ زوٗن وَرخ غنیمہٕ تہٕ بیوٗسَس کھۄرُن تہٕ چھُسس فریاد کَران زٕ "اے کمزورَن رٹچھِت والِہ! اے دُنیہِس پازِی کَرن والِہ پادشاہہٕ! محض تمہٕ سے حضرت معصومہ رضہ ہندِ پاسہٕ کرِ تو مےٚ مسکینس پیٹھ رحم"

---

[1] صبر چھُ عائش و آرامُچ کوٗنز۔ [2] صبر کَرَن والِہ سیتی لبہٕ انسان فتح۔ [3] لُکھ چھِ پادشاہ سٕنزِ سے دینَس تہٕ طور طریقَس پیٹھ پکان۔

پادشاہ ووٚلھ مجتہد صابس کُن: "یہ گوٚنہہ چھُہ؟
تہُند چھا کانٛہہ؟"

مجتہد صاب ووٚلھ دِ جواب: "یہ حضرت چھُہ یوٚر
چھپنہٕ آمُت۔ یہ چھُہ بٔنۍ تھےٚ زِ یِمن موقن پیٹھٕ چھ
یِتھ آستانس منٛز چھپِن والۍ یِنس پادشاہس پنُن داد
و بیداد گوشن گران۔ اللّٰہ تعالا تھوٚون پادشاہ سُند
سایہ کمزورن تہٕ مسکینن پیٹھ ہمیشہ موجود۔"

اَمہِ پتہٕ پیٹھٕ پادشاہن مےٚ کُن بُتھ تہٕ پرٛژھُن
"کُس سہ چھُک ژٕ؟ تہٕ کیاز چھُکھ یور چھپنہٕ آمُت؟"

مےٚ دوٚپ تس: "میون پان تھوٚہ بہ وٕنٛدتھ! بہٕ نابکار
اوسُس رسالہٕ افسر سُند نایب۔ مےٚ چھُہ حاجت بابہٕ ناد
دُشمنو لارِ [illegible] تہٕ آمس یِتھ [illegible]"

ہنا ہ دِم وچھتھ ووٚنُن: "ہوں! تۄہِ دِم فِکر!
چھُنا اَژہے گو کُھ حاجت بابہٕ؟" اَمہِ پتہٕ دوٚپُن مجتہد
صابس کُن:

پادشاہ۔ چاہے رسالہٕ افسر آسِن یا تسُند نایب یا
بیٚیہِ کانٛہہ ہوٚن، یِمو اکھ اترٕ کوٚر، تِمو کوٚر
سوال چھُہ زِ یمہٕ چھُہ پادشاہ سِندِ دربارس
نار دِیتمُت۔ حضرت آغہٕ صاب! چھُکھ تۄہہ
دِیتمُت کینہہ رکھیٚس ژٕ؟

آغہٕ صاب۔ نہ حضرت، تہُندِ مرد کس قسم تۄہہ چھو
برحق فرماوان۔ مگر یِیلہ زن کانٛہہ مرد سُند
تہٕ زنانہٕ ہُند ٹھٕنڈٕ آسہ تیلہ چھُہ یِمن مالکن
تہٕ تِنانٛزن منٛز دوہ شوٚنی دِیِن ہُند بوزُن پیوان
تہٕ لگہٕ کنٛتھن کُہے یہن کُن تھوٚو تہٕ پیوان۔

پادشاہ۔ مگر حضرت آغہٕ صاب، مےٚ وٕنی تۄہہ یِتھ ملکس منٛز ما
کیا چھیوٕ وَنان یِتھ منٛز پادشاہس سیتۍ تِنانٛزٕ
آسہ؟ پادشاہ سٕنٛز کنیزا اکھ آیہٕ مارنہٕ۔ اَدنا انسان
تہٕ ہیے آسہ، تسُن تہٕ چھُہ پیوان ماوچنہٕ دِیُن۔ یوٚت
گو رۄس بےٚ دِین مُلکھ اکھ، تَتہٕ تہٕ چھینہٕ تِم یِمن
موقن پیٹھٕ اَچھ ٹوٚان۔ مےٚ وٕنی تۄہہ حکیم صابنہٕ
منٛز ژھینہٕ ہمہ کھ یا رسالہٕ افسر سُند نایب
سٕنٛز بینم شُنہ وَتھ یوٚرٕ کرنہٕ خاطرِ کیاز ترٛاوو
اُسی یِنُن مال اَکھ منٛز پتھے یلہٕ؟

مجتہد صاب۔ یہ حضرت چھُہ پوٚز زِ یِتھ اَکِس
چھُہ ماوچنہٕ دِیُن تہٕ پنُن غار وتھ بجاہ اَنُن
چھُہ واجب اما پوٚز گوہ نہٕ ہیٚن عفو کرُن چھُہ
بوٚڈ ثواب۔ یوٚد وۍ یِمن موقن پیٹھٕ اَتھ
ہورنس پٔرزِ پاٹھۍ لذت چھےٚ مگر یوہ سہ لذت
عفو کرنس منٛز چھےٚ سہ چھینہٕ انتقام ہینس
منٛز ہرگز تہٕ۔ حدیث شریف چھُہ زِ "بیٚیِن
ہُندِ کھوتہٕ چھُہ قیدنہٕ پیٹھ عفو کرُنس
زیادٕ ثواب۔" اگر پادشاہ قبلۂ عالم یِمِس
مسکین گوہنگارس عفو کرن، تیتِس ثوابس
گژھو دوہ میدوار یوٚت ینہٕ اَتھ دِہ رۄسی
مارنس یا نصاران سٕنٛز قبرٕ زالنس یا کانٛہہ

صوفیس سنگسار کرنس منز چھُ۔

پادشاہ پھیوٗر مےٚ کُن تہٕ دوٗپنم: "نیرتہٕ گژھ (مجتہد صابنِس اَتھہٕ پھیٚکِس پیٚٹھ ٹھوٗٹھ) گژھ یِمِس صاحبس کر دُعایہ خاطرٕ. تہٕ اُتھے نٕہ وُنی کیہہ پتہٕ دُنیہک کانٛہہ وُچھن۔ نیر گژھ ہے پینیٚ وَتہِ یُتھ نہٕ ووٚنی میانہِ اَچھ جایہِ شکل تہٕ وُچھن۔"

## ۴۸

# حاجی بابُن اصفہان گژھُن

## تہٕ تور وانی چھےٚ تسَب مول مرُن

پادشہس اُسنہٕ پتہٕ وٕنٛیچ صنوٚرٕ ووٚرِ چھےٚ تکیا ز پوٚت نظر دِنہٕ وَرائے تہٕ قُم شہر منز نیرُن تہٕ قُم شہرکِس مجتہد صابنِس اِجازتہٕ نٕہ پیٚنٛک افسوٚس، کھینہٕ وَرائے دٕراس بہٕ سیٚدٕ دٕس اصفہان کُن۔ ز ترٛئےٚ رُت پتہٕ پمُو سیٚتو بہٕ اصفہان واتہٕ ہا آسم چِھنٛدس۔ پتھ روز وَتہٕ جاے، اَدٕ شاہ عباس پنٛدہ ہمتہ سیٚتو چھےٚ ایرانس منز تیتھ شہر بیہ ز کانٛسہ تہٕ وَتہٕ پکوٚنس مُسافرس چھینہٕ کُنہٕ کرَس منز اَتھ آرام کرٕ پنٛچ صنوٚرٕ ووٚر چھےٚ پیوان جوانی اُمیتھ تہٕ اوسمیٚتہٕ ووٚنی دُنیاہ بساونٕک کانٛہہ طماع مےٚ اُسو دُنی پیٚٹھکو ووٚنی سیٚٹھا تسلی کُنہٕ متہٕ اگر بہٕ قُم شہرس منز روزٕہا، مجتہد صابنِس [illegible]

کینٛہہ اوسُم وُمر تیٚلہ زٕہ پڑگری ہند پنٛچھر تہٕ، ژھوٚکیر ژٕہمن تہٕ اَخرس نیرہٕ ہیٚتہٕ تتھ ژھوٚکہٕ تہٕ پنٛچھر ورائے کانٛہہ پھل خاطرٕ. وُنہٕ اوسُم وُمر ہنٛد مادان بوٚڈ تہٕ دُنی پیٚٹھکِس ہیٚوٗر بوان ژھنٛڈتھ تمہٕ اَدٕ وَتھ تہٕ اوس نہٕ وُنہٕ میانِن ووٚنی میزان ہنٛد گرٕ ژھینٛتھ پیوٚمت۔ مےٚ تور فِکرِ زِ یِمن چھنٛبن چھارُن لگنُک اصلی وجہ چھُ یی زِ مےٚ مشرو دِتھ مول موج تہٕ تِمن خدمتھ کرنُک تھوٚوُم نہٕ کانٛہہ خیال۔

پانٛژٕ پانسے سیٚتِہ چھُس وَنان: "پھیٚر پیوٚمت چھُکھ پانہٕ! کوتاہ نابکار تہٕ کھو پوٚت دٕراکھ، یِمن دوٚہن سرکارِ نوکر اوسُس تہٕ تخوٗ سیٚتو اوسُم آماس کھوٚ تمت تِمن دوہن پیٚیم نہٕ سہٕ بچیو اصفہانٕک ناو زانہہ تہٕ ژٕپتس، ووٚنی پیٚتھ ووٚگتہٕ آم تہٕ عاشق وآرامیکو دوہ ژھینٛتھ، ووٚنی پیٚیم مول موج یاد پینس اوتمن صابن پیٚٹھم کتھاہ اَکھ ژٕپتس ز "

گنج قارونت ار بود به جہان

نہ توان دوستی خرید بدان

دپان چھُس" مالِس ماجہِ ہیٚیہ تہٕ آسیا کانٛہہ یار دوس یی سوچان گوم حالاہ پانس۔ اَتھہٕ چھُس دِلہ منزی وَنان۔ "خاطرٕ، ووٚنی تہٕ میانِس مالِس ماجہ تہٕ فِکرِ زِ تِمن تہٕ چھُ کانٛہہ گوٚبُر پتھے بہٕ گرٕ واتہٕ تِمن نِشہِ پانسےٚ زِ پتہٕ ماجہِس کھو پوٚت۔ "اَمہِ پوٚز زِنتہٕ [illegible] کینہ منز اوسُم پیران سہ

وقتن نیامدی کہ بیائی بکار دل
در روز مرگ آمدی اے غمگسار دل
ژ کیتہ اوسکھ مے یتمہ وزِ کو چھمک ژے
مرن وختن مے وو تکھ ژونٹھ کن ژے

طہرانہ منز نیرتھ زینبہ بیٹھ افسوس کھینہ وزیس خیالاہ مے دلس گیوو، ژے یوم ژہ تس۔

یمے قاضی بالک تھوو نمک یس اصفہانس نکھ واتنک نشانہ چھ، مے نظر گو، مے ہیٚنژن دلس دبرارسے گڈھنہ۔ قدمہ پتہ قدمہ چھم بیقراری زیادان تہ دیان چھس: "اما گری کتھہ سنا حالس منز آسن تس مرد دیا دِمو اوحن صائبس آسیا سنا زندگی ہنند دستار ونہ ووہ ڈی کینہ تس آسکھ موتک کفن وَلمت سہ ہمسایہ وانہ وول بقال (یس ندس وانس منز مے ہملس پونسہ ژوٚر نیتھ تیمن ہارن تکہ تارس گنڈ وو) زانہ نعوذ داہ تیشند زندگی ہنند وان آسیا ونہ یلے کینہ دِتھ آسہ۔ کاروان سرہ ہند سہ ڈیڈکر وان (یُس ربچور مے ترکمانن ہنز ووہ سہ دروہ سہ ہنزہ راتہ سنح کھوژ نادیوو) خبر تمسند ومر ہنڈ بر آسیا ونہ ووتھے کینہ سہ تہ آسہ ملک الموت دِتھ تھوومت۔"

یمے پیمے رایہ چھم ووتھان یوت تام شہرک منارہ نظرِ گام۔ پننہ پاک وطنچ میتر وچھتھ گوس سیٹھا خوش تہ یتھ شکرانس منز زینبس وختس سفرس منز آسیتھ تہ چھم ونہ پننس وطن وُوتھ، برہ اٹھ نماز بکارڈ جوراہ تہ کوٚرم تہجد پیشکر۔ آمیہ پتہ تھووم کینہ جوراہ اکھ اکس پیٹھ تہ کرم حضرت امام رضا رضؔ صائبس کن نیت زِ: "یا حضرت امام رضاؔ! ہر گاہ تو یہ ضامن روزو زِ بہ کیاہ واتہ واپس پانس گرکین باگن منز، بہ چھس نیت کران زِ اکھ کتھ کرن تھیتر منز قربان بٹہ کھیاہ کھ پنچ یاردوس تہ اشناو ریشناو پیہ لاو دیگ اکھ۔"

وانجہ چھم دبرارسے گڈھان تہ اندی پتہ کیو علاقو منز کر چھس تہ نیتھ برونٹھ پکان۔ پیاری پیاری پکان اوسس تیاری تیاری اوسم تمہ جایہ ہنند برونہ درخ زہ تس پیوان۔ یی کران کران ووتس بہ مالی سندس وانس برونٹھ کنہ چہ سٹرکہ پیٹھ کاروان سرایہ ہندس برس نکھے۔

مالی سندس وانس وچھم پھالو دِتھ تہ وانہ وول گوم نہ نظر کینہ تہ۔ مے زن گیہ آمیہ وستو یتھے ثینگ ہش تہ برونٹھ کن پکنہ برونٹھ چھس سوچان زِ "اما یہ کیاہ سنا قصہ چھ؟ آخر پیوم یاد زِ "از چھ شبِ جمعہ۔ ظاہر چھن بابہ صائبس بجرس منز اصلیچ ہیدایتھ کرمژ تہ سہ آسہ ازتخت پولاد مل گذارس پیٹھ موردن فاتحہ پرنہ گومت۔"

کاروان سرایہ ہنند بر اوس یلے تہ اتہ چھس اندر تی وچھان یہ پتہ وتھ وچھان اوسس آمت سوداگارن ہندی بار کھڑ چھس ہیاری پیاری

سأرِی سے وہراُدِتھ وُچھان۔ مُسافرَن تہٕ وۄنتہٕ ولین
ہِنٛدِکر گُرِی تہٕ دۄنٛیِٹھ اُسی ژھہ پارِی کوٚنچَن منٛز نظر
گژھان۔ باقٕے تِکھ اُسی رنگ برنگی پلوٗ لاگِتھ اَکھ
اَکس سیتؠ کتھن لگِتھ تہٕ تِمو اوس اَکھ خیالہٕ تلمُت
اَڈی اُسی تماشہٕ وُچھان۔ اَڈی اُسی بُتھِس ژرہ
کھالِتھ تہٕ غمہ ہیتھ پانسے سیتؠ پننہٕ کارٕ بارُک حساب
بوزان تہٕ تُنٛی پاپوش کھورَن لاگِتھ اَکھ اَکس
سیتؠ لیف اُلیف تھوٚنہٕ وَرائے اَنگنِکہ کنہٕ فرشہٕ
پیٹھ دَوان تہٕ دوران۔ مےٚ ہیوٚت پننٛ لوٚکچار
یار ڈیڈی وان ژھانٛڈُن۔ شہ گوم نہٕ کُنہ تہٕ نظرِ مےٚ
گوٚ شکھ زٕ ظاہر ما چھُ تسُند زندگی ہِنٛز سرِتہٕ ہُند
بَر بنٛدٕے گومُت۔ ہٕنٛگہ تہٕ منٛگہ بیٚٹھِم ہورکُن نظر
تہٕ یہٕ وُچھُم جِہراہ ترٛوٚنیٚٹھ کنہٕ رٕژِتھ چلِمہ تیٚو تنگل تُھوان
اَمِس بچارِس وُچھُم کلہٕ پیٚٹھکین منٛز ووٚلمُت
تہٕ اَمی سٕنٛدِ کھوٚ برٛتِلہٕ اوس صاف نَنان زٕ وار ییٚہس
وَرِی ییٚم ہُنٛد بار چھُس اَڈٕ بارٕ۔

مےٚ دوٚپ: "او، یوٚہے چھُ علی محمدؐ! بےٚ
اَمی ہِنٛز یہٕ نس سانس نستن منٛز وَنہٕ کڈُن۔ ہیٚےٚ
چھےٚ کیٚنٛژ لَتہٕ اَمہٕ نستہٕ تلہٕ کنہٕ چہ گونٛژھ یانہٕ شیٚر منٛز تہٕ۔
بہٕ چھُس پیٚنٛچہ کنی اَمِس سلام کران تہٕ کیٚتھ با تھ
تہٕ اَما پوٚز یہٕ وُچھُم سرِتہٕ منٛز پننہٕ گژھن والین مسافرَن
سیتؠ کتھن منٛز ییٚتھ مَس تہٕ جَگر سیتؠ ییٚتھ اَور
زٕ زَن یمو وَرائے باقٕے دُنیا کُنہ اوسے تہٕ۔ کلہٕ تہٕ تلنِی

تھوٚد۔ مےٚ دوٚپُس۔ "علی محمد چچا! اسےٚ چھکھ سہ پرٕزناوان؟"
اَمی تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ پیٚتھ پاٹھو کانٛہہ کیٚر ہِنٛز ہیٚوٚر کُن چھُم
وُچھان تِتھےٚ پاٹھو چھُم بُتھِس نظراہ کرِتھ دُپان:
"لالا! یہٕ سرائےٚ چھےٚ لوکُٹ معہ گٹ دُنیاہ اَکھ۔
ہُمہ بَرِ چھ تِکھ اَژان تہٕ ییٚمہ بَرِ چھ نیران۔ سہ کُس
زانہٕ تِمن زِ کُس آو تہٕ کُس دِژاو۔ وونٛی وَنتم بہٕ کیاہ کرٕ
پرٕزناوِتھ؟ علی محمد بُڈیوو تہٕ اَچھن ہُنٛد گاش تہٕ
سوٚ تیوو وونٛی۔"

حاجی بابہٕ: دوٚپہےٚ مَسہ تو تہٕ آسہ ہَن سہ حاجی بابہٕ
سہ نا سہ لوکُٹ حاجی بابہٕ یُس زٕ ناوان ییٚمو اَدِیا کہ
لَتہٕ ژٕ تہٕ مَس چھےٚ گومُت تہٕ بیٚیہ چھےٚ گونٛژھ
تہٕ شیٚر منٛز۔

علی محمد: لا الٰہ الا اللہ! یہٕ کیاہ چھکھ ژٕ وَنان؟ بوڈ
"تاجُباہ چھُ! پُزی پاٹھو چھکھ ژٕ حاجی بابہٕ؟
گوبرا! کوتاہ لول اوس چون اَمُت۔ آخر تہٕ
آکھ ژٕ بڈٕ جان گوو ژٕ ییٚوکھ دارتھِتھ۔ شکر
خوداتعالٰہس کُن۔ مَرنہٕ برونٛہہ مالِس جایس
کربلائی ہَشنس کیاہ ییٚہ ژٕ وُچھتھ اَچھن
گاش ہیوٚ۔

حاجی بابہٕ: کیاہ؟ بابہٕ کتہٕ چھُ؟ تَس کیا زٕ چھُ وان
بَنٛد؟ یہٕ کیاہ چھکھ وَنان زٕ سہ چھُ مرنہٕ برونٛہہ؟

علی محمد: حاجیا! چون مول سہ مرِ دیادم نادرِ دِزِبِتھ
موکلیوو ییٚتیٚم کلہٕ کاسِتھ۔ نیر گژھ، وَرخ برکر

ضمایہ۔ دِپہِ ہیتھ مہ گرِ بُتھ وُچھتھس تہٕ دُعایہ
خاراہ پیٹھی۔ سہٕ رچھور چھُ وُنی کینہہ موتہٕ ژلمی
ژالان۔ بادیان تہٕ دُنیاہ کینہہ۔ اُمرِ خرچ گُسایِنے
یوہے پیالہٕ چوٚن۔ پنٕژاہ وٕری وائِتھ یتھ
سرایہٕ برٕ دوان تہٕ مُژراوان۔ یِمے وونی باسان
زِ میانہٕ دُمر ہٕندۍ ساری برہیٚتن بنٛد
گرٕ ھتی۔ درواژن پیٹھ کُٹھ چھے دوہے تہٕ
دوہے اَکھ لاگنہٕ سیتی نِوان تہٕ صفاشین پیٹھ
گرٕ ھان، یِمے وُچھتہٕ کو تاہ وائنیہ چھُس
دوہہ کھوتہٕ دوہہ چھُم کھے لکان۔

ما کاروانیان، وجہان کاروانسرا
در کاروانسرا نہ کند کاروان سرا

اُمرِ سپٕنز بۆژم اُتھے کتھ تہٕ دوریوس گرٕ کُن۔
گرٕ کِس بٕرس پیٹھ وُچھم بپر جوراہ۔ دُپان چھُس۔ "تخیسر! وُچھ سہٕ کمن پیٹھ پییہ مے پوٚنے نظرٕ۔ یِم چھِ پانس شوٛھٹس کتھ کہ وانکوراہ معوہ غلط فقط کیاہ چھِ مرنس خوش۔ بس یِتِ یے شیٚچھان نِن اور یود۔ یِیتہٕ کانہہ فرتہٕ کیاہ چھِ جائِز آسان یمن سیتی متہٕ کرتہٕ کھتے تہٕ ژاس سیتو دِمے کھِٹس منز۔ اَتہٕ وُچھم بڈاہ اکھ وکھر بس پیٹھ بیوٹھت تہٕ بٕڈ جماتھا اُمس آلہٕ کرنڈل کرتھ اَندی اَندۍ بیہتھ۔ یہ اوس میون مول۔
اَتہٕ پرٕنِی لوٚس نہٕ بہٕ کانسہ تہٕ۔ اَمہ ساتہٕ اوس پرٕ ژیٹھ کانہہ بیمارس خبر اُتھرٕ ہیٚنہٕ سیتو دِمے اُتھان تہٕ اَوِے تہٕ گو نہٕ کانسہ اُکس میون شکوہ۔ حکیم اوس بیمارس اَکھ اَندۍ نکھہ بیہتھ تہٕ بیٚیکہ اَندۍ اوس بیاکھ مُردیادم شخصا، ظاہر میون پرون اوخن صاب، بیمارس تسلی دوان تہٕ وَنان: "حسن کربلائی صاب! غم مہٕ ہے۔ انشاءاللہ چھے ژٕ دُہن یتھ دُنیہس منز آب ودٕ نہٕ تُلُن۔ ظاہرما کرکھ نیٚچوی سٕند دیدار۔ خبر چھا نی زِ چھے ما آسہٕ حاجی بابہٕ کٕنہٕ جایہ۔ خاگر، تو تہٕ چھُ جان ہرگاہ تٕرٕ دمسیتہٕ کریتھے تھوکھ۔ زیادہ جان گو زِ ژکرِن پننہٕ طرفہٕ کانہہ وکیل مُقرر۔ چھُنا صلاح یم وونی ییٚتین بیہتھ چھِ، یمہ وِے منز کرہٕ ہمن کانہہ وکیل؟"
میانی مالِ ترٛو وہ شاہ تہٕ چھُ وَنان۔ "واہ افسوس! حاجی بابہٕ گوم تیتھ یا گھوٚڑ ژٕ لِتھ نِ تسر دُبار وُچھنیح چھُمنہٕ کانسہ تہٕ وہ میداہ لبنہٕ یوان۔ بۆژم زِ وونی چھُس مالس ماجہ ہٕند ناو بوزنس تہٕ ہیٚتک گرٕ ھان۔ میانی وراثت ہیٚکہ نہٕ تس تٔرِتھ۔"
مےٚ کوٚر کیا ہتانی یہ بوٗزِتھ تہٕ یمہ کتھ اُمرِ پٕنز زٕن گیم تٔرِتھ۔ وونی آم نہٕ زیادٕ کالس بے شوٗنچھ لاگنس واراہ کینہہ تہٕ۔ پانس اَکھ اختیاراہ روزِ نہٕ درائے ژٕ جم گمن کرتیکھ ہنرِتھ زٕ۔" بابا! حاجی بابہٕ ہا چھے پیٚکیاہ۔ چون دُعایہ خاطرٕ ہمینہٕ موکلِتھ چھُس

چانِہن یادَن میسٹھو کرِنہٕ آمُت ۔ اَچھ مُژراو تا باباؔ
ہٕ ہا پٕچھسے چون گوٚبرٕ ۔"

ژاہ کوٚرُھا کرِتھ بیٚوٹھس وُچھتھ نِس نِش
تہٕ پٕچھس بابس اَتھَن معہ کران ۔ گوٚبر ماسے ہا ونِہٕ
معہ کٕھ ترٕ دُم اَچھو کِنہ اوٚش تہٕ وَدان وَدان گاَم
ہکو تہٕ ۔

ریم اَتہٕ بہتھٕ اُسی ، تمہ اُسی باٚنی یا نسے پیتھ
زَن راوان ۔ اَڈٕ ہن گوٚ میانہٕ پننہٕ پیتھو اِتھے ہیو ،
اوڈٕ ہن اوسنہٕ میون یُن ہنسٹی وَسان تہٕ اَڈٕ ہیُ وُچھم
ہے بٕڈشکہٕ ہیوٚ رُوزِتھ گمُتہٕ ۔

بابن یِس تہٕ اَچھ مُژراونَس سوٚنب تہٕ طاقتھ
اوس ، ہُیوٚت مےٚ پیچھے کینژن ژہین مُدٕ سے
گنڈتھ نٹھس کُن وُچھُن زَن تہٕ مےٚ دارِ پرِنہٕ ناوان
اوس ۔ اَمہ پتہٕ تُن اَتھ زِ تھوٚد تہٕ چھ دِیان دوٚ الحمد
للہ ! یوٚت تام ہٕ بُن نیچو وُچھم ، توٚت تام مُکوٚد پنہٕ
بس یوٚہے چھ میون وکیل ۔" مےٚ کُن بُتھ کرِتھ چھم
وَنان ۔" گوٚبرا ! ژٕ مے کیتھ پاٚٹھی اوٚنتھ یہِ تِس
کالُس مےٚ نِش دوٗر روزُن تاب ؟ شلہ یُن کوٚتہٕ
آیوکھ ؟ بابہٕ اوس بیٚیہ تہٕ خبر کیاہ کیاہ وَنُن
یژھان اَما پوٚز کینژھا داد پیتھو کمزور گژھنہٕ
کِنہ تہٕ کینژھا میانہٕ پننہٕ خوٚش گژھنہٕ کِنہ روٗدُس
نہٕ کینژہہ تہٕ طاقتھ کتھ کرنس تہٕ گوٚ بےٚ حس ہیوٚ ۔
اوڈٕ ہن صابن پرزٕ ناوُس تہٕ چھُم دِیان ۔" ہاجیا !
پُھٹھنہٕ اَتھ وَتھ لاگہس ۔ ہُناہ دِس پھیرِنہٕ ہا میوٚ وُنہٕ
چھتے اُمِس وَصیتھ کرنے ۔" جواناہ اَکھ یُس مےٚ
دُشمن پٕتھٕ نظرِ وُچھان اوس ، بیوٚلٹھ وُنہٕ " اُمن جُعن
بیٚیہ حصن کوٚزتھ دُچھُن زِ یوٚہے چھا حاجی بابہٕ کِنہ ۔"
مےٚ بوٗز یتہٕ زِ یہ جوان اوس میانِس تایس گوٚڈٕ نچہ
زنانہٕ ہندِ طرفٕ ہا مہر تہٕ ، یہ اوس وراثت ترنچ وو میدٕ
ہیتھ آمُت ۔ مےٚ وُچھتھ اوٚشس ظاہر ووہ نی فکر
توٚرمُت زِ یہ ہا کڈ ہم ہا سرٕ گمہ گلہ منز یوٚری ۔ باقٕے نفر
یم اَتہٕ اُسی ، تم تہٕ اُسی اَکھتے اُتھو ووہ میز پیٹھ جاہ
گمُتہٕ ۔

نیٚبرِ کِنہ اُسی ساری میانِس حاجی بابہٕ آسنس
پیٹھ شکن گمُتہٕ ۔ اَتہٕ نے اوخن صاب بہتھ آسہ ہے
ساری دِیہ ہنہ زِ یہ چھ خبر کُس چھ دٕ کلہ تہٕ باٚزی گار ،
اَسہ اُچھن گٕچھ نہٕ چھنہٕ آمُت ۔ مگر اوخن صابن
پٔرزِ ناونہٕ کِنہ روٗدنہٕ ہمن ہا شہہ کرنس تہٕ وار ۔
اُتھو منز ژاہ میانی موج تہٕ تہٕ شکھے ژوٚل میانہٕ
پنچ شٔچھو بوٗزِتھ آسنہٕ اندر محل خانس منز روزنس
تاب تہٕ نرٕ ہرا اُوتھ آیہ مرد و منزی مےٚ نِش دوران
دوران زِ " کتہٕ چھُم گوٚبر پُن ؟ کتہٕ چھُم حاجی جانانہٕ
پُن ؟ ہتا ماجہ ہا ہندِ پتہٕ تر گاشا ! کتیو چھکھ ؟
مےٚ پیٹھ نظر پیوان پیوانے تراوِ نم نرِ زِ گرد نہٕ
منز اَلاَنز تہٕ روٚٹنس نال مَتہٕ تہٕ چھُم تمہ تمہ کیتھ اُنز وَنہٕ
ماے محبتھ تہٕ لول باٚگران پیٹہ پنہ ہا جن ووٚدے بیٚیہ کانسہ تہٕ نچکہ ترن ۔

حکیمن کُرُ بابَس حبیبہ اَنِنہٕ موہکھ شربتھا تیار تہٕ چھُس
اُمِس منز تراوِنی ہیوان۔ یانٛی وِزِ بیمارَس چینہٕ موکھ زیر دِتھ
"تانٛی آیہ تَس پوٚنٛد۔ اَتہٕ وُنھو ساری زٕ تانٛی کرِو زٕ ھا قرار" رَوُتھ کھٔنجہ
رۆزِ یہ شربتھ پیالِسے منز۔

اَمہ پتہٕ ہیوٚتُکھ بیمار بنیہ وُزِ ناوُن۔ یہ اوس شہلیو مُت۔
مرٕ دباد مِی پیر صأبن وَنیو تَس ڈیٖشِتھ کیوٚت زِ: "وُنہ
وُصیتھ کر" تہٕ کوتاہ کریوٚنس بنیہ کنو شانٛدِ ہیٖتھ کلہ تھوٚود
تُلنس۔ اَما پوز کأم اُس اَزِ دَس گأمژ۔

اَمہ پتہٕ وُڈُکھ تَس اُمس روے قبلہ پھیرِتھ "آبہ لوٚٹاہ
تھوٚومَس شانٛدَس ہیٖتھ، کھوٚرِ نیٖتھ کرِکھ مَس برابر تہٕ پوٚز
سارِوے: اِنَّا لِلّٰہِ وَ اِنَّا اِلَیْہِ رَاجِعُوْن۔

اوٚت تام سٔپد یہ سورُے وارٕ وارٕ۔ اَمہ پتہٕ لٔج اَتہٕ آشنا
بیتر بنیتھ جماہ اُسہ تمو تُل وَدان وَدان شور محشر۔ یمن دوٚن پیرن
ہُنٛد بُہ وَنان اوسو تمہ کے منز یُس شہرس ہیٖتھ گۄستھ تہٕ لکن
اکِس مسلمان سٔپد مرنس خبر دار کرُنہٕ موکھ ہیرِ تمو کرِکھ دِیتھ
تہٕ ہیٖتھو بڈ بڈ قرآن مجید کی آیہ پرنہٕ۔

اَمہ پتہٕ چھ ساری زٕلیتھ میلیتھ وَدان تہٕ پان
مہتان۔ زنانو تہٕ تُل اَندہٕ سخ ہے۔ رٕت تہٕ خولقی اَسنہ
رٕکنو اوس پریتھ اکِس میون مول خوش کران۔ میانہ
ماجہ، یوسہ دراصل ناماوار وَدَن گرٕ تہٕ تازی رٕٹن وچھنہٕ
اُس، تمہ تُل تمن نینین کارٕ باجین زنانن سیتی تیٖتھ شورٕ
محشر زٕ کأنسہ تہٕ بُڈس اُمیر سپدِ بس مرنس میٖتھ آبہ تہٕ
تیٖتھ کنہ کاس دوٚ تھمت۔
یہ ڈیٖو زٕ تہٕ اَتہٕ نووُے آسنہٕ کنہ تہٕ گرِس منز تہٕ سادرٕ وارِے

اَژنہٕ رٕکنو چھُس بہٕ تہٕ وِزِ نی تیوٚت وَدان زٕ اَتہٕ روٚود
سارِنے پھیرُن۔ اَندرِ رٕکنو اوسُم ژٕ تَس پیوان پنُن
کارِ کرتوت زٕ کیتھہ پأٹھو منشر ووم پنُن گرٕ تہٕ گرِکی باژ
اَتی اوسُس اَمی جیتہٕ پان ژٔٹان تیتھہٕ پأٹھو یتھہٕ لکن
ہیٖے کُن وُچھتھ وَدُن ییتہٕ ہے۔

کُنجَس اکِس منز بِہتھ چھُس وَزِم وائِنجہ
پننہ وُدُن باکہٕ بیٖنن ہیٖزن۔ تِلی کرٕ یکن سیتی رٕلاوان۔
اُتھو منز آم اوختن حاجا اَکھ بڑونیٖتھ کُن تہٕ چھُم دِیان:
" نالَس وال تِژتھ یُتھ سارِنے فکر تۆر زمول چھے
موٚد مُت۔ اَما پوز خبردار چھے یُتھنہٕ سورُے نال ژٕٹِتھ
تہٕ بٔنیہ ییٖنہٕ بیشور تہٕ بیطور پأٹھو زٕ تہٕ ہیٖن۔"
ہے دوٚپُس۔ "یہ ثواب چ کأم کرٕ تہٕ زٕ پانے۔"
نالہٕ تلکِس واٹَس وولنِم تِژتھ، نالی پلون ہیٖز کیٖرِ تُر
تارِ تراوِ نِم اَلانٛزِ تہٕ ٹوٗپی وا۔ جسم کلہ ہیٖتھ، کھوٚرِ باہٕ نیونم کھوٚرِ فقیر
تہٕ دوٚپنم۔ "مَل گُنذارِس تانٛی پکو زٕ وِزِ ڈٕ نوٚنے تہٕ ننہ
وورُسے۔"

ماجہ ہیٖنز حالتھ اُس سیٹھا خراب تہٕ تمہ اوس
پانس حال بد کوٚرمُت۔ کرٕ ہیٖنز یوٚنہٕ وِزِ ڈٕ دیتھ اُس ہُسا
کَڈان تہٕ جُھتہٕ بُتھہ دی دی فقط پننس خانداِس
حَسنَا! حسنَا "کرِی کرِی آلو دِوان تہٕ اوسُن
گروٚک گرِ نکھس تلمُت۔
اُتھی منز گے ہمسایہ، دَرتہٕ پکہٕ وِنی نکھ، بنیو
کیو وِزِ پرٕ تہٕ آشنا و ریشتا و ساری جماہ۔ اَڈی آے

قرآن پوزنہ تہٕ اُذٕ مو قرآن پرنہٕ، تکیازِ تم اُسہٕ قرآن پرِتھ
یا پوزٕن سنت زانان۔ اُذٕ مو اُسہٕ دلاسہ دِتھ آمتیٚ تہٕ
پرِتھ کانہہ اوس پننہٕ پننہٕ طریقہ تاذٕی دارن دل
تسلیاہ دِوان۔

میون دِل رچھنہ موکھ تہٕ سٔے تہٕ دِلاسہ دِنہٕ خاطرٕ
کرٕ سٔے پننہٕ ترٕاٰئی اوہن صاٰبن اَکھس ھَفتہ تہٕ پانس
سیتہٕ بیہناوِتھ چھُم تسلی دِی دِی وَنان؛

"حاجیا! اِتہٕ سٔے موٗد سے مول۔ دوہ نی کیاہ بنیاکھ
یُس موٗد تہٕ سہ موٗد۔ اُسہ چھُنا مرُن۔ حماد پرِتھ خوداۓ
کُن زٕ پننہٕ دوہ گدٕن عائشہ سان، اولاد کرِن
پادٕ تہٕ اَخرس موٗد۔ اَمہٕ کیاہ کرو دوہ نی؟ دوہ نی
چھکھ تِنَد بدلہ دُنیہٕس منز ژھے۔ ژھے چھکھ تمہ
کینہ کھٹیکُھ ھیُوٗل۔ ژٕ سٔے نیرسے ساہ بُذی چھکھ۔
ہر گاہ گوڈٕ ہیو لیکھتھ بہوتہ، تو تہٕ کیاہ فکر چھے ژٕ سٔے
پرٕزی غم ہمیشہ بدلہ خوش روزُن۔ یہ چون مول یتھ
دُنیہٕس منز روزِتھ اَکس بیپس ھس کاٗسہ کاٗسہ
گذران کرٕ ھے، تہٕ اگر دوہ نی سہ مُتھ دُنیہٕس منز
خوزن تہٕ قصوٗرن منز شوٗنٹھ ہیو کاٗفوٗری مزازٕ سان
شرابِ طہور چوان روزِ، ژٕ وَنتم ژٕ سٔے شوٗ بشیا دِوٗن؟
مانوہے ژٕ سٔے پرٕزی یتھ بیہتھ وَدُن زٕ ہرگاہ ژٕ مرِتھ
تیٚلہ کیاہ بنہٕ ھے۔ بٔ یہ نیر کیاہ زن وَدنہٕ تلہٕ؟ تمہ
پتہٕ اَن ژٕ باتے کیتھ تہٕ نظرٕ تل تہٕ ژٕ ھسٔے پانس سیتھ
سام ژٕ سٔے پرٕزی تا خوش روزُن۔ مثال کرٕ، چون مول

اَسہ ہے کافر، مگر اوس مُسلمان، سہ ہیٚنکہ ہے ژرکی تہٕ اُسِتھ مگر
اوس تاجکی سُنی تہٕ ہیٚنکہ ہا اُسِتھ مگر اوس شیعہ۔ نصاران تہٕ
ہیٚنکہ ہے اُسِتھ مگر اوس محمدی۔ حضرتہ پوز اوسُس کلمہ شہادت
کھسان، اَمہ کھوتہٕ وَنتم کیاہ ایمان بنہ ہیس۔"

یہ ژھے پرٕژھی وَنہٕ تم دار یاہ کتھ تہٕ وعظ و نصیحت کرِتھ
وَدٕتھ تہٕ دِزاو۔ بہ روٗدُس پننیسے وَدنس سیتھ۔ اَخر اوٗنکھ
شراپہ گور تہٕ تو بوت تہٕ بیوٗداتھ۔ دفنہٕ ہم: "پالکہ منز مانمون؟"
مٔے ترٕدو یمیے بیہٕ بہتھ پاٹھو خوش کرِتھ تہٕ تمتھ پاٹھو نی تمس۔
اوہن صاٰبن تہٕ باقیو ذیت مُیتس صاف و پاک آبہ سیتھ شران
تہٕ اَتھ آلس رلوو کھ مُشک و کافور تہٕ سیتھ۔ اَمہ پتہ وَولُس کفن یتھ
کربلا ہچ میٚژ سیتھ قرآنکو آیہ لیکھتھ اُسہٕ تہٕ اَخر نیوکھ اوراد پران
پران مل گذارس کُن۔

تو بُودس نکھہ دِنہٕ موکھ لگہ عرصا تھ سیتہٕ سیتو آسِنہٕ کنزِ اوس
نان زٕ میون مول چھ سارنے نِشہ ڈوٗٹھ اوسمت۔ دوہ برتر اُسو تواَبس
دوہ مید وار کرِتھ نہٕ موکھ تو بودس منز منز ھفتہ ہن تہٕ کران۔ ملگذارس
بیہٕ بہتھ دِتمس تانی گے بدٕ لکھ جماہ - بہ تہٕ اوسُس تو بودس پتہ پتہ تمن
سیتہ سیتو پکان یم ساٗنی اَشنا و تمتھ زِنگہ منز زنگ ژھنیتھ اُسو۔
مٔے اجازٕ تھ بیہتھ پوٗرکھ مُیتس جنازٕ تہٕ وٗ لکھ قبرٕ منز
اَمہ پتہ کوٗر ہس عربی زبانی منز باند باند زٕ:

یا عبد الله وابن عبد الله! اذا جاءك
الملكان المقربان وليسئلونك من ربك
قل الله ربي ومحمد نبيي وعلي امامي والكعبة
قبلتي والقرآن كتابي والله حق والنبي حق والكعبة
حق والقرآن حق والصراط حق والجنة حق والنار

حقٌّ وَالقبرُ حقٌّ وسؤال المنکر والنکیر حقٌّ
وَالبرزخُ حقٌّ والثّوابُ حقٌّ والعقابُ حقٌّ۔

یہ وُنِتھ پٔرِہِس فاتحہ تہٕ پٔرِتھ قبر۔ آباہ واٲباہ پھُکِتھ
دژاے سارِی میت شُشٕند گرِکُن تہٕ مَل گُذارِس بیہِتھ رُود
فقط اوھن صاٲبِے یوت قرآن پرنہٕ۔

گرٕ واتِتھ بیٚیلہٕ مےٚ پنٕنیٚ یوت یان وٲرِث دِر
وُچھِ، زِ ہِٹھِل ہاونہٕ مٕہ کِھ تژاونٕوٕم کُھٹِھن
جوریٚن وٕتھرُن۔ اَکھ زنانہٕ کُنٹھِس تہٕ بٔیہ مَردٕ کُنٹھِس
جِنازٕ پکناوَن والین تہٕ پرٕیِتھ اَکِس یِس یوان گژھان
رُود، دِتُم بِہتہٕ۔ وَتہٕ یِمہ سہٕ نیاز کرِنِچ نِیت اٲسِم کرٕنہٕ
سوٕ پٔیِم ژٕتِتس۔ کٕھٹ تہٕ پِہ لاو تہٕ خرچ دٕوم۔ ترٕٹھ پیر
اُنِم کرٕایہٕ بیہٕتھ۔ اَکھ اوس گرِی قرآن پرِان تہٕ زٕ سوٕزٕم
قبرِ بیہِتھ لوکٕٹِس سایِبانس تَل قرآن پرنہٕ مٕہ کِھ۔ تٔمہِ
بیہِتھ شتَن دوہَن تانی یِتھ پٲٹھٕ رواج چھُ، تِتھ پٲٹھٕ
کھوٕم تازٕی دٲرِی چِلہٕ دِنی۔ یُتھ مہ دوہ سہٕ آے کینٛہہ
مرٕید یادٕ مِج بیہِتھ تہٕ پٔرٕکھ ختم شریف۔ اَمی دوہہٕ دِتُھم
تالِس ترٕوپ تہٕ یِہم زدٕ رٕیم بِہتہٕ کھٕشیا دٕنی۔ اَدٕ یِموٕ پرٕ
پرٕیِتھ اَکی اَکھ ماوِنہ قرآن سپارٕ سپارٕ۔ اَمہ پتہٕ
دژایہٕ میاٲنی موج کینٛہہ زٕنہٕ ہِیتھ قبرِ بیہِتھ تہٕ ہٕلو
ژوٕ چِہ بٲگرِتھ تہٕ وُدُناو رٕدُناو کرِتھ آیہٕ واپس۔

کینٛہہ کالا گژھتھ نِیکھ اَسی گرِکی حمامس منٛز
اَتہٕ مرٕشِد یِموٕ مٲنٛز تہٕ مےٚ کوس مَس۔ ماتمدٲری موکلیہٕ
تہٕ بٕہ ہیٚوتُنس مٲلی سٕندِس کارِبارِس سام ہینٛس کُن

تہٕ پِنہٕ گرٕٹھن والین ہٕنٛدِس تھوٚنس کُن لگُن۔

# ۴۹
# حاجی بابس مٲلی سٕنٛز ورثٕ اَتھہٕ یِنٛز

## تہٕ تَسٕنٛد تَسکُن گژھن

بیٚیلہٕ میون مول وَصیتھ کرِتھ ورٲے مود، شرٕ جِن
رٕودُس بٕہ یوت تَسٕنٛد وٲرِث در تہٕ یم دِٕنٛدن کھِر ن
دِتھ تَسٕنٛدِس مالس زاگان اٲسی، تِم گےٚ کِتھ تام
ہیوی تہٕ دژاے ژھرِو رِے اَتھو۔ دِنُکھ نار ژھیٚو
راورِنہٕ مٕہ کِھ چِھ تِم مےٚ لیکہٕ چِھکان زِ: "کولِنٛز تاوٕرٕ
زدٕ، خبیث، بے دین، لامذہب، دربدرٕ، کوہ پوتٕ
گرا آسان بٲزٕ موگا:ن سیتو تہٕ گرا دِرویشَن سیتو وَتہٕ وٕترٕ
حالِ حٲران۔ اَوَے تہٕ لوگُس نہٕ کُنہِ اَتھہٕ کھورٕ"۔
ہُتہٕ اوسنہٕ مےٚ اَصفہانس منٛز روزٕنُس
دِلے کران تہٕ نہ اوسُم اَتہٕ روزُنُے؛ مےٚ تھوٚونہٕ
پیٚھنٛزَن کھتَن ہٕنٛزی شُنٛد یوت کَن۔ مےٚ دٕوپ
اَدٕرِی چِھ دوران مگر اٲخر وُچھِم کٔصِنہ لحاظِ کینٛہہ۔
تہٕ ژارِ مَکِھ اَکِس لیکہٕ داہ لیکہٕ تَمہ پِہہ مےٚ تِتھ
زٕ بیہِتھ سفرس منٛز قلنٛدرَن تہٕ تفتیشی یٚیہ
والین سیتو دوہ تھٕنہٕ بِہنہٕ کٕنہ ہیٚچھٕرِتھ آسہٕ تہٕ یِمن
ہٕنٛزٕ نہٕ پیٚھنٛدِن اجدادَن تہٕ خبر آسہٕ ہےٚ۔
بیٚیلہٕ موج نہٕ بٕہ تازٕی دٲرِی نہٕ ماتم کرِتھ فارغ
سپدِی، اَسہٕ ہیٚیٚژ بینٛخ پٲٹھٕ دوٕنی کَتھہٕ باتھ کرٕنی تہٕ

دۆپمس :

بۆ ۔ دۆپمۍ ہے موجی! وُچھی اَسہ ماجہ پوتہ ترن
ماگژھ کانٛہہ چیز ژۄکر یا ژھایہ روزُن پانہٕ وانی
تلے میے وَنتہ تَس بابہٕ جنتھ کارِ سُنٛد کارٕ بارٕ
کوٚت بیچھ اوس وو تمُت ۔ وُچھی ژٕ اَکھ
تَس اَنٛدرٕ مٕنٛزٕ تہٕ ژٕ نیٚرٕ چھے تسٕنٛدِ بیرٕ
ہیٚنٛز خبر ۔ لہٰذا کرٕتھ آسی ژٕ یے تسٕنٛدِ
کارٕ بارٕچ تہٕ پورٕ خبر ۔

موج ۔ (بانبرِتھ) گوٚبرا ! میے کتہ باگیہ خبر !

بۆ (بیتاب گژھتھ) ناسے، وُچھی ژٕ نے چھے
خبرے زٕ شرحن چھُ واُرٕث دٕرِ یے پیوٚن موٚرٕ
سُنٛد قرض نکھہ والُن ۔ میٚے گژھ نٕنُن تَس
کتھُتھ تہٕ کوتاہ قرض اوس ۔ بیچھ وُچھتھ
پانے کفن دفن کرٕ نش کوتاہ لوٗگُن ژکین
چھُس بہٕ مادر زاد ننٛگ چھوٚم ۔ میے چھتہٕ
کُھنٛڈ ہار تہٕ چھنٛدس ۔ ژھروٕے اُتھوٗ وَنتم کیاہ
کرٕ ۔ لکن مٔنٛزٕ نے چھنہٕ انسان ژھروٕے
اَتھوٗ کلہٕ ہیکان تھوٚد تُلتھ ۔ آخرٕ گژھ اَکس
بیٚیس نِش پنُن کونکھ برابر تھَونہٕ موکھ
چھنٛدس پوٗنسہ آسنے، نتہٕ ہے میون تہٕ بابہٕ
سُنٛد ناو لڈٕ گژھ ۔ دُشمن دِن پامہٕ تہٕ تم
نے دِن وَتہٕ پکنہٕ ۔ ظاہر گژھ بابہٕ آسن ووٚلے
اوسمت آسُن نتہٕ زَن [illegible]

تسٕنٛدِ مرنہٕ کہ دوہ ہنہ تَس رٔژھ چھنہٕ موکھ پیاران
اُمس تہٕ یم پنتہٕ میٚے وُچھتھ ژٕلی، سعہ جمالتھ
ہاریہ ہے منٛگہٕ تہٕ منٛگرتہٕ گژھ ہِنن اَنٛدی
اَنٛدی تَس لارِتھ ۔ تلے ووہ لہٕ موج، پکھ میٚے
ہاومول جنتی کتھن اوس نقد پونسہ تھوٗان،
تہٕ کمن کمن نِش چھس وگراے بابقے بییہ
ونمی کیتس اَکس آسہ تمی حاداد پہتھ کُن ژُرد وتی
تہٕ پہتھ کُن کیاہ کیاہ چیز روٗدُس ؟

موج ۔ ہتا خودایہ میانیا ! یہ کہو چھکھ ژٕ ونان ؟
ژٕ ئے اوسے مول بچور مفلس تہٕ سفید پوش
ژٕ کیاہ وَنان نقد کتہ چھُس تہٕ کوتاہ چھُس ؟
بچور زوٗجان ژٕ رٹھتھ اوس کنہ تانی ہمہ چیہ ژفنہ
سوٚنب زیبان ۔ اوٗ، زانٛہہ کانٛہہ ہے واتس
بیچھ خریدارن ہُنٛد ژوٚر پہن ییٚن گژھن روز
ہیٚس، تمہ دوہ ہنہ وَرِش ہے ناہٕ لچھلس
سُتھ وُچھ ہاو ۔ نتہٕ اُسہ دوہ ہے ژھ چھ تہٕ
پھہ کھیٚنے کھیٚنے گُذران کران ۔ اَسہ اوس
گوٗس چیٚنے چیٚنے تہٕ گنٛڈ ژیٹھ کھیٚنے کھیٚنے جیر
وو تھمت ۔ ژٕ چھکھ نقد رو پیہ ژھانٛڈان !
ییٚچھس حالس مٔنٛز پیٚلہ نہٕ اَسہ یڈ برابر اُس
تمہ کتہ گیہ روپیہ پادٕ ؟ ژٕ ئے اوسے کیاہ
ماُلس ؟ یہ اوسُس تہٕ چھُے نظر تلے، اَکھ چھُس تہٕ
گرٕ کُن بیٚیہ چھُس وان، بیٚیہ چھُس یہ گرٕ دیچھ ؟

یہِ چھُ تہٕ چھُہ تیٖلی چھُم۔ بٮ۪یہِ ونتم بٮ۪یہِ کیاہ چھُس؟
دوٚپہِ ہاو گوٗبرا! اَتھ آہم وخٮ۪تس بیہِتھ۔ ژٕ ژھٔنِتہ
ووڈی ئالی ہٮ۪ش جاے واتس بیہِتھ۔ یوٗتھٕے
خم وا صابن چھنہ اَکھ یٮ۪یہِ پھیر کرے تہٕ
وَری یہِ کس وَری پتس روزی اتھ چلہِ وٕن، تہٕ
زانہہ روز کھنہ بہتھ۔

ہٕ۔ آہنی یہِ چھُ ہاو تھا ژٕ ہٮ۪شِرہن وَرین گام
کٕسب کرٕتھ روزٕتہٕ بابس کھنڈ دِروٚتہٕ پٮ۪تھ
کُن۔ یکس وٮ۪ترٕ عقلہٕ۔ مے چھُ صلاح بیواٗن
بہٕ گژھہ وچھن وابس۔

موج۔ (پریشان گژھتھ) وچھن وول کُہ مو کِھ
اَہ ہن تہٕ! اِد تہٕ کرٕتھ یہِ تن، مے کیا؟
وچھن وول چھن تمہ وزٕ گرٕ اَنان ییلہِ
کانہہ چیز ژوٚر آسہِ نیوٚمت یا روومت
آسہِ۔ ژٕ ہاو چھکھہ مے ژوٚر زانان، وووڈی گوٚ
ہرگاہ ژٕ مے وتسہ ہشنکہ چھے ژٕ بہٕ چھُس
ژوٚر، تہٕ چھے ژٕ مے تیلہٕ پننے بدنیت آسن وٕنہ
نادان۔ گژھتہٕ ئالی سِنذس یارس تس اوخن
صابس پرٕژھتہٕ۔ تس چھے سارِی خبر ستہٕ
وَنی یِی یہِ مے ووٚ نیہے۔

ہٕ۔ آہنی یوٗزہے چھکھہ وَنان ژٕ۔ اصلی ہے
آسہِ اوخن صابُنے سارِی خبر تیکیاز بابس
اوس سارِی ہیشے اَتھہِ منزٕ آسان۔ ہرگاہ
بابس نقد اَتھہِ کینہہ چھُ یا نہٕ چھُ، تہٕ آسہِ
تسی خبر تہٕ ظاہر تھٔو یہِ سہ مے نش کھٹتھ۔

ہٕ دراس سٮ۪ٹھ وٕے اوخن صابس نش۔ تراتھ
شرٕہن بزوٚنیتھ کنہہ وچھُم یہِ تیتھے یاڑھی کوٚتجس منز بیہِتھ
بیہِتھ یاڑھی وَدٕ وَرِی برٕونٹھ وچھمت اوسم۔ یتھے ہٕ
وچھنس تیتھے دِتن شرٕہن روٚ خصتہٕ تہٕ دوٚپنکھ
"گژھو ہاو چھس مٔنگو قدمن برکتھ، یوٗت یوٗت واتان
چھُ تتہ تتہ چھُس شاد پانس برٕونہہ برٕونہہ روان
آسان"

ہٕ۔ اوخن صاب! تلہٕ حقس مہ آس خندکران وا تہٕ
سنذ پاسہ۔ سہ کرٕتھ قدمن برکتھ ہا مے شوٗکٹس
پٮ۪نہٕ گوٚتخ پھیرٕتھ بیتے۔ مے اُس رائے زٕ ہرگاہ
تقدیرن مے موٚل تھٔو نیو، تس بدلہ
ما آسہِ تہٕ مے کرٕ کانہہ وراثت تھٔو مرتھ
مے دکھ مشتہہ میٚم۔ مگر شوٗکٹس چھُ تاونہے تاوِن
بوزنہٕ یوان۔ ژھوہ پاری چھیم شکیے تٮ۪سکس پاسان
تیتھی یتھنہ واتھے یہِ کہِ دِتہٕ۔ ظاہر ما گوس بہٕ تلہٕ
تہٕ بہٕ ما روز تہٕ بُجتہٕ دِنس لایق تہٕ۔

اوخن صاب۔ (اسمانس کُن اَکھ زٕ نیر گدٕتھ)
إِنَّ اللَّهَ يَفْعَلُ مَا يُرِيدُ۔ يُعِزُّ مَنْ
يَّشَاءُ وَيُذِلُّ مَنْ يَّشَاءُ بِغَيْرِ حِسَاب۔
اَہنسہ گوٗبرا، دُنیا چھُ یی۔ یوٗت تام یہِ انسان
یتھ دُنیہس لاہ کرٕ توٗت تام زان تہٕ ییی روز

سپداں۔ بہتر چھُہ کُنہ چیزُک نہ ٹھِیہِ تھاوُن ییتھ
اِنسان فکرِ روَس روزِ۔
یہ۔ اوہن صاحب اِنہِ کرِ پیٹھ چھُہم اَکھ درویشی
منز ژامُت ؟ اَز چھُہم صوفِیَن ہِندِ اَندرے بول
بوش کران۔ یمن دوہن مےٚ تہٕ ییٚنہِ بد نصیبی
وُچھنہٕ اُس آمُت تہٕ قِسم شہرس منز کٔڈ نم ژھِل
یُتہٕ کیاہ اوسُس تیمن دوہن یتھے پریشانی وِنان۔
مگر تِمہٕ نِش چھُسے یہ دوہ نِ پھیوٗرمُت۔
اَمہ پتہٕ وۄنمُن۔ زِ یُہ کمہ معہ کھ چھُسے آمُت تہٕ سُہ سخ
عاجزی کرِمُس زِ مےٚ وَنیتہٕ مٲلی سُندِ کاروبارُک حال
کیتھہ تہٕ کیاہ اوس۔
اوہن صاحبن کوٗر زامہ ٹوٗکھاہ تہٕ بُدرس کاہ گاہ ملُو
سُند مرِ پاٹھو دیُن گوڈ دماہ یہ پتہٕ کین قِسم بُوشتہٕ تِمہٕ پتہٕ چھُم
عادت تہٕ عادُن تی وَنان یہ ماجہ اوسُم وۄتہمُت۔ اوہن
صاحبنہٕ وَننہٕ کنو اوسِہٕ مٲلس میانِس نقد بوٗنسا ڈُھکا
کہِس تہٕ نہٕ اَسن کانہہ وراثھ پتہٕ کُن ژاوِ مژ۔ یہ
مےٚ بینِو اُچھو وُچھ تہٕ ییٚمِ ہےٚ خبر اُس، بس تی
اوسُس کُل ٹھیلہٕ پتہٕ کُن ترٛاوِمُت۔
مےٚ کرِ یہ بوٗزِتھ گوڈے زھوہ یہ۔ تمہ پتہٕ چھُس
یہ زورِ زورِ اُمِس وَنان: "مےٚ چھےٚ ییٚنِس مٲلِہ سٔنز خبر
سہ کوتاہ بزرگ اوس۔ نہ اَنہہ تہٕ چھنہٕ تمی پوٗشیہ سوٗدَس
پیٹھ دِیتمُت۔ مےٚ چھےٚ لوکچار پیٹھ اَمیُک خبر۔ اَکھ
دوہ یہ آو میون گوڈنیُک آغ، عثمان آغ، بابس نِش
تہٕ منٛجہ نِسن روپیہ دوہ زُم تہٕ دوٚپنس یہ دِمے سیٹھا
سوٗد۔ بابن دِیُنس نہٕ ہرگز تہٕ سوٗدَس پیٹھ تہٕ بوزِنووُن
قرآنِ مجیدُک آیہ کریم۔ "وَحَرَّمَ الرِّبوٰا" تہٕ سوٗد
ہۄد موٗنگنس نہٕ کہیں۔ وۄدنِ گوو تِمہ پتہٕ ما آسہ ہے
سوٗد ہنیومُت تیمہ چھُمنہٕ خبر۔ مگر مےٚ چھُہ یتہ بہتھ زِ
میون مول اوس اَکھ پاک مُسلمان تہٕ نایاب کیوٗرنِش
اوس مُنزہ تہٕ پاک"۔
مسجدِ منز دِژاس نِیبر تہٕ ژکھ ہوت وۄتُس ییٚنہِ
گوڈنیچہ کامہ کسب کرنیچہ ییٚنچہ (یاں زِ مٲلی سُندس
وانس) پیٹھ۔ مُژار اوسُم وۄتھمُت زِ "کرِ ہے تہٕ کرِ
کیاہ ؟ دوہ نِ ہیکہ نہٕ یہ اصفہانس منز روزِتھ یُتھے
لعنتہ یتھ اصفہانس تہٕ اصفہان کین۔ مےٚ
چھُنہٕ یِیمہ وَرائے دوہ نِ چارے کانہہ زِ ییٚنِ دِش
نداش کینہتھ گژھہ واپس دارالخلافہس منز۔ تِکیازِ
کانہہ بیکار تہٕ تھاگنگو ہرگاہ کُنہ جایہ وِییہ، شُہ وِییہ
تیتی۔ مگر بیاکھ چھُم دِلس بہتھ زِ میانِس مٲلِس چھےٚ
ھنوٗرِ وۄر کرِتھ نقد روپیہ آسمژ۔ یہ خیال چھُمنہٕ ہرگز
تہٕ دِلہٕ منزِ نیران۔ سخ زِنہٕ آس تہٕ اَیِنہہ تہٕ چھُمنہٕ آگ
باگاہ یوان۔ دوٚیم چھُنا صلاح گژھہ قاضِنس تِش
یِی سوچان سوچان ووتُس کاروان سرایہ چہ ڈیڈِ پیٹھ؛
اَتہٕ کرِ نم تمی مرید یا ڈیڈِ ڈیڈہ انون سلام تہٕ مٲلی سُندِس
مرنس پیٹھ دِل تسلیاہ دِتہٕ پتہٕ کوٚر نم دعا یہ خانہ
"دوہ نِ تھۄی نے خودا زِندہ تہٕ دُمرکرِ ہے نے برکتھ"۔ مےٚ

دوٚپُس۔ "علی بَبا! ژٕ تہٕ چھُکھ لاگان نادان۔ ژٕ کیاّ چھُکھ
وَنان؟ ژٕ کنہہ کرٕ چھُکھ مےٚ زٕ بیٚہہ دُرٕ تہٕ صحت
منگان؟ میٚہ ووٚنی دوہ ژھوہ ہاکنےٚ، تی اوس
جان۔ میانہٕ حقہٕ اوس موت بہتر رُت۔ بہٕ کہنہ کیاہ
چھُہم کانچھان، تمہٕ سیتۍ زیٚنہٕ ہم مصیبتہٕ تہٕ تاوٕنس
گژھہم ہُرُن۔" امہ پتہٕ تُرٕ ووٚم ووٚشا ز: "ہاے
افسوس! ہاے افسوس! کیاہ وَنےٚ وائنۍ چھم چھٕٹمٕژ
تہٕ جگرس چھِنم، زیہ گنڈٕ ہُرٕ!"

یہ بوٚزِ سہ ہیٚنٛد گوہاران تہٕ چھُم دپان: "ژٕ کیاہ
چھُکھ وَنان؟ مائرِس اُسونےٚ مغفرتھ، سہ گٔنٛڈ ووٚیہٕ
ژہے یوت روٗد ہس بیٚتہ کُن وارِث دَر۔ جوانی تہٕ
چھےٚ۔ خود ایژِرھ نےٚ، اڈر دوٚرٕ تہٕ عقلہٕ شکلہٕ تہٕ چھُکھ
جان۔ ووٚنی کیاہ گوٚ ژٕھے آسُن۔ بیٚتہ گوٚ ژٕ سے ہسہ
چھےٚ ہیونگہٕ یوان، اَدٕ تمہٕ کیاہ کرٕے بہٕ؟ ژٕ سے چھٕنےٚ
ہوومُت، گژھ ہیٚتہٕ تیٚسلہٕ ژھنٛنہٕ کھ لیہ وہ ٹھ۔"

بہٕ۔ اَہنسہ یہ چھٕ بوزٕ نے یوت چھُس وارِث دُ
مگر سہ وراثت وَنتم چھےٚ کتہٕ؟ سارِ پہر شرٕ چھُہ
کُل ٹھیرِ ہٹھنٛد پرانۍ لیفہٕ زُٹ، کھوس تہٕ لوٹہٕ
کھنٛنڈ اکھ۔ یہ وَنتم لگیم کتھ یہ؟ لعنتھ پھس
مرنس تہٕ مرن وائِس۔

علی محمد۔ رُوہ پیہ تیٚسنٛز کوٗت گیہ؟ ہاجیا! تیٚسنٛزن زقہ
کیاہ گوٚ؟ چون مول، بِنسہ اُسونس، تُہتہ سہ
دِل مُژرٕ بہتہ خریدارن صابن اوس منھان تیٚتھٕ
اوس پونسہٕ خرچاوُنس کیٚنٛہہ کوٚنڈا۔ اَدٕ ژنگھو هنر
اوسُس تہٕ آبہٕ قسطہٕ تہٕ پہہ پتھ ژلان۔ یہ چھےٚ
سارِنےٚ خبر زِ سہ اوس جماہ کرنُس کُن لوگمُت
تہٕ تس اوس سیٹھاہ پونسہ پس انداز۔ پژھہٕ کانسہ
چھےٚ خبر زِ کانہہ دوہ اوسہ نہ سہ پیٚٹھہ دوس پہٕ
سہ بُجنھ کرہ ہےٚ۔ تمہ رُوہ پیہ کتہٕ چھےٚ؟

بہٕ۔ دوہ نی بیٚیلہ چون بُوز مانو، ہیٚتہ کیاہ وَنوٗنہٕ گرٕ
چھُنہٕ کھوٚٹ پونسہ تہٕ نقد موجود۔ موج چھم دپان
"مائرِس اوسُے پَدٕ کہہ ن" اوخن صابٕ چھُ تمہ
شہادتھ دوان۔ اَدٕ سہ غائب تہٕ بیٚمنہٕ غیرت
نہ چھُس وُچھن دول زِ تِنہٕ ہیم بُوزچھا کنہٕ
ایُن۔ ہرگاہ بوٚز ےٚ مانو، تیٚسلہ گیہ کوٗت تمہٕ زقہٕ پیہ؟
دوٚ پہےٚ ہسہ! گژھہ نا بہٕ قائنس نیش؟

علی محمد۔ قائنس نیش؟ کرٕ خدایہ خدایہ۔ اللہ تعالیٰ
میہ لاگی نےٚ تور۔ تمہ کھوتہٕ چھےٚ بہتر سیٚٹھو دےٚ
جہنمس گژھُن مگر تور نہ۔ تور گژھن چھےٚ
یژھے ہش کتھا زِ بہٕ آسہےٚ تہٕ بیٚتہ سر یہ شرٕ تہٕ
اُتھو شرٕ یکھ ژٕ تہٕ کرِکھ بہٕ تس ٹھک ٹھک۔
اَدٕ سہ کُس بوزٕ چون بیتہٕ؟ شرٕ ہکس
ہائی منس کرٕ گژھ صحتہٕ چھُکھ دپان زِ تتہٕ کرٕ فریاد
مگر یہ ما چھےٚ خبر زِ اَدٕ کوتاہ نکی تیتہٕ؟ قائنس
چھُ کنہہ رُوہ پیےٚ ہیوان تہٕ ژٕ تیٚتھو بونٛڈو کم چھُنہٕ
پیٹھو وانۍ زٹانے۔ تمہ پتہٕ دِیہ تس ما چھُ بکان

کیٚنٛہہ یا تِمٕنٛد حُکُم ما چھُہ چلان، حرام زٕژھ ہے!
سونٛگ چھُس بیٚتھ طہاہ ہرگاہ نہٕ قرآن شریفس
سۭتۍ رٕکھ دِتھ آسہٕ ہٕنٛنس زانہہ تہٕ مرٕنٛد اوہے
نہٕ تِتھ۔ بیٚیہٕ ہیمو چابُس مالہٕ مٕشٕدیٚن پونٛسس
ھٕتھ چھےٚ پٕشِہ، چانہِ کہٕ دیٚنہٕ پونٛسہٕ تُم جاگوہ
سٕنٛدٕ وَننہٕ ژٕسے وا اِیٚس ، تمہِ چھےٚ راہ۔ جاگٕنٕس
دِن نہٕ تہٕ ژٕسے دِنے۔ مَرٕکہٕ تسے کھوٚٹ پونٛسہٕ
تہٕ دِنے نہٕ۔ یُڈ مٕنٛز کھالنے واپس تہٕ دِن فارٕغس
مگر ژٕسے دِنے نہٕ۔

بٕہٕ۔ اَدٕ سہٕ پٔتھ کیٛاہ کرٕ بہٕ؟ فال کڈن والہِ سٕنٛد
یا وُچھن والہِ سٕنٛد سۭتۍ پیا کانٛہہ فائدٕ؟

علی محمد۔ یِم وَرِش چھےٚ تو تہٕ کیٚنٛہہ۔ یِنہٕ پیٛٹھ یٕتھ سرایہٕ
مٕنٛز دوہم تِنہٕ پیٛٹھ چھُس ییٚن ہٕنٛد کیٚشہ کیٚا
بوزان۔ وارِیٚن سوداگارن رود بیٚتہٕ پونٛسہٕ
اَدٕ اَتھے آکھ تہٕ ہیٚنٛدی دُسی۔ فقط کیٚشہ سہٕ
لوٗگنہٕ سہٕ مال اَتھہٕ یُس تہٕ کھانو لوٗٹہِ نیٚو۔ نجات!
نجات! دَیان چھُس کُنہٕ بلاے آیہٕ تمہِ دوہہٕ
ژٕسِتھ۔ بدلے تماشاہ گوٗ تمہِ دوہہٕ۔ اَدٕ لوٗٹان
زدٕ کوٗرُس بدنام زِ ژٕسے تہٕ اَسے تہٕ کھانن سۭتۍ
اَٹھ، زیادٕ جبٕہ چھُس یہٕ تمو جیٚبہِ مُنٛز داونو
چھوٗن ناد ہیٚتھ برٕتہٕ اَدٕ ووٚتھ سہٕ شور نکشرٕ
یہٕ اُس خداے سٕنٛز مہربانی زِ علی محمد اوس اَدٕ اَمن نٕتہٕ
پیٚمہٕ تسٕنٛز کٔنہٕ بوزِتھ یُس مٕنٛے تھٕجس اَکھ رنگ یوان

اوس تہٕ اَکھ گرٕھان، ہرگاہ تس تہٕ بوزنہٕ پیٚیہٕ ہے
میانہِ سارے ٹھٕکل گرٕھہ ہے وُژھ۔
موٗکھر سیٚد مُشفق زِ علی محمد اناد اصفہان
یکس کتانی ناماوار وُچھن والیس میانِس مالہِ سٕنٛز
وراثت مٕنٛز کڈنہٕ موکھہٕ تہٕ سوزِ تس میون گرٕ۔ دوٚپُن
"یہٕ وُچھن وول چھُہ تیٚتھ زِ ہرگاہ سُہ نہٕ زٕژھ کُنہٕ
جایہٕ زٕ پیٚنس تٕل ووٚہ گژھ یا کاشان کس تِتھ مشہور
کیٚرِیس مٕنٛز تہٕ ژٕوکٕرٕ آسہ، یہٕ کڈیس اَچھ پٔنٛنہِ مٕنٛز نوٗن۔"

# ۵۰

# حاجی بابن مالہِ سٕنٛد پونٛسہٕ لبنہٕ موکھ

حال کتانیٚ نہٕ وُچھن والہِ سٕنٛد قصہ
بیٚیکہٕ دوہہ ہیٚر ژاو صُبح نِمازٕ پتہٕ یِہن شخصا
اَکھ میانِس کُٹھس مٕنٛز۔ یہٕ وُچھو تیٚمے زون مٕنٛے یہٕ
گرٕھ وُچھن وول آسُن۔ یہٕ وُچھُم کوٗب تہٕ کلہ
وُچھمس بڈ بوٚڈے۔ اَچھو کینہِ اوسُس بار نیران تہٕ
پیٚمہٕ اَچھہ آسُس زٕژھہ تیز تہٕ ہمنارخ زِ مٕنٛے زون پیٚم
اَکی نظرٕ سۭتۍ دا یہٕ یہٕ میانِس تہٕ گٔژھس۔ گکو اُسس
کلس تہٕ اَکھ اوسُن ژھوٚٹے دستار اَنٛدی اَنٛدی وولُت
متیٚن ہٕنٛدی پاٹھی اَسُس چھیٚکیٚن تام مَس الونٛدٕ ریش
اوسُس گوٚن تہٕ آمہٕ سۭتۍ اوس روب دار باسان۔
پٔنٛنہِ پتہٕ پٔنٛنہِ اوس اَچھ پھِران تہٕ تہٕ زانہٕ خدایہٕ
اوسہٕ اُکھتھ کران کُنہٕ عادٔتھ اوسُس۔ آمہٕ جیٚیہٕ تہٕ

اوس باساں زِ یہ شوبھا چھنہِ اِنسان ذاتس اندر ظٲہِر
چھُہ نسلِ جِن یا نسلِ شیطان۔

سوال پرٛژھو پرٛژھتھ تِمَو گیو۔ سار دُہ
ہِندیٚ قیصہ تہٕ خاص کٔرِتھ اصفہانَس واتنہٕ پتہٕ یِم
کینژھا میلٕہ تٔمی تیٚمِس تہٕ پرٛژھنَس سورُی تہٕ زونن
زِ میانِس مالِس کُس اوس اصلی یار تہٕ میٚ یکُس بیٚچھ
چھُہ شکھ۔ مختصر یِتھ پأٹھی اکھ حکیم اُکسن سپارس
گُذرٲو۔ وُچھِتھ سارِی پرٛژھِ غأر کران چھُہ،
تِمَے پأٹھی ہیرِ مٔلۍ اُمر سارِیے کٔتھ تہٕ سورُے
کینہہ پرٛژھِنَم۔

میانِہ یِمہِ سارِیے کتھِ دِلَس منز کھٔنیِتھ چھُم
تِمہِ جایہِ ہُند پرٛژھان یٔتین میون مول زیادٕ وٕنتس
بیہان کران اوس۔ اَمہِ وِزِ اُس میٚ موج حمام کرنہٕ
گٲمِژ۔ میٚ ژٕوت یہ اندر حمل خانس منز تہٕ اُمی یتہٕ
وُچھی کھٹکہٕ درأے سارِے جاے۔ دوٚپنَم زِ ژٕ
کھٔنیِتھ ژٲو میٚ کُن زوٕ نٕے یُتھ بہٕ پننہِ جایہِ سام
ہیمہ تہٕ مطلبَس واتہٕ۔ پکٕہ پیٚتہٕ ہیٚن ہنٛژن دوٚد
یہ اندر تہٕ تِمنٕے نیبر ژٲو، دوٚپنَم زِ ژٕ اُنکھ پننہِ
سارِی یار دوس تہٕ اُشناو رشتاو سعٕ نیبر اُنِتھ،
اَتی یِمہِ بہٕ تہٕ وُچھو تِمَو وایِس کیاہ آسہِ کٔرمن۔

اَمہِ اصل قِصُک شکھ کرنہٕ درأے دوٚگنم جایہِ
زِ مٲلی ہِندین یارَن دوستَن سوزُن یِمَو پتہٕ کھیٚنہٕ
موکھ ناوٕ تہٕ یاہِ اَتہٕ ناوٕ وِم اوٚتن صاحب، ڈیٚڈ ہوان

مٲلی ہِنز گٕہ ڈٲنچھ زنانہِ ہِنٛدی اُشناو، پننہِ ماسو
تہٕ تِم سارِی ناد دِتھ یِم سون گرٕ پیٚوان گژھان اُسی۔

کانٛہہ تہٕ روٚدُ نہٕ باز تہٕ سارِی پٔیِیے واتِتھ کھٕین
چناہ کرِتھ تِم کٔتھ تہٕ دوٚپمکھ زِ میٚ چھُہ وُچھُن وول
اوٚنمُت یُتھ میٚ تہٕ آخر نیٚنہٕ زِ میانِس مالِس کانٛژہ
ہار آسہِ تہٕ کٔتہٕ چھُن تھوٚمُت تہٕ تیٚمِچ تعہٕ تہٕ پانس
خبر چھُہو۔ یہ وُنِتھ ژٲوِم یِمن سارِنے ہُنٛدِس نظرٕ
زِ خبر چھا کانٛسہِ ہِنٛدِس ہُنٛدِس بیٚچھ مانیم، تِژھ
علامت ابوزنہٕ یٔمِہ سِتہٕ داوِس دواہ بنیم۔ مگر کٔنہٕ
سارِی وُچھِم زنتہٕ میٚیے اَچھِ روٚٹ کرِنہٕ موکھ شیمارٕ
ہِندِسی پأٹھی بغرض پأٹھی پیٚہِتھ۔

تِمٲمہٕ تیز نگاہ درویش صاحبَن (اُمِس وُچھن وٲلِس
اوس یِہی ناو) آو ژاٹھا اکھ تہٕ دِج اُکِس منز کمتانی
چیز ویز ہیٚتھ تہٕ ژٲو کُٹھِس منز۔ زنانَو تروٚو ہُنٛدِس
پردٕ تہٕ درویش یار لوٚگ پننہِ کامہِ کُن۔

گمہ ڈٔنِتھِے ترٲوِن سارِنے نظرٕ مگر اوٚتن
صاحبنِس ہُنٛدِس کُن وُچھُن ژٕرِ ہیٚے کالس۔ اوٚتن
صاحبَن ہیٚچ تہٕ تنیس یہ نظر زرٕ دِتھے تہٕ وُٹھوے تَمِہ
یوٚرُن "لا اِلٰہ اِلّا اللہ! اللّٰھم وَقِنی شرٕ مَن لا

---

۱؎ طہران چھ تہٕ فلاٹ ہِنٛز کتابہ منز چھُہ "درویش تیز نگاہ"
لفظو پتہٕ لیٚکھِتھ "اینک اسم او"۔ ۲؎ پروردگارا! میٚ
رٔچھ یِتھ کانٛسہِ ہِنٛدِ شرٕ نِش تہٕ بہٕ پھٔسے نہٕ ژے
درأے کانٛسہِ کھوژان۔

اُمِس زنانہٕ ہٕنٛزِ بد خصلژ تہٕ دۄم بیٛچھٕ ڈُرن تہٕ تشٕرٕن ہُمن
ہُنٛد حُسن یاد اُسو پھٕتے کرِتھ تٕسٕنٛد تو نکو تانی تأریف یمہٕ مِحضر
ووٚلم تٕسٕنٛد حُسنٕچ تأریف کرِتھ تہٕ پانٛژھٕ نادِ زِ اُسُس آب۔
اَمہِ پتہٕ ووتُس دٕوان دٕوان نادان پیٛرس نِش۔ اَمہِ
فتیٛح خوش خبر بوزِتھ پھیٛو لیوٚ تہٕ یِمن دۄن ماز لولہٕ بنیٛن ہُنٛد
قصہٕ بوزِتھ آس مزٕ ہیوٚ۔ دوٚپُن "گوڈٕ کیاسہ پیٛیی ژٕ متعہ
پَرُن ہٕنٛچھُن۔ پتہٕ یِمِہٕ شرحٕچ کام ہش باسہ۔ ژٕ تِمس تھوو زِ
یِھند مشی زنتعہس منٛز گژھن زِ وکیل آسُن۔ اَکھ مَردٕ سُنٛد
طَرفٕ تہٕ بیاکھ زنانہٕ ہٕنٛد طرفہٕ۔ ایجاب قبول وِزِ گژھ سوٚے
کیٛتھ عربی زبٲنی منٛزے پَرُن مِثال کرو بیٛیہ میاد، رقم تہٕ
وکیل مقرر سپدن۔ زنانہٕ ہٕنٛدِ طرفُک وکیل وَنہٕ ایجاب کران
کران: "متعتُ نفسی موکلتی۔ لموکلک علی الثمن
المعلوم فی المدۃ المعلومۃ" مردٕ سنٛد طرفُک وکیل
وَنہٕ قبول کران کران: "قبلتُہا لموکلی علی الثمن المعلوم
فی المدۃ المعلومۃ۔ مگر "متعتُ و قبلتُ" چھِ جان
ساری لازمی حرف ہیٚتھ پَرُن۔ اوَے چھُ زنانہٕ ہٕنٛد طرفکس
وکیلس ہیوان وَنُن: "متعتُ موکلتی لموکلک من
موکلک عن موکلک علی موکلک علی الثمن المعلوم
فی المدۃ المعلومۃ۔" مردٕ سُنٛد وکیل چھُ ونان:
"قبلتُہا لہٗ بہٖ منہُ وعنہُ وعلیہ
علیٰ الثمن المعلوم فی المدۃ المعلومۃ"
اَمہِ پتہٕ سپدِ فأصلہ زِ نادان صاحب آسہ ہمیشہ ایجاب کر
طرفہٕ تہٕ یہ آسہ قبول کرنہٕ کہ طرفہٕ، روزان بیتی تھوٚ تم
کتھ دٲیتھ زِ "یِتھی موقعہ گژھن پیٛتے آنٛدٕ

تراوِنی، تہٕ دوٚشوٚنی طرفن گژھ حسُو پتہٕ موجوٗب
نقد دِنٛگو چون کیٛنژھہ نتہٕ کیٛنژھہ ہیٚوٚنے۔"
پتھے یہ رٕژ شیٛچھو حکیم بابہٕ کنن کرِم، ہُمن زنانن
گنڈٕن حسد کرِ نارہ رٕنٛہہ۔ دٕپان چھکھ: "اَمہِ نسہ اَسہِ
ماچھ مم دِنٛگتھ۔ اَسہِ تہٕ ہرگاہ نمہٕ زٕ لیٛتھ پیلٕتھ آسِن
اُسہ تہٕ روزِ ہوٚے یاد۔" یِتہٕ دِنوٚ زِ حکیم بابہٕ کرِنہٕ اَکھ
زٕتھ تہٕ عثمان آغنس پننٛتو ناز نخرہ ہوِنہٕ معہ کتھ تاوِلی
تہٕ تس اوس اکس ترکی انسانس لوگ پانٛژھ ہتھ اتھس
منز اننک ورتاو اُسہ پھٕتے تہٕ بَرٕ تہٕ اوسُس پننہٕ جایہ
یِژھان زِ تس گو ژھینہٕ کنٛزل تہٕ سعہ رُہہ لاگِتھ یِمہ
کمانن تہٕ ہرنہٕ چشمن ہُنٛد ٹیلہٕ ٹاکر روزُن۔

حکیم بابہٕ نِش ڈراس تہٕ ووتُس عثمان آغس
نِش۔ سہٕ وُچھُم تیار۔ سہٕ بیچار اوس وار یہس وخُتس
گُرمتس تہٕ گِہس منٛز رۄدمُت۔ لہٰذا اوُسنہٕ مس
کاسنہٕ، صفأیے کرنہٕ تہٕ پھلی لیہ منتھنہٕ وراے
چارے کانہہ۔ حمامس منٛز ژاو تہٕ اَتھن کھوٚرن
مُژھن ژانٛزاہ تہٕ ریشس کورُن بسمہ۔ نوو نیٛلوٚ لاگُن
ناگلی تہٕ عاذتہٕ بدوٚنے ڈٕژن گونٛژھن پیٛچ وُٹھنیاہ تہٕ
اَمہِ پتہٕ ڈراو میٚ منگن ٹھگس سیتھ تہٕ وأتی اُسو نادان
پیٛرس نِش۔ اَمہِ حیسہ تہٕ اوس عثمان آغہ وِہ نی ہیٚس
نٔے توتہٕ پٕتہٕ ڈراو شراہ وری حکیم بابہٕ ہٕنٛد کھعوٚ تہٕ لوکٕٹ
لینہٕ یوان۔

یِمن دۄن زٕ مادن ہُنٛد جتھہٕ اوس وُچھنس لایق

یِمہ رٕکھنہٕ رٕکھین نے تہٕ توتہٕ آکہ لٕٹہٕ اوٚسُس وُچھنَس
حق، اوس عُثمان آغہ گردن زٕ یٹھ رٲوِتھ پٕرٕ دٕ کٕر
حکیم بایہ ہُنٛد بُتھ وُچھنہٕ موکلہٕ ژھرٕ ژھرٕ ژھرٕ ژھٕ
کران۔ اَما پوز حکیم بایہ تہٕ اُسنہٕ کانٛہہ چیز
سعو دِیہ یَس سَہَل سَہَل بُتھ وُچھنہٕ۔ بٕرٕ قٕرٲلی چھُس
سوتہٕ نخرٕ تہٕ وَژن کرٕ کرٕ تٕھ یٲ ٹھٕ تنبہ لاوان
زٕ ہرگاہ کانٛسہ کُنہ خصوصیت تہٕ نزل دوٗر آسہِ ہے شہ تہٕ
کُملہِ ہے۔ بٕ چھُس دوٗرِ بیٹھ تماشاہ وُچھان تہٕ
بشو نکھ یٲ ٹھٕ لطفاہ تُلان مگر اَندرِ کُنہ چھُس نہ
سوچان ہرگاہ عُثمان آغنس سعو نہٕ سٕندِ من تمن نیٛرِ
پونٛڈن ہنٛز خبر گژھ آسہِ تہٕ دِیہ تِمے پنٛژاہ اشرفی
رٕٹھ متعہ کرنک مہر، تمہ ورٕکُس تاوَن ژٕ ھنہٕ یاوس
خار۔ متعہ ہیٛوتکھ پرٕن۔ قسم ہاوِتھ چھُس
وَنان زٕ بیٚنہٕ کُنہ سیٚٹھا ژھرٕ ژھرٕ ژھرٕ کرٕتھ تہٕ
گردن زٕ یٹھ رٲوِتھ زٕ یٹھ رٲوِتھ اوس نہٕ عُثمان آغن
حکیم بایہ ہُنٛد اَکھ موے وال تہٕ ہیٛوکُت وُچھِتھ
تہٕ بیٚیہ چھُس قسم کھیٚتھ وَنان زٕ سعو وُچھنہٕ تہٕ گوس
نہٕ غَش وَش تہٕ کہیں۔ یُتھے تمہ وُچھ زٕ یَس مے
تمہ تاو تُلمُت چھُ، سعو نہٕ چھے مصرچ زُلیخا تہٕ نہٕ خُتنچ
لال، یتھے نیوانس بہٕ لوب کُن تہٕ جھٕم دیان۔ ہایا
حاجیا! بیٚو یا ژٕ سے میو نٛد۔ سے سیٹھو تیا یہ فند بازی
شکلہ ژھٕنتہٕ کلاے، تو تہٕ گژھہ یہ جوان آسنہ تہٕ بیٚیہ
گژھس نہٕ بُتھس یِمہ وُنٛٹہٕ گیٚنہٕ آسنہ؟"

مے ہیٛتر ژھرٕ ژھرٕ ژھرٕ ژھرٕٹ کرٕنی تہٕ بیٚنہٕ دِیچ صفائی
تہٕ یکہ پُھنٛس دیان۔" اَکہ وَختہٕ اُس یہ قاچار
بادشاہ سٕنٛد محل خانہٕ چھیٚن زنانن ہنٛزن اَچھن ہُنٛد
گاش۔ زنانن چھا جوانی تہٕ حُسنس کُن وُچھان۔ زنانہٕ
گژھہ پنُن سب تار اوّر آسُن۔ بیٚیہ چھُ سورُے زنخ تہٕ
طالع، جوانی کیاہ کرِ؟"
دوپہنم۔" اَہنسے، زنخ تہٕ تقدیر گو یوٗزُے
مگر نہ بنہٕ اَکھ زانِہہ ترٛٹیے تہٕ نہ سٕیدرٕ بُڈ زانِہہ نو بر
جوان۔"
مے ژاپہ نخہٕ زٕ یہ گوٗ ژھٕنہٕ وہ ونی چارہ وایس
منگنہٕ مگر بیٚیلہ اُمس فکر تووّر زٕ متعہ کرن واجبہٕ زنانہٕ
شکل ژھانڈنی گیہ ہونی سٕنٛد چھُنٛد منز شراکھ ژھانٛڈنی
تہٕ یعنہ زنانہٕ اُرکس بیٚیس نِش گانٛٹس دوٚن گانٛٹکار
شانگنس بیٚیٹھ راضی آسہ، سعو رکژھ گژھہ آسنو
تہٕ یوت تام نہٕ سعو رٕ پیمرش زٕٹ ہش آسہ گمژ توت
تام ما کرِ پیٛٹھو کار، تمہ کھیٚیہ کتھے۔ اُسی اُسی دیان
زٕ عُثمان آغہ رٕنیہ یا زٕ سٕنٛدی یا ٹھٕ جیٚچھ دِتھ پٕرٕنِنس
شکارس مگر تتھہ بدل ووّتھ شہ بُڈ گوِ بی رٕسان تہٕ دیگاہ
داریا ٹھٕ بیٚنہٕ کو لیہ کُن۔" بیٚیلہ ژٕ سے دِلس گژھی مے
نِش گژھہ یُن تیٚیلہ" تہٕ دراو پانہٕ کاروان سرایہ کُن۔

## ۵۶

# نادان پیر سُند لینگ طماہ

## تہٕ اَتھ سٕنز پریشانی

بیٚیہِ نادانہٕ پیرٕ سُند پیٚوٗد بنیوس میٚہ توٗرٕ فِکرٕ زِ اَمِس چھُنہٕ پوشیہ۔ سعٕ نیراو ونیٚ یاتہٕ بیمار اَمِس چھُ ہُو لینگ تہٕ مرِضہ، راتس دوہ ہَس اوسُس فقط یوٚہے غم زِ طہرانُک گوٚڈنیُک دربارُک پیر بنُن۔ اَمہِ خاطرٕ اوسُس کانہہ تہٕ فنٛد فریب وَرتاونہٕ رُتشہٕ بیٚتھ روزان۔ بٔنہ مُشندٕ اوس اِمامتھ تہٕ کران تہٕ شاہ مدرسس منٛز اوس سبق تہٕ یِہ نادان لُکن منٛز اوس پانہٕ فتنہٕ تُلان بیٚتھ پانے تِمن فیٚ صلہ تہٕ کرٕہے۔ بادشاہ سٕنٛدِ لُکن سمکھنہٕ کہِ دوہ بہٕ خاص کرِتھ نوروزکہِ دوہ یِہ اوس مجلسہٕ منٛز سارنے پیرن تہٕ عالمن پیٚٹھ کُنہ بہانہٕ تہٕ پریٚتھ کانٛسہِ ہِنٛد کھوٚتہٕ اوس بٔڈ ۂٹہٕ کنِتھ کران، گریزان تہٕ بٔڈ بٔڈ دُعا تہٕ دوہ یِہ خاطرٕ کران۔

یِی کرٕہی کرِی اوسُن لُکن منٛز رُتہٕ خلعتن یاد کوٗرمُت اَما پوٗز یِمن اَمہٕ سٕنٛدین اَندرمن منٛز خبر اَس تِمن اوسنہٕ کانسہِ کِنٛہ یوت تہٕ فِکرِ نقصان میانٛی یہِ کنِتھ اِثبات سپدِتھ تہٕ پانہٕ میانٛی حالتھ تبدیل سپدِتھ کنہٕ سُند قصا اَکھ۔

وَنٛدہٕ اوس ڈرامُت تہٕ رتہٕ کول اوس اَذان۔ ایران کہ جنوبہ کِہ طرفہٕ خاص کرِتھ لارٕ تہٕ فارسی علاقہٕ پیٚٹھ وآتہٕ خُشکی تہٕ دراگ ووٚت پیٚنٛچ شیٚچھو شمال کہِ طرفہٕ تہٕ اوس دراگ ووٚتھ ژھٕنُک تۄن توت پادشاہن اوس دربارٕکی پیٚرس رۄد پیٚٹھہٕ خاطرٕ دوہ یہ خاطرٕ کرنُک حُکُم دیُتمُت تہٕ دربارٕکہ پیر اوس نیٚنہٕ تہٕ کھینہٕ اَمُت۔

نادان پیرن اوٚرُت موقعہ اَتھ تہٕ پٔنٛنہِ دیٚنہٕ آری تہٕ مذہبُک غارتھ ہاوٕنہٕ معٕ کھٕ ووٚتھ شہٕ دربارٕکی پیرن سیٚتہٕ برابری کرِتھ لُکن منٛدس پیٚٹھس پیٚٹھہ آو شرارتس لاینہٕ تہٕ مٕیوٗتُن فساد لُکن شیٚد کوسا لُکن منٛز جماعتھا ہیٚتھ دراو ہادانس اَکس منٛز تہٕ پیٚرن نماز۔ اَما پوٗز خُدا حبا یس اوسنہٕ منظوٗر، خُشکی گیہ بڈا ونیٚ تہٕ کمیا گیٚس نہٕ کینٛہہ۔ پادشاہن دیُت حُکُم زِ طہرانُک پریٚتھ کانٛہہ اِنسان گژھ نادان پیرن سیٚتو بارانٕچ نماز پرٕنہٕ عادانس منٛز گژھُن۔ نادان پیر اوسنہٕ یہِ حُکُم بوٗزِتھ ویٚرانٕ کُنہٕ تہٕ دراو نصاران، یہوٗدی تہٕ آتش پرستن منٛز جماعتھ ہیٚتھ سیٚتہٕ تہٕ پیٚرکھ نماز۔ مگر تہٕ کرٕتھا تہٕ دراونہٕ اَتھ کانٛہہ تُرُس

چنان آسمان بر زمین شد بخیل
کہ لب تر نہ کردند زرع و نخیل
بخوشید سرچشمہای قدیم
نماند آب جز آب چشم یتیم
نہ باران فرود آمدی ز آسمان
نہ بر می شدی بانگ فریاد خوان

مومنٕو اکہ دوہ تہٕ بیٚیلہ سارٕوے دوہ بتہٕ کھوتہٕ
ہواہ خوشیک اوس۔ گیہ کٲسہ جٲہا اکھا اُمی سندی سے
ہیس دِنس بیچھٕ اُمیس درواژس برونٹھ کُنہ جماعت
نادان پیر دوٚتھ تہٕ چھکھ دِیان۔ اسے طرآن کیو لوکو!
تُہی چھیو ژچھان زِ ے

حقیقت پاکشید استہ از میانہ

محبت برطرف شد از زمانہ

زبس کردند مردم روسیاہی

بدل شد با غضب لطف الٰہی

بہ میخانہ چنان روئے نیاز است

کہ خشتِ فرش او مُہرِ نماز است

ز مسجد نعرۂ مستان علم زد

موذن بانگ از انجا بر قدم زد

مسے وِنی تۄہی چھیو بلایہ چھا، نتہٕ پاٹھی فسق و فجور کرنہٕ
وراٹسے، کافرن ہندی عبادت خانہٕ شیر رکتہٕ تہٕ بیرِ کتھ
آسنہٕ وراٹسے، تکیہ دالین ہُند کاروبار تہٕ نصاران
ہندی شراب خانہٕ چلہ وِنی روز نہٕ وراٹسے بتیہ کنیہ
سبب ہا یمو ملعونو کرِ اسلامچ ساری برادری
تمکرٕ۔ یتیمہ دار الخلافکی درواژٕ تہٕ کوچہ تانی کریکھ کلیسہٕ
طرانکی محلہٕ تہٕ کوچہ چھہ شرابن ہندی بٹی بنے مزہٕ
تہٕ لُکھ چھہ اکھی پاٹھی شراب چوان۔ قومو! انتظروا
الدیانان۔ مومنو! وچھتو، تعمیرٕ چھیو بس اکھ کام کرنی
وچھتو نیرِو اسو تہٕ کرو جہادن تہٕ غازین ہندکر

پاٹھی جہاد۔ یُس یُس سے سپتو بیہ، تِلہ بسم اللّٰہ
اسو نیرو تہٕ یمہ شرابہٕ مچہ چھیترادو بدکارن ہند
تو ہکو پاٹھی۔ منافقن ہندٕ تہکو پاٹھی چھکو شرابہ
وترن۔ انشاء اللّٰہ الرحمٰن اکھ عملہ یُس ثواب چھُ
دیوہ پروردگار کریم تمہ ثوابہ کہ برکتہٕ اسہ یتیمہ بلایہ
تِلہ آزاد کرِ۔"

یہ بوزتھ گو لُکن خون گرم۔ زن لج، تمن
خونس گرٕ بیکھ۔ نادان پیر چھُ برونٹھ برونٹھ، یہ
چھسس یتہ پتہ تہٕ اسہ پتہ چھہ ساعہ بدی بیکل
تہٕ دورِ یہ اُسی ازمنی محلس کُن۔
ازمنیوٚد، انجاروٚ بیٹھ مسلمانن ہُند لکہ
ترصاتھا ژبسہ پوان وچھ، تمن ڈج عفاصیر
اُڈیو کرٕ انہٕ سی کینہ برس ہانکل تہٕ روٚدی ژوٚر۔
اُڈی ژالی تہٕ اُڈی روٚدو ہے بٹگہ گژھتھ پنین
جایہ وچھنہ زِ آیا یہ کیاہ چھیہ چھُ۔ تھنر یہ ہاراُنی
گیہ جل جلے دوٚر۔ واتان واتانے کوٚرا اسہ تمن
کمنہ روٚد تہٕ چھکھ سخ لبکہ ژاران۔ تمن گیہ ے
زِ اُسی چھہ تمن کشش کرنہٕ آمتی۔

نادان پیر سِید لود یہندی زٕ ٹھین ہندین
گرن۔ دوٚن جاد وچھنہ وراٹسے یُس یُس بر
بُچھتہ آمی نشہ سُہ ژھنن چھتراُوتھ یوت یوت
دوت، نتہ ژاو اندر۔ یم نشگر اُمس سپتی عرکی اُسی
تمن یانی گنہ جایہ شراب بوتلاہ یا شراب مٹاہ بوزنہٕ

دیوان اُس، تانی ، تنگہ دِ ، توہہ پانسے بوزُن ہُم کیا
حسب حال آسہ ہِن تہند تھوان کرِتھ سہ

بہ میخانہ در، سنگ بردن زدند
سبو را نشاندند و گردن زدند
می لالہ گون از بطِ سرنگوں
چنان ریختی کز بطِ کشتہ خون
شکم تا بنافش دریدند مشک
قدح را بر و چشم خونین پُر اشک
عجب نیست بالوعہ گر شد خراب
کہ خورد اندر آن روز چندان شراب

یتھ ہیہ کاہہ کرِتھ شور یاسے ٹکھ زیادسے. شراب خانو پتہٕ دور یاسے تِہم کرجس کُن. اَتہ پہ تُجھتہ پیوکھ، صلیب، شمعدان، جار، تورات، انجیل، بہ سوری ژھنکھ پھسریتھ تہٕ ژٹھتھ تہٕ لتَن تَل کرِ کہ ہس پیشتی پینتی. یہ ژوٗرن ہُند کار چھُ، تی کوٗر یموٗ تہٕ تہٕ مالِ غنیمتس سیتو بِرکھ پننہ چند.

دوہ ژی اُسنہٕ ارمینین بجارین قتل سپدنس کانہہ تار رؤز ہرِ زِ ہنگہ تہٕ منگہ پیو ارمنی ژھس اُکس سیتو بادشاہ سُند نفر وانتھ. یمن وُچھتھ گیہ سارنے عقلِ بقلِ تہٕ ژُ ژکھ تھچین رنگ یہ کہو کاس تُلنس پیچھ سزا پینہٕ کہ ییمہ ژالی نادان پیر سندی ساری نفر اکہ اکہ. بادشاہ سندس نفرس نِش رؤدی اُسو فقط زیے زُنی، اکھ نادان صاحب تہٕ بییہ بہٕ. یُہند اُمی اُسہ دوٚن زِ "بادشاہ چھُو توہہ نادِ دِوان". اُسہ کرِ سہ حال زِ کانْسہ تہٕ اوِ تہٕ اُسہ پیٹھ رحم. نادان چھُ سے کُن وُچھان تہٕ بِتَس کُن. یتھ پاٹھی چھ اُسی اکھ اکس کُن وُچھان زِ دوہ یَو جرنیل پاکلو تہٕ آسہ نہٕ تتھ پاٹھو زانہہ اکھ اکس کُن وُچھمت. نادان پیرن ہیتہ اُیہ پننہ کمہ ژھرڈ، ژھرڈ تہٕ اَمی پَتہ کرِتھ بادشاہ سندس نفرس اتھ پیٹھو تار نِ تہٕ ونیونس "یہ شخص گژھ کمہ ڈِ کرِ تہٕ تتہ شخص لاگہ ووٚنِل چھہ نہٕ". مگر سُہ دوٚ ٹھس. "منور و منور چھنہ. یتھے پاٹھو یکو مِے سیتو".

اَمہ سیتی لوٚگ نادان پیرس زَن ترُس تہٕ چھُ کریتھ دی دی ونان." آخر کوٚر کیا اُسہ؟ شراب مٹھ گژھو نا چھترا ونی؟ شراب گوٚ ژھنا سون چھکہ پھتے ژٹھِنس؟ دشمن دینس گوٚ ژھنا اِذاہ دِنے؟ ہتے کوٚر شرحس ادلہ بدل کینہہ؟ خانہ خدہ ہس لاگمتہ کینہہ یا شہیدن ہُند خوٗن کوٚر تمہ تہٕ دِیو اہنسہ گوناہ چھُم کوٚر مُت جیایی کنہ گژھنا اصحاب کہف سندس ہونس ذرہ تہٕ کرُن تہٕ ابوہریرہؓ سنز بیار بستہ تہٕ کرُن؟ رتیہ حضی؟

بادشاہ سُند نفر دوٚ ٹھس در جواب "پانسے ننی".

یَیلہ اُسہ دیوان خانس پیٹھ واتؠ اَتہٕ وُچھ
وزیرِ اعظم، درباری پیرس منز بیٹھِتھ تہٕ پُلیسہ افسر
ادس پیٹھ نظر اَتھس منز رٹِتھ ووہ دِنی۔

اُسہ رُوٚدہ وُروٚسی نِشہ اِستادٕ۔ وزیرِ اعظمن
کوٚر بُتھ نادان پیرس کُن تہٕ چھُس دِیان۔ "اوخنا!
ژٕ سے چھُکھ دادٕ پیشرٕ تہٕ امیرالمومنین کرم اُشر دِیسے
پہ کیٛاہ فسادا اُٹھتھ ژٕسے؟ ژٕ چھُکھ پاگل گومت۔
حیاٚژ کُنہ چھا بادشاہ مومت؟ وَن پہ کیٛاہ قصہ
چھُہ؟"

درباری پیر وُوٚنھس۔ "جان گو! پہ کیٛاہ
موٚدمت ادس سہ ژٕسے سیٹھا وتھ امرِ معروف تہٕ نہی
مُنکر ورتاون یانس پیچھ منز؟"

پُلیسہ افسر وُوٚنھ پُلیسہ والین کُن زِ "ژٕ نِی وُکھ
یم زٕ نفر بادشاہ قبلٕہٕ عالمس نِش۔ تم چھ پیمن
پیاران۔"

اُوٚڈٕ سے زوٚ ہاہ ہیتھ نپکھ اُسی اَکہ لوکٕٹہ اَنگنس
کُٹھِ کُنہ تہٕ واتنا وکھ خلوکھ حیا یہ اَرکس۔

بادشاہ ادس وُروٚسی نِشہ بیہتھ ختمہ
ہوت گو نشکھن وُٹھنیاہ وُٹھنیاہ دِوان۔ نادان
پیرس وُچھم نیر لوٚن ساری سے عار کھ پھٹان۔
کھوو رباہ گنڈِتھ رُوٚدی اُسی دوہ شوے تلاوس نِش
ووہ دِنی۔ درباری پیر، پُلیسہ افسر تہٕ اَرمنین ہُند
زینیٹھ تہٕ اُسی اَمہ وز اورد تُھمتھ۔

پُلیسہ افسرن وُوٚنھ نور پھیرتہٕ، نمبود بیون کُن
"میون یان توہہ سہ ونٗدِتھ! نادان پیر تہٕ تمہ شند
مُنتش چھہ ہا ہُمز بادشاہ قبلٕہٕ عالم!"

ہمناک گُنڈِتھ لاہیتھ وُوٚنھ بادشاہ نادان
پیرس کُن۔ "اوخنا! پہ کُرِ پیچھ چھِکھ ژٕ سے ہیمہ
مُلکھ حوالہ کُمت حوالہ کرِتھ؟ ژٕسے کمہ دِتے پہ
دِگہ دار کرنک حُکم؟ یا ہمیری ہُند دعوی چھیہ کرون؟
بادشاہ ہتک چھیہ طماہ؟ وَنو ہیا کمینا! کُس
گوہ چھے کھیون؟"

بچارس روسیاہ نادان پیرس، یس پیٚٹھ
حیا یہ کُنہ اَسہ ژٕ لان نیرِتھ، تہٕ دل ہتھر نیرِتھ کُنھ
بدلہ۔ فقط کُرن پیٹھے چھسر ا ریاہ ہش تہٕ ہمچہ کُچہ
زباٚژ ژٕ ہالس دنِتھ بُرپٔو کُنہ "بے دین، شراب، گوناہ
ثواب، رُوٚد تہٕ خراب" ہیو لفظ نیرِتھ تہٕ گوس
پیٚتیم شاہ پتھ کُن تہٕ بِرہ ٹھیم برونہ کُن۔

بادشاہ وُوٚنھ درباری پیرس کُن: "کیاہ خفن
چھُہ بُکان پہ؟ سہ چھُنہ فکری تران؟ اَمہ کہ
خاطر چھُہ پہ گوہ کھیوت؟"

درباری پیرن کوٚرس عرض۔ "گُکن ہُند
رزر خاطر۔ پہ چھُ دُنان تہٕ شراب خوری کُنہ چھُنہ
رُوٚد بیوان۔"

بادشاہ وُوٚنھس، "تیٚلہ گژھہ ہنہ ویلائتس
منز اوبرے کھٚشن۔ گونا نصیحت تکھ ژٕ ھنو کھ

أسہ مارِتھ ٹیٹھ باقے نصیف تکن ہیٚنٛد خاطرٕ
پٮ۪یہ۔" اَمہ پتہٕ کوٗرُن بٮ۪یہ نادان پیٚپرس کُن ٹیٚھ
تہٕ چھُس دِیان:" نادانا! ژٕ سے چھیٚ واللہ، ییٚہ
چھِسا کیٚنٛہہ؟ یہ وُنتھم مےٚ برٛونٛہہ کنہِ بچاو
رٮ۪یتھ میانٛی نِہنکِہ پہکہ بُزٕ ناوِنی تہٕ یٮ۪من دٮ۪گہ مارکرُن
کیاہ مقصد چھُ تُہنٛدٮ۪ن اَخر؟ ژٕ سے ما اسِتھ بٮ۪نگہ
چیٚمِژ؟ چرس ما اوسِتھ چوٚمُت؟ دِماغس مائےٚ
خوشکی ہٕژھمژ؟ شاہ کوٚتہٕ چھکھ کھالان، مےٚ
دِن جواب! راتھ ما اوسِتھ خاب وُچھمُت؟ ژٕ سے
ما اوسے ملکاری ہنٛزِ ژوٚپ ہیٚو تمُت؟ اَمہ پتہٕ
چھُ بڑبڑ دِنان:" ایران کِس پٕریتھ گٔے قسہٕ انسانس
رُوزِن خبر، اَدٕ یُس آسہِ تہٕ، مسلمان آسہ تن یا کافر
زٕ تِمن چھُ بٮ۪یٹھہ کنہ کانہہ بادشاہا تہٕ تِم چھِہ کانٛہہ
بادشاہ ہنٛدِس سایس تل روٗزِتھ زندگی گذاران۔ ترا!
یِمس خرس تل یہ دستار چھیٚنٛدر کلہ پیٹھ تہٕ والہ
والہ کڈُس ریش۔ اَتھہٕ زٕ پھرُس پتھ کُن تہٕ لٔشٹ کنہٕ
کھالُن خرس تہٕ کڈُن کوچہ بازرو مَنٛز بٔ ادٕ ادٕ۔ تِمہ
پتہٕ کڈُن یِمہ شہر منٛزٕ نیبر۔" مےٚ کُن ہاوِتھ تہٕ
دوٚ ینس۔" زن ہیتھ ہیتھ یہ مُنش اَمو شُند تہٕ
لدُن جہنمس۔"

یہ چھُس خدایس کُن شُکر کران زٕ اَمس
پٮ۪یہ نہٕ زینٛب ژٕ تس۔ زیادٕ شکر کوٚرُم یِمہ موکھ
زٕ بادشاہ ہنٛدِس اَتھ حکمس بیٹھ بیٚنز حرفہٕ حرفہٕ عمل

تہٕ زن اوسنہٕ اوٚت تام زانہہ تہٕ پیٹھ پاتھ
بادشاہ ہنٛدِس حکمس ہُنز تامیل سپدان۔ نادان
پیٚپرس پیہ گُذریوو، تہنٛزِ نش اوسُس پٕہ جنتی۔

حکمہ کوٚہ جوٗب تلکھ اَمس خرس کلہ پیٹھ
دستار۔ والہ والہ کوڈ ہس ریش۔ اَتھہٕ زٕ پھرکہ
ہس پتھ کُن۔ لٔشٹ کنہٕ کھوٗنکھ خرس تہٕ پٕ تس پتہ
مُنٛش ہیتھ، یُس تس پتہٕ نٮ۪ن وورُے پٕہ ووٗمُت
نوٚنے دوران اوس، کڈکھ اَسہ شہرکہ دروازٕ
نیبر زنتہ لایکھ اَسہ جہنمس منٛز۔ اَمی ساتہٕ

موجی ہنٛز جنبش آمد و برخاست کوہ کوہ
ابری بیارش آمد و بگریست زار زار

طرانٛگ شہر زن اوسُس روٗدس منٛز پھاٹٕ دِن
تہٕ وولُن روٗد۔ زنتہ یہ خشکی تہٕ سختی اَسی
دوٚن گوٚنہہ کاژن ہنٛدس وُتہٕ دِلاے گژھنس
تہٕ یہ اَسمان اَرٔم یِن ہُنٛد انتقام بے ایمان
نادان پیٚپرس ہیٚنٛہ موکھ بیاران اوس۔

## ۵

## حاجہ بابس حمامس منٛز بدلے چھاگرُن

نہٕ تسُند فند فِتنہ بلا یہ منٛز موکلُن
ییٚلہ بہٕ تہٕ پیر صاب گنی زٕنی روٗدی، ہُہ
دوٚ تھس اَمس۔" آغہ صاب! یہ یقبالہ تہٕ ہوٗلم
تہنٛدی یقبالہ وُچھُن۔ ہرگاہ مےٚ خبر آسہ ہے

مجتہد صاحبنہ سفارشہ ہنز چھنہ کیہہ ضرور چھے
ونہ ہیم، تمہ پتہ تہ یمہ ہانہ بہٕ چون گرہ تہ ژٕ تمے تہ
ہُرہی تہ میانہ ہیٔنہ سیٹھاہ ییٚزتھ۔ چاہے رُوحٕ پلیتہ تن
یا صفہٕ پلیتہ تن، مسلمان پاک آسہ تن یا ارمنی نجس
آسہ تن، ارمنی پاک آسہ تن یا مسلمان نجس آسہ تن
چاہے طہران شراب خانو سیتہ، تکیو سیتہ یا گرجو
سیتہ بہرِتھ آسہ تن، لکھہ مست آسہ تن یا صفہ
آسہ تن، بے دین آسہ تن یا دیندار، آخر تمے
ونتہ ژٕ تمے کیاہ توتہ؟ ژٕ تمے کوسہ جیٚنٹھ ژٕ ھنہ ہنہ
ژٕ چھکھہ دُنیہ ہنک عام؟ ژٕ چھکھہ جنتک تہ جہنمک
موکل؟ چاہے تکھہ شوٹنگو تن جہنمس منز اکھ
اکس بیٹھ یا پیوٚرتھ لاؤ تہ شال زیوٚ ہ واؤ تن
بچہ جنتس منز، ژٕ ونتم تمے کیا ہیوٚن دیٚن توتہ؟
ہتا، بی بیگہ! ژٕ تمے نہو تہ کہیں تہ۔ گرٕ ھتہ
دوہ ژی جہنمس، مے کتیک گو زِ بہٕ ہیمہ چھیا گی
پاٹھو دپنک تم سپنس بیچھ؟ ژٕ نذان تہ کار
زان۔"

اُتھ پریشانی تہ غمہ کس حالتس منز
زونم بہٕ دوہ ژی اَمس بٹیہ وٕکر والپنہ جان
دوہ شوٚرے چھہ آسہ دل موٚلول تہ غمہ ہتہ نکھہ نکھہ
یپکان۔ آخر بیٹھو اکس جایہ تہ چھہ یانہ وائی
مشورہ تہ سوچاہ کران۔ شہر منز ہ مبرکنہ یپنہ کنہ
اوسنہ بچارس نادانس یہ طوفان ہانہ بٕونٹھ

واپس طہران گژھنس بچتھ شعان۔ دوہ شوٚرے
چھہ آسہ پننہ جاداوک سوچان۔ سہ اوس پننس گرس
تہ مال وجادادس وٕدان تہ بہٕ اوسس پننین پلون تہ
قاطرین ہنز فکر۔ آخر کور تمہ شخص زِ بہٕ گژھہ شہرتہ سانہ
نیرہ پتہ یہ کینژھا تہ سپدہ مُت آسہ، تمیٚ ہیٚچھ
ہیتھ پھیر واپس۔

دگرس ہٕ گی دوتس بہٕ شہرس۔ کاتہ نسہ یان ہُوہ
ورائے دوتس نادان پیر پشدرس گرس نش۔ اَتہ
چھس وُچھان زِ نادان پشدر مکانکو برنگ پلیسہ
والین ہندہ دسہ یتھرس، دار بر پھُٹرٕ اوتھ تھاوتھ
تہ مکانک ترٕکوٹ تانی پیٹھ پیٹھ کرِتھ ژرو مُت۔
اتہ یُس گوہ ہ وُچھم نیران سہ اوس مے پادشاہ
سندِ زخر میانس قاطرس کھسِتھ ظاہر میانین
پرانین زیچن تہ نادان پشدرن [illegible] هشند
بوہ چھاہ اکھ برونٹھو کنو الوند [illegible] وتھ پکان۔ یمہ
سیتہ گوس بہٕ امس نکھہ ہ تہ شاہ تہ کھوڑم یہ۔ دیلم
بلاے ژھنس، میون یان امہ پشدرس اکھس منز
آسنہ کھوتہ چھہ امس اتھہ میانہ ییہ زچہ الغیلان
ہیاری یاری چھس دوہ ژی پھیران۔ تقوراں
تہ چھیکرس ژاس پننس دُشمن، درباری پیر پشدرس
مکانس نکھہ حمامس منز۔ اتہ وُچھم بہٕ کاتہ نسہ تہ پانس
کُن ظون۔ بلو کُرم تہ ژاس اندر گرم شرانہ کھٹس
منز تہ سزیوس فکرن منز۔

پانس سیتۍ چھس فِکراہ کران زِ " پانہٕ اٲخر
بہٕ کیاہ ژٕ سے ووءنی ؟ کیتہِ پاٹھو چھُ بہ اسمان
منٛز گنڈان تہٕ اٲخر کرہٕ م دتہٕ وپلائے ۔۔ شق تہٕ
بنیوس ۔ بادشاہ دزام عاشر پیترٕ تہٕ کٔرنس موطٔن۔
ژھاخیمیم ہٲژ سینہ وراثت ، تہٕ تمہٕ تہٕ تاہیم اٲخ تہٕ بیٹھو
گنٛداہ وول بنیہٕ مادیتہ وولنم شکن نال۔ مجتہد
صاحبن یژھوس تھوو تُلتھ، تمو بیہنو دُس خاکس
پیٹھ، نادان آبیرنہ ہیچھنو دُس غلیم بدل ٹھنگی تہٕ بدعا یتی
بُ دزاوس رحمت ژھانڈنہٕ، اور لاریم زحمت بشہر
منٛز تہٕ کڈکھ تہٕ پیٹھ تکیو کِہ سورۍ مال تہٕ جاداد ہیٛژ
پاٹھو تہٕ آسیا کانہہ حام کس پیٹھ کوچھس منٛز بیہتھ
پنیہ بدنصیبی پیٹھ وُدان؟ اما مٔے ہیوٗ تہٕ آسیا ستا
کانہہ بلا یہ منٛز گیر؟ یی چھس سوچان تہٕ وَدان
چھس " ووٗنی ہٕنے موسیقی ہیہ ہیم . یی اوس جان"

امہِ ساتہٕ گوم تہٕ حمامس منٛز کانہہ تہٕ خریدار اہ
نظر تہٕ حمام اوس خالی۔ ہنٛگہٕ تہٕ منٛگہٕ گوٗ بدّ بدّ بکن
تہٕ بدٕ جیہ تہٕ زیہ سان ژاو شخصاہ اَکھ حمامس منٛز
ژاوتھ تماشس تل آم بوزنہٕ زنتہ یہ دربارکۍ ہیہہ۔
اوس اُ پاپُرز نو کرن ہند بختہ روزنہٕ کنہٕ آمہٕ دُنس
تل کینہہ۔

یہ ژاد سیٛود سے خوانس منٛز۔ امہ پتہٕ گوم
آہنگ شور شور تہٕ غرغر کٕنن، یہ اُس پتہ آبنس
سیتۍ گنڈ پیچ ہش آوازاہ انسان آوازاہ زن اُسنہ

یہ ۔ مٔے دوٚپ ! " ظاہر ما آسہِ یہ تھ کہٕ لکڑ، بیچھو غرغر
نستہ کیتہِ پیٹھ پاٹھو آب کھالُن تہٕ ژاکھر کرنہ
شرہے " یہ غرغرچ آواز ییٚلہ زیادہ تیز پییہ
مٔے روٗدُ یہ آب وتاپیہ تہٕ نو مردو ہم کلہ خزانس
کُن زِ اٲخر کران کیاہ چھُ یہ . اَتہٕ وُچھم دربارۍ
پیرسنز لاش اَبس منٛز پیہان۔ ظاہرا امس حمامچ
گرمی کلس کھسڑ تہٕ امس شاہ بند گومت تہٕ
چھو ومت۔

یہ خوفناک تماشہ وُچھتھ ژاو مٔے ہا بمتھ
دیان چھس " پانہٕ ! ہرگاہ امس بدۍ چھینچھن کرن
مٔے کلس کھالُن ( تہٕ اتھ کرن ساری پژھ)
بُ موٗدُس، بہٕ کیاہ کرہٕ ؟ نادانس تہٕ امس یوسہ
پانہٕ دانی عداوت دارِ یاہ چھے، تمچ چھےٚ ساریٕنے
خبر، نادان مُنشد مُنشی آسہ کتہ لگہ بیٚہ چھپیہ
تہٕ ساری دِینہ پتہ چھُ موریت . بُ چھس خزانہ کس
پادس پیٹھ یی سوچان زِ اور ژاسے تانی دربارۍ
پیرسند نظر تہہد تہٕ تولی دُجاہ بیہتھ ۔ دربارۍ
پیرسنز بُراُترنہ منٛز روو ہیم تہہد تہٕ تولی دُرچ پھیکس
پیٹھ تھوو تھ ژاٹنی ہم اٲچھہِ زِ کرٛتھن منٛز تہٕ نیوکھ مس
تُلِہ لاگتہ کس کُھٹس منٛز۔ پتہ چھےٚ بہٕ چکھر بتھو ہٹس
پتہ ہیٛرہ ہیٛر پیٹھ بون تانی مٔے ساری سے پانس
نا لِس کرنی۔ بُد تہ حملہ سان چھس بہٕ پانس
سیتۍ فکراہ کران تہٕ دپیم ظاہرما لبہ بہٕ پتہ پاٹھو

قتلیچ ہانژ تمہ نجات پتہ دوپ اُکھو ہنز آسہ میون رُت:
نارس دوہٹ لاگہِتھ چھس دَیان: یکھو پانا اُدوہ نی
یہ بنیس پتہ تہ۔ یئتہ لاگہ دوہ نی دربارکو پیپر چھو
کوٹ داتہ کنھہ تہ کتہ پیہہ یہہ"

حمامس منز اوس لوکٹ ژونگا اکھ دزان
یوشتہ سوت سوتہ۔ مے دوپ اُکھو پرانژ
منز روزن یم اتہ پکان چھس یہ تہ۔ چھتہ اوسُس
یہ قد کنہ، تھکرہ کنہ، جُشہ کنہ، پوچھہ کنہ تہ جُنز
تہ ریشہ کنہ دربارکہ پیپرن ہیئ۔ امہ کنہ اُس یہ
حمامس تہ نوکرن دربارکی پیپرے بوزتہ۔ نادان
پیپرن سیتی تشنُد گو اَتہ پیرتہ، کنہ اُس مے
تشنُد دوہ تھینہ پانژ پیپرن ذان گرتہ تشمہ میو
لاگتھ تگہ ییم حمامہ پیٹھ تشنُد گو تاز یان وتساون
حرف اوس سیاہ تہ غاطر محل خانس منز اُتن مشکل کتھا
تیمیاز تھتہ اُمیم یہ فہ تہ ہنز خسبر تہ ییمہ اُمیم یہ ییتہ
ییتاہ ز تور اتھتہ کیتھتہ اوس دربارکی پیپر شُند طور
طریقہ روزان۔ اما یوز بُذمت اوسُم زِ محل خانس
منز اوس یہ تس یہ نہ کنہ لیتن سیتی ہشراہ کیتھہ
تہ دُین دلاز اُسہ نادان پیپرس ہوش، کر تہ مہ کھ
تشنُد قصہ، تشنُد زنانہ منز تس سیتی ہٹوسہ پھٹس
تہ تہنز یانہ وانہ ریش آسنکُ سورُے حال یادان
پیتہ اُمیم خبر ز دربارکی پیپر اوس کلاسہ کیہ کران۔
لیکہ واتُل تہ اوس، اُسان تہ اوس کیہ یہ نہ تہ۔

ییمہ اوس ییتھو نہ کرُتہ مید کلاکہ تہ یہ نے کرِیہ تہ
کاکلہ سانے کرِیہ۔ فارسی زبان بولن واکی پیتہ
زانتہ۔ تیتھتہ پاٹھو اوس لفظ ہنتہ منز کنزان
تہ فقط قافیہ ژوسو تہ عاتہ کنیلہ لایان۔

یکو لاگتہ دوہ نہ منز دوم اُس تم نہ کرِم کنھہ
یُت یلہ تیوٹ تھوم یان ژانکو کاشہ زبہ پتھ
تشنُدی پاٹھو گودوم جنپیر تہ گژ زیادہ داعم۔

حمامس روفصتہ ییتہ ورِ کو نوکرس
اُکس مے پیٹھ شکہ مگر کرِس کفشتہ میلہ میون
جُت وچھن، تس ژوَل شیکہ۔

مرحوم پنڈس مکانہ کس برس تل دواہس
تہ شیدکہ پاٹھو گو پیٹھ یون۔ یو دوسے مکانس منز
اَتھ حسبراہ کیتھہ آسیتہ زِ کپاٹک چھم گتھن اماوتہ
محلہ خانک، ریش سفید موہنو دزاو پیتہ عادتہ موجود
تھتہ تہ چھہ بزونہہ بزونہہ پکان ییت قام تمو
ییتہ کاش اُنیہ مہ کھ آکو کوز تہ زاو پانہ اندرای
ساپتہ آیہ جوان دایہ جوراہ آکھ اکو سنید خانہ
دوان دوان ژونگ ہیتھ۔

مکانہ کس نبرس کھٹس وچھم ساری سے
کاش تہ یہ وچھم زنانو سیتی برتھ۔ مے زون ز
یہ گژھہ آسن یہ پانہ ہنند کٹھ۔ مے ژایہ نیٹھ ز
یمہ دایہ گژھم یہ اُگرکر ژنتہ۔ مے ہیتوت دار دار
پکُن۔ تقدیرن کار زِ ییتن دوہ ہن اُس پیپرس

تہٕ پیر بابہٕ دایہ ہنٛدِس ہیچھ پانہٕ وانٛی ڈوٚز ہمرٕ میانہٕ
واہواہ یکینہٕ کینٛہہ زیٛوٗن دایہ زٕ ظاہر چھُنہٕ پیر اُسِتھ
پیر بابہٕ ہنٛدِس کنٛجٕس منٛز گژھن پژھان۔ تمہٕ پیتہٕ اوس
پٕتہٕ کیٛچھ خوٗٚ کٕہ کو ٹھر اکس منٛز۔

وونی اوس میٛے دایہ نش مہ کلِن مُشکل۔ اوٗنہٕ
تانی اُس یہ میٛے بڑ وقتھ بڑ ونیٚتھ یکان تہٕ تمہٕ کینٛہہ
پیٛیس نہٕ میانِس کنٛجس پیٛچھ نظرے۔ وونی اوس
اُمِس اکہ کو ٹھر منٛز کامِش ہیتھ اتھُن میٛے سیتھ
میٛے دوٚپ: میٛے گژھہ ڈژھ تہٕ بہٕ گژھہ ماہراُمِس
ہیٚتھ تمہٕ زونگ اکہ منٛز تہٕ ہو وُنس اکہ سیتھ اشارٕ
زٕ گژھ تہٕ ڈژھم امہٕ فِقدٕ تس نش نقشہٕ۔ ہر گاہ
جوانی ہنٛدِن دوہن ہنٛدی یاڑھنہٕ لا پرواہ آسہٕ ہا،
ظاہر ما کرہا اُمِس سیتھ تی یہ زینہٕ سیتھ کریومُ
مگر سو کتہٕ اُس میٛے ہیمہٕ تہٕ خوف سیتھ یانس منٛز کنٛچھ
روزہمرٕ زبہٕ کرہا حرکتھ۔ کوتاہ خوشی گوس پیلہٕ
یہ دامہ دڑا تہٕ بہٕ رٕوٗدُس کُن زوٗن۔ یانی گژھان
گژھان امہ میٛے کُن ٹھر کرٕ زن میٛے خزانہٕ لوٗبہٕ
پھیرِکھاہ تروٗوُم تہٕ پٕژھے چھمنہٕ پوٗان بہٕ پژھسا
زیٛنِس پیچھ کینہٕ ہو ہس منٛز۔ میٛے دوٚپ، شکر خُدا
کُن زٕ نصیب پانہٕ ٹھر مہ کلیو و پریشانی وراسے۔
اتھو خوشی منٛز ییوم خیال زٕ ہر گاہ نہٕ ییمہٕ یدکن
پسزر گوم، بہٕ کیٛاہ کرٕ، بہٕ ہیٚو تنس بگڑن تہٕ ڈژھم
ٹھر ٹھر۔

# ۵۸
# اکھ مسلہ اکھ پیش خطرناک اوس

بوزنہٕ پوان تہٕ خانٛدٕ سانٛنی گنٛڈریو

دایہ نش نقشہٕ وٗتھ پیٛتھ کوٗدُم ہرُ انٛدرٕ کینٛہہ
ہنٛدہ تہٕ ژونگ تھوٗدُم کوٗٹھس اکس منٛز زٕ ہر گاہ
کانٛہہ بیٛیہ ہرٕ کھرٕ پیٛہ کینٛہہ شاہ پتاہ ہیٛنہٕ ییہ تہٕ،
پرٕ زناد کم تہٕ کیشہٕ۔

امہ پتہٕ چھس سوچان زٕ "چھُنا صلاح دوونی
یتھ بیٛیہ نالہٕ وٗشِن۔ گوڈٕ دیہ مرحوم پنٛڈت چنٛدن
ژھانٛڈ تہٕ ڈیچھہ یہ کاکذ بوٗ کیٛچھ کیٛاہ چھُ دیو کانٛہہ
رٕت چیراہ نیرِ" ڈیچھِہس چنٛدس منٛز امہ چیٚچھ
جوراہ تسبیح اکھ تہٕ مہ ہرٕ۔ کھوٗرِس چنٛدس منٛز
اوس قلمدانہٕ، لوکُٹ انٛہٕ تہٕ لنگوٗ اکھ تہٕ بیٛیہ بغلہٕ
منٛز دڑایہ چیٚنٛدٕ گرٕ تہٕ بٹوٗ اکھ۔

گوڈٕ ڈیٛشِم منٛز رٕوٗدُم عبٹوٗ۔ امہ منٛز دڑایہ وا
روپیہ تہٕ پانژھ سوٗنہٕ ہنٛدی پونٛڈ۔ گرٕ اُسیس
وِلایتی تہٕ سونہٕ سٕتہٕ۔ قلمدانس اُسہ چونٛہٕ جرُمتھ تہٕ موٗلے
اوس باسان۔ اکہ منٛز اوس قلمتراش، قلمس خطتراش پیچ
ہٕٹ۔ لوکُٹ قاشوٗ اکھ تہٕ قلم اکھ۔ ییمن ساری
چیزن کیٛاہ کوٗرُم قبضہٕ کیٛا زنٛہ تھنٛہ کانٛسہ کُنہٕ اُسہٕ
حسابہٕ سان کنٛڈ ٹھنٛڈٕ تتھ کانٛہہ پرٕ گی روز۔ بیٛیہ تھوٗم
یم چیز چنٛدن منٛز پننٛہٕ پننٛہٕ جایہ۔ امہ پتہٕ تجسُّم ہیمہٕ

پیچھ۔ اَکھا ہ مُژراؤم تہٕ اَکھ اوس لیکھمت:

"میانہٕ یارٕ! میانہٕ مہربانہٕ! ژٕ اَمہٕ تلہٕ اوس
نَنان ژٕ پانسے برابر کٔس تانی آسن تہٕ پیچھِو
اَیپچھِمِژ نا تھۆد پایک پیر صاب آسمت چھُو
تِمہٕ ہیٚ پانس خبر ژٕ میٚے چھُنہٕ حسب نسب کیٚنہ
تِہنٛد درجہ بوڈُ تہٕ تھوٚد آسنس منز کانہہ
شک۔ شرچھِ گِرد پیچھ چھُسو تہٕ تِمو نزانان
رسول اللہ صلعم سُند جانشین تہٕ بتیپہ معقول
تہٕ منقول علمک آگرُ تہٕ ہرہمیشہ چھُس
خودا تعالیٰ آسمان منگان ژٕ آسہ دوہن
پوشہ نآوُن یخلاص تہٕ یہ اَکھ وامِس رٕوزن
آسہ موجود۔ پننِس یہ مال حصہ تِمہ چھِ نس
واتناونہٕ پتہٕ چھُم عرض ژٕ اصفہانک شتھ
گرٕ کائی خربُز (یمن ہُنٛز کیٚت سہل سہل
بنانہٕ چھِ) چھُس تِہنٛدِس خدمتس منز
ڈالی سوزان۔ ہرگاہ اَتھ نود تیٚلہ ژٕ آسہ
تِہنٛدِ ریش خوشہ برتھ دُچھمت ژٕ حکیم
تہٕ حاکم دوشوٕنی ہنٛد حکمہ چھُس شراب
خیوان۔ دُیان چھِم ہرگاہ نہٕ شراب چکھ تیٚلہ
نہٕ پیہ چانہٕ دُسو کافرن ہنٛد مول کانہہ کام
تہٕ نہٕ ہیکہ بدکارن تہٕ بدماشن سِزا ہیٚ دِتھ
کہ آری شُتر مست کشد بار گران را
وو نتھ یکت مس آسہٕ تیوت ہیکہ بوزِتھ
میٚہ چھنے دوہ مید پاد امہ خاطر دِیو تُہیہ میٚے
شرعک فتوی کیا ژٕ تھوہا نہ تہٕ چھنے خبر تہٕ میٚے
تہٕ چھنے خبر ژٕ مے

ابی حکم شرع آب خوردن خطاست
وگر خون بہ فتوی بریزی رواست
اگر شرع فتوی دہد بر ہلاک
الا تا نداری ز کُشتنش باک"

بے شک یہ کٔھٹھ آسن تہٕ پیچھ نبی اَفسرن سوزمِژ
تکیا ژٕ ئسے اوس ژھوٚٹ کلامہ کران، زنگن گری تہٕ
زانہٕ ہیے، نزون ہیرن شراب چوان تہٕ رُستمنو داب ونان
موقہ وُچھمت آس تسنہٕ تگان کمتھ تہٕ کرنی۔ میٚے دوٚپ
"خار، آسن تہٕ پیچھو، میٚے مگر پانئے اَکھ برتر تلن
دونی وُچھا ہمہ بیا کھ پیچھو کیاہ چھِنے۔ یتہٕ مژراؤم
تہٕ اَکھ اوس لیکھمت:

"میانہٕ آغہٕ! میانہٕ بزرگہ! تِہنٛز ذات مبارک
ییمہ اِسلامک تھم، تکن اَتھ روٹ کرن واجبنچھ
تہٕ دینِ اسلامس زندٕ تھوٚون واجب چھِنے، سپدان
ییمہ کتھ نِش خبردار ژٕ بڈٕ مشکلی سان سپدی تِہنٛد
جاگیر کینہہ تِکن نش ہمتھ روہ پیہ تہٕ پنہراہ کھار
جِنس وصول۔ حسن علی اوسنہٕ عاملہ دِوانی دوقہٕ
کٔرِ کورمس شلق اما پوز توتہٕ معہ ٹیوہ نہٕ۔ آخر گوس
مجبور تہٕ عاملہ بدلہ ژوٚلسنس وانٛد ہوٚر ہیمت۔ یوٚتام
نہٕ اَکہ اَکہ ساری عاملہ دِن۔ توٚتام روزہٕ نہٕ تمن چوب

ونِس تہٕ تم سیکِنجس لدنس پتھ ایکھ اکھ
توہہ پنُن رسید سوزِو، تس اَتھ سوزِ بہٕ
روپیہ ہتہ تھہنِدِس خدمتس منٛز۔ اَدِ کیاہ۔"
تِہِ کنہ اُس اَتھ چِیٹھ عبدالکریم سِنٛزِ مُہرٕ۔
دیان چھس قسمتن رُٹھ یار یاہ۔ ظاہر چھم
نِم کھسہ وُنے۔ عبدالکریم تہٕ تسٕنِدِ کامِک نادیٚیہ
تہٕ تمیسے ٹھوٗن۔ یُتھ یہِ روپیہ ہتہ تس ہیوتھ نہٕ اَو"
یہٕ چِیٹھ تھوٗم یورُن تہٕ رٕژھا فِکراہ کرِتھ لیوٗکھُم
گوڈٕ پلٹس افسر سِنٛزِ چِیٹھ یہِ جواب :

"میانہٕ ٹاٹھ یارہٕ ! چانِ رژ تہٕ مِیٹھ چِیٹھ
واتہٕ تہٕ چانہِ مطلبہٕ نِش سپدیو اَسۍ خبردار۔ یٚیلہ
ایمانِچ علم ژٕ سے ہوٚس زورا وار یاد رسیہ پندِس
اَتھس منٛز آسنہٕ کنہٕ ہمیشہ تھرُ چھے
روزان، سے وَنیتہ سہ کُس چیز چھ یتھ اَسۍ
چون زُو اوٚرتہٕ دوٚر روزنہٕ خاطر، فتوے ہۍکو
دِتھ تہٕ سہ کُس چیز چھ یُس نہٕ تہٕ کھیتھ
تہٕ چیتھ ہیکو ؟
شراب ناب بہ فتویٰ من هنیاً لک

تو مۍ بنوش و بهل خونِ دلِ خورد کفّار

خربزٕ ڈالِ چانِ واتِ ژ۔ خدا تھاوِ کرنے آباد۔
پیمن خربزن ہیٚیٹھ ییم باتھ جوراہ ژتس
بوزِتہ ست
خربزاہ چھے کاٹلین فی زِچ اکھ رژ نعمتھا
دُنیہس منٛز خربزِے چھے جنتچ اکھ نعمتھا

پتھ کنِین بنین اندر بے جہ پتھ چھے حضرت نبی
چھے یتھے کنہ بوزِ خربزٕ جوپرُدس اکھ نعمتھا
خاڑ، خدادی سنے زیادٕ زیادٕ پرِتھ۔ آخرس
ہیٚیٹھ چھم وَنُن زِ ییٚگاہ شجھن چھے شہرِ تھ تہٕ
پیرِتھ کرُ اَکھ بیکار۔ یہٕ چِیٹھ واتِتھے گرٕڈھ
سہ گرُ نیٚن بیترِ ہیوتھ سے نِش واتن تکیاز
سے چھ شہرِ نیبرِ اَکِس جایہ گرٕڈھنُک
یراد کوٚرمُت، تورٕ پھیرِتھ سوزنے بہٕ واپس
اَدِ کیاہ، بیٚیہ کیاہ لیکھے وۅنی اَمہ زیادٕ"
اَتھ چِیٹھ تہٕ اَوم مرحوم شُنٛز مُہرٕ تہٕ پانس سیتھ کوٚرم
مشخص زِ پگاہ گرٕڈھس پانتے یہ چِیٹھ ہیوتھ۔
ہُتھ بیٚیس چِیٹھ لیوٗکھُم یہِ جواب :
"میانہٕ موتبر عبدالکریمہٕ ! خدا تھاوِنے
وارٕ ! چانِ چِیٹھ واتژ تہٕ حال سپُد مولوٗم
میانِ یہٕ چِیٹھ ژٕ سے نِش واتناوَن وول چھے
میون یار تہٕ میون واقف، حاجی بابہ بیگ
صاحب۔ روپیہ ہتہ یُس ژٕ سے نِش چھ، سہ
کرِتھیٚمس حوالہ۔ باقے مالکن ہیٚیٹھ سوزنے
بہٕ بیٚیہ کنہ ساتہ ژٕ سے ژکھ چِیٹھ۔ اما یوٚز
ہنہٕ تانِ دِگ مار تہٕ جوب دِنہٕ نِشہٕ پتھ روزِتھ
والسّلام۔"
ییمہٕ چِیٹھ لیکھنہٕ پتہ چھس بہٕ ژلنس موقہٕ ژھانڈان
زٕ پانٛژ وار۔ ییمہٕ تانِ ٹھوٚد گتہ پاٹھو یتھنہٕ کاکن

ہا پُتھ گژھہم ۔

تیھیف راتھ اُمس دأژہر تہٕ سأری اُسہ
مرنہٕ بیٚندر ۔ بہٕ چھُس زاگہٕ تہٕ ژلنہٕ مؤکہ پٔھم
پھیچرن ٹمکمہٕ نز اُتھٕ منز گوٚ واہ وار بہٕ مُژرُن ۔ مےٚ
ہیٚنزن دأنچہ دُبرأرے گژھنی تہٕ دُیان چھُس "وچھتا
بابا! کیھہٕ پأٹھی رٹہٕ نوو دُتھ پان تھاندارس اَتھہٕ"
بہٕ چھُس موتنہٕ اُتھٕ تلنی سیتہٕ تہٕ بلایہ تن دأرتھ
پیاران زِ کس تام زنانہٕ ہانز چھسرانے گیٚم کنن
اَما پوٚز مےٚ اُسہ پتھر ڈلی مِتھ ۔ مےٚ تورٕ پہ فکری سۅ
کیاہ اُمس وۅران ۔ مےٚ لاج نیٚندرِ تہٕ کھأیلم کھرِ کھ
زنتہٕ کنیتھ وانناوسس زِ "کوٹھس چھپہٕ ہیکمتہٕ"

ییٚلہ کیوٚنژ کالا گوٚ تہٕ مےٚ گوٚ پننہٕ جایہ تسلی
زِ سأری چھہ خۅفتہ تہٕ ووں چھمنہ پرواے، مےٚ
مُژر وولھ تہٕ لٹھ ہیرتہٕ تراوم کُنی اٹھہ تہٕ چھُس
پوٚت نظر دِنہٕ ورأے تھتھ پأٹھی ژلان زنتہٕ اُخدرہ
اَسہم پتہٕ ۔ کوٚنچ کنو، لنبو لنبو تہٕ نالہ ڈُندرِ ڈُندرِ
پیٚکر پیٚکر ووتس سیدھا دڈر تہٕ رۅنڈ وٲلین تہٕ پٮ۪نیہ
نہٕ مےٚ پیٹھ نظر کینہہ ۔ اُتھٕ منز آو نیٚکٔ نیٚکٔ کاش
تہٕ بازرہ پیٚتن یلہ گژھنہ ۔ بہٕ کھوٚتس اُکس جنبہ
گرتھ وانس پیٹھ تہٕ دربأری پیر شُندِ ئیس رخ لاگتھ
اوسُم سُہ بدلوٗنم نیٚچھنہٕ کانہہ پرزناوم ۔ ادٕ کیاہ ،گوٚڈ
کوڈُم نی، اَما پوٚز مۅہ پلو چھِز تھۅم اَندری کنہ نالی
اَمیہ پتہٕ، گوس بہٕ سیٚود دےٚ پلیس افسرٕ شُند گرٕ

تہٕ تیٚشندِس اُکس نیزٲنی سو ہینوس اَتھہ دژم چھٹو
تہٕ دوٚپُمس : "دربأری پیر صاب چھہ ییتہ چیٹھ چوانہ
پیاران ۔ جل یہ جواب ہیتھ ۔ تسٕ چھہ جھوری کامہ خاطر
نیبر گژھُن ۔"

تقدیرس اوس رُت گژھُن زِ پلیس افسر اوس
وُنہ اُتی ۔ تمۍ سوٗز شتیچھو زِ جواب لیکھنس لگو وخ،
اَما پوٚز چیٹھو وُچھتے سوٗزُن گژھ پلیس پیٚڑ ڈوچھ تہٕ اَمی
شندِس گرِ تھ تہٕ ژأرتھ سِلے سامانس پیٹھ نظر پٮ۪یم
دُیان چھُس، یہ چھہ تیٚشتھ تقدیہ یاپک گراہ ئیس تہٕ
مےٚ شوٗبی، یِنیہ سیٚود سادہ گرٕ بے آس ہے، مےٚ
لگہ ہمےٚ ۔ اَکھے ہمیٚر وو مےٚ سادہ گژتمن منگن،
مگر تتھ منز آیم تہٕ پیٚتہ مصلحتھ بوزنہٕ ۔ باپسے سیتو
چھُس سوچان زِ "اگر باریاہ بنیہ، گراہ چھُ نہٕ پتہٕ
کرون، اَما پوٚز خسر؟ رونہٕ وُن تہٕ ۔ لگہٕ ہمند مال
گوٚ وُنتہٕ کأرہ لگہ ہُندے ۔" مےٚ دوٚپ ہر گاہ بہٕ
جوابس پیارِ وُن رۅزُس، خبرٕ چھا شہمنتھ مایہ یم
کینہہ، وُمرہ ہُشندِ شکس ژلنہٕ کہ پیٹھ خیالہ
لژم گرِس جنبہ تہٕ اُچھ ٹیٹھہ منز وٲتس شہرٕ نیبرٕ

پوٚت نظر دِنہٕ ورأے چھُس ژلان تہٕ ووتس
کرج وٚنیتھ ہندِس بٹھس پیٹھ ۔ یہ اوسُم کنن
گومتے زِ دربأری پیر صابن جا گیر چھہ ہمدان شہر کینہ
لہذا کرتھ دٲمس تمی وتہٕ ۔ اَخرٕ ییٚلہ دم سٹیوٗلم
تہٕ پھیرتھ تراوتھ بیوٚ ھٹس جایہ اُکس پننس اَتھہ

حالس ہیچھ، دُنیہکس زنگس ہیچھ پننہ وون ستاد لہ تہ
اسمان کس اتھ وژنس ہیچھ نظراہ کرِتھ ہیوٚتھ مےٚ
یُتھ ہا بتھ زِ مےٚ ہاہ ہیرٕ دوو پوٚت پھیرِتن تہ پننین
اعمالن ہند سزا تلنہ موکھ پانےٚ پان پنُن حوالہ کُمتس
حوالہ کرِن۔ دپان چھس۔" ژوٚرس چھالسٹ یاہ مشک
آسان ہا بےٚ چھس وارہ تہ کار ژوٚر۔ ہرگاہ شوٚہتس
رٹن تو فرگت ڈن گوٚ میانہِ خاطرٕ سہل عذاب۔ مگر یتہ
پتہ مےٚ سوچن زِ آخر کُس چھُ مےٚ یِم کار کرناوان؟ ماو
ہے تہ یہ چھُ سونٚرے تقدیرُک کار۔ ییٚلہِ تقدیرٕ سےٚ
مےٚ یِمہ کنٚدہ باشہ کرناوان چھُ، مےٚ کیاہ راہ کھوٚتہ؟
دربارٕکی پیر اوٚن تقدیرٕ نےٚ تہ مورٕت میانین اُچھن
بُروٚنٹھ کنہٕ۔ تقدیرٕ نےٚ وولُس بہٕ تس بدل نکھہ تہ تسی
بدل زاٚنی راد نوونس تہ۔ یہ گوٚرُم تہ گوٚرُم جانےٚ دوٚنی
ہرگاہ بہٕ اُدلہ بدل کیتھہ کرِہا، سُہ گیو تیٚلہ تقدیرس
اُدلہ بدلہ کرِن۔ لہاذا کرِتھ چھُ تہ پوشہ شاخ تہ ہمہ رُوہ ییہ
ہنتھ میون حال۔ تیتھٕ ناو یِمہ چیھہ لیچھم، تمہ تہ
لیچھم پتہٕ۔ اَلمقدّر کائن۔ یہ تقدیرٕس آسہ
تہ چھُ منوٚر کرِتھ درٕتیٚھو یوان۔ لہاذا چھُنہ مےٚ
تقصیرے۔"

یہ سوٚ چیتھ دریو مےٚ دل۔ کھوٚتس گرِس تہ
ژرامن زِ نتھ ییٚنہ والہ گامہ ہنٚز کرِ مولوم زِ دربارٕکی پیر
پنٚد جاےٚ گرُک گام یتھ عبدالکریم موتبر چھُ، چھا
نی زِ یکھےٚ کنہٕ تہ۔ زنتہ تقدیرٕ میانہِ کا یتہ گوژھِتہ

شتہ لیچھ اوس ھتوان۔ زن چیپرٕ میانی ناو پانٕہ یوان
آسہ۔ بہٕ چھس یوہے اکھ فرسنگاہ ہیوٚ پکان، تہ
وو تس گامس اکس منٛز۔ یہ گام اوس تمی سےٚ دربارٕک
پیرِ پنٚد تہ عبدالکریم موتبر اوس آتیک موہ قدم تہ
تہ پیرِ تہ۔ مےٚ دوپ۔" نہ! یہ چھُ ییتیک پیرکہ یہ
چیچھو مےٚ اُمہ پنٚدہ ناوٕ سیتی چھےٚ، سہ چھُنہ اُمس
لایق کینہہ۔ سہ ییٚنیہ وون زِ بدلاوِ تہ تمتہ یینہِ دوِ نی
اُمس لایق جان القاب وٚ لقاب لیکھتو۔" گرٕ ہیچھ
دوٚ تھس لبہن تہ دربارٕکی پیرِ پنٚدے قلم، دواتہ
تہ کاگزٕ کوٚڈُم چینٚدٕ منٛز تہ پرٛژھ چیچھو اکس پیرس
شوٚبہ پےٚ لیکھنہ تہٕ ھ آ چیچھم۔ چیچھو لیکھتھ دراس
تہ چھس پکان یِمہ راہہ زِ ہرگاہ رو پیہ ہنتھ لاریوم
یوٚت پلیم تیوٚت چل واتناوِ پنُن پان کنہ ژھوچہ
ورِ تہ کنہ کُنہ نی زِ یکھہ سرحدکس علاقس منٛز۔

## ۵۹

# حاجی بابن سنٛز ہیرزِ لہٕ بکن

## تہ نادان پیرِ سنٛز دلیل

اُمس گرِس ہیچھ کھسیتھ چھس تیوٚت پھٹان
زیارت آم [1] خدا بندہ شہنشاہ ڈنٛشس یوٚت
بوزنہ۔ ییٚلہ بہٕ دربارٕکی پیرِ پنٚدہ گام سعید آباد
وو تس بہٕ چھس اتہ کو چو منٛز یہ بڈ شاہہ تہ حسیہ تہ
ریہ سان پکان۔ کر پسکر آسے دوران مےٚ وچھنہ تہ

[1] تبریزس نکھ خدا بندہ بادشاہ پنٚنہ مقبرٕک دُمبھ۔

سَلامہٕ کٔرِتھ کٔرِتھ رٔدِی بٔڈ اَدبہٕ سان وَنہٕ دِنیٖ۔

بہٕ ووٚتھُس گرٕ بیٚچھ بنن۔ گرٕ روٚٹہُم کموتانہٕ

تہٕ چھُس پٕرٕژھان۔" پیٖر عبدالکریم چھا اَتھ

یٖیتھ؟"

کینٛہہ نفرٕ گٔے ہیاٚرِ بیاٚرِ دوران تہٕ دوان

تہٕ اوٚنکھ پانَس سیٖتۍ۔

سَلاماہ بٔڈ پٔتھ کرنہٕ پتہٕ پٕلہ ناوُن مےٚ

چیٚھٹھ تہٕ دوٚپمس۔" بہٕ چھُس پٕرٕژھان دربارِ

پیٖر صٲبنہٕ تمہٕ کامہٕ موکھ آمُت، تُہہِ چھوٚ

خبر چھۆ؟"

عبدالکریم وُچھم مرداہ تہٕ میٚس نظرٕ بڈ ہمرٕ تی

آیہِ بوزنہٕ تہٕ یہ نظر تِمن اٚسِنہ مےٚ قطعن دِتہٕ دِنیٖ۔

مےٚ ہیٚیُن دُبرارٕنے گٕژھنۍ۔ اَما پوز چیٚھٹھ وُچھتھ

دوٚپنم:" تِمن بیچھ حضرت! روہ پیٚر زیٚو۔ مگر

رٕژھا بہیو تہٕ آرام کٔرِو۔"

اُچھن اَمہِ ہیٚشرٕن کھوژنہٕ موجوب یوٚر ژھینہ

مےٚ اَمس سیٖتۍ دربار کینٛہہ تہٕ زہیٚٹھ راوُن مگر

اَمس شکھ نہ گژھنہ موکھ دوٚپُم زٕ مہو رٕژھا،

ترِیشاہ تہٕ ضمانت دوہ ژٕ لُسیاہ جموس دیوتہٕ ہیٚرد

چیٚز کھینہ کہہ ہیتہٕ اَمہِ بیٚترٕن اُچھن ہشند نارٕ نیٚتہ

بچہ۔

یٖیٚلہ مےٚ گوڈ نیٚتھ خبر خاش اَسِس ہنز

ترٕو، عبدالکریم ووٚنُم:" مےٚ نہ چھُس چھوٚنہٕ توٚہی

زانہہ تہٕ پیٖر صٲبنہٕ گرٕ نظرٕ گمژھ۔ بہٕ زانکھ تہِ ہشند

سارِ کنہٕ۔"

مےٚ سندِ وریان تہٕ دوٚپمس:" بہٕ نہ چھُس چھینہٕ

پیٖر صٲبُن نفر بہٕ چھُس کھینن پلیسہِ اَفسر صٲبُن

نفر۔ تِس چھہ پیٖر صٲبَس سیٖتۍ کیا ہتانی حساب تہٕ

تۆے سوز ہمس بہٕ یور۔"

یہ جواب بوزِتھ ژٕول تَس شکھ مگر خوداہ

نوٚو راوُن تَس گرِس تہٕ پوشہٕ ناوِکنس شہ زین تہٕ

گونڈ بیترٕ شہ آم وخنس بیچھ پکار تہٕ تِمشندی کنہٕ

بیچھُس زیادٕ پٕرٕژھ۔

یٖیٚلہ روہ پیٚر ہنتھ چنڈس ژٕوڈُم، دراس

گیاہ پانس عائشہ سان تہٕ اٚکھتھ چھُس پکان ظہر بعد الخ۔

وَتہٕ مگر اَڈ وَتہٕ پھیرُم گرٕ پوٚت تہٕ دراس کرمان شاہ

رٕچھ وتہٕ تہٕ دوٚپُم تور واتِتھ اَدٕ یٖیتھۍ قمتس وہ

تھتھ ژٕھونن پرگرٕ تہٕ زین کینۍتھ تہٕ دار السلام بغداد س

کُن کڈٕ دوٚ پیٚتھ تنہٕ بہ سلامت روز ہیرٕ سان۔"

پانژھ شےٚ فرسنگ ژٕ ہٹتھ وُچھُم دوٚیہ

أَرس جایہ شخصا اکھ بدلے چھیہٕ تہٕ۔ کلس اَسِس

گکھ تہٕ کھور تن کھور باتہٕ تہٕ بٔچکس دُجاہ گنڈتھ

اوس تیز تیز پکان تہٕ گیوان۔ بہٕ گوس اَمس نکھہ پٕتہٕ

مےٚ باسیوو زنتہٕ یہ مےٚ کتہٕ تام وُچھمُت اوس

اَمہِ سند تھفرز، بڈی بڈی شانہٕ تہٕ نیٚتھ نیٚتھ کمر آم

وتہٕ۔ ہرگاہ نہٕ یہ گیوان آسہ ہے تیٚلہ اوس یہ ضرور

کرُتھ نادان ییر۔ اما پوز اَمی سِنِد گیوہ یہِ کینہ کوم یہِ
تَسِنِد خلوت بیٚکیا زِ یتھِس ہِیوس موتبر مؤہنوی سِنِد
دِمہ اَمِس پزٕہ کأم ییٚنہ مُشکلے باسان۔ خأر۔ اَمی
سِنِد مےٚ پرنٕہ نادنہٕ بروٚنہہ آو یہ شخص مےٚ
دِنہٕ۔

مےٚ ٹھہرووُ کرُت پتہٕ ژھس سوچان زِ "آیا گژھا
یہٕ اَمِس نِش پتہٕ کرُس خأر پاٹھ کینہہ یہِ؟ ہرگاہ خأر
پاٹھ کرُن ورأے دراس پتہٕ سُہ گو ظُلم۔ ہرگاہ خأر
پاٹھ کرس سُہ گو بأذ پانے پانس دوہنہ مزِ ژلُن۔
مگر بیاکھ ہرگاہ اَمِس خأر پاٹھ کرنے یانہٕ لو پتہٕ پأٹھ
دراس پتہٕ اَمی پرنٕہ نوٚوُس، مےٚ اَسیو تنہٕ ژھانڈو
لوگمُت۔ یہ کرِ تِتھ دُشمن دأری پتہٕ دِنہٕ میون
سورُے سپدِ پتاہ۔"

شام ادِس تیار وانٹِس پتہٕ آسہ ادس دوہ نی
دوہ شونی کُنہ نتہ کُنہ کامِس منز آژن۔ کرُ اوسُم سخ
تھوکمُت پتہٕ تمہ کینہ ہیکہ ہانہ ژلِتھ پتہٕ۔ مےٚ دوپ
"خیرالامور اوسطہا۔ جان گو منزِ کہے دِتھ ژٹُن۔
اڈ دِتہ ژلُن چھُنہ جان۔ بٕ ژِٹ یوسنٕہ دِتھ۔ ہرگاہ بہٕ
اَمی پرنٕہ نوٚوُس تسلہ کرُس بہٕ پتہٕ خأر پاٹھ، نتہٕ چھُم
جان اَمِس نِش لوٚبہ روزُن پتہٕ پانس دَد گنڈُنی۔"
گرُس کرُم زیر پتہٕ دوتس اَمِس نِکھ۔ اَمِس پیٚٹھ
مےٚ کُن نظر پتہٕ چھُم ہیٚر بون وُچھان پتہٕ ظاہر
یہنہٕ نادنے کرنے چھُم دِیان۔ "ہتہ حضن! آغہ صاحبا

خوداپہ سِنِد خاطر کرِ تو مےٚ رحم کینہہ، مےٚ چھُنہ
کانہہ تہ سایہ تہٕ ہہ ورأے۔"

اَمی سُنِد یہ سوال بوزِتھ روٚد یہ مےٚ ناب پے
یہ یہٕ ٹھہریوس زِ بنیہ مادرنہ کینہہ۔ مےٚ ژدٕل ٹھاہ
ٹھاہ کران اَسُن ییر بتھ۔ میأنس اسنس اوسُنہ
اَمی سِنِد ہن اَتھ سوالس سیٚہتی واپٹے کینہہ تو پکنہ
زن کو یہ حأران ہیو۔ یتہ اَد ییٚلہ مےٚ یو سلام
کرُس، اَمِس ژدٕل شکہ پتہٕ پرنٕہ نوٚوُنس۔ زنتہ
سأری غم ژٕلِس تتھے یأ ٹھو آم دوران دوران
بروٚنہہ کُن پتہٕ چھُم دیان۔ "حأج جانا! ہا میانہ
ماٹھیا! میانہ کاشا! ژٕ دوٚ ٹھکھا اَسمانہ کینہہ زٕ میٚنہ
منز چھوٚ ٹھکھ؟ یہ کیاہ جود کرِ یا ہتھ کرُتھ ژٕ؟
یہ کینہہ کر؟ اما یہ کینتھ سُنا زین بیتر؟ جن یا
بیٚرِ ما چھےٚ تأ بیا؟ کأتہ پونسہ واجتہ ماشوقہ منز
وراثت ما ترِہے؟ تلا مےٚ ونتہ یہ کیاہ قصہ چھُ؟"

اَمی سِنِز یمہ کتھ بوزِتھ چھُنہ اَسنہ دران
دوٚپہم۔ "ہا جینیا! یتھن سُہ سوسرویمت قاطر کیا یٔری
بنیوو عربی گرُتہ تسُند سُہ زِچ پلنہ کینتھا یأ ٹھو بنیوو
پیٚتھ گرُتھ پتہٕ ژٕرِتھ زین پتہٕ یتھ معمولُل سامانہ؟ اَو
بنیہ، وُنتم کرِج ما چھے کینہہ خبراہ۔ ژٕ مےٚ چھےٚ یأ نجر
صاحبنہ ریش مسبارِک دِرے، مےٚ سنہ بوز ناوکھ
سورُے قصہ؟"

مےٚ دوٚپ "ہرگاہ یہِ بہٕ اَمِس پوز پوز سورُے

وَنہٕ اُمِس گرٛٲہہ راے زِ نتہٕ چھُ اُمی سٕنٛد کرٕتیہ مال و
جاداَدس قبضہٕ کوٚرمُت۔" ییٚہ دوٚپُس۔" پَنٕنۍ یاگِھ
مان خَصَن ژٕ ییٚتہٕ چھیٚہ جود گرٛٲہی کرٕمٕژ۔ بہٕ شخص
بوزِ ناوَتھ ژٕ پٔز پٔز سورُے اما پٔز تتھ کرٕ زِ پٔرِتھ
تہٕ بینہٕ دِلَس شکھ گرٛٲہی بٕ گیٖا چھُنہٕ اپُز وَنان تِکیاز
یہ چھُ قصہٕ رٔتھے۔ یہ چھُہ بوٚڈ تاجِیا تہٕ، اَسنٕ لایق تہٕ
عقلہٕ بدوٗن تہٕ تہٕ اَپرٕ سِ لایق تہٕ۔"

دوٚشوٚے دٔزاے اَسی نگاہس کٔرِتھ تہٕ راتھ کڈِتھ
معہکھ ژاے اَتہٕ اَکِس کاروان سرایہٕ منز۔ بیٚیمہ ہِشتہٕ
بہٕ اوسُس تمہ تلہٕ اوسُس بہٕ بوٚڈ معہانوٗتے بوزِ بٕہ یوان۔
اَوسے بہٕ دٔراو نگامک معہ قدم بھتھ تہٕ کرٕن جان خذمتھا
بجا آرہی۔

نادان پیٖر بوزنوٚ دُم سورُے قصہٕ یٔمَن دربار عرک
پیٖرن شکس بینہٕ تلہٕ پیالہٕ تمہ میانی رَنگ بیدارِی دِچھی
گرٛٲہان سٕہ گو سیٚٹھا خوش۔ اَکھ اَکِس سیٚتھ
کٔر راتس کتھا باتھا تہٕ آو بڈٕ لطف تِکیا زِ بیٚیمہ ہِشر
پریشانی ہُنٛد حال بوزِتھ چھُنا اِنسان بٔرِنس دِلَس
تسلی گرٛٲہانہٕ خاطرٕ ییٚتہٕ تورفکہ زِ نادان پیٖر اوسنہٕ بہٕ
یہ بہٕ سٕہ زانان اوسُسن۔

بہٕ دوٚپھُس اَمِس۔" جانہٕ یکلاحیہ تہٕ سیٚزرہٕ
کِنہ چھُ صاف نَنان زِ تہٕ چھُکھنہٕ دِلہٕ کِنہ تہٕ یہ تہٕ
نیٚبر کِنہ چھُکھ بوزِ نہٕ یوان۔ مُتفکری ہیانی دِژھتھ
کُس بیمہ زِ تہٕ چھُکھ دراَصل تلہٕ بڈٕ سیٚزرہ پَزرُک

معہانوٗاہ۔"

دوٚپہم۔" صاحبیا! شکس یُن پتھے بہٕ ناکارٕ چیز اَو
اَکھ، ییٚتہٕ چھی وُمرِ منز بٔڈ ہِشوٗر جمن وُچھمتی۔ ییٚتہٕ
زانتہٕ لوٚہے کیرٕ تِک یُند راہ، ییٚتہٕ ہِشوٗر تہٕ ہگے بوہ۔
اما پٔز دِیان چھُنا: تتھ کیٚنسر بیٚہہ گرٛٲہنہٕ شوٗنگِتھ
یتھ تلہٕ لوٚنی آسہ۔ اَتھ بیٚہہ کرٕمہٕ نہٕ زانہہ تحمل۔"
ییٚتہٕ دوٚپُس۔" نہٕ حَقَن ژٕ تے پتھے خود اعتماد بنہٕ
دٔرِیے، ژٕ سنے بوزِ ناوکھ ییٚتہٕ یمن حال۔ آخر وَنکھ
یاگِھ نیٚبر۔ بیٚیمہ چھُس زانان زِ زَتے پتھے ییٚتہٕ بیٚہہ
پٔرِتھ تہٕ ییٚتہٕ نِش کھٹکھنہٕ کانہہ کتھ۔"

دوٚپُن۔" میون قصہٕ نسب چھُنہٕ نوٚد تھاہ کیٚنہ
تہٕ چھُ نی یہ پرِتھ اَکِس آیہٕ نِس گُدران چھُ کالہٕ
آسان شاہ تہٕ یگاہ گداہ۔ مگر حیون وَنُن مانہٕ چھُر
لہازا بوز میون قصہٕ۔

" بہٕ چھُس ہمدان شہرُک روزن وول۔ میون
بابہٕ صاحب اوس تتہٕ بوٚڈ پیٖر۔ شرح کین مسلٔن پٔتھ
اوس زُو دِوان۔ اما پٔز بابہٕ اوس تمن بیٚہہ تحمل
کرٕنہٕ نِش تیوٗت پتھ روزان زِ عالمن ہنٛز اَکھ بڈ
جماعت گیہ تس پھیرِتھ تہٕ تسٕنٛدی فتوی ہٕیتھ پھیرٲوِنی
بابہٕ صابٕنِس اوس شیعہ مذہب ورتاونس تہٕ سُنی
مذہبس بدرد وَننس منز بڈٕ کمال۔ دِیان میانی
اَکی بٔڈی بابٕن چھیٚہ ژاڈٕ ہالس منز شرٕہن تربیت دِوان
دِوان، تمن سُنی لکٕ سیٚتھ ضد تہٕ حسد تھونٕ معہکھ ترٕ تھ

اکھ تألیماہ دژ ہژ یوسہ قیامژ تانٛی موجود روزِ۔ یاں
زِ میلہ کانٛسہ شژس ژاپژ ہالس مژ نیبر نیرنگ حاجتھ
سئہ چار اوس آنان، تس اوس نیبر گژھنہ خاطرٕ اجازتھ
منگنہٕ پیوان اوحن صابس بژ وُنتھ کنۍ پتھ یہ وُنُن
آسان زِ "لعنت........" یہ چھُ پتھ ویے
تہٕنٛدٕ پرٕن کامٕن ہُنٛد نتیجہ زِ از چھ تِہ تہٕ بٕ
یا پتھ کانٛہہ ایرانی کہیں نے تہٕ تو تہٕ اکہ لٹہٕ دوہ ہِس
..... بدرو تہٕ ناسزاہ وَنان"
مےٚ دوپُس۔" اہن حضن اوت تانٛی گو پوازے
لعنت ..... ماپس۔ ایرانٕن چھُ ... لعنت سوزنن زِ
حق"

آمہ پتہٕ چھُ ونان۔" میانی مٲلی یُس یہ مذہب
عداوتھ باگرو، یہ روُد نہ صرف سُنیٚن لکن سیتی یوت"
یم سانہ مذہبہٕ نیبر چھ، یاں زِ یہوٗدی، نصاران،
آتش پرست تہٕ پوتلہِ پرست بیتر، یمن سارنے سیتھ
آو ہوٗرے عداوتھ ورتاونہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ بنیو تس
یہ کار ہُرہ لبنہٕ تہٕ پونسہ وٹنہٕ موکھ اکھ ذوٗ وسیلہ
مگر پتہٕ بنیو تس یہ فطرت چھے۔ تہٕنٛدی مُرید چھ وُنہ
تہٕ یہ عداوتھ تھوٗن فرض تہٕ ماجب زانان۔ یمن
چھُ یتھ کٲنھ ہُنٛد سئہ اعتقاد زِ ہرگاہ کانٛہہ ....
.... لعنت سوزان آسہ تمہ وِز گژھہنہ تس سلام
کرُن یتھ سُہ تمہ کامہ ہُنٛد ثوابہ تہٕلہٕ اتھہ چھلہٕ مگر
ہرگاہ کانٛہہ نبی کرہٕ تس پیٹھ درود آسہ پران تس

ہرگاہ سلام کرہ تہٕ تتھ چھُنہٕ کینٛہہ، اُسو سارٕی خاص
کرتھ بٕ، بڈیاے پیٹھ پیٹھ اعتقاد تہٕ پرٕنٛھ
پرٛھتھ کتھ ہیٛکھ تس نش تہٕ یم اعتقاد دوہ پدیاے
تتھ باتھ آسہ مژ زِ لکھ اُسو آسہ گفرس ڈاسس
کرُن والیو تہٕ ایمانس سنگ دِنہٕ والیو مژ زانان۔
"یہ بوزتھ گژھ حکھتہٕ زِ میانٛس اوتر کس
فساد ظُلمس پیٹھ ہارتن گژھن۔ یہ چھکنہٕ مےٚ نش
کتھ کانٛہہ یہ اوتر وک فساد۔ مےٚ چھے لوکچارس
منز تہٕ بوڈ اکھ فساد ظُلمت۔ بوز سُہ چھے بوزنس
لایق۔

"بغداد کو بادشاہن اوس پنُن موتبر اکھ
ہمدان سوزُمت۔ یہ موتبر اوس دوہے سانہٕ بر کینٛہ نکان
تہٕ بادشاہ سٕنٛدِس دیوان خانس پیٹھ گژھان۔
مےٚ بیو مٲلی سٕنٛزِ تالیمہ پیٹھ عمل کرنک خیال۔ شُرہ
جماتھ اُرم تہٕ یمن کوٚرُم تقریراہ تہٕ بوزِ مکھ چھوکھ
زِ ترُکی لکن پیٹھ آسہ فکر تارُن آسہ کوتاہ حسد تہٕ
عداوتھ چھ....... تہٕ آسہ پزٕن یم سُنی مذہب
چھ اپزٕ ونہٕ پیٹھ شیعہ مذہب چھ
پزٕ ونہٕ پیٹھ اینٛز۔ یہ اُس تہٕ آسہ خبراہ کینٛہ
زِ یہ موتبر کُس چھ۔ کانٛہہ نیزہ دول شخص چھاکنہٕ
تتھ تہٕ اُس تہٕ خبراہ اتراہ کہیں۔ مےٚ اُس فقط پتہٕ
خبر زِ یہ سلیمان افندی (اہمس موتبرس اوس یہ
ناو) اوس شیعن ہنٛد دُشمن تہٕ ڈاڈہٕ سُنی۔ اکہ دوہہ

ییٚسلہ یہِ ساتہٕ بَرِ کتھ پکان اوس، اَسہِ چھوٗکھ اَمس
میتھر تہٕ کرِہس شٔنگہ تہٕ کرٔیکہ دی دی چھس وَنان
"لعنت ........." یِم اَمس سیتؔر اَسہِ
رتمن کھوٚت خشم تہٕ ہیتو تُحکہ اَسہِ لایِن۔ اَسہِ کوٚر یمن
کتھہ رٔد۔ سلیمان آفندی یَس آو دستار ہورلاینہٕ۔ پشتس
چھیپس تھووکہ تہٕ نٲلی پلون ثراوِیس تہٕ بچہ کرتھ
بیٚنہٕ تھوٗوس یہٕ لیکھ ژاٚرِیہ ژہ اٚرھ تہٕ، نا سزاوُنی
وُنی کیٚنژھہ تہٕ باقے۔

"پژھ بدسلوٗکی چھِ آخر بازخاس دوہھٲنی
یہ موتبر گوٗ ناریے نار۔ اَمہِ کوٚر اَمی ساتہٕ نفر اَکھ
طہران سوزُن تہٕ پانہٕ بغداد واپس گژھن مشتخص
ہمدان شہرُک حاکم وِسر لیوو تہٕ تَسَ دِل تسلی دِنہٕ
معہ کھِ کوٚرن تَس اَمو حوالہ کرنَس تہٕ اَسہِ آنخ ہونس
پیٚٹھ تَس سیتو وعدہٕ۔

"یہٕ اوسُس ٲلی سندِس پٕلنس پیٹھ نژان تہٕ
یہٕ بُڈ کام میانہٕ ژسہِ پنَس پیٹھ اوسُس بٔڈ خوش
مےٚ تھوٚو یہٕ ہمتھ کتھہ کِنے۔ مگر حاکم اوس سخ
کھوژان زِ مےٚ گژھہ یہٕ کٔڈتھ ژھِنن۔ سُہ اوس
انسانہ ناہ تمہ قسمک یَس نِش حضرت علی کرم سُند محبتھ
تہٕ ...... سُند بوہ غرض تھوٗن بے معنی کتھا اَس
... اوس حضرت علی صاب سیے سارِنے ہیوٚر زانان تہٕ
... غازی ووہ دُر۔ تمی کوٚرس یہٕ لمہ تہٕ پاٹھو
موتبر سٔندِین نفرن حوالہ۔

"ییٚسلہ یہٕ شلیمان آفندی یس نش نیوٚہس
یہٕ تاوِ مُنز گرُن کران چھُ تی چھُس کران۔ چوب پیٚنگ
اوشُم یہٕ ظلوناہ کیٚنژھہ تہٕ چھُس تَتہ تہٕ اَکھ بیہ اَکھ بیہ
لِیکہِ چھکان تہٕ بدرد وَنان۔

"تُرکی اَسہِ پننہٕ جایہ سوچان زِ یہ سہ بے عزتی
رتمن گمژ اَس، سُوٚد ہمیتھ ہِس تمیُک بدلہ اَسہِ۔ تِم
اَسہِ خوددارِیس تھوٚو دُھو دِتھو منگان زِ اَسہِ
گژھو کُنہٕ پاٹھی رتمن تل نِگنہ۔ پننہٕ کِتھ کرِ یوو رتمن
سخ زار پارہ تہٕ ٲنی تہٕ ہیتِزا اَیکھ، تم کتھہ مانہٕ ہن
ٲلی سُند بجُر تہٕ پۆکنہٕ پژونچھ کیٚنژھہ۔ اَو یہٕ مذہبی حسد ہِس
تہٕ عداوتس کام ہمیتھ کٔڈی تمو اَسہِ اَمہِ کتھ چوب
دی دی۔ مےٚ اَس رائے زِ میانی بے دِلَس منز لوت
چھُ عداوت مگر اَسہِ ساتہٕ تورُم فِکرِ زِ میانہٕ کھوتہٕ
تہٕ چھُم کٲکھ ڈاڈہٕ۔ خٲر، ترکن آو پننہٕ دِلک ٲلی
بجاہ تہٕ کرتین ورین ہندِیس مےٚ مذہبی غارتک
نار وُوان اوس، سُہ گوم ژھتہٕ۔

"ییٚسلہ مےٚ ریش ہیتو تُن پھٹن یہٕ دراس
اصفہان کُن میتھ تتہٕ علی مس مُنز کانہہ کھالاہ کرِہ تہٕ
پننہٕ علی مک بجُر تہٕ تھزر ورتاو۔ تی سپُد تہٕ اَکھ
یِم یِم چیز علی مہ زِندگی ہیچھن اوسُس یژھان تِم تہٕ
ہیچھم۔ مگر نامہ وار سپدِنہٕ معہ کھِ او ہمنہٕ کانہہ موقاہ
بدس یوان۔ آخر آم یہ موقہ تہٕ۔ بوز کتھ یاٹھو۔
"شاہ صفی یِس پانہٕ اَڈ زندیق اوس، تمہ

اوس ووہ پرٕ مذہبہٕ پیٹھ ٹُکٕن خاص کرِتھ انگریزن
تجارت تہٕ لین دین ہُر راونہٕ کہ ہیتہٕ اصفہانس منز
روزنس اجازتھ دِنہٕ ہِمت سیتی اونکھ، اگرچہ بناونس
پادریو آنس، گرٕ داینس، یہ زن قطعی شرعس خلاف
چھُ، تہٕ یخنیار تھووُمُت۔ انگریزن ہُند بوڈ پادری،
یس تم "پوپ" چھِ وَنان چھُ حضرت عیسیٰ سُند
دپن رٹتھے پاٹھو ژھہ پارہو وہراونس پیٹھ پیٹھ پاٹھو
سانہٕ دینکو زٕٹھو محمد صاحبن اسلام وہراوان چھِ۔
اُمہ تۄپن اوس صفوی بادشاہن بڈٕ چالاکی ورتاوِتھ
اصفہانس منز کینہہ تکیہ تہٕ یبادتھ خانہٕ بناونس
اجازتھ ہیوٚتمُت یتھ تیشندِ نفر تمن منز روزان
کران آسن۔ بیٚمبتی تہٕ اُسی رتھ مگر تم اُسی ساری
دُجارہٕ گیٚٹو فقط اوس اکھ یبادتھ خانہٕ سرسوتی
بہٕ لوگُس اُتھو سیر سیر والنس پیتہٕ۔

اکھ یبادتھ خانس منز اُسی زٕ پادری روزان
یمن منز اوس اکھ پادری سیٹھا دُنیا دیدہ تہٕ
نیبر دراو۔ بڈٕ زیرک، کاٹل تہٕ چالاکھ۔ شیطانس
تہٕ اوس اَتھ بیٚیٹھو بازی تاران۔ قدٕ کینہ اوس تھوَد
تان اُسیس زاوِلی، دِل اوسُس دوَر، نیٚو ننگلکیہ
پاٹھو آسُس اُچھ زوتان تہٕ کیٚتھ کٔرنہٕ وِز زن آسہ
کنن کراپہٕ گژھان۔ یتھ حایہ اوس سانین عالمن یتھ
لگان تہٕ تمن اوس ننہ پاٹھو وَنان زِ "تہند پاغمبر
چھُ (نعوذ باللہ) اپزیور تہٕ مکار انسان گوو

اوسنہٕ کنہہ یاژ کران۔ کتاب اکھ تہٕ اُسن
لیکھمتھ چھپاوِرتہٕ تتھ منز آسن پننہ غلط تہٕ
اپز کتھہ حلنی تہٕ پیز ہاوِمژ۔ سأنی اکو مجتہدن اوس
اَتھ کتابہ رد کرنہٕ معہ کھ جواب لیوکھمُت، مگر تمی
اوس اَتھ جوابس منز بحار مجلسی سُند کتابہ ہیند کہ
پاٹھو، پننس لیکھنس پیز ہے، تی لیوکھمت۔ اَمہ جوابہ
سیتی اوس ایتراض کرن والی شرٕ نبے کتھن دربدر
گژھان۔ یمن دوہن بہٕ اصفہانس منز اوسُس
یتھ جایہ اُس اَمی کتابہ منز کتھاہ چلان۔ مے
کوٚر اعلان زِ فلأنی دوہہ ییٚن انگریز پادری نوشاہ
مدرسس منز تہٕ کرِن مےٚ سیتی بحث۔۔ دوہ شوٗرے تمۍ اوس
پننہ دعوی تہٕ پننہ دلیلہ منز مارکُس، یُس حاریٚمہ کرِ
زینن والی سُند دین پانس پیٹھ قوٚت بوٚلن۔ اسلامکیہ
اَسہ عالی موکور پانہٕ وأنی یتھ کیٚتھ پیٹھ اَتھ واس
زِ کٔنہ نتہٕ کنہ پاٹھو ژھنون یہ کوٚنہ اُسی پانس نش
گژھتھ۔ اَسہ سارِوے گوٚ ننہ اسلام پزٕ دین
ثابتھ کٔرِتھ ہاونس پیٹھ گمبر۔

مےٚ چھُنہ تیٚتھ لکہ عرصاتھے زانہہ وُچھمُت
یتھ اَمہ دوہہ ہیٚو وُچھم۔ اسلامچ فتح کانجھن والین
ہُند تکبیر صدا اکھ اوس مدرسہ ہیچن دوہسن تہٕ پتھن
پیٹھ بہتھ پیاران۔ دستار اُسی دستارن تہٕ یتھ حقین
سیتی لگان، تہٕ اوس گرہ بار لکن ہُند۔ پادری آو
کرکھ لاکھ تہٕ پیٚیلہ تمی اتہٕ لکن ہُند جوشس وُچھ

سُہ وۄسر بوٚد تہٕ چھُ اُنٛدۍ ییٚکۍ نظر دِوان۔ یوٚدوَے کرٕ ژٔر
دراے ترٛیٚیہٕ عالم یمَن منٛز اوسُس بٔہ برٛونٛہہ برٛونٛہہ
تہٕ یِم اُسِم اَپٕتہٕ پَتہٕ۔ اَسہِ اُسہِ برٛونٛہمِیٚک سوال تہٕ
جواب سوٗ چھِتھ تھاوۍ مٕتۍ۔ اوٚرۍ وُچھنہٕ اَسہِ پادرِیَن
تِہٕنزٕ زیوٕ وراے بێیہِ کانٛہہ ۂتھیار اَسہِ مٕتۍ۔

" عالِمَن ہنٛز جماعتھ اَکھ وُچھتھ گابرٕ بوٚو
بہٕ تہٕ تِمَنٛد۔ اوٚرۍ وَنہٕ برٛونٛہٕمٕتۍ ہیٚتھ اَسہِ اُمِس سوال پرٛژھنۍ۔
اَکھ چھُس پرٛژھان: "تۄہیہ چھُیہٕ یہ اعتقاد زِ اللہ
تعالا چھُ اِنسان شکلہِ منٛز اسمانہٕ پیٹھٕ زمینَس پیٹھ وۄتھمت؟"
بێیہِ پرٛژھُس: "تۄہیہ چھُیہٕ یہ اعتقاد زِ اللہ تعالا چھُ ترٛیَن
زمین بنیوٗمت تہٕ ترٛ کٔرِتھ تہٕ چھُ گۄنٛڈ؟" بیاکھ وۄٚتھُس "تۄہیہ
چھُیہٕ یہ اعتقاد زِ روح القدس ووٚتھ اسمانہٕ پیٹھٕ کوتر
شکلہِ منٛز تہٕ تھوٚون حضرت مریم بێیہِ زوٗ؟"

" اُمِس پادرِیَس ہنٛز ووٚت ساعتٕ دِل اُمتی آسان
زِ یہ اوس اوٚرۍ کُنہٕ پرٛژھان۔" تیلہٕ سۄ توٚہی
دِنۍ توٚ زِ تہٕنٛد اعتقاد تہٕ تہٕنزٕ کتابہٕ موجوٗب چھا
حضرت عیسیٰؑ برحق پیغمبر کنہٕ نہٕ؟" مُسلمانن چھُ
اَتھ سوالس واجب کٔرِتھ یہ جواب دِیُن زِ "اہنہ
یہ چھُ یوٗز، سُہ چھُ برحق پیغمبر۔" اَمہِ پتہٕ اوس
وَنان: "تۄہیہ حضرت عیسیٰؑ ہَن، یُس توٚہی مُسلمان
برحق پیغمبر چھِو مانان، چھُ تہٕنٛدِس دینَس
اَتھٕ دین وونٛمت۔ تکیا زِ تۄہیہ چھِو فرموومت۔ "مےٚ
پتہٕ ییہ نہٕ بێیہِ کانٛہہ پیغمبر۔" اَتھ کتھہِ اوس

مےٚ برٛونٛہمِیٚک جواب سوٗ چھِتھ تھوومُت۔ بہٕ وَنہٕ ہِس
اَتھ یہ جواب زِ۔" ہرگاہ تۄہیہ حضرت عیسیٰؑ سُنٛد
چھُکھ تِہٕ وَنان یِہنٛدِس نبی آسنَس پیٹھ ساری
کتاب برقرار چھےٚ کران تہٕ تِمی حضرت عیسیٰؑ ہَن
پانہٕ سانِس پیغمبر سُنٛد دُنی یِتہِس منٛز ییٚنُک تہٕ تِنٛد
برحق پیغمبر آسنُک وعدٕ کوٗرمُت چھُ، تیلہٕ چھی اَسہِ
تۄہیہ حضرت عیسیٰ سُنٛد وَنان زِ سُہ چھُ پزِ کی پانٛٹھی
پیغمبر برحق۔ نتہٕ اگر تۄہیہ عیسیٰؑ سُنٛد چھُکھ وَنان
یُس تھہٕ ہہ نصارانو پانہٕ اَمہِ اَندرۍ بنوومُت
چھُوٚت نہٕ یُس تھہٕ یہ مول، مورچ، اَپزٕ کتاب، شرک
تہٕ سارِی بدی بدلتھ لاگِتھ تھاوِ مٕتۍ چھِو، سُہ
عیسیٰؑ چھُن نہٕ اَسہِ ہرگز تہٕ پیغمبر مانان۔" اما پوز
اَتھ کتھہِ لوگ نہٕ دَلیٖلہٕ نہٕ وُژھےٚ یہ کتھ۔

" میانۍ نظرو کرُن اُمِس پھیرۍ پھیرۍ سوال
تہٕ رَنتھ پانٛٹھی کوٗرہٕمس جوٗابٕ زِ پادری وۄسر بوٚو۔
اُمِس تۄرٕ فکرِ زِ شونتھ ہالگ اَنٛز زالُس۔ سیٚنٛز
پانہٕ برتھ چھُ دِیان۔" ہرگاہ تھہٕ ہہ بٔہ مارُن چھُسو،
تیلہٕ کتھ پیٹھ چھےٚ کتھےٚ کرنہٕ۔ ہرگاہ توٚہی مےٚ
سیتۍ پزِ کی پانٛٹھی بحث چھِو پرٛژھان کرُن، تیلہٕ
چھُنہٕ یہ طریقہ۔ بِہِتھ، جِھکِتھ تہٕ ہتھ شورُس
منٛز کتھ ہیٚکو توٚہی پانہٕ مےٚ جواب دِتھ۔ ساری دِیہ نعرٕ
زِ تھہٕ یہ چھُنہٕ جان پانٛٹھی جوابے تیکان دِیُن۔

" یہ بوزِتھ کرٕ اَسہِ شُعوٗبہٕ تہٕ اَتھ اوس تہٕ

نہ کانٛہہ جواب۔ سانہِ اَمہ ژھمہ تہٕ کرِ نہٕ سیٖتھ گٔیہِ لُکَن
رائے نہٕ پادٔری چھُ نزس بیہتھ۔ لُکن اُس ژھوٚپ
دِتھ۔ موہ کھ کیا دۄ ھتس نہٕ تہٕ چھُنس تہٕ کرٕنکہِ دِی دِی
دٔنان: "افسوس! کیاہ گو ساٗنس وزیرس۔ ہاے
مُسلمانو! افسوس! اَسہِ کتہٕ رٔدٕ تٔہنٛد دیٖن، تٔہنٛد ایمان؟
اسلام رٔدٕ نے نہٕ ووہ نی کُنہِ۔ تہٕ اسہ ونتھ کُفرس
ہیٚیو اِسلامُک اِنتقام۔"

"بہٕ چھُس یہ وَنانے تہٕ اَتہٕ ووٚتھ شود مُشتر
ژوہ پادٔری چھُنے کرِتھ گرٕ ھان: "اُٹھو ہو! ژٔی ژوٚنو
ژٔی ژوٚنو، یِنا تراُوی ووٚن، ژنکہِ نوبتھ تراُوی ووٚس
کرِتھ: "لکہِ عرصاتھا اَکھ آو ژٕ سیٹھ۔ پادٔرِس
تراو ژوٚدٕ لدرٕ تہٕ کانٛہہ تہٕ اَکھ باگاہ آیس نہٕ یان
بچاونس۔ اَتھ ہیٚیوتن ژٕ لنکُ شنز کرٕن۔ کمہٕ تان
پیپرن ترووُس ہٕنُ چھوغہِ نالہِ تہٕ نیچن لکو ہٕنزٕ گنڈتھ
تہٕ واتنووُن اُکس آرمنی تُنند گر۔

"ٹیکار اَکھ ہنزٕ نیرتھ گرٕ حمنس بیہتھ چھُ
اُسہ اَکھ موران تہٕ دراے اُسہ حاکم سٔنٛدِس دیوان
خانس کُن۔ اُسہ اُسہ دٔیان زٕ لکھ گرٕ ھو رژھ کھوٚتہٕ
رژھ ہُرِن۔"

"اصفہانُک حاکم اوس پرہیزگار موہ منٛتو
اَسہِ اُس رائے زٕ شہ ووہ بچہ ساٗنی کُنہِ۔ اَسہ ووٚن
تمِس زِ "یہ پادٔری چھُ اِسلامس بوٚر بادکرٕنس بیہتھ
تہٕ چھُ لوکن کُفرس کُن لمان تہٕ اسلامس چھُ منکٕ

عالمن چھُ جاہل تہٕ تمن بدرٕد دٔنان۔" موہ خصر
تھوو اُمِس رنگہِ رنگہِ ہاٹرٕ لاگِتھ تہٕ حاکمس
کوٚر منع باتھ باتھ زِ یہ بلاے کرٕن دفا۔"

"حاکم زِ بچار کیاہ کرِ ہے۔ تس اُس خبر سے
زِ انگریزن سیٖتھ خاص کرِتھ تہٕنٛدِس پادٔرِس سیٖتھ
ہیکہِ نہٕ بہٕ لڑاے مُلی ہیٚتھ۔ بیٚیہ اُسِس خبر سے
زِ پادشاہ تہٕ کرِ تٔہنٛدِ سے طرف، تمہِ کنہِ ووٚتھے نہٕ
شہ سانہِ کتہٕ تہٕ چھُ دٔنان: "یمیٚلہِ نہٕ تٔہہ یہ پادٔرِس
جواب دِتنُ تکانہے چھُ تُوہی کیاہ رٕٹھو تیٚلہِ تُس سیٖتھ
بیہان بحث کرٕ نہٕ؟ ہُتہٕ رٕچھو نہٕ تکان اعتراض کرِنی
بیٚیتہٕ رٕچھہِ دٔیان زٕدہٕ کرِ ہو یٔہنٛزہ اَپیز۔ اَو، اگر تُہہ کار
نِش کانٛہہ دلیلاہ چھُنے، یمہ سیٖتھ شہ تٔہہی لاجواب
ہیٚکِو دٔن کرِتھ تہٕ تُس بوچور نہٕ کینٛہہ، تیٚلہِ دِیو اَمہ
شہ چھُ کافر تہٕ شہ واتہٕ قتل کرٕن۔ نتہٕ زٕن گو پنٛزٕر یہ
زِ تُس نِش ہیٚکِنے نہٕ تٔہنٛدی کم لکہِ ٹیٹھو تہٕ نہٕ بکہ تٔہنٛدِ نہٕ بحث۔

"یہ بوز ھتگے اُسہ رُسوا تہٕ ینیتہ بُتھ پانے شرٕ
مگہ اِنتقامہٕ ہیٚنک جوش اوس کاڈِن کھوتمُت۔ اَتہٕ
دراے خشمہ ہیتھ۔ ہرگاہ اَمہ وِزِ اَسہ پادٔری کُنہِ جاپہِ
سمکھہ ہے گنہِ تراوہ ہوس کرِتھ مگر راتھ رات اوس شہ
تتھ پاٹھہٕ ژوٚلمت زٕ پتہ تہٕ گٔیہِ تہٕ اَدٕ تس نشہٕ بکل دٔری
واوٚن اصفہانس منز نظر کانٛہہ شبہ۔

"زن کیاہ مےٚ موجزٕ گوٚر اَکھ فساد ہس منز۔
شہرکس بٔییو نہٕ مجتہد اَما پوٚز خوتکھے تہٕ ژھر سٕکے۔

پیٹھ تہٕ شُفدرِشام چھُمنہٕ گٔنہٕ۔ از چھُمنہٕ خودائیس
باز تہٕ تھوٕہِ ہوس آغنس روٗس کانٛہہ تہٕ بٔنیہٕ۔
سفیرس کینہہ توٗرُمنہٕ فکرِ۔ ژٕ کیاہ چھکھ یٔژھان
وَنُن۔ کٔمتھوٗ تلہِ چھہٕ نتان نہٕ اَسُن گژھُک
اصفہانُک۔ اَما پوٗز چانہٕ وَدنہٕ برونہٕ تلہِ چھہٕ
باسان زِ یا تہٕ چھےٚ ژُکھ فٔند کوٗرُمت نتہٕ چھےٚ
لوٗٹ کوٗرُمت۔ تعجباہ چھُ! بہٕ چھُس ییتہٕ دوٗر
پیٹھٕ یور ژُکن خٔنڈ کرنہٕ آمُت نہٕ زِ تِمہِ بُہِن
اَسہِ خٔنڈ کرنہٕ۔

اَمہِ پتہٕ بوزنووُم اَندٕ پیٹھٕ اَنتھس تام پنُن
قصہٕ۔ گھوڈٕ پیٹھےٚ کرِس میانِ کتھہِ خوش۔ میانہِ نیتھر
کرنٕچ دلیل بوزِتھ آس بڈٕ مزٕ۔ شکرلٔبہ ہیٚنٛدِ ناوٕ
یُس مہرِ لیکھنوٗمُت اوسُم تہٕ یمہِ کتھہِ اَسہِ دوہ یوٗ
بٲژو پانہٕ وٲنِ کرِ مزٕ آسہٕ تہٕ بوزِتھ دِتِنو اَسان
اَسان دٔب زِ ہٕسےٚ دوٗپ خبر غش گوٗ نٔژھنہٕ گژھُن
میوٗن ژُکن ہُنٛد (یِم میانِ زرنہِ خرچ چھہٕ تہٕ تیٚنٛدی کینہہ دانٛد) نقل
ٹُلہِ ٹُلہِ تہٕ تِمَن لٲگی لٲگو وُچھنہٕ سیٹھاہ آس لُطف
تہٕ چھُکھ دِیان: "شابٲش چھےٚ! اصفہان کرِو وسادا
شاباش۔ خودا تھٲوِی نےٚ وار۔ خودایس تھٲوِ چھےٚ
کٲما کرمِژ۔ یہ گیہِ قیامت کرِنِ۔ کمال چھےٚ کوٗرُمت
اوٚڑ کیاہ چھٔتھکھ کوٗرُمت۔ بہٕ تہٕ ہیٚے چانہٕ جایہِ آسہٕ ہا
اَمہِ کھوتہٕ زبر تگہٕ ہیمنہ یمَن دانٛدن سیٹھ وٕژن۔
یتھلہِ سےٚ پننین شہرِ ہاجین ہُنٛدٕ بَوتہٕ ڈٲلنُک تہٕ رسوا
کرنُک، منافقن ہُنٛز منافقت کرنُک، شکرلٔبہِ ہُنٛد
وٕیتہہِ ہیٚچھہ شورنُک تہٕ تیٚنٛدِ ین اُشناوَن ہُنٛدِ مےٚ
سیٹھہٕ پامہٕ پام تہٕ ہرکرنکُ تہٕ اصفہانٛی آسنہٕ کنہٕ میانِ
آیہِ تہٕ حدیث دٲرِ دٲرِ دِنُک قصہٕ بوزنووم مےٚ سیٹھہِ
ہمدردی وَرتاوِ تہٕ ماوجنہٕ ژھوٗن شہ اُسن کھنگالہِ تہٕ
چھُس اَسان اَسان تِتھہٕ پاٹھۍ نیلہِ گژھان زِ مےٚ
دوٗپ چھٔٹس مارِگ۔ اُسو اُسہِ ہیٚتِن فرشس پیٹھ
ڈٲلہِ گنڈو دِنِ۔

بہٕ ووٗتھُس: "جناب سفیر صاحب! توٗہِ چھہٕ مُتہٕ
حَقَص اُسہِ تھوٗ لوٗٹ۔ ہُناہ کرِو تو میانِس حالس
پیٹھ وَدُناہ تہٕ تکیاز رات اوسُس کمہِ کیٚس وُتھرِ نِس
پیٹھ شوٗنگِتھ تہٕ از ما بیٚیِم گٔنہٕ توٚنٛدرس منز شوٗنگُن۔
رات اوسُس تس گرِس کھۄٚسِتھ ییٚس سوٗنہٕ ہُنٛدِ زین
اوس، از چھُمنہٕ، آغاصاب! لوٗنگ خرِ تہٕ کھوٗسن
کیٚٛت۔ شہ میون آسُن، شہ مال تہٕ جاداد، تِمہِ شکیل
دایہِ، تِم گرٕ، تِم نوکر، شہ حمام، تِم شاہانہٕ قٔہو
چینی پیالہٕ تہٕ اُزیُک میون یہِ شکس تہٕ کوٚنٛد ڈال
اَنِ تو نظرِ تَل۔ یتھہ پیٹھ توٚہِ اَسان چھو تِمہِ سیٹھہٕ
کیاہ وَنو کیا چھُم گدران۔ ہنہٕ ہنہٕ چھُنم دیٚہہ گنڈٕ مژر
تہٕ گژھمنا گنڈٕنِ۔ اَندرِ اَندرِ چھُس دزان۔ دزنا
گومنا تِتھہ لایق سہٕ

دیروز چنان عالم جان افروزی
امروز چنین عالم اندوه سوزی

افسوس کہ در دفترِ عمرم ایّام

آنرا روزی نویسد، این را روزی

میرزا فیروز۔ (اُسان اُسانے) تعجب چھُ، یمن احمق ریشَل داندَن کیتھہ تَنا پاٹھو بیہتھ چاَنِس پیٹھ ترٛٹھ چانیو یمو نِکوٗنے آسہ ہا مالہ خراب ژھنمت کرِتھ، یمن آسہ ہمنے وُنہ تہ چانی ترٛٹ تہ ترٛٹھ بیہان۔ خاطر، مےٚ وَننہٕ مےٚ کیاہ ژھکہ دوہ نی اَتھہ منز زنگہ وِٹھان؟ بہٕ کیاہ مول یا بوے چھُس چون زِ حلبہٕ کِین سوداگارَن نِش گژھتھ بیہہ، تِمن سیتی چانہ معہ کھ ژھٕرنہ؟ نہ چھُس مُفتی یا قاضی زِ چون حق ہیکھ۔

بہٕ۔ نہ حضرت، توٚہۍ چھِو ایران کِس بادشاہ سُند سفیر۔ کیاہ توٚہۍ ہیکنا وونا مےٚ حق دِیاوناوِتھ یا میون حق مانہ راونہاوِتھ۔ مےٚ بکس تس بیٹیا تِہندِ خاطرِ کمی منز یہ تاوِ نکُ دوہ وُچھن؟ توٚہۍ شو بیا مےٚ پیٹھ کنہ ژٕندٕ کڈِتھ گرٕ منز ذکرٕ دِتھ تِہ کڈِتھ ژھنُن؟

میرزا فیروز۔ یِژھان کیاہ ژھکہ ژٕ؟ چون غرض چھا بیٹیہ تس زنانہ سیتی نیتھر کرُن تہ موتس ناد دیُن؟ خسرو کیاہ تتھہ کیمی بکس وَ تھر نیس بیٹھہ بیہتھ یگاہ انسان منز لاش دوہ پتھ؟ نہ سہ یہ میہ کیٚ۔ بوز یور کُن۔ بہٕ کرے نصیحتھ یہ ترٛکی زچھ یور کڈ نالہ منز تہ بن بیٹیہ ایرانی۔

بہٕ تہ ژٕ منتراوتھ کانہہ نتہ کانہہ کام کڈ بہٕ چانہ خاطرٕ۔ چون قصہ آم بڈ پسند۔ ژھکھتہ بڈ چالاک تہ نیتھ۔ یتہ زانی زِ زٕ دُنیہس منز چھےٚ قہوہ چینہ ورائے، تموک چینہ ورائے کیمیا بکس وَتھر نیس بیٹھ شونگنہ ورائے وَتھین کرُن سوار گھسنہ ورائے تہ سیٹھا کانہہ کرنہ معہ کھ موجود۔ فلحال بیہہ ژٕ یتیتھ تہ روز میانین نفرن سیتی۔ مگر مےٚ بوز ناگو زِ بیٹیہ اکہ لٹہ ینہ کنتھ یتھ بہٕ بیٹیہ یڈ برِتھ اسناہ کرٕ۔

شکر گذاری کرنہ معہ کھ وو تَس تہ کورمس دامنس میوٚ تھہ۔ یہ سوچان سوچان زِ ظاہر رٕونہ میانہ حالکہ پاٹھو میانی کام دوہ نی خبر گیتس کالس اَنہٕ دَراس کُنھٕ منز نیبرٕ۔

## ۴۷

# سفیر سُند حاجَس اطمینان دیُن

## تہ حاجی بابہ نس خزمتھا کرُنی

گونماتن اُکو چھُ وونمت سہ

چہ باشد احتیاج ای مرد تمیز
سواری سخت و تُند و تیز ہمیز
کز آن کاریکہ کرہ لنگ شبرنگ
کند آن کار را با اُشترِ لنگ

دِل موٚلوٚل، دِل مُلکس منٛز تہٕ یوٚہس ناوٕمید
ہیوٚ آسنہٕ کِنہٕ ییوٚم پریشانی دوٗر کرنہٕ موکھ پننی عقلہ
سیٚتی نوٚو منٛز مشوٗرٕ کرُن۔

سوچان چھُس۔ "یوٚدوے مال وہاداد اَچھ
گوٚ، اَما پوٚز اَچھ روٗٹ کرٕن دولاہ تہٕ بنیوو۔ دوٗنی
چھُ بہتر اُمی شہرٕ چھکِن جاے نیامتھ تہٕ اُمی
شُندُے آسُن غنیمتھ زانُن۔ یِمہ نہٕ آسنہٕ گژھہ منٛز گۄڈٕ کالہٕ
دُنیہکس یِتھہ گۄڈٕرِس طلسماتس کُن وَتھ ہاوِم شٮ۪ے
پرودگار کرِم ضنوٗر روٗر کرِتھ ہدایتہٕ کہ زانگہ سیٚتی
یِمہ گتہٕ ظلہٕ منٛز۔

مےٚ کوٚر غاصلہ زِ سفیرس کرٕ دلبریہ یاہ تہٕ خوش
آسُن تھوان یُس تہٕ دُچھُم دہہ کھوتہٕ دہہ وونی
ماے محبتھ باگرادتھ مےٚ دِل رٔچھان تہٕ خوش تھوان
پننین سرکاری تہٕ باقے اورٕ یورپین کامن منٛز ہشیوت
تمو کھُلہٕ ڈِلہ پاٹھی مےٚ سیٚتی مشوٗرٕ تہٕ کرُن۔

اکہٕ دوہہ کھٔر مےٚ اوس اوٚت تامٕ پننُن ڈرخ یِنہ
قسمتہ موجوب کوڈُمت تہٕ بیٚین سیٚتی اُمنہٕ کانٛہہ
ہشیوٗن دِتُن، یہٕ اوسُس دُنیہا تہٕ دُنیہکین لکن ہند
کامہ کار نشہٕ بیے خبر۔ تہٕ کوٗ دراے زانہٕ ہٕمت تہٕ بیٚنہ
کانٛہہ قوم یا جماعتھ۔ چینک، ہندوستانک، افغان
تاتار، کرد تہٕ عربن ہنٛد اوسُم فقط ناو بوزمُت
تہٕ بس۔ افریقہک تہٕ اوسُم پیٹھ موٗ مولی خیالا ہشیوتِمن
نو کرن تہٕ دایِن ہندی کِنہ یِم سانِن گرٕن منٛز کامہ کوٚٹ

کرٕان چھِہ۔ روٗس چھُ ایرانس منٛز سارِنی ویوٚدتہٕ نامی
اَماپوٚز فرانسیچ تہٕ ولایتچ اَسہِ پیٹھ کتھاہ مشکِن
گژھِ منٛز۔ یانی یِم زنگہٕ زنگہٕ [illegible] قوم اَسہِ انتہابولس
منٛز نظر گژھان، تہٕ اوسُس داوان اَما پوٚز یِمن سیٚتی
رَلنس میلنس اَسہِ تہٕ فرصتھے۔

سفیرشِرن مجلسن منٛز اَژنہٕ نیرنہٕ کِنہٕ بدلیوو
بہٕ تلہِ بیٹھ۔ مےٚ ہیٚژ تِمہ کتھ بوزنہٕ یِمہ تہٕ بہٕ زانہہ
بوزانے اوسُس۔ تِمہ کتھہ ہیٚژ نم فِکرِ تہٕ نہٕ یِمہ تہٕ
مےٚ زانہہ فکری تہٕ ہٕن۔ کتھن کنہس تام واتِن
تہٕ ماملن تحچھ کرِن تہٕ ہیوٚ چھُم۔ سفیرن یانی زو
زکوٹ چھُ کارند تہٕ ہشارسہ گو بہٕ خوشس تہٕ
جنودنس بہٕ بیر بود چ۔

اکہٕ دوہہ آو چھُنجس ڈاکہٕ وول تہٕ چیٹھ پرِتھ
کرِتھ اذنس بہٕ تُلوکھ پاٹھو نادِتھ تہٕ بہنووُنس
اَمہ چِتہٕ چھُم دِیان۔ "حاجیا! بہٕ چھُس یژھان ژٕ تے
سیٚتی کتھہ کرٕنی۔ مُلازم چھی مےٚ واریاہ اَما پوٚز یہ گو
ژٕ تےٚ تہٕ مےٚ پانہٕ وانی، ساری چھِ نفر۔ ایرانی اَسیتھ
تہٕ کینشرن کامن منٛز بیٚین ہنٛد کھوتہٕ ہشار آسنہٕ
یِتہٕ نہٕ چھِہ سرکاری کامن منٛز نابہٕ ہانٛدے تہٕ خبرہ چھکھنہٕ
گژھنچ۔ تمہ کِنہ لوٗن تہٕ کھنڈہارتہٕ۔ یوٚدوے کانٛہہ کامہ
مِتہٕ چھُکھ تھوان۔ اندوا تناوتہٕ کھوتہٕ چھِہ تیٚتھ
لانچ انان زیہِ یہ تہٕ پرژھ۔ پزرگو یہ زِ ژٕ چھکھنہٕ
ژِمن ہیوٚ کینژہ۔ مےٚ چھُکھ تجربہٕ وول تہٕ ناری دراو

سوہن لبنہٕ پیوان۔ ژٕ ئے نِش ہیکہ اِنسان وۄپھ میدٕ
تھۄد تھٕ ژٕ ئے تگی اَکس بیٚیس اَتھہ پیٚٹھ تارٕنی تہٕ
اَڈلی جِن خبر گژھ ہنہٕ ورائے تگی وَس کڈٕنی۔ لہٰذا
کرٕتھ چھُ چون آمُن میانہٕ خاطرٕ اَکھٕ نے ممکلکہ
خاطرٕ بڈٕ ضۄرورٕ۔ ہر گاہ ژٕ ئے سرکارس ملازمتھ
کرُنس دِل کران آسی تیٚلہ کرٕ بہٕ چانہٕ موکھ تہٕ ییٚمہ
رکنو انشاءاللہ ایرانی قومس شان تھزر اوکھ تہٕ اَمہ
تہٕ وۄپھ گلن چانِس آسنس بیٚیٹھ شانٕ۔"

بہٕ ۔ حضرت سفیر صاحب! بہٕ حضن چھس تہٕہنٛد
تابیٚدار نوکراہ اَکھ۔ تہٕہنٛدی سے فرمادنش
تابیا ییم چھیو حضرت میانٕز کن، کرٕ دِمِن قیمتھ
تہٕ رٕنیو سے بازٕس مَنز کینہٕ۔ تمہ ہیہ چھُ اختیار
تہٕہنٛدس خدمتس منز روزٕ تھٕ یہ میانٕ دسمو
بیہ تمتھ کیہ تہٕ زانہہ واے۔

میرزا فیروز۔ حاجیا! خبر ژٕ ئے ما آسیتھ لکن نِش
بوزمُت زِ بہٕ چھُس کینژھہ گون داجنہٕ، زرٕ
واجنہٕ، باٹزی گر تہٕ بادشاہ سٕنٛد محل خانہٕ بارادٕ
موکھ ریشم تہٕ باقے ساز و سامانہٕ ممکلہ ہینہ موکھ
یور آمُت: مگر یہ گوو کوچ پھیٚٹر تہٕ باٹزی گری
ننہٕ چھا۔ بہٕ ہیٚکہٕ انسان اَمہ کامہ موکھ سوزٕن
یا یہ بڈٕس بادشاہس (پروردگار ژھنس
چشم زخمہٕ نِش) چھے یَنہ کامجار تہٕ عقلٕ کنو
خبر زِ کُس نفر کوت گژھ کمہ موکھ سوزٕن بہٕہنٛدٕ
یور سوزُن چھے بُڈ کتھا اَکھ۔ وۄپھٕ زٕ بوزٕ ہہٕ
تمتھ تھوکُن۔

"اَز کینژھہ رِتھ برونٛٹھ آو بوناپارٹ سٕنٛد طرفہٕ
یُس فرانسک بادشاہ چھُ سفیراہ اَکھ یہ بہٕ
تہٕ ڈالہٕ تہٕ بندگی ہیٚنز چیٚٹھ ہیچھ تہٕ ووت
طہرانس منز۔ سفیرن ہوو پننس بادشاہ سٕنٛد
طرفہٕ کاغذاہ اَکھ یوہسے موختار ناماہ ہیٚکو
زِ" میون گُف چھُ میانِس بادشاہ سٕنٛد
گُف تہٕ مے چھُ پرٕیتھ کانٛہہ کام کرنس اختیار"
یہ شخص چھُ پانس بوڈ موہ ہیٚنیو تہٕ سارنے
انگریزن ذلیل زانان۔ بیٚیس ہُنٛد ناد چھُ
تمہ نفرژ تہٕ حقارژ سان ہیوان زِ زٕنیہ سے
(بوناپارٹ) یوت دُنیہس منز بادشاہ چھُ
باقے چھ فقیر۔ پننس بادشاہ سٕنٛدز نیو اوس
دِیان زٕ روسٕس نِش گرجستان، ٹفلیس
بادکوبہ، دزبند تہٕ باقے اَنٛدی پکٕ علاقہ ییم
پرانہٕ وقتہٕ پیٚٹھ ایرانکو علاقہ چھ آسیتھ دِمو
ایرانس واپس تہٕ ہندوستان تہٕ نِمو انگریزن
نِش تہٕ دِمو ژھنہٕ تھہٕی۔

اَمہ اوس کَنن گومُت زِ فرانس چھُ جایاہ
کوہستام یتہٕ حان جان چیز، حان کیہ تہٕ
زرباف چھُ بنان۔ اَما پوز یہ کینژھاہ سفیرن
بوزنادی تمچ آسنہٕ خبراہ اتراہ کینژھہ۔ یمن

دوہیُت قہوٕ (کافی) تہٕ مائینٛز ستح درو گیہ ڈیپان
اُسنہٕ آکھ چھُہ سبب فرانسس تہٕ متھرس
پانہٕ وأنی جنگ آسنُک" صفوی خاندانُک
شہزادٕ اکھ تہٕ اوس وَنان زِ "میہ چھُہ بوزمُت
فرانسکِس بادشاہ تۄنی ہیٚنٛد طرفہٕ اوس
گُستام مرحوم سُلطان حسین شہید بادشاہ
ہیٚنٛدِس دربارس منٛز آمُت۔" آماپوز یہٕ بونا پارٹ
کُس تہٕ کیٛاہ چھُہ اوسمُت تہٕ کیٚتھ پاٹھۍ گوٚو سُہ
بادشاہ یُتھ تہٕ چھُنہٕ ایرانس منٛز کانٛسہ تہٕ
فکرِ تران۔ ارمنی تاجرا اکھ یُس وارِیہن
حابن چھُہ چھیوٚرمُت تھوٚرمُت اوس ڈیپان
زِ "امہ سنٛزِ پاٹھۍ چھُہ یُتھ انسان
موجود مگر چھُہ بڈٕ تیز تہٕ بہتھ اکس
سیتۍ لڑاے ہکی ہیوان۔" اوسہ کوٚر سأنی
بادشاہن تسٕنٛد سفیر دربارس منٛز قبول۔
آماپوز یمہ چیچھ شہ میہتھ آمُت اوس تمن
ہُنٛد پوز اپزٕ اوسنہٕ تحاف کیٚنہہ۔ لوکٕچ کیو
بڈۍ وزیر سأنی چھِہ پڑھو کامیونُش بیہ خبر
تمن چھُنہٕ فکری تران کیٚنہہ۔ اللہ تعالیٰ
بوشہٕ ناوِن سأنِس بادشاہس، یوٚد دوسے
دُنیہس مُنوّر کرن وأنس تسنٛدِس دِلس
نِش کانہہ چیز ژھایہ چھُنہٕ، آماپوز تس
تہٕ اُسنہٕ اَمِچ خبراہ کیٚنہہ۔ خاجہ عابد ارمنی

یُس مارتیلیا شہرس منٛز ژھجن دوہن جیل
اوسکھ لوٚدمُت زِ فرانسس منٛز چھُکھ بمأری
ہیتھ ژامُت تہٕ بیٚیہ بیاکھ ارمنی بادریس
کینژَن ورِیَن ہینٛدِس تکریس منٛز چلیس
اوس ژامُت اُمہ دوہ شوٚرے یِیتو آماپوز کانٛہہ
اکھا اوسنہٕ تیتھ یُس اَسہ شیٚچھ دِنہٕ ہیے
زِ بوناپارٹ چھا یُژھان اَسہ تارِنی کِنہ بنٛزِ
پاٹھۍ کانہہ فائیدہ واتناوُن۔

خأنہ ۔ زیادٕ کالس روٗزِ تہٕ تکس منٛز اُسہ
ٹیکیا زِ انگریز تاجر یم ہندوستان تہٕ ایرانس
منٛز کاروبار کران چھہ تہٕ بوٗ شہرکیس سمنٛدری
گاٹھس بیہتھ تہٕ چھُکھ دُکان ہیٚتھ، یانی
سفیرِس ہیٚنٛدِ پوریہٕ رنٛسہ خبردار گے، تھوٚسوٚز
تیٚتھۍ ہینٛز کارنٛد نفرا اکھ شیٚچھ ہیتھ تہٕ
مُلکہ بڈٕ ہیے تہٕ کرِتکہٕ ناد ییٚتھنہٕ یہ سفیر
قبول کرِ وَن۔ اَسہ توٚر فکرِ زِ یمن ہونٛن
چھیٚے پانہٕ وأنی کیا ہتاں تنازدار اَدٕچ منٛز
باگ تہٕ یہ شوٗرُن یہنٛد چھُنہٕ پلہ کیٚنہہ۔

بادشاہ سون اوس ڈیپان۔" قسم چھُم ینہٕ
ٹوٚپہ ہینٛد وَستُک، زِ سوٗرے چھُم بوٗڈٕ تہٕ تھوٚو
نح آسنہٕ کنہٕ ہیٚو دگژھان۔ وُچھیو، بہٕ
ییٚتیَن تختس بیہتھ زاہ بہتھ یہ پٔتھ چیزس
نِش بیہ خبر، اَدٕ یم تاوَن زِ چھہ مشرق مغرب

جنوب تہٕ شمالہٕ پیٹھٕ ہدٕ یہ تہٕ ڈالہٕ ہیتھ میانِس
پادن پیٹھ کرنہٕ یِوان تہٕ باہر وأنی ژوٚنس
کیٚنٛہہ میٚنۍ اجازتھ تہٕ ہیوان۔

یِمہ ساتہٕ بہٕ طہران منٛز اوسُس تمہ وِز
أسی انگریز سفیرس پیاران تہٕ أز کیم کاغذ
چھی تسنٛدی استقبالکۍ کاغذ تہٕ خاص
کرِتھ چھےٚ یِمن منٛز أکھ بےقرار ناچ کیٚنٛہہ لیٚکھتھ
یُس سہٕ أسہ سیٹھا کرٕنۍ یژھان چھُ۔ امہ پتہٕ
میأنۍ رأے زانہٕ یژ تہنٛد اوس پادشاہ
أکھ کامہ منٛز کھوٚر یژھان ترادٕن۔ استنبول
منٛز پرٛیتھ قومکۍ تہٕ مذہبکۍ سفیر موجود آسنہٕ
کِنۍ آوسأنس پادشاہس پننہٕ اَر سوچنہٕ تہٕ دربہ
عقلہٕ رکنۍ بےٚ یورسوزُن مُناسب بوزنہٕ تہٕ یوٚت
ہیٚنۍ تہٕ پلہٕ تیوٚت کاسہ بہٕ تہٕ فرانسکس تہٕ ولایتکس
ایرانس منٛز شک تہٕ تہنٛد قول و فعلک پوز
ایژ نتہٕ راوٕ۔

أدٕ سہ، ووٚنی وُچھتھ ژٕ بہٕ چھُس کُن نُوٚن
تہٕ یہ کأم چھےٚ پیٚنٛشہ مَن نفرن ہنٛز۔ انگریز
چھ یتہٕ سیٹھاہ۔ وُنہٕ چھُنہٕ آسان أکھ کُنہٕ
کرِتھ موکلیوٚمُت زٕ بیاکھ چھُ تیار آسان أمِس
وہراوٕتھ۔ تس پتہٕ بیاکھ تہٕ تسند پتہٕ بیاکھ انسان
چھُ دُیان زن چھُ سور گمہ چھ منٛز ہمیشہ أمُت۔
تہٕ ووٚنۍ نیہ گوڈٕ نے زٕ ظاہرٕ من ہنٛد دُسۍ
چھنہٕ میٚنۍ کانٛہہ فائدٕ واتان۔ آوَے پیٚیہِم ژٕمے
پیٹھ نظرتہٕ چاأنۍ کیٚنٛہہ چھُس ووٚمید دار رتہٕ
روٗزِتھ۔ ژٕ ہیٚنۍ ووٚنی یِمن نِچس کأرفرن
سیتۍ کیٚنٛہہ باختہٕ لاگِتھ۔ ترکی زبان تہٕ چھےٚ
ژےٚ تکاپنے۔ سون مطلب نیر تمی سیتۍ۔
پننہٕ مبارک دستخط سیتۍ لیٚکھُت أکھ کاغذ
دِمے یِمہ موجوب ژٕ کأم میٚکہ کرٕنی۔ امہ پتہٕ
کأم کرنہٕ یژ شرط بیہہ ژٕ کُنہٕ چھایہٕ تہٕ دایہٕ
پأٹھۍ سوٗچھتھ کرِتھ ہیٚنز پننہٕ جایہٕ سام
زٕ کیتھ پأٹھۍ کرکہ شوٗ روٗ تہٕ کمہٕ تالہٕ وسہکہ
أمہ پتہٕ آیندک اطمینان دِتھ تہٕ ووٚمید
واریاہ پأدٕ کرِتھ دِتُن رخصتھ۔

## ۵۸

# حاجی بابن لوٗن تمیٚن نیرُن

تہٕ تسنٛد سفیرس فائدٕ واتناوُن

سُفیرس نِش روٗزُم سہٕ کاغذ تہٕ دژ اس
مُل گُذارس اَکس کُن۔ اتہٕ لوٗرُم یہ زٕندُن ہنٛز تھوٗتھ
ورأے تہٕ اوسُس یہ کاغذ راأچھ موکھ لوٗ پننہٕ
شبأ لیٚکھ تھوان۔ اَدٕ موکھ زٕ اَتی بیہہ مثنویت
ہیٚنۍ بڈٕ پن مومنیو منٛز دخل دیُن چھیمنہٕ أکھ کاغذ
منٛز لیٚکھتھ موچہ موچہ کیٚنٛہہ مُشید کینٛہہ تہٕ گمزٕ
أکھ اوس لیٚکھتھ:

(۱) بَہلہ پایہ کہ سفیر اجانس سمتسن چھِنے یِہ کام
منظور دار پاٹھو گڈٕ کھ یتھ کتھِ تہٕ زِ انگریزَن
ہندِ مُلکُ کوتاہ بوڈ چھُ ۔ بادشاہ نادُک چھا
تہٕ تمن کانْہہ کینہہ کُہیہز یہٕ ؟ اگر چھُک کانْہہ
تسُنْد دارُ الخلافہ کتہٕ چھُ ؟

(۲) انگریزَن ہندِس مُلکس منز کاَتیاہ قبیلہ
چھہ روزان ؟ تِم چھا شہرس منز یسان کینہہ
خیمن منز ؟ تہندی زِ کھٹہ تہٕ بڈٕی معہ میچنو کم چھہ ؟

(۳) فرانس کِس حقس منز کرِیو زِ دار پاٹھو پرژھ
گاٹہ تہٕ دریافت کرِیو زِ فرانس تہٕ چھا انگریزنْے
ہند علاقہ کینہہ بیٹ کھ مُلکُ چھُ تہٕ بدل قوم
چھُ ؟ یہ بوناپارٹ نادُک کاَفر یُس پانس
فرانسک بادشاہ چھُ وَنان ، کُس چھُ تہٕ کیاہ
چھُہ ؟

(۴) اِنگلستان کِس حقس منز کرِیو زِ اَلگ پاٹھی
تحقیقات تہٕ وُچھو زِ اَتہٕ کیوٗ تکو یوہسے
ناماواُریاہ یُیِس تہٕ منز اکھٕ تیچ بنادَنس منز
یاد کرُمت چھِنے ، کِہ قسمک تکہ چھہ تہٕ کیتھہ
قوما چھہ تِم ؟ یہ زن اُسو بوزان چھہ زِ تِم
چھہ اُکس زُوس منز روزان ، رستہ کول تہٕ
وُندہ کڈِتھ معہٕ کُھچ چھاکھنہ الگ الگ جایہ
کینْہہ تہٕ بیٚیہ چھہ زِیا ستر گاڈِ کھیوان ،
یہٕ چھا پوز کینہہ نیٚہ ؟ ہر گاہ یہ پوز ادس تیلہ
یہتھ پاٹھو ہیکِہ یہ ینہِتھ زِ کانْہہ آسہ زُوس
منز روزان تہٕ اُتی کرٕ ہندُستانَن فتح ؟ یہِ
مسلہ اَنزراونہٕ پتہٕ گڈٕیو زِ یتھ کتھِ یوہسے
وُڈی کیٚن آیرانس منز سارنْے جانِتھن بیہِتھ چھِنے
بڈٕ حسبہ سان تہٕ تہٕ جان پاٹھو تارِیو زِ پانس
فکر زِ دِلا یتس تہٕ لنڈنس کیاہ واٹھ چھُ پانہٕ
واُنی ؟ آیا لنڈن چھا انگلستانُک اَکھ حصہ
کینہہ اِنگلستانْے چھُ لنڈنُک حصہ ؟

(۵) بیہِتھ پژھ سان گڈٕیو زِ یتھ کتھِ تہٕ زِ یہ
ہندُستانی "کمپنی" یتھ بیہِتھ بیٚر معز مادی
تہٕ دِل چھُ دینہٕ یوان ، اَکھ کیاہ واٹھ چھُ
وِلایتس سیتی ؟ آیا یہ کمپنی چھا یہ زن شوَونے
چھِنے ، کانْہہ بڈٕ زنانہ کینہہ اَڈِن ہندٕ و ننہ نوجوب
چھِنے واریاہ بیچ ؟ بیٚیہ چھا یہ پوز زِ تیتہٕ کِس
لامہٕ ہندی پاٹھو چھِنے یہ ہر ہمیشہ زِندٕ ے تہٕ
مرِ تہٕ زِ اَنہہ کینہہ مران چھِنے ؟ یتھے پاٹھو
کرِیو زِ انگریزن ہُنز فاٗیر حوالہ کو مزہ بیہِتھ تہٕ
پوٗر پاٹھو تحقیقات زِ کرِتھ تہٕ کمہٕ قسمچ
حوالہ کو معتق چھاکھ ؟

(۶) یقیناً سان تہٕ قطعی پاٹھی کرِیو زِ نَو دُنیاہک
(امریکہُک) حال معلوم یتھ کینہہ معوَیہ والِس
یوت چھیرہ گڈٕھی تہٕ اَکھ یتھ روز کھ !

(۷) چھیکرس لیکھو زِ انگریزن ہندِس مُلکس

دِپسہٕ واریاہ مُلکھ، اَکھ بادشاہ چھ یِکی
واریاہ بادشاہ چھکھ۔

بۄ۔ سِتھٕ شخص چھُ بۄزمت ہرگاہ حوٗکومٕژ واریاہ
تہٕ چھکھ اما پۄز چھ اَکوسے قوم۔

مُنش۔ اَکھ قوم دِنتکھ یا واریاہ قوم وَنتکھ ہشی
کتھا چھےٚ۔ یِچھ تہٕ پٔزری یاٹھ سٕنٛز قوم تکیا ز
سأری چھِ ریلش کاسان، سأری چھِ ژُکونٛگِل
ٹوٗپی وۄٹھ دِوان، سأری چھِ تنٛگ پَتلوٗن
لاگان، سأری چھِ شراب چیوان، سأری چھِ
سورِ ماز کھیوان تہٕ سارِنے چھکھ سأنِس
پأغمبرِ صأبنِس ہیچھ پرٛتھ۔ اما پۄز یِنٛس اکھ
بادشاہس چھ جان تأ بیادأری کران چھکھنا
وُچھان کانٛہ تِیاہ شخص چھُ سأنِس بادشاہ
ہنٛدِس براندس ہیچھ ڈکہ گٔژھنہٕ آمتۍ ہوٚنٛد
ہنٛدِ کھوٚتہٕ بہتر ہم شوٗڑ چھی یَنٛتہٕ ہوٚنیو
کھوٚتہٕ ژھری۔ مگر خداہ گٔژھ ہنٛدِ نجاستہٕ
تہٕ نَفوٗسہٕ نِش رٔچھِن۔ اللہ تعالا دِیِن
ہنٛدِ پلیٖٹھ آسنہٕ نِش نجات!

بۄ۔ اَتی روز خصن خداین ہنٛدِ پانہٕ۔ یہ خصن
ییٚکھےٚ یہ۔ خداین تھی خصن چھکھ پٔزری
پاٹھ [illegible] مٔژوٗن تہٕ زانٛہ دٔول معہ ہٕچھ
سےٚ کوٚڈ قلم تہٕ حیلہ وأر تہٕ سُتہٕ لوٗگ رٔشنس
پھشا پھشا تہٕ گونژھن وٚراد وٚراد

دِوان تٔہٕ تِمَن پاونہٕ تہٕ چھُم خبردار کران کران
دِپان۔

مُنش: دوہ زِ کتھہ اوسےٚ ژٕ سےٚ پیٖت زیٹھن؟ اَدٕ
سہٕ پوز۔ یِم انگریز چھی سأری اَکی قسمکۍ تہٕ
ہمیٚکیاں زٕ پُھہنٛدِ زرد ہوٚن گوٚ۔ کٔتہ ہینِس شالِس
بوے۔ ہرگاہ قرآن پوز چھُ۔ (تہٕ آسہ چھےٚ نبی
صأبنِس فرماونس پَرٛتھ) یِمن چھُ سارِنے
ہمیشہ عذابس منز روزُن تہٕ نار دزُن۔
پوز (اَوٕ نگھِن ہیچھ گٔنزرٕ آمِتھ) گوڈٕ چھی
ہمسایہ سأنٛی آسی آمِتی کافر (پانژن وقتن آسو یکھ
خودایہ پیٹھ لعنت) یِم کافر چھی جما تھاکھ
ژھوٚکی تہٕ گدا آسہ کھاد تہٕ بٔرتھ، بسترٕ تہٕ بانہٕ
بہتھ بیتر چھ آسہ کیٚنان۔ یِتہٕ فاندانک
چھکھ بادشاہ اَکھ ہیچھ حوٗکومت کران
تہٕ سون خزانہٕ خرچاونہٕ معہ کیہہ چھےٚ پنُن وکیل
اَکھ پور سوزمُت۔

اَسہ پیتہٕ گژھےٚ منہس روٗ ہیکی زٕندیتی۔ تِم چھی
گأن نٔجسن تہٕ چھرا نجاستکۍ۔ روٗشک مُلک
چھُ تیٖت بۄڈ زٕ اَکہ طرفہٕ چھُ تتھ خوٗنیک
آسنہٕ کُنہ زہر پروٗسان تہٕ بٔیِہ طرفہٕ چھُس
گرمی کُنہ جہنمک نار دزان۔ سون اصلی دشمن
کیاہ چھُ تُہے۔ یِمہ ساتہٕ ہنٛد کانہ نفر
ماران چھن آسو پانہٕ واٹی چھی اَکھ اکس مُعابکھ

کرِتھ اَسہِ وَنان ژٕ ئیٚ خوداہ ییمَن کارٕ زمین
وارٕ تھوٚن۔ نرٕ تہٕ مادٕہ چھہٕ آتہٕ وارٕ وارٕ
حکومت کران۔ یِمیٚن ساتہٕ بادشاہ وارِنس
منزٕ یوت چھہٕ یِمہٕ اَسہِ سیٚتھ پٔرٕ پاٹھی زٕلان۔
یِمَن پیٚتہٕ چھی پروتِسیا ہکو روسیاہ کافر
یِم یورپُک سفیر چھہٕ سوزان۔ زانہٕ خودا
تَس کیاہ زٕ چھہٕ یور سوزان۔ بیکار کتھ چھہٕ
اَسہِ یِمیٚندی سمجھ۔ اَما پوز کرِو کیاہ ساتہٕ
مُلکس بختہٕ بوڈ بر سیچھے رٕتِین، بدن، پاکن
تہٕ ناپاکن ہِنٛدر خاطر یِلہٕ خودایہٕ سِنٛدِ رحمتکو
پاٹھو یِمہٕ باغن تہٕ ژھوٚٹن بیچھہٕ ہِشی
چھےٚ وَسان۔

اَمہِ پیٚتہٕ کوٚہِنٛد وَنیٚ۔ اُتی روز۔ میٚنہٕ رد
سوچِتہٕ۔ او، بوز۔ شمالہٕ کِنہِ چھی پایت
جورا بیٚیہٕ یِم دُنیاہکِس کوٚ بَخش اکِس
منزٕ چھہٕ روزان۔ یِمَن چھی دانمارک تہٕ
سوٚیڈن وَنان۔ یِم چھہٕ لوکٕٹ قوم تہٕ انسان
منزٕ تہٕ چھہٕ گژھنہٕ ہیٚنہٕ یِوان مگر تہٕ کرِتھ
تہٕ چھہٕ یِہنٛد بادشاہ یوٚر پِس منزٕ سارِوے
کھوتہٕ آزاد بادشاہا اکھ، تہٕ جبروٚ تہٕ دول
تہٕ ماقتہٕ دول آسنہٕ کِنہِ چھُسنہٕ مُلکس
منزٕ اکھ بیٚیہٕ دول تہٕ۔ سوٚیڈ ہکو روزنٕ اولی
چھہٕ پنٕنِس بادشاہس ییٚمہِ اکہِ وزیرٕ ریٚس
منزٕ بانوکی ہِنٛدی پاٹھی جنگ چھہٕ لوٚدمُت، وچھِو
وچھی بڈٕ وِہیٹھان۔ یہٕ بادشاہ چھہٕ لڈایہٕ گوٚر
اوسمُت۔ اَمِس گوٚژھہٕ جنگاہ آسُن تہٕ بس۔
اِدٕ پیٚتہٕ آسہٕ ہے تہٕ یُس سیٚتھ آسہٕ ہے۔ ناوٕتہٕ سید
تہٕ دِل موٚلوٚل گژھہٕ ہیوٚ سائنس مُلکس منزٕ
دارتھ۔ اَسہِ کیاہ روٚٹ وَن حیوانہٕ سِنٛدی پاٹھی
تہٕ لوٚد جیل۔ اوَسے چھےٚ اَسہِ سوٚیڈن نیچ رٕژھ ٹھنٛڈ
خبر نیٚتہٕ کتہِ زانہٕ ہیوٚ اَسہِ زٕ یِمہٕ قوم تہٕ چھہٕ دُنیاہس
منزٕ موجود۔

بسیا کھ چھےٚ ہالینڈُک کافر قوم۔ یِم چھہٕ بڈٕ لچہٕ نسہ
وائلی تہٕ بختاوار تہٕ سانین ارمنی کین ہِنٛدی پاٹھی کیا
چھکھ فقط پننہٕ فائدُک غماہ تہٕ پوشنہ وٹنہ
ورائیٚ نہٕ چھکھ کانہہ فکراہ تہٕ نہٕ کانہہ کاماہ۔ اَمیٚن
اوس عاذ تھاہ زٕ یِم اَسی یور سوزان شودہ شخیر
اکِس پیٚتھ سہٕ اَسہِ ژانن، مھٔنی تہٕ گاڈٕ کیٚتہٕ ہا۔ مگر پیٚتہٕ
بونا پارٹ ناوُک بادشاہ نوٚن ڈراو، یِم کیا پیٚیے
ہاوس چھُنا ہیوٚہ سمکھان۔ ہُتھٕ مسلہٕ ژٹنس
گژھن سوٚرہ ڈنٛڈے آسی۔ اَما پوز بونا پارٹ چھُہ
پتٕرِ پاٹھو تِمو بادشاہو منزٕ یُس اَسہِ نادر شاہ تہٕ سلیما
بادشاہس سیٚتھ گنزرٕ ہیمون۔"

اَتھن ڈیٚٹھ سیٚ اُمر سنٛزہٕ کتھ ٹکھ تہٕ اَمہِ ناوُک
ژور ڈے یِہِن بوزنہٕ معوکھ دوٚ یِمس:
ہٕ: او، وچھہ شخص، اصلی کتھ کیاہ بیچی سیٚ

ووہ ژٕ ژتس۔ ییہ تہٕ اوسُس بہٕ پٕرژھن پٕرژھان
تلہٕ تُھکن ستۍ بوزناوتہٕ اُمی ہُند کینٛژھا۔ دپان چھِس
یہ کافر چھُ بڈٕ بوڈبور۔

مینش۔ ہتا یارٕ وَنہِ کیاہ؟ یہ نِسہٕ اوسہٕ کہِس
یوٗ ہے موموٗلی سپاہ اوس۔ ووہ ژٕ چھُ بوڈ
بادشاہ بنیومُت۔ اِنَّ اللہَ یُعِزُّ مَنْ یَشَاءُ
وَ یُذِلُّ مَنْ یَشَاءُ۔ انگریزن ییٖتھ حکم چلاوُن
چھُنہٕ دٕ لیپ مُسلہٕ چھُکھ دالان آسہٕ تہٕ تِمن
تہٕ لکھنِچھ۔ مِصر فتح کرِتھ معہ کھ سوٗزن تور
فوج اما یوٗژ تلوار دژایس نہٕ سلی کرم سِنٛزٕ
ذوالفقار تہٕ فاروقؓ سنٛدِس دُرّس ہِش
پیٖتھے کرِ یِن کینٛژن پادشاہن لگرایاہش
تہٕ گامن منٛز دِژایِن گریستین کرٛژن تاز چھک
چھکرِس پیوس کھور باتہٕ کُڈتھ نِنہٕ دور ہے
ژٕ لُن۔

پیٖ۔ اَدٕ خصن۔ بوزمُت ژٕ انگلستان چھُ بیاکھ قوماہ
اکھ۔ دپان بڈٕ بے قوماہ چھُ یہ۔ ژٕ دِس اکِس
منٛز چھ بسان تہٕ منٛز اکہٕ پیٖچ بناوان۔

مینش۔ اہنسہ۔ یہ قوم ہے چھُ۔ یوٗر یہ منٛز چھ تہِمے
وارِیاہ کالہٕ پیٖتھ مائیس بادشاہ سِنٛدِس
دربارس منٛز ڈیکہ گیان تہٕ تھدٕ شانک سون
بادشاہ تہٕ چھُکھ بڈٕ بیرٕ تھد ژران۔ دُنیہِ ہیٚس
منٛز وانکھنہ کانٛہہ مُلک سمندری طاقتس منٛز

گرٕ بناوُنس منٛز چھُکھنہٕ جوڑُسے کُنہٕ۔

پیٖ۔ اَدٕ خصن۔ پیٖتھنٛز حواکؤ منٛز ہُنٛد کیاہ چھُو تمہ ہیٖ
بوٗزمُت؟ پادشاہ کر ہتہٕ ژرائے چھا اُمِس مُلکس
منٛز بییہ کانٛہہ چیز ناہ کُنہٕ کہِس نہٕ؟

مینش۔ اہنسہ، ارٕ چھُ چھُے ستۍ پوٗرٕ خبر۔ اما یوٗژ ژٕمے
تہٕ ستۍ کیاہ نگہ بوزُن پموٗ کھتھ تلہٕ؟ یمن چھُ
پادشاہا سہ یِس یم اندٕ رِچھ کنہٕ لہ کُٹ چھُ ژان
تہٕ نیٖبر کنہٕ بڈٕ لوٗڈ۔ تس یہ کھینس چینس
پادن تہٕ چنٛد خرچس لگان چھُ تہٕ چھُس پننے
قوم دوان۔ تاجدار پادشاہ سِنٛدی پائٹھی چھس
اندی اندی روزان۔ اُوی چھ ژائوی رٕ چھُکھتھ بوز
ناوان۔ تھدی القاب چھس دِوان پیٖتھ پائٹھی
آسی چھ نیٖتس پادشاہس دوان۔ اما یوٗژ سائنس
لُھنہٕ محلہٕ افسر سِنٛد کھوتہٕ چھُنہٕ طاقتھا
زیادٕ کینٛہہ۔ وزیر سِنٛد چھُنہٕ سوالے، موموٗلی
مُجرمس ہیکنہٕ سہ کُنہٕ تہٕ جرمہ معہ کھ ژٕ بنا لایتھ
ادٕ کرِسہٕ شاکھ؟ یم چھ سائنی حاکم یم مُجرمس
یقرار کرناونہٕ معہ کھ ادِلس شہرس چھ نوان
کن ژٕ تھتھ تہٕ بییہ چھُکھ ییٖاہ تہٕ ژران تہٕ پیٖتھ
پیٖچھے روزان تِہنٛزے منٛنہ۔ امہ ورائے چھُکھ
شفاخانہٕ ہوی مکانہٕ بونٛسہٕ منٛو سپتر
بر بھ۔ شیٖیہ ریٖتی چھ تتہٕ چاہ گُناھان
تہٕ ژھون کہتہٕ پیٖتھ سوہ مغز۔ مادری زبن تہٕ

پانس ترٛاوٕنٛد دُگاہ تُلان زٕ سون وعظ خان
ہیٚکہٕ نہٕ تہٕ وَرٕیُس تہٕ کرِتھ ۔ مۄختصر چھِنہٕ ہینٛز
کانٛہہ کنٛھاہ کرٕیکھ نادتہٕ شور حشر تُلِنہٕ وراے
انٛدان ادٕ کأنٛسہ بڑس معہ ہنٛدِس اَسو تَن
کلہٕ زٕٹنہٕ آمت یا اَسو تن کأنٛسہ ہنٛدِس
دانٛس ٹیٚکس ہیٚوٚن یا کانٛہہ بدل مومۆلی کنٛھ
اَسو تن ۔ دَنے کیٛاہ بایہ ؟ پروردگارن چھےٚ
کینٛژن عقل دِژٕمژٕ تہٕ کینٛژن مَژَر ۔ شُکر
خُدایس تہٕ رسولس کُن زٕ یمن بیشور تہٕ
بےصفت انگریزن ہنٛدی یاٹھی چھِنہٕ اَسی
ہۆکرُ تہٕ نجاست کھیٚنہٕ معہ کھ یأدِ گأمِتو ۔
صاف وپاک یاٹھی چھہ اَسی قسطنطنیہ سمنٛدٕ
کِس بٔٹھِس پیٚٹھ، سمنٛدن منٛز ڈافاترأوِتھ
کمہٕ آرامہ سان قہواہ تہٕ تموکاہ چیوان۔"

بٕ ۔ ہتہٕ خفص، بدٕلے کنٛھ چھُہم بوزناوان یمہ
نہٕ مۆے از تامٕ بوز مُژے چھےٚ ۔ بٕ کتہٕ بوزٕہا
یمہ کنٛھ ۔ ہرگاہ بوزٕہا تہٕ توتہٕ پیٚہٕ ہیٚم نہٕ
پَزٕ، مثال کرِتھ یہ کنٛھ زٕ یوٗت بوڈ مُلک
ہنٛدوستان چھُہ یہنٛدِس اَکِس منٛز تہٕ تمِی
پیٹھ چھےٚ یمن ہنٛزٕ یچھ کُنٛہ تام حکومت کران۔
تمہ بٕ چھُنا یہ گوزمت ؟

مُنش ۔ یمہ یاٹھی مے بۆزمت چھُہ، یم انگریز چھے
ژتھٕ نہ چھٕ، یہ یہنٛد ونکہ تہٕ آسی بۆزٕ ہینٛزٕ
گُنہ کنٛھ پیٹھ اَسی زینہٕ تأجُب کران ۔ اَما پۆز
یہ چھُے نہٕ مے بۆزمُت زٕ یہنٛزٕ ہنٛزٕ یچھ کینٛہہ چھےٚ
ہنٛدُستانس پیٹھ راج کران ۔ ظاہر ما آسہٕ
کمِس چھےٚ خبر ۔ زانہٕ خُداہ ۔ یمن منٛز نش
چھےٚ نہٕ یہ مَژَر کانٛہہ کنٛھ ۔

بٕ ۔ (فکراہ کرِتھ) بنس ییتی چھا خفص انگریز کینٛہہ
بیٚیہٕ تہٕ چھہ کینٛہہ ؟ تلہ خفص وَن خُداہِ ہینٛز
دَرٕے چھےٚ ۔ تِکیازِ دُنیہس منٛز کُس ویٚژ
یہ عقلہٕ زٕ اَکِس قومس منٛز آسن ییٚژن
قیٖسمن ہنٛدی کھ ۔

مُنش ۔ (کم قلیل سوچاہ کرِتھ) اَہنسہ زٕ تمہِ
قوم چھہ بیٚیہ تہٕ یہنٛدناو مےٚ مُشِد اوس
گومُت تِکیازِ تم چھِنہٕ خاص کہِس مُلکن تہٕ پین
پرتگال تہٕ اِٹلی یم پننِن سورن چھہ کھیوان
تہٕ یہ تلِن ہینٛزٕ عبادت کران ۔ اما پۆز انگریز
چھِنہٕ یمن کُنہٕ جایہ مُجرِمس انان ۔ تہٕ پین
چھُہ یوٚنسہ آسہٕ رکنٛزٕ سأنِس مُلکس منٛز ناماوا
پرتگالن چھہ کینٛہہ یہنٛدی اَسہ پور سوزی مِتی،
تہٕ اِٹلی چھہ تِیِتھ دَری یہ درویشن تہٕ قلندرن
ہنٛزٕ معہ ٹھاہ سوزان یم سأنِس خزانس
برژر چھہ کران تہٕ بیٚیتہ چھہ گرجہ بناوان تہٕ
گرٕدایان ۔ اما پۆز یہنٛدن زکٹس یادِ ہی شُند
قیص چھُہ بوزنس لایق ۔ روٗمس منٛز چھہ

شوبھٹھ انگریزن ہُنٛد خلیفہ تہٕ تِکن چھُ پننِس
دِینس کُن نادلایان۔ اَسہِ چھُس توٚتہٕ اَکھ
بیٚیُٹھ تاران۔ تِکیازِ یِیتھ سہٕ پننِس دِینس منٛز
آنان چھُ تتھ کھوتہٕ ژٕرِی چھُ اَسہِ اِسلامس
کُن آنان۔ مگر رُت ہُرا یِیتھ بنِہ یِتہٕ تہٕ چھُ
یِمَن کافِر آسنہٕ موکھہٕ عذاب ژالُن۔

۶۔ بَس حقن وونی چھُم اَکھ سوال بیٚیہِ پرٛژھُن
نوٚو دُنیہک چھُو حقن تِمہٕ بوزمُت کینٛہہ
کینہٕ یِکہیں نہٕ؟ مےٚ چھےٚ حقن اَتھ بیٚیچھ
اور چھ یور چھ تیٚتھ کنٛتھ بوز منٛز بہٕ چھُس ہے
بشٛگہہ ہیوٚ گومُت۔ دہان چھینہٕ حقن سُہ چھُ
دُنیہکِس ایاگری مس اَندس بیٚیچھ۔ تور چھےٚ
حقن زِ مینہٕ تُہ دِتھ کینہٕ بدل کانہہ وَتھ چھےٚ
مینش، اَسہِ نسہ چھےٚ نہٕ تِمَن سیٚتی تیوٚت لین دین
کینٛہہ تہٕ تہٕ نہٕ چھےٚ تِہنٛز زیادہ خبرٕ کینٛہہ
صرف چھےٚ یِیتہٕ تِہنٛز خبر زِ تور چھِ اَبی جہازن
منٛز گژھان تِکیازِ یِتہٕ چھےٚ گژھتا فِنا و
تِہنٛز۔
آمہٕ پتہٕ چھُ ووشاہ ژرا وَتھ دِنان: "ہتا یارٕ!
یِہنٛد یہٕ نوٚو دُنیاہ تہٕ مانٛتن یِہنٛد پرانہٕ دُنیہکی
بٲچھ کُفرستانے۔ اَلکُفرُ مِلّۃٌ واحِدۃٌ۔ اللہ
تعالا تھاوِی تِمہ ہمیشہ تیٚتھ عذابَس منٛز گرفتار۔"
یہٕ وَنِتھ کلیوو تہٕ باسیوم سیٚتھا تھوکُس

تہٕ عاجزتہ آو۔ مےٚ تہٕ ژٕٹ کنٛتھ تہٕ بیٚیچھو بٔلو اور چھ
یورچ کتھا باتھا کرنہٕ۔ آمہٕ پتہٕ آیہٕ نوو بیا اکھ قہوٕ
تہٕ اَکھ اَکِس بیٚیہٕ سمکھنک وعدٕ میتھ دراسے
پانس پانس۔

## ۶۷

# حاجی بابنِ یورپچ تاریخ لیکھنہٕ

## تہٕ تِمہنٛد سفیرس سیٚتی واپس گژھن

سیأمی دُنیہس بیٚچھ اور یور پرٛژھ کاراہ کرنہٕ
پتہٕ کیاہ ووتس یہٕ پور پاٹھی خبردار گژھنہٕ سفیرس
زنش واپس سیٚٹھا خوش گو۔ بیپتس کالس استانبولس
منٛز ادسس تیپتس کالس اوسُم خبر اتر سوہ نبراونہٕ مہ
اور یور سوزان یِتھ تِمنٛد گو تیوٚت مُسالاہ جماہ یِیہ
یِیمہٕ کنہٕ یورپچ تاریخ مکمل ہیٚکہہا گژھنہٕ تِکیازِ
بادشاہن تہٕ اوس پننِس کاغذس منٛز تی فرمومت
یِمہ ینٛز خبر تہٕ خبردار کر ونہٕ کنٛتھ مےٚ سوہ نبراو منٛز
آسہٕ تِمَن ہُنٛد کوٚرُم ترتیبہٕ سان مُسودا اَکھ تیار
تہٕ دِتُم شیر ژٲر موکھہٕ سفیرس تہٕ تِمی کوٚر اَکھ بادشاہ
سِنٛد آیہٕ ژٕٹہٕ واتھ۔ یوسہٕ کنٛتھ بادشاہس ژوک
تل واتہٕ ہے تتھ دُیتُن ہیش تہٕ یِیتِن نہٕ شوکبہٕ ہے
تتھین ہُر داوِنس زِ ژور کنٛتھ تہٕ چھوٚنی راونس تہٕ۔
آمہٕ پتہٕ لیکھنو۔ یہٕ تہٕ خط تہٕ گیہ جان لوہ کٹ
کتہٕ یہٕ سُناتیار۔ اَمہٕ کتہٕ نوو جبلہٕ تہٕ سوہ بہٕ مابہٕ تہٕ ناو

ھقوٗس وقایتٕ فیروزی۔ اَمہِ پَتہٕ ھتھ ریشمی وَجہ
اَکس منٛز وٲلِتھ۔ سُفیر ووٚنھ: "ووٚنۍ کیا سہ کوٚیہ
پادشہس ڈٲلی نِنس لایق چیز اوٚ تہٕ۔"

یِمہٕ کانہہ میرزا فیروزس مَنٛزٕ آسہٕ تِمہٕ موکلاوِتھ
کٔرِتھ ہیٚوٚت تِمو ایران دایس گڑھنک سفر کرُن
تہٕ میٚے تہٕ کوٚرُن پانس سیٚتھ نِنک تہٕ تِتہٕ سرکارٕ
مُلازِمتھ دِیادٕ ناوٚنک وعدٕ تہٕ دوٚپُن "تِمہٕ وَنکہٕ بہٕ
زٕ یِتھٕس اِنسان شُریس یُس رٔے یچ رژھ رژھ خبر
چھےٚ، چھےٚ آسہٕ بڈٕ ضروٗرُ دَرکار، یِتھہ یہ تہٕندیٚن
سفیرن طِہرانس منٛز مُقابلہٕ آسہٕ لگان۔"

اَمہِ کھوت تہٕ کیاہ سوٚ چھہٕ ہیکہٕ ہیم کٔرِتھ تکیاز
ووٚنۍ اوٚسُس ترکی تہٕ ترکن ہُنٛد شُہرُ بُچھتھ
سیر گومُت تہٕ شکرلب تہٕ اُسیم وِزِ وِزِ ژٕھتس یِوان
تہٕ واراگ ووٚتھان۔ طِہرانکس دربٲری پیرصابنٛی
کیتھ اُس ووٚنۍ پۄرانیمژ۔ تِتہٕ اوس ووٚنۍ گومُت
نادان پیر سٕند تہٕ اوسُم بوٚزمُت زِ سہ اوسکھ توچھ
گوٚنٛدمُت تہٕ دربٲری پیر صابنٛی آشینٛو یوٚسہٕ گُردو
زٕ یِتھہ اُس نیمژ اُسنہٕ پَتہٕ زانہہ تہٕ طِہران واتہٕمژ۔
تی اوس تسٕندِس عبدالکریمس تہٕ گومُت۔ لہاذا!
اوسنہٕ میٚے منٛتھ تومان وایس دِنک کانہہ پیٚچھے
مُلسہ افسرن تہٕ اوس نادان پیر زٕ یتھہ نِنہٕ پَتہٕ پنُن
گُرُ نیمُت۔ لہاذا کٔرِتھ ہیکہٕ ہا بہٕ گھنٹکہٕ روٗسس
طِہرانس منٛز یان ووٚن گٔژھتھ۔ پانہٕ تہٕ اوس [illegible]

زٕ کانہہ کرٕ ہم پہٕ بے یزتی تکیاز کانہہ نیتہٕ کانہہ لوٗدٕ
معہٕ منیوٗ ووٚنہ تہٕ ہی ووٚنۍ اسیانہٕ کنہٕ۔ معہٕ چھَنہٕ آمنہٕ
توٗرٕ نہٕ گژھ چھنہٕ معہٕ کیہہ کانہہ حیچھا بوزنہٕ۔ تہٕ کرِتھ پانی
بوزٕ پَتہٕ بہٕ چُھس پادشاہ سٕند مُلازم بہٕ ہیکہٕ ہا
تقصیر اُسِتھ تہٕ بیتہٕ تقصیر سٕندی پاٹھو اَجی میٚنگہ
ٹوٗپۍ ھتھ وِتھ پرٛیتھ جایہٕ پھیر ھتھ ھتھ۔

ہی سوٚ چھتھ لوکس بہٕ سفرکیس سفرس۔
آماپوٗز دوٚپُم تہٕ دوٗنہہم یاٹھو دِمہٕ ہا سرتہٕ منٛز روزن
دالین پنین شہر باجیٚن نظراہ گُذراہ یِتھہ تِمن
بنیہ ینن سفرن تہٕ بکر ھتھ کہٕ ہا۔ یہ اوسُس زٲنِتھ
زِ تِمن چھےٚ میانِ سفیرن سیٚتھ کامہ کرنچ برونٛہہ
خبر تہٕ توٚسے تہٕ اوسُسنہٕ تِمن بہٕ فکرہٕ گھسنک تہٕندو بہانہ
شیماہ کینٛہہ۔ اَوسے لگو تِم سےٚ "آغا صاحب" "میرزٕ
صاحب" "سرکار" تہٕ "جناب" کرِتھ کرِتھ وَننہٕ تہٕ ادب
تہٕ یزتھ دِچھنہٕ معہٕ کیہہ اُسیم ونان "تُہنٛد سایہ
پوٚشن" "خدا دی توٚ وُمر برکت" "اَہن حضور!
تُہنٛز مہربٲنی تہٕ عنایت" "بس حضور یہ چھہ
تُہنٛدُے کرم۔" یُس یِمہٕ کنھ بوزہا تُس بہا ہا ہن گژھتہ
زِ یِمہٕ کتھہ چھہ تِمے زِ ریتھ برونٛہہم تکھ بوزنہٕ
ناوان تہٕ اَکھنٛے یُس نہٕ تلہٕ ماپنچ خبرے آسہٕ ہا
یہ دُچھتھ دِیہ ہا سہ زِنتہٕ بے چُھس یمن زو دِنہٕ
دول تہٕ زوٗ نِنہٕ دول تہٕ۔ نیمرنہٕ وِز شکھس نشان
[illegible] تہٕ کُرِکہ میٚے سیٚتھ تِمے پاٹھ [illegible]

شہ ثرۆنہٕ اِستفٰہا نکِس حسن ناو دِنِس نیٚچوس پتہٕ پتہٕ
کران اوس۔ ماسے محبتہ تہٕ لول یُس گرأو بتہ چھُم
دِ پان۔" گژھہ سہ گوہر گژھہ نہٕ دٲیس چھکہ حوالہٕ۔
یِہ تہٕ تمہٕ تمانن ہُند قیدی آسُن، مجبور کِنُن دول گڈم
آسُن، شکر لبہٕ ہُند روان آسُن یا پادشاہ سُند
دربارُک ملازم، یہ آسکھہ تہٕ تہٕ، سیون دوہ یہ خاطر
پھٕچھِسہ سپدتو۔"

تُرکی حوکومتس رقِ جنگ مہندتہٕ تہٕ ایرانٕک لگہ
جماتھا دوین ترین میلن رقِ جنگ کرنہٕ سو کتھ یتہٕ
یتہٕ یکان یکان دزاو سفیر کس شہنہ منز۔ سفر کوڈ اسہ
جان پاکھتہٕ تہٕ ایران تام آونہٕ کانہہ وُننس لایق
حاملاہ دریپیش تہٕ نہٕ بُوز کانہہ ترُتھ خبر اترہ۔اتہٕ
بوزِ ڈہیچہ اور یورچہ خبر۔ اما یُوز ریتہ آسنہٕ بہنس
لایق۔ مگر تبریزس منز بوزِ عباس میرزا گورنر پنٕدس
دیوان خانس بیہتھ کینہہ کتھہ پیوٹھ منز فرانسہ کس
تہٕ ولایتہٕ کس سفیرس یانہ وٲنی کھوسہ کھُوسہ چھنیچ
کتھ اہم اُس۔ فرانس کین ہُند غرض اوس انگریز
ایرانہٕ منز کڈتھ ژھنیٚنو۔

پہنیٚن جائن بیہتھ تہٕ اُسہ کنہہ گراہ اکھ
کتھ وُنان تہٕ گراہ بیاکھ کتھ۔ ایرانکی اُسی ساری
یتھ بیہتھ حاضر گژھان زِ "یم تاوَن زِد کیا زِ
پچھ بیتہ دفر بیہتھ یونسہ خرچاوتھ طہرانس منز
پیتھ اکھ اکس سپدتو ژوان ہ" دپان کتھ باقہ تھنیز

پھٕچھِسہ ہتھ پاٹھوا اسیٚمز:

فرانسک سفیر (شکیتھ) سون پادشاہ چھُہ بوڈ
تہٕ طاقتہٕ وول پادشاہ۔ تس چھُ اکہ آنتھہ بیہتھ
بیٚپس آنتھس تانی فوج۔

سون پادشاہ۔ جان گوٚو! تو تہٕ کیاہ اسہ۔ کتیٚا فرانس
تہٕ کتیٚا ایران۔

فرانسک سفیر۔ مگر اسی چھنا انگریزن ہندوستان
ہاسیتھ ژلُن یژھان۔ لہٰذا گژھتہ پزا کھتہ ہیہ
ساینِس فوجس وتھ دِنی تہٕ بیٚپہ رتمن کھین
پیٚن دِیُن۔

سون پادشاہ۔ اہنسہ تہٕ ہو چھُو ہندوستان یژھان
انگریزن نش نیٚن۔ تہٕ اسہ کیاہ تتھہ سپدتی؟
اسہ نہٕ دموو وسیتھے تہٕ نہٕ ہاہمو تہندِ فوجک
کھین پیٚنی مَنٕز۔

فرانسک سفیر۔ تہندِ معہ کھہ ہمو روسس نش
گرجستان تہٕ تفلسس تہٕ دِمونو تمہٕ یہ ایس
تہٕ بیہتھ کنو معہ کلیوو اکی ساتہٕ رقِ سبہ کہ نو منز ژِ۔

سون پادشاہ۔ او یہ کیاہ گیہ اژ کتھا پزِ کرِ یاکھی چھیٚ
یہ کتھ۔ خاطر، ییتمہ ساتہٕ تہٕ ہر یہ وعد یوٚر گرو
تہٕ اُسی ہینیو اچھو وچھو زِ قفقاز س منز کیٚا
رقِ دنہٕ اکھ روسی نفر تہٕ تمہ ساتہٕ دِموو تمہٕ ہیہ
جواب۔ توٚت تام ہیکو نہٕ اسی تہندِس فوجس
ایرانہٕ منزی یکنس اجازتھ کینہہ دِتھ تہٕ نہٕ چھ

اُسی ییٚنِس پرانِس یارَن انگریزَن سیتۍ کٕنٛ پُژھان

ژٔ ٹھِنو۔

بییٚہ طرفہٕ اُسی انگریز وَنان:

انگریز۔ فرانٛسی چھِنہٕ ایران یتھ وراۓ بیٚیہ کُنہ کامہ
معہ کھ آمِت زٕ اُسہ دوشَن کرٕ پانہٕ وانٛی ژھوکہر
تہٕ رٕش پادٕ۔ یُہِنہٕ تُہی تِہنٛن وَتھ دیو۔

پادشاہ۔ کیٛاہ کرو! یہ چھُنا پُرژھو لاژٕ خلاف
گژھان۔

انگریز۔ حضرت، سانٛی کنہ یاروز فرانٛس پیٚتہ یا روزو
اُسی۔ زٕ ہِہنٛد وپنٛد وپیِن تہٕ اکۍ سے کژھس مٕنز۔

پادشاہ۔ تُہی تہٕ روٗزِو تہٕ فرانٛسکۍ تہٕ روزی تَن۔ اُسی
کیٛازِ کرو نہکس پٔنکس دُشمَن دارِیاہ پادٕ؟
اُسہ چھِ سارِی دوس۔

انگریز۔ اُسی حضرت کرو تُہی مَدَتھ۔ آسَن وٲلی
بناوِو۔ اُسی دمَو تُہی ہا پرٕ۔

پادشاہ۔ ٹھیکھ کیٛاہ کرِتھ۔ تُہ تہٕ گنٛہ کتھہ ژٕ وَن
کوتاہ رقم دیو پَتہٕ کیٛاہ سوچو اُسی تہٕ۔

تیٛبرِ منٛز نیرٕنس تام اُس کتھہ اوٚت تھے
ٹٲنیٛ وانٛ زٕ نیرِو۔ نیاری اُسی طہران منٛز میانٛس سفیرصابُس
سٕنٛ پاٹھۍ پیاران۔ تِمہ کنہ ہِتھو نہٕ اُسی زیادٕ کالس
شہرٕ اوس نِیشہِ تہٕ دِراسے۔

سُلطانیہ ہَس منٛز وانٛتھ گو دوٚر قافلا اکھ
نظر۔ یُسہٕ ایرانیٛ قافلہٕ باسان اوس۔ ییٚلہ اُسہ نکھہ
ووت تہٕ وُچھ زِ یِم اُسی انگریز تہٕ فرانٛسک سفیر
جان ییٚر تہٕ سان پُرژھو لاژٕ یہ پَتہٕ اوسکھ تہٕ طہرانہ
منٛز کوڈمِت تہٕ یہ زَن بوٗز انگریز سفیرَن اوس
باز زیٛونمت۔

اُسہ توٚرگ پانے بوزُن زِ کتھ کتہٕ چھے وُزان ہمہٕ تہٕ(?)
بیہٕ ٹھِمرٕ شہٕ تہٕ پادشاہس چھنہٕ تُرہ ہرٕ کرٕ ہرٕ کینٛہہ
سون سفیر اوس حاجرَن گوٚمت زِ میون بوزنے کھنٹے
کیٛازِ کوڈکھ فرانٛسک سفیر طہرانہٕ منٛز۔ اَما پُوز یہ
اُس خبرے زِ ہارَن دیارَن ہنٛز منٛدرِ تہٕ میچھ کتھہ
سیٚتۍ چھُ مُشکلس آسان بنیومت۔

یِمَن سمکھتہ گئے اُسی بڑٕ خوش تِکیازِ اُسہ
اُسہ آو جان موقہ یِہنٛدی اطوار تہٕ طور طریقہٕ وُچھنس
یِمنٛیک اُسہ سیٚتھا بُوزمُت اوس۔ اَکہ دوہہ رٔدکھ
اُسی یکہ وٕٹہٕ تہٕ سانٛس سفیرس کرٕکھ فرانٛسس سفیرس
سیٚتۍ زان۔

مانٛو ہے تہٕ فرانٛسک سفیر گوٚ ژھ دل چھوٗٹ
تہٕ بڑٕ شرمندٕ گوٚمت آسُن، تِکیازِ سُہ اوسکھ کڈتھ
ژھٹمُت۔ اَما پُوز تمہ بدل گئے اُسی حاجران ییٚلہ
اُسہ سُہ وُچھ اَسان تہٕ خوش پاٹھۍ۔ یُتھ ہیٚکی تہٕ
منٛز آیہ قوماہ اوسنہٕ زانٛہہ تہٕ اُسہ نظر گومت
یِم اُسی نژان، گیوان تہٕ پانہٕ وانٛی حالایٲنی تہٕ کران
سانہٕ کھوتہٕ تہٕ اُکنے اُسی یِم پانہٕ وانٛی اکھ کتھ
بکواس کران۔ نہٕ اُسی لحاظے وُچھان، نہٕ زِ چھرکو نِس

نہ اُکس بٔلیہ شُشہ ہٕدے زٕنتہٕ ساٲری اٚسو اَکی ہٕدکہٕ
سانٛس فرشس پیٹھ کٔرِکھ بٔڑہٕ بے ادبی میچہٕ دار
بوٗٹو سیتی کوٗرکھ ساٲری سے پٹہٕ پار تہٕ گسہٕ اۆنکھ
تہٕ بینہٕ مٔنگرکہ اَس وَہراوِتھ اٚسہ پرٛیتھ چیزس
پیٹھ اَسان تہٕ ٹھوکہٕ چھکان۔ یہنٛزِ اَتھ یوٗنت
کھنڈ خبر آسہٕ کٔنہہ دِپوم زٕ وُچھ ہا یہنٛزٕ تہٕ سانہٕ
زبانی ما آسہ کانٛہہ ہشر تہٕ اوسہٕ کہین۔ یہ وَنان
اٚسو تمہٕ منٛز اوسُم نہٕ اَکھ حرف تہٕ فکرِ تران۔
سیٹھا جکھٕ تہٕ نیمہٕ ہا یہ لیکھہٕ تہٕ ناتسٕ ٹھوکُر
توٗگُم بوزُن زِ ترٛین لفظن اٚسو پیٹھ تہٕ پیٹھ
دِوان۔ اَکھ "سکرِی" بیاکھ "یاری" تہٕ ترٛیم
"آمپر ونہ"۔

مگر یٔمِت کٔرِتھ تہٕ آسے نہٕ یم اٚسہ ناکارٕ کیٚنہہ
بوزنہٕ۔ اٚسو اٚسو یمن سیتی سیٹھا زلان، تہٕ پانہٕ
وانی اوس ما ذٔتن منٛز تہٕ ہشر باسان۔ اٚسہ بوٗنیٹھ
زِ یِتھ پاٹھو خوش تہٕ خوشحال تہٕ جاٹ تہٕ گٔنڈہٕ
باشہٕ یمو سُلطانیہ ہٕنٛز کرِ تِمٕے پاٹھو اَژن
جہنمس منٛز تہٕ۔

بٕسکہ دِمہٕ گٔے اَکھ اَکس نِش ژھٕپہٕ تہٕ تِم
دٔراے اَسان اَسان تہٕ گٔنڈہٕ باشہٕ کران زٕ "بادشہن
کیاہ کوٗر اٚسہ سیتی" تہٕ اٚسی دٔراے بٔلیہ منٛز تکلہٕ
ژھٕنِتھ دِل مولوٗل تہٕ دَم پھٕٹی گٔژھتھ زٕ "بادشاہ کیاہ
سا مولوٗک کوٗر اٚسہ سیتی"

## طہرانس منٛز انگریز سفیرٕنٛز استقبال

یادشٲہن کوٗر میرزا فیروزس کَدٕ رُوٗس استقبال
تہٕ یوٗرپہٕ کین اہم مسلن پیٹھ جواب بوزِتھ گوو بڑٕ
شاد۔ اَتھ منٛز کیاہ واتہٕ ہا نہٕ تس کانٛہہ اَکھاہ۔ پرٛیتھ
سوالس اوس جواب دوان۔ نہٕ آسِس تہٕ زانہٕ کینٛہ
عنا صیرے ڈلان تہٕ نہٕ اوس سوال مُشکل آسنہٕ کِنی
ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھے کران۔ بادشاہس بٔرونٛہہ کٔنہٕ یہ وَنُن
زٕ "مٔے نخُن جھنٛڈہٕ خبرٕ"۔ چھُ بوٗدٕ قبیح، اَتھ یہ
لفظ مشوٗرت تہٕ تمہٕ زٕ لو پیٹھے۔ پرٛیتھ کٔنہٕ اوس
تمہٕ ییٚژھ پٔژھ تہٕ دٔرِ رسان جواب دِوان زٕ بوزن
وانٛلہ دیہٕ ہن پی آسہٕ تہٕ تمہٕ ڈولتھ آسہٕ نہٕ کینٛہہ۔
انگریزن ہنٛز وہرژھ ناوین تیٚتھ پاٹھو کٔنہٕ زٕ کانٛہہ
دیہٕ اوس ژوپ اوسہٕ تہٕنٛدِ سے ملکس منٛز
کوٗرمت تہٕ تمو اوس پرٛیتھیومت بڑیمت۔

میرزا فیروزس سیتی سیتی آسہٕ کٔنہٕ تہٕ یوٗرپس
پیٹھ مٔے تہٕ زان تہٕ خبر اَتر آسہٕ کٔنہٕ تہٕ بٔلیہ یوٗریچ
کتاب یکہٕ وٕ پہٕ لیکھنہٕ کِنی رٔدِ وُسنہٕ بہٕ تہٕ اَمہٕ یٔز تہٕ نوش
خالی کینٛہہ۔ یوٗ دوٗے مٔے تیشندی پاٹھو دید دورٕ تہٕ
منٛز ہیٚل لو گنہٕ اَما یوٗز جواب تہٕ نس منٛز کوٗر مٔسے اَتی
کار بو کنڈٕ بہٕ کینٛہہ۔ مگر نوکر تہٕ آخر یِتھ دِین جوابن منٛز
ہشر ٹھوٗنہٕ معہ کٔہ پٔژ مٔے بڑ ہس ٹھوون ہٕنٛدٕ وُچھ

گژھہ ہا۔ ییٚژی پاٹھۍ ہیمو دُنیا وُچھمٕت آسہٕ تہٕنٛزٕ
کنہہ چھےٚ آسان کرامت تہٕ موجزٕ۔ یمہٕ زبر چھُ
وَنَن وٲلۍ ووٚنمٕت ؎

در دیارِ بی زبانان ہر کرا آید بگوش
گرچہ صوتِ خر بود آوازۂ خنیا گر است

انگریز سفیر اوس آسہٕ بۄنہہ کینٛہہ دوہ طہران
ووتمٕت تہٕ ییتہٕ پاٹھۍ اُکس ننٛجس تہٕ متو کرین ہوٚس
ہارون رشید ہوس خلیفہ سٕنٛدِ طرفہٕ استقبال پیٚز
ہے کرُن، تیتہٕ پاٹھۍ اوسہس کوٚرمٕت۔ لیکن اوس تہٕ
وُچھتھ سَخ گومٕت تہٕ مَلہٕ اُسہ پھسرایے کران زِ
"اُمس نہکک پہکک ییٚتہٕ یِرٛتھ کرُن گو بانے پنُن پان
ییتھ دُنیہس منٛز جہنمہ کہ نارٕ زالُن۔" تیٚمٕسٕنٛد طہرانس
اَژنہٕ وزِ اُسکھ دانٛد قربان کرِتھ متو تہٕ وَتہٕ وَتہٕ اَتھہ ہس
شرین چھُ پرٛٹ سوارٕ وزِ خاص بادشاہ سٕنٛدِ موہکھ
یُس ترٛم وایہٕ تہٕ چھُ یوان سہ اوسکھ اُموسٕنٛد
موکھ تہٕ وٲتِتھ اُمس یِنہٕ تَس ہُر ہر کوٚرمٕت۔
اَمہ پتہٕ اوسکھنہٕ اُمس تیٚژھ لازمے کرنس منٛز
موسے والس یوت ڈیٚکھ زٕ ووٚمٕت تہٕ اُکس نامادا
اَفسرس اوسکھ تَس جاے زِنہٕ موہکھ مَکانہٕ غصب
کرِتھ نیوٚمٕت تہٕ تتھ لُس سامانہٕ، فرشو، وفروش
یا بانہٕ بیچھ لگہٕ ہین رتم اُسکھ جبر کرِتھ ہمسایَن
ہیتھ میتو تہٕ اَکھٕتے اوسکھ اکو سٕنٛد باغ تہٕ کان ہیچھ
اتھ مکانس سیتو رلوونٛت۔ وزیرِ اعظمس اوس

حُکم ووتمٕت زِ پیپٹس کالس انگریز سفیر طہرانس
منٛز روزِ پیپٹس کالس یُس خرچاہ تَس سعہ لہِ لگہِ
سہ گژھہ چانی چینٛڈ ک لگُن۔ اَکھٕتے اوسکھ وزیرِ
اعظمس خلعتھ تہٕ تتاکک رقم بۄنہہ ہیٚوتمٕت یُتھ
سہ رقم یہٕ زن پیتھن موقن ییچھ ضابطہٕ چھُ سفیرس
ہدیہ یہٕ دِہَن۔ شہزادن تہٕ امیرن وزیرن اوس حکم
سوٚمُت زِ رتم تہٕ گژھن ینٛیٖخ ہدیہ تہٕ تہٕ ڈالہ تَس نیٚنہ
ینٛیٖنہ دستِ مبارکہ سیتی لیٛوکھ بادشاہن زِ "ییم
(انگریز سفیر) چھِ سانہٕ شاہ سٕنٛد ذاتِ پاککۍ پٲژھو۔
یوٚدوے کافرے چھِ اَما پوٚز یِہُنٛد احترام کرُن چھُ
لازم۔ مَن اَکرَمَہُم فَقَد اَکرَمَنِی و مَن
اَہانَہُم فَقَد اَہانَنِی۔ یُس تِمَن یَزٕتھ
کرِ تِمو کوٚر اَسہ یَزٕتھ تہٕ یُس تِمَن بےٚ یَزتی کرِ
تِمو کرٕ اَسہ بےٚ یَزتی۔"
خاطر کافرن یوت بوش کھالُن تہٕ یُتھ یَزٕتھ
کرُن گیوو اوٚت تانی جانٕنے تہٕ یہٕ وُچھتھ پَزیَن
تِمَن ووٚہہ تہٕ ٹلنہٕ اَما پوٚز بادشاہس بۄنٛہہ کنہٕ ییم
رسم تہٕ یُس اَدب رٛچھُن لازم اوس تتھ منٛز آیہٕ سَخ
مُشکل پیش۔ یہہ ڈل تہٕ میٚنگہ دوٚہ آسہٕ یکنو موسنے
نہٕ تِمو بادشاہس بۄنٛہہ کنہٕ پیٚتھ یہُن فَاخلَع نعلیک
زَنس بےٚ خبر آسنہٕ کِنو زاو سہ ملعون بنٕنٛ موکُھوٚ دربانہٕ
ہیتھ دربارس منٛز۔ کوتاہ وَنیوہس زِ ووہ ڈِ نوٚن
اَژُن چھےٚ بےادبی، ہرگز تہٕ موٚنُن نہٕ تہٕ ٹوٚپی رَٹِن زِ

"اَسہِ چھےٚ اَنگریز" پَلوٚن ہُنٛد مَسلہ چھُ بوٚڑ مسلہ یِمیٚک
تہٕ کوٚر ہِمس ناگہٕ پیٚد زِ اَسہِ سوزو دیٚ شال تہٕ کُلاہ یُتھ
اِنسان شکلہ دربارس منٛز اَژِکھ" تمہٕ ترووکھ اُتھ
تہٕ موٚنکھ نہٕ تہٕ دوٚپنکھ "بٔ یِیلہٕ یِمن پَلوٚن منٛز
بنیس بادشاہس نِش چھُس گژھان، تہٕ ہنٛدس
بادشاہس نِش تہٕ گژھہ یِمنے پَلوٚن منٛز" مگر اوٚت تام
انگریزن ہُنٛد دربارس منٛز اژنُک طور طریقہ تہٕ پوٚو کیتھ تہٕ کیاہ آسہِ
نِش بے خبر آسنہٕ کِنٛز اوس حکمن زِ روت چھُ غیٖر تہٕ
روت ٹوٗپۍ دِتھ گژھ تہٕ اژُن تہٕ کانٛسہ روز ہیٚپے نہٕ خبر۔ متے
یوٚت ژھیٚتس زِ اصفہان کِس چہل ستونس منٛز چھُ شاہ
عباسن بڈونیُچ کٔنہ سفیرن ہنٛد بینُک تماشہ نقش
کرِتھ۔ شاہ عباس چھُ کُلس تاج دِتھ تہٕ بیٚٹھ مولُل
لِباس نالہِ لاگِتھ تختس پیٹھ بِہتھ۔ متےوٗنی یہ کتھ
میرزا فیروزس، تمۍ وٗنی وزیر اعظمس تہٕ وزیر اعظمن وٗنۍ
ناگہٕ یہ کتھ بادشاہس نِش۔

نفر اَکھ سوٗزُکھ اصفہان تہٕ تتہِ آیہٕ ناگہٕ وُکھ تمہٕ
نقاشی ہنٛز اَکھ شکل تہٕ ہاوُکھ انگریز سفیرس زِ:۔
"ہتہٕ سہٕ رٕٹھ، وُچھتھ یمے پاٹھۍ اژۍ زِ دربارس
منٛز۔ تناز یہ ژھیٹون"

یمو ملعونو یانی پہٕ شکل وُچھ نانی ترووکھ سہ
اُتھن زِ اَسہِ دوٚپ پھچھو ما تہٕ دوٚپُچھ۔ "توٚہۍ اَسہِ فکر
توٚہۍ چھوٚ اَسہِ دَیان یُنٛہزی سنٛدی پاٹھۍ نژن"۔ موٚخصر
یژ پَلوٚن ہنٛدس مالس بیٚہ پژھ حلہ دِمن زِ بادشاہ

آو سنٛج ننگ تہٕ دوٚپُن۔" ژھینو وُکھ ترٕٹھ۔ پَیِنُ وَنی
یِمن پَلوٚن منٛز خوش کرِکھ تہٕ تِمن۔"

بادشاہس نِش سلام ہُنٛد رسم وُوُلکھ پرٚتی پاٹھۍ
نمہ اَکھتے تمہٕ کھوٚ تہٕ یوٚواہ کھسو تھےٚ یہ زن اَکِس
بے اَدب قومس نِش توقواہ تھوٚو۔ اَسہِ گژھےٚ پننہٕ جاے تہٕ
حاراپنے زِ انگریز ہوکھ بدتمیز قوم کتھ پاٹھۍ روٚز چھ
تیتھ اَدب یُس سہ تمو ناگہٕ تھ دیُت۔ کانٛہہ بے اَدبیاہ
کرِکھ نہٕ۔ بادشاہ اوس موٚلُلہ کھوٚ تہٕ موٚلُل لِباس
لاگِتھ، بیٚتھ کُن وُچھتھ انگریزن اَچھ ٹکر لگان
اَسہِ، سوٚ نہٕ بنٛدس تختس پیٹھ بِہتھ۔ یُس بادشاہس
وُچھان اوس سہ اوس دُپان سہ

مگر جمشید یا دارا است این شاہ
بدین جاہ و بدین جاہ و بدین جاہ
چنین شاہی کہ دیدہ بر سر تخت
بدین رخت و بدین رخت و بدین رخت
شکوہش باشد از نوشیروان بیش
بدین ریش و بدین ریش و بدین ریش
زِ بخشش ملک نوشیروان خراب است
زِ ریشش ریشۂ ایران در آب است

شاہ بُڈی بادشاہ زاد اَسہِ بادشاہس ہیٚر بوٚن
نالہِ موٚختہ پھلیو تہٕ لالہِ کھوٚ تہٕ تہٕ نیہ نیہ کران تہٕ
بادشاہس اَسہِ دِ ژھینو کھوٚوری دوٚ دِنی روٗز تھ۔
ہنا دوٗر پہٕتن اَسہِ افلاطون سنٛدِ اندرٕ ترٚتے

وزیر پم سأری عقلہٕ تہٕ گاٹہٕ جارکی خزانہٕ اُسی۔
شال، کُلاہ تہٕ چوغہٕ لاگِتھ زَن تہٕ لَبہٕ سیٚتی شکلہٕ ہنٛدی
پاٹھی مرِتھ تھاوی، میتہٕ اَکھ نہٕ ہساہ نہٕ حرکتھا یمن نِکھ
اُسی خوش لوٚٹھ، شکیل تہٕ ملک صِفتھ غوٚلام
دوٚدی تہٕ دوٗر اُسی باسان یِیہِ عرش نکھس تُلن
والی تہٕ جنتکی کُنیز بردار ہیوی۔ بدنس سیٚتی کوٚٹ مُرِتھ
پوتوَ گوٚڈن سیٚتی شوٗبِتھ تہٕ گوٚنرِتھ ہیٚتھ ریش
کٲسِتھ آسنہٕ کِنہٕ اُسی انگریز تاوَن زَد شُتر مُرغ نیتہٕ
لٔنٛڈ تہٕ ڈواندر پیٹھی پاٹھی منٛز باگ وۄدوِنی روٗزِتھ اَمہ
وٚیکھتہٕ حیثرتہٕ فاطِر لبانہٕ کِنہٕ پٹھتھ نیران۔ بادشاہ
سُند حشمت اوٚسکھتہٕ ٹاری کھٕسان تہٕ نہٕ اوٚسکھ تِیتھ
حیثیتھ تہٕ شان وُچھتھ کانْہہ روپیہ پیوان۔ آما پوٚز اطوار
اُسکھ زِرہ زِرہ رسأنی ہیوی۔

ہرگاہ بہٕ لیکھنہٕ بیہہ زِ یمن تہٕ اَسہ کٲژاہ فرق
چھُ اَندر میٚن تہٕ نیٚبر میٚن طور طریقن منٛز تیٚلہٕ چھُ
میٚ ہمیشہ قلم تہٕ دلہٕ وار پانس بروٚنٹھ کنہٕ تھوٚنی۔
سأنی کیشہ گاٹلی لُکو گاٹھ جارس کام ہیٚتھ وَنن زِ:
"یہٕ فرق چھُ پیٚنہٕ ملکہٕ آب و ہوا کِنہ یُس دوہے
رطوبتہٕ وول، بہلد تہٕ گوٚٹ چھُ آسان۔ آخر تِمن
دوٚن قومن کتہٕ آسہٕ ہیٚش پانہٕ وأنی۔ یمہ منٛز اکھ آبس منٛز ولنہٕ
آسہٕ اُمت تہٕ تابہٕ ریش تہٕ آسہ نہٕ وُچھان تہٕ بیاکھ
آسہٕ صبح پیٹھ شام تانی تابہٕ کٕرہٕ منٛز وزان۔" آما پوٚز
ہمالیہ کوٚر شیٚدی سادہٕ پاٹھی تہٕ عقلہٕ وِیر نَس لائق
تابہٕ راہ تہٕ دوٚپکھ: "اصلی چھُ یہ فرق سانہٕ دین دار
تہٕ پیٚہنٛد بے دین آسنہٕ کِنہ۔ یمن چھُ بُتھس ہمانک
نوٗر، یمے تہٕ پیٚہنٛدی دِل چھِ ملحد تہٕ زندیق آسنہٕ کِنہٕ
سیٚتی سیاہ سپدی میتہٕ۔ تہٕ اَسہ چھُ، حمد خُدایس کُن
بُتھن پیٹھ ایمانک نوٗر اہ تہٕ دِل سٲنی چھِ کُفرکہِ مکیر
زنشہ پاک۔ ہرگاہ یہ سفیرتہٕ اُہنٛدی باگ سوری
انگریز قوم ہیٚتھ مسلمان سپدن، تیٚلہ وۄنہ تھیکہ یہ
نہایتک تہٕ مکیرک داغ تہٕ دوٚدِ جہنمکہ نارکہ تلہ کلیتھ
جنتہٕ کِس تھرنس پیٹھ اَسہ سیٚتی بیہن۔"

## حاجی بابس وزیرِ اعظمس سیٚتی سوٗتھ گژھن

تہٕ تَمسُند وزیرِ اعظمہ سُند گوٚبہ کام کرنی
یہ زَن میٚ بروٚنٹھ وَن، پریتھ کانْہہ کام اُس
میانہٕ گوٚ گژھان تہٕ ناداوار سپدنہٕ منہ کِھ اوشس
بیٚ سارِی پیٚ اَنزس منٛزس۔ یوٗرپٕکین حالاتن ہُند
بیوٚد آسنہٕ کِنہ تھوٚو مکھ میٚ تمہ سارِینے کامہ منٛز یِمہ
ایرانس منٛز انگریزن سیٚتی داخل تھوان آسہ تہٕ اَمہ کِنہ
شہوت میٚ سرکار حالکی منٛز تہٕ وزیر اعظمس نش
یُن گژھن۔

میرزا فیروز اوس آسن دول موہنیوٗ اتس
اوسنہٕ حاجتھ کاثیسہ کُن اَکھ داٗرِتھ روز نس
طہران واتنہٕ پتہ ژھینن پنٛنی کام تراوِتھ تہٕ بیوٚٹھ

مزس منز۔ یمیٚلہ بوزُن زِ بہٕ چھُس کامہ کارس منز سیٹھا
خوش گو۔ پرٛیتھ جایہ اوس میانہِ رلہٕ دُن تہٕ میانی اٰکٲری تہٕ میون
پرٛیتھ کامہِ اکارکار بینکو تأریف کران۔ تہٕ مےٚ تہٕ کرٕ پننہ
طرفہٕ کوشش زِ دوہ ذِ گوو ڈھینہ یوٚہے اَ بیزیور گڑھن
تہٕ تِتھ ناماواریاہ گٔییم زِ پرٛیتھ اَکھاہ ادِ مُسلمان
اوس یا نامُسلمان اوس میون رُت پھران تہٕ مےٚ
سیٹھا مے محبتھ ورتاوان۔ زَخ، یُس وراٹسے یہ
کینٛہہ تہٕ اندان چھُ، اوسُم کتھن تَل وَنان زِ سہ

شادمان باش کہ ناسازیِ ایام گذشت

وزیر اعظم اوس بڈٕ مُدبر، شوقہ دول، کتھہ
کُتول، چالاک تہٕ حاضر جواب مہو منیو۔ پادشاہس
نِش اوس تیہنٕزن کتھن بڈٕ یتبار۔ پادشاہ سٕنٛدِ
تختس بہنہ کہ دوہ یہ بیٹھے اوس سہ تہٕ وزیر اعظمی
ہِندِس مسندس پیٹھ بہتھ خاص کیو عام ملکن
سیتو تیتھ پاٹھی پکان تہٕ مُلکن واتان زِ آفتاب کو
پاٹھو اوس تَسٕنٛد آسُن لازِم زانہٕ یِوان۔ انگریزن
ہُنٛدِس کامن الگ سنز ٹنز کرنہٕ مہ کھہ اوس تس
لامحال کرٕتھ دوہے تمن نِش کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ
بوزُن یا یورِ وَنُن پیوان۔ اَمہ کنہ ٹھوونس بے
انگریزی سفارت خانس سیٹھی پاٹھی اِنعام تہٕ اَنہٕ مہ کھہ
اَکھ اَکو سنز زبانی منز اوسُس سیٹھی بیتر اورہٕ یور
نوان تہٕ اَنان تہٕ گُنہ ساتہٕ اوسُس موقہٕ محل وُچھتھ
اَکھ پننُن تہٕ کینٛزاہ ہُنر راوان تہٕ ہمیٚ سٕنٛدی تأریف
ییمس نِش تہٕ یمیٚ سٕنٛدی ہمیس نِش کران تہٕ منزٕ کر
اوسُس بہٕ دوہ شونُنی ہُنٛد پیور بنان۔

وزیر اعظمس پیٹھ وانیج بڈٕ بیچاری آسنہٕ کنو
پیوو مےٚ تہٕ زُشوے دین و ایمان بناوُن تہٕ اوسُس
کُنہ کُنہ ساتہٕ وزیر اعظمہٕ سٕنٛد گوٕ تہٕ پانس تہٕ خانیہ
داتنہٕ مہو کھہ انگریز سفیرس نِش یدی یہ تہٕ ڈالہ رٹان
اَماپوز ہدی یہ تہٕ ڈالہ رٹنہٕ تہٕ دِنہٕ چھُ یتہٕ وَتھ آمٕتی اَمہ
کنہ باسیہ یہ میانی یہ کام کانہہ کیپ مگر دوہن زوٚن
بچھن کامہن ٹھووہس بے منزس تہٕ تہمہ اَنزراوُ مےٚ
تیتھ رتی پاٹھو زِ بہتہٕ گوو مےٚ وزیر اعظم دٔیے تہٕ مہربان
پانہٕ وانی اوس دوہن ملکن مانہٕ کرُن پادشاہ
سٕنٛدِ طرفہٕ اوس وزیر اعظم تہٕ وزیر اعظمہ سٕنٛد طرفہٕ
اوسُس بہٕ وکیل۔ یتھین حاملن منز بیہاری آسنہ کنو
اوسُس بہٕ منز باگ (تس ہونی سٕنٛدی پاٹھو یُس
خاندرس منز اُڈی جن چھُ یتہٕ آسان) ہیو یور
کران۔ اَکہ راتھ لڑ زیر تانی مجلس تہٕ نیوُس
بہٕ وزیر اعظمن پننس خاص خلوکھ گُٹھس منز ناد
دِتھ یور تہٕ تَسٕنٛد پو خاص مُلاٗزِموو ورٲے کانٛہہ
تہٕ اُڑان اوس۔ وُنہٕ اوس روت پکھ وِنے منز
تہٕ کُن زوٗنے۔ اَتی چھُم کھُلہ پاٹھی وَنان۔ "پکھ
سہ بروٗنہہ پہَن حاجیا۔ تتےٚ سیتو چھُم خاص
کھتاہ اَکھ کرٕنی۔"
اَمہ سٕنٛد یتھ پاٹھو مہربان سپدُن وُچھتھ

گوس بہٕ حاجتن تہٕ حکمس برونٹھ کنہٕ کلہ نوٚمراوِتھ بیوٚٹھُس بہٕ ژاہہٕ ٹکو لہ ٹکرٕتھ پتھر۔ اولہ دولہٕ تہٕ دٕپھُو دِپھُو کیتھ کرنہٕ وزرائے دوٚپھم: "حاجیا! مےٚ کتھ سہ چھےٚ نہٕ از دِل ڈنجہ تہٕ بہٕ چھُسے بڈٕ ردل موٚلوٚل۔ یہ انگریز سفیر چھُ اسہ تہمہ کامہ کرنہٕ وناں۔ یمہ نہٕ اندنے زانہہٕ تہٕ تہٕ چھُ ونان یہ نہٕ اسہ زانہہ بوز مُتے چھُ۔ دیان چھُ: "یہ بہٕ ونان چھُس ہرگاہ نہٕ تہٕ کرِو تیلہ والہ بہٕ یِتہٕ پننہ عٔلمہٕ تہٕ نیر طہرانہٕ منزٕ۔" ہمیارہ چھُم پادشاہ گریش کران زٕ "ہرگاہ سفیر اوزرٕ گژھتھ دِژوے، بہٕ ژٕٹے کلہ۔" تہٕ پادشاہ چھُنہٕ پانہٕ سفیر سنزٕ کانہہ تہٕ کتھ مانس تیار۔ مےٚ ونتہٕ بہٕ کیاہ کرٕ وونی۔ بہٕ آس سخ ہینہ۔ اَتھ کیاہ بنہ؟"

مےٚ دوٚپُس: "رشوٕ سیتھ اندنا یِہیں۔" یسی ژاٚومس نظراہ تہٕ زنتہٕ اَتھ کتھ بدل مانے چھُ۔

وزیرِ اعظم دوٚپھُم: "تہٕ کتہٕ اندی رشوٕ سیتھ؟ سہ کیشتہٕ رشوٕ؟ پنٕٹ چھ یم انگریز پتھو خرٕ زیمن چھُنہٕ ختبرے رشوٕ کیاہ گوٚ۔ بوزیو رکُن۔ یم اسوٚتن خرٕ اسہ چھُنہٕ تتھ سیتھ یِہیں۔ مگر اسو تہٕ خرٕ چھُنہٕ۔ سفیرن کوٚر پننہٕ کنہ سخ پانہ بانہ زٕ تشنزٕ کامہ گژھن اندنہٕ مگر مےٚ تہٕ یوٚت تانی پلہٕ توٚت تانی ما ژاون بہٕ یِتھے تہٕ گژھ تہٕ کرتس سیتھ کتھ بالتہٕ۔ ژےٚ چھےٚ تس سیتھ یارزٕ اسی بتھے۔ دٕپُس: "بہٕ چھُسے وزیرِ اعظمہ شُند دوس۔" تہٕ تمہ پتہٕ ونُس پانٕے تہٕ یہ نہٕ مےٚ نگہ نوٚریہ فکرِ کیاہ ونہٕ ہسَس؟"

مےٚ نوٚمرُو وکلہ تہٕ دوٚپمس: "حضرت خشمن پنٕٹ! پتھ پٔٹھو حکمُ آسہ تی کرٕ۔ ووہ میہ چھُم زرد سفید گژھو سےٚ یمہٕ بہٕ پھیرتھ۔" دوٚپھُس تہٕ ووہ میہ ہیتھ ژراس سفیر شُند گرٕ کُن۔

وونی کیاہ چھُم یہ ونُن زٕ انگریز سفیر کیتھ پٔٹھو اوٚنمُ اتھنہ واتھنہ۔ ووہن لفظن منزٕ واتناومس تیتھ پٔٹھو کتھ زٕ سعہ نہٕ سندِین پونڈن ہنزٕ ٹھیلہ اکھ ہیتھ کیاہ ژراس وایس۔ یہ ٹھیلہ اَس وِنہٕ پیٹھو وانی تہٕ سفیر سندِ گوٚ کام اندنس تام روزِہن پرٕژھ پرٕژھ کٔژاہ ٹھیلہ چلہ وِنہٕ تہٕ سیمی کوٚرن مےٚ سیتھ ژٕٹھتھ تہٕ قطعی وعدٕ زٕ انگریزی حکوٗمت چہ اِرتھ سیتھ موٗللہ ایسچ واٚج نہٕ لاگہ ایرانی حکوٗمتکس ہکس پیٹھ ابدالاباد تانی حکوٗمت کرن والین یمن دون ملکن دوستی ہُند کانہہ نِشانہ موجود روزِ۔

وزیرِ اعظمن ژاوٕ اشرفی ٹھیلہ نظراہ تہٕ بیاکھ نظراہ ژاون مےٚ تہٕ چھُم دیان۔ "آفرین حاجیا! مرحبا چھےٚ! وونی کیاسہ گوکھ ژٕ میون نفرٕ اگر چھا وونی اسہ ایرانس منزٕ کانہہ کنہٕ یِہیں نہٕ۔ نہ ژٕ تہٕ کُنہٕ تھوٚوتھ ژھوٚر۔ لیکھ وونی عرضی تہٕ بہٕ کرس دستخط۔ شکرگذ اری کرِتھ دوٚپھُس بہٕ: "تہندِس سیٚژس نوکرس یوٚت تام شاہ کھسان وسان روزِ،

سعہ دلیہ تہٕ عقلہ کأم ہیکہ روزِ۔ بہٕ جنابن ہٕنز خدمتھ
کرٲن۔ تُہنٛد محبتھے یوت چھُ مےٚ سپدمُت۔" یہ کتھ
وُنۍ مَس تمہ پتہٕ موسان تہٕ ظہار روٚس زِ ہرگاہ ایرانۍ ہٕنز
کُنہِ کتھ پرٛژھ کرنہٕ پیہِ مےٚ کھسہٕ ہمن ناراض یوٚد دوے
تمہٕ اکھ میانہٕ کتھ پرٛژھ آسہ کرِہن۔

اَما پوٚز کتھ مانی ژارنس ہٕنز اوس سُہ میانہٕ
کھوتہٕ وۄہ ستاد۔ دوٚپنم۔ "کتھ مہ کر۔ بہٕ تہٕ اوسُس
اکہ وقتہٕ جأنی پأٹھۍ ہوٚرِ یوٚر تہٕ یوٚرِ ہوٚر کران۔ بہٕ
چھُس زانتھ یوٚسہٕ خدمتھ ژٕ مےٚ کران چھکھ۔
ژٕ مہ ترٛاو یہ کأم اَکھ ہٕنز۔ یمن انگریزن تَکی ژےٚ
جان ہسلہٕ دالن۔ یتھ پأٹھۍ ژےٚ ہیکی تہٕ کرِتھ میانہ
طرفہٕ چھُے اجازت۔ پوٚنسہ تہٕ چھی یمن سپدمُت تہٕ آسہ
کُن تہٕ چھ سپدمُت مہ حتاج۔ وۄنی کتھ چھُنے ژٕ ژٕ
کھٕتے کرنہٕ۔ ایرانکو کتھ چھ کھیکو پأٹھۍ۔ یوت تام
نہٕ بہٕ دموس نوٚت "نانی دِیہ نہٕ فیصل۔ فیصلہ کھوتہٕ
ژٕ گژھہٕ اکھ پہہ آسنہٕ۔ انگریز چھ وَنان زِ "سون
غرض چھُ فقط پننِس مُلکس خدمتھ کرٕنۍ" مگر اسہ
ایرانین نِش گو یہ وَنُن بکواس۔ اسی یوٚسہٕ خدمتھ
کرو، اَدِ سہ بہٕ کرِ یا پادشاہ کرِ تن۔ یگاہ گژھہ اسہ
مُرِتھے سہ مُنشہ تہٕ ضایہ۔ یگاہ پیہ بیاکھ پادشاہ تہٕ پننُن
پان کھالنہٕ مہ کھ ژٕ چھنہٕ سون سوٗدُسے کوٚر مُت
پنہٕ ناگہ دِلتھ۔ یہ چھُ پوٚز زِ پادشاہَس پہ چھُ پننہٕ ذاتہٕ خاطرٕ
کانہہ حقوق داتان۔ داٚکی تَس سہ۔ اسہ کیاہ تتھ سہ نہٕ تہٕ

اَما پوٚز وزیرس تہٕ چھُ اَخر حقاہ داتان۔ سُہ کیشاہ
ژٕ چھُنہٕ بہٕ"

یہ بوٗز تھ گیہ مےٚ پشنگ خبردار تہٕ اچھن ژٕ ژٕم
غفلتھ ژھاپانس برٛونٛہہ کُنہِ آیہ بُڈ وَتھاہ یکہ تہٕ
بڈ بوٚڈرے فائیداہ بوزنہٕ۔ وزیر اعظمہ ہٕنز یہ کتھ زِ
" انگریزن تکی ژٕے جان ہسلہٕ دالن۔" چھم کنن ہٕنز
وزان تہٕ آمیٚک گیس گیس چھم سأری سے پھیران تہٕ
لوگُس انگریزن تالہٕ وسنہٕ مہ کھ فند تہٕ فریب ژھانڈنہٕ۔

## ۷۹

# حائج بابہٕ پننس رٔتھ سوٗچس کأم مینز

تہٕ تسُنٛد نو ستر وزیر اعظمہ سُنٛد پیوٚد بٕنس
سپدُٹ غم کھیتھ زأنی رووُم پننہٕ پان شہرس
ہٕنز وزیر اعظمہ سُنٛد خاص ہیر لوج۔ انگریزن چھے دِنٛن
بیہنووُم زِ یوٚت تام نہٕ بہٕ اَنزس ہٕنزس آسہ دنہک
کأم کار چلی نہٕ۔ اکھ چالاکی میانہٕ دٔرٛاو جل جلے تر
تہٕ دن شوٚبے طرفو بنوٗس بہٕ خوشی سان ہٕنز یم۔

اَنگریزن ہُنٛد غرض اوس زورِ ژاڑ اسہ سیتی
رژر ورتاوُن۔ اسہ معہ کہٕ اسی تمہ بڈ غم کھیوان تہٕ ہارٕ
خرچاوان۔ سأرنس دأرس اسی سانہٕ کھوتہٕ وأتتھ تہٕ یہ
دود بلراونہٕ مہ کہٕ اسی ستی پأٹھۍ جٕنھان۔ زانہٕ خوداہ
دوستی لایق کیاہ اوس تمن اسہ ہٕنز بوزنہٕ یوان (اسہ
اوسنہٕ پانس تہٕ لبنہٕ یوان) یہ کرِتھ تہٕ زِ سأنی کینٛہ اسی

